# غلام نبی آتشؔ

## شخصیت تہٕ ادبی خدمات



ڈاکٹر گلزار احمد راتھر

# غلام نبی آتش

(شخصیت تہٕ ادبی خدمات)

ڈاکٹر گلزار احمد راتھر

استادٕ سنٛدِ باپتھ

طالبِ علمہٕ سنٛز ڈٲلی:

چون چُھم احسان مِنّت تھاوٕتھم

طٲلبس ستھ دیاوٕتھم وتھ ہاوٕتھم

آیتن ہر وِزِ شفّقت تھاوٕتھم

ڈاکٹر گُلزار احمد راتھر

کتابہِ ہُنْد ناو : غلام نبی آتش (شخصیت تہٕ ادبی خدمات)

ترتیب کار : ڈاکٹر گلزار احمد راتھر

چھپن وٕری : ۲۰۱۷ء

تعداد : ۵۰۰

موٗل : لائبریری ایڈیشن : ۶۰۰ روپیہ

عام ایڈیشن : ۴۰۰ روپیہ

کمپیوٹر کمپوزنگ : محمد یوسف میر۔ولی دارالکتابت ٹینگن پانپور

فون:9596196755

طباعت : تاج پرنٹرس۔دہلی

سرورق :

کتاب میلنگ پتاہ:

۱۔ڈاکٹر گلزار احمد راتھر

جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

۲۔مراز ادبی سنگم بجبہاڑہ

۳۔العزیز پبلشنگ ہاوس اسورہ، کنلون، بجبہاڑہ۔کشمیر

۴۔غلام نبی آتش نانل اننت ناگ

Name of the book : Ghulam Nabi Aatash (Shakhsiyat ta Adbi Khidmat)

Edited by : Dr. Gulzar Ahmad Rather

Year of Publication: 2017

No. of Copies : 500

Price : Rs.600/-(For Library Edition)
Rs.400/-(Student Edition)

Computer composing: Mohammad Yousuf Mir.
Wali Darul Kitabat Taingan

Title Cover :

Adress :

1. Dr. Gulzar Ahmad Rather
C/o J&K Academy of Art,
Culture & Languages
Lal Mandi Srinagar.
9469074638, 9596552282
2. Maraz Adbi Sangam Bijbehara
3. Al Aziz Publising House Aswara
Kanelwan Bijbehara, Kashmir
4. Ghulam Nabi Aatsh Nanil
Annatnag. 9906787121

# ترتیب

# گوڈ کتھ

''بزمِ ثقافت شُپین'' چھےٚ مرازِ چ اکھ معروف ادبی تنظیم۔ واریاہ کالہٕ پیٹھٕ چھ اَمہِ تنظیمہِ ہنٛدِ اہتمامہٕ ادبی رسالہٕ ''ثقافت'' شایع سپد ان۔ اَمہِ کیٛو فعال ایڈیٹرو، جناب رشید سرشار تہٕ شہزادہ رفیق صابٕن کوٚر کیٛنہہ وُری بروٚنٛہہ مختلف ادبی شخصیژن متعلق خاص نمبر شایع کرنُک فیصلہٕ تہٕ اَمی فیصلہٕ مطابق آے ثقافت رسالکی کیٛنہہ خاص نمبر شایع کرنہٕ، یِمن منٛز عبدالرحمٰن طالب نمبر، محمد ایوب بے تاب نمبر، غلام نبی ناظر نمبر تہٕ ناجی منور نمبر تہِ شامل چھِ۔ یہِ سلسلہٕ بروٚنٛہہ پکناوان اوس تِمو غلام نبی آتش نمبر شایع کرنُک تہِ فیصلہِ کوٚرمُت تہٕ امہِ باپتھ کم زیادٕ مواد تہِ سومبرومُت۔ اماپوٚز مےٚ اوس آتش صابس متعلق پانہٕ تِمس شایانِ شان کتاب ترتیب دِنُک تہٕ شایع کرنُک خیال۔ یہِ خیال بوٗزِتھ ثقافت رسالہٕ کِنہن ایڈیٹرن، تِمو باوٕ خوشی تہٕ یُس کم کاسہٕ مواد سومبرومُت اوسُکھ، سُہ تہِ کوٚر ہم حوالہٕ۔ اِمو کھہٕ چھس بہٕ تِہنٛد شُکر گُذار۔

غلام نبی آتش صابس متعلق یہ کتاب ''غلام نبی آتش: شخصیت تہٕ

ادبی خدمات'' ترتیب دنس تہٕ شایع کرنس چھِ کینٛہہ وَجہ۔ اکھ یہِ زِ سُہ چھُ سانین ادبی حلقن منٛز اکھ ویژ دناو۔ سُہ چھ الہٕ پلہٕ ژتجھوٲریو پیٹھہٕ کأشرِ زبانہِ تہٕ ادبس خدمت کران روٗدمُت تہٕ از تہِ ییلہِ سُہ وٲنسہِ ہٕنٛدِس سُتی مِس ڈٲلس منٛز قدم ترٲوُن ہیٚوان چھُ تہٕ صحتہٕ کنہِ ناساز چھ، چھُ تسُنٛد قلم جوان۔ واریہن کتابن ہُنٛد مصنّف، موٗلف، تہٕ ترتیب کار آسنہٕ علاوٕ چھُ سُہ ماہرِ تعلیم تہِ۔ سُہ چھُ صبر، استقلال تہٕ شرافتُک پیکر۔ سُہ چھُ اکھ رفیق تہٕ شفیق اُستاد، ییٚمی ساسہٕ بٔدی طالبِ علم پرنٲوی ٲتی تہٕ ہیچھِ نٲوٲتی چھِ تہٕ ییمو منٛز بہ تہِ اکھاہ چھُس۔ علمی تہٕ ادبی معاملن منٛز تسنٛز رہنمائی روٗز مےٚ ؤریہِ وادو پیٹھہٕ آیٚژ۔ تسُنٛد دستِ شفقت چھُم وُنہِ تہِ کلس پیٹھ تہٕ تسٕنٛدی چھم بےشُمار احسانات۔ مےٚ زون زِ آتش صأبس متعلق یہ کتاب ترتیب دِنی تہٕ شایع کرٕنی روزِ أکِس طالبِ علمہٕ سُنٛد پننِس شفیق تہٕ رفیق اُستادس تہٕ پُرخلوص ادیبس کیٛت رُت خراج۔ دوٚیم یہ زِ کأنسہِ ادیبس یا فن کارس متعلق ییلہِ تسنٛزِ حیاتی منٛزے کینٛژھا لیکھنہٕ ییہِ، تسنٛزِ کامہِ سام ہیٚنہٕ ییہِ تہٕ تسٕنٛدین کارنامن ہُنٛد اعتراف کرنہٕ ییہِ، سُہ چھُ تسٕنٛدِ باپتھ بوٚڈ خراجِ تحسین تہٕ اطمینانُک باعِث۔ یہ کتھ تہٕ چھےٚ اہم زِ دردِس کتاب ہیکہِ پننہٕ والین محقِقن تہٕ ادیبن ہٕنٛدِ باپتھ تہٕ فأیدمند روٗزِتھ تہٕ ادبہٕ کین طالبِعلمن ہٕنٛدِ باپتھ تہٕ۔ محققن گژھہِ آتش صأبنہٕ کامہِ متعلق تحقیق تہٕ تنقید کرنس سہوٗلیت تہٕ

طالبِ علمن پاتھِ زانکاری۔

عام پاٹھی چھِ کاتسہِ ہنٛدِ مرنہٕ پتہٕ تِمس تھر کھارنہٕ یوان تہٕ حیاتی

دوران چھس نہٕ سُہ خراجِ تحسین میلان ییمیُک سُہ حقدار آسان چھ۔

مےٚ چھےٚ خوشی زِ یتھ کتابِ منٛز چھِ آتش صابس تہٕ تسنٛزِ کامہِ متعلق

تہنٛدبن واریہَن ہم کال ناماوار ادیبن ہنٛدی مضامین شامِل۔ مےٚ ییٚمس

تہٕ ییمہِ کتابہِ ہنٛدِ باپتھ مضمون عنایت کرنہٕ باپتھ عرض کوٚر، تِمی کوٚر خوشی

ہُنٛد اظہار تہٕ تہٕ شاباشی دِژنم تہٕ وقتس پٮ۪ٹھ کوٚرُن مضمون تہٕ عنایت۔

کالہِ باجنِ متعلق اگر لیکھُن ہنا مُشکلے آسان چھ مگر آتش صابنیو کالہِ

باجو بوٚرنہٕ تِمس متعلق لیکھہِ نس وایہِ۔ بہٕ چھس تِمن سارِنٕے معزز تہٕ

معتبر ادیبن ہُنٛد شُکر گذار یہنٛدی مضموٗن یتھ کتابہِ منٛز شامِل چھِم

گرٕمتی۔ وارِیاہ لیکھ آسی بروٚنٛھے رسالن تہٕ اخبارن منٛز شایع سپدِیٕمتی،

تِمن رسالن تہٕ اخبارن ہنٛدبن ایڈیٹرن ہُنٛد شُکریہِ کرُن تہِ چھس

لازم زانان۔ کینٛہہ لیکھ پییہِ انگریزی یا اُردو پٮ۪ٹھہِ کاشرِس منٛز پھِرنی،

ییمہِ باپتھ ڈاکٹر شفقت الطاف سُنٛد اتھہٕ بنٛدُت تہِ شامِل چھ۔ یُس

آتش صابس مالی ہنٛز ہِش قدر کران چھُ۔

مےٚ چھےٚ وومید زِ میانی یہ کوشش ییہِ پسند کرنہٕ، یتھ منٛز میون

خلوص تہٕ استادٕ سنٛدِ خاطرِ احترام شامِل چھ۔ بنان چھُ آتش صابنہٕ

زندگی تہٕ تسنٛدبن ادبی خدماتن متعلق کینٛژن پہلوٚہن متعلق آسن نہٕ

یتھ کتابہِ منز لیکھہٕ شامل سپدِتھ ہیکہٕ متۍ، تمہِ باپتھ چھُس معذرت خواہ وونۍ گوٚو تمن سارِنے لیکھن والین ہُنٛد چھُس مشکوٗر یمو میانِس نادس کن تھووتہٕ آتش صابنہِ شخصیژ تہٕ ادبی دِتس پیٹھ پننۍ مقالات تہٕ مضامین مےٚ مرحمت کرۍ۔ محمد یوسف میر صابن تہِ گُرسبٹھاہ خُبہٕ تہٕ لولہٕ یمہِ کتابہِ ہنٛز کمپیوٹر کمپوزنگ، لہٰذا چھُس تسُنٛد تہِ شُکر گذار۔

اسوٚر ویٚجہِ بیوٚر ڈاکٹر گلزار احمد راتھر

باب:1

# شخصیت

1۔سوانحی خاکہٕ

2۔میون کارٕ بوج یار

3۔آتش صأب: یُتھ بہٕ زانن

4۔کمہِ وَنہٕ وولمکھ یکھو

ڈاکٹر گُلزار احمد راتھر

# سوانحی خاکہٕ

١: ناو : غلام نبی پنڈت

قلمی ناو : غلام نبی آتش

مألی سُنٛد ناو: عبدالخالق پنڈت

ماجہِ ہُنٛد ناو: جنت دید

زلسنہٕ : ٢٧ ر اپریل ١٩٤٩ء (سکول رکارڑ مطابق)

٢: تعلیم:

میٹرک : ١٩٦٥ء

آنرز اردو : ١٩٦٧ء

آنرز کشمیری : ١٩٧٢ء

بی-ای-سی : ١٩٧٤ء

بی-اے : ١٩٧٧ء

ایم-اے (کشمیری): ١٩٨٠ء

بی-ایڈ : ١٩٨١ء

۳: پیشہٕ:

ٹیچر : ۱۹۶۶ء

ماسٹر : ۱۹۹۳ء

لیکچرار (کشمیری) : ۲۰۰۴ء

زونل کارڈِنیٹر: (ایس-ایس-اے) زون مٹن: ۲۰۰۲ء-۲۰۰۳ء

کوارڈِنیٹر کلچرل ایجوکیشن وِنگ ڈسٹرکٹ اننت ناگ: ۲۰۰۳ء-۲۰۰۴ء

اننت ناگ ضِلعہٕ باپتھ کاشرِ زبانہٕ ہنٛزِ تدریسی عملہٕ ہنٛز نگران

کمیٹی ہُنٛد چیر مین : ۲۰۰۳ء-۲۰۰۴ء

☆ رِسورس پرٕسن/ٹیچر ٹرینر : ۲۰۰۴ء-۲۰۰۷ء

☆ سرکاری ملازمتہٕ نِش سُبکدوشی: اپریل ۲۰۰۷ء

۴: معیأری تعلیم عام کرنٕچ کوٗشش:

☆ ۱۔ بانی کارتہٕ منتظم: اسلامیہ حنفیہ مڈل سکول نانل، اننت ناگ

☆ ۲۔ بانی کارممبر: حنفیہٕ ہائی سکول منزنو آکورہ، اننت ناگ

۵: سفرِ محمود : ۲۰۰۸ء-۲۰۰۹ء

۶: تصانیف

۱: شأعری

☆ شیشہِ ینٛدر : ۱۹۶۶ء

☆ زوٗل امارن ہُنٛد: ۱۹۷۸ء۔ کلچرل اکاڈمی ہنٛز ایوارڈ یافتہٕ کتاب

☆ آواز وأژ ے نو : (شایع سپدن واجنٛز شعرٕ سۆمبرن)

ب : نثر

تحقیق، تنقید، ترتیب

ا۔ تحقیق (تحقیقی مضامین) ۱۹۸۴ء

۲۔ کٲشِر: حضرت شیخ نورالدین ریشی ہٕندِس کلامس منز: ۱۹۹۷ء

۳۔ محمد سُبحان بھگت (مونوگراپھ) ساہتیہ اکاڈمی: ۲۰۰۰ء

۴۔ وُہمہِ صدی ہٕنزن زنانہٕ شاعرن ہٕنز تخلیقہٕ۔ ساہتیہ اکاڈمی: ۲۰۰۳ء

۵۔ بازیافت (تحقیقی تہٕ تنقیدی مقالہٕ سۆمبرن): ۲۰۰۵ء۔

ساہتیہ اکاڈمی ایوارڈ یافتہٕ

۶۔ پروفیسر شمس الدین احمد (مونوگراپھ) ساہتیہ اکاڈمی: ۲۰۱۰ء

۷۔ اقبال ناتھ ونپُوٗ ہ (مونوگراپھ) ریاستی کلچرل اکاڈمی: ۲۰۱۱ء

۸۔ سرمایہ تہٕ سام (تحقیقی تہٕ تنقیدی مقالہٕ): ۲۰۱۱ء۔ کلچرل

اکاڈمی ایوارڈ یافتہٕ۔

۹۔ کٲشرِ زبانہِ منز گاندھیاۍی ادب (چھپنے)۔ اشتراک: پروفیسر

محمد زمان آرزدہ، ڈاکٹر عزیز حاجنی۔ ساہتیہ اکاڈمی دِلی۔

۱۰۔ کٲشرِ معراج نامہٕ: جلد ا۔ ۲۰۱۷ء

۱۱۔ موہن لال آش (مونوگراپھ)، چھپنے: ریاستی کلچرل اکیڈیمی

۱۲۔ عبدالغنی ٹھوکر مشہور (مونوگراپھ): ساہتیہ اکاڈمی: ۲۰۱۵ء

۱۳۔ کأشرِ زبانہِ منز ہندوستان چہِ جنگِ آزادی ہنز پژ ِ و (چھپنے):
ساہتیہ اکاڈمی دِلی۔ اشتراک: ڈاکٹر عزیز حاجنی، رخسانہ جبین،
ڈاکٹر رتن تلاشی۔

۷۔ لُکہِ وۄتُر:

۱۔ کأشرِ تلمیح: ۱۹۸۵ء (اشتراک: موہن لال آش) ریاستی کلچرل اکاڈمی، سرینگر
۲۔ کأشرِ لُکہِ بأتھ: (جلد: ۸)۔ ۱۹۸۹ء۔ کلچرل اکاڈمی، سرینگر
۳۔ کأشرِ لُکہِ بأتھ: (جلد: ۹)۔ ۱۹۹۰ء۔ کلچرل اکاڈمی، سرینگر
۴۔ کأشرِ لُکہِ کتھہِ (جلد: ٦)۔ ۱۹۹۱ء۔ کلچرل اکاڈمی، سرینگر
۵۔ کأشرِ لُکہِ بأتھ (جلد: ۱۱) ۲۰۰٦ء۔ کلچرل اکاڈمی، سرینگر
٦۔ کأشُر لُکہِ شاعری: وکھنے تہِ ویژھنے۔ ۲۰۰۷ء
۷۔ کأشُر لُکہِ وۄتُر: تحقیق تہِ تجزیہ۔ ۲۰۰۹ء
۸۔ کأشُر لُکہِ ادب (سیمنأری مقالہِ)۔ ۲۰۱۳۔ ساہتیہ اکاڈمی دلی۔
۹۔ کأشُر فوک لور (تحقیقی تہِ تجزیأتی مقالہِ)۔ ۲۰۱۷ء
۱۰۔ کشمیری لوک ادب (اُردو زبان میں کشمیری لوک ادب کے
بارے میں تحقیقی اور تجزیاتی مقالے)۔ ۲۰۰۴ء
۱۱۔ اِن ٹینجبل کلچرل ہیرِ ٹیج آف کشمیر (چھپنے)
(Intangible cultural heritage of Kashmir)

۸۔ شُری ادب:

۱۔ کینہِ ھا میٹھِ ھا (اشتراک: سُلطان محمد سُلطان) ۱۹۸۱ء

۲۔نۆ وکیٖژٕ ھامپٕژٕ ھا (شُر بن ہِنٛدِ باپتھ نظمہٕ تہٕ کہانیہٕ) ۲۰۰۹ء

۳۔گاشُن چھٹِہ پوٗپُر (شُر بن ہِنٛدِ باپتھ کہانی) ۲۰۱۳ء۔نیشنل بُک ٹرسٹ آف انڈیا۔

۴۔ہُمی جانُس خاب (شُر بن ہِنٛدِ باپتھ کہانی) ۲۰۱۳ء۔نیشنل بُک ٹرسٹ آف انڈیا، نئی دلی۔

۵۔کاشُرِ شُرِ ادبٕچ سۆمبرن جلد:۱(شاعری) ۲۰۱۳ء۔ ریاستی کلچرل اکاڈمی۔

۶۔کاشُرِ شُرِ ادبٕچ سۆمبرن جلد۲ (نثر) ۲۰۱۴ء۔ریاستی کلچرل اکاڈمی۔

۷۔ارسلان (شُر بن ہِنٛدِ باپتھ کہانی) ۲۰۱۶ء۔نیشنل بُک ٹرسٹ آف انڈیا۔

۸۔کاشُر شُرِ ادب: تحقیق، تواریخ تہٕ تجزیہ (چھپنے)

۹۔درسی کِتابہٕ:

۱۔پرائیویٹ سیکٹر خاطرِ کاشُر "بامن" سیریز۔یو۔ کے۔ جی پیٹھہٕ سٔتی مہِ جماژ تام کیٚن طالب علمن ہِنٛدِ باپتھ۔ پژ بتھ کتابہٕ ہِنٛدی ترٛے ترٛے ایڈیشن۔ پبلشر پیس پبلی کیشنز، دریا گنج، نئی دہلی۔

۲۔آتش صاب اوس تمہِ کمیٹی ہُنٛد فعال رکن، یوسہٕ سٹیٹ بورڈ آف سکول ایجوکیشن طرفہٕ تشکیل دِنہٕ اٚس آمژ تہٕ یٚمہِ اولہٕ پیٹھ بأہمہِ جماژ تام کیٚن طالب علمن ہِنٛدِ باپتھ "کاشُر کتاب" سیریز تیار کٔر۔ اَتھ منٛز اوس آتش صأبُن واریاہ زیادٕ رول۔ اُردو کتابن

ہنٛز سیریز تیار کرنس منٛز تہٕ کوٚر تِمیٚ پٔنُن حِصہٕ ادا۔

۱۰۔ ترجمہٕ:

۱۔ پُشکِن سٕنٛز نظمہٕ (روٗسی شاعر الکساندر پُشکِن سٕنٛزن نظمن ہُند کأشُر ترجمہٕ: اشتراک: شام لال پردیسی) ۱۹۸۱ء۔ سوویت لینڈ نہرو ایوارڈ یافتہٕ۔

۲۔ حکایاتِ رومیؒ (مولانا جلال الدین رومی سٕنٛزِ مثنوی معنوی منٛزٕ ژارنہٕ آمٕژن حکایژن ہُند کأشُر ترجمہٕ): ۲۰۱۰ء۔ ترتیب: ڈاکٹر گُلزار احمد راتھر۔

۳۔ کشمیر، انگریز سیاحوں کے سفرناموں میں (ترجمہ اور تلخیص بزبانِ اُردو) ناشر: علی محمد اینڈ سنز، سرینگر۔ ۲۰۱۶ء۔

۴۔ نبیؐ رحمت (شایع سپدنے)۔ مولانا ابوعلی الحسنؒ ندوی سٕنٛزِ کتابہِ ہُند کأشُر ترجمہٕ۔ تکمیل ترجمہ: ۲۰۱۳ء۔ اہتمامِ اشاعت: جموں و کشمیر اسلامک ریسرچ سینٹر، زونی مر، سرینگر۔

۵۔ ذخیرۃ الملوک (حضرت میر سید علی الہمدانی صأبنہٕ "ذخیرۃ الملوک" کتابہِ ہُند زیرِ تکمیل کأشُر ترجمہٕ)

۱۱۔ مُتفرقہٕ:

۱۔ کأشُر انسایکلو پیڈیا جلد۔۴، باپتھ داہ تہٕ جِلدٕ۔۵ باپتھ پانژاہ نوشتہٕ

۲۔ اکھ ہتھ ریڈیو ٹاک (Radio talks)

۳۔ درجن واد تحقیقی تہٕ تنقیدی مقالہٕ یم ترتیب دِنے چھِ۔

۱۲۔ رُکنیت:

۱۔ سابقہ رُکن : کأشُر بزمِ ادب اننت ناگ، کشمیر

۲۔ سرپرست : مراز ادبی سنگم ویٚچہِ بیور، کشمیر

۳۔ سابقہ ممبر : مراز کلچرل سنگم شُپین، کشمیر

۴۔ ساہتیہ اکاڈمی ہِندِ کأشرِ مشاورتی بورڈک سابقہ رُکن۔

۵۔ سابقہ ممبر : ٹیکسٹ بُک کمیٹی برائے کشمیری، بورڈ آف سکول ایجوکیشن سرینگر۔

۶۔ سابقہ ممبر : ٹیکسٹ بُکس رِوجن کمیٹی برائے اُردو، بورڈ آف سکول ایجوکیشن سرینگر۔

۷۔ سابقہ ممبر : مشاورتی بورڈ، کأشُر "سرینگر ٹائمز" سرینگر

۸۔ سابقہ رُکن : ایڈوایزری بورڈ ادبی مرکز کمراز، کشمیر

۹۔ ادارتی صلاح کار برائے کأشُر انسایکلو پیڈیا جلدٕ :۶۔

۱۰۔ سابقہ ممبر "کلاسکل لنگویٚج کمیٹی" برائے کشمیری۔

۱۱۔ سابقہ ممبر : کشمیری ایڈوایزری سب کمیٹی، کلچرل اکاڈمی، سرینگر

۱۲۔ ممبر جنرل کونسل آف جموں اینڈ کشمیر اکاڈمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز۔

۱۳۔ سابقہ ممبر : برائے کشمیری کمیٹی آف نیشنل بُک ٹرسٹ آف

انڈیا، دہلی

۱۴۔ ادارتی صلاح کار برائے کأشُر انسایکلو پیڈیا جلد:۷۔

۱۳۔ سینیر فیلوشِپ:

☆ حکومتِ ہندچہِ تمدن وزارژہنز دون ؤرین (۲۰۱۳ء-

۲۰۱۱ء) باپتھ سینیر فیلوشِپ۔

۱۴۔ کأشرِ زبانہِ ہنز نمایندگی:

☆ نیشنل کلچرل فیسٹول بہ مقامِ شُملہ ہماچل پردیش: ۲۰۱۳ء

☆ سروِبھاشا نیشنل سمیلن بہ مقام ناگ پور، مہاراشٹر۔ ۲۰۱۶ء

۱۵۔ ہمہ وقتی آوریر:

☆ پرُن لیٖکھُن

☆ رسالو باپتھ لیکھُن

☆ کتابن پٹھ تبصرٕ لیکھنٕی

☆ ؤرک شاپن منز شرکت

☆ کانفرنسن منز شرکت

۱۶۔ انعام تہٕ عزاز:

۱۔ کلچرل اکاڈمی ہُند بیسٹ بک ایوارڈ : ۱۹۷۹ء

۲۔ سوویٹ لینڈ نہرو ایوارڈ: : ۱۹۸۲ء

۳۔ جے۔ کے۔ ایکو فرنڈس ٹرافی : ۱۹۹۸ء

۴۔ادبی مرکز کمراز سوپور: ٹرافی : ۲۰۰۵ء

۵۔ڈسٹرکٹ لیوٚل بیسٹ ٹیچر ایوارد : ۲۰۰۵ء

۶۔جے، کے، سٹیٹ بورڈ آف سکول ایجوکیشن ایوارڈ: ۲۰۰۸ء

۷۔ساہتیہ اکاڈمی ایوارڈ : ۲۰۰۸ء

۸۔شیخ العالم یادگاری ایوارڈ، مراز کلچرل سنگم شُپین: ۲۰۰۹ء

۹۔ساہتیہ اکاڈمی بال ساہتیہ ایوارڈ : ۲۰۱۱ء

۱۰۔کلچرل اکاڈمی ہُند بیسٹ بک ایوارڈ: ۲۰۱۲ء

۱۱۔شرفِ کمراز: ادبی مرکز کمراز سوپور : ۲۰۱۲ء

۱۲۔خلعتِ پروفیسر محی الدین حاجنی: حلقہ ادب حاجن

سوناواری : ۲۰۱۵ء

۱۳۔شانِ مراز: مراز ادبی سنگم ویجہِ بیور: ۲۰۱۵ء

۱۴۔ہندی۔کشمیری بھاشا سمان: ۲۰۱۶ء

۱۵۔سٹیٹ ایوارڈ : ۲۰۱۷ء جموں و کشمیر گورنمنٹ



سُلطان محمد سُلطان

# میون کارٕ بوج یار

کتھ چھےٚ پانٛژ وُنزاہ ؤری پرأنی ۔ بہ اوُسس پوٗنژمہِ جمأژ ہُند امتحان پاس کرِتھ نأنِل گامہٕ کِس مڈل سکوٗلس منٛز شیٚیمہِ جمأژ منٛز درج کرنہٕ آمُت ۔ اتھ کلاسس منٛز أسی ۳۵ لڑکہٕ ۔ اُستاد أسی محنتی تہٕ ہمدرد ۔ أتھی کلاسس منٛز وُچھ مےٚ اکھ شریف مگر محنتی لڑکا، ییٚمس ساری اُستاد ٹاٹھِنیار کران أسی ۔ مزازٕ کِنی اوس میأنی پأٹھی سادٕ ۔ أسی آیہِ اکھأ کِس نکھہٕ تہٕ وارٕ وارٕ گوٚو دوٚر دوستانہٕ ۔ یوہے لڑکہٕ چھ أز ژیٚگ غلام نبی آتش ۔ اصلی ناو چھس غلام نبی پنڈت ۔ یہِ اوس تیلہِ تہِ سبٹھاہ ذہین تہٕ از تہِ چھُ ۔ سائنس کلاسس منٛز أسی واریاہ جان لڑکہٕ ۔ کلھُم پأٹھی اوس پرنس ہیٚچھِنس منٛز زبردس مقابلہِ روزان مگر اصلی مقابلہٕ اوس مےٚ تہٕ آتش صأبس درمیان ۔ ہوم ؤرک آسہِ ہے، کالُک سبق بوزناوُن آسہِ ہے، کلاس ٹیسٹ آسہِ ہے، یا اوس آتش صأب سرس روزان نتہٕ بہَ ۔ یی سپُد اُخرس تہٕ پوٚز ثأبت ۔ میٹرک امتحانس منٛز یِیٚہ دوٚوے اَسہِ دونہٕ وٕنی

فسٹ ڈِوجن آمُت اوس مگر اَکھ فرق اُس پرنہٕ کِس معاملس منز۔ تِمس اُس نہٕ ریاضی مضموٗنس ستی دِلچسپی۔ فیل گوٚ ونہٕ زانٛہہ مگر خاص کارکردگی تہٕ ہیچن نہٕ اتھ مضموٗنس منز زانٛہہ ہاوِتھ۔ مےٚ اُس اَتھ مضموٗنس ستی زبردس دِلچسپی، یوسہٕ وُنہِ تہٕ قایم چھےٚ۔ پرٛتھ کلاسس منز اوسس بہ ریاضی مضموٗنس منز سرس روزان۔

آتش صابس اوس گوڈٕ پیٹھے تیز یادٕ وٚتُر تہٕ از تہِ چھُس۔ سُتمہِ جماژ ہُنٛد سالانہٕ امتحان اوس۔ اتی سپد اکھ دِلچسپ واقعہٕ۔ عام پاٹھی اُس ہسٹری تہٕ جغرافیہ خشک سبجیکٹ یوان مانۍ۔ ہسٹری پرچس اوس امتحان۔ ساری لڑکہٕ دژاے مگر آتش صاب بیوٚٹھ واریاہس کالس ہالس منزٕ لیکھنہٕ۔ شُربن منز گےٚ شوٚوٕے زِنقل وٕقل آسہِ ہاکران۔ پگہہ اوس بیٚیس سبجکٹس امتحان مگر امتحان لگنہٕ برونٛہہ بلووکھ آتش صاب ہیڈ ماسٹر سٕندِس کمرس منز۔ اَتہِ دِتٕہس راتُک سوالنامہٕ دوٚپہس کرسہ یہِ نوِسرٕ۔ تِمی کوٚر سوالنامہٕ نوِسرٕ تہٕ دیتُن باقےٚ لڑکن ستی اَزِکس پرچس تہٕ امتحان۔ پتہٕ وٚون ہیڈ ماسٹر صابن سارِنے لڑکن برونٛہہ کنہِ زِ آتش صابن یُس ہسٹری پرچہِ کوٚرمُت اوس، تتھ پیٹھ اوس نقل آسنُک شکھ کرنہٕ آمُت۔ کینٛژٕ اُستاد اوس وٚونمُت زِ یہِ لڑکہٕ چھُ یوٚت قابل زِنقل ہیکہِ نہٕ کرِتھ، چونکہِ نمبر دِنہٕ والی اُسی اُمِس پانٛژٕ نمتھ فیصدی نمبر دِتی متی۔ باقیو اوس اعتراض کوٚرمُت فی کاسنہٕ موجُب

ہیوٚتہس نوِ سرِ امتحان تہٕ نوٚس پرچس اُس نہٕ پانژہہ فی صدی نمبر ژٹہٕ پنٛچ تہِ گُنجائش تکیازِ اتھ منز اُس نہٕ پرانہِ پرچہ کھوتہٕ اکہِ لفظچ تہِ کمی پیٚشی سپزٕمژ۔

اَسہِ اوس ئومہِ جمأژ ہُند امتحان پیوان ہائی سکول مٹنس منز دیُن۔ مٹن چھُ نانل گامہٕ پیٹھہٕ ژور میل دوٗر۔ ''آسان تاریخ ہند'' کتاب اُس سیلبسس منز۔ یہِ کتاب آسہِ ہے صفہٕ ہتھ ژومبرٕ۔ مٹن تام اوس پیدل گژھن پیوان۔ ییٚمہِ دوہہ ہسٹری پرچس امتحان اوس، آتش صأبن مژرأو گرِ نیران یہِ کتاب، مٹن امتحان ہالس تام واتان واتان موکلأوِن سأرِے کتاب پرِتھ، مطلب پوٚک تہِ تہٕ کتاب تہِ پرٕن گوڈٕ پیٹھہٕ اندس تام۔ شُری لأزی منز اوس یہِ زٕنتہٕ بارٕ کمال۔

کلہٕم پأٹھی رُود آتش صأبُن تعلیمی کیٚرِیر سبٹھاہ شاندار۔ تمام امتحانن منز ہأوِن رٔژ کارکردگی، اکثر اوس فسٹ ڈوِجنس منز پاس گژھان۔ سُہ ہیوٚک نہٕ کالج گژھتھ۔ تتھ چھُ وجہ تِسندی گریلو حالات۔ سُہ اوس اُکس عام بلکہِ غریب گریسی گرس منز زامُت، ییٚتہِ نہٕ زندگی ہنز کانٛہہ مُناسب سہوٗلیت دستیاب اُسس۔ ییتھ منز نہٕ پرٕنچ لیٚکھہٕ پنٛچ کانٛہہ روایت اُس، صرف مُفلسی تہٕ بے بسی۔ میٹرک کرِتھ لگی اُسی دونوٚے تعلیمہِ ہنٛدِس محکمس منز اُستاد۔ اکی ساتہٕ اُکرِ ہے لِسٹس منز چانکہِ اُسی آسی فسٹ ڈوِجنز First

Divisoner، لہٰذا آیہٕ اَسہِ اورے نوکری۔ مےٚ ترأو کالیج پڑھاأے اڑوتی تہٕ گوس نوکری کرنہِ۔ پتہٕ کربم باقیٖ ڈگری مثلاً ایم۔ اے فارسی، ایم۔ اے کشمیری بیترِ پرائیویٹ اُمیدوار ہنٛدِ حٔثیتہٕ مُکمل۔ تٔمی کۄر جامعہ اُردو علی گڈھہٕ پیٹھہٕ ادیب ماأہر، ادیب کاأمل، کشمیر یونیورسٹی پیٹھہٕ آنرز کشمیری، پی، یو، سی، ٹی، ڈی، سی، بی، اے فاینل تہٕ ایم، اے کشمیری، ڈی، ایڈ تہِ تہٕ بی۔ ایڈ تہِ۔ بَہ گوس زونل ایجوکیشن افسر ہنٛدِ حیثیتہٕ تہٕ آتش صاأب گوٚ لیکچرر کشمیری ہنٛدِ حیثیتہٕ تعلیمہِ ہنٛدِ محکمہٕ منٛز سبکدوش۔

علم تہٕ ادبٕچ کانٛہہ خاندأنی روایت ڈکھس نہ آسنہٕ باوجود، غریبی تہٕ سخت کوشی ہنٛز زندگی گذارنہٕ باوجود تہٕ نصف صدی برونٛہہ سیٚو دساد گاأمی ماحولس منٛز زندگی گذارنہٕ باوجود، یُس کم ترقی یافتہٕ تہٕ ناخواندٕ لۆکن ہُنٛد سماج اوس، اوس اللہ تعالیٰ ہن آتش صاأبس علم وادبک شوق ازلے بخشمُت۔ سُہ اوس لۆکہِ پانے، ییٚلہِ باقیٖ شُری اور کُن توجہ تہِ کران چھِنہٕ، لیکھِتھ ہبکان تہٕ لےٕ گنگراوان۔ ٹیچر تہِ أسی پُرخلوص، یم طالبِ علمن لول بران أسی تہٕ حوصلہٕ ہُرراوان أسی۔ آتش صاأبس تہِ أسی ساأری ٹیچر مٹھہِ مٹھہِ کران۔ حالانکہِ تیٚلہِ کالہِ اُس سکوٗلن منٛز پربتھ جمعہ دوہ دوٕیہِ بجہِ پتہٕ بوایز میٹنگ (Boys meeting) منعقد سپدان، یتھ "سکول بزم ادب" نٲو ناوان أسی۔ اَمیُک اہتمام

اوس سبٹھاہ ذمہٕ دأری تہٕ جوشہِ خروشہِ سان یوان کرنہٕ۔ سأری طالبِ علم تہٕ ٹیچر أسی ہالس منز سمان ۔ بزمِ ادبُک سیکریٹری، یُس طالبِ علمو منز ژارنہٕ یوان اوس تہٕ بعضے اوس تَس الیکشن تہِ لڑُن پیوان، اوس سأرے کاروأئی چلاوان۔ سُہ اوس گوڈنبتھ پتہٕ مہِ جُمعہٕ ہچہِ میٹنگہِ ہُنْد حال احوال پران تہٕ پتہٕ طالبِ علمن کینژہ ہاوننہٕ خأطرٕ خاص ربط وضبط سان بُلاوان۔ یمن میٹنگن منز أس طالب علمن مباحثہٕ لاگنچ، تقریر کرنچ، ڈراما ہن منز کأم کرنچ، گیوٗنچ تہٕ سوال جواب کرنچ تربیت میلان۔ سیکریٹری اوس بڈٕ اہمماننہٕ یوان، سُہ اوس کأنسہِ ٹیچرسنزِ نگرأنی تہٕ رہنمأیی منز یہِ کأم کران سُہ اوس طالبِ علمن ذمہٕ دأری تھاوان تہٕ میٹنگن ہنز کاروأیی رکارڈ کران۔ تِمس اوس طالبِ علمن نِش تہِ قدر آسان تہٕ اُستادن نِش تہِ۔ آتش صأب اوس برابر ژورن وُرِین سکول بزمِ ادبُک سیکریٹری۔ یوہے زمانہٕ اوس یێلہِ تسُند ادبی تہٕ تخلیقی شوق پھاپھلیو وتہٕ ترقی کران گوٚو۔ اَکھتے یێلہِ سُہ ۱۹۷۴ءمنز ٹیچرس ٹریننگ سکول اننت ناگس منز ڈپلوما اِن الیمینٹری ایجوکیشن کران اوس، تتہِ تہِ آو سُہ ٹیچرس بزمِ ادبُک سیکریٹری ژارنہٕ۔ اتہِ کٔری تٔمی کینہہ خاص ادبی پروگرام منعقد۔

آتش صأب چھُ واریاہ کم گومگر بسیار نویس۔ تسُند مزاز تہٕ تسنز شرافت وُچھِتھ چھُ بوزتھ کأنسہِ تَس نکھہٕ یِنچ کوٗشش کران۔ سُہ تہِ چھُ

پڑ ہتھ کأنسہِ ستی رلان میلان اما پوٗ ز دوس چھُ سُہ وار یاہ کم بناوان۔ یہِ اوس تس لوکچارٕ پیٹھے عادت مگر بالغ گژھتھ تھووُتمی سارِنے ستی سلیک علیک تہٕ یار بنأوِن کِہے۔ تسُند گُف چھُ زِپُر خلوص تہٕ بے دغا یار چھِ عنقا۔ تاہم چھُ میٚون تہٕ تسُند یارانہٕ اکھ مثال بنیومُت۔ أسی روٗدی ہمیشہِ اَکھ أکی سٕندِس دوٗکھس سوٗکھس شریکھ، ہاو باوٕ ورأے، خلوصہٕ سان تہٕ بدغرضی روٚستے سون یہِ دوستانہٕ چھُ وُنہِ تہٕ قأیم تہٕ انشاء اللہ آینٕد تہٕ روزِ قأیم۔ أسی چھِنہٕ نأنی یار بلکہِ جأنی یار۔ پوٚرتہِ یکجا تہٕ نوکری تہٕ کُر یکہٕ وَتہٕ۔ تمی پرنأوی مختلف سکوٗلن منز مختلف کلاسن ہٕنڈی ساسہٕ وادشُری الہٕ پلہٕ ژتجہن وُرِین۔ اکیڈمک کیریرکی پأٹھی چھُ تسُند پروفیشنل رِکیریر تہٕ شاندار۔ تٕسندِ پرناوٕنکی طریقہٕ، ول ژھل، طالب علمن ستی ہمدردی، والدینن ستی رأبطہٕ تہٕ سکول کِہن معاملاتن منز تعمیری اتھہٕ ژوٚٹ روٗد ہمیشہِ بے مثال۔ سُہ چھُ از تہٕ مثألی استاد سٕندی رٕنگی زانہٕ مانہٕ یوان۔ سُہ اوس سخ کوٗشش کران زِ گأمی بلکہِ اَتہٕ تہٕ پتھ کھورِ گرن ہٕنڈی شُری گژھی پرٕنی۔ سُہ اوس نہ صرف تمن پرنس منز مدد کران بلکہِ تہٕندِ بن گریلو معاملن تام سنان۔ عادت اوٚسُس زِ یُس طالبِ علم دون ترین دوہن غأر حأضر آسہِ ہے، تمِس اوس گرٕ گژھان۔ یُس بیمار آسہِ ہے تٔس اوس خبر گژھان، یتھہٕ پأٹھی اوس سُہ طالبِ علمو علاوٕ کِن منز تہٕ مقبوٗل۔ پننہٕ نس علاقن منز وار یاہ

پرائیویٹ سکول قائیم کرناونس منز روزٕ آتش صائبنہٕ کوٗشِشہِ تہٕ شامِل۔ پنٕنہِ گامہٕ کیٚن کینٛژن معزز لوٗکن ہیتٕ رٕلِتھ کوٚرُن اکھ لوکٕٹ سکول قائیم۔ اٹھوٗ ہن وٕرِین چلوٗن یہِ سکول، یُس از تہِ اکھ جان مڈل سکول چُھ۔

محنتی آسنہٕ رٕنی، صلح جوٗئی ہِنٛدِ وصفہٕ موکھہٕ، شریف تہٕ پُرخلوص آسنہٕ سببہٕ اوس پرٛتھ کانٛہہ افسر یژھان زِ سُہ گوٚژھ میٚۓ نِتہٕ میٚۓ ہیتی کأم کرُن۔ یِتھ علاقس منز سُہ کُنہِ سکوٗلس منز کأم آسہِ ہے کران، تِتِکۍ لوٗکھ تہِ أسی نہٕ تِمس ترٛاوان۔ پنٕنہٕ رِس گامس اندر کرِنٛمُی أکۍ ہیے سکوٗلس منز، یُس گوڈٕ لور ہائۍ سکول اوس، پتہٕ ہائۍ سکول تہِ اَمہِ پتہٕ ہائیر سیکنڈری سکول وارِ وارِ الہٕ پلہٕ ۲۵ ہن وٕرِین کأم۔ تبدیل گژھتھ تہِ أسِس گامہٕ وأل کیٛو سکول وأل واپس انناوان۔ مےٚ گر واریہن وٕرِین تس ہیتی کأم۔ تیٚمنز کأم وُچھتھ اوٚسس یہِ تیٚلہِ تہِ متائثر تہٕ از تہِ چھس۔ سُہ اوس پرٛتھ طالب علمہٕ ہِنٛدِس معموٗلی کھوتہٕ معموٗلی مسلس تہِ سنان تہٕ تِمن اندبوٚر دِنٕچ کوٗشش کران۔ کُڈر کھوتہٕ کُڈر مسلہٕ آسہِ ہے کانٛسہِ تہٕ تِمیُک حل ژھارنہٕ باپتھ اوس آتش صأب أخری آش مانٕنہٕ یِوان۔ اَکھتے اوس سُہ سکوٗلس منز تمام سٹاف ممبرن ہِنٛدی اختلاف أنز راونٕچ کوٗشش تہِ کران۔ تیٚمنز کتھ اوس پرٛتھ کانٛہہ مانان۔ سکوٗلس اندر سپدن واجہِ نِٛن فلاحی کامَن منز اوس خاص حِصہٕ نِوان۔ أ رِکس

مڈل سکوٗلس منٛز ووٚتھ ہیڈ ماسٹرس تہٕ سٹافس درمیان نیاے، گامہٕ وٲلی آیہٕ تنگ تہٕ گٔے افسرن فٔریاد ی۔ واریہس کالس پیٚلہِ نیاے چلہٕ وٗن رٔد شُری ژٔلی تہٕ موژان موژان رٔدی اتھ سکوٗلس منٛز صرف ۴۰ شُری۔

بہٕ چھس گواہ یتھ کتھہِ زِ آتش صاب بُلوو چیف ایجوکیشن افسرن دفترس منٛز۔ سُہ اوس اَمہِ وِزِ نائنل ہائے سکوٗلس منٛز۔ سُہ اوس صرف ترٛے رٔتھ بروٚنہہ پُلوامہِ پٮ۪ٹھہٕ تبدیل گرٛھتھ آمُت۔ دۄپنس، مڈل سکول آکورہ چھُ اَسہِ خراب حالتس منٛز، چون چھُ تتہِ ضروٗرت۔ ژٔرے پیٚیی توٚری گرٛھن۔ نائنلہٕ پٮ۪ٹھہٕ چھُ یہِ مڈل سکوٗل ژٔے میل دوٗر۔ آتش صائبن وونس، بہٕ حض چھس پُلوامہِ پٮ۪ٹھہٕ ترٛے رٔتھ بُرونٹھ تبدیل گرٛھتھ نائنل آمُت، توتہِ اگر توہہِ میانٛی ضروٗرتھ چھےٚ، بہٕ چھس تیار۔ آتش صائب آو تبدیل کٔرتھ مڈل سکول آکورہ سوزنہٕ۔ ڈوڈس ؤرِیس منٛز ووت تمہِ سکوٗلہِ کِنہٕ طالبِ علمن ہُنٛد تعداد ژتجھو پٮ۪ٹھہٕ دوٗنن دون ہتن تام۔ أندی پٔکھی کیٚو پرائیویٹ سکوٗلو منٛز آیہٕ طالبِ علم اور پرنہٕ۔ سکوٗلس تہٕ گامس منٛز گوٚو اکھ خوشگوار ماحول قائیم، یہِ چھُ ۱۹۹۴ء ہُنٛد واقعہٕ۔

مدد کرنس نہٕ اوس آتش صائب تیٚلہِ کانٛسہِ انکار کران تہٕ نہٕ چھُ ازتکھ موٗران۔ کلاسس منٛز موجوٗد تمام طالبِ علمن ہٕنٛدی تہٕ تہنٛدبن گرن ہٕنٛدی حالات أسس معلوم آسان۔ پرٕ بتھ طالبِ علمس اوس تیٚنٛدِ گریلو

پسِ منظر حسابہٕ پیش یوان۔ از تہِ چھِ طالبِ علم تہٕ اُستاد کیٚو ریسرچ
سکالرتس نِش مدد تہٕ مشورٕ ژھارنہِ یوان۔ کانٛہہ تہِ چُھنہٕ خٲلی نیران۔
مےٚ کوٚرتھٕ کتہِ پھِرِ پرٛژھنہٕ ورٲے مدد۔ سُہ اوس پُلووم ضلعہٕ کِس
چرسُو ہائے سکوٗلس منٛز ڈوٗٹی۔ شیٚیہِ ریٚتہٕ آے ۲۱ ماسٹر گریڈ استاد اَمہِ
ضلعہِ پیٚٹھہٕ اننت ناگ تبدل کرنہٕ۔ اَتھ لِسٹس منٛز اوس آتش صٲب
تہِ۔ یہٕ گوس یِمہٕ ہنٛے دوہن پریموٹ Promote تہٕ بنیوس ماسٹر۔
پوسٹنگہِ باپتھ سوٗزہس واریہن ٹیچرن ستہٕ پُلووم۔ آتش صٲبن اوس
پُلوامہِ یہِ لِسٹ وُچھمُت۔ پننہِ شرافت تہٕ محنتہٕ کِنۍ اوُسس جان اثرو
رسوخ۔ پانہٕ Releave گژھنہٕ بروٗنٛہہ اُسن مےٚ پوسٹنگ کٔرتھ
تھاوناٚوٕمژ۔ دوٚیہِ دوہے یِیلہِ بہ باقین ستہٕ پُلووم چیف ایجوکیشن افسر
سٕندِس دفترس منٛز ووٚتس۔ لتہِ ووٚتھ سخ شور، لایہِ لایہِ پیٚٹھ واٚژ کتھ۔
ماسٹر اُسۍ نزدیٖکھ جاین پوسٹنگ ژھاران۔ یہٕ یِیلہِ اُ کِس
کلرک صٲبس نِش گوس، ڈ وپنم، ژٕ چھکھاہ محمد سُلطان۔ مےٚ ڈوپ،
اہن حٔں۔ آتش صٲب زانہٕ ہنہٕ؟ سُہ حٔں چھم بٲے گرٛژ یار۔ اچھا،
تھَو یہِ آڈر کاپی رَسے چندس تہٕ نیر گژھ کر چرسُو ہائے سکوٗلس منٛز
Join۔ آتش صٲبن چھےٚ چأنۍ پوسٹنگ سی، ای، او، صٲبس اَتھہِ کٔرتھ
تھاوناٚوٕمژ۔ تہِ چھِ واریاہ موقعہٕ یِیلہِ میانہٕ بے خبری منٛز آتش صٲبن
مےٚ مدد کوٚرمُت چھُ۔ پُلوامہِ پیٚٹھہٕ واپس تبدیل کرناونس منٛز تہٕ اوُسُم تٔمۍ

مدد کوٚرمُت ۔

آتش صأب چھُ عقیدٕ تہٕ طرزِ زندگی کِنۍ شُبقہٕ مسلمان، اماپوٚز سُہ چھُنہٕ مذہبی دھڑٕ بندی، گروہ بندی تہٕ پارٹی بأزی ہُنٛد قأیِل ۔ باقے مذہب مانن والێن ہنٛز چھُ قدٕر کران ۔ مسجدٕ تہٕ سکوٗل تعمیر کرنس منٛز شریکھ سپدنہٕ خأطرٕ چھُ ہمیشہٕ پیش پیش روزان ۔ ؤن گوٚ واتہِ چھُنہٕ عہدٕ دأرِین لور روزان ۔ یہِ ساد مُنُش چھُ سادِ کھێن چێنگ، سادٕ پلو لاگہٕ ٹُک تہٕ شرافتُک عأدی ۔ سبٹھاہ معتبر تہٕ معزز ۔ پنہٕ نِس علاقس منٛز قدٕر روول ۔ یێلہِ سبٹھاہ محنت کٔرِتھ اللہ تعالیٰ ہن أمِس خوش گُذرأنی عطا کٔر، تٔمۍ بدلأوی نہٕ پننۍ عادت ۔ پننۍ سادٕ لوچی تھأوِن قأیم ۔ سُہ چھُ اکھ (Non-controvertial) شخص ۔ کأنسہِ ستۍ نہٕ عداوت ۔ پزٕتھ کأنسہِ ہُنٛد رُت کانچھان ۔ ژوٚیہِ تہٕ کھوڈ پھێنچہٕ نہ زانن وول ۔ یوٗہے وجہ چھُ زِ ہر کہہ سُہ کُنہِ وقتس ادبی تہٕ مذہبی تنظیمن ستۍ تہٕ پوٚک مگر ستی کٔرِن یموٚ نِش کنارٕ کشی تہٕ ۔ سُہ چھُ اعتدال پسند انسان ۔ مےٚ چھُ تٔسنٛدِ شخصیتُک پرٛێتھ کانہہ پاس معلوم ۔ زندگی ہنٛدِس پرٛێتھ معاملس منٛز چھُ اعتدال ورتاوان ۔ اختلاف تہٕ بُتھی لاگیہِ نِش چھُ ہمیشہِ بچنچ کوٗشش کران ۔

جوأنی منٛز اوس آتش صأب لۆیہٕ وُن ۔ میانہِ قد، سوٚم بدن، نہ زیادٕ موٚٹ تہٕ نہ اوٚژھ ۔ سبٹھاہ وُژھہٕ وار ۔ صحت مند ۔

پسِ منظر حسابہٕ پیش یوان۔ از تہِ چھِ طالبِ علم تہٕ اُستاد کیٚو ریسرچ
سکالرتس نِش مدد تہٕ مشورٕ ژھارنہِ یوان۔ کانٛہہ تہِ چھُنہٕ خالی نیران۔
مےٚ کوٚرتمی کتہِ پھِرِ پرٛژھنہٕ ورأے مدد۔ سُہ اوس پُلووم ضلعہٕ کِس
چرسُو ہائے سکوٗلس منز ڈوٗٹی۔ شیٚیہ رِتی آے ۲۱ ماسٹر گریڈ استاد اَمہِ
ضلعہٕ پیٚٹھہٕ انت ناگ تبدل کرنہٕ۔ اَتھ لِسٹس منز اوس آتش صأب
تہِ۔ یہٕ گوس یمہٕ ہِنے دوہن پریموٹ **Promote** تہٕ بنیوس ماسٹر۔
پوسٹنگہِ باپتھ سوٚزہس واریہن ٹیچرن ہِتی پُلووم۔ آتش صأبن اوس
پُلوامہِ یہِ لِسٹ وُچھمُت۔ پننہِ شرافت تہٕ محنتہٕ کِنی اوسُس جان اثر و
رسوخ۔ پانہٕ **Releave** گژھنہٕ بروٗنہہ اُسن مےٚ پوسٹنگ کٔرتھ
تھاوناوٕمٕژ۔ دوٚیہِ دوے ییٚلہِ بہ باقین ہِتی پُلووم چیف ایجوکیشن افسر
ہِنٛدِس دفترس منز ووٗتُس۔ اتہِ ووٚتھ سخ شور، لایہِ لایہِ پیٚٹھ وأژ کتھ۔
ماسٹر اُسی نزدیکھ نزدیکھ جاین پوسٹنگ ژھاران۔ بہٕ ییٚلہِ أکِس
کلرک صأبس نِش گوس، ڈوٚپنم، ژٕ چھکھا محمد سُلطان۔ مےٚ ڈوٚپ،
اہن حَں۔ آتش صأب زانہٕ ہنہٕ؟ سُہ حَں چھم بأے گرژٕ یار۔ اچھا،
تھَو یہِ آڈر کاپی رَسے چندس تہٕ نیر گژھ کر چرسُو ہائے سکوٗلس منز
**Join**۔ آتش صأبن چھےٚ چأنی پوسٹنگ سی، ای، او، صأبس اتھہِ کٔرتھ
تھاوناوٕمٕژ۔ تہِ تھی چھِ واریاہ موقعہٕ ییٚلہِ میانہٕ بےخبری منز آتش صأبن
مےٚ مدد کوٚرمُت چھُ۔ پُلوامہِ پیٚٹھہٕ واپس تبدیل کرناونس منز تہٕ اوسُم تمی

مدد کوٚرمُت۔

آتش صأب چُھ عقیدٕ تہٕ طرزِ زندگی کِنۍ شیٖعہٕ مسلمان، اماپوٚز سُہ چُھنہٕ مذہبی دھڑٕ بندی، گروہ بندی تہٕ پارٹی بأزی ہُنٛد قأیِل۔ باقے مذہب مانن والین ہُنٛز چُھ قدٕر کران۔ مسجدٕ تہٕ سکوٗل تعمیر کرنس منٛز شریکھ سپدنہٕ خأطرٕ چُھ ہمیشہٕ پیش پیش روزان۔ ؤں گوٚ واتہِ چُھنہٕ عہدٕ دأرِ بن لوٚر روزان۔ یہِ سادٕ مۄنُش چُھ سادٕ کھین چینٛگ، سادٕ پلو لاگہٕ نُک تہٕ شرافتُک عأدی۔ سبٹھاہ معتبر تہٕ معزز۔ پنہٕ نِس علاقس منٛز قدٕر وول۔ ییٚلہِ سبٹھاہ محنت کرِتھ اللہ تعالیٰ ہن اُمس خوش گذرأنی عطا کر، تمۍ بدلأوی نہٕ پننٛز عادت۔ پننٛز سادٕ لوچی تھأوِن قأیِم۔ سُہ چُھ اکھ (Non-controvertial) شخص۔ کأنسہِ ستۍ نہٕ عداوت۔ پڑتھ کأنسہِ ہُنٛد رُت کانچھان۔ ژوٚیہِ تہٕ کھوڈ پھٔنیچہٕ نہٕ زانن وول۔ یوٗہے وجہ چُھ زِ ہر گاہ سُہ کُنہِ وقتس ادبی تہٕ مذہبی تنظیمن ستۍ تہِ پوٚک مگر ستی کرِن یمو نِش کنارٕ کشی تہِ۔ سُہ چُھ اعتدال پسند انسان۔ مےٚ چُھ تسنٛدِ شخصیتُک پریتھ کانٛہہ پاس معلوم۔ زندگی ہنٛدِس پریتھ معاملس منٛز چُھ اعتدال ورتاوان۔ اختلاف تہٕ بُتھی لاگیہِ نِش چُھ ہمیشہِ بچنٛچ کوٗشش کران۔

جوأنی منٛز اوس آتش صأب لۄبہٕ وُن۔ میانہِ قد، سوٚم بدن، نہ زیادٕ موٚٹ تہٕ نہ اوٗژھ۔ سبٹھاہ وُژھہٕ وار۔ صحت مند۔

یاونہٕ اوُسس آتشؔ شولان بولان وولان خۄب
وأنسہِ تہٕ وقتن ہنگ چھۄرأوِم بہ تہِ اوُسس ئُندِ بون
(غلام نبی آتش)

اما پۆز داہ باہٕ ؤری ووتُس ووٚنی ذیابیطس بیمارِ منٛز مبتلا۔ کمزور گوٚ وتہٕ اکثر چُھ بہمارٕ ے روزان۔ از ۲۰۱۶ء منٛز تہِ اوس جون پٔٹھہٕ ستمبر کس گوڈِنکس ہفتس تام سخ بیمار۔ اتھ وقتس دوران اوس برابر بستر ہے منٛز۔ شُکر اللہ تعالیٰ سُند زِ ووٚنی چُھن کم کاسہِ سندورُمت۔ یتھہٕ پأٹھی سأری ہے وأنسہِ پرُن، لیکھُن تہٕ پرناوُن تسٕندی ٹأٹھی شغُل أسی تتھے پأٹھی چھِ از تہِ بجرس تہٕ بیمارِہنٛدِس حالس منٛز یم تسٕندی شغُل۔ سُہ چُھ از تہِ پرٕتھ ساتہٕ پران لیکھان۔ جسمأنی کمزوری باوجۄد کوٚرُن پننہِ شریف النفس، شرمدار تہٕ دیندار گرواجنہِ ستیٚ ۲۰۰۸ء منٛز حج تہِ۔

آتش صأب اوس لوکہٕ چارس منٛز گوڈٕ گوڈٕ اُردو زبانہِ منٛز شعر ونان مگر جلدٕ ے پھیوٚر کأشرِس کُن۔ میٚتہِ اوس لوکہٕ چارٕ پٔٹھے شعروٚنہٕ ئُک شوق تہٕ یہِ شوق پۆرٕ کرنہٕ باپتھ اوُسس مُنزی مُنزی گُنہِ ساتہٕ لیکھان۔ ؤل گوٚو پۆرٕ دِلچسپی ہیچم نہٕ قأیم رۄزِتھ۔ تاہم دِیُتم نہٕ آتش صأبنی صحبتن اَتھ شوقس مرنہٕ۔ شُربن ہنٛدِ باپتھ چھاپ اَسہِ کو آتھرِشپس (Co-authorship) تحت یِکہٕ وَٹہٕ "کینٛژھا مینٛژھا" لوٚکٹ کِتابہِ ہن، یوسہٕ شُربن منٛز مقبوٗل گے۔ أسی أسی یِکہٕ وَٹہٕ مشاعرن تہٕ

ادبی پروگرامن منز شریک سپدان۔ یہ رۄدُس نہٕ شعر گوئی کرنس منز تیوٗت سنجید مگر آتش صأب رۄد پۄرِ پۄر کأشرِ زبانہِ تہٕ ادبٕچ خدمت کران۔ کانفرنسن تہٕ ورک شاپن منز سپُد شریک، درجن واد کتابہٕ لیچھن تہٕ شہرت تہِ پرأوِن۔ اما پۄز واریاہ کتابہٕ لیکھتھ تہٕ درجن پیٹھی انعام پرأوِتھ تہِ گوس نہٕ کُنہہ، سُہ چھُ از تہِ نسٕے سادٕ منُش، معزز تہٕ معتبر شخص تہٕ پۄز یار۔ تمی کٔرِم کھٕنی کھٕنی تہٕ پرُس دیُتم سورُے کلام ڈاکٹر گُلزار احمد راتھرس اتھِ، تمی دیُت ترتیب تہٕ چھپاوٕن میأنی شعرِ سۄمبرن ''کُلیاتِ سُلطان محمد سُلطان'' آتش صأبن لیوکھُس اکھ شوٗبہٕ دار عالمانہٕ پیش گُفتار۔ آتش صأبن تہٕ میوٗن کلامہٕ اوس نیب رسالس منز تہِ چھپان۔



ڈاکٹر عزیز حاجنی

# آتش صاَب یُتھ بہٕ زانن

تنہٕ گوٚو وٕنی واریاہ کال۔ قریبن پنداہ ؤری۔ بہٕ اوسس ڈسٹرکٹ انسٹی چیوٹ آف ایجوکیشن اینڈ ٹرینکس پیٹھ بحیثیتِ لیکچرار کاٗم کران۔ تمہِ وقتہٕ کشیرِ ہنٛدی ناظمِ تعلیمات مسعود سامون صاَبن اوٚنس ناد دِتھ تہٕ دوٚپنم ژٕ کر سکول ایجوکیشن محکمس منٛز کینژھا نوٚو۔ گوڈٕ ہیوٚژ اٚسے مےٚ ہوڈٕ ے مگر سُہ تہِ ماگیو مانن وول افسر۔ ہوان دِوان دیُت مےٚ تمن محکمس منٛز کلچرل ایجوکیشن وِنگ قاٗیم کرنک مشورٕ تہٕ اَمہِ باپتھ تیار کوٚرمُت خاکہِ تہِ کوٚرمکھ پیش۔ تمن آو یہ خیال سٮ۪ٹھاہ پسند تہٕ اَتھ عملی شکل دِنس دِژکھ نہٕ تاٗرے۔ بہٕ آس ڈائریکٹوریٹس منٛز کلچرل وِنگہِ ہنٛدِس سربراہ سنٛدِ حیثیتہِ تعینات کرنہٕ تہٕ کاٗم گیہِ شروع۔ میانہِ تعیناتی پتہٕ سپُد گوڈنکہِ ہفتس دوران نیوز لیٹرُک گوڈنیُک شمارٕ شایع۔ یہ رُتہٕ واد نیوز لیٹر رُود ؤریہِ وادن پیہم پاٚٹھی چھپان تہٕ پتہٕ رُٹن Education news ناوٕ ضخیم رنگین تہٕ جاذبِ نظر سہ ماہی خبر نامچ شکل۔ ناظمِ تعلیمات محمد رفیق صاَبنہٕ سربراہی منٛز شروع کرنہٕ آمتہِ

امہِ سہ لسانٲنی خبر نامہٕ کِہن ابتدٲیی شمارن ہُنٛد مدیر تہٕ اوٚسُس بہٕ۔ مےٚ پیوٚو کلچرل ایجوکیشن ونگہِ تہٕ پانس متعلق اِ موجوٗب وَنُن زِ أتھی ونگہِ منٛز کٲم کرنس دوران لوٚب مےٚ غلام نبی آتشؔ ۔ بہٕ اوسسکھ یِم ناوٕ کنہٕ اَمہِ بروٗنٛہہ تہٕ زانان مگر یِہنٛزن ہمہ جہت صلاحیژن ہُنٛد پیٚ لوٚگ مےٚ یِم اَمہِ وِنگہِ ہنٛد بِن وَکھرٕ وَکھرٕ پروگرامن ستی وابستہٕ کرنہٕ پتے۔ یِمن اندر گُپتھ بوٚڈ ادیب بدِ کڈنہٕ بروٗنٛہہ سمکھُس بہٕ ووستاد غلام نبی آتشس ۔ مزاز سبٹھے نرم، ساد وہار، رٕتی اخلاق تہٕ بڈٕ پایہٕ، سکولس منٛز زیرِ تعلیم شُربن ہنٛز نفسیات زانتھ تہنٛدِس سوٚتھرس پٔٹھ ونٛج لیاقت۔ آتش سنٛز تدریسی صلاحیژ وُچھِتھ گوس بہٕ سبٹھاہ متاثر۔ کینٛہہ کال گژھتھ گٔر ریاستی سرکارن نمایاں کارکردگی ہاوَن والین ووستادن حوصلہٕ افزٲیی کرنہٕ باپتھ اعزاز دِنٕچ اکھ قابلِ تعریف سکیم شروع۔ امہِ باپتھ آیہٕ ووستادن ہُنٛد انتخاب کرنہٕ خاطرٕ اکھ کمیٹی تشکیل دِنہٕ یتھ مقامی، زونل تہٕ ضلعہ سطحہ کِہن افسرن ہنٛدِ طرفہٕ سوزنہٕ آمژن شفارشن سام ہیتھ اعزاز باپتھ حقدار وومیدوار ژارٕنی آسی۔ امہِ کمیٹی ہُنٛد رابطہٕ کار آس بہٕ مقرر کرنہٕ۔ آتش صأبنہٕ فایل آیہٕ زیرِ بحث تہٕ کمیٹی گٔرِ أہنٛدی خدمات وُچھِتھ تہٕ شاندار پروفایلس پیشِ نظر تمہِ ضِلعہٕ سوٚتھرکہِ ''بیسٹ ٹیچر ایوارڈ'' خاطرٕ مُنتخب حالانکہِ 2005ءمنٛز آو تمن تمہِ وقتکِس وزیرِ اعلیٰ سنٛد ڈٔسی پنٛژہ ۲۵ ساس روپیہ نقد تہٕ أکس توصیف

نامس پیٹھ مشتمل یہِ اعزاز عطا کرنہٕ۔

سکولن منز کاشُر نوِ سرِ پرٕناوُنک سلسلہٕ گوٚو 2001ء پیٹھ شروع۔ اتھ سلسلس منز یم فیصلہٕ مختلف کمیٹی ین ہنٛدِ ذریعہِ کاغذن پیٹھ لیکھنہٕ آے، تِمن عملی صورت دِنس منز رُودآتش صابُن رول تھٔیکُن لایق۔ چونکہِ یہٕ اوُسس کاشُر سکولن منز پرناونکہِ پروگرامُک تہٕ مرکزی کواڈنیٹر، اَوٕ کِنی گرِی مےٚ ژُکی درتہٕ قابل کاروٚستادامہِ پروگرامچہِ عمل آوری منز شامِل کرنٕچ کوٗشش۔ اتھ اَسی واریاہ مرحلہٕ۔ گوڈنیُک تہٕ اہم مرحلہٕ اوس جنرل لائن ٹیچر کم کاسہٕ تربیت دِتھ کاشُر پرناونس قابل بناوٕنی۔ اَتھ سلسلس منز تہٕ کر آتش صابن قابل تعریف کام۔ تِمن پیوٚو Key Resource Person بٕنتھ گامہٕ گوم تہٕ علاقہٕ علاقہٕ پھیرتھ گوڈٕ ریسورس پرٕسنن ہُنٛد اکھ گروٗپ تیار کرُن تہٕ پتہٕ تِہنٛدِ طرفہٕ چلاونہٕ یِنہٕ والین تربیتی کورسن ہُنٛد معائنہ کرُن۔ یہِ اَس کأفی صبر آزما تہٕ تکلیف دہ کام مگر یمو دِژ یہِ کام شوقہٕ سان اَکھ مشن زأنتھ انجام۔ کانٛہہ اہم تدریسی تہٕ ثقافتی منصوبہٕ بامل انیٚ وِزِ رُوٗدُس یہٕ یہنٛدی خدمات طلب کران تہٕ یمو موٗرنہٕ زانٛہہ نکھ تہٕ نہ کوٚر رُکھ زانٛہہ یہِ تقاضہٕ زِ اَتھ کوتاہ ترِ۔ یہنٛزٕ گوٗناگوٗن تدریسی صلاحیژ وُچھِتھ چھس یہٕ دپان زِ یمن گوٚژھ قومی سوٗتھرس پیٹھ بہترین ووستاد آسنُک اعزاز میوٗلمُت آسن مگر تہٕ سپُد نہٕ۔ میانہِ خیالہٕ یہنٛد سادٕ مزاز ماشٹرجی آسنہٕ کِنی۔ آتش

صاَب رۄد سکول سسٹمس ستۍ وابستہٕ ۔ بحیثیتِ پرائمری سکول ٹیچر کۄرُکھ پٔنُن کیریر شروع تہٕ مختلف سۄتھرٕن پیٹھ پرنأوِتھ وأتی لیکچرر سٕنڈِس منصبس پیٹھ ۔ فخرٕچ کتھ چھےٚ یہِ زِ یم لڑکہٕ تہٕ کۄریمو پرنأوٕمژ چھےٚ ، تم چھِ یمن سبٹھاہ عزت کران ۔ یتھہٕ پأٹھۍ یۄدوَے نہٕ یم کالجن تہٕ یونیورسٹی ین منز نہ بحیثیتِ متعلم تہٕ نہٕ بطورِ معلم رۄدی مگر یہنٛدِ بہترین ووستاد آسنک اعتراف چھُ یونیورسٹی ین منز کأم کرن والین بڈٕن ووستادن تہٕ پروفیسرن تہِ ۔ پزر چھُ یہِ زِ کأشرِ زبأنی تہٕ ادبکہِ خاص کٔرِتھ لُکہٕ ادبکہِ تہٕ شُری ادبکہِ حوالہٕ چھِ اکثر سأنی نادار یونیورسٹی تہٕ کالج ٹیچر أمِس فون کٔرِتھ یا ذأتی طور سمکھتھ فی تہٕ پھیرِ کانٛہہ کوشش کران ۔ پزر چھُ یہِ زِ یم چھِ اصلی معنین منز ووستاد ۔ یہنٛدی شاگرد چھِ یمن نہ صرف ووستاد بلکہِ پدرِ معنوی زٕنتھ تتھہٕ کٔنی تعظیم رچھان تہٕ خدمت کران یتھہٕ کٔنی نہٕ أزکی پشتنی اولاد تہِ مألِس کران چھِ ۔ خاص پأٹھۍ چھِ ڈاکٹر شفقت الطاف ، ڈاکٹر گُلزار احمد راتھر ، بشیر احمد ڈار کے ۔ اے ۔ ایس ، تصدق حسین کے ۔ اے ۔ ایس ، مشتاق احد لون کے ۔ اے ۔ ایس بیترِ قأبلِ ذِکر ۔

آتش صاَب چھُ معاملن سنان تہٕ پرٛتھ کٔنہِ معاملس واریاہن پہلوون پۄرٕ پۄرٕ رسام ہوان تہٕ اِد کانٛہہ راے مقرر کران ۔ علمی دنیاہس منز چھِ اَتھ گاٹہٕ جارونان تہٕ گاٹہٕ جارورتأوِتھ چھُ انسان دُنیہس کینٛہہ

دِتھ ہیٚکان۔ یِہنٛدِ اَمہِ دٲنشورانہٕ ژٕ ویک پٔژٕر پٔژٕر انداز سپُد مےٚ بورڈ آف سکول ایجوکیشنس منٛز کٲشر زبٲنۍ ہٕنٛزٕ درسی کتابہٕ ترتیب دِنس دوران۔ اولہِ پیٹھ بٕہمہِ تام پٕنٛژمہِ جماژ ورأے کٔہن کتابن ہُنٛد یہِ مکمل سمبٹ کوٚر اَسہِ دوٕن ؤرین دوران مکمل۔ یوٚ دوَے ایڈیٹوریل بورڈس منٛز یونیورسٹی تہٕ کالج پروفسرن ہٕتی ہٕتی سکولی نظامس منٛز کٲم کرن وٲلۍ بیٚیہٕ تہِ ووستاد شٲمِل اُسی مگر غلام نبی آتش ہٕنٛزٕ کٲم روز ساروٕے سرس۔ مےٚ چُھنہٕ اَمہِ بورڈُک رابطہٕ کار آسنکہِ حیثیتہٕ یہِ پزر باوٕنس منٛز کانٛہہ مبالغہٕ باسان زِ اگر نہٕ یِم اَتھ کامہِ منٛز شٲمِل روٗ دی ہٕتی آسہٕ ہن یہِ آسہٕ ہے شاید وُنہِ تہِ انٛدٕ نے۔ آتش صٲب چھُ جسمٲنی طور ضعیف، زوٗ تہِ چھس نہٕ اوٗرگر کامہِ منٛز چھےٚ اُمس جنہٕ وُژھ۔ اُمس ؤنی تو کانٛہہ تہِ کٲم نہٕ کرنٕک چھُنہٕ سوالٕے۔ گرِتھ تہِ چھُ دِوان ناقٲبل یقین وقتس منٛز۔ اتھ چھِ میانہِ خیالہٕ زٕ اہم وجہ اکھ یہِ زِ یِمن چھُ ہر ہمیشہ پیٹھہٕ کرنٕک عادت روٗ دُمت دوٚیم یہِ زِ یِمن چھُ کرنٕک سٔلیقہٕ تہِ۔ کانٛہہ تہِ علمی، ادبی تہٕ معلوٗمٲتی مضموٗن یا کتاب لیکھنہٕ باپتھ چھِ یِم گوڈٕ مضموٗنکی آگر نیب سوٚمبراوان۔ اَتھ سلسلس منٛز چھےٚ یِمن اکھ اہم سہولیت یہِ زِ کٲشرِ زبٲنۍ تہٕ ادبس متعلق چھےٚ تقریبن سارے بنیٲدی تہٕ حوالہِ جاتی کتابہٕ یِہنٛزٕ ذٲتی لائبریری منٛز۔ درسی کتابہٕ ترتیب دِنس چھےٚ یتھی نے ماہرن ہٕنٛزٕ ضرورت یِم بانہٕ سکولی سطحس پیٹھ تدریسی

تجربہٕ تھوٚنہٕ علاوٕ بچن ہِنٛد بن نفسیٲتی تقاضن تہٕ دِلچسپین بیترِ تہٕ وٲقف آسن۔ یِہنٛدِ اَمہِ مہارتُک فٲیدٕ تُل مےٚ پتہٕ اردوچہِ درسی کتابہٕ نِو سرٕ ترتیب دِنہٕ وِزِ تہِ۔ حالاں کہِ مےٚ چھِ واریاہ دوس اَتھ پٔٹھ ناراض، کیٛنٛژٕ و وٚون یہٕ تہٕ زِ یہِ گوٚو کارِ نجار بدست گِلکار ہیوٗ معاملہٕ مگر مےٚ دیُت یِمن الزامن اَمہِ سببہٕ گوٚش تکیازِ مےٚ اَس خبر زِ یہِ کیٛنٛژھا یِہنٛدِ دٔسی یوان چھُ، تہِ کرٕنچ چھنہٕ بٲقین صلاحیت۔ تیار گٔژھتھ اٰئ پتہٕ بٲتِ ماہرتہِ تہٕ دوٚ پکھ وُچھو اگر کُنہِ جایہِ کانٛہہ خٲمی چھےٚ تہِ کڈِو۔ کانٛہہ ہیوٚک نہٕ تژھ کانٛہہ ٹھوٚس کتھاٰ ونتھ یِیمہِ کِس بنیادس پٔٹھ تیار کرنہٕ آمُت موادٲ رِتھ دِتھ ہکہِ ہوٚن بلکہِ کٔرِ اکثرو تعریفے۔

تدریسی نٔوِیتچہِ کامہِ غلام نبی آتشس ستی انجام دِنس دوران گوٚو مےٚ یِہنٛدِ علمی بترٛیگ تہٕ تحقیقی مزازُک اندازٕ تہِ۔ خاص کٔرتھ یوس سرٛنٛی تہٕ گنٛی نظر یِمن کاشرِس لُکہٕ ادبس پٔٹھ چھےٚ، تتھ منٛز چھِ یِم میانہٕ خیالہٕ سارِنے کاشرٕ بن لکھار بن منٛز ممتاز حیثیت تھاوان۔ یِہنٛز بسیار نوٚیسی تہٕ تحقیقی مہارت وُچھِتھ کوٚر مےٚ پننہِ جایہِ محسوس زِ ناٰنلگ یہٕ زنتہٕ لوٚسمُت تہٕ ژھبتہٕ گومُت غلام نبی پنٛڈت اگر لالچوٗک سری نگرُک آتش آسہِ ہے یہٕ آسہِ ہے نہٕ پننِس جوشس تہٕ جلالس بروٚنٛہہ کنہِ کانٛسہِ ٹھہرنے دِوان۔ چنانچہِ وٚون مےٚ کیٛنٛژن بڈٕ بن ادبی اجلاسن اندر اعتماد سان زِ آتش چھُ موجود دورٕ کِبن نمایند کاشرٕ بن ادیبن تہٕ محققن منٛز شامِل۔

ساڈِ مزاز تہٕ سکول سوٗتھرُک لیکچرار آسنُک گوٗو نہٕ یہِ مطلب زِ سُہ ہیکہِ
نہٕ یونیورسٹی منز کأم کرن والین ووستادن تہٕ ثقافتی ادارن ہٕنٛدٕن بڈٕن
عہدن پٮ۪ٹھ فأیز لکھارٮ۪ن شانہٕ بشانہٕ یاز قدم بروٗنہہ تہٕ اَستھ ـ مےٚ
چھےٚ خوٗشی زِ یمن متعلق میانہِ قدر شنأسی تہٕ قدر افزأیی ہٮ۪تی ہریووٚیمن
اعتماد تہٕ یم آے پیش منظرس منز ـ ساہتیہ اکیڈمی منز ییٚلہِ مےٚ بحیثیت
کنوینٔر کشمیری مشاورتی بورڈ کأم کرنُک موقعہٕ آو یہنٛزِ کتابہِ میوٗل،
میانہِ معیاڈ کہِ، گوڈنکی ؤرِیہ ترٛیشوٚنی جیوری ممبرن ہٕنٛدِ اتفاقِ رایہ ہٮ۪تی
قومی سطحُک ادبی اعزاز ـ کلچرل منسٹری منز آو مےٚ ایکسپارٹ کمیٹی
ہٕنٛدِس ممبرٕ سنٛدِ حیثیتہٕ کأم کرنُک موقعہٕ، یمن میچ سینئر فیلوشپ ـ یہ ٕ
چھس دعوا سان ونان یوسہٕ تحقیقی کأم یہِ فیلوشپ میلنہٕ پتہٕ یمو کٔر، سو
چھےٚ منفرد تہٕ بےٚ جوڑ ـ شُری ادبس پٮ۪ٹھ مشتمل یہنٛزِ کتاب نوٚ و کینژھا
مینژھا تہٕ چھےٚ کأشرِ ادبچ اکھ میلہٕ کٔنی تہٕ اَتھ پٮ۪ٹھ میوٗل یمن ساہتیہ
اکیڈمی ہٕنٛدِ طرفہٕ بال ساہتیہ پُرسکار ـ لُکھ اگر کأنسہِ نسبتھ کینٛہہ کرن
تہٕ چھِ، تم چھِ اکثر اکہِ یا بیٚیہِ وجہ کٔنی ژوٗرِ تھاوان مگر اگر مےٚ آتش سنٛدِ
خأطرٕ کینٛہہ کوٗرمُت چُھ یہ ٕ چھس تتھ پٮ۪ٹھ فخر محسوس کران تکیا زیہِ اوس
نہٕ under favour بلکہِ حق تہٕ انصاف ـ از چُھ آتش پرٛتھ مجلسہِ
ہٕنٛز شان آسان ـ از چُھ اَمِس پرٛتھ کانٛہہ ادارٕ پننین پروگرامن منز
شأمل سپدنہٕ خأطرٕ استدعا کران ـ تاہم چُھ مےٚ ذأتی طور یمن ہٮ۪تی

پننہِ وابستگی ہُنْد سورٕے پسِ منظر تہٕ پیش منظر نظرِ تل تھٔوِتھ احساس گنان زِ سائِنس زمہریری سماجی تہٕ تہذیبی ماحولس منز آسن تتھی تتھی بییہِ تہٕ کینْہہ فکری آتش فشان بیرونی شٹھنیارٕ کہِ تاثیرٕ ستی أندری ژھبہٕ گژھان تہٕ أسی آسو تہِنْدِ وُشنیر تہٕ وسجارٕ نشہِ محروم روزان۔

سائِنس سماجس منز آسن وارِیاہ رٕتی انسان مگر ہمعصر ادیبن منز چھ آتش صائبس ہیوٚ مُرشِیُل ،میوٚٹھ تہٕ دگدار خالٕے کانْہہ کانْہہ نظرِ گژھان۔ خدا پوشنأوِن مےٚ یہنز ستھ تہٕ رفاقت۔



غلام نبی آتش صائب چھُ کأشرِ زبأنؠ تہٕ ادبک تیُتھ مُحقق تہٕ نقاد یٕسنْدِس لفظس لفظس کأشرِیُت پرٕیڈان چھُ۔ ویوٚٹھ وَنُن نے گژھِ آتش صائب چھِ محمد یوسف ٹینگ صائبس پتہٕ کٔشیرِ ہنْدی اہم ثقافت شناس۔

(ڈاکٹر آفاق عزیز)

علی شیدا

# کمہِ وَنۂ وولمکھ یخو

گورنمنٹ ڈگری کالج اسلام آباد چھ اکہِ وقتۂ تنہِ تنہا نہ صرف مرازس حرفہ سأوِی کران رُوُ دمُت بلکہِ رٕزنووتۂ للہٕ نووأمی کالجن خطہٕ چنابُک سُہ پرٕتھ کانٛہہ تشنہٕ طالب علم یمِس زندگی ہٕنٛدی مختلف رنگ ڈھنگ بدِ کڈنُک شوق اوس۔ اتھ کالجس چھ یہ خوش بختی تہِ روزمٕژ زِ اتہِ آیہِ تِم بہلہِ پایکی معتبر تہٕ حسبہٕ آگہی وأنٛلی استاد شاگردن عِلم پرناونہٕ تہٕ ہیٚچھناونہٕ یِم نہ صرف پننس مخصوص سبجکٹس منٛز یکتا أسی بلکہِ اوس تِمن کأشرِ زبأنی تہٕ ادبس سٟتی جنون یُس حدس تام شوق تہٕ یِتھہٕ پأٹھی رُوٗد یہِ کالج برابر از تام تِمن ہتہٕ بدٕہن اُستادن تہٕ شاگردن ہنٛز آماجگاہ یِمن کأشرِ ماجہِ زیوٚتہٕ کأشرِس نظم ونثرس کُن والہانہٕ عقیدت تہٕ ظون اوس۔

میٹرک پاس کٔرِتھ ییٚلہِ بہِ اَتھ کالجس منٛز پننی تٔرلیش ہوٚ مراونہٕ وٗتُس یہِ اوس میانہِ زِندگی ہُنٛد موٗلُل وق۔ جوأنی ہٕنٛدِس براندس پٮ۪ٹھ قدم تراوُن اوس عجیب کیفیت ہٮ۪تھ تہٕ دِلس اندر أسی ساسہٕ بٔدی ارمان تہٕ أچھن اندر بیشمار خواب ژھالہٕ مارٕنی ہوان۔ کالجُک یہِ ماحول زنتہٕ

بنیو و میانہِ باپتھ جنّت تہٕ ادٕنچ خوشبوے آیہٕ مےٚ النہٕ تہٕ وَلنہٕ ۔نرِ ؤہرِ تھ بوٗنٕبن تل آو زنتہٕ أ کس سوچہٕ ہُتس دِلس قرار۔ تخیٖلکی ناگراد ہیٚتِنہ گرایہِ مارٕنی تہٕ میٚون أندرِم تخلیق کار زنتہٕ وۄتھ وأنسہِ وادن ہٕنزِ ہِندرِ۔ أچھن بروٗنہہ کنہِ معتبر تہٕ معزز شخصیتکی مألِک اُستاد وُچھِتھ آو مےٚ زنتہٕ گاش تہٕ میأنِی قلمن ہیٚژ جنبش کرٕنی تہٕ یہے جُنٛبش چھےٚ از تام سوٗنتہٕ واوِ گرایہِ ہٕندی پأٹھی میأنبن سوچہٕ لنگن لبجن زیرِ دِوان روزان۔

پروفیسر غلام محمد شاد چھ شأعری ہٕندی اُستاد تہٕ تحقیق تہٕ تنقیدس پیٹھ چھکھ سٔنی نظر۔تِم رُوٗدی پانہٕ تہٕ شأعری لول بران تہٕ شاگردن تہِ وتہٕ ہاوُک ہٕنتھ منٛزلس کُن پکہٕ ناوان ۔تِہنٛزِ وِ ے کوشِشوٕ ستی رُوٗد کالجس منٛز واریاہبن دہلبن تام ادبی ماحول سرگرم۔

پروفیسر رتن لال شانت ، پروفیسر بلجی ناتھ پنڈت، پروفیسر شوریدہ کشمیری تہٕ پروفیسر غلام رسول ملک ہِوبن بہلہِ پایہِ استادن ہٕنز شفقت چھےٚ مےٚ اَمی کالجہِ منٛز پرأوٕمٕژ۔یِمن بہلہِ پایہِ اُستادن ہٕندی تخلیقات پٔرِ مےٚ امہِ کالجس سالانہٕ ادبی میگزینس اندر یتھ ''ویری ناگ'' ناو چھُ یُس از تام تمے جوشہٕ تہٕ جذبہٕ رواں دواں چھُ ۔یتھ ناگس تِتھبن ہِوبن اُستادن ہُند ڈوکھ آسہِ تمیگ ژھوٗکُن چھُ ناممکن۔

بہٕ روٗدُس امہِ میگزین کس کأشرِس حصس ستی بحیثیت ایڈیٹر وابستہٕ ۔یِیمہِ کِنی یہٕ تِمن تخلیقن ہُند گواہ چھُس یِم مےٚ ستی میأنی تِم ہم

جمأعتی تہٕ ہم کال اتھ میگزینس منز چھپاونہٕ خأطرٕ سوزان رٕودی یِم خاص گرِتھ کأشرِس ادبس لول برنہٕ درٛاےٚتی اَسی تہٕ یِمن تخلیقی توٚژھ اَس تہٕ ادبی شوق اوس۔ یِمن کالج کِنہ ژون وٕرِین لولہِ منز رٕٹتھ پتہٕ بروٚنہہ یُس دٕہیل نظرِ تل یوان چھ سُہ چھ اکھ خاص اہمیت تھاوان۔ تکیازِ اَمی دٕہلہ دِتی اَسہِ تِم تخلیق کار یِمن پیٹھ کأشرِس ادبس فخر چھُ۔ یِم تخلیق کار چھِ پننہٕ اکھ الگ پہچان ہیتھ ادبی آسمانس پیٹھ تارکن ہِندی پأٹھی نبہٕ کران تہٕ ادبی ذوق وشوق تھاون والین ہِندِس مٕنزلس کُن ناسہٕ تراس ماحولس اندر تہٕ گاشہِ زٕژپلہٕ ناوان روزان۔ تہٕ یِمنٕے تارکن ہِندی پأٹھی چھُ اکھ تارُکھ، ناو چھس غلام نبی آتشؔ۔

آتش صأبنہٕ غزل تہٕ رٕودی اَتھ کالج میگزینس منز چھپان۔ یہٕ رٕودُس تِم برٛان۔ پتہٕ سپُد اَسہِ نِجی ملاقات تِمہِ وِزِ ییٚلہِ بہ ''مراز ادبی سنگم'' ناوی تنظیمس منز بحیثیت ممبر شأمِل سپدُس۔ یہ تنظیم چھےٚ از تام مرازس نمایندگی کران۔ تِمہِ وقتہٕ اَسی اَتھ منز ناماوار شأعر تہٕ ادیب شأمِل۔ یِمن منز پروفیسر غلام محمد شاد، رسول پوشپر، ناظر کولگأمی، ارجن دیو مجبور، ایس راضی، سُلطان محمد سُلطان اومکار ناتھ شبنم، موہن لا آشؔ، غلام نبی آتش تہٕ بیٚیہ کینٛہہ ممبر شأمِل اَسی۔ غلام نبی آتش اوس اتھ تنظیمس منز اکھ سرِگرم رُکن تہٕ تُند پورٕ توجہ اوس مرازس اندر کأشرِ زبأنی تہٕ ادبس واشہِ وُتھر دِین۔

ییٚلہِ مراز ادبی سنگم پنٕنۍ نوٚ بے لوث تہٕ منّظم کوٗشش سٟتی ریاستہٕ کِس ادبی منظر نامس پێٹھ چھاوِتھ اوس تمہِ وقتہٕ سپدی کینٛژن زِٹھبن عہدٕ دارن درمیان ذأتی تضاد پأدٕ تہٕ اُتھی دوران وُژھ ۱۹۸۹ء پتے سیأسی وولٕہرش تہٕ ادبی سرگرمیہ گیہ تھامہِ ۔ مراز ادبی سنگم سپُد امیُک زیادے پہن شکار ۔ واریاہ وُری گژھتھ آے کینٛہہ نوجوان ادیب تہٕ شأعر بروٗنہہ کُن ، یمو مراز ادبی سنگم دُبارٕ فعال تہٕ منظّم کرنٕچ کامیاب کوشش کٔر ۔ اَمہِ وِزِ رٕوٗد تمن آتش صأبُن اتھٕ بنٛدُت شأمِل ۔ تہنٛزِ سرپرستی منٛز آےٚ کینٛہہ میٖٹنٛگہ کرنٕہ تہٕ نٔوی نٔوی ادیب سپدی اتھ منٛز شأمِل ۔ آتش صأبن کٔر نہٕ کانٛہہ عہدٕ دأری تسلیم مگر سرپرستی تھأوِکھ جأری ۔ وُنی کٔنِن تہِ چھِ تہٕنٛدی مشوٗرٕ ، تہٕنٛد اتھٕ بنٛدُت تہٕ دعأے خأر اتھ تنظیمس وتہٕ ہاوُک ۔ یہِ تنظیم چھےٚ کٔشیرِ ہنٛزن واریہن بجن تنظیمن منٛز بروٗنہہ بروٗنہہ تہٕ "وٚنتھٕ آگر" چھُ جأری ۔

آتش چھُ بذأتی اکھ شأعر تہٕ شعر ہیٚتھے چھُ ادبی دُنیاہس منٛز قدم ترأوِتھ ژامُت مگر پزر چھُ یہِ زِ سُہ سپُد ادبی حلقن اندر اکھ محقق تہٕ تنقید نگار بنِتھ ناماوار ۔ تتھ ہیٚکن کینٛہہ وجوہات اُستھ نمبر اکھ زِ آتش اوس زانان زِ کأشرس شعری منظرِ نامس منٛز چھےٚ تمہٕ تبدیلی تہٕ سُہ بدلاو اثر انداز سپدان یمہِ دُنیاہچین بجین زبأنین نال آسہٕ ولان ۔ یہِ بدلاو اوس مشکل تہِ تہٕ گُھری دارتہِ ۔ اتھ یان داوس لاگُن تہٕ اَمہِ باپتھ وقت

گُزارُن اوس نہ شایدآتشس مزاجس براہ۔ سُہ اوس نہ نازُک مزأزی
شأعری منز راوُن یژھان تہٕ یوتاہ مژر تہٕ جنون پأدٕ کرِتھ اَتھ کارس
پانہٕ ناوُن یژھان۔
دوٚیم یہِ زِ کاشُرِ شأعری منظرنامس پیٹھ چھ لاتعداد پرأنی رِکیوٚ نوٚی
شأعر نظرِ گژھان۔ پرانین تہٕ نیٚن شأعرن منز پننۍ الگ شناخت قأیم
کرٕنی تہٕ بٔیہ شأعرن منز پنٕن آسُن راوراوُن اوس اکھ سُہ مسلہٕ یتھ
اندیوٚر دیُن ضروٗری اوس۔ پننۍ شناخت قأیم کرٕنکۍ امکانات أسی
محدود تہٕ راون تیوٚل اوس نہٕ پسند۔ یِمن دون سوالن درمیان اوس لگے
جواب زِ شأعری کُن کم توجہ دِتھ زوٚٹ تمو نثر پنٕن موضوع تہٕ اَتھ منز
تہِ ژورُکھ تنقیدی تہٕ تحقیقی پہلو۔
آتش صأب روٗدی تنقیدی تہٕ تحقیقی مأدانس منز کأم کران۔ اَمہِ
خأطرِ ژأرۍ تمۍ زٕ اہم موضوع۔ شُری ادب تہٕ لُکہٕ ادب یِمن دون
موضوعن پیٹھ اُس کم کاسہٕ کأم اَمہِ بروٗنہہ تہٕ سپزٕ مژ۔ مگر آتشن دیُت
اَتھ وہراو تہٕ پنٕن سورُے دھیان پھرُن أتھۍ رژِ کُن۔ امکانات أسی
وسیع تہٕ عوأمی تعاون تہٕ روٗد درِدست یتھہِ پأٹھۍ کوٚر آتش صأبن مختصر
وقتس اندر اکھ وسیع موضوع واشرأوِتھ لُکن بروٗنہہ کُن پیش یِمن دون
موضوعن پیٹھ یوٚس تہِ کأم آتش صأبن کرِ سوچھے تھیکنٕی لایق۔ اَتھ کامہِ
منز آو سیٹھاہ زیادٕ وُژھہِ ورتاو۔ او موکھ چھے اَتھ منز وارائی یا کوتأہی

نظرِ گژھان یا بعضے تِھ تہِ چیز یا مقالہٕ نظرِ گژھان یِمن ہِنٛدِس مستند آسنس متعلق سوچُن پیوان چُھ۔ مگر یہِ وُنُن چُھ مےٚ فخر باسان زِ یِم موضوع ویژھناوِتھ کھوٗل آتش صأبن یِنہٕ والین محققن ہِنٛدِ خأطرِ درواز تہٕ یِنہٕ والہِ تحقیق باپتھ کرن اکھ مضبوط بُنیاد فراہم۔

مےٚ چھِ آتش صأبنۍ واریاہ تنقیدی تہٕ تحقیقی مقالہٕ پٔرۍ مٔتۍ۔ یِمن منٛز تِمو پوٗرٕ ایمانداری سان خامہ فرسأیی کٔرمٕژ چھےٚ مگر یِم تہِ مقالہٕ فرمأیشی آسی تِمن منٛز اکھ توازن برقرار تھاوُن رُوٗد تِہنٛدِ باپتھ مُشکِل۔ فرمأیشی مضموٗن لیکھنس منٛز چھےٚ ایمانداری تہٕ جرأت زیادٕ ضروٗرت۔ کأشرس ادبس منٛز چھ تا حال تنقید تہٕ تحقیق ژٕنگی سبٹھاہ کم مواد دستیاب تہٕ یہ کینژھا چُھ سُہ چُھ واریاہ حدس تام مصلحت پسندی ہُنٛد شکار۔ آتش صأب چھ اَمہِ نِشہِ لوٚب روزِنچ سبٹھاہ کوٗشش کران مگر أخر چُھ آتش صأب تہِ انسانٕے۔ غأر ضروٗری توصیفی کلمات ورتاوٕنی یا کنہِ کوتأہی ہٕنٛتی أچھی وٕژۍ چُھ بعضے تہندس تنقیدس تہٕ تحقیقس منٛز تہِ درپیٹھی گژھان۔ مگر تمہِ باوجود تہٕ یُس توازن تِمو اتھ کامہِ منٛز ورتو وُسہ چُھ واریاہ حدس تام خراج تحسین منگان۔ بہٕ روٗدس لوکچارٕ پیٹھے آتش صأبس ہٕنٛتی ووتھان بہان اکہِ بیہہٕ ملاقات کران۔ میانہِ باپتھ روٗد نہٕ آتش اکھ ہم کال دوستے یوٚت بلکہِ زون مےٚ سُہ پنُن اُستاد تہِ۔ اَمہِ کتھہِ ہُنٛد چُھ مےٚ تس روبرو برملا اظہار کوٚرمُت۔ بہٕ روٗدُس تہنٛدی تحریرو

تقریر پران تہٕ بوزان تہٕ پننِس علمی سرمایس بٔر ژر کران۔ مےٚ ہیوٚ چھ
تس نِش واریاہ کینٛہہ ہیمیٛگ مےٚ ذٲتی طور احساس چھُ۔ آتش صٲبن
گذٲرِ پننِ سارٕے زِندگی کاشُرِ ادبہٕ تہٕ زبانٕ ہنٛدِ باپتھ۔ تٔمۍ ترٛ وویہٕ ژٕلِ
زِ تہٕ پنُن گرِلوہ لنگر اوٚک طرف تہٕ اتھ ادبی کامہِ دیٚتِن وٲنسہِ ہُنٛد ژیوٚہ
ژیوٚہ وٕندِتھ۔ آتش صٲبن کٔر پزٕ کِن مرازِچ بھرپور نمایندگی۔ تس
چھےٚ خبر زِ مرازٕے چھُ کاشرِ زبانٕ تہٕ ادبُک آگر تہٕ اَتی درٛاوسہ ”ویتھ
آگر“ تہٕ شولہِ ماران نوٚن تیٚمۍ تحقیقی تہٕ تنقیدی مقالہٕ چھاپتھ کاشرین
ادبی رِسالن پیٹھ برتری حاصل کٔر۔ تس چھُ پتہٕ پتاہ زِ مرازٕے چھ سُہ
سرزمین یُس سدا بہار تہٕ زرخیز چھُ تیٚمۍ کاشرِ ادبُک بہار تہٕ یاوُن قایم
تھوو۔ سُہ چھُ زانان زِللہٕ واکھ، شیخہٕ شرٛوکی، مسکین سٕنٛز مثنوی، رسُل
میرٕنی کونگ تہٕ محمود گامی سٕنٛدی نعت، حبہٕ خاتونہِ ہنٛدی دِلس سنہٕ وِنی
وبداکھ، مجبورٕنی باغ تہٕ باغوان، شادسُنٛد سدرٕ ژٕکس اتھہِ پلہٕ ناوُن،
ناز کولگامی سُنٛد اقبالس ترجمہٕ کرُن، پرٛکاش رامُن کاشُر رامایِن، ناظر
کولگامی سٕنٛز لفظہ تھُرے تہٕ عروض بندی، شوق سُنٛد ترقی پسند رجحان تہٕ
ژھوچین نظمن ہنٛدی رونہِ بند تہٕ علی شیدا سُنٛد فلفسیانہٕ غزل تہٕ گتہٕ گیوٚر
تُل وُنہِ نظمہٕ چھےٚ مرازٕے زنم لبان۔ گُنہِ گُنہِ ہیکن ذٲتی اختلاف تہٕ
وٕتھتھ۔ اختلاف اگر سنجید تعمیری آسن تیلہِ چھِ تم ادبہٕ خاطرِ سود مند۔
یہے چیز نظرِ تل تھاوِتھ چھ مےٚ آتش صٲبنی کینٛہہ ملال تہٕ یِمن ہنٛز

باوتھ کرٕنی یہ پیٚتہٕ نس ضرۆری سمجان چھس۔

گوڈنیُک ملال یہِ زِ:

پننوٕ کوششو تہٕ محنتہٕ ستی چھ آتش صأبس سرکأری کیو غأرسرکأری ادبی ادارن، سرکأری انتظامیہ، کلچرل اکادمی، ساہتیہ اکادمی تہٕ دوردرشن ہِوبن ادارن منٛز جان رسأیی تہٕ پلن۔ اگر آتش صأب یژھہِ ہے شاید ما آسہِ ہے مراز ادبی سنگمس پنُن بیٹھال۔ مرازس منٛز آسہِ ہے کلچرل اکادمی ہُند آفس تہٕ مراز ادبی سنگھمس آسہِ ہے ساہتیہ اکادمی منٛز ووٹ تہٕ نمایندگی ییمیُک تس حق چُھ۔ شاید ما آسہٕ ہن مراز کیٚن ادیبن تہٕ قلمکارن ہنٛز کتابہٕ تِتھے پأٹھی سرکأری طور مٕلی ہیٚنہٕ آمژٕ یِتھہٕ پأٹھی باقٕے علاقن ہندبن لکھاربن ہنٛزٕ مٕلی آیہِ ہیٚنہٕ۔ شاید ما آسہِ ہے مراز چیٚن کتابن تہٕ "کتاب گھر" ہلم دأرِتھ۔ تم تہِ مارٕٹہٕ ہن مأٔلی معاونت۔ اکادمی ہندبن ماہوار رسالن منٛز ما آسہٕ ہن تِمن ہنٛدی مضموٗن یا نظمہٕ غزلہٕ چھپان روزان تہٕ مختلف محفلن، سیمینارن تہٕ ورکشاپن منٛز ما آسہٕ ہن تم تہِ تِتھے پأٹھی دعوت دِتھ شریک بناونہٕ یوان یِتھہٕ پأٹھی باقین ستی سپدان چُھ۔ تہ شاید ما آسہِ ہے نہ مراز ادبی سنگمس صرف گرٕنٹ تام ساس روپیہِ مأٔلی معاونت سپدان۔ مراز ادبی سنگم یا مرازس منٛز کأم کرن واجنہِ باقی تنظیمہٕ یُس حق تھاوان چھِ سہ تِمن واتناونس منٛز ہیکہِ ہن آتش صأب پنُن ذمہٕ دار کردار نبأوِتھ۔ یہ اُمید چھےٚ از تہٕ اَسہِ

أنٛدی أنٛدی گتھ کران۔

دۆیم ملال یہِ زِ:

مےٚ وۆن گوڑے زِ آتش صاب رٕ دسرکأری انتظأمی سٔتھرس پیٹھ تہٕ باقی ادبی ادارن سٟتؠ سیٚد سیوٗ دیاورگہ پأٹھی وابستہٕ۔ ادبی حلقن منٛز چھِ یم خدشات تہِ زِ مخصوص ادیبن چھےٚ ریاستس اندر تہٕ ریاستہٕ نیبر سپدن واجنبن محفلن منٛز شرکت کرنٕچ لگاتار دعوت دِنہٕ یوان۔ بیٛاکھ مسلہٕ چھُ یہِ زِ تنقید کس بہانس پیٹھ چھ توصیفی مضامین یا تہٕ یار برادری منٛز لیکھنہٕ تہٕ پرنہٕ یوان یا چھُ اتھ پیٹھ پوٛنسہٕ خرچاونہٕ یوان۔ تتھے پأٹھی چھُ مرازس منٛز یہِ تاثر تہِ کلچرل اکادمی، ساہتیہ اکادمی یا ICCR رٕ دی مرازس کُن کم متوجہ۔ تتھی خدشات چھِ کتابن پیٹھ انعام دِنس متعلق تہِ ظأہر یوان کرنہٕ۔ آتش صاب رٕ داتھ معاملس متعلق خاموش۔ اگر سُہ اتھ متعلق آواز بلند کرِہے سُہ آسہِ ہے تسُنٛد اکھ جرأت مندانہٕ دیٛت یتھ پزٕی ادبی حلقن اندر پزیرأیی سپدِ ہے!۔

ترٛییم ملال یہِ ز:

آتش صأب چھُ اکھ بسیار جہت تھاون وول ادیب تہٕ قلمکار۔ اکھ سُہ قلمکار یُس ریاستی تہٕ مُلکی سطحس پیٹھ تہِ پننۍ اکھ الگ پہچان تہٕ شان تھاوان چھُ۔ تسُنٛد تحریر وتقریر چھُ مونمُت تہٕ زونمُت۔ تتھ چھُ شاباش میلان تہٕ یہِ چھُ پزٕی شاباشس لایق تہِ۔ مگر صرف پننہ باپتھ ذأتی تہِ

چھنہٕ جان۔ اگر بہتر چھُ تیلہِ چھُ اَمہِ باپتھ بہترین تہٕ ژھارُن اہم تہٕ ضرٗوری۔ آتش صاٲب چھ تنقید تہٕ تحقیق کِس میدانس منٛز شہسوار۔ تِمن چھُ یہِ فن زِ تِم ہیکن پننہٕ فن کُنہِ تہِ سۄتھرس پیٹھ کھاٲلتھ تہٕ پرکھاوِتھ۔ مگر یۄ تام نہٕ یہِ فن ڈویمہِ پیڑِ تام واتہِ تۄ تام چھُنہٕ اتھ سُہ مول بنان یُس اتھ شُبان چھُ۔ آتشِ صاٲبس پزِ پنُن فن نوِ پُیہِ تام منتقل کرنچ کوشش کرٕنی۔ تِس چھ أندی پکھی وارا اتھی قلمکار موجود یِم تہنٛز یہِ وراثت رٹنہٕ ناون تہٕ رٕژھراون[۲]۔ شاگردن چھُ حق زِ پنٕنی علمی تہٕ ادبی بصیرت واش کڈناونہٕ باپتھ کرن تِم استادن بروٚنٛہہ کُنہِ زانوے ادب تہہ مگر اُستادن تہِ چھُ فرض زِ تِم دِن پانس أندی پکھی نظر گُذر زِ کانٛہہ تریشہِ ہۆت ماچھُ تیُتھ یُس زندگی ترٛیش بخشہِ۔ اَمہِ رنٛگی پہل کرنہٕ ستی گژھہِ ادبی کاروانس وُسعت پاٲدٕ تہٕ اکھ تسلسل لبہِ جاے۔

بہٕ چھس دُعا گو زِ آتش صاٲبس اَسِن زٕہٹھ تہٕ میٹھ عُمر۔ تاکہِ تنقیدکی تہٕ تحقیقکی نٔوی گوشہِ نیرن تٔی تہٕ نٔوی ڈٔرچہِ کھُلن یِم کاشرس ادبس تہٕ زبانٕی مالامال کرن۔ آمین



فٹ نوٹ:

۱،۲ شاید چھُنہٕ آتش صاٲب تیٚوت طاقتور رسٕوخہٕ وول یُس یِم ساٲری معاملہٕ ہیکہِ ہے گرِتھ۔ سُہ اوس نہٕ کانٛہہ تھۆد سرکاٲری عہدٕ دار تہِ۔ رٕۄد سوال نوِ پُیہِ ہنٛزِ رہنماٲیی ہنٛز۔ اَسہِ أندی پکھی

یم تہٕ ادیب تہٕ شاعر چھ تِمن حوصلہٕ افزٲیی کرنس، ہیچھناونس تہٕ نِچھہِ ناونس منز کوٗر آتش صابن أ کِس بیٚیہٕ ہِندِ کھوتہٕ واریاہ حِصہٕ ادا۔ مراز ادبی سنگمس فعال بناونہٕ باپتھ تھاوٕن خدمت آیتن۔ یم ادیب تہٕ شاعر آتش صابن مراز ادبی سنگمس ستی وابستہٕ گٔری تہٕ یہنٛزن تخلیقن دُرستی گٔرن، یمن مشوٗرٕ آیتن تھاوٕن تہٕ یہنٛزن کتابن حوصلہٕ افزٲیی رنگی دیباچہٕ لیٚکھن تِہنٛد فہرست چھُ واریاہ زیوٗٹھ، کینٛژہ ناوہکبن یمن کتھن ہُنٛد بوڈ ثبوٗت اُستھ مثلاً قمر حمید اللہ، نادر احسن، سُلطان محمد سُلطان، مظفر حسین دِلبر، ڈاکٹر شفقت الطاف، ڈاکٹر اعجاز محمد شیخ، افتخار انجم، ڈاکٹر گلزار احمد راتھر، محمد زاہد مخدوٗمی وغاٲرٕ۔ مراز ادبی سنگمٕک فعال سیکریٹری جنرل اظہار مُبشر چھ تِمن سارِنٕے کوشِشن ہُنٛد گواہ یمہٕ آتش صابن مراز ادبی سنگم فعال بناونہٕ خاطرٕ کرٕ تہٕ نٕوی لکھاری، شاعر ژھٹہِ بٹہِ کڈنہٕ باپتھ آیتن تھاوِ۔ اَمہِ باوجود تہٕ چھےٚ علی شیدا صابنہٕ گراوٕ آتش صابنہِ باپتھ قابلِ توجہ۔

(ترتیب کار)

ژےٚ لوٗلس لول ورتاوٕن توٚگے ما<br>
پٔژن جانانہٕ پریٚزناوٕن توٚگے ما<br>
یوان ہر ساعتہٕ چھےٚ أنٛدی أنٛدی دِوان گھٕ<br>
دِلُک درواز و وُتھ تھاوٕن توٚگے ما<br>
(غلام نبی آتش)

باب:2

# مُہرِ اُستاد

1۔ موکھتہٕ چھکے دوژھے لو

2۔ چوونس بہ پانہٕ مس تے

3۔ ژےٚ یارِ شۆبی مُبارک

محمد یوسف ٹینگ

# مو کھتہٕ چھکے دوڑھے لو

کأشرِ پأٹھی چھُ اکھ باون ہارٕ دۄیت ، یُس ووٗنی زمانچہِ ویو ہارٕ تہٕ وہستارٕ بدلی ہتی ، ییٚو یِژھو واریاہو أنہٕ واجو ہنٛدی پأٹھی ضراب خانہٕ نیٚبر گوٗمت چھُ ’’ اَسہِ تہٕ خوجو چھےٚ یِکہٕ وَٹہٕ مہن ترأومژ ‘‘ مہن گےٚ سوکندہٕ ناتراش وَن لِکر یوسہِ جنگلو منٛزٕ ژٕٹتھ دٕریاون ترٛاوَن أسی یُتھ آبہٕ چہِ روأنی ہتی خریدارس نکھہٕ أبی گھاٹھس نِش رٹنہٕ تہٕ وٹنہٕ ییہِ ہے ۔ مہن أسی حأکم ، رئیس تہٕ ٹھیکہٕ درے یوت ہبکان ژھاأرِتھ گأرِتھ مگر نہٕ آسن واللبن کتہِ جُرِ ہے مہن ! تم أسی خیأل شہتیرٕ نووکھن تہٕ ویرٕوٗنس آبس ترٛاوان ۔ اتھ دراوخواجن راجن ہنٛزِ مہنہِ کھوتہٕ ژور دارتہٕ ازتہِ چھےٚ سانہِ پاپرجازبأنی ہنٛزٕ گتھِ منٛز رواں دواں ۔

مطلب غرض اوسُم یہِ زِ بڈبن لوٗکن ہنٛدی پأٹھی چھےٚ اَسہِ عامن خاصن تہِ جذبن ، گمانن تہٕ خیالن ہشے ترٛایہِ گرٛایہِ آسان ۔ ہرگاہ أسی تہِ تمن ہُنٛد ناوہوان ہوان پننی مہن ترٛاوو ، اَتھ گژھِ نہٕ ’’ من ہستم ‘‘ ونہٕ ونِچ ، یِتھ انگریزی پأٹھی (Names Droping) ونان چھہِ ، ہاژٕ لاگنہٕ ییٚنی ۔ دپان مشہوٗر بنگالی دانشور تہٕ انقلأبی ایم ۔ این ۔ رائے

(۱)، ہنٕز دانٲیی تہٕ تیز فہمی ہنٛز اُس پیٛٹھ کربکھ زِ ہرگاہے تسُند کوٗثرٕ ہ
ہم عصر پنڈت جواہر لال نہرو کُنہٕ محفلہِ منٛز گرہٕزان آسہِ ہے تہٕ اور پیٚیہِ
ہے ایم ۔ این ۔ رائے واتتھ ۔ نہرو جیس اُسی یکدم طوطہٕ کلٕنی ہوان ۔
تہٕ سُہ اوس رأسہٕ رأسے کتھ ژٕٹتھ دٕگ تھاوِنی ہیٚوان ۔ غلام نبی آتش
صابنہِ زیرِ نظر کتابہِ (۲) ہنگہٕ طومار لاگنہٕ وِزِ چھےٚ مےٚ شوٗٹھس تہٕ زَن
یٚژھے وَنن گاٮ۪ہ ۔ مےٚ کم سوادس چھےٚ آتش صابَس ہٕتی کاشرِ تحقیق تہٕ
تنقیدچہِ براندٕ کنہِ پیٛٹھ کُنہِ کُنہِ لوٚنچہِ مِلہٕ وِن ہٕش گرٛھان ۔ یہِ چھُ
میون سورُے داش نداش مگر تسٕندِ باگہِ بُرتہِ تہٕ بابرکت قلمُک بس اکھ
لمبٕکھ ۔ سُہ چھُ اَمہِ علاوِ اکھ تخلیق کار، شاعر، ممتاز فوک لورِسٹ، کارِ
ووٗگن محقق تہٕ تنقید نگار، کأشرِن درسی تہٕ نصأبی کتابن ہنٛزِ تیأری تہٕ
ترتیب کاری ہُنٛد ماہر تہٕ شُری ادبک زبر تخلیق کار ۔ پننہٕ نِس خاص
مأدانس منٛز چھُ وُنکین یکتا ۔ کأشرِس منٛز چھُ فوک لور ہوس شاندار
مضموٗنس پروفیسر محی الدین حاجنی، سُدرشن کاشکأری، موتی لال ساقی،

---

۱ پوٗرٕ ناو، منابندر ناتھ رائے ۔ وُہم صٔدی شروٗع گوٚھنہٕ وِزِ اوس عالمی پیمانس پیٛٹھ کمیوٗنسٹ تحریکہِ
ہُنٛد اکھ بارسٕتہٕ تھوٗنگ ماننہٕ یوان ۔ تمۍ کٔر چین، روٗس، یورپ تہٕ میکسکوہس منٛز تہٕ کأم ۔ سُہ اوس
وی ۔ آئی ۔ لینن تہٕ ماوزی تنگُن تہٕ واقفِ کار ۔ پتہٕ آیس نہٕ تِمن ہٕتی برابری تہٕ ووت ہندوستان
واپس، یێتہٕ تراوُن 43-1942 ہٕ منٛز ریڈیکل ڈیموکریٹک پارٹی ہٕنٛز بنیاد ۔ اَمہِ پارٹی ہُنٛد زیٹھ
اوس کٔشیرِ منٛز پنڈت پریم ناتھ بزاز ۔ رائن چھےٚ واریاہ اہم کتابہٕ لیچھمٕژ ۔ سُہ گوٚو 1954 ہٕ منٛز
سورگہٕ واس (م ۔ ی ۔ ٹینگ)
۲ یہِ مضموٗن چھُ محمد یوسف ٹینگ صابن آتش صابنہِ سرمایہ تہٕ سام کتابہِ پیش گُفتارٕ رنگۍ لیوٚکھمُت (مُرتب)

محمد سُبحان بھگت، ناجی منور تہٕ پروفیسر فاروق فیاض تہٕ بیٚیہٕ کینژٕ وأدیبو
ہلم بوٚرمُت۔ مگر آتش صابُن یتھ الاوچھُ زیادے پھن شولان۔ میٲنہِ
خیالہٕ چھُ اَتھ تِسنٛدِ ذٲتی کمالہٕ علاوٕ اکھ ڈیشہِ وُن وجہ تہٕ۔ سُہ گوٚو یہِ زِ
سائنس شہرِ سرینگرس منٛز لسنہٕ بسنٛکۍ ژٕز آسنہٕ باوجوٗد ترٛوونہٕ تٔمۍ پٔنُن سوکھہٕ
شُہُل آدن گام۔ میٲنۍ کٔنہ چھُ سانہِ فوک لورُک اصل پرستان سانِہن
گامن ہُنٛد رونہِ منزلُے۔ گوڈٕ چھےٚ وونۍ سائنۍ منٛز اَتھس سوٚمب کٔشیر
موٹرو، بسو، ٹرکو تہٕ ٹرینو چِتۍ پیالہٕ ژٕکس منٛز موٚژرٲوٕمٕژ۔ سوکوس
جاے شاے چھےٚ یتھ نہٕ گاڑِو تہٕ بسو سرینگرس ستۍ ٹیب چھےٚ دِژٕمٕژ۔
ساسہٕ بُدی کاشرۍ، مرد، زنانہٕ کیٚوشُرۍ چھِ دوہس رزق گارنہٕ پتہٕ ژھمبرِ
رلہٕ وُن بیٚیہٕ پٔنُن گرٕ شہر یا گام واپس واتان۔ توے زَن چھےٚ سارٕے
کٔشیر اکھ زیٚٹھِ زیوٗٹھ سرینگر بنیمٕژ۔ شہرٕچ بس چھےٚ رحمان راہی سنٛزِ
کتھِ گامہٕ چہِ پرٛژھِ شہرُک شک برابر بیہِ منٛز واتناوان (۳) مگر تہِ گرِ تھ
چھِ دُنہِ گامن منٛز ترٛشہِ وَن چھپہٕ موجوٗد یمن نہٕ شہرٕچ حبس آگہی
سزٕپٕژ تہٕ سنیمٕژ چھےٚ۔ تَتہِ چھُ دُنہِ صُبحُک شبنم، وونٛدن ہُنٛد سریہہ تہٕ
أچھن ہُنٛد آب بوزنہٕ یوان تہٕ ڈیشمان۔ غلام نبی آتش چھُ امے ناگہٕ
سبزارُک اکھ حصہٕ۔ سُہ اُسی تن کالہٕ پگاہ شہرٕ کھسان وسان مگر تٔمۍ چھِ

---

۳ شہرٕچ موٗد تھ کھوٗ پوٗت وَن یتھ کٔنہ پرٛژھ میٲنہ شک بیٚیہٕ ژاو (راہی)

پننہِ اندرونی تہٕ اصل ارزٕ ژہنٛز سوزہٲری گامہٕ ہیٚ منٛزٕ ژھرِتھ آسان تھوٕمِژ۔ بیٚیہِ چھُ مےٚ شوٗژہٕ ہنٛدی پٲٹھی تَس پٔنٛن گامیون وُنہِ سامتھ تہٕ شیرِتھ۔ یہِ چھُ أزی کَس ہاے فاے (Hi Fi) جہانِ خرابس منٛز تسنٛدِ پاسہٕ آسنٛچ بڈٕ ضمانت۔ سُہ چھُ پزی کنی اکھ مردِ شریف تہٕ فردِ معتبر، تِتھی ہوی آدم چھِ وونی زیادٕ خوابنے منٛز نظرِ گژھان۔ توے چھُم دِل یژھان زِ تَس کرہا شمس فقیرن یہِ مصرعہٕ گُلہِ میوٗٹھ۔

لالن کرے انبار، موکھتہٕ چھکے دوژھے لو

زیرِ نظر کتابہِ ورق پھِران پھِران گوٚو مےٚ گوڈٕ پننہِ زانکاری منٛز ہُر برتکیا زِ صاحبِ کتابن چھُنہٕ صرف بوسیدٕ پوٚتھِ نِے یوت ہرترٕ تلُمُت بلکہِ چھُن سانہِ تہذیبی حسابہٕ کٔشیرِ تازٕ نظرٕ وسِتی نٔوینہٕ ویوٗرِ تلُمُت تہٕ سنبولمُت۔ سُہ چھُ پہلگام طرفس کُن بسان تہٕ یہِ چھُ کٔشیرِ منٛز پرانہٕ لسن پتھرِ ہُنٛد سبٹھاہ رُستگار تہٕ بختاوار علاقہٕ۔ اَتے اُس دکن کالیج پونہٕ ہکی سنٛکالیہ ہن برصغیرِچ گوڈنٛچ شِشتر تبر دریافت کرِمژ۔ ازتہٕ چھِ اَتھ طرفس کُن واریاہ پرانہِ بستیہ میژ ہنٛدی بُرقعہٕ مُژرأوِتھ سبٹھاہ قدیم تہذیبی نیب ہاوان باوان۔ اَتھ چھُنہٕ شکھے زِلیٚدرِ آرُک یہِ بوٚٹھ اوس سبٹھاہ کالہٕ پیٹھٕ انسانہٕ سُنٛد مسکن تہٕ مالیُن بنیومُت۔

آتش صابس چھُ یہِ ڈیکہٕ بجر زِ علمدارِ کشمیر حضرت شیخ نورالدین ولیؒ ہنٛدِس کلامس ہتی چھےٚ تمن واریاہ لے۔ امہِ کتھِ ہنٛز شہادت چھُ"

## شیخ العالمؒ سٕنٛدِس کلامس منٛز کٲشِر ''ناوُک تہنٛد مقالہٕ۔ (۴)

زیرِ نظر کتابہِ ہُنٛد دسلأبِ مضموٗن چھُ یُہے میٹھ کتھ بیٚیہِ ہن میٹھہٕ راوان تہٕ زیٹھہٕ راوان۔ یہٕ گوس یہِ وُچھِتھ سبٹھاہ بشاش زِ آتش صأب ہوٚے صاحبِ نظر تہٕ صاحبِ دِل ادبین تہِ چھُ علمدارِ کشمیرؒ پنہٕ نِس درست نظریأتی تہٕ عمرأنی پوٚت منظرس منٛز پرٛزنومُت تہٕ پرٛیزلومُت، یعنی حضرت علمدارؒ أسی اسلامہٕ کہِ شرعی روٗپکی علمدارؒ تہٕ بارستہٕ پرہیز گار تہٕ توأرتخن یُس خطِ ارشاد تِمن حضرت میر محمد ہمدانیؒ سٕنٛدِ بابرکت اتھہٕ سپُرد کوٚرمُت چھُ، تہٕنٛد کردار تہٕ کلام دوٚشوے چھِ تمُچ شہادت پیش کران۔ توے تِمن ویدانٛت یا بیٚیہِ کُنہِ رلہِ مِلہِ عقیدک جنٛدٕ لاگنٕ چھُ تہنٛدِس نورأنی وجوٗدس دولہِ نظرو وُچھنس برابر۔

دوٚیم کتھ زِ لل ماجہِ متعلق آتش صأبنس خیالس ستی چھُ مےٚ اتفاق تہٕ عبدالوہاب شایق سٕنٛدِس دأیرأوِمتس ستی اختلاف۔ یہِ چھےٚ اکھ سیٚزٕ پزٕ کتھ زِ یِلہِ زاشُر نورالدین اوسنہٕ ماجہِ ہنٛز دودٕ بب رٹان۔ تمہِ وِزِ آیہِ لل دبد کٲشِرہٕ ہنٛدِ اردرِ گیان تہٕ عرفانُک مومہٕ دام ہیتھ یُس أمِ ازلہٕ مقبوٗلن یکدم قبوٗل کوٚر۔ لل دبدِ یُس خوش یوٗن گریٚزٕ معصوٗم شُرِس کوٚرتھ منٛز کوتاہ ٹاٹھ نیار، ماجنیار تہٕ راستی چھےٚ بریٚتھ بریٚتھ کران۔

---

؎ یہ مقالہٕ چھُ ''کٲشِر حضرت شیخ نورالدینؒ ریشی سٕنٛدِس کلامس منٛز'' کتابہِ منٛز حضرت علمدارس متعلق بیٚیہِ کینٛوٗن مقالن ستی 1981ءمنٛز شایع سپدُمُت۔ (آتش)

''چےٚ مالہِ چےٚ ، زبنہٕ مند چھوکھ نہٕ تہٕ چیٚنہٕ چھُکھ مند چھان!''

ییٚنہٕ چھےٚ یہِ ہم عصر لگہٕ باوَتھ تہٕ اصل کاشُرِ زبانٕ منٛزٕ ے۔ ژورِ ہتہٕ وُہری امے واقعہِ ہنٛک یُس بیان عبدالوہاب شایق ''شاہ نامہَ کشمیر'' لیکھِتھ کران چھُ ، سُہ چھُ دویوٚ وجھو کِنیٚ تھٕرمُت باسان۔ اول چھُ اتھ دوپر زبانٕ ہُنٛد جامہٕ وُلتھ۔ دوٚیم زِ اَتھ منٛز چھُ سیوٚد سادٕ تہٕ دوہدشُرک ہیوٚ پزر بلاوجہ بالافطری بناونہٕ آمُت۔ یعنی لل ماجہِ تراوِ شُری ہنٛدِس دہانس منٛز زِ اونگجہ تہٕ تموٕ ے منٛز دژا اودود۔ نتہٕ چھا سانٛبن بُزرگن ، یِم بہرحال گوڈٕ آدم رنگہٕ تہٕ آدم انہارے اٲسی ، بالافطری کتھن ہنٛز کم قلایہ گنڈنہٕ آمٕژ۔ زِ اٲ رِکس پزِس تہٕ سیٚدِس معاملس لاگواٲسی خواہ مخواہ کیٚ انزاٲلی تہٕ دوٚن تہذیبی ملرن ہنٛدِس نالہٕ مَتِس گنڈوٕ زورِ سوٚتھی۔ ہرگاہ شایق احتیاطہٕ کنیٚ پِستان نہ ہاوُنک التزام چھُ کران مگر تَس کیازِ چھُنہٕ ژٕبتس پہوان زِلل موج چھےٚ پانے اعلان کران زِ پننہٕ مقدس منٛزٕرِ کی ژٕلی تراٲوِتھ دژا یہِ سونگے نژنہِ یوٚ تام نہٕ تَس شاہ ہمدانس ؒ ہیوٚ مردِ کامل بُتھِ پیوٚو تہٕ اَدِ دژا یہِ کانٛدری ہنٛدِ توٚندرِ منٛزٕ پوشاک لاٲ رِگتھ۔

آتشؔ صابن چھےٚ یتھ کتابہِ منٛز واریاہن تمن نیاین دوٗربین لاٲجمٕژ یِم کشیرِ ہنٛدِس مالامال تارٲخس منٛز وُنہِ اصل آگہی ہنٛز صداقت چھِ ژھاران۔ گوڈٕ چھُ علم تواٲریخ آدنہٕ پٔتھٕ پزرک درپن بننہٕ بجایہِ ذاٲتی ترٛاین گرٛاین ہُنٛد اٲنہٕ بناونہٕ آمُت تہٕ لیکھن وول چھُ قلم طبقاٲتی

تہٕ ذاتی تعصّباتن ہٕنٛدِس مِلہِ ہوکس منٛز وزناوِتھ لیکھان ۔ یہِ نظر بندی ختم کرنٕچ ضرورتھ چھےٚ امہِ باپتھ زِ اصل پزر، ہرگاہے توارِیخس منٛز امہِ ناوِچ کانٛہہ نودرتھ آسان تہٕ چھےٚ (۵) تہٕ توارِیخ گرٛھِ نہ چھوٚر چھوٚر کران روزُن۔ آتش صاب چھُ پنٕن قلم زَن شوٗژ لیدرِ وانہٕ ستی چھٕلِتھ لیکھان تہٕ توے چھےٚ تمٕی ہنٛزٕ اکثر رایہِ اعتبارس نکھٕ نکھٕ آسان۔ نُندٕ ریوٚش تہٕ بڈشاہ ہنٛدِس نظریاتی ٹکراوس پٹھ چھُ تمٕی نو تلانی کٔرِتھ اکھ نوٚو نظرِکون عطا کوٚرمُت ۔ آتش صابن چھُ زانہٕ شاہ صابنہِ لداخ جلاوطنی ہنٛز پُشنے کٔرِتھ اَتھ بیٚیہِ ہن درہر کوٚرمُت ۔ اَتھ واد کرن والی چھِ سوال کران زِ تیلہِ کیازِ کرہے پانہٕ بڈشاہ علمدارِ کشمیر ہنٛدِس جنازس منٛز شمولیت ۔ اَتھ چھُ جواب زِ علمدارس اُس یِژ عوامی مقبولیت تہٕ یژھ پژھ زِ بڈشاہس آسہِ پننہِ سیاست گری کنٕس تل وٚنمُت زِ تِتھس اہم موقس پیٹھ الگ روزنہٕ ستی انہِ سُہ پننہِ بڈشاہی کوس۔ مقابلہٕ کرنٕک چھُنہٕ منشا مگر اَکس ہمکال توارِیخی واقعہٕ ہس کُن اشارٕ کرنہٕ ستی ماگژھِ کتھِ ہنٛز کوتھ واضح ۔ پرانہِ سرحدی صوبک خان عبدالغفار خان روٗد وُمبرِ وُمبران پاکستانی سلطنتس ستی پنٛجہِ آزمائی کران تہٕ شُراہ سداہ وٕری گذرٕاوِن تِتھنٛدِ بن جیل خانن منٛز۔ خاص طور اوس سُہ

۵ مشہور المانوی فلسفی تہٕ سائنس علامہٕ اقبال ہنٛدِس "مجذوب فرنگی" نطشے سُند قول چھُ: There are no facts, only interpretations (واقعہٕ چھُنہٕ کُنے آسان، البتہٕ چھ تشریح تہٕ تفسیر داہ درداہ)
(م۔ی۔ ٹینگ)

پاکستانہِ کِس فوجی حکمران جنرل ضیاالحقس دوٗن اُچھن کھران۔ مگر یِیلہِ سُہ تِسنٛدِ ہسے راجس منٛز رحمتِ حق گوٚو۔ ہندوستانہِ پیٛٹھ گوٚو وزیرِ اعظم راجیو گاندھی پوشہِ ہلم ہیٛتھ تہٕ پشاورس منٛز اوس جنرل ضیاالحق گوڑنچہِ صفہِ منٛز جنازس منٛز شامِل۔

کِتابہِ منٛز چھُ آتش صابن سوٚنتی پنڈِتنٛس کاشُر۔ فارسی نصابس متعلق اہم مضموٗن لیٛوکھمُت، اَمِچ توارِیخی تہٕ تحقیقی اہمیت چھےٚ اُسی تھٕے مگر یُتھ نادِر چیز ژھارِتھ گارِتھ لبُن تہٕ ہمیشہِ باپتھ محفوٗظ کرُن چھُ بجایہِ خود واریاہ اہم۔ کاشرِ پاٹھی فارسی لفظہِ بدلی ہُنٛدیہِ موازنہٕ چھُ واریاہ کتھٕ نٔئ راوان۔ یہِ چھےٚ بیاکھ کتھ زِ سوٚنتی پنڈِتس چھِ قدمس قدمس پیٛٹھ کھونٛدی لگان۔ مثالے سُہ چھُ ونان زِ عقرب گوٚو گُنس (کاشُر) مگر سارِنے چھُ پے زِ عقرب گوٚو وٚچھ (Scropeon)۔

سُہ چھُ ونان زِ کریم گوٚو سنگ پُشت مگر فارسی وٲلی چھِ سنگ پُشت کچھوس ونان۔ کچھوٕ چھنہٕ کشیرِ منٛز آسانے مگر کریم یعنی مگر مچھ اوس کاشرِبن سرن تلاون منٛزکھوٚنکھن مُژراوان۔ ووٗنی چھُ واریاہن بیٚین زُوذاژن ہنٛدی پاٹھی نابوٗد گومُت۔ سرن نہٕ ووٗنی پٔنن سترِ عورت کرنہٕ خاطرِ آب، کریم یا کرپل کتہِ روزِ ہے؟ تِتھے کٔنی سوٚنتی پنڈِتُن ٹنگس امروٗد تہٕ ٹانچن امرودَک وَنُن گوٚو شلوتس گلہ وتھ واٹُن۔ مائشہِ کراٹِ "نانِ شیر" وَنُن چھُ دِلچسپ مگر یہِ ترِنہِ کاشُر نہ زانن والین فِکرے۔

سونتی پنڈت چھُ ''یزار'' یعنی ''شلوارس'' '' زنگہٕ بستوٗر'' لیکھان۔ امہٕ ہِتی چھُ فِکر تران زِ گُنوٗہمہِ صدی تام تہٕ اُس نہٕ کأشرٕن بٹن اَچھ خبرٕے تہٕ کأشرٕن لوگ یزار مسلمانوے۔ سوٗنتی پنڈت چھُ غلط ونان زِ سأد گوٚو دولت مند۔ سأد چھِ سیّدَس (۶) ونان تہٕ تِم ما آسہٕ ہٕن پننہٕ خاندأنی وجاہتہٕ کِنی تِمی ہِنٛدِ وقتہٕ ہارٕ دیارٕ وألی۔ اتھ پٮ۪ٹھ چھُ وارِیاہ لیکھُن ممکن مگر وُنکبس چھُنہٕ وار۔

اکھ کتھ چھم قلمہٕ پیٚتِس پٮ۪ٹھ چھورٕ چھورٕ کران۔ دِل چھُم یژھان لیکھِتھ تھاوِہن تکیازِ یژھ کتھ وہِ تہٕ آتش صأب ہوٚس کأشرِس زباندان ہِنٛدِس دامانس منٛزٕ ے۔ کأشرِ چھِ زنانن ہِنٛدِس مقأمی رقصس غلط العام بنأوِتھ ''روٚہ'' ونان، ییٚلہِ آتش صأبنی موہرتہٕ اتھ پیٚہٕ یہِ ما گژھِ بروٗنہہ کُن سَند بٔنِتھ۔ دراصل چھُ یہِ ''روٚب'' (۷) کرُن۔ روٚب گوٚو سہٕ ڈُلووم دأیرٕیُس کأنسہِ خوبصوٗرت کورِ وُٹھ کُملاونہٕ وِزِ دون رخسارن نِش پھولان چھُ۔ یہِ چھُ کینژنٕے خوٚب روین

---

۶۔ کأشرِس منٛز چھُ ''سأدٕ'' ''زٕوٗر'' لفظُک ضِد تہٕ تہٕ عام کأشرٕ بو چھُ ''سیّد صأب'' بدلہٕ ''سأد صأب'' لفظ ورتاوس لوگمُت مگر ''سأدٕ'' چھکھنہٕ، دیارٕ وول'' آسنہٕ کِس معنہ یس منٛز ورتومُت۔ (آتش)

۷۔ اصطلاحس ژٕ کِس تام واتنہٕ کِس سلسلس منٛز چھُ ٹینگ صأبُن یہ تحقیق دِلچسپ تہٕ معنہِ سوو۔ بنان چھُ ''روٚب کرُن'' آسہِ ہفتا کالہِ پٮ۪ٹھ ورتاوس منٛز روزنہٕ پتہٕ ورتاوٕ نیبر گومُت، تہٕ وونی چھُنہٕ امہِ کہ ورتاوُک امکان روٗدمُت یاتہٕ چھُ ممکن وارِیاہ کالہِ کہِ ورتاوٕ ہتی آسہِ ''روٚب'' لفظ ''روٗف'' تہٕ روٗد یا روٚہ لفظن منٛز بدلیومُت۔ (آتش)

قدرتُک زیورتورے ستی آسان ، یوٚ ہے آوٕلنۍ چالہِ ہیوٚ ( کٔشیرِ ہنٛدِس تۄأرتخس منٛز تہٕ آسن خبرٕ کتینِ بادشاہن ہنٛدی تخت وتاج یتھٕ نٕے آوٕلنہٕن منٛزوٕ کراونہٕ آمتی ۔ خبر گوڈ نِکہٕ ہیٚے ملاقاتس منٛز ماوٕل یوسف شاہ تہِ حبہِ خوتونہِ ہنٛدی اَمی آوٕلنۍ ! انگریزی پٲٹھی چھہِ اَتھ (Dimple) وَنان تہٕ ڈمپل چھُ کورِ ہنٛد اکھ دِلکش ناو تہِ مثلن فلم بوبی ہنٛز ڈمپل کپاڈیہ، تس چھنہٕ پانس یہِ عطأیی مگر شرمیلا ٹیگور تہٕ أزچہٕ پریتی زنٹاہٕ ہنٛدہن روین پیٹھ چھُ یہِ از تہِ وُچھن والین آوٕلن أنتھ گتہٕ گیوٚر کرناوان ۔ اَسہِ کأشرو چھُ یہِ پننہٕ بتہٕ ترامہِ تہِ ہجوومُت ، بتہٕ زوب ، ٹیٖٹھے گول تہٕ سڈول ۔ حأرأنی چھےٚ اُردو تہٕ ہندی ہشو زبانو چھُ اَتھ ''گڈھے'' ہیوٚ پھُٹھر تہٕ پھیشٕل ناو دیُتمُت ، تمن ما اوس کانٛہہ آنند وردھن سمکھیوومُت ۔

صاحبِ ''باغِ سلیمان'' میر سعد اللہ سعادت شاہ آبادی سُنٛد نأدِر نعتِ شریف چھُنہٕ صِرف زیرِ نظر کتابہٕ ہنٛزے یأژ شوٗب بلکہٕ کأشرِ ہنٛدِ باپتھ حُبِ رسولؐ تہٕ عقیدتُک پوشہِ گوٚنٛد ، اَمکی ژور مأری مٔنٛدی کأشری شعر چھِ کأشرِ زبأنۍ توش تہٕ بوش عطا کران ، یتھ مولُل نعت دریافت گرِتھ محفوظ کرُن چھُ خاص تحقیقی اہمیت تھاوان (۸)

---

۸ یہِ نأدر نعتِ شریف کوٗر مےٚ از برونٛہہ واریاہ کال بازیافت ، گوڈٕ کرنووم کأشرِس شیرازس منٛز تہٕ پتہٕ اُردو شیرازس منٛز شایع تہٕ از چھُ گوڈنچہ لٹہٕ یتھ کتابہِ منٛز شأمل یوان کرنہٕ (آتش)

آتش صأبن چھُ جدید اکھتُے ہم کال دورِ کٔبن کینژَن ادیبن تہٕ شأعرن مثلن مہجور، عبدالاحد آزاد، لسہٕ خانِ فدا، مرزا عآرف، امین کامل، مرغوب بانہالی ہنٛزِ شأعری تہٕ گُلُھم کنٛژ بیوٚشنٛس متعلق مضموٗنن منٛز کُنہِ تعارُفی تہٕ کُنہِ تنقیدی راین ہُنٛد اظہار کوٚرمُت۔ عبدالاحد آزادس متعلق مضموٗن چھُ پزی آتش صأبن تحقیقی ذوق وشوق تہٕ بل بُتھ پیش کران۔ فأضِل مضموٗن نگارن چھُ ہر لحاظہٕ کأشرِس ادبس دامنس لاد مُژرأوِتھ واش کوٚڈمُت۔ کأشرِ بدیہہ گوٚئی پیٹھ تٔمی سُنٛد مضموٗن چھُ ازتام گُن تہٕ کیول تہٕ وارِیاہ دِل رٔنٛز ناون وول۔ کأشرِبن معراج نامن پیٹھ تسُنٛد مقالہٕ چھُ نہٕ تہنٛدۍ یوت علمی عبوٗر ہاوان بلکہٕ اَتھ خاص شعرِ ذأژ منٛز کأشرِ زبأنی ہنٛز خوش نظری تہٕ خوش فکری ظأہر کران۔ یپتھ باون ہار تہٕ رنگہٕ ڈٕلی معراج نامہٕ اَسہِ کأشرِس منٛز چھِ تہٕ وُچھِتھ یِیہٕ اُردو ہِشن بجن زبانن تہٕ رشک۔ سانین ہمسایہٕ بولین ہنٛز چھنہٕ کتھے۔ آتش صأبُن یِہ مضموٗن تہٕ چھُ سأدر وار تہٕ سکل انہار۔ آتش صأبُن کأشرِ زبأنی منٛز مثنوی صِنفہِ ہِنٛدِس ابتداہس، ارتقاہس، سماجی تہٕ ادبی ضرورتس تہٕ توأریخی اہمیتس متعلق مضموٗن چھُ سبٹھاہ پُرمتن تہٕ مُدلل، اکھتُے چھکھ کینژَن مثنوین تنقیدی سام تہٕ ہیوٚژمژ۔ أکِس صاحبِ نظر تنقید نگارِ سٕنٛدی پأٹھی چھکھ لکھمن کول ہنٛزِ مثنوی یِہ بجا طور تھُر کھأجمژ تہٕ امیر شاہ کرٮ۪س سامناس مقابلہٕ وہاب

حاجنی سُند شاہ نامہٕ کم پایہِ مونمُت۔

آتش صائبُن نثر چھُ یۄمہِ کتابہِ ہنٛدِس رنگہٕ بُشکابس منز پننہِ تحقیقی نظرِ ہُنٛد زبر بتٕر ہاوان تہٕ زوتہٕ ناوان۔ تہنٛدِس أکِس مشتاق قأری ہنٛدی پأٹھی روزِ بہ منگان زِ تہنٛدِس وجوٗدس ستی ستی روٗزِن تہنٛدِ قلمٕچ روأنی تہٕ جوأنی وارٕ کارٕ تہٕ سہ روٗزِن مےٚ ہوِبن ترٛیشہِ ہتٔھن کتی زانکأری ہنٛدی مَس کھأسی یتھے کٔنی ارزان تھاوان، مجبور نہِ کتھِ۔

آفتابکی پأٹھی پربزلن دم بدم پیمانہ چون

یۄمہِ پیش کلامُک قیل وقال گوٚ وژٕ ورُے پہن زیوٗٹھ تہٕ شاید بےٚ سوٚم مگر یۄلہِ عالمن تہٕ فاضلن ہنٛدِس دربارس منز تہنٛدِ بن انکشافن ہنٛزِ آتش بازِ موٗجوٗد آسن۔ یمن گند کھ تُچ لاگنہٕ وِزِ چھِ واریہن رنگن ہنٛزِ زُتنہِ وَہراتھ لگہٕ ؤنی۔

ژےٚ چھی گیسوٗ پریشان مےٚ گےٚ شہمار نألی



محمدِ یوسف ٹینگ

# چوونس بہ پانہٕ مَس تے

کأشرِ زبأنی ہُنٛد رسمی تہٕ دستیاب ادب، ییٚمیُک نمتھ فی صدی تہٕ گۆڑھی تھےٚ حِصہٕ شأعری چھُ، چھُ یوہے سَتھ ہتھ ؤری ہیوٚ وأنسہٕ۔ اَمیُک پیٚونت کھنڈ چھُ تیٚتھ تہٕ یُس أسی عالمی شعرٕ پارن مقابلہٕ ہیکہٕ ہون تھأوِتھ۔ مگر یتھ کتھہِ چُھنہٕ شکھے زِ کأشرِ چ لُکہٕ باوَتھ ونوس یا فوک لور، چھِ وأنسٕتھ۔ تھیکہٕ ناوِنی لایق آسنہٕ علاوٕ واریاہ باون ہار، شوٗبہٕ دار تہٕ شاندار۔ بوزوے تہٕ اصل تہٕ شوٗد کأشر آلو چھُ أتھی منٛز پرٛیتھان، پوٹھان تہٕ طیس واتان۔ اَمکِ وَجہ چھِ بلکُل ننٛی تہٕ پرٛنیٚ۔ کأشر زبان روٗزنہٕ ڈیٚکی جل تہٕ سأنیٚہٕ کُج آسنہٕ باوجود اوترٕ اوترٕ تام زنٛہے سرکارن تہٕ دربارن ہنٛز مانہٕ رینٛی۔ یہٕ خبرٕ نیٚنہٕ کدل چھےٚ شتکو پیٹھہٕ جأری زِ بڈشاہ صأبنس زمانس (۱۴۲۰-۱۴۷۰ء) منٛز اوس اَتھ حکوٗمتُک خانہٕ ماجر تہٕ حأصل مگر ہنا ہے سَنو یہٕ چھُ زیادٕ پہن أمِس عظیم تہٕ عوام نواز تاجدارسٕنٛزٕ نیک نامی تہٕ حُسنِ ظوٗنُک اعترافٕ یوت باسان۔ تمہِ وقتہٕ ما آسن کینٛژن کِتابن ترجمہٕ سپدی متی مگر تمو منٛزٕ تہٕ

چھنہٕ کاںٛہہ معتبر چیز اَسہِ دردس ۔ تہٕنٛدِ وتنگ اکھ سِکہٕ، اکھ نُسخہٕ یا اکھ کتُبہٕ (Incriptions) چھنہٕ اَسہِ تام ووتمت ۔ البتہٕ چھِ فارسی تہٕ عربی اکھتے سنسکرت زبانن ہٕندی تہٕتھی نموٗنہٕ گتلی ۔ در اصل اوس کأشریُک خود مختار زور تہٕ پھوٚر تیژ موٗنجہِ تھاوان تہٕ اکہِ آزاد قومُک بول باش زِ قلمچ سُفأرِش تہٕ سوداگری نہ آسنہٕ ورأے تہِ روٗدیہِ تتھہٕ کنہ اَسان لسان، وایان گایان، بولان بوشان، رِوان ژُوان، ڈٲلِلہٕ ونان تہٕ دَم دِوان زِ یہِ روٗد وارِ کارٕ، تازٕ تہٕ سرسبز۔ اکہِ محکوم مگر محکم قومچ علم وَہراوان تہٕ وہراوان۔ اَتھ حدس تام زِ یِیلہِ از اَرمکی جغرافیأیی تہٕ اختیأری بنہٕ تہٕ سرحد زینہٕ مینہٕ علاوٕ وارٕیہس حدس تام نہنا ونہٕ تہٕ لُہراونہٕ آئتی چھِ، چھے کأشُر زبان تہنٛدِ خاص وجوٗدچ تہٕ الگ نموٗدچ وأحد شأہد روٗ زِتھ پنٕنی آن مأنی راوان۔ أنٛدی پکھی چہِ کُنہِ زبأنی نہ پان پُشران بلکہِ پریٚتھ اند پننہِ وحدت تہٕ عظمتچ پارے وایان۔ کأشُر لکہٕ ادب چھُ سہٕ طِلسمات یتھ منٛز کشیرِ ہُنٛد پرون تہٕ پراچین توأریخ، اَچھ مجلسی تہٕ اجتمأعی زندگی، اَمیُک ستہٕ رٔنگی وِیوہار تہٕ پأٹی پٕشجار سوٗرے کینٛہہ ژٔرمتھ تہٕ ژٔونبتھ چھُ ۔ یوٚہے پٔز رپٔز زنو واز برونٹھ ڈوڈٕ ہتھ ؤری یورپ کیو خاور شناسو تہٕ پننہٕ نوتحریوٕ ستی ٹُبہٕ رووکھ زورٕ زورٕ۔ والٹر لارینس اَسی تن یا فریڈرِک ڈریو، ہنٹن نُولز اَسی تن یا ڈاکٹر نیو، آرل سٹاین اَسی تن یا جارج گریرسن، سارِوے تُل گریٚز زِ کأشُر لکہٕ ووتُر چھُ

عالمی درجُک۔ یہ لیکھان لیکھان چھےٚ وأنج ژھێنان زِ اَمہِ موٚختہٕ گنٛجکِ درجنہٕ واد مجموٗعہٕ پرٛکاشِت گژھنہٕ پتہٕ تہِ چُھ وُنہِ یہِ پھوٚتوٕ پھوٚتوٕ چھانگرِ تہٕ چھکرأوِتھ۔ سأنی ہلم چھِ وُنہِ یمن اچھِ یوٚشن گوٚنڈی کران کران ژھوکان تہٕ ژھوٹان۔ جناب غلام نبی آتشؔ صأبنہِ یتھ بجہِ کرینٛجہِ سُمب سوٚمبرنہِ (ا) متعلق کیٛنہہ باونہٕ بروٚنہہ چھس بہٕ بس اَکھ مثال پیش کرنُک اجازت یژھان۔

گوڈٕ آتش صأبس کیا چھ وَنُن۔ سُہ چھُ أزچہِ گرِ اَمہِ لُکہٕ وراثژ ہُنٛد سارِوے کھوتہٕ زیوٗٹھ تہٕ زیٛٹھ خبر دار تہٕ گُنٛزٕ بردار مگر سانہِ لُکہٕ ارزٕ ژھُنٛد کوٚنگہٕ ڈار چھُ یوٚت آباد تہٕ برِتھ ژٕرِتھ زِ سانہِ جنگِ آزأدی متعلق کیٛنہہ لُکہٕ ذٕپتی چھِنہٕ أمی ہوی گُشادٕ ہلم تہٕ وُسہٕ وار قلم اُستادن تہٕ سأمتھ تہٕ سنٛبأرِتھ ہیکیٛ متی، یم بس ڈوڈ ہتھ ؤری پرأنی چھِ۔ اَکھ چُھ شیخ محی الدینس متعلق یُس ۱۸۴۲ء منٛز پنجابکی خالصہٕ دربارن یوٚت صوبہٕ دأری کرنہِ سوٗز۔ یِیلہِ مہاراجہ رنجیت سنگھنہِ گُذرنہٕ پتہٕ تتھ سوٗ سُر اوسُن ہیوٚتمُت اَژُن۔ یورِ وأتِتھ کوٚرُن عوأمی مانگیہٕ ہنٛدِس دباوس تل کٲشرِ آزاد تھاون والین ہتی اتھہٕ واس۔ سُہ اوس پانہٕ تہِ یتھ عوام پرور تہٕ کشمیر نواز زِ کٲشرِ یوس تتہٕ کھل خالصہٕ راج کیٛو وُہو پٛنژ ہوٕرِیوٕ گرٕمژ أس، تتھ مہلام لاگنہٕ تہٕ انگ اننہٕ خأطرٕ کوٚرُن واریاہ جستہٕ خیز۔ یُتے یوت نہٕ بلکہِ تسنٛزٕ کأشرٕ نسب خانہٕ دارنہٕ تہٕ دِیُت اَتھ نیک کامہِ تیوٗ تاہ

شیٚہلن پاے زِتِمس دیُت کأشرِ بو مظلوٗموٗ ''مادرِ مہربان'' لقب۔ یُس پتہٕ وُہمہِ صٔدی منٛز بیٚییس محترم خاتوٗنہِ ہنٛدِ خأطرٕ مُکرّر رسیُد۔ یہِ شیخ محی الدین اوس یوٗتاہ عوأمی پرٛیتھ تھاوان زِ یێلہِ سُہ ۱۸۴۵ء منٛز کٔشیرِ منٛزٕ ے خداصأبس ٹوٗٹھ گوٚو۔ سُہ آوکوہِ مارانس پٮ۪ٹھ حضرت مخدوٗمؒ حمزہ صأبنس مقبرٕ کُٹھس منٛز تِمن نکھے آسودٕ کرنہٕ۔ یێتہِ تِسنٛز ترٛبت ازتہِ موجوٗد چھِ۔ أمی شیخ محی الدینن یێلہِ کأشرٕن آزأدی پسندن لرِلوٚر ووپرن خلاف شمشیر تٕج۔ کأشرِ لُکہِ وٕوٚتری تُل یہِ ہُر۔

روٗپہ ہنٛدِس تورگس سونہٕ سُنٛد زٔین
تتھ عُٔکس کھٔستھ محی الدین

اَمہِ پتہٕ کٔنٛی دِلہِ منٛز ہیتھ فرنگو امرتسرکہِ بکری پتر ذٔریعہِ کٔشیرِ ہنٛز گُلدوخ پرٕی جیٚمہِ رکس مہاراجہ گلاب سنگھس پانٛژ ستتھ لچھ نانک شأہی روٗپین (یہِ روٗپے اَس داہے آنہٕ لوان)۔ کأشرِ بو گرٕ ٔوس حکمرانس ہتی تہِ حملہٕ دٕل۔ یێلہِ تِمی کشتواڑُک پٔنُن جرنیل لکھپت راے تِمن کلہٕ دگنہِ سرینگر سوز۔ کأشرِ بو گرِتِمس ہتی مایسُمہِ (مایسُم) یُس از سانہِ شہرُک اکھ زبر بازر چُھ، منٛز پنجہِ آزمأیی۔ تمہِ وِزِ اوس مایسُم اکھ مکایہِ ڈار۔ اَتھ ڈاڈٕ مقابلس منٛز کوٚر کأشرِ بو وزیرٕ لکھپت قتل۔ أزِ رکس مولانا آزاد روڈ رکس چرٕچس مقابلہٕ چھِ تِسنٛز سمادھ ازتہِ موٗجوٗد۔ بہر حال، کأشرِ لُکہ بأوژ اندر چھے أمی واقعہٕ ہن تہِ جاے پرأوہمژ۔

ہچوس گُرِس زِچو کلہٕ
تہٕ کُس کھٔسِتھ؟ لکھپت......لہٕ

ظاہراز یِٹھیہِ ئلٕہِ کتھ مگر کیا کرو آتش صأبُن شاندار کارنامہٕ پُرِتھ ہیوت قلمن طوطہٕ ہِندی پأٹھی بولُن تہٕ شوروغوغا کرُن۔ اَتھ پٮ۪ٹھ چھُس معأفی ہُند خواستگار۔

غلام نبی آتش صأب چھُ کأشرِ لُکہٕ دٔوتریک پرٕون تہٕ پوٚختہٕ کار ووستہٕ۔ یہِ کتاب نیرنہٕ پتہٕ کڑٕ تٔمی ہِندِ امہِ مرتبک کاڑ کأشرِ فوک لور کٮ۪ن سولبہٕ سولبہٕ لیٚکھن والین ہِنٛزٕ زیچھِ تنٛدلہِ منٛز بیٚیہِ ہن تھزر تہٕ بجر حأصل۔ یِتےٚ یوت نہٕ یہِ کتاب پیٚیہِ کأشرِ کٮ۪ن لولہِ والین شانٛدٕ گنٛدِ ہےٚ تل بلکہِ شمعدانس ہٮ۪تی ہٮ۪تی تہٕ تھاوِنی۔ اَتھ منٛز ییٚر۔ اہ سأئٹِتھ یکہٕ وٕٹہٕ کرنہٕ آمٕتٕ چھِ، سو چھنہٕ میانہِ کم علمی حسابہٕ بیٚیہِ کُنہٕ تہٕ پٔرٕھہِ سومبرنہِ منٛز مالِ موجوٗد۔ تمہٕ اَسی تن پادشاہ کتھہٕ، گاٹلی کتھہٕ، بیقلأزی ہِنٛزٕ ڈلیلہٕ، شُری بأتھ، ونہٕ وٕن، پأٹھر۔ خبر آتش صأبس کیاز امہِ رِکس ورتاوس متعلق نُنٛد ریٚش سُنٛد یہِ ارشاد قلمہٕ پٮ۪ٹھہٕ وٕسی پیوٚمُت۔ پأٹھر بیوٚن بیوٚن کُنےٚ چھُ ماگُن ___ تہٕ بیٚیہِ تہِ دَہ دردہ۔ موغلن ہُند ذِکر کران چھُ یتھ کتھہِ تہِ دول دِوان زِ تمہِ وقتہٕ کٮ۪ن فِتنہٕ فسادن ہِندِس پوٚت منظرس منٛز گےٚ پانہٕ کٔشیرِ ہِندی کینٛہہ بُزرگ تہٕ گاٹلی تمن نادس۔ مبرٕ ز کاشکأری اوس تہُنٛد ہراول، یہِ آتش صأبن وٚنمُت چھُ۔ یہِ کاشکأری

صائب کوٚرخام پوروُڑ ریپٹھ أکی کرٛالن قتل تہٕ پتہٕ آوبڈشاہ مزار گاڑ یارِ دفن کرنہٕ۔ یتہِ تسنٛز ترٗبت از تہِ موجوٗد چھِ۔ شاید أس کٔشیرِ منٛز یہِ گوڈنچ قبر یتھ واریاہس کالس پہرِ دار رأچھ آیہِ تھونہٕ۔ یتھ نہٕ اَمہِ منٛزٕ جسدٕ ے ژٔلن ہیتھ۔ وُہمہِ صٔدی منٛز گٔے یہِ وَنن واریہن بڈٛین کأشرین تہِ۔ مگر تتھ دل چھل ڈنگ چھُنہٕ یہِ موقعہٕ محل۔

آتش صأبنس یتھ انسایکلو پیڈیاہس منٛز چھِ اکھ زٕلو کچہٕ موکچہٕ کتھہِ رٔژھرِتھ تھاونہٕ تہِ ضروٗری، تکیازِ اَتھ منٛز روزن یم ہمیشہِ بہار۔ شٔری زبنہٕ کٕنبن تہٕ رچھنہٕ کٕنبن معاملن سام ہیٚنہٕ وِزِ پیٚیہِ سوندر رسمُک ذِکر تہِ کرُن۔ تتھے پأٹھی خاندر خندرِ کٕنبن رسمن گریٛنڈ کران چھُنہٕ ''شب چنہِ'' ہُنٛد شُمار سپدٕ مُت۔ ''چِتی'' چھُ بتہٕ تھالہِ یا ترامہِ خأطرِ ویوٚد تہٕ سیوٚد کأشُر لفظ۔ مہرازٕ سنٛز براتھ ییٚلہِ کورِ مألی سُنٛد گرِ گُن مہرٛینٛز انہٕ تہٕ سال کھیٚنہٕ خأطرِ نیران أس، تمہِ برونٛھے اوس کورِ مول بتہٕ ترأم گوبرٕ مالی سُنٛد گرِ سوزان۔ اَتھ اوس بتہٕ ناوٕ خأطرے آسان مگر یہِ أس وازٕ وان چو سارِوٕ ے نعمژ وٕسیتی پٕٹتھ آسان۔ اَمہِ باپتھ زِ سالرٕ ییٚلہِ مہرٛینٛز انہٕ نیرن، گرِ ما روزن کینٛہہ بأژ ــــ وأنسٹھ، شٔری یا زنانہٕ مٔری پرارِ وُنی۔ تمن رٔنٛز ناونہٕ تہٕ أس میٹھہٕ راونہٕ خأطرٕ أس یہِ بتہٕ ترأم بکار یوان۔

ییٚمہِ کتابہِ سٕتی چھِ آتشٕ صأبنہٕ کشمیر شنأسی علاوٕ تہنٛز جفا کٔشی، بصارت طلبی تہِ معتبری ہنٛدی واریاہ پہلو تہٕ پرتو بروٗنہہ کُن یوان۔ سُہ

چھُ أکِس مستند تحقیق کارٕنٛدی پأٹھۍ پرٚیتھ بابس اندس پٹھ پنٕنۍ ماخذن ہنٛدی حوالہٕ درٕج کران تہٕ پننہِ بے مثال ژھأری ژھأنڈ متعلق أکِس خود آگاہ دمبازٕنٛدی پأٹھۍ زیادٕ پہن گوٚش دِوان۔ مےٚ چھےٚ پۄرٕ پٔژھ زِ یمہِ کِتابہٕ ستۍ ہرِ کأشرِ زبأنۍ ہُنٛد گیان دِیان سبٹھاہ زیادٕ تہٕ یہٕ بنہٕ کأشرِ یاد ووترٕ کِبن بسیار طاقتچن ہنٛز لأزمی تہٕ لاثأنی سوغات۔ پننہِ لُکہٕ وۄترِ منٛز واریہن الگ الگ دورن ہنٛدی باقیات سوٚمبرِتھ سأرۍتھ چھےٚ آتش صأبن یِنہٕ والین محققن ہنٛدِ باپتھ وَتھ سوٚترأ وِمٕژ ۔ کِتابہِ ہنٛز اہمیت چھےٚ یِتھ پۄت منظرس منٛز زیادے ہُران تہٕ آے لبان زِ سانہِ ویستارُک گُفتارُک طوطہٕ چھُ نِوٹکنولوجی ہنٛدِ ترٛژٕ تہٕ نِو میڈیا کیٚو ہوأیی حملو تہٕ بمباروٕ ستۍ تِتھہٕ کٕنۍ کلان، گلان تہٕ نابوٗ دگرٕ ژھان زِ ہر گاہ نہٕ أتھ آتش صأبنہٕ "کأشُر فوک لور" ہِشن کتابن ہُنٛد سایبان گنڈو تہٕ تتھ منٛز سونہٕ ہنٛدی مرتبان سجأوِتھ یہٕ آبِ حیات تِمن منٛز ٹھانڈ دِتھ سٔنبأرِتھ شیرِتھ تھاوو۔ یہٕ گژھہِ تِتھے کٕنۍ وُڈِتھ تہٕ وُہتھ یِتھہٕ کٕنۍ مقبوٗل کرالہٕ وأرۍ سُنٛد بُدۍ بَگ گاہے بے چراغ گوٚو۔ یہٕ ٹیوٚٹھ پزر آپراوُن چھُ کریوٚٹھ مگر حق ادأیی ہُنٛد آلو زِ کینٛژو درجن کأشرۍ ادیبو ورأے چھِ سأنۍ بے شُمار ہم زبان تہٕ ہم زمان کأشرۍ پننہٕ زبأنۍ نِشہِ دوٗر ژلان۔ واریہن چھِ ازیمن معنہِ سأوی تہٕ سونہٕ ہأری کتھن ہُنٛد مأل یا لے مُتھٕژ ۔ کأشر زبان ہیکہِ وۄش تراوان تہٕ اوٚش ہاران یمن وطنداړن

حبہٕ خوتوٗنہِ ہُنٛد یہِ ہُرتُلان فریاد گرِتھ ؎

ژٕ کمیو سونہِ میانہِ برٛم دِتھ نیوٗنکھو

ژےٚ رِکھو زِ گیی میأنٛی دٕے

آتشؔ صأبنٛ یہِ ڈألی چھےٚ سانہِ بجہِ زبأنٛی تُسٛند واریاہ بۄڈ سۄ چھ۔ یہِ چھِ کأشُر بولن والیٚن رِکڑ مُشکہٕ ہُرٛ شب چِنٛز تہِ تہٕ وٕزناونُک آلوٗتہِ۔ تمِس ہوس بارسہٕ ادیبس رِکڑ تہِ چھےٚ یہِ کتاب ترٛشھ ہِش، زنتہٕ تمِس نیوٗٹھس پیٹھ رازٕ ہونٛز بیوٗٹھمُت چھُ۔ تس مرحبا کرنہٕ وِزِ رِکتھہٕ گُنٛز چھُ یہ شعرےٚ ہِوٕبن عام خام کأشرٕبن ویان تہٕ وٚولسنس انان۔

ظوٗن چھُیو بۄڈ سمندر، لعل موختہٕ چھِس اثر

دُر چھےٚ منٛز صدفس تے چھوونس بہٕ پانہٕ مَس تے



---

ا یہ مضموٗن چھُ محمد یوسف ٹینگ صأبن آتش صأبنہِ "کأشُر فوک لور" کتابہِ ہِنٛدِ دیباچہِ رنٛگی لیوٗکھمُت۔ (مرتّب)

محمد یوسف ٹینگ

# ژےٚ یارِ شوٗبی مُبارک

کأشرِ زبانہٕ ہِنٛدی سارِوٕے کھوتہٕ کارفرما فوک لورسٹ غلام نبی آتش صأبن چھ یتھ کتابہِ منٛز (۱) پننٮ قلمی سخاوت سانہِ دوٚیمہِ اہم زبانہِ یاں زِ اُردوٚہس تام واہرأوِمژ۔ یہِ چھےٚ برمحل تہٕ بار آور کوٗشش۔ اُردوٗ ہِش باڈو دار زبانہِ منٛز اگر یژی کُنہِ صنفہِ ہٕنٛز ویژھے ہِش باسان چھےٚ، سُہ چھ لُکہٕ ادب۔ اُردو زبان پھاٛپھلیٮ۪ہ تہٕ واش وٚستار تہٕ باڈوکوڈُن لشکرن، دربارن، پرٮ۪زلہٕ وُنن تلوارن تہٕ ریشمی شلوارن ہنٛزِ ہمسایگی منٛز۔ نوابن تہٕ حُسنہٕ بازرن ہُنٛد تہِ چھ اَتھ منٛز حِصہٕ۔ اما پوٚز کھہو کھلوتہٕ کو چوسٕر کونِش روٗزیہِ ہنا دوٗرِ ے۔ لُکہٕ ادب چھ یمہٕ نِے اکھاڑن، کھہن کھلن تہٕ گلی کوچن منٛز پرٮ۪تھان پاتھان تہٕ نوان پھبان۔ اُردو زبانہِ منٛز چھِ مرزا سوداہس ہوی خمہٕ دار تہٕ مرزا غالبس ہوی وظیفہٕ خوار تہٕ کاڈ کڈِتھ مگر اَتِہ چھنہٕ کھہن کھلن منٛز گامہٕ مُزورن ہِنٛدِ عرقچ سوگند یِوان تہٕ نہ چھِ کھلن کھہن منٛز کأم کرنس دوران گامہٕ مسولن ہِنٛدی نغمہٕ گرٮ۪زان۔ شاید وٚون اَمی سببہٕ فیض احمد فیضن مےٚ أکِس ملاقاتس دوران زِ اُردو زبانہِ منٛز چھِیٖ نہٕ لُکہٕ بأتھ (۲) تہٕ یہٕ

چھےٚ اَتھ مصنوعی زبان وَنن والین ہِنٛز خاص دلیل۔

اَتھ سلسلس منٛز چھُ کأشرِ زبانہِ ہُنٛد معاملہٕ وکھرٕ۔ یہِ زبان رۄز دربارو نیٚبرٕ ے تہٕ عام خام رۄدی اَتھ پنہٕ نٕبن گرن آنگنن تہٕ کھہن کھلن منٛز للہٕ کھۄل کران۔ اَتھ منٛز چھےٚ سیوٚ دساہٕ گأمی زنٕبن ہنٛدبن نغمن ہنٛز گریٚز۔ تہٕ عام لۄکن گریستن تہٕ کامگارن ہنٛز تمہٕ آوازٕ یمہٕ کامہِ کارس دوران تہنٛدِ ہٹہِ نغمہٕ بٔنتھ نیران چھےٚ۔ کأشرِ زبانہِ پاتھیوو تحریری صورت پراوٕنٕک موقعہٕ تہٕ واریاہہ کألی۔ لہٰذا چھُ اَمیُک لُکہٕ ادب آوازن ہنٛز خوشگوار گریٚز۔ لُکہٕ ادب چھُ کاغذس پیٹھ لیکھنہٕ یِنہٕ بجایہِ زبأنۍ پیٹھ رۄزِتھ ورتاونہٕ ستی نوان، پھولان تہٕ پھبان۔ کأشر لُکہٕ ادب چھُنہٕ سانہِ دولت مند تحریری ادبہٕ کھوتہٕ معیار یا مقدارٕ ئکی لوتہِ پایہِ۔ کأشر زبان چھےٚ اَمہِ ستی مالا مال۔ کینٛژ ویورپی زبان شناسو پریٚزنوو سون لُکہٕ ادب اَسہِ بروٚنٛہہ۔ کینٛژن ہُنٛد وَنن چھُ زِ کأشُر لُکہٕ ادب ہیٚکہٕ وون دنیاہچن رِژن زبانن ہنٛدِس لُکہٕ ادبس مقابلہٕ تھأوِتھ۔ پادری ہنٹن نوولز، ڈاکٹر ارنیسٹ نیو، آرل سٹاین، جارج گریرسن تہٕ والٹر لارنس بیترِ فرنگو سۄمبرأوی یم آب حیات ہوی قطرٕ پوشوتہٕ برگو پیٹھ تہٕ سجأوِکھ کتابن ہنٛدبن مرتبانن منٛز، اَمہِ پتہٕ گٔر پروفیسر محی الدین حاجنی، سُدرشن کاشکاری، موتی لال ساقی، سومناتھ در، ناجی منور، غلام نبی نأظر، بشیر اختر، فاروق فیاض بیترِ کشمیر شناسو لُکہٕ ادبہٕ کس خزانس

قلعہٕ بند کرنٕچ مشقت ۔ مگر یہِ چھُ یوت وُسعت تہٕ وہراوتھاوان ۔

ابھی اس بحر میں باقی ہیں لاکھوں لولوئے لالا

کٲشِرِ ہنٛز لکہٕ روایت چھےٚ پیٚٹھ ہمہ گیر زِ زبان تہٕ تواریخ علاوٕ چھِ اتھ منٛز جغرافیہٕکی عجیب وغریب اسرار تہِ سأمتھ سأئپتھ ۔ یتھ بالن ہٕنٛدِس سلسلس ژھایہِ کٔشیرِ ہٕنٛز سیأسی آزادی، ثقافتی عصمت تہٕ عظمت تہٕ تہذیبی خود کفالت ہتہٕ بدبوٗ ءِ ریو پیٹھہٕ پھاپھلاوتہٕ محفوٗظ تھأو، تتھ چھُ سنسکرت دانو پننہِ پرانہِ خصلژ کنٛز "پنچال" ناو کوٗرمُت (۳)، یوٗت زِ اَمکی مشتقات مثلاً "پنچالی" وغیرٕ تام چھِ مہابھارت کس قدیم بیانیہِ ہس منٛز موجوٗد ۔ تم چھِنہٕ یہِ کتھ نکاران زِ "پنچالی" اَس شمال مغربی بالہٕ مالنہٕ آہٕژ ۔ ہرگہہ تُہی کأشرِ زبانہِ ہٕنٛدِ روایتک ہیڈفون (Head Phone) لاگتھ یہ ترکیب یوٗزِو معلوم سپدِ زِ امیُک اصلی آگُر چھےٚ کأشر زبانِ ۔ "پاں" معنہِ چھس "پانی، آب" "ژال" معنہِ چھس "جھرنا، پاں چھُل، آبہٕ چھُل" ۔ یم معنہِ چھِ یِیمہِ کأشرِ محاورٕ ستی تہِ ٹاکارٕ سپدان "ژالہِ ژالہِ اوٗش ترٛاوُن" ۔ دراصل چھےٚ "پانژال" سو جاے ییتہِ سولہٕ سولہٕ پاں چھُل وسان آسن، ییتہِ تھزر پیٹھہٕ آبہٕ جوٗیہِ وسان آسن ۔ یہے کأم چھےٚ پانژالچ (یتھ سنسکرت والو پنچال وٚون) ۔ وندس منٛز چھُ اَتھ پہاڑی سلسلس پیٹھ شین جمع گژھان، یُس رہتہٕ کالہِ وبگلتھ چھوٗلن ہنٛزِ شکلہِ منٛز یون وسان چھُ تہٕ کٔشیرِ ہٕنٛد بن کھہن

تہٕ مأدانن سیراب تہٕ شاداب کران چھُ۔ حق بہ حقدار رسید۔

آتش صأبن کُر سأری ہے وأنسہِ کأشُر لُکہٕ ادب سومبراونچ اَتھ تمیٚیہ تہٕ تگ دِنچ، اتھ سنہٕ نچ تہٕ اَمچ افأدیت تہٕ اہمیت زانہٕ نچ تہٕ امیُک شوق عام کرنچ فأید مند تہٕ دِلچسپ گام۔ تسنزِ تحقیقی کامہِ ہُنٛد شوق چھُ نہَ تھکہٕ ؤن أسی تھےٚ مگر تسُنٛد تحقیق چھُ معتبر تہٕ۔ اتھ سأری ہے چھُ تسُنٛد اکھ شعوٗری فأصلہٕ ڈٕھس۔ گام چھِ لُکہٕ ادٕچ اصلی نرسری۔ ؤہمہِ صدی ہنٛد بن اُخری ؤرِین منز ہیوٚت گأمیو گام ترأوِتھ شہرس منز لُسن بسُن تکیازِ تتہِ پاتھیہِ تمن روزگارٕکی بہتر موقعہٕ تہٕ رنگہٕ رنگہٕ سہوٗلیژ۔ ؤں چھِ سرینگر یوٚت پھٕہلیومُت تہٕ کاڈ کٔڈتھ گومُت زِ یہِ فأصلہٕ کرُن چھُ مُشکل زِ سرینگر چھا کٔشیرِ منز واقع کِنہٕ کٔشیرِ چھےٚ سرینگرس منز۔ اماپوٚز آتش صأبن ترٛووُنہٕ گام۔ شاید ماروزِ ہے شہرس منز بسُن تسنٛدِ باپتھ ظأہری فأیدو کِنہٕ زیادٕ جان مگر یتھہِ پأٹھی روٗزِ ہا سُہ لُکہٕ ادبہٕ کہِ اصل مالنہِ نِش دوٗر۔ سُہ گژھہِ ہے لُکہٕ ادب کیو آگرو نِش ژھینہٕ۔ لُکہٕ ادب چھُ مہاسیر گاڑھیو، یہِ گاڈ ہے دریاو کہِ ہنٛدرِ آبہٕ منزٕ کٔڈِتھ بیٚیہٕ کُنہِ دوٗر جایہِ آبس منز ترٛأوی زبن، مرِ زن نہٕ اماپوٚز تسنٛدِس رنگس، رسس تہٕ رفتارس منز یییہِ فرق۔ گامن منز تہٕ چھِ رسہٕ رسہٕ شہری زندگی ہنٛدی طور طریقہٕ عام سپدی متی۔ لُکہٕ ادبکی خاص صداتہٕ اداچھِ واریہس حدس تام آتش صأبنس تحت شعورس منز تہٕ یادٕ دوترس منز۔

گام چھِ اَمہِ خاطرِ خاص پلیٹ فارم آیُت تھاوان۔ یتھ کتابہِ منز چھ
تُسُند یہِ ٹوٹھ موضوع گرایہِ ماران ۔ سُہ چھ لُکہٕ ادبس منز موجوٗد
کردارن، جاین جاگہن تہٕ توٲریخی واقعاتن ہنز قابلِ باور نشاندہی
کران۔ گُنوٗہمہِ صدی منز اَسی کاشرِ بن پھوان سزوولن، شقدارن تہٕ
کاردارن ہندی عذاب ژاٮِلنی، یورُکن یتھ کتابہِ منز وارِیاہ اشارٕ کرنہٕ
آمتی چھِ مگر بعض اوقات چھِ معاملات زیادے ہٲبتناک۔ مثلاً کاشُر
محاورٕ چھُ ''دندن کھلُو کرُن'' ییلہِ ظالم سرکاری اہلکار مالیہ تہٕ ٹیکس بیترٕ
وُگراونہٕ یوان اَسی۔ یُس بعض اوقات گرِہسی سنٛزِ کلھم آمدنی ہُنٛد نمتھ
فیصدی تہِ آسان اوس۔ یہِ وُچھنہٕ خاطرٕ زِ گرِہسی ما چُھ پانس زیادٕ پھن
کھیوٗمُت ، اَسی تم ظالم گرِہستس دندن خلال کرناوان، وُچھان اَسی زِ
دندٕ بربن منز ما چِھس کینٛہہ دانہٕ رٕوٗدی مٕتی ۔ یوٗ ہے گوٚو ''دندن کھلُو
کرُن'' ۔ سانہِ زبانہِ ہنٛد یو محاورو چھِ تم وٲری دات محفوٗظ کری مٕتی ، یم
رسمی توٲرٟخن مشرٲوٕمتی چھِ۔

لُکہٕ ادب چُھنہٕ انسان سنٛدی غم تہٕ دوکھے یٲتی باوان بلکہِ چُھ یہ
لوکہ چن بچن فرحژن تہٕ فراغژن تہِ اَنہٕ ہاوان۔ انسانن ہنٛز جبلژ، ربیہ،
ارمان تہٕ جذبہٕ فرحژ تہٕ فراغژ چھےٚ ہشے آسان۔ یتھ کتابہِ منز موجوٗد
''کشمیری لوک ادب میں بچوں کے گیت''، مضمونس منز سُہ بٲتھ یتھ
منز تازٕ تازے ہٕرشاوٕمژ کوٗرِ ہنٛزِس خاندارس ستاونہٕ تہٕ ٹڑپاونہٕ باپتھ

مالیُن گرٕھہٕ نٕک اعلان چھےٚ کران۔ سو چھےٚ نحرٕ کران تہٕ خاندارس الزام دِوان تٔس لایہِ نٕک تہٕ زبردستی کرنٕک۔ بأتھ چھُ یتھہٕ پأٹھی:

| | |
|---|---|
| لاے لاے گندرو | بہ مالیُن ژلہٕ یو |
| بوے پٔنُن سوزے | توتہِ ناو بوزے |
| مول پٔنُن سوزے | توتہِ ناو بوزے |
| مام پٔنُن سوزے | توتہِ ناو بوزے |
| چیٚچہِ بابہٕ سوزے | توتہِ ناو بوزے |
| موقدم سوزے | کونہٕ یمس سٔجدٕ دِمس |

اَتھ سانگس تہٕ بأتس چھِ زنتہٕ مشہور فلم ساز راج کپور نہِ ''بابی'' فلمہِ ہنزٕ ہیروینہِ ہنٛدس بأتس عتی لؠٚنٹ رلان۔

جھوٹ بولے کوا کاٹے کالے کوے سے ڈریو

میں مایکے چلی جاوٗں گی تم دیکھتے رہیو

آتش صأبن چھےٚ یتھ کتابہِ منٛز پرمانن تہٕ میٛنزٕ نظامس متعلق تہِ کتھ کرٕمٕژ۔ از برونٛہہ شیٛٹھ ستتھ وٕری اوس کٔشیرِ منٛز (Barter system) رأئج۔ جنٛس بدلہٕ اوس جنٛسٕک لین دین سپدان۔ اَمِچ خاص مثال چھُ نُنہٕ پوٗش۔ گُلِ بُنفشہٕ ہس چھِ کأشرٕ ''نُنہٕ پوٗش'' ونان۔ یہِ اِو سببہٕ زِ کٔشیرِ منٛز چھُنہٕ نوٗن آسان۔ نیٚبرٕ پیٚٹھٕ یُس اکھاہ یورٕ نوٗن تاران تہٕ کِنان اوس۔ سُہ اوس گلِ بنفشہِ کہِ تُلہٕ کِنان، اوے

ونکھ اتھ گُلِ بُنفش ہُنہٕ پوش۔ کأشرِ بوٗ گرٕ نہٕ پاژٕ الہٕ اپأرِم پرمانہٕ قبوٗل، تِمو بناأوِ پٔنٕز پرمانہٕ تہٕ مینٕژ، یِم سانہٕ سمأجی خود اختیأری ہُنٛد اظہار تہٕ چھِہ۔ منٹُ (سعادت حسن منٹوٗ سُنٛد عرُف چھ اَمہِ کُے مُشتق)، پانژو، اڈُمنٕز بیترِ۔ اما پوٗز تہذیبی یلغارن ترأوِ سانہِ تژ کرِ ءستی تِمکی باءتے نشانہٕ تہٕ گأل کھاتس۔

کأشرِس سنس متعلق آتش صأبُن مضمون تہٕ چھُ سائنس تہذیبی کفالتس کُن اشارٕ۔ معنی خیز چھےٚ یہٕ کتھ زِ اَمہِ سنٛگ ابتدا سپُد گوڈنکس مسلمان فرمانروا سُلطان صدر الدین سٕنٛزِ (۱۳۲۰ء) تاجپوشی ہٕنٛدِ وقتہٕ پٔتھٕ۔ اَمہِ بروٗنٛہہ اوس کشیرِ منٛز لوٗکِک (Folksy) سنہٕ رأئج۔ وٕریہِ کِنہ رتبن ہٕنٛدی ناوأسی نوِسنہٕ باپتھ اَمہِ سنہٕ کیوٗ رہتہٕ ناوَ ءستی زانہٕ یوان۔ سانہِ تہذیبچ رنٛگا رنٛگی وُچھتو۔ کشیرِ ہٕنٛدِس نوٗس وٕرِیس یاں زِ تقویمس متعلق روایت چھےٚ چینس ءستی رلان۔ تہٕنٛدی کنی چھُ پرِ تھ نوٗس وٕرِیس کأنسہِ نتہٕ کأنسہِ حیوانس ءستی تعلق مانہٕ یوان مثلاً ڈریگن سنٛد وٕری، گاڈِ ہُنٛد وٕری، لگرِ سُنٛد وٕری تہٕ گُرِ سُنٛد وٕری۔ یُس وٕری گاڈِ ءستی منسوٗب آسہِ، چینین ہٕنٛدی کنی چھُ تتھ وٕریس زیادٕ رُوٗد پیوان۔ تِتھے پأٹھی اُسی میانہِ لوکہٕ چارٕ سانین گامن منٛز نوٚو وٕری شروع گژھنہٕ کِس موقعس پٔتھ گرٕ ہسی وٕری تہنٛز سوارِ (واہن: Vehicle) ہُنٛد ذِکر کران روزان۔

یتھ کتابہِ منٛز چھُ بیاکھ تازٕ مضموٗن رقصِ کشمیرس متعلق۔ آتش صأبن چھِ اتھ متعلق کینٛہہ اہم اشارٕ کرٕ متہٕ۔ مگر اَتھ منٛز ہیٚکہِ ہے کینٛژن بیٚین کتھن ہُنٛد تہِ ذِکر سپدِتھ۔ مثلاً کٲشِرِ ہِنٛدی اصلی باشنٛدٕ اٲسی ناگ یعنی پیتکِی آدی واسی۔ تِمن نِش اٲس گیوٗنچ تہٕ نژنٕچ دٕرروایت۔ کٲشِر زبانہِ منٛز چھُ رقص کرن واجینہِ ہُنٛد اکھ ناو ازتہِ ''ناگہٕ کوٗر'' (دیناناتھ نادم سٕنٛدس 'وتستا'' اوپیراہس منٛز چھُ اَمیُک ذِکر)۔ دوٚیم یہِ کتھ زِ یہِ پزر چھُ تسلیم آمُت کرنہٕ زِ بھارتُک کلاسکی رقص بھارت ناٹیم نویوو تہٕ پھبیوو پھاپھلیوو کٲشِرِ ہِنٛدِس عظیم بادشاہ للتادتیہ سٕنٛدِس دربارس منٛز۔ دیوداسی ہٕنٛز روایت تہِ سپٕز قدیم کٲشِرِ پٹھے شروٗع۔ یِمن کتھن ہُنٛد اعتراف چھُ ملک راج آنند ہوی تمدن شناسن ''مارگ'' ہِوِس رسالس منٛز کوٚرمُت۔ یہِ پزر نظرانداز کرُن گوٚو کٲشِرِ ہِنٛدِ اکہِ اہم اکتسابہٕ نِش دستبردار سپدُن۔

اٲخرس پٹھ یہِ کتھ زِ آتش صأبن چھُ ودن واجینہِ ماتم گرِ ''وانہٕ گٔر'' ناو دِیتمُت۔ ''وان'' چھِ کٲشرِ زبانہِ منٛز کارگھس ونان مثلاً وازٕ وان۔ لہٰذا ہیٚکہِ ''وانہٕ گٔر'' اکھ خاص اصطلاح اٲستھ۔ ''رٕہنٹ لاگٕنۍ'' چھُ ودُن رِوُن تہٕ سانگ لاگُن معنہِ تھاوان۔ ''ریٚنٛٹہٕ گٔر'' ترکیبہ (۴) ہُنٛد متبادل چھُ اُردو زبانہِ منٛز ''نوحہ گر''۔ یُس مرزا غالب سٕنٛدِس یتھ شعرس منٛز تہِ موجوٗد چھُ۔

حیران ہوں دِل کو روؤں کہ پیٹوں جگر کو میں
مقدور ہوتو ساتھ رکھوں نوحہ گر کو میں

یِیمہِ کتابہٕ ستیٚ گژھہِ اُردو پرن والیٚن منز کاشرِ توأریخ تہٕ تمدُن چہٕ
زانکأری منز ہُر بر تہٕ تم گژھن محظوٗظ تہٕ۔ یِژھو کامو خأطرِ چھُ آتش
صأب مُبارکٕک حقدار۔

ژےٚ یارٕ شوٗبِی مُبارک

(اُردو پیٹھٕ ترجمہٕ: ڈاکٹر گلزار احمد راتھر)



---

۱۔ یہٕ مضمون چھُ محمد یوسف ٹینگ صأبن آتش صأبنہِ ''کشمیری لوک ادب: تعارُفی، تحقیقی، تجزیأتی مضامین'' کتابہِ باپتھ پیش گُفتارٕ زٕنگی لیوٗکھمُت، یُس تتھ منز شایع تہٕ سپدمُت چھُ۔ (مُرتب)

۲۔ فیض احمد فیضن اوس ذوالفقار علی بھٹوٕ سٕندِس زمانس منز، پاکستانس منز لُکہٕ ورأثتُک اکھ ادارٕ قأیم کورمُت۔ پاکستان چِن علاقائی زبانن ہُند لُکہٕ ادب چھاپنہٕ علاوٕ اُسن تِہنزِ لُکہٕ موسیقی ہٕندی صدا بندر کارڈ تہٕ جأری کرنأوی مٕتۍ۔ یتھ منز کینژہہ اُردو قوأ لی تہِ آسہٕ۔ (محمد یوسف ٹینگ)۔

۳۔ اَمہِ عادٕتکی چھِ بیٚیہِ تہِ کینژہہ نموٗنہٕ مثلاً بڈگوم تہٕ سرینگرٕ کنٛز وسن واجینٛہِ کولہِ۔ یتھ ''چھُوٕ کول'' ناو چُھ، آو ''دودھ گنگا'' ونٛنہٕ، حالانکہِ اَمہِ رکس آگرس چُھ ''چھوٗگنٛز'' ناو تہٕ امیٚک بیسن (Basin) چُھ ''چھوٕبل'' تہٕ ''چھتہٕبل''۔ (محمد یوسف ٹینگ)

۴۔ یِزی چُھ ''وان'' اکھ وسیع المعنی لفظ۔ کأشرِ زبانہِ منز چھ اَمہِ کہِ تعلقہٕ وارِیاہ لفظ تہٕ محاورٕ ورتاوس منز۔ مثلاً وان وہراوُن، ودن وان لاگُن، دوٚبِ وان، کھارٕ وان۔ اماپوٚز ''وان'' چھِ تِمن ماتمی شعرن تہِ دنان یِم بٹہٕ گرن منز کأنٛسہِ وأنسٕٹھ انسانہٕ سٕندِس مرنس پیٹھ وکھناونہٕ یوان اُسۍ۔ اَمہِ

خاطرٕ اُس کانٛہہ تجربہٕ کارزٕنی مقرر آسان، یوسہٕ برابر داہن دہٕہن تام ماتمی بُرٕ ونان وکھناوان اُس۔ تس اوس باضابطہٕ معاوضہٕ یوان دِنہٕ، تہٕ اُمہٕ سے اُسہٕ "وانہٕ گُر" یا "وانہٕ رینٛز" ونان۔ وان وکھناونی اُس اکھ دھار مِک عمل یوان مانِنہٕ۔ حالانکہِ وان بُرہن ہِندی اشارٕ تہٕ نشانہٕ چھہِ سانہِ کلاسکی مرثی صنفہِ منز تہِ میلان مگر اوسوٕ حال مسلمان گرن منز یوسہٕ تجرُبہٕ کارزٕنی ماتمی اشعار وکھناونہٕ باپتھ مقرر اُس آسان، تِمس اُسہٕ "ریٛنٛزہٕ گُر" ونان تہٕ "ریٛنٹ لاگُن" محاورٕ چھُ وُنہٕ تہِ ورتاونہٕ یوان۔ حضرت شیخ العالم ہِندِس کلامس منز تہِ چھُ یہِ لفظ (ریٛنچہٕ چھُ دوکھے سوکھ) آمُت۔ اماپوز ریٛنچہٕ گرِ ہِندی ماتمی اشعار تہٕ تِم وکھناوٕنی اوس نہٕ کانٛہہ مذہبی رسم تہٕ اسلامس منز چھنہٕ اتھ کانٛہہ جاے، لہٰذا گوٚو رسم تہِ ختم تہٕ اَمِکی ماتمی شعر تہِ گے نابود مگر "وان" منظومن ہِندی کینٛہہ نموٗنہٕ چھہِ وُنہٕ تہِ موجوٗد۔ (غلام نبی آتشؔ )



جوان اوٚسُس کھمان اوٚسُس زبردس
دوٚہے اوٚسُس یہٕ ہنگامن ٹُلان دس
پکھن ژام ڈوکھ نکھن ہِندی زور راُوِم
وٗل پنجرس منز گوٚمُت چھم کاو پاُزس
(غلام نبی آتشؔ )

باب:3

# اسلوٗ بیاتی مُطالعہٕ

1۔غلام نبی آتش نہِ نثرُک اسلوٗب

2۔آتش صابنہِ شاعری ہُنٛد اسلوٗبیائی مُطالعہٕ

پروفیسر شفیع شوق

# غلام نبی آتش نِہ نثرُک اسلوٗب

## سرمایہِ تہٕ سام نظرِ تل تھٲوِتھ

غلام نبی آتش چُھ کأشرِس لُکہٕ ادبس ، لُکہٕ لورس تہٕ پرأنِس کأشرِس ادبس متعلق علمُک معتبر ماہر یَمیٚ سُنٛد تحقیق کأشرِ بن طالب علمن ، سکالرن تہٕ محققن ہِنٛدِ باپتھ وتہٕ ہاوُک چُھ ۔ تمِ سُنٛد تحقیقی طریقہٕ چُھ توضیحی تہٕ تجزیأتی (Descrptive and analytic research) یتھ منٛز برٛونٛٹھے موجود سرمایس سام چھےٚ ہینہٕ یوان ۔ یہِ چُھنہٕ اطلاقی تحقیق یتھ منٛز کانٛہہ مسلہٕ (مثلاً لفظن یا تصورن ہُنٛد آگُر تہٕ تِمن ہِنٛدی باقی زبانن منٛز تقابلی رشتہٕ تلاش کرٕنی) تِلِتھ تتھ متعلق سوال تُلِنٛی تہٕ پٔتِن کانٛہہ حل تجویز کرُن مقصد چُھ ۔ آتش چھ کأشُر لُکہٕ ادب ، نامعلوم شأعرن ہُنٛد کلام ، تہٕ لیٚکھنہٕ آمژن کتابن موٗلُل سرمایہٕ زأنِتھ اتھ سام ہیوان ۔ یہِ چھےٚ اہم کأم ۔ لُکہٕ ادب ، لُکہٕ پڑھ ، تہٕ لورکی سأری اظہار چھِ حقیقی معنیس منٛز ''سرمایہٕ'' یتھ وقتہٕ وقتہٕ محقق سام ہیوان چھِ ۔ سرمایہِ مطلب گوٚ وتہٕ

یہِ پننہِ ضرورتہٕ ورتاوَنہٕ یییہِ تہٕ ورتاوِ ے چھُ اَتھ سرمایہِ بناوان۔ اَسہِ نِشہِ یَۘیہ کینژٕ ہاہ اتھ حلقس منٛز موجوٗد چھ، تہِ سورُے چھُ پرانہِ زمانہٕ کین لُکن ہٕنٛد بن تصورن، وہمن، گُمانن تہٕ وطیرن ہُنٛد اظہار یتھ از برونٛہہ شیٹھ ستتھ ؤری بروٗنٛہہ تام تہٕ تسلسلِ اوس۔ أزی کِس تہذیبی تہٕ تمدنی دورس منٛز چھُ یہِ سورُے پنٕن مأدی وجود ہیتھ لسأنی گرتن ہُنٛد محض اَکھ ذخیرٕ یتھ کانٛہہ یتھ پأٹھی خوش کرِتھ پأٹھی پنٕن ''سرمایہ'' بنأوِتھ نوبن نوبن تشریحی جملن منٛز ورتأوِتھ بیٚین کُیت اکھ خود کفیل علم تہٕ تحیث باپتھ مواد بنأوِتھ ہیکہِ۔ مثلاً محمد یوسف ٹینگ ہیکہِ ''رٕوٗ'' لفظس ''رٕوب'' بنأوِتھ (سرمایہِ تہٕ سام۔ ص: ۱۷)۔ تہٕ غلام نبی آتش ہیکہِ حضرت شیخ العالمؒ نہِ باپتھ ''بالہٕ ہزأری'' لقب تجویز کٔرِتھ، (یہ ونہٕ نہ زِ ''بالہٕ ہزأری'' ترکیبُک معنی کیا چھُ۔ پرن وألی وُچھتن پانٕے گریرسن سُنٛد لُغات، ص ۳۶۸۔ یا پرأنس کأشرس منٛز امیُک ورتاو (۱)۔ لُکہٕ ادب چھُ محض سرمایہِ، نہ زِ أزی چہِ لُکہٕ زندگی ہُنٛد اَژھین حصہٕ۔ أزیُک سون صارفی تہذیب یتھ منٛز سورُے گیوٗن، رٕوٗ کرُن، اَسُن، گِندُن، وولُسن، تہٕ وولاس منع چھُ، صرف چھِ ژوٗنٛٹھی پیٹھن حساب کرن وألی، اتھٕ کامین ہُنٛد تجارت کرن وألی، سیاستُک کاروبار کرن وألی، تہٕ ''ادبی'' بأزی گری کٔرِتھ اوذقہٕ کماون وألی پتھ کُن۔ لُکہٕ ادب (محض کینژن شخصن ہٕنٛزِس یادٕ أتھ منٛز) تہٕ چھُ مال نہٕ سرفہٕ --- اَدِ مقالہ،

پی ایچ ڈی تھیسز، ٹی وی سیریل بناوِس یا بیّیہِ کُنہِ رنگہٕ ۔ یہِ چُھ سرٛود سرمایہ۔ تہٕ گرِتھ تہِ چھِ یہِ ورتاوٕنکی مقرر اصول۔

لُکہٕ ادبس پٮ۪ٹھ بحث کرُن چھ ژ کہِ محقق سُند اسلوٗب۔ آتش چُھ کاشرِس تمدنس متعلق جذباتی تہٕ تسُند اسلوٗب تہِ چُھ نہایت جذباتی یُس تس لُکہٕ ادبہٕ کٮ۪ن عنصرن تہٕ جُزن پٮ۪ٹھ سیٖدِ سیٚدٕ دکتھ کرنہٕ بجایہِ بعض اوقات ورگہٕ باوٕ ژ پٮ۪ٹھ واتناوان چُھ۔ تمی سٕندِ ذاتی لُکہٕ ادبکی ول چھِ تَس غیر مجرد چیزن مجرد بناوان یتھہٕ پأٹھی زن پرانٮ۪ن کہاوتن تہٕ فیبلن منز چیزن زیوٚ یوان چھےٚ۔ سُہ چھ یسلہٕ پأٹھی کنسیپٹ (Conceipt) ورتاوان تہٕ نٔوی نٔوی استعارٕ پننہٕ پیچیدٕ منطقہٕ باپتھ ورتاوان۔ وُچھو کتابہٕ ہٕندِ گوڈنکہِ مضموٗنُک گوڈنیُک جُملہٕ:

---درمن راٹھ تہِ ءکرٛاہ ورل، وُٹھنیٖل واہراول مگر سدا بہار
چھےٚ زِ اکہِ لدِ چھےٚ ژمان تہٕ ژٕمتھ ہوکھان تہٕ بیٚیہٕ لدٕ چھےٚ
نوٚوزاپٮ۪ن پراوان۔ (سرمایہِ تہٕ سام۔ص:۲۱)

اَتھ جُملس اگر نہ گوڈٕ ے موضوعی ناوِتی ترکیب ''کاشرِ تمدن'' دِتھ آسہٕ، باقی جُملہٕ بنہِ ہے تِتھے پأٹھی پرٮ۪ژھ یتھ پأٹھی ''اڈٕ گز ماٗنزٕ ڈوڈٕ گز پوٗژ'' یا ''دستھ پور مکان، نَوچھس دارِ'' پرٮ۪ژھ چھےٚ۔ جُملس منز مختلف چیز لرِ لوٚرتھوٗنی تہٕ شبیہن ہند تواتُر چُھ pathetic fallcy ہُند پروَن لسانی وَل یُس نہ صرف ادبس منز بلکہِ منترن، جود وگری منز،

بلکہِ اساطیرن منز ورتاونہٕ یوان چھ:

"---اٲمی چیزہِ ویدانت کیٛو آگرو ترٛیلش، اٲکی پروو بودھ مت کیٛو ناگو سگ، امی کلچرچہِ لنجہِ پھوٚٹ شومت ہیوٚ گب، تیٚمی ییتہِ جہار پروو، کلہم پاٹھی لج فلسفن تگ، ریٛشن ریوایژن کھتی تہن پٹھ تہہ، یِتی آرکیٹایپ گےٚ سینہٕ بہ سینہٕ اکہِ پُیہ پٹھ بیٚیس پُیہ تانی واتان"۔

آتش چھ پھری پھری لاگنیہ ہنٛز کامہ یتی وابستہٕ شبیہہ تہٕ استعار ورتاوان: آگر، ترٛیلش، سگ، گب پھٹن، جہار پراوُن، تگ لگنی، تہہ بہ تہہ، پُیہ پٹھ پُیہ......امہِ آیہِ علمی مسلن پٹھ لیکھُن چھ سانہٕن اکثر محققن ہُنٛد اسلوٗب۔ رحمان راہی تہٕ محمد یوسف ٹینگ ہِوی سرکردٕ قلمکار چھِ اٲتھی اُسلوبس کاٚم ہیوان یعنی مختلف چیزن یا فرضی تصورن یتی صفتی ترکیب جورٕنی۔ یہِ چھُ تیٚلہِ سپدان ییٚلہِ لیکھن وألس محض پننہِ جذباتی ترٛاے ہاوٕنی آسہِ۔ زٕ مثالہٕ:

میانہِن خوابن ہنٛز کشیرِ آسہِ سو (؟) یتھ منز مےٚ اکہِ طرفہٕ آچاریہ ابھنو گپت بہتھ آسہِ تہٕ بیٚیہِ انٛدٕ (؟) محمد یوسف ٹینگ۔ (پروفیسر رحمان راہی)

مذکورٕ دون شخصن ہنٛز جایہِ بیٚہناٚوی تو کھ بدل زٕ شخص تہٕ منز باگ رحمان راہی۔ معنی ماڈلہِ؟

"شش رنگ" چھےٚ کاٲشر زبانی (خبرِ "زباٚنی" کتہِ آو!) منز

موجود اکھ اہم نظم یوسہٕ پننہٕ بے سوکھ لیہٕ، تنبلیمتہٕ لہجہٕ، دُبرایل مُرٕژگری یہٕ (تہٕ) پننہٕ گُدرن گریکہٕ تہٕ فریادٕ ستیٚ پتیٚ مِس ہتس سوادس ہتس ؤرِلیس دوران لچھہٕ بدہن کأشرہن کن مٔدراوان، ظون وُچھلاوان تہٕ من ریٚہناوان اَسہٕ تام وأتہٕمژ چھےٚ۔

(شش رنگ اکھ مولہٕ آنکون۔ انہار ۲۰۱۰ء۔ ص ۴۳)

خیالن تہٕ تصورن ہٕنزِ ترسیلہٕ باپتھ ساد یا دقیق زبان ورتاونہٕ بجایہٕ چُھ نثر نگار دور از کار لفظی مناسبت تہٕ صنایع بدایع ورتاوان تہٕ ونان نہ کہنی ---- یتھس نثرس خلاف پیٚو ترقی یافت زبانن واریاہ جٲکھُن اَدٕ آو علمی مضموٗنن ہٕنزِ باپتھ کارگر نثر وجودس۔

مگر آتش نہ اسلوٗبک بیٚا کھ رنگ چُھ سیٚدِ سیوٚد باوتھ (یُس مضمونن ہٕنزِ آغازٕ پتہٕ) نوٚن چھ نیران ییٚلہٕ سُہ پزی کینٛہہ ونان چُھ۔ یتھس نثرس منز چُھ آتش غیر ضروری النکار تہٕ توصیفی ترکیب ترأوتھ معروضی واقفیت بہم کران تہٕ یہٕ چھےٚ اہم کأم۔ مثال:

مومن صأبنہٕ اَمہٕ مثنوی ہُنٛد آگُر چُھ حضرت فرید الدین عطارٕ سٕنز مشہوٗر مثنوی "منطق الطیر" اتھ منز چُھ سلوکہٕ کہن سِر ساٗوی تہٕ پُر اسرار پڑاون ہُنٛد استعارأتی اظہار موجود۔

(سرمایہٕ تہٕ سام۔ ص ۱۲۹)

مگر اَمہٕ پتہٕ چُھ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ یہٕ جُملہٕ:

''مومن صائبن چھےٚ حضرت عطارؒ سٕنز دوٕد کول منٛدِ تھ تھنہٕ لوزٕ گرئ مِتۍ۔ (سرمایہٕ تہٕ سام۔ص ۱۲۹)

یہِ جملہٕ چھُ نحوی اعتبارٕ غلط۔ امدأدی فعل ''چھےٚ'' ٹِک تانیث تہٕ تعداد چُھنہٕ ''لوزٕ گرئ مِتۍ'' ترکیبس سٕتۍ مطابقت تھوان۔ یہ برایہِ جُملہٕ اگر تھوٗنے چُھ یہِ گوٚژھ نہٕ بابعیتی جملہٕ آسُن بلکہِ مرکب جملہ: ''مومن صائبن چھےٚ حضرت عطارؒ سٕنز دوٕد کول مٔنز ژٕ تہٕ اتہِ تُجِمٕژ تھنہٕ چِھن لوزٕ گرئ مِتۍ۔'' اگر اَمہِ آیہِ (ترقی یافت زبانن یعنی فارسی، اُردو، انگریزی) ہٕندِ معیارٕ تجزیہ کرو، سانین سارنٕے نثر نگارن ہٕندی اکثر جملہٕ سپدن غلط ثأبت۔ (سوٗ کُس چھےٚ فرصت تہٕ سُہ کُس کرِ جُرت؟)

---

۱۔ مےٚ گوٚو نہٕ یہِ لفظ گریرسن سٕنزِ ڈِکشنری مٔنز نظرِ، کاشُرِ ڈکشنری مٔنز تہِ نہٕ، یوسہٕ گریرسن سٕنز ڈکشنری بروٚنہہ کنہِ تھٲوِتھ ترتیب دِنہٕ آمٕژ چھےٚ۔ ''بال'' تہٕ ''بالہٕ'' لفظن ہٕندِ مناسبتہٕ یِم لفظ گریرسن سٕنزٕ ڈکشنری مٔنز چھِ، تِم ساری چھِ کلچرل اکاڈمی ہٕنزِ کاشُرِ ڈکشنری ہٕندِس گوڈنِکس جلدس مٔنز تہِ درج کرنہٕ آمٕتۍ۔

پٔرۍ تو پروفیسر ہری کرشن کول سٕندِ ''تاپھ'' افسانہٕ مٔنزٕ یہِ اقتباس:

''پوٚز ہے بوزوتہٕ پوشہٕ گُجہِ اوس اَمہِ گٕے پھیران۔ اگر سُہ وُنہِ انھوٚ رُے آسہِ ہے۔ خبر کُس بالہٕ ہزأرک آسہِ ہےٚ پٔنٕز کٔو رہتھ پوشہٕ گُجہِ وُنی کبس زارٕ پارٕ کران۔ خأر، کرمہٕ لیکھا''

ہری کرشن کوٗلُن یہِ ''تاپھ'' افسانہٕ چُھ تِمسٕنزِ ''پتہٕ لاران پربت'' افسانہٕ سوٚمبرنہِ مٔنزٕ ۱۹۷۲ءمٔنز شایع سپدمُت تہٕ امیک مطلب گوٚو از بروٚنہہ الہٕ پلہٕ ۴۵ ؤری تہِ چُھ ''بالہٕ ہزأرک'' لفظ ورتاوِنہٕ یوان اوسمُت۔

ؤں وُچھتو غلام احمد مہجورنہٕ ''کاشُر زۄنی بوز میأنی زأری یے'' نظمہٕ ہُند یہ بند ــــہ

وُچھِہ تھکھ ژٕنے کم کم بالہٕ ہزأری
اند ما دأژکھ صۄبہٕ دأری
ہسہٕ تمن کھُستھ اُسی گے ننہٕ وأری
کاشُر زۄنی بوز میأنی زأری یے

(کُلیات مہجور: ص: ۲۹۵۔ کلچرل اکاڈمی: ۱۹۸۳ء)

اَتھ کلیاتس اندر چُھ اَمہِ نظمہٕ ہِندِس اندس پێٹھ اَمہِ کہِ تخلیق سپدنک تأریخ ۱۴/ رمضان ۱۳۶۱ھ دِتھ۔ تہٕ تتھہٕ پأٹھی چُھ اَتھ منز ''بالہٕ ہزأری'' لفظ از بروٚنہہ (مطلب: ماہ ذی الحجہ ۱۴۳۸ھ منز) الہٕ پلہٕ ۶۷ ؤری ورتاونہٕ آمُت۔

یتھ ونہٕ ؤن ہرِس منز تہِ چُھ یہ لفظ ورتاونہٕ آمُت:

کوکرنا گنک آب اننأوی تو    شیشہٕ گلاسن پھر نأوی تو
بالہٕ ہزارن پرٛژھین پلہٕ نأوی تو    لتہٕ لاگنأوی تو ٹیلےفون

(کأشرِ لکہٕ بأتھ: جلد: ٦۔ ص: ۲۳۵۔ کلچرل اکاڈمی۔ مرتب: ناظر کولگأمی)

رۄد سوال اَمہِ ترکیبہٕ ہِندِ معنہِ یک۔ محمد یوسف ٹینگن چُھ پننہٕ ''راش'' کتابہٕ ہِندِس صفہٕ نمبر ۶۵ ہس پێٹھ لیٚو کھمُت:

''بالہٕ ہزأری چُھ شاید مہجورنے یوت ورتومُت۔ راقم ہِندِس لوکچارس منز اُس یہ ترکیب رأئج۔ امیُک مطلب اوس اقبال مند، حشمتہٕ وول رئیس بیترِ یوان نِنہٕ۔ یہ چُھ سیدٕ سیوٚد مغل دورس منز سون آنگن ژامُت۔ اصل چُھ بالا حِصأری۔ مغل اُسی پننہٕ عین قلعن أندی أندی حصار بناوان تہٕ قلاے اندر اُسی حسب مرتبہٕ لشکری، امیر، وزیر، منصب دار بیترِ پننی ایوان تعمیر کران تہٕ تمہٕ نے اوس یہ ازن، تمہٕ نے اُسی بالا حصأری ونان۔ حصارِ یَس گژھ، یہ لسأنی قأعدہ ہِندِ زورِ گوٚمہِ ہے، کأشرِ پأٹھی ہزأری، بالہٕ ہزأری یعنی بڈ وزیر، رئیس لشکری، یہ اقبال مند مہجورن تہِ چُھ اَتھی معنہِ یَس اندی پکھِس منز

ورتو ومُت تہٕ یہِ اُس نہٕ تمُی ہِندِ ذٲتیٖ اختراع بلکہِ ادس تمُی یہِ پننہٕ نِس اَندی پکھِس منٛز بۄزمُت تہٕ اۄرٕ ژھر وومُت" (لفظہٕ راش تہٕ واُنجہِ گاش: ص:۵۴)

جموں اینڈ کشمیر سٹیٹ بورڈ آف سکول ایجوکیشن ادارن یوسہٕ کاشرِ نصأبی کتاب ٹہمہِ جمأژ ہِندِ باپتھ ۱۹۸۶ء منٛز شایع کر، تتھ چھ ناو "کاشُر نصاب"۔ اَمہِ کِس "عرضِ ناشر" بابس منٛز چھُ وننہٕ آمُت:

"یمن دوشوٕنی نصأبی کتابن (گٔہمہِ تہٕ ٹہمہِ جمأژہنٛزن کتابن) ہُند مواد چھ اکہِ کمیٹیہِ تیار کوٚرمُت، یمٕہکی کنوینیر پروفیسر رحمان راہی اُسی۔ تمن علاوٕ اُسی اتھ کمیٹیہِ منٛز جناب محمد یوسف ٹینگ، جناب اختر محی الدین، پروفیسر غلام نبی فراق، پروفیسر ہری کرشن کول، ڈاکٹر شفیع شوق تہٕ ڈاکٹر مشعل سلطانپوری" (ص:و)

ٹہمہِ جمأژہنٛزٕ اتھی نصأبی کتابہِ ہِندِس پانژأہمس صفس پیٹھ چھُ "بالہٕ ہزأری" ترکیبہِ ہُند معنہِ "سبُٹھاہ امیر" لیکھنہٕ آمُت، حاصل کلام چھ یہِ زِ:

(۱) کاشرِ زبانہِ ہِندیو عالموتہٕ فاضلوتہِ چھ بالہٕ ہزأری ترکیبہِ ہُند معنہِ امیر، وزیر تہٕ رئیس بیترٕ تسلیم کوٚرمُت، تِم چھِنہٕ اَمہِ باپتھ ڈکشنری معنہٕ ژھارنہٕ بیٹھمٕتی بلکہِ چھکھ اَمہِ کہِ ورتاوٕ کہِ تعلقہٕ اتھ معنہِ لیوکھمُت۔

(ب)۔ یہِ ترکیب چھےٚ ورتاوس منٛز بروٚنٛہہ تہِ اُسمٕژ تہٕ از تہٕ چھےٚ، اکھےٚ چھےٚ موجودٕ زمانہٕ کیو وار یہو لکھأریو تہٕ پننہٕ ٹٔین لیکھن منٛز ورتأومٕژ۔ (غلام نبی آتشؔ)



پروفیسر اعجاز محمد شیخ

# آتش صابنہِ شأعری ہُنٛد اسلوٗبیأتی مُطالعہٕ

اسلوبیات چھےٚ لِسانیاتُچ سوٗ لٔنٛڈ یێمہِ ستی ادبی زبأنۍ لِسأنی اصوٗلو تہٕ طریقو ستی سام ہینہٕ چھےٚ یِوان۔ زبان چھےٚ انسانس کاینا تس منٛز موجوٗد باقے زُوزٕ اُزو نِشہِ ممتاز کران۔ اَمی ستی چھُ انسان اَکھ اَکس ستی کتھ باتھ تہٕ خیالہٕ باوتھ کران۔ انسأنی سماج چھُ زبأنۍ ہِنٛدِس بنیادس پیٹھے ڈٔرِتھ۔ سماجس منٛز استعمال گژھن واجینٛز زبان ہیکہٕ ہون دون بڈٕبن زُمرن منٛز بأگرِتھ، ادبی زبان تہٕ غیرادبی زبان۔ اگرچہِ دوشوٕنۍ قسمن منٛز زبأنۍ ہِنٛدی کُنی وسأیِل استعمال سپدان چھِ مگر ادبی زبأنۍ منٛز چھےٚ واریاہ تژھہِ خصوٗصیتہٕ موٗجوٗد آسان یا غیرادبی زبأنۍ مقابلہٕ غأب آسان، یِمہٕ تتھ غیرادبی زبأنۍ نِشہِ ممتاز کران چھِ۔ یِژھہٕ خصوٗصیتہٕ چھےٚ زبأنۍ ہِنٛدبن مختلف سوٗتھربن مثلاً صوتیأتی، صوتیمیاتی، مارفیمیأتی، نحوی بیترِ پیٹھ لبنہٕ یِوان۔ شأعری منٛز چھےٚ یِژھہٕ خصوصیتہٕ سولہٕ سولہٕ دریٹھہٕ گژھان۔ یہٕ کتھ تہِ چھےٚ وَنٛنۍ لایق زِ پزتھ کأنٛہہ ادیب چُھ زبأنۍ ہِنٛدبن وسأیلن پننہٕ بیترِ مطابق استعمال کران۔ یێمہِ کِنۍ پرتھ کأنٛسہِ

ادیبس پٔنٕن اسلوٗب آسان چھُ ۔ آتش صأبس تہٕ چھُ پٔنٕن اسلوٗب، نثرس منٛز تہٕ تہٕ شأعری منٛز تہٕ ۔ آتش صأبنۍ گوڈنِچ شعرِ سۆمبرن چھےٚ ''زوٗل امارن ہُنٛد'' ۔ یوسہٕ ۱۹۷۸ء منٛز شایع سپدیمٕژ چھےٚ ۔ تتہٕ پتٕہٕ از تام (نومبر: ۲۰۱۶ء) چھنہٕ تہنٛز بیٚیہٕ کانٛہہ شعرِ سۆمبرن شایع سپٕز مٕژ ۔ تاہم چھُ تہُنٛد کلام اور یور رسالن منٛز شایع سپدان روٗدمُت ۔ آتش صأبنہٕ شأعری اسلوٗبیأتی سام ہینٛہٕ باپتھ روٗز مےٚ یہے ''زوٗل امارن ہُنٛد'' شعرِ سۆمبرن بروٛنٛہہ کنہٕ ۔ یہٕ چھُ تہنٛزِ ابتدأیی شأعری ہُنٛد مجموٗعہٕ ۔ اتھ منٛز چھِ ۴۴ غزل، ۱۴ نظم، ۵ ٹُکھ تہٕ اکھ قصید ۔ یتھ موخصر مضموٗنس منٛز چھےٚ آتش صأبنہٕ شأعری ہِندی کیٛنٛہہ اہم اسلوٗبیأتی خدو خال بدِ کڈنِچ کوٗشش کرنہٕ آمٕژ ۔

Alliteration چھےٚ اکھ اہم اسلوٗبیأتی خأصیت یوسہٕ آتش صأبنہٕ شأعری منٛز درینٛٹھی یوان چھےٚ ۔ یہٕ چھےٚ سو خأصیت یتھ منٛز زِ یا دوٚیہٕ کھوتہٕ زیادٕ حرُف لفظن ہِندِس ابتداہس، منٛزس یا اُخرس پیٹھ ہوی آسن ۔ اَمہٕ ستۍ چھےٚ موسیقیت پأدٕ سپدان ۔ مثلاً یمن دون شعرن منٛز وُچھو کتھہٕ کنۍ چھےٚ ۔ ''اَم'' ''ان'' تہٕ ''ے'' لفظٕ چھلہٕ پھِری پھِری ورتاونہٕ ستۍ موسیقیت ووتلاونہٕ آمٕژ ۔

کم کم انسان راوان گٔے
چھوکھ جگرِکی للہٕ ناوان گٔے

ءکتی صدم تلُو ءکتی سِتم
کم کم ارمان ساوان گئے
(ص:۱۳۰)

''اس''لفظہِ چھلہِ ہُنٛد مأری موٚنٛد ورتاوتہِ وُچھو ـ
سُہ دِل ہیتھ ژوٚلم دِلقرارس ونس کیا
وتن پیٹھ یہِ چھس انتظارس ونس کیا

آتش صأبنہِ شأعری منٛز چھِ یَسلہِ پأٹھی تکرارِ ول نظرِ گڑھان۔ یِم شأعری ہُنٛد حُسن یِژ پأٹھی ہرراوان چھِ۔ کانسونٹ تکرار (Consonance) تہِ واویل تکرار (Assonaance) چھےٚ زٕ اہم اسلوٗبی خصوٗصیتہٕ یِم شأعری منٛز صوتی آہنگ ووتلاونہٕ باپتھ استعمال سپدان چھےٚ۔ آتش صأبن چھےٚ یِمہٕ دوٗنوے خصوٗصیتہٕ پوٚرٕ پأٹھی ورتاوِمڑٕ۔ یِمہٕ چھےٚ تہنٛدِ شعرِ اسلوٗبچہِ نمایاں خصوٗصیتہٕ بنیمڑٕ۔

کانسونٹ تکرارس منٛز چھُ شعرس یا مصرعس منٛز ہیوٗوے کانسونٹ/مصمتہٕ پھِرِ پھِرِ استعمال سپدان۔ یتھ شعرس منٛز چھُ/ات/ کانسونٹ شییہِ پھِرِ استعمال کرنہٕ آمُت۔ امیُک ہکأری روٗپ، /تھ/، تہِ چھُ دوٕیہِ لٹہِ استعمال سپدمُت۔ تتھےٚ کٕنی چھُ گوڈنکس مصرعس منٛز /ز/، کانسونٹ تہِ ترییہِ پھِرِ استعمال آمُت کرنہٕ۔ یِمن کانسونٹن ہُنٛد بار بار استعمال چھُ شعرس صوتی رنٛگی دِلکش تہِ خوبصورت بناوان ـ

بوز زر زر چُھ تتہِ تہٕ رتہٕ ناوِتھ

وُچھ تہٕ رتہٕ داوی گیہ نظر تامتھ

(ص:۱۲)

/گ/ کانسونٹ چُھ یتھ شعرس منز کانسونٹ تکرارٕچ مثال ۔

گاش پھولہِ ہے گٹن وگو وٹہِ ہے

کرتہٕ اسُنا کرکھ اگر تامَتھ

(ص:۱۲)

یمن دون شعرن منز چُھ کانسونٹ ول ورتاونہٕ ہتی سازُت وۄتلیومُت ۔ یمن ہنز روانی، نغمگی تہٕ موسیقیت چھے خوش یِونی، وزِہ وار تہٕ زوردار ۔

| | |
|---|---|
| کم کم انسان راواں گئے | چھوکھ جگرٕکی للہٕ ناوان گئے |
| ٔکتی صدم تلۍٔکتی سِتم | کم کم ارمان ساوان گئے |

یمن شعرن منز چُھ:

/ن/، کانسونٹ ستہِ لٹہِ

/م/، کانسونٹ شییہِ لٹہِ

/ک/، پۆت تالۍ (Velar) کانسونٹ شییہِ لٹہِ

تہٕ /گ/، پۆت تالۍ کانسونٹ ژورِ پھِرِ ورتاونہٕ آمُت ۔ مختلف کٔفیتن تہٕ جذباتن ہنز ترجمانی کران چھِ یا وَنو زِ صوتیمن تہٕ تہنٛدِس

معنیس درمیان چھُ اکہِ قسمُک ربط آسان مثلاً نسی صوتیم چھِ عموماً پریشانی ، غم ، اُداسی ، حسرت تہٕ ماتم کٮ۪ن کیفیتن ہُنٛد اظہار کران۔ اَتھ پسِ منظرس منٛز چھےٚ یِمن شعرن ہنٛز رمزِیت ٹاکارٕ۔

| | |
|---|---|
| کم کم انسان راوان گئے | چھوکھ جگرٕکی للہٕ ناوان گئے |
| ٕکتی صدم تُلی ٕکتی ستم | کم کم ارمان راوان گئے |

(ص:۱۳)

صوتی رمزیت علاوٕ چھِ نسی صوتیم شاعری منٛز نغمگی تہٕ موسیقیت تہٕ وو تلاوان۔ اَمہِ رٕنگی تہٕ ہیکہِ ہوٚن ہیرٕ کنہِ دِژٕ مٕژ مثال پیش کٕرتھ یا یمہٕ زٕ مثالہٕ تہٕ وُچھتو۔

میوٚن یاوُن شُبان چھُ چانے ستی
لول عزتھ لبان چھُ چانے ستی

(ص:۱۱)

أچھن چھےٚ لُج مٕژ زوٗن
زیوٚن چھِ وٕتھی مٕتی پار

(ص:۳۵)

سوٚنتس چھُ پٔنُن آے ، پٔنُن رنگ تہٕ پٔنُن جوش
کُس تُلرِ ٕگس ٕگس کٕتی جہِ ونہٕ وُن گُلی لہِ ہُنٛد کوٗکو

(ص:۷۴)

صوتی رمزِ تیچ بیا کھ مثال چھےٚ گگھرۍ آوازن ہُنٛد استعمال، یِمن (Fricatives) وِنان چھِ۔ گگھرۍ آوازن منٛز چھ ہوا بولن تانن درمیان موٗجوٗد برِ رکنٛی گگھرِ (Friction) سان نیران، ییٚمہِ ستی خاموشی، سکوٗت، ژھوپہ تہٕ پھِسر اریہِ ہُنٛد صوتی تاثر ووتلاونس منٛز مدد چھ میلان یتھ ٹکھس منٛز چھُ ٔنسی کانسونٹ /ن/، بہہِ لٹہِ ورتاونہٕ آمُت۔

غمن، دادبن، دوکھن گرٛشھہِ سینہٕ دارُن
یہِ چھا جبرٛوٗت پانے پان مارُن
وٕنے ناپنہٕ وِزِ گرٛشھہِ دِل کرُن دوٗر
غمس منٛز بیا کھ ڈیشتھ خوٗن ہارُن

(ص:۹۴)

آتش صابٕنہِ شاعری منٛز چھےٚ واویل (Vowel) تکرارچہِ مِثالہٕ تہِ وارِیاہ۔ وُچھِو بونہٕ کنہِ درج شعرن منٛز، کتھہٕ کُنٛی چھ /ے/ واولک خوبصورت تکرار موٗجوٗد ۔

سُہ دِل ہیتھ ژِلُم دِل قرارس وَنس کیٛا
وَتن پیٹھ بہٕ چھس انتظارس وَنس کیٛا
اگر خشمہِ سان تورِ کرتل سُہ وایم
خوٗشی سان گردنن بہٕ دارس وَنس کیٛا

(ص:۱۷)

/ ے/ ، واویٚلُک خوبصورت تکرار ۔

سوٗنتس چھُ پٔنُن آے پٔنُن رنگ پٔنُن جوش
کُس تلٔرِ ءکُس ءکُس کٔتی جہِ وَنہٕ وُن کٔکُرلہِ ہنٛد کوٗکوٗ

(نظم: بُڈِس فنکارٕ سنٛدِ ناو: ص:۷۴)

/ ا/ ، زیٛٹھِ واویٚلُک (Long vowel) تکرار ۔

ننہِ وانہٕ پوٗرُم پانہٕ پٔنُن پان ژٕ ما آکھ
جانانہٕ دوہے گوس پشیمان ژٕ ما آکھ

(ص:۴۷)

صوتی رمزیت چھُ اسلوٗبیاتُک خاص موضوٗع، اتھ چھِ ونان (Sound symbolism)۔ رینی ویلُک (Rene Wellek) چھُ اَمِکۍ ترٛےٚ ءقسم گنزران ۔ اکھ ءقسم چھُ سہٕ ییٚمہِ مطابق زبأنۍ ہٕنٛدی صوتیم مددمیلان چھِ ۔ وُچھتون یہِ شعر ۔

یتھ مزارس اندر چھےٚ خاموشی
تلہٕ سا گڑھی تو توبہٕ تڑاوِ لرتامتھ

(ص:۱۲)

اتھ شعرس منٛز چھےٚ /س/ ، /ش/ تہٕ /خ/ لگھری صوتیمو علاوٕ پوٚت تاٗلی تھوٚپِ آواز /تھ/ تہٕ /ت/ تہِ صوتی رمزیت ووتلان۔ شاعر چھُ قبرستانٕچ ژھوٚپہٕ تہٕ سنسأنی ووتلاوِتھ لوٗکن تِمِس پننِس حالس پپٹھ

تراوُنک صلاح دِوان تا کہِ یِتھِ خاموشی منز میلہِ تس دُنیاہکو مصیبتو تہٕ مسلو نِشہِ راحت تہٕ سکوٗن ہیوٗ۔

صوتی رمزیتُک بیا کھ قسم چُھ آوازٕ عکسیت (Onomatopoeism) ییلہِ زبانٔی ہِندِس استعمالس دوران حقیقی یا طبعی آوازن ہُند ہوٗ بہوٗ نقل میلان چُھ، تتھ چھِ آوازٕ عکسیت ونان مثلاً کوٗں کوٗں، میاوٗں میاوٗں ہوی آوازٕ عکس (Onomatopoeic) الفاظ۔ مثلاً

گوٗ تلُک پیٹھ دِلس ژٔرے مأرتھ گرٛاے
چھم چھما چھم یہ چھم تہٕ ماروزی

(ص: ۲۰)

سوٗنتس چُھ پٔنن آے، پٔنن رنگ تہٕ پٔنن جوش
کُس تُلرِ کس ءِ کس، کٔتی وجہ ونہٕ وُن، کُکی لہِ ہُند کوٗکوٗ

(ص: ۷۴)

جسم اندازی (Persoification) چھےٚ ادبی زبانٔی ہنز اکھ اہم خأصیت۔ اَتھ منز چھِ انسأنی صفت یا خأصیتہٕ غأر انسأنی چیزن ءِ ستی وابستہٕ کرنہٕ یوان۔ توٚمن شعرن منز چھِ اَمہِ چہٕ مِثالہٕ موجوٗد ۔

ییلہِ سو وُزمل نیرِ اوٗبرس چاکھ دِتھ
سر چُھ توٚمراون پھوان بالن جناب

(ص: ۲۹)

دۆرِ کتہٕ تاں نبس چُھ ڈونٹھ پٹھان
پوش پأران چھِ ما تیچ وردی

(ص:۱۸)

تکرّر (Reduplication) چَھ مارفیمیأتی تہٕ لغوی سوٚتھرِچ خصوصیت۔ یتھ منز پوٚرِ لفظ یا لفظُک کانٛہہ حِصہٕ دوہراونہٕ چُھ یوان۔ آتش صأبنہِ شأعری منز چُھ جایہِ جایہِ تکرّر موجود۔ وُچھتو کینٛہہ مثالہٕ۔

ذرس ذرس حض ژھارو چون
ذرس ذرس منز چون انہار

(ص:۴۰)

از چُھ آتش زُوان ژٕے کُن وُچھ وُچھ
کأڈی پھیری دیکھ سٕہ یارِے روو

(ص:۴۱)

میٚتہٕ چُھ رُمہٕ رُمہٕ چون سریٚہہ
محموِد ہنٛزی بودوَل جمأڈی

(ص:۴۲)

ہوَس زُونگ تہٕ دُنیا نأڈی ژِھنہٕ نُک
کران گینڈ گینڈ چُھ شدادن متیو ہو

(ص:۵۰)

ساختی متوأزیت (Constructional Parallelism)

تہِ چھےٚ آتش صأبنہِ شأعری منز کُنہِ کُنہِ جایہِ نظرِ گژھان۔ یہِ چھےٚ نحوی سوٚتھرِچ خصوصیت یتھ منز زِ جملہٕ، ترکیبہٕ یا فِقرٕ نحوی لحاظہٕ متوأزی چھےٚ آسان یا وَنو زِ یمن اجزاہن منز چھُ نحوی سوٚتھرِس پیٹھ ہشر آسان مگر جُملن، ترکیبن یا شعرٕ کین مصرعن چھِ تم اکھ أکِس متوأزی استعمال سپدان۔ وُچھتو یہِ مثال ۔

ژٕ ے گجراوکھ، کلہِ گفتار

ژٕ ے سوژراوکھ، سوتہِ رفتار

(ص:۴۰)

اَتھ شعرس منز موجود متوأزیت چھےٚ بلکُل واضح۔ شعرٕ کی دوشوے مصرعہٕ چھِ ژورن ژورن لفظن پیٹھ مُشتمل تہٕ دوشوٕنی منز چھِ ہوی جزوِ کلام (Parts of speech) أکی ہے ترتیبس منز۔ دوٚیمن لفظن منز وَنو دوشوے مصرعہٕ چھِ نحوی گرتہٕ مطابق ہوی، یُس یتھہٕ کُنی چھُ:

ضمیر + وجہی فعل + فعل + اسم

اَمہِ علاوٕ چھِ دوشوٕنی مصرعن منز صوتی لحاظہٕ تہِ مُتوأزیت موجوٗد۔ دوشوٕنی مصرعن منز شأمل لفظن (یِم اکھ أکِس مدِ مقأبل چھِ) منز چھُ صوتیمن ہُند کنےٚ تعداد۔ مدِ مقابل لفظن ہنز رُکنی ساخت (Syllabic structure) تہٕ چھےٚ ہشی، یعنی یمن لفظن منز چھُ

لفظہٕ چھلن یا رُکنن (Syllable) ہُنٛد ہوٚے تعداد۔

یِتھہٕ پأٹھۍ چھُ ثأبت سپدان زِ آتش صأبنٕ شأعری چھےٚ مختلف اسلوٗبیأتی خصایصوٚ سۭتۍ مُزیّن تہٕ تُسنٛد اسلوٗب چھُ اتھ خاص شناخت دِوان۔



آتش صأبُن کتھ وَننُک انداز چھُ وۄلہٕ ورأے سیوٚد سادٕ عام ورتاوٕ زبأنۍ نکھہٕ سہٕ چھُنہٕ پریٚتھ تزاوان بلکہِ لوٚتہٕ وأے لوٚتہٕ وأے دِلس ترِتھ گوٚڈہٕ وُنہِ انمانہٕ لوٚت پأٹھۍ کأشرِ قدیم عظیم تہٕ ڈیکھی جل تھٕنٛز بیچہ مہریٚنہٕ ہنٛدِ بُتھہِ پیٹھ نقاب (مُہر) ٹلان۔

(سید رسول پونپُر)

باب:4

# شاعری ہُنٛد مُطالعہٕ

1۔زوٗل امارن ہنٛد

2۔غلام نبی آتش سٕنٛزِ شاعری منٛز عصری کرب

3۔غزل تہٕ آتش

4۔شعرس شعرس منٛز آتش

5۔آتش صائنٛز شاعری

پروفیسر شام لال سادو

# زۄل امارن ہُنٛد : اکھ تاثُر

زندگی ہنٛدی تلخ تجرُبہٕ وٮ۪تراونس دوران تہٕ چھُ آتشؔ پننہٕ شاعری منٛز خلوصس جاے دِتھ اطمینان تہٕ تسکین چھاوان۔ خلوٗص تہٕ سادگی چھِ تٔسنٛز شاعری ہُنٛد خاص پریزناون نشانہٕ ۔

غمن فکرن چھِ آتش سینہٕ داران
غمس کٔیت گۄو دوا بأتھا مُہٕیٖل گیۄو

غلام نبی آتش سُنٛد شعرِ مجموٗعہٕ ''زۄل امارن ہُنٛد'' چھُ پَے دِوان زِ یہ شاعر چھُ ارمانو، ارادو، آشَو تہٕ وومیدوٕ سٟتی باربگہٕ تہٕ یِمن جذبن ہنٛز چھُ بے پھرٕوک باوَتھ کران۔ تِمۍ چھُ انکسأری سان لیۄکھمُت زِ تٔس اوس شُرِ لازِ ہنٛدی سے زمانس منٛز شاعری ہُنٛد شوق پھۄرمُت مگر یہ کینٛژھا تِمۍ ۱۹۷۰ء تام لیۄکھمُت اوس، تہٕ کۄرُن اَمہِ سبہٕ رد زِ پانہٕ سے کھۄتُس نہٕ ٹارِ۔ توے چھُن ۱۹۷۰ء پتے لیٚکھنہٕ آمُت کلام ییتھ مجموٗعس منٛز شأمِل کۄرمُت۔ تِمۍ چھنہٕ یہ دعویٰ تہٕ کۄرمُت زِ ییتھ مجموٗعس منٛز کیا ہیکہِ سورُے کلام مِعیأری آسِتھ۔ کِہِ شاعر چھِ پانس

تہٕ پنہٕ نِس کلامس متعلق یتھہٕ پاٹھی لیکھان۔ سُہ چھ پنہٕ نِن دوکھن دادبن پُر اثر طریقہٕ زیوٗ دِوان۔

میون ژھوٚر چھوٚن ہلم چُھ عامس ویوٚد
ون سا بایو ، وَن ژےٚ کیا پاتھی

نستہِ کنی چُھم دِہ پکان، ئژ تالہِ رِیہہٕ، دوٗداکھ جہان
دأدی دوکھ ، ارمان، ہاوس آتشا افسانہٕ میون
مگر شأعر چُھنہٕ نا اُومید۔

داغ جگرُک ژٕ آتشا رٔژھراو
یوٚد نہٕ رٔژھرکھ قلم تہٕ ما روزی

سُہ چُھنہٕ ہمت ہاران، واریاہ دأدی دگ، مصیبت تہٕ عذاب ژألِتھ تہٕ چُھ عزتِ نفس رچھان۔ سُہ چُھنہٕ پٔلوِگی لور۔

مےٚ ما گُر پٔلوِگی غأرتھ گُنُم ما
مےٚ تُل بعضے مژھو پبٹھہٕ ماز تی کھیوٚو



مےٚ ما توگ غأرتس سودا کرُن زانہہ
دیُتم نا سینہٕ بے دادن متیو ہو

آتش ہٕندبن رؤمأنی غزلن اندر یوٚ دوَے عشق تہٕ حُسنکی زأوِجار تہٕ عاشق معشوق ہٕندی راز و نیاز تہٕ موجوٗد چھ تاہم چُھ تسندِ خیالہٕ حُسنس

مول تہٕ شوٗب تتھ قدر کرن وأٔلِس تہٕ مولہٕ ون وأٔلی ہِنٛدِ ہتی ۔ محبوٗبہٕ ہِنٛزِ نظرِ ستی چھِ شُنلی وبگلان ۔

زگتہٕ ذہنس شُنلی شُنلی وبگلیاے
یام تژاوان وُشنی نظر آکھ

اماپوٗز ۔

رِچھِ کرُس تگہِ یےٚ رچھُن
اکہٕ نندُن چھےٚ میوٗن لول
میأنہٕ ہتی حُسنس ژےٚ تیٖہہ
شوٗبہِ نا میے دکہٕ تہٕ دأٔلی

غلام نبی آتشن چھےٚ پزی کینٛہہ شاندار شعری تخلیقہٕ بارسس انہٕ مژٕ ۔ تسُنٛد ڈِکشن چھ خوبصورت تہٕ اثر آفرین تہٕ تسنٛز تصویر کشی تہٕ مُرژٕ گری چھےٚ خوش پونٛی تہٕ شبقہٕ ۔ ''زول امارن ہُنٛد'' چھےٚ تسنٛز گوڈنیُک شعرِ مجموعہٕ ہن ، یوسہٕ تسِنٛدِ شاندار مُستقبلُک بےٚ چھےٚ دِوان ۔ باسان چھ شاندار مُستقبل چھ تہنٛزِ تخلیق کأٔریہٕ تہٕ تہنٛدِ تخیٖلی وُپھ وارِ رکس گتھس پراران ۔ یتھ شعرِ مجموٗعس منٛز چھِ غزل تہٕ تہٕ نظم تہٕ ۔ نظم تہٕ چھِ غزلن ہنٛدی پأٔٹھی أرِکس کھوتہٕ اکھ جاندار تہٕ شاندار ۔ تاہم چھُنہٕ امہِ مجموٗعہٕ کنہن سارِنٕے تخلیقن ہُنٛد معیار یکسان ۔ یہِ زَن أمِ پُرخلوص نوجوان شأٔعرن پیش لفظس منٛز بانہٕ تہٕ لیوٚکھمُت چھُ تہٕ صحیح چھُن لیوٚکھمُت ۔

کینٛہہ نظمہٕ چھےٚ سلیس تہٕ زیادے دِلچسپ مثلاً بُڈس فنکارٕ ہٕنٛدِ ناوٕ، رسول میرنس مزارس پیٛٹھ، بہٕ ییٚلہِ مہرازٕ اوٚسس، وغارٕ۔

پرٛبتھ سوٗنتھ چھ اکھ فن تہٕ سُہ فنکار چھُ بدٕلے
تیٚمی آب حیاتُک چھُ بوٚرمُت تاپہٕ زٕٹٕن منٛز
شامہٕ چہِ مہرینہِ اَنہٕ وُچھناوان چھُ ڈٕلس منٛز
فلوٗاے کران بُلبُلن پرٛبتھ سونتہٕ گُلن پیٛٹھ
پاں چُھل چھہِ دِوان دب زِنبس میٹھی کرٕنی گرٛشی
سوٗنتس چھُ پنُن آے، پنُن رنگ تہٕ پنُن جوش
گُس تُلرِ گُن گُن، گُتی جہِ بوٗلن کُکُلہِ ہُنٛد کوٗ کوٗ

یِم رنگ چھہِ بہارس تہٕ بہارٕ ے چھُ مُشکیٚل ساتھ
یہِ چھےٚ یارٕ تس محبوٗبہٕ ہٕنزٕ ے بارٕ کراماتھ
(نظم: بُڈس فنکار ہٕنٛدِ ناو)

چاٗنی گون، کم کم غزل، کم رٕہی تہٕ ہُری
کاشُرٕ بو تھوٗمتی رٕچھِتھ سینن اندر
گامہٕ مسولہِ وُنہ دجن ڈوٗربن اندر
چانہِ وانگ باگران مس بے شُمار
پیٛڑ پیٛڑ بدلی زمانس آیہِ پوٚز
باو گوٚو چاٗنس کلامس ییٚہہٕ تہٕ تیز

از گۆژھکھ آسُن مگر چھُکھ روٗٹھمُت

"ونتہٕ ژٕوسلیو کیازِ روٗٹھُکھ....."[۱]

(نظم: رسول میرنس مزارس پیٹھ)

(انگریزی پیٹھہٕ ترجمہٕ: ڈاکٹر شفقت الطاف)



---

1. Excerpt from Indian literature: Kashmiri:librarias and elitist circles by Prof: S.L.Sadu 1980

غلام نبی گوہر

# غلام نبی آتش سٕنٛزِ شاعری منٛز عصری کرب

کأشرِ غزلٕچ روایت برقرار تھأوِتھ کٔری غلام نبی آتشن واریاہ رومأنی غزل تخلیق، یمن منٛز غنایت تہٕ چھےٚ تہٕ تخیّلی وُپھہٕ وأری تہٕ۔ یٔتھہِ غزل گوٗئی منٛز چھےٚ عام پأٹھی لولہٕ باوَتھ سپدان۔ دٕوٕ رِرچ دگ باوَنہٕ یوان۔ عاشقس تہٕ معشوقس درمیان وصلُک اورِ زوٕے غزلاونہٕ یوان۔ دٕوٕ رِرٕچ دگ باوان چھےٚ آتش صأبن پننہٕ نٕبن غزلن منٛز سبتھاہ کامیأبی سان، انسأنی جذبن، آشن تہٕ ارمانن تہٕ تِمن پیٹھ اندرونی تہٕ بیرونی ٹھٔرِس تہٕ دباوس تہٕ زِبو دِژہٕرٕ۔ اماپوٚز دأدی تہٕ دگہٕ، عذاب تہٕ کرب، یُس واریاہ کال ہیتھ سہٕ سماج للہٕ وان تہٕ وبتران آمُت چھُ، یِیمہٕ سماجُک آتش صأب تہٕ اکھ فرد چھُ، چھُ نہٕ أمِس شأعرٕ سٕنٛز تخلیقی عمل متأثر کرنہٕ ورأے روٗدمُت۔ تسُند پٔنُن دود چھُ اتہٕ سارے سماجُک، تِسندِ اندی پکھٕیُک کرب، حُزن تہٕ ملال۔ اَمہٕ صورتِ حالہٕ نِش چھےٚ شأعرس نہ موکل تہٕ نہٕ ژٕلہٕ نٕچ وَتھ۔ دورِرُک دوکھ تہٕ دود وبتراون وول سون یہٕ شأعر چھُ سمأجی حالاتن، یِم بہرکیف تِسندی رُکنی ناسہٕ تراسہٕ تہٕ المناک چھُ، ءتی بتھٕی لاگے کران۔ عاشقس تہٕ

معشوقس درمیان دورِرکہ تہٕ جدأیی ہنٛدی ہکبن واریاہ وجہ أستھ، نفسیأتی، سمأجی تہٕ سیأسی بیترِ مگر سون یہِ عاشق شأعر چُھ معشوقس مُتی مُتی گرٛھنہٕ باوجوٗد ناسہٕ ترٛاسہٕ حالاتن تہٕ تہنٛدبن اثراتن تہٕ نتیجن زوٗ دِنہٕ باپتھ دباوُک شِکار۔ تِسنٛدی کنہٕ چھ تِسنٛدِس ہم کال سماجس منٛز وُریپہ تہٕ ناسہٕ ترٛاسہٕ حالاتن، جذبن، خیالن تہٕ آرزوین ہنٛز باوتھ کأری ہٮ۪ٛڈ گردم لگان۔ تاہم چھےٚ بے پھرٚوک باوتھ کأری دم پھُٹٕ گرٛھنہٕ باوجود تہِ آتش ہنٛز تخلیقی عملہِ ڈٟسی بعض اوقات پزنہٕ پأٹھی تِسنٛزِ شأعری منٛز جاے پرأوِتھ ہیچھٕ۔ کینٛہہ وشعرِ مثالوٕ ستی ننہِ زِ کشیرِ اندر یوسہٕ چلہٕ وُنی غأر یقینی ابہامی صورتِ حال بارسس آمٕژ چھےٚ، تِچ باوتھ چھےٚ حقیقت حال تہٕ سون شاعر چُھ دباوَ تہٕ اٹھکاوٕ باوجوٗد اختصارس کأم ہیتھ فنکأری آیہِ کامیاب سپدِ مُت۔ یہِ صورتِ حال چھِ کأشرِ پٮ۪ٹی موٕ واریہوٕ ہلوٕ پیٹھ وُچھان تہٕ وبتران آمٕژ:

واوِلُن پھوٚرمُت چُھ نیرِبن کوٚت ژٕلو
نیٚتھہِ ننین یاون مژن رکتھہٕ تن ڈٕلو
وٚود لریو اَسہِ رأژ منٛزٕ بأژ رأوی
آنگنو وہرأوی ژھری دامن ڈٕلو
پھوٚرِیرن داوُک، کولن مالنی تہٕ رأوی
نظرِ چھس روٗزِتھ گلابو کر پھٕلِو

بُتلہِ پٹھ، ہوٚس تہٕ آبس وٚیہہ رلیوو

کیا کھیٚو ، رِتھہِ کنٕ زُوِو ، کتھ پٹھ پلو

یہٕ شعرِ مِثال چھےٚ کلہُم پأٹھی کرب ناک تہٕ المناک صورتِ حالٕچ فنکأری باوَتھ۔ قدرتی ماحول چھ وٚیہہ نیومُت، آب تہٕ ہوا چھ زہر یوٚ رُت۔ اندوند چھ واوُلن وولیومُت۔ مکانہٕ ترأوِتھ ژلن والین چھِ وُنہِ تہِ یمن مکانن ہٕندی ژھری آنگن پراران۔ پوٚت نیر بن منز تہِ چُھنہٕ سکوٗن، عصمت تہٕ عفت روٗزٕنہٕ محفوٗظ۔ یہِ سورُے چھ عصری کرب، یُس کأشر بن باگہِ آمُت چھ۔

امن گوٚو عنقا۔ ہتہٕ بدبن وٗرِین روٗدی کأشری وۄپرن ہٕندی غلام۔ واریاہ جکھِتھ تہٕ قربأنیہِ دِتھ کوٚرُکھ شخصی راجس خأتمہٕ تہٕ ۱۹۴۷ء پتہٕ أس آزأدی ہُند بہار چھاوٕنچ آش مگر کأشر بن پیٚیہِ توتہِ قربأنیہِ دِنہِ، اصلی بہار آوٗ ے نہٕ۔ پنہٕ نوٗ ے رأچھ درَ ولوٗٹأوی۔ أخرس پیٚیہِ کأشربن بو روٗدِ یوٗ ے چھاوٕنی ، گریٚنڈٕ گریٚنز بوزٕنی۔ سون شاعر چھ پنُن گام علامت بنأوِتھ کشیرِ ہٕندبن حالاتن ہُند تقوبُل بیٚین علاقن ستی کران۔

چانہِ گامکی تاپہٕ پھوٚتی ، لتہِ جامہٕ چھٹی پوشری رِنداَن
میٚانہٕ گامٕچ بدنصیبی اَتھ تھوٚیکھ گگرلیہِ رأچھ
کُس کٕمس دِیہِ گام، کس الزام دِن، کس پام دِن
سانہِ محلٕچ خوش نصیبی یانہٕ سن دِتھ وژلیہِ رأچھ

یتھ پتھرِ دئری لاے گرٕکھ زاے وٕپہل کنڈی
ہُتھ کھینگرِ تھوٗکھ سونتھ اویزان ہٕرر لد

چانٛژ گبر چھا زتھس میٹھان
میأنٛژ گبر تہٕ چھِ سوسن چھاوان



شأعر چھُ پانہٕ کرب ناک تہٕ المناک حالاتن ہُنٛد نہ صرف گواہ بلکہِ شکار تہِ۔ سُہ چھُ وُچھان وُہن پنٛژہن وٕرِین ہنٛزِ وولہرشہِ دوران کِتیاہ لوٗکھ ژٕلی، کِتیاہ گلی تہٕ کِتیاہ رأوی۔ یہِ وُچھ سارِوے مگر شأعرِ سنٛز باوَتھ چھےٚ وکھرٕ، نہ سیأسی پروپگنڈٕ، نہ کانٛسہِ ہنٛز طرف دأری بلکہِ صرف خیالن تہٕ حالَن ہٕنٛز فنکارانہٕ Treatment۔ یہِ سورُے أسِتھ تہِ چھُ سُہ نٔوِس سونٛتس پراران، سُہ چھُ توتہٕ پُر اُمید، توے چھُ یِتھو شعرو پتہٕ۔

برس برس چھِ تأری دِتھ زرس زرس چھےٚ تھار از
گرس گرس چھِ آنگہٕ نس اندر بنان مزار از



ژٕنے شینہٕ شہرِ کیا گوٚوُے وُٹھ وُچھکھ کڈُر پیوٚوُے
پیٚیی نہٕ تاپہٕ ژٕژ گٕہنٛژ پھولی نہٕ شالمار از

نہ مےٚ چھِ کانٛہہ ستھاہ شِلس نہٕ ژےٚ قرار چھے دِلس
نہ دؤرِ دؤرِ روزنس نہ سمکھنس چھُ وار از
تہِ تِتھی ہوٕ شعر تخلیق کران ۔
ژٕ یِکھ یِیلے تیٚلے تہٕ یِکھ سونتہٕ سوٚن گُن تہِ یِکھ
نظر ژٕ آتشُنٛ تہِ دِکھ، چوٚن چھُس امار ارم[1]



(اکہِ زیٹھِ مضموٗنک اقتباس۔ انگریزی پیٹھ ترجمہٕ: ڈاکٹر گُلزار احمد راتھر)



---

1. Excerpt from "Strains on poetry of Ghulam Nabi Aatash" published in daily Kashmir Images, Srinagar on July 16, 2000.

ابس راضی

# غزل تہٕ آتش

۱۹۶۳ عیسویس منز چھپوو مے پننہِ کلامک اکھ پمفلٹ روایتی طریقہٕ ۱۶ اہن صفن ہُند تہ ناو تھوومس ''کلام راضی''۔ یہِ کاٗم کٔرمے کپرن شاہ آبادٕ ییلہِ بہٕ تتہِ ووستاد اوسُس ۔ اکہِ دوہہ اوسُس بہٕ رو‍خصتس پیٹھ گھرِ ووتھمُت تہٕ اَمہِ کتابہِ ہنٛزٕ کینٛہہ کاپیہِ ہٮ۪تھ ژاس گورنمنٹ مڈل سکول نانل۔ پرائرٕک وقت اوس تہٕ مے ووٚن سونٛدپوٗر (کنیلون) ہِکس مرحوم غلام محمد ڈار صابس (سُبکدوش زیڈ، ای، او) زِ مے چھ پننہِ کلامٕکی کینٛہہ پمفلٹ ستی تہٕ تٔہۍ گٔری توٚکھ پننہِ سکوٗلکی لڑکہٕ آمادٕ زِ تِم ہیٚنہن یِم مُلی۔ تِمۍ پرنووس بہٕ سکوٗل لڑکن برونٛٹھہٕ کنہِ پنُن کلام تہٕ اَدٕ رَچن کتابہٕ۔ تکیازِ لڑکن ٲسی نہٕ پونٛسہٕ ستی لہاذا رچھکھ کتابہٕ تہٕ پونٛسن تھووُکھ بیاکھ ساعت۔ ٲتی تنیو مے زِ غلام نبی پنڈت ناوُک اَکھ لڑکہٕ تہِ چھُ شاعری کران۔ برونٛٹھ پکِتھ اوس ٲمۍ لڑکن ۱۹۶۵ عیسویس منز میٹرک پاس کوٚرمُت تہٕ اوس ۱۹۶۶ء منز محکمہٕ

ءمِس منز یوُرناگ، کس پوٗرو کلناگ گامس منز ووستاد برتی سپد مُت۔

أتھی علاقس منز اوس أمِس اتفاقاً ''صوف'' گام کس آنجہانی سروانند کول پریمی صأبس ستی ملاقات سپد مُت یمی أمِس آتش تخلص تھوو۔

اَمہِ کتھہِ ہنز باوَتھ چھےٚ أمی پانے نِشہِ کرمٕژ تہٕ مےٚ چھےٚ شیرازٕ جنوری، فروری ۲۰۱۴ء کس شُمارس منز، یُس سہلابہٕ بُزی گو ''آتش'' ردیف وألِس غزلہِ کس أکس شعرس منز یہے باوَتھ یتھہٕ کنی کرمٕژ۔

اکھ چھِ پریمی تہٕ بیٚیہٕ چھِ سروآنند

تم یمو آسمان لوٚد آتش

پتہٕ س أتھی بالہٕ پأنس منز چھپوو أمی نوجوانن ''شیشہٕ ینڈر'' (۱۹۶۶ء) ناوُک اکھ پمفلٹ یُس نہٕ مےٚ وُچھمُت چھ تہٕ یمیُک نہٕ تَس (آتش صأبس) نِشہِ نیال تہِ روٗ دمُت چھُ۔ بیٚیتہِ تہٕ ینگ آتشس شعروشأعری ستی زاہ تہِ تعلق ژھیوٚن نہٕ تتہِ کرمےٚ ۱۹۶۴ء پتھہٕ شعرو شأعری ترک زِ ۱۹۶۹ء کس رہتہٕ کالس منز ٹ مےٚ آتش صأبٕنی کأشری پأٹھی لیکھتھ اکھ چِٹھی تہٕ نیب۔ چٹھِ منز اوس اَمِہ لیکھتھ زِ ژٕ بَن نیب رسالُک خریدار تہٕ بیٚیہٕ سوز کامل صأبس پنُن کلام تاکہٕ سُہ چھپاوِ سُہ کلام نیب رسالس منز۔ یوہے اوس ساعت زِ مےٚ لوٚگ نوِ سرٕ وُتش تہٕ نیب (دسمبر ۱۹۶۹ء) وِلیس منز چھپیو وینیوٗن غزل أتھی شُمارس منز تہٕ آتش صأبس و وٚتھ امیہ شُمارٕ ستی پأنس تہِ دِس۔ آتش صأبٕن یُس غزل

چھپیامُت چُھ سُہ چھ مطلع (گوڈُت) وَرأیِ تہٕ گوڈنیُک شعر پٕنٕس۔

آسہِ انجامہٕ کِنٕ تہِ جانٕے جان
لولہٕ سفرس سپُد رُتے آغاز

اَز چُھ یہِ شعر آتش صأبنٕ پیش گوٗیی ثابت سپدان۔ بہٕ چُھس یہ زأنتھ راوان زِ یہِ غزل کیازِ چھپوو نہٕ آتش صأبن پننہِ ''زوٗل امارن ہُنٛد'' کتابہِ منٛز، تیٚمۍ بروٚنٹھ کُن کتھ ووتھِ۔ اتھ وقتس منٛز چُھ اخبارِ ''خدمت'' تہِ شعر و شأعری ہنٛدِ خأطرٕ پننۍ دارِ درواز، طرحی مُشاعرٕ شروٗع کرنہٕ ستۍ، وُتھی ترٛاوان۔ یہِ چُھنہٕ مےٚ یاد زِ گوڈنکہِ طرحی مُشاعرک طرحی مصرعہٕ کیا اوس تہٕ کمِس شأعرٕ سُنٛد اوس مگر آتش صأبن یُس غزل اَتھ اخبارس منٛز چھپیو تمیُک مطلع چُھ۔

دِلبری، دیوانگی، اِد روٗٹھ کوٗ جانانہٕ میٛون
میٛانہِ وِزِ ڈوٗل پرتبس موکھ ہندرِ وُتھ مستانہٕ میٛون

یہِ غزل آو پسند کرنہٕ خصوصاً اَمہِ غزلُک یہِ شعر۔

لولہٕ مہرینہِ پوٚت نظر دِژ باکھ ترٛاوِن اوٚش ہورُن
ماجہِ چھم روخصت ہیٚنے ٹھہراوی تو زأنپانہٕ میون

تہِ آنجہانی پتامبر ناتھ درفانی صأبن لیوٗکھ مذکورٕ اخبار (۱۹۶۹ء) کِس أکِس پرچس منٛز: ''آتش سٕنٛز شأعری منٛز چھےٚ نیچرل شأعری ہنٛز خصوٗصیت موٗجود۔

۱۹۷۰ عیسوی چھ آتش صابنہِ شہرتُک تہٕ عزت اَفزٲیی ہُنٛد خاص وٕری بنان۔ نیب رسالہٕ کس (اپریل ۱۹۷۰ء) شُمارس منٛز چھ ژورَو طرحو منٛزٕ أکس طرحس پیٹھ آتش صابُن یہِ غزل چھپان۔

جانانہٕ یہِ دیوانہٕ کوٚرُس حُسنِ کمالن
بے ہوش دِلس، وٲنس گیم ہوش سنٛبالن

اَمہِ غزلُک گوڈنیُک مصرعہِ چُھ پانے پانس شاہد زِ یہِ چُھس مہجور صابُن۔ نیب[9] (جون ۱۹۷۰ء) کس شُمارس منٛز چھ ییٚمہِ مَطلعُک غزل۔

کُس چُھ دردِل تہٕ کس گرٕو آلو
چارٕ ما ہیوٚک کرِتھ ژھوٚمبو چالو

چھپان۔ نیب[11] (اکتوبر ۔۱۹۷۰ء) کس شُمارس منٛز چُھ ییٚمہِ مطلعُک غزل۔

کالِی راوَکھ، یہِ دَم تہٕ ما روزی
بالِی زُلفن، یہِ خم تہٕ ما روزی

چھپان۔ اَمہِ غزلہٕ سٟتی مُتأثر سپدِتھ کرٕ اَتھ ''نذرِ آتش'' عنوانس تحت پروڈی (دَپھ شابش) تہٕ تتھٕ کُنی کوٚرُم پننہِ پسندیدگی ہُنٛد اِظہار۔ أتھی وٕری یس منٛز دیٚت ''خدمت'' اخبارن بیا کھ طرحی مصرعہِ۔

کیا سَنا یہِ نائسہ دِلبر روئے زیبا ہاوِنا (مہجوٗر)

تہٕ آتش صابُن یُس غزل اَتھ اخبارَس منٛز چھپیو تمیُک مطلع اوس:

بیرِ تَن اَڈِ بزٕ گیم ووٚنی پوٚت نظر اَکھ تڑاوِنا
سوٚرِ گیہِ ہَن ہَن چُھ کرٕنز باقی مےٚ سُتہِ شیٚہلاوِنا

یہِ غزل تہٕ آو پسند کرنہٕ تہٕ مرحوم عبدالرحمان آزاد صابن لیکھیٚ ''خدمت'' کِس (۳۰ ستمبر ۱۹۷۰ء) پرچس منز آتش صابس متعلق یِتھہٕ کٕنی پنٕنی تاثرات: ''یہٕ چھس ایماندأری سان یِیمہِ کتھہِ ہُند اظہار کران زِمےٚ چھ آتشنہِ دَیہ گتھ صلأحیژ وُچھِتھ کُنہ کُنہ وِزِ پنٕنس ضمیرس برونٹھہٕ کنہِ پننہِ شکستُک تہٕ اعتراف کرُن پوان۔ حالانکہِ پنٕن عأب چھ پرٕتھ کانٕسہِ معشوق آسان۔ آتش ہٕندِس کلامس منز یوسہٕ مدٕر دَگ تہٕ میوٚٹھ ژ اشر بسنہٕ یوان چھُ سُہ چھ تسٕنزن نوٚبن ترکیبن، برمحل استعارن، یا سیٚتیچ تہٕ پانہٕ آتش ہٕندِ ووندٕ پرٕزرُک رٕہین مِنّت۔''

یوہے چھُ سُہ زمانہِ یِیلہِ زِ نوجوان شفیع شوق تہٕ گُلشن مجید پننہِ طالبِ علمی ہٕندِس زمانس منز ''آش'' رسالہِ کڈان أسی۔ اَمہِ کِہٕ یکِس شُمارس منز چُھ آتش صابُن یِیمہِ مطلعُک غزل چھپان۔

کرسنا یکھِ مےٚ وارِ پھولہن گُل
وارِ پیٹھ چھم دوہے پچان بُلبُل

یِتھہٕ پأٹھی روٚد آتش صابُن ادبی سفر جأری زِ وُچھان وُچھان چھپے یہِ اگست ۱۹۷۸ء منز آتش صأبنی (أزی کہِ لِکھہِ لوٚکٹ موٚکٹ) کتاب ''زوٗل ابارن ہُنٛد'' یتھ جموں و کشمیر کلچرل اکیڈیمی آتش

صائبس مالی معاونت کر۔ امیُک اِنتساب چھ خیال انگیز (Thought provoking) تہِ تہٕ حیرت انگیز (Wonderful) تہِ کیازِ یہِ چھُنہٕ کائنسہِ انسانس کُن زِباوِتھ ہیکو بلکہِ چھُ بہتر سرِ سوبوٗت پیش کرُن تاکہِ چھاوِتھ ہیکو ــــ "زندگی ہٕنزن واُناکھ گرہن ہٕندِ ناو، یمن دوران مےٚ پننوِ شارو رفاقتھ کر!" امہِ پتہٕ چھ کتابہِ ہُند "گوڈت" ژھوٚٹے تہٕ خاص باوتھ چھےٚ: "شارونُک شوق اوس مےٚ لوکچارس منزٕے گنیومُت۔ پننہِ زندگی ہٕندہن بےٚ شُمار وُلٹہٕ حالاتن دوران دیُت نہٕ مےٚ اَتھ شوقس مرنہٕ۔ یوٚتام ۱۹۷۰ء ووت۔ پوٚز ہے بوٗزِو تہٕ اَمی وٕریہِ پتھٕ یہِ کینژھا لیوٗکھم تہِ رٕژھرُم تہ۔ اَمہِ برونہم کلامہٕ کھوٚتُم نہٕ پانہٕ ہے ٹارِ تہٕ یہِ تجربہٕ آسہِ شاید سارِنٕے تخلیق کارن کرُن پیوان۔ ابتدأیی مشق کرنس دوران یہِ کینژھا تخلیق سپدِ سُہ چھُنہٕ معیأری تہِ آسان تہٕ توے کرِ نہٕ مےٚ یتھ سوٚمبرنہِ منز زیادٕ پزٕأنی چیز شأمِل"

بہرحال کتاب چھپِتھ چھ اَتھ کلچرل اکیڈیمی ہُند انعام تران تہٕ تمہِ زمانُک ادبی توأریخ نظرِ تھاوِتھ چھُنہٕ کتابہِ یہِ انعام کھنہ تہِ گوٚب۔ کتابہِ منز چھِ کل ۳۴ غزل۔

اِبتدأیی کتاب آسنہٕ موکھہِ چھ آتش صأبنہن غزلن ہٕندی موضوٗع گنڈِتھ ژوپرتھ۔ گوڈنیُک گو حسن و عشق۔

یہِ کتھ چھ أسی سأری زانان زِ کھسہِ ولنا کوٚٹ یا کوٗر چھےٚ

بلوٗغیتس (adolescence) منز دأخل سپدتھ أندرِی جوش محسوٗس کرِتھ جوٗرِ باپتھ ژھرٛےٚ ژھرٛٹھ کران۔ ہرگاہ تِتھس کُٹس یا کورِ شأعری ہنٛز فطری زُتنی شوٗنگِتھ (dormant) آسہِ تیٚلہِ چھےٚ سو اَلاوٕچ صوٗرت رٕٹِتھ فردس حسن و عشقکی وبدا کھ دیاوان تہٕ فرد چھ شأعر بنان، اوے چھِ آتش صأنی واریاہ شعر زٕہنی لوٗلس لَلہٕ کھول کرِتھ ہوسنأ کی ہنٛز شکل رٹان مثلاً۔

اَسہِ وُنہِ ہوٗنچہِ وَنتہٕ کر آیکھ
حُبہٕ آیکھ نہٕ زاہ اگر آیکھ
کُس چُھ ڈیکہٕ بوٚڈ یہِ کأنسہِ ماچھوٕپےٚ
کس سا نازَل ووٚنی مہرباں سپدے
پوٚت وَنِکی مُتی گلاب أسی وُچھو
گرٛاے زُلفن دِ ٹھرِ مہٕ تھَو جنٛگل
گو تلکھ پیٚٹھِ دِلس ژٕےٚ مأرتھ گرٛاے
چھم چھما چھم، یہ چھم تہِ ما روزِی
وُنہِ عجب ملکس یوان چھنہٕ نوش لب سخنن اندر
میأنی یاوَن مُژ مےٚ نا دیدے مگر تمبہٕ لاوِنا
تاوِ ہتی مُجلوٗن نجدن منز بدن شیٚہلاوِ ہن
وَتہٕ گتن شیٚہچار یلہ ہے، یأنی مَس مُژ راوِ ہکھ

مگر یہِ چھُنہٕ آتش صأبنۍ یوت لۄگ لون بلکہِ چھِ اکثر شأعرأمیے دروازٕ شأعری ہٕندِس محلہٕ خانس ژأمتۍ تہٕ مردیاہٕ می گی مٕژ تہٕ چھکھ یہے وراثت پتھ کُن ترأوِمٕژ۔ بقولِ کامل:

ع مےٚ تہٕ ڈٲجمٕژ چھےٚ باخبر اُستھ

یہِ تہٕ چھےٚ کتھ زِ عشق و محبت چھُ تہٕ اِنسأنی زِندگی ہُند بۄڈ بارٕ موضوٗع تہٕ أکِس کھسہٕ وُنس نوجوانس چھِنہٕ زِندگی ہٕندۍ وسیع تجربات سمکھیامتۍ تہٕ آسان۔ اَوے گیہٕ تِتھن شعرن ہُند ظأہری مفہوم ترأوِتھ بدل کانٛہہ مفہوٗم پٔژن پرن وألی ہنٛز کم فہمی تہٕ ییٚیہٕ نہٕ کینٛہہ، پٔتھ یٚیلہِ نہٕ یمو شعرو مٕنز دۄیمہِ مفہوٗمچ گُنجأیش نیرانۍ آسہِ۔ وۄنی گو "زوٗل امارن ہُند" کتابہِ ہُند گوڈنیُک غزل ییہِ نہٕ اَتھ گٔژھِ گنڈنہٕ۔ یہ غزل چھُ رۄمأنی طرح دِتھ پۄرِ اخلاصہٕ خدایہِ سٕندِ خأطرٕ ونہٕ آمُت تہٕ حمد یا دۄیم کانٛہہ عنوان دِنہٕ بغأرٕ ے کتابہِ سرس تھاونہٕ آمُت، یہِ اتھ حق چھُ واتان۔ اتھ مٕنز چھُ خدایہِ سُندُ ے فضل و کرم چُکاونہٕ آمُت تہٕ أکِس مُحِب بندٕ سٕندِ طرفہٕ پنٕنِس مہربان آغس تغوفُل شعأری ہنٛز گژاوتہٕ کرنہٕ آمٕژ ے

بے، یہِ کیا چھس؟ مگر تہٕ چھس تھٕز ذاتھ
شرف آدم لبان چھُ چانے سٟتۍ

ے بے خبر چھکھنہٕ پوٚز دیٚتھ کنہٕ ڈول
داغ لالس بلان چھ چانے ہٕتی

حقیقت چھےٚ یہِ زِ کأشرس غزلی سرمایس منز چھ یہِ غزل پنٕنی مثال یانے بٕنن گٔدرُن، غٔم تہٕ بسیار صدمہٕ ـــــ کیاپٕنٕنی تہٕ کیا اِنسان برادٕری ہٕندی، چھ آتش صابس یہ ڈٕلی زِ تہِ بٕچھان تہٕ تہنزِ شاعری ہُند دوٚیم موضوٗع بنان۔ پزر گو یہِ زِ غم نمبر کڈِتھ چھنہٕ آتش صابٕنی زِندٕگی "تسنز" روزان۔ اَتی چھُ تٔمی سُنٛد منفرد لہجہ وجوٗدس یِوان تہٕ کأنسہِ تہٕ غزل گو سُنٛد غزل چھنہٕ آتش صابٕنس غزلس ہٕتی رَل گرٛھنگ کانٛہہ اندیشے ووتلان۔ میأنٛی کٔنی چھ اَتھی خصوٗصیتس مدِ نظر تھأوِتھ شوق صأب پنٕنس "آتش شمارٕ[5]" رسالس منز لیکھان:

"آتش چھُ لفظن ہٕندی عام معنہٕ خاص طریقہٕ ورتاوان، یمہِ ہٕتی سُہ واریہس حدس تام پٔنن اکھ خألص (idiom) چھ ہیوٚ کمُت پأدٕ کٔرِتھ۔ یوہے صفت چھُ رِتس شأعرس رُت بناوان......"

انسان چھنہٕ کٔنی کرِ زِ غم کرنہٕ محسوٗس۔ واریاہو سوچن والو چھےٚ اَتھ پٔنٕنہِ پٔنٕنہِ آیہ زِ بو دِژمٕژ تہٕ یہ کرکھ پیٚتِمن اُردو نقاد جناب عبادت بریلوی سٕندی الفاظ (سارنٕے ہٕندِ کنہٕ) بطور شہادت پیش: "غم انسانی زندگی کی بہت بڑی حقیقت ہے"۔ پزر گو یہِ زِ دوکھہٕ باوتھ چھےٚ بے قرار دِلن سوکھہٕ ساوبر عطا کران:

وُنہِ تہٕ زانکھ تہٕ پان سُلہٕ ناوٗن
بوزٕ بادٕ بے حالِ غم تامت (کامل)

تہٕ غمچ شأعری (تہٕ) چھےٚ خلوٗصچ شأعری بشرطیکہٕ ''وُشنہٕ وأنجہٕ هٕندی ژُرنی ووش'' (بقولِ راہی) آسَن نہٕ۔ اَمہِ لکھہٕ چُھ شیلے (P.B.Shelly)ٕسنز نظمہٕ "To a skylark" ہُنٛد یہٕ بند آتش صأبس (لباسہٕ رٕنگی) برابر یوان:

we look before and after
 And pine for what is not:
Our sincerest laughter
 With some pain is fraught:
Our sweetest songs are those that tell
of saddest thought:

تہٕ پنٛنس ژِھررَس، پٔنہٕ پرٕگی، حسرتن تہٕ ارمانن چھ آتش صأب یَمہِ آیہٕ زبو دِوان:

۔ ژھریےٚ کتھہٕ تاں تھوٚبتھ شأمِل حسابَس
مےٚ یٚیمہِ مَس ولنہٕ وَتم کرتہٕ کیا چیوٚ و
۔ وَچھ مےٚ پزٕ وٕٹھ أچھو، أچھن لٕج دار
ہاوسن ہُنٛد یہٕ مرگزارٕے روو
۔ وُچھتہٕ کوسہٕ کتھ تجتھ مےٚ گو کیا ہتام
باخدا وُچھنہٕ میٚتہٕ بہار زٕنہے
۔ گٔذرانٛگ کیا! غم کھیٚیہٕ چأنی
اد ووو گٔذرادان گٔے

ع خالی پانو ہلم تہٕ ما روزی

انسانیتُک رأوتھ خواب گرُٛھن تہٕ چھ آتش صأبن ذأتی دوکھ بنان:

ے دوٗر کتہٕ تاں نبس چھ ڈوٗنٹھ پھٹان

پوش پأراں چھِ ماتِچ وردی

ے سیٚود قدم تُل تہٕ ہوٚل وُچھی عالم

بأے بندُت تہٕ پانٕنیارِے روو

ے چون آدم چھ آدمس ماراں

أتھی متی آبس زٕ سوٚتھی گنڈاں پکھنا

ے پانہٕ آدمی بُتھے گوٚمُت چھے غأب

بیٚتہٕ چھِ انسان یہٕ برٛم تہٕ ماروزی

ع شأئنل موکلے آدمی شانس

موخصر یوٗ زِو آتش صأبنس غزلس پیٹھ چھُ شاد عظیم آبادی سُند یہٕ شعر منطبق سپدان۔

ے یاس پہ یاس ہر گھڑی، چوٹ پہ چوٹ رات دن

درد پہ درد، دُکھ پہ دُکھ، رنج پہ رنج، غم پہ غم

تہٕ پننِس تنقیدی بیانس منز چھ مرحوم عبدالرحمان آزاد آتش صأبنہٕ اِمے یا سِیٹھ تشینہٕ وَن دِوان۔

وونی گوامہٕ دردو غمچ داستان سرأیی کرنس منز چھ آتش صأبس

بعضے دامن اتھ منز وبسران، جذبہٕ چھنہٕ مہذّب صوٗرت رٹان، خام مسالہٕ چھ کونڈِ منز سرٕ ژٹے نبر نیران تہٕ چھس سوے بأش گژھان یوسہٕ شیلیے (Shelly) یَس یہِ وُنتھ:

Oh, lift me as a wave, a leaf, a cloud!
I fall upon the thorns of life! I bleed!
(Ode to the west wind)

اَتھ بارس پٮ۪ٹھ تو کھ آتش صأبنی نوم شعر:

تنگ ہسا اُس منکتہٕ بھگوانس
دِیوٚ مے کرِ ہے زہر اثر تامتھ

ہیوٚک نہٕ مرگس گرِتھ نکار زٕ نہے
ہیوٚک نہٕ موردن تھٲوِتھ شمار زٕ نہے

ژٕرِ لوسہٕ چھٕلی چھٕلی وقتک مل
ہے ہَے کأژاہ گنڈٕ گی پازٕ

زیوٚی ووٕنی جلدٕ ے قیامتک وق!
زمانہٕ! چھے اُمی آم حأصل

اَتھ برعکس چھ کأمل صأب یمہِ آیہ پننٮ۪ جذبات کاپہٕ رٔٹتھ پننٮ۪ ووندِ باوتھ حسین اندازس منز کران:

دُشمنَن ہٕنزٕ مثالہٕ چھم کم یاد
دوستو کوٚر مے کأتی نَم بایو

ے اَدِ چھی جگرس داغٕے داغ
نتہٕ کُمؠ یٮ۪تہٕ از تال سندور

تخلیق تہٕ تنقید چھ شاعری منز، اموب یکوٹے زنم پڑاوان۔ تخلیقی عملہِ دوران چھُ شاعرس جمالیاتی حِس (Aesthetic sense) کلامَس نُنڈٕ بانبر عطا کران مگر آتش صائبس چھُنہٕ یہٕ حِس بعضے ڈٕنجہِ روزان تہٕ اَوے چُھنہٕ تسُند کینٛہہ کلام دِلکش (Attractive) باسان بلکہِ نفرہن کرٕ وُن (repulsive) مثلاً:

ے پوٚز گو دِل چھے پأرِم دِل
نَتہٕ ما متھِکھ رولیس غازٕ

ے کم نُجدِ مُتی مُجلون تھٔوکھ جیل گھرن منز
پڑتھ سرٕکہِ تھٔوِکھ رأچھ گذروان ژٕ ما آکھ

ے آزاد چُھکھ پانس تہٕ تھٔوِتھ کُنڈٕ مےٚ ترأوِتھ
اَتہٕ بارِ تھٔوی تھم بارِ کوہستان، ژٕ ما آکھ

یَتھ غزلس سراسر یہِ وَنن چھےٚ گأمژٕ سُہ چھُ یہٕ غزل ے

دِل مےٚ ترٕہران چھُ بایہِ پڈُر دِمو
آدم کھاو ژٕ دزایہ پڈُر دِمو

اَمہِ غزلچہِ خأمی کُن چھُ مےٚ سُلہِ گرِ "وبتھہِ آگر" ۱۹۸۵ء (رسول میر نمبر ۵-۶) رِکس شُمارس منزٕ پننس "تغزُّل تہٕ رسول میر"

مضموٗنس منز یتھہِ پأٹھی اِشارٕ کوٚرمُت :"ووٚنی گو (باقی خأمیہِ الگ ترأوِتھ ) چھ آتش صأبنین دوشوٗنی مصرعن منز "پڈُر" وُچاپہٕ ہیٚنہٕ آمُت۔"
ہرگاہ آتش صأبن پنٕنہِ کلامہٕ منزٕ یتھی ہوی شعر نبر کڈی ہیٚتی آسہٕ ہن کوتاہ جان گیاو۔ یہے کمزوٗری وُچھِتھ چھُ پروفیسر رشید احمد صدیقی اُردو شأعر مُلّا رموزی یَس متعلق پننِس أکِس مضموٗنس منز لیکھان: "سب باتیں لکھنے کی نہیں ہوتیں یا ان الفاظ اور لب ولہجہ میں نہیں لکھنا چاہیئے جن میں ملا صاحب لکھنے کے عادی ہیں"

شأعری منز چھےٚ تقلیدس پٕنٕنی اہمیّت ۔ تقلید بغأر چھنہٕ چارے کانہہ تکیازِ زِندگی چھےٚ بذاتِ خود تقلید۔ ووٚنی گوٚن تقلید گوسہ یُس پرن وأنِس پران پانے فکرِ تران چھُ بشرطیکہِ تمو آسہِ تمن یا تس شأعرسُند کلامہٕ پوٚرمُت یمن ہُند یا تیٚمی سُند تقلید کرنہٕ آمُت آسہِ۔ امہِ لحاظہٕ چھُ آتش صأبُن تقلید تہِ واضح ۔ مگر تقلید گژھِ استفادٕ کِس مرحلس منزٕ تہِ دأخل سپدُن، تہِ زن گو تقلیدی لیکھ (جادٕ یا کم) نے اصلس واتہِ سہلے چھےٚ کتھاہ مگر اصلس تل تہِ گژھِہ نہٕ لتہٕ موٗنجہِ گژھن۔ کأمل صأب چھُ سون رہنما شأعر تیٚمِس نِشہِ، یہِ ڈیٖلی زِ تہِ تمی سٕندی سأری ہم عصر متأثر چھِ۔ تمی سُند اکھ غزل چھُ ۔

میانہِ شہرٕ کی تُہی چھواوأل جناب
درشُنا اوسُم غرض عألی جناب (نیب ۱۱ اکتوبر ۱۹۷۰ء)

اَمہِ کِسیے تقلیدس منز چھ آتش صابُن یہِ غزل ۔

روہنہٕ دِلٕ چھِم نستہٕ تل زالن جناب

دُکہٕ دِپان چھِم چھے اُچھر والن جناب

یٚیتہٕ کامل صابُن غزل لطیف مِزاجٕچ کیفیت ہٮ۪تھ چھُ تتہِ چھُ آتش صابُن غزل اَمہِ صِفتہٕ نِشہِ خالی پٮ۪ٹھ وانہر (سطحیت) ہٮ۪تھ تھٔنہٕ پیوٚمُت ۔ وونی گو اَمہِ نہر یٚیتٮ۪ن تقلید استفادٕ کِس وجوٗدس منز زنم پڑاوان چھ تتہِ چھ آتش صابَس داد پیوان دیُٚن کامل صابنہِ ''زوٗن'' نظمہِ ہُنٛد اکھ ٹکرٕ چھُ:

چھِم چھَما پیشوازس واو ناوان

دڑایہِ اکھ گتہٕ رێنٛی حسین

تہٕ آتش صابُن شعر چھُ ۔

گوتلگھ پٮ۪ٹھ دِلس ژِٚے مارٕتھ گڑاے

چھِم چھَما چھِم، یہِ چھِم یہِ ماروزی

کامل صابنہِ ''زیر و برج'' نظمہِ ہنٛزٕ یمہٕ سطرٕ تہِ وُچھو:

تیٚمی وُزٕ منز کوٚ ڈنہٕ قدم از تاں

تس کیا چھ لُطف تمہِ آوٕلنٛگ

ستہِ پوٚرٕ وُچھِتھ بون یُس چھ یوان (یہِ مصرعہٕ چھُ کتابہٕ ''لوہ تہٕ پڑوہ'' منز یتھہٕ کٔنی: ستہٕ پورٕ وُچھِتھ بوٚن، یُس چھ یوان)

تہٕ آتش صابُن شعر چھُ:

پرٕ مہٕ پننہٕ یَرادنے ڈٕبجراو
پیٹھی وُزس منٛز قدم تہٕ ماروزی

یہٕ شعر چھ مےٚ تیوٚت پسند زِ مےٚ اوس یہٕ شعر گورنمنٹ مڈل سکول ہاری پاری گام (ترال) چہِ لبہِ (ییٚلہِ بہٕ تتہٕ سینئر ٹیچر اوسُس ،۱۹۷۶ء- ۱۹۷۹ء) لیکھِتھ تھووُمت۔ مرحوم علی محمد لون صابٕنِس اکھ نظم چھےٚ ''تخٔیل چھُم وُپھان'' (نیب ۴)۔ یوہے عنوان چھُ آتش صاب پننِس ییتھ شعرس شوٗبہِ سان جران۔

رِژھ تہٕ کیا شاعری تھیٚکی آتش
تس تخٔیل وُپھان چھ چانیے ستی

جذبی سُنٛد شعر چھُ۔

جس کو کہتے ہیں محبت ، جس کو کہتے ہیں خلوص
جھونپڑوں میں ہوتو ہو پختہ مکانوں میں نہیں

تہٕ آتش صابُن کامیاب تقلید گوس یہِ۔

شوٗب نہٕ چاٗنِس پوٚختہٕ مکانس
ییٚتہٕ نہٕ پناہ میلان انسانس

آتش صاب چھُ مرحوم غلام محمد غمگین صابس تہِ تقلید کران۔ ووٚنی گوٚیہِ تقلید چھُ سرقہٕ ثابت سیدان تہٕ ماچھس مقابلہٕ سرکہٕ بنان۔

غمگین صائبُن دِل کش غزل چھُ ۔

کتھن بہٕ کڈٕ ہا واش

خبر کر یا برداش

أتھی وزنس تحت چھُ آتش صائبُن یہِ غزل ۔

کُمِس چھُ تیٚتھ انہار

حسین چھُ میٚونُے یار

ووٚنی گرِی تو اَمے غزلہِ کیٚن نومن مصرعن ہُنٛد تقابلی مطالعہٕ ۔

کتھن بہٕ کڈٕ ہاواش (غمگین)

کتھن بہٕ دِمہٕ ہادٕٔ ژٕھ (آتش)

اَمہِ پتہٕ پرٛیوٗ کھ نوم شعر ۔

کھوٚتے نہٕ زانہہ افتاب

ژوٚلے نہٕ زانہہ گٹہٕ کار (آتش)

کھوٚتے نہٕ زاہ افتاب ۔

پیوٚ وُے نہٕ زاہ پژاگاش (غمگین)

آتش صائبُن شعر چھُ ۔

ہالہِ رِگیٚنڈُ نا کوٚرُکھ کلن دوہدش

أسی چھِ سگریٹ بٹ ، تماکِکی گل

اَمہِ شعرِ کِس پتِمِس مصرعس چھےٚ شوق صأبن ''آتش'' رسالس منز پانس کُن نسبت ہأوِمژ۔ (مےٚ چھُنہٕ واضح کرِتھ ہاونہٕ باپتھ رسالہٕ دَرِدست)۔ یہِ کتھ چھس یہِ افسوٗسہٕ سان لیکھان زِ ادبی دنیاہس منز چُھ بڈٕ بڈٕ شأعرو سرقہٕ کرِتھ خیانتُک جُرم تہِ کوٚرمُت مگر حوالہٕ تہٕ اعتراف چُھ سینہٕ تنگی نِشہِ نجات دِتھ شرحِ صدر عطا کران۔

تعلّی (پانہٕ بجر تھکُن) چُھنہٕ کانٛہہ تہِ رُت شوٗ غلاہ مگر کیا کرو زِ أسی چھِ جلالس منز یتھ ''من خدا'' تام تہِ وَنان۔ مون زِ کینژن شأعرن شوٗبہِ مگر واریاہن چُھنہٕ شوٗبان۔ غالبس چھ شوٗبان یِیلہِ سُہ وَنان چُھ۔

ہیں اور بھی دُنیا سخنور بہت اچھے
کہتے ہیں کہ غالب کا ہے اندازِ بیان اور

کأشرِس منز چھ راہی صأب ''یہِ معاملہٕ'' پرن وألی ہِسے پٹھ تژ اوان مگر کأمِل صأبس چُھنہٕ پِنُن مرتبہ مشان تہٕ چھس شوٗبان یہِ وَنُن۔

أسی تےٚ اِدٕ أسی کینٛہہ ابجد خان
شارکس سپدے یہِ نأزل اَسہِ بروٚنٛہہ
کأشرِس پرِم زُلف، بخشُم کمال
میٚےٚ دیان، اوٚہ میٚےٚ دیان مردِ زبان

تہٕ آتش صأب چُھ اِنکسأری ہنٛدِ حالہٕ وَنان۔

مےٚ تیٚتیٚ چھ بایوٚ مقام حأصِل     زِ غزلہٕ لیکھِتھ کمام حأصِل

مگر سہ چھنہٕ اَتھی پأوِس پیٹھ زیٚڈ کران بلکہِ ہنا ہیوٚر کھٔسِتھ ونان۔

آتشُن یِزٕ ہیے ، سوخنور ڈینشہِ ہن
کنہِ پھوٚلاہ اَکھ ننٛگلہِ پانژالن جناب
آتش چُھ گران قلمہٕ سِتی کُس موختہٕ موٕللی چیز
چُھن شیشہِ سِتی ہیوٚ چھمُت زٕٹن الماس چھیا پے

آتش صأبس پتہٕ پھیوٗرُس بہٕ پانس کُن تہٕ ووٚنمس: ''یہ بجراوٗت تام تھیوٚ کُتھ تتھ اندِ نہٕ ووٚنی کینٛہہ تہِ۔ ییٚتہِ یورٕ وٗنی زِ نہٕ ووٚنی راہی صأبس تہٕ کأمل صأبس تھی پانہٕ بجرٕ کی شعر۔

تتھ ( ابتدأیی ) دورس منٛز چھنہٕ آتش صأبس قأفین ہنٛز پوٚختہٕ زانکأری اَسِمٕژ ۔ سہٕ چُھ پننِس اَکِس غزلس منٛز ''ترٛاونا''، ''شیہلاوِنا'' ترٛاوِنا''، ''مُژراوِنا''، ''پرٛژناوٕنا''، ''ترٛاوِنا''، ''گِندناوِنا''، ''پرٛژناوِنا''، ''ترٛاونا''، گِندناوِنا''، ''تمبلاوِنا'' تہٕ ''باوِنا'' قأفیہِ ورتاوان تہٕ اَتھِن شعرن منٛز استعمال کران، ییٚلہِ زَن یِم قأفیہِ اکہِ اکہِ ورتأوِتھ ترٛہن شعرن ہِنٛدِ خأطرٕ کأفی چھ (بلکُل یِمنے قأفین ہُنٛد تفصیل چُھ مے ''سید رسول پونپر نمبرس'' منٛز بروٚنٹھے دِژمُت )۔

اَکِس شعرس منٛز چھے آتش صأبن (میأنی پأٹھی) کتأبی علمچ باوتھ تہٕ کرٕمٕژ تہٕ لہاذا چُھ تمیُک اثر معلوم۔ مون زِ شأعر چھ لفظن استعارأتی معنہٕ بخشان مگر تیوٚت کٔرِتھ ہرگاہ لفظن ہِنٛدِس حقیقی صورتِ

حالس (شاعرانہٕ منطق نظر انداز کٔرِتھ) غیر حقیقی صوٗرتِ حالُک طرح دِموٗسہٕ یہِ شاعر ہشِز کم علمی مانٕنہٕ نہٕ زِ تٕمی ہشِز زانکٲری لہاذا ہیکہِ نہٕ سو شاعری لگہٕ ہار ثابت سپدتھ۔ آتش صابُن شعر چُھ:

واے یتھ سوٗنتس اندر تاں دبدرِ جل ما آیہٕ یور
ہتہٕ سأ مانو اَڈٕ کلی، پوٚز جانہٕ وارٕے آسہٕ ہن

حقیقت چھےٚ یہِ زِ "دبدر" گیہِ مونث جل تہٕ "جَل" گو "مذکر جل"۔ جل (ذات چُھ بُلبُلس سوٚنب جانہٕ وَرتہٕ یم چھِنہٕ سالأنی پکھٕش (Visitor birds)۔ یم چھِ وندس منٛز تہِ کشیرِ منٛزے آسان۔ یم چھ دانہِ کھوان تہٕ سخت شینس منٛز داں پھلو خاطرِ ہٹرِ ہٹرِ کھہن منٛز پھیران تہٕ (مُدرِ آوازِ کڈِتھ سأنی رکنی) بول بوش کران۔
صوری لحاظہٕ چُھ آتش صابن اکھ عجیب وغریب غزل لیوٗکھمُت یَیمیُک مطلع تہٕ دوٚیم شعر یتھہٕ کٕنی چُھ ۔

کوٚنگی ژٕ ہے چھکھ نارِ بڑیہہ
پوشُپراہ اَکھ چھس وُبالی

ۓ میٖتہِ چُھ رُمہٕ رُمہٕ چون سرٛیہہ
محموٗدٕ ہشِز بود وَل جمالی

اَمہِ ترتیبہٕ چُھ یہٕ باہن شعرن ہُند غزل تہٕ اَتھ چھِی نہٕ مطلع۔ قافیہِ چھس وُبالی، (بود وَل جمالی)، (دکہٕ تہٕ) دالی، بالی، (خوردٕ)

سائلی، (پوشہِ) مائلی، تہٕ نائلی۔ گویا سَتن شعرن چھِس قافیہٕ مگر پانژن نہٕ کُہنی تہِ مگر یمن ستن شعرن چھِس گوڈنکین مصرعن اَخرس پٹھ حسبِ ترتیب ریٚہہ، سریٚہہ، تیٚہہ، ریٚہہ، بیٚہہ تہٕ تیٚہہ قافیہٕ جوڑنہٕ آمتۍ۔ بیٚاکھ پرنے (reading) مدِّ نظرِ تھاوِتھ تہٕ آتش صابُن ترتیب نظر انداز کٔرِتھ چھِس شےٚ شعر۔ تیٚلہِ چھس مطلع باضابطہٕ تہٕ قافیہ چھنہٕ کُنہِ تہِ شعرس پیوان مگر سُہ معنوی ترتیب چھُس تہٕ روزان یُس باہ شعر مُجراہ رٔتھ چھس تکیا زِ باہ شعر مجراہ رٔتھ چھِ سأری مصرعہٕ معنوی لحاظہٕ خود کفیل تہٕ اگر کانٛہہ معمولی (جذبأتی) پرٕ گی (مانو) چھس دٚویم مصرعہٕ پوٗرٕ کران۔ بصورتِ دیگر چھ مجبوراً دون دون مصرعن اکھ اکھ مصرعہٕ بناوُن پیوان تہٕ پرن وول چھ دوشوٕنی صوٗرژن منٛز پریشان گژھان۔ مےٚ باسان مےٚ ہیچ نہٕ کتھ واضح کٔرِتھ تہٕ یہٚلہِ نہٕ وَنن ووٗلے کتھِ وضاحت ہیکہِ کٔرِتھ بوزن وأل‌س کیا زَن ترِ فکرِ۔ اَوے چھم عرض زِ پرن وول پرِ پانے یہ غزل تہٕ ادِ ماتربس میأنی کتھ فکرِ۔

آتش صابنہٕ اَتھ کتابہِ ہنٛدِس غزلی سرمایس منٛز چھ بیٚیہٕ تہٕ کینٛہہ رِتی غزل، یمن ہُنٛد مطلع یتھہٕ کٕنی چھُ۔

مےٚ گوتسلاہ ووٗنی ساقی چیوو سبٹھاہ چیوٚو

ڈیکس دزٕہ ہش لٔژتھ پیمانہٕ وٗسے پیوٚو

دوہ چُھ نیران اوٗش ہراں ژیٚنے تھی
راتھ گنٛدراں چھےٚ لرِ پھرِنی دِی دِی
لتس دِژٕ ویوم اعتبارن دِل
لوگ داوس مےٚ دِل ہُشیارن دِل
کأنٛسہِ پٔٹھ کأنٛسہِ اختیارٕ رے روو
اعتبارس تہٕ اعتبارٕ رے روو

یِمو علاوٕ وۄتھ کینٛژن غزلن ہُنٛد تذکرٕ برونٛٹھے۔ مانو زِ کامل صأبنٛۍ تاثُرات (آتش صأبس) متعلق چھِ شفقتُک باس دِوان مگر تِمۍ ہنٛز راے چھِنہٕ یک سر نظرانداز کرٕنی لایق ییٚلہِ زَن تِمۍ پننِس نیب رسالس منٛز آتش صاب پرکھوومُت چُھ۔ بہٕ چھس حأرانہٕ زِ آتش صأبن کیازِ چھپوو تِمو ژورو غزلو منٛزٕ (یِمن ہُنٛد حوالہِ برونٛٹھے آو) اَکُے غزل پننہِ کتابہِ منٛز۔ اگر بہٕ ناچیز تہِ کانٛہہ راے دِنٛک حق چھس تھاوان تیٚلہِ ونہٕ بہٕ زِ کأشرِس غزلس پٔٹھ لیکھنہٕ وِزِ آتش صاب مُنساوُن گونہٕ آتش صأبسے یوت ظُلم کرُن (تیٚمۍ ہنٛدۍ غزل پرِتھ واریاہو پرن والو، میأنۍ پأٹھۍ شعوٗری یا غیر شعوٗری فأیدٕ تُلمُت آسہِ) بلکہِ کأشرِس غزلی سرمایس پٔٹھ تہٕ۔

اٰخرس پٔٹھ ونہٕ بہٕ زِ آتش صأبن چھپوو نہٕ واریاہ کال ہیتھ پُنٛن منظوم کلامہٕ۔ سُہ رُوٗد ہیتھے نثرس ہتۍ اۄور (نثرٕ منٛزۍ گورولنہٕ شوٗد آتش)۔ کُنہِ کُنہِ ساعتہٕ دژاو، رسماً تِمۍ سُنٛد غزلاہ غزلاہ نوٚن۔ نوٚو کلامہٕ چھپی تھےٚ

ننہٕ زِتمی کتھ حدس تام آسہٕ پننٕ گرم جوٗشی (Fervour) بحال تھاوٕنۍ تہٕ ناقدن ہنٛز پذیرائی کتھ حدس تام آسمِن رأچھ گرٕنۍ ۔ اللہ کرے زورِ قلم اور زیادہ۔



# غزل

میون سنگ چھُتہٕ شولہِ ہوٚد آتش
بونہِ دوٚپ میٛانہِ دادِ دوٚد آتش

خوٗنِ دِل چیتھ ووٚژھلیہِ کأشِر زیو
ییٚلہِ نہٕ سیٚئن شرٛپیاٛیہِ دوٚد آتش

نظمہِ ہنٛدی سوچھ بجایہِ خود زأنتھ
نثرٕ منٛزی گوٚو روانہٕ شوٚد آتش

اکھ چھ پریمی تہٕ بیٚیہِ چھِ سرو آنند
تمِ یمو آسمان لوٚد آتش

روٹۍ گومُت ژھچاڑ ایس راضی
وأنسہِ کم میانہِ کھوتۍ تھوٚد آتش



۱۷/مارچ ۲۰۱۴ عیسوی کہِ دوہہٕ آوٚ مے آتش ردیف وول شعر ذہنس منز مے اوس نہٕ قصد زِ بہٕ ہیٚمہٕ اَتھ منز آتش صأبُن ناو۔ ہنا بروٚنہہ پِکتھ ژوٚل مے یہِ غزل اَتھو منز نیرتھ تہٕ یہِ بنیو آتش صأبنہِ خأطرِ مدحیہ غزل۔ مے چُھ پننہِ "بہٕ تہٕ میون بدن" (مِنی افسانہٕ) کتابہِ منز لیوٚکھمُت: "فن چھنہٕ انسانس تابع، انسانے چُھ فنس تابع۔" اَمہِ بیانک عملی تفسیر چُھ یہ ہے غزل۔



پروفیسر شاد رمضان

# شعرس شعرس منٛز آتش

کأشرِ زبأنی ہِنٛدِس از کالس منٛز چھِ کینٛہہ تِتھۍ شاعر تہٕ یِم جدید
حسبا گہی ہُنٛد آلوٗسٕرِتھ ژٕہنتھ تہٕ پننِس رِوأیتی دُنیاہس منٛز پٔنٛن فکری تہٕ
سمأجی زِندگی ہُنٛد لوہ لنگرٕ شیران تہٕ پنٛن وونہِ باوان رُدی۔ حالانکہِ یہِ
تہٕ چھُ عیاں زِ اَمہِ قبیلکین شاعرن ہُنٛد رِوأیتی طرزِ فکر اوس پرانین
شاعرن ہِنٛدِس رِوایتی سوٗنٛچس تہٕ اظہارس نِشہِ ہنا مختلف۔ مختلف اَو کِنہِ
زِ سانہِ رِوایتی شاعری منٛز چھِ سری تہٕ صوٗفیانہ شاعری ہنٛز رِوایت تہٕ
شأمل تہٕ نوٚو تہٕ ترقی پسند سوٗنٛچ تہٕ کارفرما۔ یِمن رِوایت پسند شاعرن
ہنٛز شاعری چھےٚ مشرقی شعریات کِس فکری پوٚت منظرس منٛز کأشرِس
مزازس نکھہٕ۔ اَمے قبیلُک اکھ ویوٚد کأشُر شاعر چھُ غلام نبی آتش۔

غلام نبی آتش چھُ جدید زمانہٕ کِہن فکری کیٚو ادبی تقاضن وأقف
آسنہٕ باوجود قدیم مشرقی رِوایژن لور روٗزتھ پنٕنہِ شاعری ہُنٛد لَنٛز ووٚٹُن
شیران۔ اَمے مشرقی رِوایژ ہُنٛد حِس تہٕ شعریات کیٚو جمالیات کِس
پوٚت منظرس منٛز چھےٚ کأشُر شاعری زوان، پوشان تہٕ پھٲلان۔ آتش

چُھ شاید شعوری طور پنُن تخلیقی ذہن اُتھ رِوایژ آیتن تھاوِتھ مختلف شعرِ صنفن منز قلم آزمائی کران۔ اماپۄز آتش چھ زِ کہ غزلک شاعر باسان تہٕ پنُن شاعرانہٕ فن تہٕ چُھ اَمے صنفہِ ہنٛد ہیتی انہارس، آ کارس پیٹھ وولساوِتھ پننین شاعرانہٕ صلاحیژن ہُنٛد پے دِوان۔ غزل چُھ بنیادی طور مشرقی صنفِ سخن تہٕ کاشرِس منز وأتتھ پڑاوِن مختلف پڑاو تہٕ پڑتھ پڑاوس پیٹھ روٗد کاشر غزل موضوعی تہٕ لسانی اعتبار زمانہٕ کین بدلوِنین تقاضن رنزناوان تہٕ پھاپھلاوان۔

لسانی اعتبار چھ محموٗد گامی سُنٛد غزل رسوٗل میر نہِ غزلہٕ نِشہِ ہنا مختلف تہٕ یمن دوشونی شاعرن ہُنٛد غزل چُھ مہجوٗر تہٕ آزاد سٕنٛدِ غزلہٕ نِشہِ بیوٗن تہٕ بدوٗن تہٕ مہجوٗر تہٕ آزادن غزل چُھ رحمٰن راہی تہٕ تسنٛد ہن ہمنوا تہٕ ہمکال شاعرن ہٕنٛدِ غزلہٕ نِشہِ مختلف تہٕ موضوعی اعتبارٕ چھےٚ یہے پھیرہاو خصوٗصیت کاشرِ غزل کین الگ الگ پڑاون نِشہِ دید مان۔

آتش روٗد پننہِ لسانی مزازٕ کِنی جدید تہٕ جدید زمانہٕ چھاونہٕ باوۄجود قدیم رِوایژن تہٕ قدرن ہُنٛد قائل۔ یمنے رِوایژن تہٕ قدرن ہٕنٛدِس پوٗت منظرس منز چھ لسانی اعتبارٕ پننہِ غزلک طرز شیران پأران۔ یوہے رِوایتی اندازتہٕ انہار چھ آتش سٕنٛدِ غزلک اکھ منفرد اسلوٗب مقرر کران، یُس تس پننین ہم مزاز، ہم نواتہٕ ہم کال شاعرن نِشہِ اکھ بیوٗن تہٕ بدوٗن آواز بناوان چھ

از کالہِ گرٚھان آب چھُ کنکریٹ قلاین
فنکاٲرؠ اتھو آے جدٕو ینٛدرِ دوٚسن لیوٚکھ

چھُ لول نارِ دزُن، ہکچہِ گنڈُن ، نغمہِ گیوٚن
صُبح چھُ پہر لگان یارِ بلن نیر کھے شامن

غلام نبی آتش سُند غزل پٔرِتھ چھُ یہِ احساس بار بار ووتلان زِ سُہ چھُ شعوری طور پٔنُن غزل أزیُک اونٛد پوٚک وُچھِتھ تعمیر کران کران تہٕ کٔشیر تہٕ کأشرین ہنٛدین غمن تہٕ دادین سنان تہٕ غزلہٕ شعرن منٛز باوتھ دِوان ییمہِ ستؠ أہندِس غزلس نہ صرف اکھ ادبی اہمیت چھےٚ بلکہِ چھےٚ اَتھ کٔشیرِ ہنٛدِس پوٚت منظرس منٛز تہِ اکھ افادیت حاصل تہِ کیازِ شاعری چھنہٕ محض حظ تہٕ لُطف دِنٛک وٚسیلہٕ بلکہِ چھےٚ واریاہ شاعری تزٕ ھ تہِ لیس سیاسی تہٕ سماجی صورت حال ہاوان باوان چھےٚ، تہٕ اَمہِ قبیلچہِ شاعری چھےٚ پٔنٕز اکھ مخصوص اہمیت تہٕ افادیت۔ ووں گوٚ یہِ شاعری گرٚھہِ آتش سٕندین غزلہٕ شعرن ہنٛدی پأٹھی ورگہٕ یاوَنو علامتی اظہار پزٕ اوٕنی۔

گُس دود ہٕبتھ آو واو اسےٚ زیٹھہِ زٕزر ژاو
یژ کالہ پٔتھہِ اَسہِ کاڈ ژمان تٔھ تہِ ژمان ہوی
برس برس چھِ تأرؠ دِتھ زرس زرس چھےٚ تھار از
گرس گرس چھُ آنگنس اندر بنان مزاز از

ژیٚے شینہٕ شہرِ کیاہ گۄوے وُتھ وُچھکھ کُڈُر پیوے
پیٚیی نہٕ تاپہٕ زٕژ کہنٕز پھولُے نہٕ شالمار از

چائٕز گبر چھا زیٛتھس مبٹھان
میأنٕز گبر تہٕ چھ سوسن چھاوان

غزل چُھ بُنیأدی مشرقی شعرٕ ذات ییٚمہٕ ہٕنٛز اَمکۍ خدوخال مشخص تہٕ مقرر چھِ۔ یمنے مقرر خدو خالن تحت ووت غزل باقی زبانن تام تہٕ۔ اماپۆز مشرقی شعریات تہٕ جمالیات کیٛن حدودن منٛزے رۆد غزل یمن زبانن منٛز تہٕ پنٕنۍ پڑاو طے کران۔ کأشرس منٛز تہٕ رۆد غزل مشرقی شعریات چیٛن قدرن تحت پنٕن ارتقا پرٛاوان۔ اِہٕنٛز چُھ ضرۆری زِ غزل گو شأعر گژھہِ مشرقی رِوایژن تہٕ قدرن پۆرٕ پأٹھۍ وأقف آسُن تہٕ ہتی گژھیس غزلہٕ کیٛن مقرر خدوخالن ہُنٛد تہٕ علم آسُن۔ چنانچہِ کٔشیرِ روزٕ قدیم کالہٕ پیٹھے مشرقی رِوایژن تہٕ قدرن بلکہِ تہذیبی تہٕ تمدنی میرأثس ہتی لسانی تہٕ ادبی تقاضن ہتی اکہِ نتہٕ بیٚیہِ رنگہٕ وابستہٕ اِہٕنٛز روزٕ فارسی پیٹھہٕ وۆزم انہِ منٛز شعرٕ صنفہٕ کأشرس ہم مزازتہٕ ہمنوا۔ ییٚمہٕ ہٕنٛز وژن صنفس ہتی غزل تہٕ پھاپھلان پھبان رۆد۔

موجودٕ دورس منٛز رۆد کأشر غزل جدید زمانہٕ کیٛن جدید تقاضن ہنٛدِس پۆت منظرس منٛز پنٕن تخلیقی سفر جأری تھأوِتھ۔ اماپۆز تہٕ گرِتھ تہٕ

رۄدی واریاہ شاعر رِوایتی قدرن آبیاری کران کران پنٕن تخلیقی بوس لۄژراوان۔ اَمہِ قبیلُک غزل تہٕ چھُ کاشُر ادبی توأرتخُک اکھ توجہہ طلب باب۔ غلام نبی آتش چھُ اَتھ صورت حالس منٛز لسانی تہٕ سماجی زندگی ہٕنٛدین لوکٹین لوکٹین واقعن شعرِ تجربہٕ تتھہٕ کٔنہ بناوان یِم پرن وألس ویدی أستھ تہِ سرتاز باسان چھِ تہٕ پران پران خوش کران چھِ۔ تہٕ یِہے چھےٚ شاعرسنٛز کام تہِ زِ سُہ وزناوِ پرن وألی سٕنٛدین جذبن تہٕ احساسن تتھہٕ کٔنہ زِ وۄنُمت تہٕ وُچھمُت چیز گژھہِ نوِ سرِ زانن تہٕ وُچھن خوش۔

لگے یہِ وَنتہٕ شین گولاہ جانہٕ وار چھا آتٕی!
مےٚ تے طما چھُ بہٕ وُچھہا گُلین پھٔٹیاہ بامن
حکم کۄرُکھ زِ سِمو از منگو خوجس خأراتھ
تہٕ ماجہِ باکہٕ ژھٹیو، لیلِ گرِو گُل اندامن



وۄد لرِیو اَسہِ رأژ منٛزٕے بأژ رأوی
آنگنو وہرأوی ژٔھری دامن ڈٔلو



لال چھِ ازے کنہِ منٛز گاہ ہیتھ
بال چھِ اندری نیرتہٕ وتراوان

آتشؔ چُھ بعضے خوش کرٕوِنِہ جذباتن تہٕ احساساتن عام زبأنی منز تِتھٕ کِنِہ باوتھ دِوان زِ پران پران چُھ شعر خوش تہٕ کران تہٕ معنہٕ مفہوم کِہن سرحدن تام واتنگ ظوِن تہٕ پھران۔ حالانکہِ تِتھِہن شعرن چُھنہٕ کانٛہہ سنجیدٕ فکری پوٚت منظر یا انسأنی تجربک سنٛر آسان۔ تہٕ نہ چُھ ضروٗری زِ شعرس آسہِ ضروٗر کانٛہہ معنہٕ تہٕ نہ چُھ شعرس کانٛہہ معنہٕ مفہوم پشراوُن تہٕ ضروٗری، بلکہِ چھِ اَمہِ قبیلکی شعر تہِ گرتھ تہٕ خوش کران تہٕ گُنہٕ نتہٕ گُنہٕ رنگہٕ پرن وألس حظ تہٕ لطف دِوان۔

واون وۄتَم بانبر پاوان
سکہِ پپٹھ کیاہ چھکھ لیکھتھ تھاوان

دوٚسہِ چھکھ آمُت دوٚسہِ پپٹھ کوٚتُر
تھوٚسہِ روٚس ریٛنزل چُھے آزماوان

شہر چُھ کھوٚتمُت گام تہٕ گاٚمس ہاٗرچ کراے
کم یاوٕ بدن ڈٕکہ تاوٕ یمن شہجارا گوٚژھ



نہ میے چھےٚ کانٛہہ ستھا شلس نہ ژٕے قرار چھے دلس
نہ دورِ دورِ روزنس نہ سمکھنس چُھ وار از

یِتھِن شعرن ہُنٛد حُسن تہٕ مأری منٛز رچھ بعضے عام پأٹھی تہٕ پرن وألی ہِنٛدِ باپتھ خوش نماتہٕ توجہ طلب بنان۔

ژٕ یِکھ یِیلے تیٚلے تہٕ یِکھ سونتہٕ سوٚن گُن تہٕ یِکھ
نظر ژٕ آتشن تہٕ دِکھ چون پھس امار از

آتش صأبن ہوٚپ دوٚپ ہیوٚتمُت
نے کینٛہہ بوزان نے کینٛہہ باوان

دُنیا چُھ تماشا اتی تاپھ اتی روٗد
آکھے تہٕ تھکھا تراو برژزا اس تہٕ ژیٛہا وَد

آتش چُھ اکھ میوٗٹھ شاعر یُس پننین اندرِمین جذباتن تہٕ احساساتن ہتی ہتی پننہِ زندگی ہنٛدین وأری داتن زبو دِتھ پنُن ووندٕ تہٕ لوژراوان چُھ تہٕ پرن والین ہنٛدی دِل تہٕ رنزناوان چُھ۔ سہل زبأنی منٛز انسأنی تہٕ سمأجی زِندگی ہنٛدی تجربہٕ برأوِتھ چُھ آتش غزلس پنُن ہمسفر بنأوِتھ کأشرس غزلس کلہُم پأٹھی برٕژر کران۔

أتھی احساسس تحت چُھ آتش پننس تخلیقی شعوٗرس پانے بوش کھالان۔

آتش چھ یِتھے مُزکہٕ مگر تیز تخیل
سریٚہہ دار تہٕنٛدی شعر دیان نار چھکان ہوی



مُدثر رشید لالی

# آتش صابٕنۍ شاعری - اکھ مختصر تجزیہ

آتش چُھ کأشرِ زبانۍ تہٕ کأشرِ بن دانشورن، تحقیق کارن، نقادن، نثر لیکھن والین، نظمن، ڈرامن، پرہن تہٕ لُکہٕ کتھن منز ارضی تواریخ ترٛاون والین معتبر فردن منز ویۆ دناو۔ یِم چھِ شاعر تہٕ۔ غزل تہٕ نظمہٕ لیکھان تہٕ کأشرِ غزلہٕ کین روایتی انہارن تہٕ جدید زمأنی آکارن رِشتہٕ ناونکی تجربہ تہٕ کران۔

زٕ وُل امارن ہُنٛد چھےٚ یہنٛد بن غزلن تہٕ نظمن ہنٛز سومبرن۔ یوسہٕ واریاہ کال بروٚنٛہہ شایع سپٕز ہنٛز چھےٚ۔ تنہٕ چھےٚ أہنٛز شاعری اورِ یور رسالن منز چھپان تہٕ کتأبی صورتس منز شایع سپدنس پڑاران۔ یہنٛدِ بن غزلن ہنٛز زبان چھِ سیۆد سادٕ تہٕ عام فہم تہٕ یہُنٛد آہنگ چھ بذاتِ خود معنیأتی ابہام وو پداوان۔ پزر چھِ زِ آتش چُھ کأمل صابنہٕ طرزُک قأیل مگر یہِ چھنہٕ تقلیدی رٕ ویک۔ آتش صابنہٕ اظہارأتی (کتھ چھِ غزل تہٕ امہٕ کِس باوٕ تھ رٕ ویس متعلق) زبأنی منز یوس سادٕ گی بظاہر درینٛٹھی چھ گژھان۔ سو چھِ شاعرانہٕ ول تہٕ مہارت۔ تنہٕ چھا ممکن عام ورتاوکہٕ لفظہٕ کہٕ سادٕ ورتاوستی بدلہٕ لفظک فطری مفہوم، شعرِ کِس

معنیاۍتی نظامس منز پرٛیتھ جمالیاۍتی شعوٗر تہٕ ووتلاوِ حاۍرتھ۔ آتش صابُن فن کارانہٕ جوہر چھُ یمنے دون گوٚنن منز عیاں یعنی پرٛیدِ بو لفظو ستی اوٚید تصوٗر ووتلاوُن، یُس تخلیق کار سٕندِ ذاتُک حصہٕ ہیٚکہِ أستھ، تہٕ پرن واۍلس گوٚتن منز تراونُک وَل۔ یہِ وَل چھُ تِمن جدید شاعرن یِم لفظن ژٕرِتھ گٕرِتھ معنیو نِش آزاد کرنُک تجربہٕ چھِ از ماوان۔ ستی چھنہٕ رٕوایژن ہندِس تخلیقی بٕرس تہٕ مُنکر سپدان۔

آتش صاب چھِ جدید زمان ومکانہٕ کیٚن نفسیاۍتی ہوٕدِ ہُربن تہٕ تمہِ تخلیقی اندازٕ زٕبو دِوان زِ احساسن تہٕ جذباتن ہندِس واتنیارس منز چھ جدت تہٕ شِدت پاۍدٕ گژھان۔

کوچہِ گلبن پیٹھ پاسکھدر، یہِ چھُ سائنس شہرس لون
گامہِ وتن پیٹھ کم کم اشدر، یێتہِ کیا کیا چھُنہٕ سون
اَسہِ تے کتھ کرنس گیہِ کامن، اَسہِ تہٕ چھِ دِتی متی جامن چاکھ
ژیوٚ ہا سکوٗنُک پانس ستہِن ہتھ یتہٕ ساتھاہ سون

اظہارس تہٕ معنیس رِشتہٕ ناونہٕ خاطرٕ چھُ ضروٗری زِ شاعر آسہِ مشاہداۍتی ستھرس پیٹھ باحِس تہٕ فکری دُل مُلیٚک آسہِ نہٕ شِکار۔ اَمہِ رٔوس ہیٚکہِ لفظ تہٕ لفظن ہندِس وِہٕ ہارس تہٕ تصوٗری واتنیارس منز بے توٗژھ کیفیت اگادِ گژھتھ تہٕ شعوٗری ولہٕ ابہام ورتاۍوِتھ تہٕ ہیٚکہِ نہٕ شعر سو جمالیاۍتی ارزتھ رٕژھ أوتھ یا پرٛیتھ برأوِتھ ییمێک تخلیق کارس ظوٚن

چھُ آسان۔ آتشؔ چھُ امہِ حقیقژ نِش وأقف۔ تہٕ سُہ چھُنہٕ پننہِ تخلیقی عملِ یوس معروضہٕ من چھِ آسان فقط منہٕ کِنہٕ جذبأتی گریزن منز پھاپھلِتھ ظونہٕ کِس لامحدوٗد کاینالس مُدی یہ مژرِتھ وُچھنہٕ نِش رُکاوان۔ یِمہِ کِنہِ تہندٕ ین شعرن منز تجربن ہُند علم جذبن تہٕ جذباتن ہندی منہٕ رنزنأوی جامہٕ پرِتھ قأرِیس آگہی چھُ بخشان۔ تہٕ ردِعمل چھِ وو پداوان، اشدر، پاسکھ در، شہہ، گام، کتھ کرن یا ژیوٗ ہاسکوٗنک چھِ تم علامژ یِم زمانس تہٕ زمینس، زمینس تہٕ منوشس آکارناوان چھِ تہٕ رشتن ہنزٕ کیفیتی عملِ ستی رِشتہٕ ناوان چھِ۔ سُہ چھُ اکثر امہِ خأطرِ Eye Dialect تہٕ ورتاوس انان۔ یہِ چھِ تمن تخلیق کارن ہنز زبان یِم شأعرانہٕ تجربہٕ خأطرِ مورد زبان Dead language ہُند ورتاو گوناہ چھِ زانان۔ عأب چھِ مانان۔

> ازأوی آلوکنن گرٕ ھان چھم نبزأنی ژھاتی چھِ گرایہ ماران
> یہٕ غأر ذانن ہندِس سنگس منز ہنگس ووں کیا کیا مرے ہولالو

> تژ ہریوٗمت اکھ پوشہِ پتھراوس لٔد گن ون چھِھِ منز روٗزِتھ
> ژکھِ ہتی واون کِتہٕ کِتہٕ کوٗرنس ٹوریوٗ ہیوٗت منٛدِ چھون

ازأوی آلوکنن گرٕ ھنہٕ تہٕ نبزأنی ژھاین ہُند گرایہ مارنہٕ چھِ شعرن ہُند علامتی رنگ تہٕ انہار ہاوان۔ شعرک تخلیق کار چھُ حسی بے گانگی

ہنٛز آگہی شُد تہٕ سان ژینان۔ تَس أندی پکھی وٕجود تہٕ تہنٛز پھسرارے
تام چھِ تَس شکی مزاج بناوان نتہٕ چھس پننِس محبوب سٕنٛزِ بدنامی
ہُند وسواس یُس وو پرن ہنٛز آرِج منٛز چھِ نتہٕ چُھ تمُی رنگہٕ رنگہٕ سامان
تیار کرِی ہِتی تس شیرنہٕ تہٕ پأرنہٕ خأطرٕ۔ یُہ دوٚے اَمہِ شعرُک خیال
رٕومأنی چُھ پوٚز امیُگ نفسیات چھ تمہِ تخلیقی رٕویہِ وٕہراونہٕ آمُت زِ مکمل
اوٚند پوٚکھ، اَتھ منٛز وو تلن واجنہِ اجنبیت وو پدأوی عملہٕ تہٕ یہُنٛد، تعصبی
تہٕ ٹھاک کرِ وُن ظوُن یُس لولس مٕدِین ہنٛز حرارت سٕتی پھہہ پرأوِتھ
ظوٗنن مشکاونہٕ چھنہٕ دِوان۔

عشق، لول تہٕ دِل وولساوُن چھ غزلُک بُنیأدی موضوٗع۔ اَمہِ کنٛز
چھنہٕ امکہِ ہِتی ڈبجِر یا ڈبلہِ تجربہٕ خأطرٕ کانٛہہ گنجأیش۔ ردیف، قأفیہ،
آہنگ تہٕ موضوٗع چھ مِلِتھ وِتھ غزلکہِ شعرک حُسن تہٕ تہہ دأری ہُنٛد
احساس کرناوان۔ شأعرس اگر تخلیقی حسن تہٕ لفظن ہُنٛد جمالیأتی رٕویہِ
واتنیار آسنس پیٹھ پڑھ آسہِ سُہ چُھ لفظو سٕتی احساسَن ہنٛز مصوٗری کران
تہٕ پرن وول چُھ ظونہٕ پرأوی کفیت پرأوِتھ سوکھ لبان۔ یہِ چُھ سُہ
وصف یُس معنیأتی وٕہراوُک ضأمن چھ بنان تہٕ پیکری تصورن ہنٛدی
سٕتی عالم چھِ ظونہٕ رِکس کنواسس پیٹھ اکھ أرِکس منٛز ژمان حأران
کروُن شعری فضا وو پداوان۔ امہِ کفیژ ہُنٛد حأمِل چھ آتش صأبن
پیٹھ کنہِ درج دوٚیم شعر۔ تژ ہر یومُت پوشہِ پتھُر، ون چھپہِ منٛز روزن،

ژکھہِ ہوٚت واوتہٕ اَمی ہِنٛدِ کِتہٕ کِتہٕ ستۍ، ؤتھرک مند چھُن چھ گریز رُس مثبت تہٕ منفی احساساتن ہُنٛد پے دوان۔ پوٚز شعرُک رومانٔی رخ چُھ دِلس شہلتھ بخشان۔ متضاد تہٕ تکرأری عنصرن ہُنٛد شفیقانہٕ یارانہٕ بندُت چُھ حُسنِ فکر تہٕ شاعرانہٕ تخلیقی گون تہٕ زبان ورتاوُک تحقیقی جبرٕوت ژکھ چُھ نُہناون یہ چھِ اچ فطرت مگر آتش صأب چھ ژکھہِ سوکھہٕ سووٕؤطیرِ بخشتھ خوشین تہٕ شادمانٔین ہُنٛد دُنیا آباد کرناوان۔ اَمہِ خصوٗصیت ستۍ چھِ شعرس منٛز فنی پیچیدگی ہنٛز کفیت تہٕ پاأدِ گژھان یوس خود بذات اکھ خوبصوٗرتی چھِ تہٕ جمالیأتی قدرن یِمو عنصرو ستۍ ووتھہٕ بو چُھ لگان تم تہٕ چھِ امی تخلیقی ؤطیرِ پاأدِ گژھان۔ آتش صأب چھِ شعرس منٛز رمزیت تہٕ آہنگ ووتلاوُنک خاص خیال تھاوان۔ استعارن ، تشبیہن تہٕ علامژن ہُنٛد ورتاو چھ فن کارانہٕ اندازٕ کران۔

بارسس آیہ بکھ گرِتھ تارکھ
چشمہٕ دونوے مےٚ آسمان سپدے
سانہِ شہرُک حُسن گو غازُک غلام
بزی نہِ کریٖہنیارا سوندر مالن جناب
ہالہِ گینڈنا کوٚرکھ کلن دوہدش
اَسی چھِ سگریٹہٕ بٹ تماکِکی گُل!

جدید دوٗرُک تقاضہٕ چھ زِ موضوٗع، آسہِ مشاہداتی رٕویہٕ یُس

پرٕتھ ذی حِسّس شاعرس تخلیق کارس ذاتی نوٗعیتُک ہیٚکہِ اَستھ۔ یِمہِ
کِنٕز اکی سےٚ دورس منٛز اکی ہےٚ سماجس منٛز اکی ہےٚ واقعس نسبت
بیٚون بیٚون تخلیقی ردِ عمل چھ بارسس یوان۔ آتش صاب چھِ یِمن
موٗضوٗعن نوٗہِ علامژ تہٕ اشارٕ زبان دِتھ غزلہٕ کہِ صحت مند رِوایتُک صحیح
فائید تُلِتھ جدید لہجہ غزل لِکھنُک تجربہٕ کران۔

وُہمہِ صٔدی منٛز آیہِ عالمی سوٗتھرِس پیٹھ سیٹھاہ بجہِ تبدیلیہِ یِمو تبدیلیو
کِنٕز انسانن معاشی تہٕ سماجی ترقی ہُنٛد مٕژُش۔ پوٚز یِمو تبدیلیوٚ سۭتۍ
ووت تِمن قدرن دٔدارٕ یِم سماجس منٛز بےٚ شوٗنکھ پاٹھۍ انصافُک
اتحادُک توازُن قایم آسہٕ کران۔ امیُک اثر پیوٚ شاعری تہٕ ادبس پیٹھ
سارِوے کھوتہٕ جادٕ ۔ عدم تحفظ ،تذبذب، خوف تنہایی ، بے کسی ،
فرٲریت ، بے گانگی تہٕ رِشتن منٛز میچھرِ چ کمی تہٕ بے اعتبٲری گٔری سأنۍ
دانشور تخلیق کار تہٕ شاعر انتشارس تہٕ بے قرٲری منٛز ورفتار۔
ہندوستانس تہٕ پاکستانس سۭتۍ سۭتۍ میچ کٔشیرِ تہٕ آزادی ہندوستان تہٕ
پاکستان سپٕد مذہب کِس بنیادس پیٹھ دون حِصن منٛز تقسیم۔ مگر کٔشیرِ
سپدۍ ہم ہستی تہٕ مژہِ زورٕ کِنٕز ژِھپہٕ۔ فساد تہٕ خون ریزی گیہِ تمی
دوہہ پیٹھ شروٗع ییلہِ یِمن واقعن زُپرٕ لٔج ۔ نہ ہیٚکہ یہِ واقعن ہنٛز تیٚہہ
نہَ اندے یہِ مسلہٕ۔ نہ چھُ ہمان انسانٔۍ کلن رِگندٕنُک جنون ۔ یورپی
دانش ور تہٕ تخلیق کار اوس اَمہِ عصری نفسیاتہٕ کہِ دورٕ منٛز بروٗنہہ

گۆذریوٗمت ۔ یِم واقعہٕ أسۍ نہٕ رۄمان پرور۔ یِمن ہِنٛز أس سیاست تہٕ مصلحت ینہٕ غزلُک نفسیات چُھ۔

پتِمِن خدشن ، وسواسن تہٕ وومیذن زیوٗ دِنہٕ خاطرٕ سپدی ہیتی تجربہٕ۔ آزاد نظم ، نثری نظم ، سانیٹ بیترِ صنفن ہنٛدی تجربہ سپدی۔ یوٚ دوَے موخصر نظم مختلف خدوخالہٕ بروٚنٛٹھے کأشرِ زبأنی منٛز موجوٗد أس مگر سو نظم یوس جدید حسہٕ آگہی ہیتھ أس آیہٕ وُہمہِ صدی ہنٛدِس ژوٗرِمس دٔہلس منٛز تخلیق کرنہٕ۔ آتش صأبن تہِ چھ اَمی نوعیتٕچہٕ نظمہِ ہُنٛد تجربہٕ کٔرِتھ پننہٕ فن کارانہٕ مہارٔژ ہُنٛد ثبوٗت دیتمُت۔

یِمن نظمن ہنٛدی موضوٗع کأشُر قدیم باگہِ بوٚرُت ثقافت ، تہذیب تہٕ تمدن چُھ۔ یُس ووٚنۍ روو ، زألی ہارِ گوٚو مگر یُس آتش صأبس ہِوِس شأعرس مزاجس منٛز ٹٕھر چُھ ووپداوان ۔ سُہ چُھ ژلہٕ وِنِہِن ژہِنِ آلو دِوان پوٚز اتہِ چھِ سرپھنٛٹوپہ ہُنٛد زہراتھِ یوان۔ یہِ گوٚو تہِ کتہِ ییہِ۔

وأنسہِ ہنٛدِ امبرِ ووٚتھ ۇری اکھ دژاو

نوٚو ۇری آو از چُھ گوڈنیُک دوہ

پژون و ق زاپھبرن چُھ واتیانٲلی

پوٚز مگر زاپھبرن چُھ آسان ٹوٹھ

یاد پاوان چھُ ءکتۍ مٹھۍ متۍ ساتھ
حأدۍ ثاتھ وأرۍ داتھ کم حالاتھ
پرأنۍ پۍدۍ گرٛھۍ نہٕ تۍ نہونہٕ زانہہ
پرأنۍ حالاتھ تھۍوۍ زِ أچھ نے تل

(نظم: نۆ وۆری)

یتھ ؤطیر چھ بدلہٕ ونہِ تہذیبک تہٕ سمأجی نفسیاتُک عکاس۔ علامتی استعأرأتی زبان چھِ موضوٗعی رنگینی تہٕ پھہلأوی ارتقہس ڈوکھ کران۔ دراصل چھُنہٕ أزِکس شأعرس نِش کانہہ لفظ ژھیٹ۔ آتش صأب چھ لفظک علامتی رنگ تہٕ معروٗضی نفسیات ونہِ کڈان تہٕ وسیع پس منظرس منٛز ورتاوان۔ یُس یہٕژن موخصر نظمن منٛز عیان چھُ۔ یِم چھِ مجبوٗر، جمہورٕ چہِ مہرٕ بنہٕ گُن۔ روٗسُل میرٕنس مزارس پیٹھ، بڈٕس فن کار ہنٛدِ ناو، ووسہٕ دروٗس، زتنہٕ زوٗل بیترِ، یِمن نظمن منٛز یوٗ دوٚے شأعرس راون تیوٗل چھُ وَچھس تچھِ ناوان مگراکھ آش۔ تہِ چھُ پھہہ ناوان نا وومیدی ہنٛدِس گٹہٕ ژلس منٛز ورفتار مۍدین چھِ گاشہِ زٕژن ہنٛدِ پرٕوٕ سرٕ یہِ وُچھنُک شوق، حوصلہٕ تہٕ جرٲت پأدٕ کران۔

صاف شۆدۍ، پزۍ پأٹھۍ گرٛکہٕ ؤنۍ خوٗنہٕ تھوٚمی
پہن یتھے منٛز مارکس گرٛھہِ زِتنہٕ زوٗل

زِتنہِ ییٚلہِ تیژن تیٚونگل سپدن ضرٗور
یام تیٚونگلن تیژِ تہہ ریٚہہِ گرٛشھِ الاو
اَتھ الاوس ٹھرنۍ ییہِ نوٚو آفتاب
گاشرنۍ ییہِ کانٛہہ تہِ سرٛون ظلماٰتی کرٛول
(زِتنہِ زوٗل نظم)



پٔہنز بسیار نویسی تہٕ تحقیقی مہارت وُچھتھ کوٚرمے پننہِ جایہِ
محسوٗس زِنانِٛلک یہِ زنتہٕ لوٗسمُت تہٕ ژھیٚتہٕ گومُت غلام نبی پنڈت
اگرلال چوک سرینگرُک آتش آسہِ ہے، یہِ آسہِ ہے نہٕ پننس
جوشس تہٕ جلالس بروٗنہہ کنہِ کانٛسہِ ٹھہرنے دِوان۔
(ڈاکٹرعزیز حاجنی)

باب:5

# مقالات

1۔ کأشُر لُکہٕ ادب تہٕ غلام نبی آتش

2۔ مُحقِق آتش

3۔ آتش: در تلاشِ ثقافت

4۔ تحقیق کار: غلام نبی آتش

5۔ معروضی سونگُت تہٕ آتش صأئنٕز انکشاف

6۔ ماہرِ تعلیم تہٕ درسی کتابن ہُنٛد مولف

7۔ آتش صأئنٕز ترتیب کاری

8۔ کأشرِس لُکہٕ ادبس آتش صأئُن دیُت

پروفیسر محمد زمان آزردہ

# کأشُر لُکہٕ ادب تہٕ غلام نبی آتش

غلام نبی آتش صأبس چھِ واریاہ شوق۔ شأعری، تنقید نگأری، تحقیق کأری تہٕ ترجمہٕ کأری بیترِ۔ سُہ چھُ شُربن ہِنٛدِ خأطرٕ تہٕ لیکھان، جوانن ہِنٛدِ خأطرٕ تہٕ تہٕ بُزرگن ہِنٛدِ خأطرٕ تہٕ۔ عامن ہِنٛدِ باپتھ تہٕ تہٕ خاصن ہِنٛدِ باپتھ تہٕ۔ کأشُر لُکہٕ ادب، یُس بیک وقت شُربن، جوانن تہٕ بُزرگن ہِنٛدِ باپتھ دِلچسپی ہُنٛد سامانہٕ چھُ، چھُ آتش سُنٛد خاص عشق بلکہِ چھِ تسنٛدِ اَمہِ عشقکۍ دٲررس نتیجہٕ ؤنۍ سارِنٕے بروٚنٛہہ کُن آمٕتۍ۔

جے۔ ایچ ہنٹن نوولزن اوس ۱۸۹۳ء کٕیت اتھ کامہِ دس تُلمُت۔ کینٛہہ کأشرِ لُکہٕ کتھہٕ سوٚمبرِتھ شایع کرنہِ چھےٚ بجایہٕ خود کأشرِ لُکہٕ ادبہٕ کہِ قوت تہٕ تأثیرُک زندٕ ثبوت۔ یہٕ أس گوڈنچ کُنۍ یوسہٕ کأشرِ لُکہٕ ادبہٕ رکس أنہٕ خانس أچ تہٕ لوٗکن پاتھیوواتھ اندر ژرژنُک موقعہٕ۔ اَمہِ پتے کرِ لوٗکو کأشرِ لُکہٕ کتھہٕ جمع گٔرِتھ شایع۔ کینٛژو کوٚریمن ہُنٛد انگریزی زبأنۍ منٛز ترجمہٕ تہٕ۔ ماضی قریبس منٛز گٔر کینٛژو لوٗکو ہندوستأنۍ لُکہٕ ادبس پٮ۪ٹھ کأم تہٕ بیٚین تہٕ پھِرُکھ اَمہِ کامہِ ہُنٛد مأل۔ یمن منٛز چھِ ترٛےٚ

شخص قابلِ ذِکر، ڈاکٹر جواہر لعل ہنڈو، ڈاکٹر آر۔ ایس۔ باجوہ تہٕ ڈاکٹر سُر جیت لی۔ مگر یم چھِ جنوبی بھارتہٕ کِس میسور شہرس منز قیام کُرِتھ۔ ڈاکٹر باجوہ تہٕ ڈاکٹر سرجیب روٗدی امرتسر تہٕ پٹیالہِ تہٕ۔ تِموکوٚر پننہِ ماجہِ زبٕو منز موجوٗد کہاٗنین ہُند وِحاطہٕ۔ پروفیسر ہنڈو سٕنز گرواجینہِ للتا ہنڈو جی تہِ کُر کاشرِس لُکہٕ ادبس متعلق کاٗم۔ تِمسٕنزِ کامہِ ییٚلہِ اکہِ تحریکہِ ہٕنز ہِش شکل پراٗو، بھارتہٕ کِس پریتھ حصس منز خاص پاٗٹھی شُمال مشرقی ریاستن ہٕند بو ادیبو دِژ پٔنن پٔنن لُکہٕ ادب بازیافت کرنس اہمیت۔

اڑیسہ تہٕ بنگالس منز اوس اتھ کامہِ بروٗنہہ دس وۄتھمُت۔ پروفیسر منوج داسن لیچھِ لُکہٕ ڈلیلہٕ بُنیاد بناٗوِتھ درجن واد کہاٗنیہِ۔ دِلہِ منز کوٚر پروفیسر نندنی ساہو جی ین کینٛہہ ؤری بروٗنہہ ہندوستاٗنی لُکہٕ ادبس متعلق اکھ سیمنار منعقد، یتھ منز پیش سپدی مٕتی مقالہٕ کتابی صورتس اندر دوٚن جلدن منز شایع کرنہٕ آیہِ۔ تِتھے پاٗٹھی کوٚر دوبرو گڈھ آسامس منز پروفیسر کروبی ہزاریکاہن (Karobi Hazarika) ہندوستانہٕ کِس لُکہٕ ادبس متعلق اکھ قومی سیمنار منعقد۔ ڈاکٹر فاروق فیاضن چھ کاشرِ لُکہٕ ادبک مُطالعہٕ کاشرِ تواٗریخکہِ امدادی ماخذ زٕنگی کوٚرمُت تہٕ چھِن خاص تہٕ فاٗیدٕ مند معلوٗمات فراہم کُرِ مٕتی۔ پروفیسر شاد رمضانن تہٕ چھےٚ کاشرِس لُکہٕ ادبس متعلق کاٗم کُرمٕژ۔ کشمیر یونیورسٹی منز کریوٚمے تہٕ کاشرِ شعبہٕ چہِ سربراہی ہٕندِ دوران منز کاشرِس لُکہٕ ادبس متعلق اکھ

سیمنار، یتھ منز مقتدر ادیو پننہ مقالہٕ پرٕیاے۔ یم پتہٕ "انہار" رسالہٕ کِس أکِس خصوصی شمارس منز شایع سپدی۔

کأشرِس لُکہٕ ادبس پیٹھ یوٗ دوٚے انگریزی تہٕ کأشرِ زبانہِ منز واریاہ کأم کرنہٕ آمژ چھےٚ، یوسہٕ شایع تہٕ سپزٕ مژ چھےٚ۔ مگر اُردوٗ زبأنی منز چھنہٕ ونیُگ تام اَمہِ قسمچ کانہہ تہٕ کأم شروع سپزٕ مژ۔ یہٕ چھسن غلام نبی آتش مُبارکبأدی ہُند مستحق زانان یمو اُردوہس منز کأشرِس لُکہٕ ادبس متعلق تحریر کری متہٕ پننہ تعارُفی تہٕ تجزیأتی مقالہٕ یکجا کُرِتھ شایع کری (۱)۔ یہٕ چھےٚ پزی اکھ اہم خدمت یوسہٕ ؤری وادن یاد کرنہٕ ییہٕ۔ آتش صأب چُھنہٕ جواہر لال ہنٛدوٕ سٕندی پأٹھی پننہ تحریرہٕ تجزیہٕ Theorise کرنٕچ کوٗشش کران۔ ہنٛدوٕ صأبنہ کأم ییتہِ پننہٕ قسمچ اکھ اہم کاوِش مانہٕ یوان چھ تتہٕ چھِ آتش صأبنہ تجزیأتی مطالعہٕ تہٕ پننہِ جایہِ اَمہِ کِنی اہم مقام پرٛاوان زِ یہ چھُ یمو لُکہٕ ڈیٛلیو ہنٛدِ ذریعہِ کشیرِ ہنٛز سمأجی تہٕ مذہبی زندگیہ سنان، ژرژان تہٕ سام ہوان۔ ییتہِ کِنہ شُرہن باپتھ کھیلہٕ، تہوارن پیٹھ پالنہٕ ینہٕ وألی رسم، شادِ تہٕ تعزیت چین مجلسن پیٹھ چلن وألی اہم تہٕ غیر اہم سأری رسم تہٕ کتھہٕ چھِ آتش صأبس زیرِ نظر روزمژٕ۔ تِمی چھ نہ صرف لُکہٕ ادبہٕ کِنہ مختلف پہلوون پیٹھ پننین خیالن ہنٛز باوتھ کرمژ بلکہٕ کرِن اَمہِ ادبہٕ ذریعہِ کینہہ تژ ہ مثالہٕ تہٕ پیش یم بجایہِ خود کأشرِ زبأنی تہٕ کأشرِ ثقافت کہ قوٚویتک تہٕ أژُرُک ثبوٗت بہم

کران چھِ۔ البتہٕ چُھ پرٛتھ کُنہِ زبانٕی ہٕنٛدِس لُکہٕ ادبس منز سُہ پہلوموجوٗد ییتھ منز تمہِ قوم چہِ حأضر جوأبی تہٕ حاضِر طبعی ہٕنز پرٛوٕ میلان چھِ۔ خبر آتش صائبن کیازِ چھ سُہ گوشہِ نظر انداز کوٚرمُت۔ میون مراد چُھ تمن لوکچبن ڈلیلن ہٕتی یمن منز مُلکٕکی کارنامہٕ بیان کرنہٕ آمٕتی چھِ۔ یمن منز چھِ کینٛہہ ترٛٹھ کہانیہِ تہٕ موجوٗد یم دھوکہٕ دِہی باوجودکأشرِ بن ہُنٛد ذہن، ظریفانہٕ اسلوٗب تہٕ حأضر جوأبی ہُنٛد ثبوت پیش کران چھِ۔ مثلن اکھ لوکٹ ڈلیلہِ ہن چھےٚ یہِ زِ

''دپان اکھ شخص گوٚو اکہِ پھرِ کشیٖرِ ہٕنٛدِس بازرس منزأ کِس دوکاندارس نِش، یُس امہِ وِزِ کُنے زوٚن اوس، تہٕ پرٛژھنس، ''ترٛہ تہٕ ترٛہ کُٔر گئے؟ دوکاندارن وونس ''شیٛٹھ''۔ شخصن دوٚپس۔ ''ژےٚ چُھے حساب غلط۔ یم گیہٕ ستتھ۔ دوکاندارس اوس پننس حسابس پٮ۪ٹھ بھروسہٕ تٔمی وٚون بیٚیہٕ یقینہٕ سان۔ ''تم گئے صرف شیٛٹھ (۶۰)''۔ اَتھ پٮ۪ٹھ سپٕز کینٛژس کالس بحثا بحثی۔ یہ اوس یورٕ ونان ستتھ تہٕ سُہ اوس اورٕ ونان شیٛٹھ أتھی دوران گئے اتھن کینٛہہ لوٗکھ جمع۔ یم یہِ شیٛٹھ ستتھ بوزان أسی۔ اچانک ووٚنس أمی شخصن چون أخری جواب چھ صرف شیٛٹھ۔ دوکاندارن دیُت بڑٕ بڑٕ جواب ''آ'' ''صرف شیٛٹھ، نہ زِ ستتھ'' یہِ شخص ووٚتھس ادٕسہ چونٕے مانوٗ۔ وسا شیٛٹھے

دُوکاندار گوٚو حأران تہٕ پرٛژھنس کوم شیٹھ؟ تمے شیٹھ ہسایمن
ہُنٛد ژےٚ اعتراف کوٚرُتھ۔ نہ تہٕ اوٗسس بہ ستتھ ونان۔ باقے
لۄکھ ؤتھی دوکاندارس کُن، دِوان کونہٕ چھِ ہس شیٹھ۔ اکھ
ترٛاوے أمی بچارن دہ روپیہِ تہٕ بیٛیہٕ ڈٔجی ژےٚ نیپت۔ بہرحال
حالات وأتِی اوٗت پتھ دوکاندارس پیٛیہٕ أمِس شخصس کُن شیٹھ
روپیہِ دِنہٕ"

واریاہ ممکن چُھ یہِ زِ آتش صأبن آسن یِژھہٕ ڈٔلیلہٕ غاراہم زأنِتھ
ترٛاوِمژٕ مگر حقیقت چھےٚ یہِ زِ یِژھہٕ ہٕکژٕ ڈٔلیلہٕ چھ برونٛٹھے کأشرِ حوالہِ
انگریزی زبأنی منٛز "Tales of Tricksters" عنوانہٕ شایع
سپزٕمژٕ۔ اکھُتے چھنہٕ یِژھہٕ ڈٔلیلہٕ کأشرِس منٛزٕے یوت بلکہِ چھِ پنجأبی،
بنگألی، آسأمی، کنڑ، تامل تہٕ باقٕے ہندوستأنی زبانن منٛز تہِ موجوٗد۔ مےٚ
چھےٚ ووٚمید زِ آتش صأب لیکھہِ یہِ کتاب شایع سپدنہٕ برونٛٹھے یِژھن
ڈٔلیلن پیٹھ اکھ مقالہٕ تہٕ کرِ دردِس سوٚمبرنہٕ منٛز شأمِل۔

بہرحال چھےٚ یہِ اکھ رٕژ کتھ زِ آتش صأبن چھےٚ اُردوہس منٛز یہِ
کتاب تحریر کٔرِتھ اکھ اہم کأم انجام دِژمژٕ۔ تکیازِ اُردو چھےٚ اکھ سو زبان
یوسہٕ نہ صرف برِصغیرکس پرٛتھ حصس منٛز کُنہِ حدس تام بولنہٕ تہٕ
پرناونہٕ یِوان چھِ، بلکہِ چھےٚ واریاہن مُلکن منٛز کینٛہہ ترٛژھہٕ بستیہِ تہٕ
قأیم یِمٕکی روزن وألی اُردو زبان بولنہٕ تہٕ پرنہٕ یِتی کُنہٕ قسمکہِ احساسِ

کمتری ہنٛدٕ شکار گژھان چھنہٕ۔ ربّ بوزِن! آتش صائبنٛ یہٕ کأم سپدٕنی بارآور ثابت۔ آمین۔

(اُردو پیٹھہٕ ترجمہٕ: ڈاکٹر گلزار احمد راتھر)



ا یم کینٛہہ صفہٕ چھہٕ آزردہ صائبن آتش صأبنہٕ ''کشمیری لوک ادب، تعارفی، تحقیقی اور تجزیاتی مضامین'' کتابہٕ دیباچہٕ رٔنگۍ لیکھۍ متۍ۔ یوسہٕ ۲۰۱۴ء منٛز شایع سپزٕ مٕژ چھےٚ۔ (مرتب)

معروف محقق غلام نبی آتش چُھ واریاہ کالہٕ پیٹھہٕ کأشرِس ادبس تہٕ ثقافتی خزانس ژھأرتہٕ زول دِنہٕ کِس سلسلس منٛز قأبلِ قدر کأم کران۔ تٔمۍ سٕندٕ بن تحقیقی تہٕ تنقیدی مقالن ہنٛز سومبرنہٕ چھےٚ تٔمِہٕ عصبیتہٕ روٚس تہنٛدِ تحقیقی تہٕ تنقیدی بِتر چہٕ ثبوٗت۔ یمہٕ چھےٚ کأشرِ ادبہٕ کِس تحقیق تہٕ تنقیدس منٛز خاص مقام تھاوان۔

(غلام نبی خیالؔ)

پروفیسر بشر بشیر

# محقّق آتش: سرمایہِ تہٕ سام ‑ کس تنوظرس منٛز

''سرمایہ تہٕ سام'' ناوٕچ کتاب چھےٚ غلام نبی آتش صابٕنۍ اکھ اہم چھاپ سپٕدمٕت تصنیف۔ یہ پران پران چھس بہٕ وُنی کٔمبن محسوٗس کران زِ ازتانۍ ما آسہِ تہند بن تصنیفاتن ہُنٛد تعداد زٕ درجن کھوتہٕ تہِ تھد یومٕت۔ یہِ کتاب چھپیہٕ ۲۰۱۱ء منٛز تہٕ ووٗنی ژاو ۲۰۱۶ء۔

پرٕنتھ کانٛہہ کتھ چھےٚ پنٕنہٕ نس سیاق وسباقسے منٛز کم یا زیادٕ موٗلج آسان تہٕ ہرگاہ اَمہِ نیٚبر نیرِ تیٚلہِ چھےٚ غاٚر ضروری ماننہٕ یوان۔ خاص گرِتھ ادبی تحریرن منٛز چھ یہ بۄڈ قبوٗح۔ تہِ اَستھ تہِ دِیہٕ نہٕ میأنۍ یہ أندرِم آواز اَتھ کتابہِ پٔٹھے ذہن مرکوز کرنس منٛز تھوس تہٕ کوس انتھ سو کھ روزنہٕ یوٚت تانۍ نہٕ بہٕ یہِ وَنہٕ زِ وأنسہِ ہٕنٛدِس یَتھ مٔنزلس پٔٹھ وأتتھ چھس بہٕ یہ محسوٗس کران زِ زندگیہِ ہٕنٛدِس گُنہِ تہِ شعبس منٛز کوتاہ تہٕ بۄڈ اُسن کانٛہہ شخص مگرٔمی ہے شخصس چھےٚ سارِوے کھوتہٕ بڑا ے تہٕ تھزر یُس پنٕنہٕ نبوٗ انسأنی خصلژو (یعنی بے ضرر آسُن) ‑کنۍ بۄڈ آسہِ۔ اَمہِ لحاظہِ چھُ پنٕنہٕ نبن ہم عصرن منٛز آتش صأبُن پایہ ممتاز۔ مےٚ چھنہٕ باسان زِ ادیبن تہٕ شاعرن ہٕنٛزِ برادریہ منٛز کیاہ آسہِ کانٛسہِ تسنٛز

پھوشان۔ بلکہِ چھِ پَننہِ ورتاوِ تہٕ وِیوٚہارٕ کِنۍ أمِ سُند ناولولہِ سان
ہوان۔ آتش صاب ٹوٹھ آسنہٕ باوجوٗد چھُ مےٚ تِمن ہِتۍ زِ کھ زِ کھ کرنس
مَزٕ یوان تکیازِ اکثر صوٗرتن منز چھُ اَتھ رُتۍ ترنیران۔ یا چھس بہٕ
نتہٕ چھُ سُہ کُنہِ نوکتس متعلق نِو سرٕ سوچنس پیٹھ آمادٕ سپدان۔ وونۍ گوٚو
یہِ چھےٚ الگ کتھ زِ أکِس پُرخلوص محقق تہٕ نقاد ہِندِ حیثیتہٕ چھُ تِہِندِ رَتٕن
بانہِ میانہِ خاطرٕ تہِ قابلِ رشک۔ تِہُند مشورٕ چھُ ہر حالس منز فائدٕ مند
ثابت سپدان۔

یہِ چھُ پوٚز زِ "سرمایہ تہٕ سام" کتابہِ ہِندۍ وُہ تحقیقی تہٕ تنقیدی
مضموٗن پَرِتھ چھُنہٕ میانِس عَلمَس منز کانٛہہ زیادٕ ہُرِ بڑ سپدان تِتھ چھ
شاید یہِ وجہِ زِ یِم ساری مضموٗن چھِ مےٚ یا تہٕ گوڈے پَری مٕتۍ نتہٕ چھِ
یِہُند ہر تَرتَس تہٕ مےٚ درمیان گوڈے کُنہِ کتھ باتھ منز دأیراونہٕ
آمٕت۔ تہٕ أسِتھ تہِ کیازِ پَرٕ مےٚ یہِ کتاب؟ تہٕ امہِ منز کیاہ دِزاوےٚ؟
اَتھ منز کیاہ باسیاوےٚ چھُ مجموعی طور دِلچسپ۔ سو چھےٚ یہِ کتھ زِ بیوٚن
بیوٚن موضوعن تحت یِمہٕ کھنڈی پھُٹ کتھہِ مےٚ بیوٚن بیوٚن جاین پانہٕ تہٕ
پرمژ یا بوزمژٕ چھےٚ۔ تِمن یوسہٕ ترتیب زیرِ بحث کتابہِ منز میچھژٕ چھےٚ سُہ
چھُ آتش صابُن اصل کنٹرِ بیوشن۔ یہِ پران پران یُس بوٚڈ فائدٕ مےٚ آو
سُہ چھُ یہِ زِ کتابہِ منز یِمن موضوعن تحت آتش صابن کتھ چھےٚ کرمژ
تِمن متعلق چھےٚ ساری بُنیأدی انفارمیشن أکی ہِسے جایہِ میلان۔ امہِ

کِنِژ ونوس کیپشوٗل (Capsule) آتش صابُن طرزِ بیان چھُنہٕ پیچید یا وردار یہ زَن تحقیقی مضموٗنن ہُند بُنیادی تقاضہٕ چھُ ۔ اَتھ ہِتی ہِتی بخشیٚتہٕ فوک لورسٹ تہٕ شُرین خاطرِ ادب سوٚمبراونہٕ تہٕ تخلیق کرنکہِ متواتر تجربہ کِنِژ لفظن ہُند مُناسب ورتاو تہٕ ژھوٚٹؠ ژھوٚٹؠ جملہٕ لیکھنُک یُس ہُنر آتش صابس بدس چھُ آمُت تمہِ کِنِژ چھُ تسُند تحریر شوٗبہ دار، پُر اثر، رواں تہٕ سلیس یہ پران پران چھُنہٕ انسان پَسر یوان بلکہِ چھُ یہِ اسلوٗب دِلکش، دلچسپ تہٕ خوش یِوان آسنس ہِتی ہِتی کُنہِ موضوٗعس پیٹھ پرن وألی ہِنٛز زان ہُراونس منٛز کار آمد ثابت سپدان نتہٕ زَن چھُ تخلیقی ادبس برعکس اکثر صوٗرژن منٛز تحقیق تہٕ تنقید پرنس کیٚتھ ہنا خوشکے تہٕ دِماغس تھکراون ووٚلے آسان۔ کُنہِ ریسرٕچ ڈگری، فیلو شپ یا وظیفس تحت کُنہِ موضوٗعس پیٹھ تحقیقی کأم کرنچہِ عملہِ منٛز چھُ عام پأٹھی کانٛہہ سُکالر توٚت تانی پَنُن بیشتر یا وَنو سورُے وقت تِتھی کامہِ ہِتی گذاران یوسہٕ تمی دِردست ہیٚژ آسہِ ییٚمہِ رِکس نتیجس منٛز سُہ موضوٗع کیٚن مُختلف کُنہن گوڈَے ترتیب دِنہٕ آمتہِ سٕرتھ سوٚچتھ خاکہٕ مُطأبق تکمیلس چھُ واتناوان مگر "سرمایہ تہٕ سام" کتابہٕ ہنٛز نوعیت چھُنہٕ یہِ ۔ سأنس أمِس محقق تہٕ نقاد ہِنٛز چھےٚ یہ مُختلف وقتن پیٹھ لیکھنہٕ آمتین مضموٗنن ہنٛز سومبرن ۔ ظأہر چھُ زِ ییٚم مضموٗن آسَن یا تہٕ کُنہِ ادارٕ یا شخصہٕ ہِنٛدِس تقاضس یا درخاسس پیٹھ لیکھنہٕ آمتی نتہٕ یہ زِ لکھأرِس آسہِ

پانس یمہٕ کتھہٕ سانٛمتھ تہٕ رٕژھرِتھ تھاوُنٛک ضرورتھ باسیومُت یہنٛدِ ضایع گرٕژھنٕک خطرِ تَس باسیومُت آسہِ۔ چنانچہِ زیرِ نظر تصنیفس منٛز چھِ دوٚیمس زُمرس منٛز یِنہٕ واٲلی تہٕ کینٛہہ مقالہٕ شاٲمِل۔ یہ صوٗرتِ حال چُھ اکثر وِزِ ہو لکھاری ہنٛدِ جماعتی تہٕ قومی شعوٗر کی نتیجہ آسان۔ سانٛیٛ بدقسمتی چھےٚ یہِ زِ اَمہِ قسمچ صلاحیت تھاوَن والین شخصن نہ چھےٚ سرکاری تہٕ نہ نجی سطحن پیٹھ مُناسب حوصلہٕ افزاٲیی سپدان۔ تِتھین باصلاحیت نفرن ہُنٛد سبٹھاہ وقت چھ نوٗن، تیل تہٕ زیٛن زالُن ژھانڈنٕچہِ پریشانیہ منٛز گذران یتھ اند بوٚر دِنس تمن بہر حال چارٕے چھنہٕ آسان۔ تِتھس تناظرس منٛز ہیکہِ مُصنف تیٚلی کینٛہہ لیٚکھِتھ ییلہِ تَس مُتواتر مطالعہٕ، ژرژن واجی سِنٛز نظر، مشاہدٕ، علمی گنجین ہُنٛد پے پتاہ تہٕ زبر یاد داشت آسہِ۔ کانٛہہ کتھ پرِتھ، بوزِتھ یا کانٛہہ چیز مُشاہدس منٛز یتھ چھ اکثر انسان چورتہٕ گژھان یہ سوٚنچ زِ اَتھی معاملس سٟتی تعلق تھاون وول کانٛہہ بحث یا نوکتہٕ چُھ تمی گوڈٕے پوٚرمُت یا سوٚرمُت اَدِ چُھ سُہ اَمہِ کتھہِ ہنٛدِ ربطچہِ بُنیادٕ پیٹھ کانٛہہ دعویٰ تہٕ دٔلیل پیش ہیکان کٔرِتھ۔ لہٰذا وَنوٗ یہِ زِ آتش صاٗبس چھ یِم ساری وصف۔

آتش صاٗبنہِ تحقیقی تہٕ تنقیدی بصیرٕژ ہُنٛد بیاکھ گون یُس تِہنٛدِ بن تحریرن طرح تہٕ تراے بخشنس سٟتی سٟتی بُنیادی تحریک چُھ فراہم کران سُہ چُھ پننہِ نِس ثقافتس، پننہِ نِس وطنس تہٕ وطن دارن بٔنیہ اَمہِ رِکس

باگہِ بٲرتِس پتھ کالس ستی ییمہِ اعتبارٕ زبردست مالے زِ یہِ رٕژھرنہٕ ہیکہِ سون شان تہٕ ہُرتھ تہٕ نوبن منزلن ژھنڈٕنچ کل تہِ وُزِ۔ اَتھ کیاہ وٕنی زِ تحقیق و تنقیدکس شعبس منز سٲنِس بہلہِ پایہِ تہٕ ممتاز ہم کال أدیبس ییمہِ زیرِ نظرِ کتابہِ ہُند پیشِ لفظ موکھتہٕ چھکے دوژھے لو" عنوانہٕ لیوٚکھمُت چھُ تِمس تہِ چھےٚ کشیٖرِ تہٕ کأشرِ تیچ سٔنی مامے یتھ متعلق سٕہ حدٕ روٗس جذباتی چھُ۔ تہُند تحریرک انداز چھِی نرٕل تہٕ آتش صابس گلی آلوٕ نکہِ اندازٕ تہُندِ تعارفی مضموٗنک بُنیادی محرک تہِ چھُ ژکہِ یِی۔

آتش صابنن امہِ قبیلہٕ کِہن تحریرن ہُند یہِ حُسن تہِ چھُ قابلِ ذِکر زِ یہِ چھُ مختلف سطح کِہن پرن والین ہِندِ باپتھ وُتشاول۔ أکِس طالب علم تہٕ عام قارِیس خاطرِ چھِ اَتھ منز بُنیادی تہٕ لازمی اطلاع تہٕ أکِس محققِ ہِندِ خاطرِ آگرن (Sources) تانی واتنچ کُشِش تہِ یہِ چھُ تیلی ممکن ییلہِ نہٕ لکھارِی سُند پنُن علم، زان تہٕ فأصلہٕ سطحی آسہِ۔

"سرمایہ تہٕ سام" کتابہِ منز شأمِل اکثر موضوعن ہنز نوعیت چھےٚ عوأمی دلچسپی ہِندی مُباحث۔ مختلف عنوانن تحت درج کرنہٕ آمژ زان چھےٚ بُنیادی کیو ثانوی آگرن منز حأصل سپدن واجنہِ زأنی ستی ستی ذأتی مُشأہدِ تہٕ منطقی اعتبارٕ فأصلہِ کرنچہِ صلاحیژ پٹھ دار مدار تھاوان یُس زَن سأنِس أمِس لکھارِس قابلِ اعتبار چھُ بناوان۔

أکِس حساس کأشرِ ہِنز حیثیژ چھُ تمی پوٗرِ پأٹھی ییتہٕ کِہن بسکینن

ہُنٛد مزاز پرزِنووُمت تہٕ پرکھوومُت ۔ پانس تہٕ چھس تِمنٛے کتھن ہِنٛز یَژھ تہٕ پژھ ، تِمے آرزو تہٕ تِمے ارمان یِمو کٔنٛز کأشرِ تٕچ تشکیل چھےٚ سپدان۔ شیٚخ العالم شیخ نورالدین نورانیؒ چھ علمدارِ کشمیر یِمن سأری کأشرِ بلالحاظہٕ مذہب وملت فرقہٕ تہٕ طبقہٕ عظیم چھِ مانان۔ چنانچہٕ کتابہِ منٛز شأمِل گوڈنیُکۍ مضموٗن ''حضرتِ شیخ العالم۔ کأشرِ تمدنُک بالہٕ ہزأرۍ'' چھ تِمنٛے کتھن ہِنٛز باوَتھ یِمہٕ آتش صأبٕس کأشرِ ثقافژ ہِنٛز سارِوے کھوتہٕ تابناک علامژ منٛز پرزِناوُنہٕ چھےٚ تِجِہژ تہٕ یِمن پیٹھ اَسہِ سارِنٕے غأر متزلزل تہٕ غأر مشروٗط یقین تہٕ اعتبار چھُ۔

پنٕہٕ نِس أکِس خلیفہٕ حضرت زین الدین ریشی صأبٕس مُتعلق پننہِ ٹاٹھنیار تہٕ پُر خلوص محنت تہٕ ریاضژ ہنٛدِس نتیجس منٛز وُژھ وُژھ روٗحأنی منزِل پراونس پیٹھ خوٗشی تہٕ اطمنانُک اظہار کران علمدار صأبنٛ شعر باوَتھ ''گوٚ گورس ژاٹھاہ ژٚورو'' عنوان بنأوِتھ چھِ آتش صأب حضرت زأنہٕ شاہ صأبنہِ زندگیہِ تہٕ کارنامن مُتعلق سٕبٹھے اہم تہٕ قأبلِ توجہ تحقیقی مواد ترتیب وار بیان کران۔ مضموٗن کہِ حوالہٕ چھےٚ مےٚ یتھ جایہِ یہِ کتھ تہٕ قأبلِ ذکر باسان یِیمہِ کِنہِ یہِ آتش صأبنس تحقیق، تجسس تہٕ زان پراونُک مارٕ موٚت آسنس مُتعلق شہادت ہیکہٕ دِتھ۔ کیٚنٛژہہ وٕری برونٛہہ پٔر رتِمو یہِ مضموٗن اننت ناگ کِس کورِ کالجس منٛز مرکزِ نوٗر کشمیر یونیورسٹیہ ہنٛد طرفہٕ زین شاہ صأبنہِ سالانہٕ وورسہٕ کِس

موقس پٹھ منعقد کرنہٕ آمژ أ کِس تقریبہِ پٹھ۔ راقم الحروف ہِنٛدِ طرفہٕ مضموٗنس پٹھ تبصرِ کران تھٕنٛدتہٕ حاضر لوٗکن ہُنٛد توجہ یتھ کتھِ کُن پھرنہٕ زِ بڈ شاہ صأبنہِ حضرت علمدار صأبنس جنازس منز شرکت کرٕنی ہکو أسی أمِس دُنیاوی بادشاہ ہِنٛز روحأنیتکِس پادشاہس مُتعلق عقیدت مأنِتھ مگر امہِ پتہٕ کُنہِ تہِ وجہ کِنی زأنہٕ شاہ صأب جلا وطن کرٕنی تہٕ پتہٕ کنہِ وجہ کِنی تمہ لداخ پٹھہٕ احترامہٕ سان واپس اناوٕنی ماچھ ژ کہِ تمہِ أندری خوفک نتیجہِ یُس زمانہٕ کِس بادشاہس ریش تحریکہِ ہِنٛز عوأمی مقبوٗلیژ کِنی غالب اوس تہٕ حضرت شیخہٕ ہِنٛدِ رحمتِ حق سپدنہٕ پتے مأ اُس یہِ تحریک کمزور بناوٕنچ ناکام کوٗشش۔ یہِ کتھ بوز آتش صأبن غورٕ سان۔ کُنہِ بخشس منز پننہٕ بجایہِ تہِ پننے رِژُل بہہ تڑکھ کرنہٕ ورأے یہِ زَن سانین اکثر لکھأرین عادت چھ دیُت آتش صأبن کتھِ ژاپھ تہٕ مضموٗنس منز کرٕن یہِ کتھ حأشیہ رٕنگی استعمال یتھ جناب محمد یوسف ٹینگ صأبن تہِ تعریف چھ کرٕی مٕتۍ۔

''اکھ نأدر نعت شریف'' عنوانک مضموٗن چھُ تحقیقی اعتبارٕ سٕبٹھے اہم۔ یہِ وَننس منز ہیکہِ نہٕ مے کہنی تہِ تامُل اُستھ زِ ہرگانہٕ آتش صأب مضموٗنس منز ذِکر سپدیمتس نعت شریفس مُتعلق تمن دستیاب سپدیمژ زان أکی ہِسے جایہِ جمع کرٕہن یہِ سأبِلم ونہِ ہے نہٕ بروٗنہہ کُن کأنہہ اکھا۔ تہٕ صرف روزٕہن امِچہِ تخلیقی تہِ توأریخی اہمیژ کِنی اَتھ نعتِ

شریفس متعلق اندأزی طورے کتھا درج کران تہٕ یۆ دوٚے کأشہ محقق کأشہ راے قأیم کرنچ کوٚشش تہٕ کرِ ہے مضموٗنس منز موجوٗد زأنی ہنز عدم موجوٗدگیہِ منز کُنہِ تِتھس نتیجس پیٹھ واتنک خدشہِ تہٕ اوسنہٕ محال یُس اندہبتھ ناقص آسہِ ہے۔ پانژَن زبانن ہٕنٛدٮ۪ن شعرن پیٹھ أکی سے بحرِ تہٕ تُلہِ تراوس پیٹھ لیکھنہٕ آمُت یہِ نعت شریف روزِ ہر ہمیشہِ پننہِ توأر تہٕ فنی تہٕ عقیدتی اہمیژ ِکنۍ کأشرٮ۪ن ہُنٛد ظون تہٕ مَن وُچھلاوان تہٕ وولساوان۔

کأشرس منز لکھنہٕ آمتٮ۪ن معراج نامہٕ ناوِ وٮ۪ید ٮ۪ن منظوٗم تخلیقن ہٕنز خأصیژ تہٕ موادس مُتعلق ییمہِ اختصارٕ سان فأضل مِحققن اطلاع فراہم چھ کٔرۍمٕتۍ سہ چھ مضموٗن نگار سِنٛدِس قلمکأری ہٕنٛدِس فنس داد دِیا وناوان۔

کأشرس گرامرس تہٕ درسی لسأنیاتس متعلق ییلہِ تہٕ کینہہ لکھنہٕ چھ یوان تتھ منز چھ سوتی پنڈتنہِ کأشُر فارسی نصابک حوالہٕ دِنہٕ یوان۔ حق چھُ یہِ زِ ایم اے سطحس پیٹھ امتحانس منز شأمل سپدتھ تہٕ گوڈنچ پوزیشن حأصل کرنہِ باوجود تہٕ اوس مےٚ تمہِ ساعتہٕ صِرف امہِ نصابک ناو بوٗزمُت تہٕ امتحأنی پرچن کیوٗ باقی مضموٗنن منز ما آسیم واریہہ پھرِ اَمِچ ذِکر تہٕ کٔرمٕژ مگر پرٕنتھ ساعتہٕ اوس مےٚ پننٮ۪ ونُن یا لیکھن ژھوٗژ تہٕ کھوٗٹ ہیوٗ باسان تِکیازِ امیُک متن یا متنک کأنہہ نموٗنہٕ اوسنہٕ مےٚ نظر

گوٚمُت ۔ اَمہِ لِکھہٕ یوسہٕ انفارمیشن آتش صأب پننہِ کتابہِ منٛز چھاپَس کھأرِتھ شایع چھِ کران تمہِ کنہٕ میلہِ اَزی کہن کیٛو مستقبل کہن کأشرِ بن طألب علمن، تحقیق کارن تہٕ لسأنیاتس ستۍ دِلچسپی تھاون والین بُنیأدی أہمیژ ہُنٛد یہِ مواد آسأنیہ سان۔

کأشرِ مثنوی ہنٛدِ حوالہٕ چھِ کتابہِ منٛز زٕ مضموٗن تہٕ خواجہ لسہٕ خان فدا صأبس متعلق زٕ مضموٗن ۔ خان صأبن چھےٚ کأشرِس ''گُل بکاولی'' ہِش شاندار تہٕ مقبوٗل مثنوی گُلہِ میوٗٹھ کرمژ ییمہِ کنہٕ یمن مضموٗنن ہنٛدی سرحد تہٕ مثنوی ستۍ رلنہٕ علاوٕ أمِس پایہِ بڈِس شاعر تہٕ سأرِس متعلق زان فراہم چھ کران۔ کُنہِ تہٕ مضموٗنُک خلاصہٕ بیان کرُن چھُنہٕ یتھ جایہِ ممکن تکیازِ سیٹھاہے وسیع موضوٗعن احاطہٕ کرن وألی تِتھی ہوی مضموٗن چھِ گوڈَے کم کھوتہٕ کم لفظن منٛز زان پڑاونکی سنٛز سر۔ تہٕ بہٕ ونہٕ یتے زِ عام طالب عٔلم ہیکہِ محض یمے مضموٗن پرِتھ اَتھ موضوعس مُتعلق بُنیأدی تہٕ اہم معلوٗمات حأصل کرِتھ تہٕ پننہِ ادبی روایژ أنزی منٛزی گوٚمُت کأنہہ تہٕ سُکالر ہرگاہ یمے مضموٗن کُنہِ ساعتہٕ پرِ تَس لگہِ ضروٗر ذہنس منٛز تتھ سأری ہے پرِی مٕتس تہٕ بوزی مٕتس پھیٚر یہِ از تانی رزمیہ، بزمیہ تہٕ وِدپر کیٛو مقأمی موضوعن ہنٛز بُنیأدی پیٹھ تحریر تہٕ تخلیق سپدیمژٕ ن کأشرِ بن مثنوی ین متعلق لیکھنہٕ چھُ آمُت ۔ باسان چھُ زِ سانین مثنوی ین ہنٛدی یم تہٕ خدوخال از تانی وُنی راونہٕ چھ آمٕتۍ تِمن متعلق چھ

اشارٕ یمن مضمونن منز موجود۔ تہٕ تتھٕ کنی چھِ یم مضمون تمن آگرن کُن تہِ سون ظون نوان یم کُنہِ مزید تحقیقہٕ خاطرٕ کانٛسہِ تہِ لکھارِ ہِنٛدِ خاطرٕ ناگزیر چھِ۔ کاشرٕ زبانی ہِنٛدین صوفی مثنوی نگارن ہِنٛدین تخلیقن سام ہوان چھِ آتش صاب کاشرین ہنزٕ صوفی مزاز لیہ ہرآنہٕ مدنظر تھاوِتھ پننی پرتیتھ ہُرراوان۔

''عبدالاحد آزاد۔پایہِ بوڈ محقق'' مضمون ییتہِ کاشرِ ادبہٕ رِکس اولین باقاعدٕ مورخ تہٕ نقاد عبدالاحد آزادس خراج عقیدت چھِ تتہِ یم حوالہِ مضمونس منز پیش چھِ کرنہٕ آمتی تم چھِ ییہِ تہِ کینژن نوکتن کُن حساس پرن وألس ذیہن نوان۔ مضمون نگار ہِنٛدِ اسلوٗب یا طرزِ بیانٛچ سو خصوصیت چھےٚ قابلِ توجہ یوسہٕ اکی آنہٕ تمی ہنزٕ ترٛٹھ أندری سوچن ترٛایہ ہنزٕ محتاط رؤی سان باوتھ چھےٚ کران ییتھ متعلق نہٕ تس رِنش باقاعدٕ دٔلیل یا ثبوت چھُ مگر تمہِ باوجود چھ سُہ ادبی لیکھنِ ہُنٛد بوے تہٕ باس محسوس کران۔ کتھ ہرگاہ عیان پأٹھی ونہِ مگر خدشہٕ چھس باسان زِ یہ گوٚژھنہٕ ییٚنہٕ وألس تحقیق کارس اتھہٕ رُوٹ کرنہٕ بجایہ گُھنٛڈے دیٚن۔ نہ وَنٛن چھس تمہِ گاٹُگ راون تیوٚل وُزناوان زِ ہرگاہ تِہنٛدِ تحقیقی ذیہنہٕ وُزیومُت سوچہِ مُشک باونہٕ آونہٕ یہِ مُشک تہٕ گوٚژھنہٕ وقتہٕ چوگردِ برٛژو واوٕ گرٛایو ہر ہمیشہٕ خاطرٕ وٕہتھ گرٛژھن۔ آزاد صأبنی کاشرِ زبأنی، لسانیات تہٕ شأعری متعلق تحقیقی کاوِش چھےٚ اَسہِ سارِنے

وونی ''کشمیری زبان اور شاعری'' ناوٕ ؤنس تل مگر عبدالاحد آزاد نہٕ
حوالہٕ تاریخ ادبیات کشمیر تہٕ تذکرٕ شعرای کشمیر ناو ماچھِ بیٚیہ تہٕ کیٚنٛہہ
نابۄد یا نامعلوم کتھن ہُنٛد تہٕ ظوٗن وُزناوان۔ دانٲیی چھےٚ یِی زِ اَسۍ تہٕ
درتاوو آتش صاًبنے آیہ محتاط رٕوی۔ کاٗشرِ شاعریہٕ یا وَنو ادبس متعلق
ییٚتھ تنقیدی کامہِ آزادن دس تُل تتھ بروٚنٛہہ کُن آبیاًری کرن والین تہٕ
ازتامَتھ رکس اَمہِ گاچہِ رکس سرمایس چھےٚ ''آزادس پتہٕ تحقیق'' عنوانس
تحت سام ہینہٕ آمٕژ تہٕ ظاٗہر چھُ زِ یہٕ فہرست ہیکہِ نہٕ مکمل اَستھ تاہم
ہیکہِ نہٕ اکہِ سروے رٕنگی اندہِتھ نظرانداز تہٕ کرنہٕ یِتھ۔ گاہے گاہے
ہرگاہ آتش صاًب پننہٕ نن مضموٗنن تخلیقی گاچکو یا شعرانہارٕکی عنوان
دِوان چھُ تاہم چھُننہٕ کُنہٕ تہٕ جایہِ ییٚتھ ہیوٗ عنوان مضموٗنہٕ رکس موادس
ژھایہِ ہوٚل کران۔ بلکہِ چھِ ییٚتھی عنوان تیٚتی موافق تہٕ مُناًسب زِ
موادٕکی خدوخال چھِ زیادٕ صراحت سان فِکرِ تران۔ مثالے ''گوٚو
گورس ژاٹھا ژوٚروٗ'' ـ ''مہجوٗر۔نوٕ زمانٕک نقیب'' کاٗشرِ کتاب۔ کاٗشرِ
تمدنٕک رنگہٕ ؤلی زاٗنی گنج'' ''کاملنہٕ لہجہِ کُے مُدرٕ اقرار'' ''پروفیسر
مرغوب بانہالی۔سنکستانٕک جوہر'' وغاًرٕ۔

آزادس لرِلوٚرتیٚنٛدی ہیے قریٖبی ہم کال مہجورس نسبت چھ کتابہِ منٛز
زٕ مضموٗن شاًمل۔ یِم مضموٗن یوٚدوے مہجور سے متعلق چھِ تاہم چھِ
کاٗشرِ شاعری ہِنٛزِ رِوایژِ لرِلوٚرتیٚنٛدِ زمانہِ رکس ادبی منظرنامس قاًری

ہِندِس ذیہنس پیٹھ نقشاوان تہٕ ووتلاوان۔ "مہجور ۔ نوِ زمانک نقیب"
مضموٗنس منز ییٚتہٕ عالمی سطحس پیٹھ رونما سپدیمژن تبدیلین تہٕ انقلابن
ہِندبن نتیجس منز برصغیر تہٕ أندی پکٕی علاقن تہٕ زبانبن ہِندِس ادبس منز
ورتاونہٕ یِنہٕ والین نوبن موضوٗعی تہٕ زمأنی تقاضن ہُند مزازٕ تہٕ ہونوا
اُردو ہشہِ نکھہِ تلہٕ چہٕ زبأنی ہِنٛدِ ادیکہِ وساطتہٕ ژیٚنتھ مہجور نہِ ذٔسی کینژن
نوبن ادبی رہوایژن موضوٗعی تہٕ ہیتی سطحس پیٹھ کن چھ لگان یتھ منز
خاص پأٹھی سیأسی شعوٗر چ کارفرمأیی ونہِ چھےٚ یوان تہٕ چھ کتابہِ منز
شأمِل اتھ پیٹھ "مہجورنہِ شأعری منز نسوأنی جذبن ہنز ترجمأنی"
عنوانس تحت تمہِ خاص ادبی رہوایژ ہُند اکھ اہٕم رُت بوٚ رُت عنصر بدِ
کڈان ییٚمہِ کِنہٕ سون واریہہ شأعری سرمایہ نسوأنی جذبن ہنز باوتھ
گرِتھ کاڈ چھ کڈان ۔ وُچھوے تہٕ ژینن بل کِس علمس پیٹھ اوسے یہِ
سپدُن ناگزیر تکیازِ کشیرِ منز پھلیمتس شیوی فلسفس منز اوسے انسان
تہٕ موجوٗداتن ہِندِس تتھ زمرس منز شأمِل یتھ شکتی ونہٕ چھ آمُت تہٕ
یُس ماد چھُ ۔ یہِ ماد چھ پنہٕ نِس آگرس ستی رلنچ یژھ تھاوان یتھ زَن
تکمیلس واتہِ ۔ یہِ آگر چھ شِو یُس نر چھُ بیان کرنہٕ آمُت ۔ سانہِ
بیشتر صوٗفی تہٕ ماباتی رومأنی شأعریہ منز تہِ روٗدیو ہے رٔوی یہِ ییٚتہٕ
کنہٕ تخلیقی فنکارن ہِندِس مزازس راس یوان مثالہِ خأطرِ ہکون أسی
رحمان ڈارٕنی مشہور تہٕ مقبوٗل نظم "شش رنگ" پیش گرِتھ ۔ مہجور

یۆ دوٚے فکری سطحس پٮ۪ٹھ ئو پنٕہ سرحدن گُن لاپٕنھ چھ تاران تاہم چُھنہٕ کأشرِ شأعریہِ ہٕنزِ ئژ کاجہِ ربوایژ نِشہِ احسأسی سطحس پٮ۪ٹھ ژھٮ۪نہِ گرٕ ژھنہٕ خأطرِ تہٕ شعوری یا لاشعوری طور آماد۔

کأشرِ زبأنی ہٕندِس تنقیدی تہٕ تخلیقی سرمایس منٛز ووت پتیٚمیٚن دوٚن ڈاین وٚہرین منٛز حیہِ تہٕ زیہ سان مقبوٗل امرتسری یُن ناو تہِ سفر کران ۔ آتش صأبنہِ مضموٗن ''کلام مقبول امرتسری۔تبصرٕ تہٕ تٕلنے'' کِنٛی چھ یہِ ننان یہِ آسہِ ہے محموٗد گأمی نہِ زمانک اہم شأعر۔ ''امرتسری'' ناوِ پوٚت لوٚگ چھ اَمہِ ناوِ کِس شأعرٕ سنٛز کشیرِ پٮ۪ٹھ امرتسر ہجرت کرنہٕ ہِنس کُن اشارِ شاید چُھنہٕ توے عبدالاحد آزادس تہِ پننہِ وقتہٕ وَنہِ آمُت ۔ البتہٕ ناجی منور صأبس اوس تہنٛد کینٛہہ کلامہٕ بدس تہٕ اَتھ متعلق لیوٚکھن تہِ تہٕ چھوٗپُن تہِ ۔ مگر اَتھ کیٚاہ وُنی زِ قدرتس ما اوس یی منظور تسٕنزِ ہجرٕ ژ تھوو سہٕ آزاد ہوِس پُرخلوص ادب شناس سٕنزن نظرن ژھایہِ ۔ سیٚدہ ساد و واتنو یتھٕ تتھہٕ یہِ موٗلُل سرمایہِ یپور اما پوٚز سانٮ۪ن واریاہ پرٕ ی ٕتمن گوبٮ۪ن شہمار پنجن تل لگتھ تہٕ مانیو وقتن اَسہِ نِش اَتھ موٗرِتھ تہٕ دوٗلن پانس ستی پرٕ ۔ پھرُن اگر روزِ تہٕ سُے کلامہٕ یُس ناجی صأبنہِ ذٕسی اَسہِ تانی ووت تہٕ تم حوالہٕ یم آتش صأبنس مضموٗنس منٛز میلان چھِ ۔

کأشرٮ۪ن شأعرن ہٕنٛز بدیہہ گوئی چھ کینٛژن کأشرٮ۪ن شأعرن ہٕنٛزِ

زندگی حاضر جوابی، تردماغی تہٕ زیرکی ہنٛزن مثالن پیٹھ بنی تعارفی
نوعیژ ہُنٛد مضموٗن۔ فنی تہٕ تخلیقی اعتبارٕ یوٚدوَے یُتھ کلامہٕ سبٹھاہ زیادٕ
متأثر کرُن باسہِ تہِ نہٕ مگر پننہِ موقہٕ محل کِس تنوظرس منٛز باوٕژ کِنی چھ
یہِ قابلِ داد۔ آتش صابن یتھہٕ کِنی مختلف روایژن، حوالن تہٕ دستاویزن
ہنٛزِ بُنیادِ پیٹھ اطلاع چھ بہم کرٕ متی مگر یہِ کرنس دوران چھکھ یہِ بوٚڈ
وشفہٕ تہِ سپد مُت زِ کھوچہِ کھالنہٕ روٚستے چھکھ کینٛہہ بیان درج کرٕ متی
یمن ہنٛدِس صحتس متعلق کُنہِ تہِ وزِ تتھی سوال ووتھن یموٚ کِنی یمن
بیانن ہنٛزِ اڈرٕنی کِنی تشکیل پڑاوٕمژ پوٗرٕ مضموٗنچہ عمارٕژ ہنٛدِس حُسنس
لُرپارٕ تہٕ ڈہی ڈاس ہیکہِ سپدتھ۔ فکر چھنہٕ تران زِ آتش صابن کتھہٕ کِنی
چھ کینٛہہ مادٕ تأریخ کُنہِ جمع تفریق کہِ حسابہٕ ورأے درج کرٕ متی۔
مہد شاہ دیکہ ناوِ کِس فی البدیہہ شعرن منٛز مادہٕ تأریخ ونن وألِس
متعلق عبارٕژ منٛز چھ سون مُصنف لکھان ”غریق آب“ چھ تسنٛد تاریخ
وفات یُس ۱۲۱۶ھ بنان چھُ“ وٗون ییٚلہِ حساب کروس سہ بنہٕ
۱۰۰۰+۲۰+۱۰+۱۰۰+۱+۲=۱۳۱۳ھ یہِ گوٚو اکھ پہلو تہٕ دویم یہِ زِ مہد
شاہ نہِ حوالہِ چھ بیٚنہِ زِ تأریخ اَمہِ پتے ۱۳۰۲ھ تہٕ ۱۳۰۰ھ درج کرنہٕ
آمٕتی۔ مرنہٕ پتہٕ ماوَنہِ کانٛہہ مادہٕ تأریخ؟

نی تو وونی دوٚیم مادہٕ تأریخ ”تاریخ ووٚن مے“ غلام گورِ بقول
مصنف ”غلام گورِ“ مرکبس چھُ ۱۳۰۲ہجری سنہ نیران۔ أسی تہِ زن

بوزو حساب ۱۰۰۰+۳۰+۱+۴۰+۲۰+٦+۲۰۰=۱۲۹۷ھ مادہ تارِیخ
درج یا نقل کرنہٕ وِزِ چھ یِیمہٕ لحاظہٕ تہٕ سمبٕھٕ ژھےٚ محتاط روی ہُنٛد ضرورتھ زِ محرر
گژھہِ عاںٔ تہٕ غاںٔ تمے حروف ہجی ورتاوُن یِمن منٛز مادہ تارِیخ وننہٕ
آسہِ آمُت ۔ اکثر صورژن منٛز چھِ اَتھ نسبت فِقرٕ یا مِصرٕ اَسہِ نِشہِ فارسی
دانن ہِنٛدی مؤجوٗد تہٕ بیٚیہٕ چھِ زیادٕ پہن تمے دورٕکی یِیلہِ نہٕ وُنہٕ کاشُریک
منظور سپُد مُت از استعمال سپدن وول رسم خط مؤجوٗد داوس کاشرِ رسم خطٕ
حسابہٕ کانٛہہ ہُر یمانہٕ ہوٚل اَچھر ہیکہِ پٔرِ حساب کتابس کُھر اَنتھ تکیازِ
تارِیخ وُنُن ہُنر یا فن چُھ لفظن تہٕ اچھرن ہِنٛدِس ابجدی مولس پٹھ دار
مدار تھاوان ۔ یہ چُھ پزر زِ زیرِ تبصرٕ مضمونس منٛز چھنہٕ اَمہِ لِکھہٕ زیادٕ
پیچیدٕ مادہٕ تارِیخ شاملِ وول گو ٚ بُلبُل ناگاعی نِس پانہٕ وُنی مِتس پنہٕ
نِس مادہٕ تارِیخس پتھہٕ کُنی آزادس پتہٕ سارِوے کھُری کانٛگر چھےٚ اَنی مٕژ
سہٕ چھ اَمہِ کُے نتیجہٕ زِ اَتھ سلسلس منٛز آزادنہٕ دٕسی سپُد مُت حسابہٕ وشفہٕ
روٗدی آتش صائبس سان باقٕے کینٛہہ محقق تہٕ سرنے تہٕ سوچنے نقل
کران ۔

کٲشیرِ ہِنٛدِ پرِتھ انہارٕچ مالے تھاون وأرلِس محمد یوسف ٹینگ
صابٕنی ذِکر آیہ یِیمہِ بروٚنٛہہ تہٕ یَتھ مضمونس منٛز تہٕ یہ کتھ تہٕ آیہٕ کم کاسہٕ
دٲنی راونہٕ زِ کٲشیرِ ہِنٛدِ شاندار پتھ کالٕچ مالے تھاون وأرلِس اَمِس
حساس کاشرِس کُس تلواس تہٕ جیرٕ چُھ بحیثیتِ قوم پنہٕ نِس باگہِ بٕرٕتس

میراثس نسبت کأشرِ ہِندِس لا تعلق سپدنس پیٹھ یوان۔ ٹینگ صابنٕ "کأشر کتاب" چھے تہند بن باقے تصنیفن ہِندی پأٹھی پتھ کال تہٕ منز کالچہ کشیرِ ہِندِس تہذیب تہٕ ثقافتس متعلق تحقیقی نوعیژ ہِندِ بن اطلاعاتن ہنز موٗلِج کان۔ آتش صأب رکتھٕ کنہٕ چھِ امہِ زأنی گنجک تعارف پیش کران سٕہ چھ بذاتِ خود تہندِ زورِ قلم تہٕ جبروتک نموٗنہٕ۔ "کأشر کتابہِ" ہِندِ بن گونن ہُند احاطہٕ ہیکہِ نہٕ کینژن صفحن تہٕ سطرن منز ممکن سپدِتھ تاہم ٹینگ صابنین تحریرن ہِندِ اسلوٗب تہٕ طرزِ بیانہٕ رکنہٕ یم لوٗکھ رشکہِ وُتارِ وولان چھِ تمن ہِندِ خاطرِ چھُ یہِ وَنُن ضروٗری زِ یوہے اسلوٗب چھُ تہُند انفرأدی گون۔ خبر کأتھہ ما وَنہِ زِ یہِ سپدُس تضاد بیانی ہُند مرتکب۔ تکیا زِ یتہِ ییمہِ بروٗنہہ مے آتش صأبنس سیوٗد تہٕ سادِ زبأنی ورتاوس تہُند حُسنِ اظہار وٗن تہٕ چھس ٹینگ صأب رنس طرزِ اظہارس شأعرانہٕ اَستھ تمہِ تہِ پیٹھی تعریف کران۔ اَتھ سلسلس منز کرِیتے عرض زِ کشیرِ ہِندِ حُسنہٕ تہٕ گُنہِ فن پارکہِ مأری مندِ تہٕ وولسنس آمُت یہِ حُسن شناس چھُ عشقہِ کہِ جذبہٕ سرشار سپدِتھ تی ونان یہِ سٕہ محسوس چھُ کران۔ تہٕ ہرگاہ سٕہ اَتھ پنہٕ رنس رواں تہٕ بے پھژوک اظہارس پنہٕ رنس مزازس خلاف بڈ تراونچہ کوشش کرِ سٕہ بنہِ تمہِ تصوٗر کہِ واتناوبر باپتھ بڈ رُکاوٹ یُس تہندِ دِل تہٕ ذہنہٕ رکس اَنہٕ پِٹس پیٹھ گاہ تہٕ پژ و چھُ تژاوان۔ حُسنس ہرگاہ سادِ تہٕ سیوٗد سادِ

تعریف ممکن آسہٕ ہن تیلہِ آسہِ ہے پرٛ ہتھ کانٛہہ چور تہٕ پھیور شاعر تہٕ فنکار تہٕ شالہٕ وُنگن تہٕ گُری ہنٛز تہِ شاہکار۔ معاملہٕ چُھ دراصل یہِ زِ کُنہٕ تجربُک حُسن چُھ لفظن منٛز یتھ فنی اظہار بنان تہٕ اَپٕج ورٛ ھنے تہِ چھےٚ تجربہٕ محسوس کرناونہٕ خاطرِ مُناسِب لفظہٕ ژاَر ہُنٛد تقاضہٕ روزان کران۔

کٔشیرِ ہندِس سرزمینس چھےٚ کیاہتام خاصیت زیٚتہِ سپدی ہر دورس تہٕ ہر زمانس منٛز سیٚٹھاہ بٔڑی عالم تہٕ شاعر پادٕ۔ یہندٕ تخلیقو تہٕ تحریرو منٛز سیٚٹھاہ حِصہٕ اَسہِ تانٛ ووتُے نہٕ تکیازِ یتھ کالہِ آسی نہٕ نشرو اشاعتکی اَزکی ہوی وٕسیلہٕ۔ کاشرِ زبانٛی اندریوسہٕ تخلیقی توژھ چھےٚ تمہِ کنٛی چھِ اَتھ منٛز بہلہِ پایہِ شاعر وٕتھی ہِتی تہٕ مقدار تہٕ معیار اعتبارٕ چُھ واریاہ ضائع سپدنہٕ باوجود اَسہِ نِشہِ قابلِ ناز سرمایہ موٗجوٗد۔

وُہمہِ صدی منٛز تعلیمہِ ہندِس پھالاوس ہتی ہیوٗتُن یہِ شعوٗر پھاپھلُن زِ زبانٛی ہنٛز ترقی خاطرٕ چھُ ضروٗری زِ یہِ گژھہِ نہٕ صرف شعرو شاعری ہندِس بلکہِ علم تہٕ سماجی زندگی ہندِس پرٛ ہتھ شعبس منٛز باوتھ کاری خاطرٕ ورتاونہٕ یِنٛژ۔ چنانچہ کاشرِ زبانٛی علمی سطحس پیٹھ وُسجار دِنس منٛز یُس رول مرزا غلام حسن بیگ عارفن ادا کوٚر تمہِ کِس اعترافس منٛز چھُ آتش صابن پنُن اکھ مضموٗن زیرِ تبصرٕ کتابہٕ منٛز شامل کوٚرمُت یتھ منٛز عارف صابنین ادبی خدمژن ہنٛز تہِ ذِکر چھےٚ کرنہٕ آمژ تہٕ تہندین تخلیقن ہندی سماجی کیو فکری پہلوتہٕ بدٕ چھِ کڈنہٕ آمتی۔

محمد امین کامِل صابس چھِ کاشرِس ادبس منز کینٛہہ خاص امتیاز۔ کاشرِس شعری ادبس منز چھےٚ تِمن پنٕنی پرٛزنتھ تہٕ نثرس تہِ چھ تہُند قابلِ ستائیش دیُت۔ تِمو لیچھِ نظمہٕ تہِ تہٕ غزل تہِ۔ حق چھ یہ زِ کاشرِس غزلس کوٚر کامِل صابن نوٚو مزاز عطا تِسنٛدے وننہٕ "چوونوٚن سرحدن ترٛیش غزل کاملن" امہِ قسمچہٕ کرٛ تعلی چھےٚ بذاتِ خود کامِل نِس کلامس منز میلان تہٕ تِسنٛدِ ہم عصر شاعرو تہِ تہنٛدِ غزلہٕ کہِ فنہٕ رِکس اعترافس منز شعروٕنی ہِتو۔ یتھ ہِشہِ کینٛہہ مثالہٕ چھےٚ آتش صابن تہِ پننہٕ رِنس مضموٗنس منز شامِل کرِمژٕ یمن منز مضموٗنٕک عنوان "کاملنہٕ لہجہٕ کُے مُدُر اقرار" تہِ شامِل چھ۔ کامِل صابنِن تصنیفن ہنٛد ناو ہیتھ فہرست تہِ چھ مضموٗنس منز شامِل یتھ منز تہنٛزن شعرسوٚمبرن، تحقیق و ترتیب، ترجمہٕ، ڈراما، اوپیرا، صحافت، لسانیات، تنقید ناول تہٕ افسانہٕ کِہِن شعبن منز تہنٛدِ بن کارنامن ہُنٛد ذِکر چھ۔ گویا أمِس رنگہٕ بختاور ادبی شخصیژ متعلق چھ یہ اکھ جامع تعارف۔

"پروفیسر مرغوب بانہالی۔ سنگستانٕک جوہر" عنوانہٕ چھ کِتھو اعتبار وسانہِ دورِ رِکس أمِس ناماوار شاعرس متعلق اکھ اجمالی تعارف۔ مرغوب صابن یمن مُشکل حالاتن منز زندگیہ ہنٛدِ بن نیایَن تہٕ دولابن تن دِتھ اخلاقی قدرن گوڈ بوٚر تِمن ہُنٛد اعتراف چھ پرٛتھ تِمس شخصس یُس عصر حاضرس منز تِمن زانان چھ تہٕ یِم مستقبِلس منز تہنٛدِ بن

تصنیفن ہُنٛد مطالعہٕ کرن۔ علم و ادب رٕکس شعبس تہٕ شاعریہِ ہنٛدِس فنس گوڈ بران دیٖت نہٕ تموٗ تمن پوشہِ وٕنین قدرن رأسی گرٛھنہٕ یمو رٕکنٛز اولادِ آدمس کاینالس منٛز مۄجوٗد ماباقےٚ تمام موجوٗداتن منٛز افتخار تہٕ امتیاز چھُ تہٕ ظأہر چھ زِ یتھس صوٗرت حالس منٛز ہیکہِ نہٕ صِرف فردِ سنٛز سوٗزأنی یرٕ ھ تہٕ پرٛ ھ تمٕ ہنٛدِس استحکامَس قأیم تھأوِتھ تہٕ پوچھر دِتھ یوسہٕ تس شأئی تارکن تہٕ بزم راہ چوکن ہنٛد بو فریبو نِشہِ بچنہٕ خأطرٕ اتھہٕ روٗٹ کرِ۔ آتش صأبنس مضموٗنس منٛز چھُ مرغوٗب صأبنہِ شخصیژ ہنٛدِس اتھی نمایان تہٕ ویٚدِس پہلوہس تہنٛدبن تخلیقی کارنامن تہٕ تنقیدی کھو تحقیقی تصنیفن ہنٛدِ حوالہِ سام ہینہٕ آمٕژ ۔ یتھ منٛز تہنٛدبن کاشرِس تہٕ اُردوہس منٛز لکھنہٕ آمتین نٔوشتن ہُنٛد ذِکر چھُ سپدمُت ۔ اکھتےٚ چھُ مضموٗن نِگارن ضمناً تہٕ اشارٕ پأٹھی تہنٛزن تمن صلأحیژن ہُنٛد تہٕ تذکرٕ کۄرمُت یمہٕ بحیثیتِ استاد تمن قأبل تعظیم تہٕ قأبلِ احترام بناوان چھےٚ تہٕ یمو رٕکنٛز تہنٛد نظریہِ حیات تہٕ ذوقِ تطہیر تمن پتہٕ پیہٕ تانی منتقل کرنٕک فرض تہنٛدِ ذٕسی سبٹھےٚ ذمہٕ دأری سان ادا کرنہٕ پننگ تہٕ تذکرٕ چھُ۔ کتابہٕ ہنٛدِس اتھس پیٹھ چھےٚ بذاتِ خود مصنفس متعلق زان ۔ یوسہٕ کُنہٕ تفصیلہٕ تہٕ تبصرٕ ورأے آتش صأبنس ذات نامس تصنیفن تہٕ علمی مشغلن پیٹھ مشتمل چھےٚ ۔ یہنٛدبن تصنیفن ہنٛدی عنوان پٔری تھےٚ چھُ یہنٛزٕ دِلچسپیہ ہنٛدبن شعبن ہُنٛد اندازٕ سپدان۔

امہِ تعارفی خاکہٕ بروٚنٛہہ یُس اَخری مضموٗن کتابہِ منٛز شأمِل چھُ تہٕ چھُ عنوان ''کأشر منی افسانہٕ'' کأشرس منٛز سپدی افسانہٕ لیکھنٕکی شروعات وُہمہِ صٔدی ہِنٛدِس دوٚیمس نصفس منٛز تہٕ پتہٕ کم وأنٛسہِ منٛزٕے کوٚڈ اَمہِ صنفہِ معیارتہٕ مقدارٕ کِنی سبٕٹھاہ کاڈ تہٕ اکھٕتیٚ سپٕز باقٕے صنفن مقابلہٕ لوٗکن منٛز زیادٕ مقبوٗل یمیٚک وجہ امیُک اختصار چھُ۔ افسانٕچ یہے مقبوٗلیت تہٕ امہِ مقبوٗلیژ ہُنٛد راز اَمہِ کِس مختصر آسنس منٛز مُضمر زأنِتھ ہیوٚتُن کأشرس منٛز امیُک بیاکھ منہِ موٗن انہار پھانٛپھلُن یُس مختصر افسانہٕ کھوتہٕ تہِ لوکٕٹ چھُ تہٕ عام پأٹھی آس منی افسانہٕ وَننہٕ۔ آتش صأبن چھےٚ پتہٕ نِس مضموٗنس منٛز کأشرِ افسانہٕ کِس ابتدائی دورس ستی تعلق تھاون والیٚن کینٛژن افسانن تہٕ افسانہٕ لیکھن والین ہنٛز ذِکر کٔرِتھ کتھہِ ہنٛز لوٗنٛٹ خوبصوٗرتیہ سان موضوٗہس ستی رلأوِمٕژ یہِ زَن مضموٗنٕک عنوان چھُ۔ اَتھ ضمنس منٛز چھکھ کینٛژَن تیتھین نوین افسانہٕ نگارن ہنٛز تہِ کتھ تجٕژ یہنٛد حوالہ شاید گوڈنِکہِ پھِرِ کأنٛسہِ نقادن چھُ دِیتمُت ۔ مےٚ سپدِ ہے مضموٗن پٔرِتھ اَمہِ کھوتہٕ تہٕ زیادٕ خوٗشی زِ ہرگا مضموٗنس منٛز مرحوٗم انیس ہمدانی تہٕ مرحوم غلام محمد آزادن ناو تہِ شأمِل آسہِ ہے تکیازِ تِہنٛدِ تخلیقی سفرُک وُپھوار تہٕ تِھہٕ کِنی شروعس منٛز نوٚن نیرِتھ پرِن والیٚن پانس کُن مأیِل کرنس منٛز کامیاب سپدِ یا یاوتمہِ کِنی اوس باسان زِ یِم پرٕ اوٚن اَتھ مأدانس منٛز سبٕٹھاہ تھٔدی مٔنزِل۔ تیتھےٚ کُنی چھِ

أزی کس دورس منز رشید راشدٕنی افسانہٕ تہٕ سبٕتھے قأبل توجہ ۔ تہنز گوڈنچی افسانہٕ سوٚمبرن ''سفر در سفر'' یوسہٕ پرن والێن تانی کینژہ وٕری برونٛہہ وأتژ چھےٚ فنی اعتبارٕ پرن والێن ہنٛدِ خأطرٕ قأبلِ توجہ۔ بہر حال آتش صأب بحیثیتِ محقق تہٕ نقاد پرزٕناونہٕ تہٕ تہنٛدٮ۪ن تحریرن ہُنٛد مول مرتبہٕ مولہٕ آنکونہٕ وَننہٕ خأطرٕ چھےٚ ''سرمایہ تہٕ سام'' پننہٕ اہمیت تھاوان۔ سُتہٕ تِتھ دورس منز ییٚتہٕ جینوین محققن تہٕ نقادن ہنز وٕڑھے چھےٚ۔



ڈاکٹر آفاق عزیز

# غلام نبی آتش در تلاشِ ثقافت

مے اوس نہٕ زٕنہے تہٕ سمجھ یوان زِ غلام نبی آتشؔ کمہِ نوعیتُک آتش چُھ۔ یہِ چھا آتشِ افروز کِنہٕ آتشِ افسرٕد۔ امہِ کتھہِ ہُنٛد معنہِ مفہوم توٚر مے تمہِ ساتہٕ اصل پأٹھی فکرِ ییٚلہِ مے آتش صأبنین تمن کتابن ہُنٛد مطالعہِ کوٚر ییمہٕ وقتن فوقتن ییمو تحریر کٔرِتھ چھاپ چھے کٔرمٕژ۔ مطالعہٕ ستی گیہِ یہِ کتھ تہٕ کھرٕ زِ عبدالاحد آزادٕنی پأٹھی چھِ آتش صأب ہر ہمیشہِ پننس أندی پکھِس زول دِتھ کأشرِ زبأنی ہُنٛد ادبی سرمایہِ نہ صرف سومبراوان، چھانہِ کڈان تہٕ امہِ منٛز اصل کٔیو فراح بیوٚن کڈان آمتی بلکہِ چھکھ پننہِ آتشِ افروز شیشہٕ ستی سون تہٕ سرتل جُدا کٔرِتھ عوامس بروٚنہہ کُن واتنومُت یُس کأشرِ زبأنی تہٕ ادبس یِہُنٛد سارے کھوتہٕ بوٚڈ دیُت چھ۔

آتش صأب چھِ بسیار لیٚکھن والین ہِنٛدِس زُمرس منٛز یوان[1]۔

---

[1] غلام نبی آتش صأبن چھے درجنہٕ واد کتابہٕ لیچھمٕژ یتھ منٛز شأعری علاوٕ تحقیق تہٕ تنقید تہٕ شأمل چُھ۔ بحیثیتہٕ ترتیب کار چھے آتش صأبنہٕ کیٚو کتابہٕ بازرواژمژ۔ ییمو چھِ شُرکی بأتھ لیٚکھنہٕ علاوٕ کینٛہہ ترجمہٕ تہٕ کٔرمٕتی۔ واریاہ انعامہٕ تہٕ چھِ آتش صأبس میٛلٕمتی۔

اَوِ کنی چھ نقادس یِہنٛدِس ادبی سرمایس پیٹھ قلم تلُن مشکلے گژھان۔ یِہے اڈچن آیہٖ راقمس تہٕ درپیش لہٰذا زونُم بہتر زِ یتھ مضموٗنس منٛز ییہٖ آتش صابٕنین کینٛژن تحقیقی نوکتن پیٹھ اکھ سرسری نظر تراونہٕ۔

تہٕ کرِ پیٹھے بانہٕ آتش صابنہٕ بازیافت کتابہٕ منٛز شایع سپدیمتین کینٛژن مضموٗنن ہنٛز ذِکر یتھ منٛز کینٛہہ گُمنام شاعر زیرِ بحث اننہٕ چھِ آمتی۔ خاص طور چھےٚ پیر غلام محمد، فتح بھٹ، امبر ڈار، امیر الدین، رفاعی کبروی تہٕ نارائن جوکھارنی ذِکر کرنہٕ آمٕژ۔ یِمن تہٕ یِہنٛزِ شاعری متعلق لیکھنہٕ آمتی مضموٗن چھِ تحقیقی اعتبارٕ بُنیاٚدی اہمیتکی حامِل۔ جلال الدین نہار، کانی شاہ، ظریف خان تہٕ فاخرس متعلق چھےٚ واریاہ نوِ کتھہٕ درج کرنہٕ آمٕژ۔ فاخر سنٛدِ حوالہٕ ییہٖ کینٛژھا وننہٕ چھ آمُت، سُہ چھ تحقیقی مُشک ژھٹان۔ آتش صاب چھ ولی وحید نہٕ حوالہٕ لیکھان:

"فاخرس اوس ناو سید ہادی مألس اوسس ناو آقا سید حُسین یُس سِکھ جیون سنٛدِس زمانس منٛز اِو موکھہٕ شہید کرنہٕ آو زِ تٔمی تُجایہٕ مُسلمانن پیٹھ سپدن والین ظُلمن خلاف آواز۔ فاخر زاو سرینگرٕ رٕنی وأرِس نکھہٕ ۱۱۴۸ھ منٛز ...... جمعہ خان الکوزئی گورنر کشمیرن کوٚر فاخر دِوسر علاقس کُن جلاۓ وطن تہٕ سُہ سپُد تتی رحمت حق"۔[۲]

---

[۲] غلام نبی آتش، ۲۰۰۵ء، بازیافت، بزم ثقافت کشمیر، ص ۱۳-۱۴

یتھے پأٹھؠ چھےٚ فتح بٹہٕ ہوگامِس متعلق فراہم کرنہٕ آمِژ انفارمیشن اِو موکھہٕ تہٕ سبٹھاہ اہم زِ أمِس شاعرٕ سُنْد کلام اوس میٲنہٕ لوکچارٕ تحصیل ژوڈرِ کِبن گامن خاص کر حیات پۆر، قاضی پور، دردٕ پۆر، ملہٕ پۆر، بوگام، نَاگُم ، بأدی پۆر، نوپۆر، ڈانگر پۆر، گنٛی پۆر، برارِ گُنڈ، گُلترٕہ، واہتھور، کرالہٕ پۆر، تہٕ چھتر گامہٕ تھل رُونس دوران گیوٚنہٕ یوان۔ میون پتُر پیٚتر سلام چیٚچہٕ[٣] اوس فتح بٹُن یہِ بأتھ ہمیشہِ گیوان:

ہی گوٚند تہٕ أری نہِ گوٚند آیہِ اکہِ آنے
جنتس تم چھہِ ڈیڈی وانے لو

سلام چیٚچہٕ اوس امہِ بأتک أخری شعر ونان:

ییٚلہِ نِکھ تیٚلہِ نی زِ کلمہٕ پرانے
یارن دوستن تہٕ پیرس سان
فتحس
ہوٚگاسٕی دِیہِ زِ ایمانے
جنتس تم چھہِ ڈیڈی وانے لو

اَتھ مقابلہٕ چھےٚ غلام نبی آتش صأبن یہِ وکھنے تلاش کٔرِتھ رٔژھرأوِمٕژ۔

فتحس گٔری زبم گوٚہن گذرانے
یارن دوستن تہٕ پیرس سان
ییٚلہِ نِکھ تیٚلہِ نی زِ کلمہٕ پرانے
جنتس چھکھ ڈیڈی وانے لو

---

[٣] سلام چیٚچہٕ ولد سبحان چیٚچہٕ ولد عزیز ولد صبور یتو ولد دایم یتو چھُ وٚنکِبن تقریباً شیٹہٕ وُہر۔

آتش صابٕن چھ فتح بٹُن بیاکھ اَکھ وٕژن تہٕ دریافت کوٚرمُت یتھ منٛز جان لیوار گلگت بیگارِ ہٕنٛز ذِکر چھےٚ میلان۔ بیگارِ دوران چھ سیر گامُک ریٚشی گنے از جان گژھان ییٚمہِ سٟتۍ ڈوگرِ دورکیٚن مظالمن ہٕنٛز تیٚہہ ژینہٕ چھےٚ یوان۔ امبر ڈار تہٕ نارائن جو کھارِنی حالات زندگی تہٕ شعرِ نمونہٕ بنن یِنہٕ والین ادبی مورخن ہٕنٛدِ باپتھ بنیادی سورس (Source)۔ تِتھے پاٹھۍ چھِ "کاشُر لُکہٕ شاعری، وکھنے تہٕ وٕژھنے" ناوچہِ کتابہِ منٛز "لۄسی مٔتی کردار" ناوُک مضمون سبٹھاہ اہم یتھ منٛز وانہٕ گر، ریٚنٛٹہٕ گر، ٹھانہٕ گوٚر تہٕ سازٕگر ناوٕکۍ موضوع کاشرِ ثقافت تہٕ تارٟخکۍ تِم گوشہِ چھ ییمو نِشہٕ ئوپے مکمل پاٹھۍ نا آشنا چھےٚ۔ ممکن چھُ زِ تہٕندی ییم نوشتہٕ مابٕن موجوٗدٕ تہٕ یِنہٕ واجنہِ کاشرِ پیہِ باپتھ پننۍ ثقافت پرکھاونکۍ وٕسیلہٕ۔ شیر سنگھُن وژاگ۔ اکھ تازٕ دریافت لڑی شاہ" چھُ تیُتھ اہم تارٟیخی واقع یتھ تاریخ دانو زیادٕ اہمیت چھنہٕ دِژمٕژ۔ مگر ییٚمہِ شُدتہٕ سان لڑی شہن اَمِچ ذکر چھےٚ کٔرمٕژ، تاریخ دان ہیکہِ ہن نہٕ تہٕ کٔرِتھ۔ تہٕ نہ ہیکہِ ہن سودگ تہٕ سُہ دود ژینہٕ ناٚوِتھ یتھہٕ پاٹھۍ لڑی شہن اَتھ زیوٚ چھےٚ دِژمٕژ۔

"کاشُر لُکہٕ وٕتر" ناوچہِ کتابہِ منٛز چھےٚ ناگہٕ گاڈن ہٕنٛز ذِکر۔ امہِ حوالہٕ یہِ کینٛژھاہ آتش صابٕن وٕنمُت چھُ، تہٕ سورُے چھُ کاشُر میراث۔ البتہٕ چھُ راقم ہٕنٛدِ سمجھِ کِنۍ "ناگہِ گاڈٕ وُچھنہٕ حلال تہٕ کھینہٕ

حرام" ناوِ کس دٔپس پتہٕ کنہِ اکھ زیوٗٹھ فلسفہٕ یتھ بہ ظأہر یاتہٕ ناگ، ہندو، بُدھ نتہٕ بیٚیہٕ کُنہِ مذہبی عقیدٕچ اُڈرن چھےٚ۔ پوٚز کولن، آرن، نالن تہٕ دریائی گاڈن مقابلہٕ کیازِ آسہٕ ناگہٕ گاڈٕ کھیٚنہٕ حرام قرار دِنہٕ آمژٕ، چُھنہٕ خأىی از معنے۔ آیکِ یِم سأری ذریعہِ چھِ رواں دواں یِیلہِ زَن ناگن منز کینٛہہ فُٹہٕ آب موجود چُھ روزان تہٕ تمہِ پتہٕ چُھ یہِ نبر نیران۔ بروٗنہہ کالہِ اوس آبہٕ برکتہٕ جأری روزنہٕ خأطرٕ ناگن منز تہٕ ناگہٕ بٔٹھن پیٹھ ناگ تہٕ آبہٕ دیوتاہن ہٕندِس عقیدس منز صُبحے تومُل تہٕ بتہٕ یا بیٚیہٕ کانٛہہ کھینہٕ چیز تراونہٕ یوان۔ یہِ کھین اُسے جانور بیترِ کھوان۔ تہٕ ناگس منز روزان واجنہِ گاڈٕ۔ گاڈٕ آسہٕ ژھوٹہٕ منز پھَل پھٔلی ژٔاران یِیمہِ ستیٚ ناگچ جوٗیہِ نہ صرف صاف آسہٕ گژھان بٔلکہِ اوس جویٚن ہُنٛد سرٕو (گوٚد) یَلہٕ روزان تہٕ آب اوس جأری سپدان یتھہِ پأٹھی آسہٕ پیٚتِچہٕ واٹر بأڑی محفوٗظ روٗزِتھ صاف چیٚنہٕ ووٚنی تہٕ سگہٕ وَنچہٕ سہولیٚژ فراہم کران۔ یِمہِ واٹر بأڑی آلودگی نِشہٕ پاک تھاونہٕ خأطرٕ آو کمہِ تام وقتہٕ یہِ عقیدٕ تہِ بارسس زِ کولہٕ، آرٕ، نالہٕ تہٕ ناگہٕ بٔٹھن پیٹھ یا آبس منز کُنہِ تِسٕچ گندگی تراون وأرِس یا پیشاب کرن وأرِس چُھ جن پریکس اَژان، پرٔی عاشق گژھان نتہٕ چھس کانٛہہ بلاے اگادِ گژھان۔ اَتھ دٔپس پیٹھ عمل کرٕنی اوس مذہبی فریضہٕ ماننہٕ یوان یِیمہِ کِنیٚ سانہ واٹر بأڑی محفوٗظ روزان آسہٕ۔ مگر یِلہِ جدید دور کیوٗ اُفُرٹےٚ الحمد پرن

والبوٚ" تہٕ نیم سائینسی خواندٕ و ناگہٕ گاڑ ناوٕ کس عقیدس توہم پرستی ہٕنٛز تعبیر کوٚر، لوگو نِ سبٹھاہ کم وقتس منٛز بیشتر ناگ گاڈونشہِ خأ لی کٔرِتھ تہٕ وارِ وارِ گٔیہِ ناگن ہٕنٛز وُزِنی بند تہٕ ناگ گٔیہِ خشک تہٕ دوش آو گلوبل وارمنگہِ دِنہٕ۔ مثنوی الہٕ شہر، مضموٗن وُتیچ باگنے، گونگل، پھرو و، پُل تہٕ پاتوٚ تہٕ کھرٛ اوٚ چھ ثأبت کران زِ آتش صأب چھ اکھ اکھ بڑٕ ٹھ کأشُر ثقافت تلاش کٔرِتھ رٔژھراونس منٛز گذاران۔ تِتھے پأٹھی چھ "کأشُر سنہٕ" ناوک مضموٗن یمہِ لحاظہٕ دِلچسپ زِ امہِ کِنہٕ رتن ہٕنٛدی ناو چھِ أ کس لُکہٕ بأتس منٛز رٔژھرِتھ تھاونہٕ آمِتۍ یُس آتش صأبن کأفی کوشش کٔرِتھ ہۄ دچھ کوٚرمُت۔ تِمو چھِ بیٚیہِ تہٕ کتِہن شأعرن ہٕنٛدی شعر ثبوتہٕ رٔنگۍ پیش کٔرۍ مٕتۍ۔ یِمن رتن ہٕنٛدی ناوا تھ لُکہٕ بأتس منٛز درج چھِ، تِہنٛز ذِکر چھےٚ نیل مت پُران تہٕ راج ترنگنی منٛز گوڈٕے موجود۔ یتھ منٛز مذکورٕ ناون مقابلہٕ معمولی تفاوت لبنہٕ چھےٚ یوان۔ مثلاً کارتِکا، پوسہ، چھترا، اشد، ویشاکہ تہٕ پھاگون بیترٕ۔ یِمے ناو چھِ رسہٕ رسہٕ قطع و برید ماحولہٕ منٛزۍ گذرِتھ کأشرِ زبأنۍ منٛز موجودٕ شکل پرٛاوان یعنی کارتِک، پوہ، أشد، وہیکھ، پھاگن وغیرٕ۔ یہٕ چھےٚ تأریخی حقیقت زِ ییٚلہِ بکرما دتیہ پنجابُک حکمران بنیو و، تِمۍ اوٚن بکرمی سنہٕ یِمنے رتن ہٕنٛدن ناون تحت بارسس۔ یزٕ رچھ یہٕ زِ یم رتھ أسۍ بکرمی سنہ بروٚنہہ سپتہٕ ریشی سنس منٛز استعمال کرنہٕ یوان۔ تاریخ چھےٚ گواہ زِ سپتہٕ ریشی تصور چھُ سمیری تہٕ جین

ثقافتس منز تہٕ موجوٗد۔ اما تیلہِ کتہٕ سنائٕنی ملا احمدن یہِ ڈٔلیل زِ وہکھ، زیٹھ، ہار، شراون، بادوں، عاشر، کارتک، مونجہِ ہور، پوہ، ماگ، پھاگن تہٕ ژِتھر ناوٕ کر رٕتھ گری شاہمیرن ایجاد۔ بہر حال چھُ یہ تیُتھ موضوع یتھ متعلق سکالرن قدیم تارٖخن ہُنٛد مطالعہٕ کٔرِتھ قلم پزٕ تُلن تہٕ یۄ تام نہٕ اَتھ پہلوس پیٹھ مزید تحقیق سپدِ، کانٛہہ حتمی راے قائیم کرٕنی روزِ نہٕ ٹھیک۔

مختصراً چھےٚ یہِ کتھ وَنٛنۍ لازمی زِ غلام نبی آتشؔ صأب چھُ کأشرِ زبأنۍ تہٕ ادبک تیُتھ محقق تہٕ نقاد یسٕندِس لفظس لفظس کأشریت پریڈان چھُ خاص کر یہنٛدی تمہ نٔوشتہٕ یمہٕ بُنیاد کأشُر لُکہٕ ادب بنیومُت چھُ۔ یتھ منز آتش صأب وِزِ وِزِ کأشرِ ثقافت ژھاران چھُ یوسہٕ ہر لحاظہٕ سبٹھاہ پاپر جاپچھےٚ۔ ویۄٹھ وَنُن نے گرٕ شہِ غلام نبی آتش صأب چھِ ٹینگ صأبس پتہٕ کٔشیرِ ہنٛدی اہم ثقافت شناس۔ دے تھأوِنس بہٕ صحت وسلامت۔



منشوٗر بانہالی

# تحقیق کار: غلام نبی آتشؔ

غلام نبی آتشؔ چھُ کأشرِ زبأنی ہُنٛد اکھ معتبر ادیب، شاعر، ترجمہٕ کار، معلم زبان آسنہٕ علاوٕ، اکھ دیدہ ریز محقق، درسی کتابن ہُنٛد مرتّب، شُری ادبک اکھ نباض تخلیق کار تہٕ خاص کر اکھ مونمُت تہٕ زونمُت فوک لورسٹ، ییٚس اکھ پٔژن قلمی بُتھ تہٕ پربزنتھ حأصل چھُ تہٕ یُسنٛد قلم از تہٕ پٔژن پیہم رفتار جأری تھٲوِتھ چھُ۔ سُہ چھُ اکھ بسیار پاسل تہٕ محنتی ادیب، تہٕ نثر کیوٚ نظمس منٛز چھےٚ تسنٛز باوٕنی لایق کأم موجوٗد۔ تسنٛزن تالیفی، تحقیقی، تنقیدی تہٕ تخلیقی تصنفین ہنٛز گرہند چھُ قریباً درجن تام۔ شاعری منٛز چھ تسنٛز شعر سوٚمبرنہٕ۔ "شیشہِ پندٕر" تہٕ "زول امّارن ہُنٛد" ناوٕ موجوٗد۔ امہِ علاوٕ چھ تہنٛز "نوٚو کینٛژ ھامینٛژ ھا" ناوٕ کأشرِ شُری ادبکہِ حوالہٕ تخلیقی نظمن تہٕ ڈیلین ہنٛز تہٕ اکھ دلچسپ سومبرن یوسہٕ شُربن ہنٛدِ عان نفسیاتہٕ مُطأبق چھ۔ آتشؔ چھُ اکھ ہُنر ور ترجمہٕ کار تہٕ۔ أمی کوٚر روٗسی ادیب پُشکن سنٛزن کینٛژن نظمن ہُنٛد تہٕ شام لال پردیسی یَس سٟتی

ژلتھ ترجمہٕ یُس واریاہ پسند آو کرنہٕ، یتھ پیٹھ یمن دوٚشوے مُشترکہٕ پاٹھۍ سوویٹ لینڈ نہرو ایوارڈ تہٕ توٚر۔ یتھے پاٹھۍ چھ یمو مشہوٗر عالمِ دین تہٕ مُفکر اسلام مولانا ابوالحسن ندوی المعروف مولانا علی میاں سٕنزٕ "نبی رحمت ﷺ" ناوِ کتاب کاشُرس منز پھِرٕمژ یوسہٕ قریباً ۹۰۰ صفحن پیٹھ مشتمل چھِ مگر وُنہٕ چھےٚ شایع گژھنۍ۔ اَمِہ ترجمک وأحد مسودٕ چھُ جناب عبدالرحمان کوندو ہس نِش، یُس ترمہٕ نےٚ شایع کرُن اوس مگر تا ایٖن دم ہیوٚک نہٕ تمو شایع کٔرتھ تہٕ تم چھِ امہٕ کہِ اشاعتُک سٕنز کران۔ امہِ علاوٕ چھُ یمو فارسی زبانٕ ہٕندِس برگزیدہ شاعر، عالم تہٕ صوٗفی مولانا جلال الدین رومی سٕنزن کینژن سبق آموز، تمثیلی ڈٔلیلن ہُند تہِ ترجمہٕ کوٚرمُت۔ یُس ڈاکٹر گلزار احمد راتھرن شایع کوٚرمُت چھُ۔ حضرت میر سید علی ہمدانیؒ سٕنزِ مشہوٗر کتابہِ "ذخیرۃ الملوک" کِہن کینژن حصن ہُند تہِ چھُ یمو ترجمہٕ کوٚرمُت یُس وُنہِ جأری چھُ۔ مکمل سپدِتھ گژھ یہِ ترجمہٕ کلچرل اکاڈمی ہندِ اہتمامہٕ شایع۔

آتشؔ صأب چھُ اکھ حسباوی تحقیق کار تہٕ تجزیہ کار۔ تسٕنزن یمن کامِن منز چھِ کأشر تلمیح" تہٕ کٔشیر شیخ العالمؒ سٕندِس کلامس منز" علاوٕ پروفیسر شمس الدین احمد، اقبال ناتھ ونپوہ، محمد سبحان بھگت تہٕ عبدالغنی ٹھوکر مشہوٗر رہوبن ادیبن تہٕ فنکارن متعلق مونوگراف شأمِل، یمن منز یہندِ شخصیتُک تہٕ ادبی تہٕ فنی خدماتن ہُند مُفصل جائزٕ چھُ۔ امہِ علاوٕ کوٚر

یمو ' وُہمہِ صٔدی دوران کأشرِ ن زنانہٕ شاعرن تہٕ قلم کارن ہُنٛد دیٛت"
عنوانہ اکھ مبسوط تحقیقی مقالہٕ مرتب ، یَتھ منٛز پٔتیِٖمِس ۂتلِس
(۱۹۰۱-۲۰۰۰ء) دوران ، کأشرِس ادبس سگوٗنس تہٕ وۄتھ بوٗدِنس منٛز یِیٚتہٕ
چھِن زنانہٕ أدیبن تہٕ شعر وَنن واجنِن ہِنٛدِ دِتیٚگ وُحاطہٕ چھُ کرنہٕ
آمُت ، یتھ منٛز رٕژدبد ، ڈاکٹر مِس گو رمری ، پروفیسر شملہ مفتی ، تاج
بیگم رینزو ، عائشہ مستور تہٕ حمیدہ اخترِس پیٹھ پروفیسر نسیم شفایی تام قریباً
ترِٛن درجن زنانہٕ شأعرن تہٕ قلم کارن ہٕنزن ادبی خدماتن ہُنٛد تذکرٕ
چُھ ۔ یُس نسوأنی ادبکہِ حوالہٕ اکھ مُفید تہٕ معلومأتی جائزٕ چھُ تہٕ ساہتیہ
اکادمی ہِنٛدِ وساطتہٕ ۲۰۰۴ء منٛز شایع سپُن ۔ یہٕنزن دوٚیمین تحقیقی کامِن
منٛز چھُ "تحقیق" ناوٕ مضموٗنہٕ سومبرن یوٚسہ ۱۹۸۲ء منٛز بازر پیٚیہٕ ۔ امہِ علاوٕ
أریمو تحقیقی مضموٗنن ہٕنز بیا کھ اہم سومبرن "بازیافت" ناوٕ شایع ، یوٚسہٕ
۲۰۰۷ء منٛز منظرِ عامس پیٹھ آے تہٕ یوٚسہٕ یِیٚتہٕ رِکس کأشرِس تحقیق و
تنقیدس منٛز اکھ وُسوار ہُر برِ چھےٚ ۔ تہٕ یتھ منٛز کینٛژن سرکردٕ تہٕ نایاب
شأعرن تہٕ تہذٟبس کلامس تہٕ تحقیقس نسبت مدلل تذکرہ تہٕ تجزِیہ موجوٗد
چُھ ۔ یِمن منٛز فاخر کشمیری ، ظریف خان ، کافی شاہ ، جلال الدین نہار
بیترِ قادر الکلام سوخنور شامل چھِ ۔ یِمن شأعرن متعلق اوس عبدالاحد
آزادن صِرف اکھ وُچھل تہٕ ژٕلوٗن تذکرہ کوٚرمُت یِیلہِ زَن آتشن
یِمن ہِنٛدِ شخصیتُک ، ادبی خدماتن تہٕ یہنٛد کلامُک اکھ مدلل تجزیہ تہٕ تبصرٕ

پیش مطالعہ چُھ تھوٗمُت یُس کارآمد تہٕ معلوماتی چُھ۔ اَمہِ علاوٕ چھِ یمو کینٛہہ تتھۍ شاعر تہِ بد کڈۍ متۍ یم اَزیک تام ناپرسانی ہنٛدِس کھوٚتِس منٛز آسۍ روٗدی متۍ، یمن منٛز پیر غلام محمد، فتح بٹ، امبر ڈار، سید امیر الدین رفائی تہٕ نارائن جوکھار ہیوٚ شاعر شامل چھ۔ پیر غلام محمد چُھ اکھ پاسہ مثنوی نگار اوسمُت یسنٛدِ قلمہ پانٛژھ مثنویہِ چھےٚ دژامژ۔ تتھے پاٹھۍ چھ نارائن جوکھار تہِ اکھ ووستاد سوخن مثنوی گو اوسمُت یسنٛز مثنوی ''دروٚ چرت'' ٹھیٹھ کاشرِ زبانہِ منٛز لیکھنہٕ چھ آمژ۔ امبر ڈارن چھ نظم نگاری ہنٛدی تہِ تجربہ کٔری متۍ تہٕ تسنٛز نظم ''آرہ لٔتری'' چھ بقول آتش اکھ زیٹھ تہٕ کامیاب نظم یتھ منٛز انسانی زندگی ہنٛدی مختلف دور تہٕ سنٛز ووگنی پورٕ فنکاری تہٕ رمزیہ آیہ دٲرینہٕ چھِ آمتۍ۔

آتش صابٕنۍ خاص مأدان چُھ کاشرِ لُکہٕ ادبک تحقیق وتدوین یُس یہُنٛد اکھ مستقل ادبی شغل تہِ چھ تہٕ قلمی ارزتھ تہِ یُس یمن کاشرِن تہذیب شناسن تہٕ فوک لورسٹن ہنٛزِ سبہِ منٛز پنٛن مناسب مقام چُھ عطا کران۔

غلام نبی آتشن دِتۍ ۱۹۸۸ء پیٹھ ۱۹۹۰ء تام کاشرِن لُکہٕ باتن ہنٛدی (جلد ۸، ۹ تہٕ جلد ۱۱) ترٛےٚ ضخیم جلد ترتیب۔ یم سأری جلد آے ریاستی کلچرل اکادمی ہنٛدِ وساطت شایع کرنہٕ۔ ۲۰۰۷ء منٛز ےکوٚر یمو ''کاشرِ لُکہٕ شاعری، وکھنے تہٕ ویژھنے'' ناوٕ پنہٕ نِن تحقیقی تہٕ تجزیٲتی

مقالن ہُنْد مجموعہ شایع۔ یتھ منز لکہٕ بأتھ، منزلی بأتھ، شُری بأتھ، کامہِ کارن ہنْدی بأتھ، بڈٕبن دوہن ہنْدی بأتھ، بٹہٕ ونہٕ وُن تہٕ کینْہہ اُسطور بیترِ بیترِ قریباً ارداہ مضموٗن شأمِل چھ یمن منز لکہٕ ادبکہِ توأریخی پوٚت منظرکہ حوالہ تہٕ اکھ معلومأتی تہٕ تحقیقی مضموٗن شأمِل چُھ۔ اَتھ کتابہِ منز چُھ وادی ہنْدیو لکہٕ بأتو علاوٕ بالہٕ یپأری کشتواڑ علاقس ستی تعلق تھون والین لکہٕ بأتن ہنْدی تہٕ نموٗنہٕ شأمِل۔ مثالہِ پأٹھی کشتوار کہِ پاڈر علاقُک یہ لکہٕ بأتھ۔

گونگا توا   دِل جانیۓ تہٕ میریۓ گونگا توا
اَستان گرشھے سیلامے کمیڈے چوگانہ ہالۓ
تہٕ   میرے   گونگا   توا

یتھے پأٹھی چھ تمو "شیر سنگھن دژاگ" تہٕ اکھ لکہٕ بأتھ تہٕ پانژھ اُسطور ہوی دِلچسپ تہٕ معلومأتی مضموٗن قلمبند کرِمتی۔ موخر الذکر مضموٗنس منز چھِ یہ کتھ تہٕ باونہٕ آمژ زِ اسلامس ستی ستی وأژ ایرأنی سرزمینہٕ کنی عرب وعجم لکہٕ روایت تہٕ کشیرِ۔ مثالہِ پأٹھی "دل ژورِ نیونم دِلبرن" ناوٕ کأشرس لکہٕ بأتس منز چھ پانژھ بند تہٕ پرتھ أکس بندس منز چُھ اکہِ اکہِ اُسطوٗرُک حوالہٕ۔ یمن منز شداد، نمروٗد، حضرت سلیمانؑ، سکندر تہٕ رازٕ ہوٗرس نسبتھ تذکرٕ موجوٗد چُھ۔ مثلاً لکہٕ بأتُک یہِ گوڈنیُک بند:

نمرُودکۍ دم دِتی کان لوٚیُن اسمانس تے
پِرد کوٚر تہٕ ذاتن، گاڈِ خوٗن ہوٚرترٕبن دوٕہن تے
لنگِس مۄِس اَتھ جان ہیوٚس معبودن تے
دل ژورِنیوٚم دِلبرن وُزمیأنی تن تے

تسٕنزن تحقیقی تہٕ تجربأتی مقالاتن ہنٛز بیا کھ سومبرن چھےٚ ''کأشُر لُکہٕ وٚوتُر'' یوٚسہٕ ۲۰۰۹ء منٛز بازر پیٚیہٕ۔ سوادن دوٕہن ہتن صفن پیٹھ مشتمل اَتھ سومبرنہِ منٛز چھ قریباً ترٛوٕوٕہ مقالات شأمِل یِمن منٛز لُکہٕ ادبکہِ حوالہٕ مختلف موضوٗعاتن ہنٛز وکھنے تہٕ زانکأری چھ دِنہٕ آمٕژ۔ یِمن منٛز فوک لور، داستان، لُکہٕ تھیٹر، گونگُل، پھرٛ وو، چلِے کلان، کھراو بیترٕ موضوعاتو علاوٕ لُکہٕ ادبکہِ حوالہٕ کرنہٕ آمٕژ کأم تہٕ خاصکر پروفیسر محی الدین حاجنی، موتی لال ساقی ہوٚبن مقتدر قلم کارن تہٕ لُکہٕ ادبکہِ حوالہٕ تہنٛدٕبن خدماتن ہُنٛد اعتراف تہٕ ستأیِش موجوٗد چھُ۔ آتشن چھ لُکہٕ ادب سومبراوٕنکی اصول حوالہٕ تہٕ اکھ پُر معلومات مقالہٕ تحریر کوٚرمُت یُس اَتھ موضوٗعس پیٹھ تسٕنٛدِ دسترس تھونک ٹاکارٕ ثبوت چھُ تہٕ یِس یِنہٕ والبن تحقیق کارن تہِ وَتھ چھُ گأشراوان۔ یہ کتاب چھےٚ قریباً پنٛژاہ کھوتہٕ جادٕ کتابن تہٕ رسالن ہُنٛد مطالعہٕ پتہٕ قلمبند آمٕژ کرنہٕ یہُنٛد حوالہٕ تہٕ بڈٕ دیانتدأری سان اُخرس پیٹھ چھ دِنہٕ آمُت۔

آتش صأبنی بیا کھ اہم کأم چھےٚ ''سرمایہ تہٕ سام'' یوٚسہٕ تہنٛدٕبن

تحقیقی تہٕ تنقیدی مضموٗنن ہنٛز پوٗژِم سومبرن چھِ۔ اَتھ منٛز چھِ قریباً وُہن اہم ادبی موضوعاتن سام ہنہٕ آمٕت تہٕ یہٕ سپز ۲۰۱۱ء منٛز شایع۔

آتش صأبن ادبی سفر چھُ برابر جأری تہٕ نوِ ادبی کامہِ چھ تسٕنزن وَتن وُچھان۔ خاص کر کأشُر فوک ادب ییٚمہِ وِزِ تہٕ زیرِ بحث ییہِ تسٕنٛد تذکرٕ کرنہٕ ورأے چھُنہٕ چارے۔



نہٕ میٚنیٚ چھےٚ کانٛہہ ستھاہ شُلبس نہٕ ژیٚنیٚ قرار چھے دِلس
نہٕ دوٗرِ دوٗرِ روزنس، نہٕ سمکھنس چُھ وار از
چلے کلانہٕ کرِ یوٗٹھ چھکھ، سبٹھاہ ہوٚنڈ رتہٕ زیٖوٹھ چھکھ
خبر سہٕ زیٹھ کور لوٚگ، تسٕنٛد چھُ انتظار از
(غلام نبی آتش)

رشید سرشار

# معروضی سۄنکُت
# تہٕ
# غلام نبی آتش صاٲنٛز انکشاف

سماجی نفسیاتہٕ کہِ آگرٕ توٲریخک تخلیقی ہونر پراۄتھ چھُ باحبس مُحقق انساٲنی تہذیبن ہنٛزٕ تارٕ کانٛج بدٕ کڈِتھ ماڈی تہٕ رۄحانی بدلاون تہٕ ہرترن ہُنٛد خدوخال نٔنۍ راۄتھ ربطس تہٕ تسلسلس شعوٗر بخشان۔ امی شعوٗرٕ رۄیہٕ تجزیاتی وکھنے کٔرِتھ چھُ یِمہِ پزرُک ٹھوس اظہار سپدان زِ اَمہِ ربطُک تہٕ تاریخی عملن ہُنٛد خاٲلق چھُ عوام آسان سُہ تہٕ عوامُک سُہ طبقہٕ یُس تاریخی سۄتھرس پیٹھ ازتام گاٲل کھالتھ چھُ تراونہٕ آمُت۔

اتھ توٲریخی شعوٗرس بیۄن بیۄن رۄیہٕ پٔنٕن تجزیاتی تہٕ تحقیقی ول بناۄتھ چھُ فرد کارٕ تھۄد بنان۔ یہِ چھُ پزرٕ زِ کارِتھۄ د فرد یُس توٲریخس سوچھ کران چھُ، چھُ توٲریخک پھانٛپھِ لیوومُت تہٕ وۄپدیومُت آسان۔ پٔنٕن کردار ادا کرنہٕ موکھ چھِ تَس پننٛز قابلیت تہٕ صلاحیت ورتاوس اننۍ پیوان۔ یِمہِ خاطرٕ تس موزوٗن انساٲنی عملن ہُنٛد نفسیات زانٕن چھُ پیوان۔

غلام نبی آتش چھُ کأشرِس تہٕ کشیرِ ہِندِس تحقیقی پس منظرس منز اکھ ویوٚدتہٕ نُمایان فکری ستھرس پیٹھ حسبہٕ ہُشار فرد۔ یہنٛدِ تحقیقُک مرکز منشی پتھر، ویوٚہار، تہٕ رونہٕ ظوون چھُ۔ أتھی تارِ کانٛجہِ کرٕ پھ کیپٹن کٔرِتھ چھُ سمأجی تہٕ تأریخی توأریخُک ٹھوس خد وخال نٔنۍ رِتھ ابہامس تشریح کران۔ سمأجی پرٕبنتھ تہٕ پرٕتیتھ گأشرأوِتھ پرٕھِ تہٕ یقینس دربر بخشان۔ یُس معروضی تہٕ پتھرِ پرٕیود أستھ تہِ عالمی انسأنی آرزوین یمتہٕ گاشُر چھُ بنان۔ تہِ کیازِ کلُہم انسأنی معاشرن ہُنٛد نفسیات تہٕ توأریخی پسِ منظر چھُ ہیوٚ۔ یہِ تہِ چھُ پرٕزرِ مُشراونہٕ آمتی انسأنی محنتن چھُ مثبت کردار ادا کٔرِتھ حقیقی مسرت تہٕ قودرتی آزأدی ہُنٛد سمأجی شعوٗر پھاپھلو وُمت۔ اوِکنۍ اگر أسی پننہِ پتھ کالکی آکار پننہِ بےٚ ربط رشتن تہٕ انہارن سٔتھ وُنراوِ وحقیقی توأریخ ہکو تحریر کٔرِتھ۔ یتے یوت نہٕ بلکہِ ہکو محنتُک تہٕ رونہٕ ظوونہ کہِ جمالیأتی شعوٗرُک تہٕ رشتُک احساس موروٗضی ستھرس پیٹھ محسوس کٔرِتھ۔

آتش صأب چھُ "لُکہٕ ووتُر" ناوٕی تحقیقی مقالن منز ویٚدٕبن اویٚدٕبن معروٗضی یا امعروٗضی علامژن، استعارن، اسطوٗرن تہٕ پرٕھن تجزیہِ کٔرِتھ اکھ ترٕتھ پتھر ووپداوان، یُس توأریخ تہٕ تأریخ دٔسی یاب چھُ کران۔ از تام یُس تأریخ لبھنہٕ آوسہ چھُ تتھ وناوٕنی پیٹھ بارسس آمُت یتھ رازِ دربارن ہُنٛد ڈوکھ اوس نتہٕ کتھ کاکین ہُنٛد دلیلہٕ گوٗر

ظون اوس۔

مگر یِزر چھِ عام لوٗکن نِش رٕژھرِ تھ۔ یِمن دراگن ، جنکن منز گُدرِتھ آدیا تفاوَتھ زدسماجس منز نہٕ پژھ کیٛوٗ تہٕ ہانژلیو وتہٕ رأوی یِزر پژھرٕنگی بأوِتھ گُدرو۔ییمہٕ ستی تہٕ اَسہِ قدیم سماجن ہنز ثقافتی ، سیأسی تہٕ معأشی لوہ لنگرُک پیٛنز ووٗنُن چھُ معلوم گڑھان۔ یِم سأری واقہٕ تہٕ حأری ثاتھ رٕژھرأوی یِمو پتہٕمن یادِ وٕترہن منز۔ یِمن یادِ وٕترہن منز توأریخن ہندی ورق پھرِ نی تہٕ پرِنی چھ مہارت تہٕ آتش صأب چھ یہٕ مہارت تحقیقی تہٕ تنقیدی وَل ستی ورتأوِتھ وَتھ کھرِ کران۔ یتھہٕ کنی چھ سُہ طِلسمأتی اوند پوٚکھ ترٕ پچہٕ کران یُس انسأنی کمزٕریو۔کنی آفأقی تہٕ لافأنی حیثیت پرأوِتھ تخلیقی سونٛچہٕ وَپھہٕ وارس ٹکھ چھ دِوان۔ عظیم فلسفی کارل مارکس سندِس یتھ ڈُپس چھُ اقرار سپدان۔

”سأنی پانژھ حبس تہٕ چھِ انسأنی توأریخہٕ کہٕ ووتھہٕ بوکی ہرتر۔ تہٕ توأریخک خألق چھ گمنام لوٗکھ۔ یِم کھیٛچو کھیٛچو پأداوأری رشتن تہٕ عملن پوچھر چھ دوان“۔

یِمن عملن تہٕ رشتن ، یِم سماج کہو ذہین تہٕ رسوخ والیو طبقو تہٕ فردو لکھہٕ پرٕ کران گأل کھاتس ترأوی ، چھ لکہٕ وترِ کی محقّق جناب آتش صأب لکہٕ پژھِ ہندِ أنہٕ پٹہٕ منز ڈُچھان۔ یِم چھِ اَتھ پژھِ نفسیأتی روی یہٕ وکھنے تہٕ تجزیہ کرِتھ انفرأدی قومی ڈٕطیرک مُبہم تصور تأریخی شہادتو پیش

کران۔ یہِ ؤطیرِ چُھ جدلی تہٕ فکرِ ترٛوُن۔ مثلن

''انسانن یہِ کینژھا پننہِ آدن کالہِ پٮ۪ٹھِ وُچھ، کوٚر، ژرُژ تہٕ سوٚرتہٕ یادِ ؤترس منٛز روٚچھ، اَمہِ پتہٕ سپنہٕ یہ سپنہٕ بیٚین تام واتناوان روٗد، تمہِ سارِے دارِ مدار چُھ لگہٕ پرٛژھِ پٮ۪ٹھ''۔

أتھی تنوظرس منٛز چُھ محقق وضاحت سان لکھان۔

''لگہٕ پرٛژھِ ہُنٛدُے نتیجہِ چھُ زِ انسان چھِ از تام قدیم ترین زمانہٕ پٮ۪ٹھٕکی حأران کرٕونی رسم رواج ریژ ربوأیژ بلکہِ سوٗنچن ترایہِ تہٕ لسنٕکی بسنٕکی ؤطیرِ پانس ستی رکھٕ ناوان، پالان۔ پرٛتھ گُنہِ قومس تہٕ مُلکس چھےٚ پننہِ فوک لورٕچ ارزتھ ٹأٹھ۔ کٔشیر چھِ رنگہِ رنگہٕ تہذیبن ہنٛز اہم مانٹھال روٗزمژ''۔

یہِ نفسیأتی تفہیم پرٛتھ چھُ یٮ۪مہِ حقیقژ ہُنٛد ثبوٗت میلان زِ پأداوأری عملن دوران یم رشتہٕ بنان چھِ تم چھِ نہٕ کُلی طور مأدی آسان۔ بلکہِ چھِ انسأنی رشتہٕ رنگا بہ رنگی تہٕ مُبہم آسان۔ یم رشتہٕ پرٕزناونہٕ موکھ چھِ تحقیقی تہٕ تنقیدی ؤطیرِ پانہٕ ناوُن یُس ماحوٗلی نفسیاتس ستی ساختی سمأجی عِلمہِ نفسیاتس پٮ۪ٹھ ذٕرِتھ آسہِ۔ تہٕ آتش صأب چھُ یمن مُبہم رشتن تشریح تہٕ تنقید خأطرِ یوٚہے سائینسی ؤطیرِ ورتاوان تہٕ انکشافن تقویت بخشان سو چأری گی یا بچگانہٕ پن Purism یُس از تام معروضی دستاویز تہٕ ثقافتی توأریخ تیار کرنس منٛز ورتاونہٕ چھُ آمُت تمٕکُی چھُ شعوٗری یلاج

ژھارنہٕ آمُت۔

لُکہٕ وۄتر، تصنیفہٕ منز اکثر مقالہٕ چھِ انسانٔی روٗنہٕ ظوٗنس خاص کر کأشرِس تأریخس تہٕ ثقافتس ستی تعلق تھاوان یِمن منز فوک لور تہٕ لُکہٕ پڑھ، کأشرِ لُکہٕ کتھہٕ تہٕ توأریخ، لُکہٕ کتھو ذریعہٕ سمأجی زندگی ہُند اوپ ژوپ، فوک لورِکۍ زٕ کردار، لُکہٕ باؤژ منز پٹھان دورِکۍ کینٛہہ نشانہٕ، لُکہٕ تھیٹر، کشیرِ ہندِ پتھ کالُک اَنہٕ مقالہٕ شأمل چھِ۔

یِم سأری مقالہٕ چھِ قدیم سمأجی لوہ لنگرُک تجزیہ کران۔ یُس لوہ لنگر زمانن وٕحاطہٕ چھُ گرِتھ۔ یہٕ چھ توأریخُک بشری پہلو تہٕ حقیقی تہٕ۔ آتش صأب چھِ مُدبرانہٕ رٕویہٕ، سائینٹفک وٕطیرٕ بیۆن بیۆن گرِتھ، شاید پٔنن تحقیق تہٕ تجزیہٕ سہل بناونہٕ موکھٕ، چھل دل دِوان۔ یِیمہٕ ستی اَتھ انفرأدیت تہٕ چھِ حأصل گأمٕژ۔ تہٕ کیازِ یِرن وأرِس چھُ کأشرِ بن ہنٛز پتھ کالٕچ زندگی ستی روے ہأوِتھ حأران کران۔ یِم چھِ عام سمأجی حالات انتہأیی ٹھوس واقعاتو ستی رٕنگتھ پران تہٕ یِمن پیٹھ تنقیدی رٕویہٕ پنٕنۍ رائے اظہار کران۔ انسأنی سرگرمین سٕنتھ چھُ آتش صأب شعوری طور وٕطیرن منز سمأجی قونونن ہُند واشگاف کران۔ یِم چھِ عام لوٗکن ہنٛزن خوش فہمین تہٕ توأریخی بے دسگأہی سنان۔ یِمے چھِ ازتہٕ سون مُقدر بٔنِتھ اسہٕ مذاق کران۔ مگر اَسی چھِ تیتی سیۆد تہٕ سادٕ زِ مذاقن مالہٕ گرِتھ چھِ ذہنہٕ کِنۍ بر پتٕمن پیٹھ اویزان ترأوِتھ مشاہداتن نش اَچھ

مُران۔ آتش صاأب چھُ اَتھ کُن اشارٕ کرِتھ سون برہم تہٕ وٕہم گاشراونچ عالمانہٕ کوٗشش کران۔

"اَسہِ کر وُہمن گُمانن پڑھ، اَسہِ کر خابن خیالن...... پڑھ۔ اَسہِ تھٕری وُژھ پڑنگ، اَسہِ کر جاأدٕ بستہٕ استعمال...... اَسہِ کرٕ جن بوتلن منز قاأد۔ سانوٕ جدو اجدادو ورتوو یچھس پھوس رِنگ ژھل، اَسہِ پاأٹی وٕہمہٕ یہِ زاأنتھ تہِ زِ یموٕستی چھُنہٕ کانٛہہ فاأید۔"

أکِس غاأر عِلمی مُحقق سٕندِ خاأطرٕ چھِنہٕ یم ثقافتی، نفسیأتی پزر کانٛہہ اشاراتی نظام یا تحقیقی نظم تھاوان مگر سرٕنی نظر تھاون واألِس آتش صاأبس میلِہ یموٕستی تفکری تہٕ تواأریخی رموز تکیازِ تہٕنٛد جذبہٕ چھُنہٕ نشانِ غاأرحاأضری Mark of absence ہُند قاأیل۔ سُہ چھُ یمنے بےٚ بنیاد تصورن تہٕ پڑھن سٕنتھ تتھ پزرس پلو کران یُس موروٗضی زندگی ہٕندی دید مان تواأریخی حقیقژ باوان چُھ۔ یتھٕ پاأٹھی چھ ماجہِ کشیرِ ہُند سوپوٗت بٕنتھ تحقیقی مزاجس اتھٕ شہلاوان۔ آتش صاأبن یقین چھُ

"یتھٕ رسمس یتھٕ قصس اجتماعی پڑھِ ہُند ٹھپہٕ پیوٚسہ روٗد زندٕ تہٕ تتھ دَل دِتھ سننہٕ ستی بنیو کتھٕ ہٕندِس موٗلس تاں یا وَنو فرع دِنتھ اصلس تام واتُن ممکن"۔

یہِ چھُ جدلیاأتی وٕطِرٕ سوچُن واألِس محقق سُند شعوٗر تہٕ شوق۔ یوٚہے چھُ صحیح رٕویہ تہٕ اصول اول تحقیقک تہٕ تنقیدُک۔

پرٛتھ واقعہٕ تہٕ وأری دات چھُ تقاضہٕ کران زِ اتھ سپد مکمل تہٕ جامع وبژھنے تہٕ وکھنے۔ فلسفیانہٕ دلالت ذٔسی تحقیقہٕ کِبن مٔنزٕلن کن پچھأنژ رہنمأیی، تحقیقکِ دُرست وَل ورتاونی، رنگابہ رٔنگی تہٕ جہٕل سمأجی وِہ ہارن ہُنٛد تحقیق گرِتھ، تخلیق گٔری متین سرگرمین ہُنٛد تخمینہٕ طے کرنہٕ خأطرٕ جدلیأتی تأریخی تجزیہٕ پانہٕ ناوُن۔

یہٕ طریقہٕ استعمال گٔرِتھ ہیکہِ محقق کامیأبی ہٕنٛد بن پڑاون مسلسل طے گٔرِتھ، تہٕ کیازِ اَتھ طریقس منٛز چھِ تحقیق، تجربہٕ، مُشاہِدہ تہٕ تقابلی رٔویہٕ یمن رُجحانن تہٕ کردارن ہنٛز تشریح تہٕ تفہیمی ہرتر۔

آتشؔ صأبس چھُ پننین مقالن تہٕ تنقیدی وبژھنین منٛز یوہے وَل تہٕ بصارت بدست۔

''لُکہٕ کتھو ذٔریعہِ سمأجی زندگی ہُنٛد اوپ ژوپ'' تمہیدی یا پیٹھے بانے چھُ بیوٚن بیوٚن پہلوٗ باور کرناوان زِ انسان چھُ تحفظ خأطرٕ اکھ أکِس آویزٕ۔ اَمی جذبہٕ چھِ سمأجی قدرٕ رنگنہٕ آمژٕ۔ تم چھِ سبٹھے مُدلّل پأٹھی لکھان۔ اتھ لیکھی مِتِس اگرفردن، قومن تہٕ سماجن ہٕنٛد بن ذہنی منشوٗرن منٛز حأشیہٕ شیرو کلُہم عالم بنہِ مسرتُک پناہ گاہ۔

''قومن، مُلکن تہٕ نسلن ہٕنٛدِ مستحکم تصورٕ باوجوٗدٕ چھُ أزیک دُنیا بوزوَے تہٕ گُنے سماج تکیازِ نوٚینہٕ کھوتہٕ نوٚینہٕ سائنسی ایجادو أنی کُل عالمکی روزن وألی اکھ أکِس سیٹھاہ نکھہٕ''۔

''لُکہٕ ووتُر'' کتابہِ منز موجوٗد مقالن ہُنٛد اشارأتی تہٕ معنیأتی تاثُر چھُ شعوٗری طور کأشُر نوجوان پننہِ سمأجی تہٕ ثقأفتی توأریخ نِش آگاہ کرنہٕ خأطرٕ ووتلاونہٕ آمُت۔ یُتھ یہٕ تہذیبس نِش ژھٕنہٕ گومُت تہٕ دوپر ژھوژٕ تہذیبکہِ پرٕو کو پتہٕ گومُت پننہِ تہذیبُک، سماجُک، ثقافتُک تہٕ زبأنۍ ہُنٛد ارتقا عالمی تنوظرس منز فخرٕ سان پھرِ تہٕ قبوٗل کرِ۔ پزٕھن، وٕہمن، گُمانن تہٕ کأشرس منٛش سُنٛد فطری وٕہارُ وچھتھ گرٕھنہٕ ترٕن تہٕ تروواہن۔ اوے چھِ آتش صأب تِتھی ہوی توصیفی تہٕ توضیعی پیرالکھان۔

''دُنی یہکین باقٕی مہذب سماجن ہنٛدی پأٹھی چھُ کأشرس سماجس تہٕ یہٕ امتیاز حأصِل رُو دمُت زِ اَسہِ چھُ بیٚیہ سُنٛد دود پنُنۍ زونمُت۔ درٛا اگن منز دِتی فاقہٕ تہٕ یکہٕ وَٹہٕ۔ کینٛہہ ہے کھیٚو وتہٕ بأگرِتھ...... گامن اندر چھُ وُنہِ تہٕ کُنہِ کُنہِ، دوٚکھس سوٚکھس دوران، اکھ أکِس بلا معاوضہٕ پلزُنٛک رِواج۔ یِژھن مثبت سمأجی قدرن ہُنٛد اوس گوڈٕ پیٹھے شُربن اوپ ژوپ کرُن......''

یِمن قدرن تہٕ انسأنۍ وٕہارن، رٕوین تہٕ وٕطیرن ہُنٛد تحریری شہادتہٕ تہٕ عقلی تفہیمہٕ ستی ہبکہِ یتھ رِوأیتی پزرس توأریخی سند حأصِل سپدِتھ زِ کأشُر زبان، کأشُر قوم تہٕ کشیرٕ ہٕنز پتھر چھِ قدیم ترین توأریخُک حصہٕ۔ یِمن ہٕنز نشاندہی لُکہٕ تھیٹر، گونگُل، پھروو، چلے

کلان، پُل تہٕ پاتو، کھراو تہٕ سری نگر، لگہٕ باوٕ ژ منز ہوبن مقالن منز سپدان چھِ۔

آتش صأب یٖمہٕ وکھنے کٲشیرِ منز وٕتچ باگنے ہُند تقابُل قدیم سماجن ہٕندِ وقتہٕ باگنے ستی چھِ کران تمہٕ ستی چُھ یہندِ تحقیقی جبروتک تہٕ علمی بصارتک پے لگان۔ تہٕ چُھ أکِس وُتشأوی وطن دار سٕندی پأٹھی تھبکان لکھان۔

"ژھایہٕ ستی وتُک اندازٕ لگاونک طریقہٕ چھ دُنی یہکبن اکثر مُلکن تہٕ قومن منز رأیج اوسمُت۔ کٲشیرِ منز تہٕ اوس اَمہٕ طریقُک رواج ......ژھایہٕ ستی وٕتچ مینہٕ تول تہٕ باگنے کرنُک طریقہٕ چھُ انسانہٕ سٕنزِ ذہنی تہٕ سمأجی ترقی باپتھ اکھ نہمہٕ ڈوکھ روٗدمُت۔"

تھٕکِتھ ژھینتھ أکی سے کُٹھس یا آنگنس منز سٕمتھ دٕلیلہٕ تہٕ داستانہٕ وننہٕ بوزنہٕ، اَنہٕ گٹہٕ، ترٕنی تہٕ وحشت ناک رأ ژن، رأ ژ پہرن ہُشارٕ روٗزِتھ تحفظُک گُمانہ پأدٕ کرُن چھُ قدیم زندگی ہنز عکأسی کران یمن دلیلن چھُنہٕ معروض تہٕ ستھر بٔلکہٕ چھِ تخلیقی ذہنن ہنز وو پداوٕمژٕ۔ تتھے پأٹھی اوس قدیم انسان سوکھ پراونس، سوکھُک طمع تہٕ اورِ زٕوٗ کرنس پتھ بدست چیز استعمال کٔرِتھ اظہار کران۔ گونگل، پھرو، بیترِ منفرد لگہٕ وورس چھُ تو أ ریتخہٕ قدیم کالُک عکس تہٕ تاثُر ہیتھ۔ یمن وورسن منز چھُ

اِوٕے کنٕز لگہٕ رَس۔

آتش صاب چھُ یتھن ما بعد الطبعیاتی، جنسیاتی یا معروضی معاملن سٕنتھِ کٲشرِ ہنٛز انفرادیت یمن ہٕتی رشتہٕ ناوِتھ ماجہِ وطنس توارٟیخی تہٕ تارٟیخی رٕوِیہٕ دریاف کران تہٕ دٕسیاب تھاوان۔ تہٕ کیازِ یمن چھُ یتھ پزرس پٹھ پچھاٗنز پزٕ "لگہٕ ادب چھُ سماجی توارٟیخ رٕژھراونس تہٕ وبڑھناونس منٛز تہٕ مدد دِوان"۔ سون لگہٕ ادب، لگہٕ وٕتر تہٕ نفسیاتی توارٟیخ چھِ گواہی دِوان زِ کٲشرِ چھِ قدیم بٲسی تین منٛز اکھ۔ اَسہِ چھُ عالمی ظون تہٕ ظونہٕ ویوہار متاثر کٔرمت۔

جناب آتش صاب چھُ تخلیقی صلاحیتٕک ورتاو پننہِ موضوٕعکس اختیاری مُشاہدس چھل دَل دِتھ سماجی نفسیاتُک معروضی تارٟیخی ارتقاء توارٟیخی ستھرس پٹھ پربزناوٕنٛچ وَل ہیٚچھناوان۔ ہٕتی حیلہٕ کٔرِتھ چھِ پی فکرِ تاران زِ کٲشرِ چھِ قدیم۔ یمٕیک ماخذ فقط لگہٕ وٕتر تہٕ ووسہٕ دروسہٕ ہنٛز نفسیاتی ارتقا چھُ کالن Time ہنٛز شناخت کرنہٕ خاطرٕ کافی۔

یہنٛدِس اَتھ تجزیاتی تہٕ واشگافی پزرس چھِ تحقیقی تہٕ تنقیدی اصولو ہٕتی شابش میلان۔ اَسہِ چھُ پے تخلیق کائناتس متعلق چھِ قدیم تہذیبس منٛز دٕعنوانہٕ تصور ویٚدٕرِ۔ یعنے سُلبی تہٕ جدلی منٛش ہیوٚک تخلیقی عملہِ ہُنٛد شعور پانس أندی پکھی جانورن نِش حاصل کٔرِتھ۔ أتھی تنوظرس منٛز آیہِ زنانہٕ تہٕ زندگی تہٕ تخلیقہِ آدمیُچ علامت مانٕنہٕ۔ یوس

آدم زادس زنم دِوان چھِ ۔ تخلیقی عملہِ نِش ناواقف آسنہٕ کِنۍ اوس نہٕ تِمن فکرِ تران مگر وارِ وارِ گوکھ عادت تہٕ تہٕ خوش تہٕ ۔ تِتھے پأٹھۍ وُچھ زمینہِ منز تہٕ أکِس خاص وقتس پتھ گاسہٕ بُرٕ تہٕ کُلۍ کٕٹ پھٹان ۔ یِمن عملن منز ہشر وُچھتھ دیُت قدیم مٔنش زمینہٕ تہٕ زنانہٕ ہیوٗ روتبہٕ تہٕ احترام ۔ دونونی آو مأج وننہٕ ۔ اَمہِ نظریہٕ ستۍ ہیکہِ قدیمتیک توأرتخی تصور قائیم کرنہٕ یتھ ۔

أسۍ چھِ وُچھان یہِ فطرت تہٕ نفسیات فقط کٔشیرِ منز کأشرین نِش ۔ کُنہٕ تہٕ مٔنشی پتھرِ ستۍ چھنہٕ لفظ موج واتھ رٹان صرف کٔشیرِ یعنے موج کٔشیرِ ، گاو موج ، زون موج چھ سانی زبأنی منز موجوٗد ۔ یہِ ساخت ، ترکیب ، ہم آہنگی تہٕ رشتہٕ چھ مزازن قدرتی ۔

اتھ پسِ منظرس منز لُکہِ وۄتُر کی اکثر مقالہٕ چھ معروضی توأرٕتحکی اشارأتی ماخذ تہٕ معنیأتی وو پدأ وٕی ۔ جناب غلام نبی آتش صأبن روحِ ذہن (Giest) چھُ حساس تہٕ بالِغ تہٕ تِمن کلہم تحقیقی پدبن تہٕ پڑاون پچھانن یِمن پتھ پکِتھ حقیقت اتھِ ییہِ ۔ جذبأتی مغالطِ کرِنہ وتہٕ ناش ۔

لُکہِ ادب سۄمبراونکی اصوٗل ، تحقیق کٔرتھ تہٕ عقلی وٕطیرِ یِمن اصوٗلن پٔتن أئین بنأوتھ ہیکہِ محقق موروضی مسلن چھل دِل دِتھ کٕرٕ پھ کپٹ کٔرتھ ارض کٔشیرِ متعلق مریضانہٕ کفیت Morbidity تہٕ مریضانہٕ نقطۂ نظر یک Morbid view point یلاج کٔرتھ ۔ تہٕ عالمی

توأریخی، ثقافتی تہٕ سمأجی نفسیاتکس تنوظرس منز ہیکو ماجہِ کٲشرِ ہُند توأریخی مقام طے کٔرِتھ یُس لگہٕ وۄتر محسوس ورِتیچ اہم ترین ضرورتھ چھِ۔ یہِ طے کرنہٕ خأطرٕ اَسہِ ووٚنی وتہٕ پٔدی ویٚدی چھ تہٕ اصول چھ مُرتب کٔرِتھ۔ یہُند مزاج سائنسی چھُ۔ یُس بِل کُل فطری تہٕ چھ۔ یہِ رِنٛز پننس مقصدس عین مطأبق تجزیأتی ڈٔری یا فن ترٕین زُمرن منز تقسیم کرُن چھُ یعنے ڈٔری یاف، تصدیق تہٕ تعمیل۔

مثلن یہِ پزر چھُ توأریخی سٕترس پیٹھ ڈٔری یاف سپُد مُت زِ کٲشرِ منز تِتھٕ پأٹھی ناگن تہٕ یکھشن متعلق رِوأیتی قصہٕ موجوٗد چھِ، تِتھے پأٹھی أسی وسطی مصرس منز بازتہٕ گدھ قوم آباد۔ یہُند حأکم Satet اوس۔ یہُند قوم بوط یمس سرپھ چھِ ونان، اوس۔ حورلیس چھ سبٹھاہ مضبوٗط حأکم اوس مُت۔ یمٕ سُند پوٚتل سرپھِ صوٗرٕژ اوس تہٕ أمس أسی پوٗزان۔ کوتاہ ہشر چھ یمن رِوأیتی دلیلن منز۔ یمن کُن اشارٕ جناب آتش صأب مہارتہٕ سان چھُ کران۔

''دویکھشن ہُند اصلی وطن اوس کٲشرِ تہٕ پتّی پیٹھٕ گئے تم برصغیر کین دوٚیمین علاقن کُن لنکایہِ تہٕ۔ یم أسی لاشن کھوان۔'' چھُ تحقیقہٕ عملہِ ہُند اہم جزٕ۔ لاشن کھینہٕ وول ہیکہِ نہٕ تہذیب یافتہٕ فرد أسِتھ۔ یا تہٕ آسہِ ہے نہٕ فصل دوٚپداونک عٔلم انسانس أسِتھ۔ از تارِیخ توأریخ چھ پی ونان۔ آتش صأب چھ تنقیدی ہونز مُبہم واقعن، پزرن تہٕ شہادتن ہِنٛدی

صفت خصوٗصیات تہٕ رشتہٕ نٟز راوان۔ نوٚ یمہِ مفروٗضن ہنٛدِ خاطرٕ بُنیاد فراہم کرانٕ۔ یم چھِ وُتشاوِ وٕطیرِ دیانت داری سان یتھ کتھِ تہٕ اقرار کران زِ تحقیقی درجہ بندی چھنہٕ حتمی۔

لکہٕ وٲتر چھُ موزوٗن اصطلاح تمہِ باوٕژ تہٕ تحقیقہٕ خاطرٕ یتھ منٛز سماجہِ کس اکثریتی طبقس نمایندگی آسہِ۔ یہِ اصطلاح چھ شعوٗری تجربہٕ پتہٕ آتش صائبن کاشرو وُمت۔ بزرگ تہٕ معتبر دانش ور سُند چھنہٕ یہِ گوڈنکُے دیُت۔ بلکہِ لکہٕ وٲتر چھُ کُلی طور شناخت راوِ قومس پرٕ بنتھ پچھانٕ گلہِ میوٚٹھ۔ مگر موزون اصطلاح گرِتھ تہٕ چھُ آتش صائب لکہٕ وٲترِ بدلہٕ فوک لور ورتاون خوش کران۔ خبر کیازِ؟ مےٚ آونہٕ ذاتی طور یہِ رٕویہٕ پسند۔ فوک لورس منٛز چھنہٕ معروٗضی سماجی نفسیات۔ یتھ سونٛچس یا اظہارس تخلیق کار علامژن ہنٛدِ موکھ منہِ معروضی نفسیات کہِ فہمہٕ واتنیارِ رنگہٕ تہٕ تمہِ رنگہٕ پننہِ تفہیم تشریح تہٕ رنٛگنٕ گے احساس کمتری۔

پزر چھُ یِ زِ آتش صائب چھُ پننہِ اندازِ فکر تہٕ نفسیاتی وبوہارٕ کنٕ اکھ تواریخ دسیاب کران۔ یوس آفاقی کفیت چھ تھاوان۔ یہنٛز برتری چھ یتھ پزرس منٛز زِ فقط کتابی شہادتن پٹھ پرٛ ھنہٕ گرِتھ کوٚر یمو لکہٕ وٲترکہِ تخلیقی نفسیاتک تقابلی تجزیاتی حوالہٕ تجزیہ۔ تواریخی پزرو وتلاوِ کھ تہٕ پرٕ بناوکھ سماجی رشتن ہنٛدِس اظہارس سنان، لکہٕ وٲتر چھُ بُنیادی ستھرس پٹھ اکھ تیتھ تواریخ یُس تصورن لرٕ لوٚر تصدیق تجربن تہٕ

مُشاہدن پیٹھ تأریخی ارتقائہ لوہ لنگر پرکھاوان چُھ۔

میکسم گورکی سُند وَنُن چھُ زِ عام لُوکھ، یِہُند نہٕ توأریخس منٛز ذِکر چھُ، چھِنہٕ فقط مأدی دولتھ بناوان بٔلکہِ چھِ پوشہِ وِنبن، سمأجی، ثقافتی تہٕ روحأنی قدرن ہنٛدی آگُر تہِ چُھ عام منٛشی۔ یُس چینی عقیدٕ مطأبق دیوتاہوڈیمبہٕ ستی بنوو۔ پرٛتھ کُنہِ عقیدٕ یا زبأنی تنظیمہٕ کِنی تہِ چھِ یِژھے ہِش کیفیت ووتلان مگر جناب آتشؔ صأبن چھِ لُکہٕ نفیسالتس سام ہیتھ یہٕ پزرکھ کوٚرمُت زِ یہٕ نظریہٕ تہٕ پژھ چھنہٕ پُز۔ تِمو چھُ ہأوِتھ دِیُتمُت زِ لُکھے چھِ فلسفس زنم دِوان۔ یِم چھِ شأعرتہٕ موسیقی کار تہِ، چھِ ژھینٛہِ کوٚٹھربن منٛزٕے تھنہٕ پیوٚمُت۔ کُلھم عالمی توأریخک خألق تہِ چھِ یِمے۔

پننہِ منشک شاندار ظونہٕ زول کرٕون تحقیقی دربار چھٕ یِمو لُکہٕ وٕوہارو، وٕطیرو، پژھِ تہٕ وہموشوٚرمُت۔ پننہِ تجزیٲتی واتنیار بین تہذیبی آزمأیشہِ ذٔریعہِ سونٛکُت شانکان موروضِ ونہٕ کوٚڈمُت۔ أتھی سِلسِلَس منٛز چُھ آتشؔ صأبُن "بازیافت" کأشِر لُکہٕ شأعری۔ وِکھنے تہٕ ویژھنے، لُکہٕ وٕوٚتُر۔ تحقیق تہٕ تجزیہ، کأشربن تکمیحن ہنٛز اکھ سوٚمبرن تہٕ تحقیق تصنیفہٕ جدلیأتی سونٛچہٕ تہٕ ولہٕ چھل دِل دِتھ کٔشیرِ تہٕ کأشرِس متلق مُبہم تصوراتن مشکوک بنأوِتھ ارضی تعلقہٕ تحقیقک شوق گُنہِ رأوِتھ محققن نوٚ وتہٕ ہاوِمژ یِتھ نسبت ووٕنی گٕژھ کأشربن ستی لوتہِ بُنیأدی سوٚتھرِس پیٹھ نقطۂ نظر بدلان چھُ۔

ڈاکٹر شفقت الطاف

# آتش صأب
# مأہرِ تعلیم تہٕ درسی کتابن ہُنٛد مولف

(۱)

الہٕ پلہٕ ترٛےٚ درجن کتابن ہُنٛد مصنف تہٕ مؤلف غلام نبی آتش چُھ بہ ظأہر مُنٛز کہٕ بدن مگر تِہنٛدِ شخصیتکی چھِ وارِیاہ گونہٕ سأوی پاس۔ اکھ مردِ شریف، سادِ منوش، شفیق تہٕ کأشرِ بن روایژن ہُنٛد پاسدار ادیب، شأعر، فوک لورسٹ، محقّق، شُری ادبُک مأہر تہٕ کامیاب مُدّرس بلکہٕ مأہرِ تعلیم ۔ کأشرِ زبانہٕ تہٕ ادبکہٕ حوالہٕ یُس مقام آتش صأبس حأصل چُھ، تِمکی معترف چھِ سأری، دوست تہٕ تہٕ دُشمن تہٕ۔

آتش صأب زاو ۱۹۴۹ء منٛز نانل، اننت ناگہٕ أکِس سفید پوش زمیندار گرس منٛز۔ سبٹھہٕ ہے مُشکل حالاتن منٛز کٔرن تعلیم حأصل۔ علم، ادب تہٕ شأعری ہنٛز کانٛہہ خاندأنی روایت أسس نہٕ ڈٔکھِس۔ خدا تعالیٰ ہنٛدِ یژھنہٕ کٔرن سبٹھاہ محنت تہٕ دأہمہٕ جمأژ ہُنٛد امتحان کوٚرن ژرِ نمبر ہتی پاس۔ کینژن رٮتن أکِس پرائیویٹ سکولس منٛز تدریسی کأم کرنہٕ پتہٕ لوٚگ آتش صأب ریاستہٕ کِس تعلیمہٕ ہنٛدِس محکمس منٛز میرٹ کِس بنیادس پیٹھ ٹیچر۔ آتش صأب چُھ پننہٕ ابتدأیی زندگی متعلق لیکھان:

"......یتھ زمیندار گرس منز مےٚ زایُن لوٚب۔ علم تہٕ ادب اوس نہٕ تمہِ کہِ براںٛدٕ پوٚ کمُتے زانہہ البتہٕ اوس میون مول عبدالخالق جنت گار سبٹھاہ عبادت گُذار، پرہیز گار، انتہائی سادٕ مزأزی تہٕ سفید پوش۔ اوَے ہیکہٕ نہٕ شعر وادبہٕ کِس معاملس منز وٕنتھ زِ "پدرم سُلطان بوٗد"۔ سہ اوس دُنیأوی معاملاتن منز انتہأئی عدمِ دِلچسپی تھاوان۔ اِو موکھ اوس نہٕ سہ تِتھہٕ پأٹھی میانین معاملاتن تہٕ سنان یتھہٕ پأٹھی اکھ بیاکھ مول سنان چُھ زِ شُرمُر گوٚژھم پرُن، لیکھُن تہٕ گانٛجہِ بچھِ لگُن۔ ووٚنی گوٚو مأرِلس جنتی ہندی ترٛےٚ چیز روٗدِم از تام یتی وتہٕ گاشہٕ کأم دِوان: دعائے خیر، صبر وقناعت تہٕ سادگی" (۱)

سکوٗلن اندر پرناوان پرناوان روٗد آتش صأب پانہٕ تہِ پران۔ تِمو کوٚر بی۔ اے پاس کرنہٕ پتہٕ بی۔ ایڈ۔ حالانکہِ اَمہِ بروٚنٹھہ اوسُن محکمانہٕ تربیتی امتحان ڈپلوما اِن ایلیمینٹری ایجوکیشن تہِ پاس کوٚرمُت۔ تہٕ جامعیہ اُردو علی گڈھ پیٹھہِ آنرز اِن اُردو، آنرز اِن پرشین تہٕ کشمیر یونیورسٹی ہُند آنرز اِن کشمیری لنگویج اینڈ لٹریچر بیترِ امتحانات تہِ اُسن پاس کٔری متی۔ اَمہِ پتہٕ کوٚرُن کأشرِ زبانہِ تہٕ ادبس منز ایم۔ اے۔ یِم سأری امتحانات یوٚدوَے تِمو بطورِ پرائیویٹ اُمیدوار پاس کٔری مگر تسُند

۱ یہ کیازِ تہٕ کتھہٕ پأٹھی چھس لیکھان: آلو: جلد ۴، شُمار: ۳۰۔ ۲۰۰۰ء

شاندار اکیڈمِک کیریر چُھ تِسنٛدِس علاقس اندر اکھ خاص مثال مانٛنہٕ یوان۔ اَمہِ علاوٕ روٗدسہٕ تدریس، علم تہٕ ادبہٕ چِن کتابن ہُنٛد مطالعہٕ کران۔ تعلیمہِ ہِنٛدِس محکمس منز مختلف سطحن پیٹھ کأم کٔرِتھ گوٚو آتش صأب کشمیری لیکچرر ہِنٛدِ حیثیتہٕ ۲۰۰۷ء منز بائیز ہائیر سیکنڈری سکول وٕیچہِ بیارِ پیٹھہٕ سُبکدوش۔

آتش صأب اوس اکھ تجربہٕ کار رفیق تہٕ شفیق اُستاد۔ سُہ گوٚو فنِ تدریس کِنہٕ زانٛہٕ جارن اٗنزی منزی، اتھ منز کٔرن سومہارت حاصِل زِ وارِیہن ؤرِین اوس زون (Zone) ضلع تہٕ صوبأئی سوٚتھرِس پیٹھ ٹیچر ٹرینر (Teacher trainer)۔ تِسنٛدِ درس و تدریس ستہٕ سپدی ساسہٕ بٔدی طالبِ علم مستفید تہٕ ہتہٕ بٔدی ٹیچر سپدی تہنٛدِ فنِ تدریس تہٕ تجربہٕ ستہٕ فیض یاب۔ سروِ شکھشا ابھیان کامیاب تہٕ مُفید بناونہٕ باپتھ کٔر آتش صأبن تھکہٕ رٔوس کأم۔ وارِیاہ ماڈیوٗل کٔرِن تیار تہٕ وارِیاہن ٹیچرن دِژن اتھ تحت تربیت۔ دوٚن ؤرِین اوس مٹن زوٗنک اَمہِ پروگرامہٕ باپتھ زونل کوارڈِنیٹر۔ سرینگرٕ تہٕ جیٚمہِ کٔرن وارِیہن اہم ورک شاپن منز عملی شرکت۔ تعلیم عام کرنہٕ رِکس تہٕ معیأری تعلیم دِنہٕ رِکس جذبس تحت چلوٗون اٹھوؤہن ؤرِین پننہٕ نِس گامس منز، بییٚن کیٚژن ژُکی درن ستہٕ رٔلتھ اکھ پرائیویٹ سکول۔ امیُک زیادٕ بار اوس آتش صأبِے وِتراوان تہٕ اَمہِ کٔرہٕ تعلیمی معیأرُک

خیال تہٕ اوس تٔسی پیوان تھاوُن۔ اَمہِ سکوٗلہٕ منز دڑایہِ اکثر طالبِ علم، یِم زندگی ہنٛدبن مختلف شعبن منز گاشہِ منارٕ ہوی پریٖزلیٖیہٕ۔

آتش صأب چھ اکھ تسلیم شُدہ ادیب، شأعر، محقق، فوک لورسٹ، مأہرِ تعلیم تہٕ شُری ادبک مأہر تخلیق کار۔ شُربن ہنٛدِ باپتھ کوٚر تٔمی اکوٗہمہِ صٔدی ہنٛدبو ضرورتو مطأبق ادب تخلیق۔ تیٚہنٛز مثال تسٕنز کتاب "نوٚو کینٛژھا میٚنژھا" چھےٚ۔ اَتھ کتابہِ میوٗل ۲۰۱۱ءمنز ساہتیہ اکاڈمی ہنٛد "بال ساہتیہ پُرسکار" (شُری ادبہٕ باپتھ ایوارڈ) تہٕ۔ تٔمی لیٖچھہِ مختلف وأنسہِ ہنٛدبن شُربن ہنٛدِ باپتھ رایمہٕ، نظمہٕ تہٕ کہأنیہِ۔ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ شُری ادب پادٕ کرنہٕ باپتھ کُرٕ تٔمی واریہن لِکھاربن تہٕ شأعرن حوصلہٕ افزأئی، اکھتےٚ یِمہٕ لوکچہِ بچہِ کتابہٕ اَتھ سلسلس منز تِمو لِکھاربو شایع کرِ، آتش صأبن لیٖکھی تِمو منز اکثر کِتابن پیش گُفتار۔

کأشرِ شُری ادبہٕ کِس توارٕخس منز میلہٕ کنہِ ہنٛز حیثیت تھاون واجیٖنہٕ کینٛہہ کتابہٕ تہٕ کرِ آتش صأبن تالیف مثلاً کأشرِ شُری ادبٕچ سوٚمبرن: جلد ۱ (شاعری)، کأشرِ شُری ادبٕچ سوٚمبرن جلد ۲ (نثر)۔ یِمہٕ دونوے کِتابہٕ کرِ ریاستی کلچرل اکاڈمی شایع۔ کلہم پأٹھی چھےٚ یِم شیٚین ہتن صفن پیٹھ پھہلتھ۔ مرکزی وزارتِ ثقافتکس دون ؤرِین ہنٛدِس سینیر فیلو شپ پروگرامس تحت لیوٚکھ آتش صأبن "کأشُر شُری ادب: تحقیق تہٕ تاریخ" عنوانس تحت کأشرِ شُری ادبک ساڑن یاژن ہتن صفن پیٹھ اکھ ضخیم

توأریخ، یُس صرف ۲۰۱۱ء تام چھ۔ اکھتُے چھےٚ نیشنل بُک ٹرسٹ آف انڈیا نیو دِلی ہنٛدِ طرفہٕ آتش صابنہٕ شُرٛن ہنٛدِ باپتھ ترٛےٚ شکلہٕ دار دِلچسپ کہأنیہ رٕتہٕ پأراوِ سان شایع کرنہٕ آمژٕ۔ مأہرِ تعلیم تہٕ پُر خلوص محنتی مُدرِس آسنہٕ سبہٕ دیُت ۲۰۰۵ء منٛز ریاستی سرکارن آتش صأبس ضلع سوٚتھریک ''بہترین استاد'' آسنٛک ایوارڈ تہٕ۔

(۲)

۱۹۴۹ء منٛز آیایہٕ کأشر زبان تِمن سارِنے علاقن ہنٛدِ بن سکوٗلن منٛز ییٚتہٕ ییٚتہٕ کأشُر بولن وألی روزان أسی، پرائمری کلاسن ہنٛدِ بن طالبِ علمن ہنٛدِ باپتھ ذریعہ رتعلیم بناونہٕ۔ أنکہٕ ؤنی رسم الخط یتھ منٛز تمہِ زمانہٕ کأشرِ کتابہٕ لیٚکھنہٕ یوان آسہٕ، آیوو شیرنہٕ۔ پرائمری کلاسو باپتھ آیایہٕ أتھی شیرنہٕ آمتِس رسم الخطس منٛز یتھ ''لچہِ کأشُر'' تہٕ ونان أسی، رکتابہٕ تیار کرنہٕ۔ یِمن منٛز ریاضی، سوشل سائنس تہٕ کأشُر ہیچھنہٕ باپتھ نصأبی کتابہٕ شأمل آسہٕ۔ یِمن نصأبی کتابن ہنٛدِ بن ترتیب کارن منٛز أسی پروفیسر محی الدین حاجنی، پروفیسر پریتھوی ناتھ پُشپ، دیناناتھ نادم، اختر محی الدین، امین کامل تہٕ مرزا غلام حسن بیگ عارف بیترِ شأمل۔

۱۹۵۳ء منٛز آیہِ ریاستس منٛز سیأسی اقتدارس منٛز تبدیلی تہٕ کأشر زبان گیہِ سکوٗلو منٛزٕ بے دخل۔ وقتہٕ کیو مأہرو یِم نصأبی رکتابہٕ تیار کرِمژٕ آسہٕ تِم گےٚ ہایہٕ تہٕ ضایہٕ۔ امِہ پتہٕ وار یاہ کألی سپنٛز بنا کھ کوٗشش، رسم الخط

شیر نچ عمل روٗز جاری تہٕ کأشر زبان آیہِ بییہِ سکوٗلن اندر دأخل کرنچ کوٗشش کرنہٕ۔ شیٚمہِ جمأژ باپتھ آیایہِ درسی کتاب تہِ تیار کرنہٕ۔ یہِ کوٗشش تہِ گٔے نہٕ کامیاب۔ یوٚ تام ۲۰۰۰ء منز کأشر زبان سکوٗلن منز پرناونک نوِ سرٕ سٔنز کرنہٕ آو۔ سٹیٹ بورڈ آف سکول ایجوکیشن کہِ اہتمامہِ یُس گوڈنیُک قأعِدٕ واریاہ وٕرک شاپ منعقد کرناونہٕ پتہٕ، ۱۹۹۹ء منز اول جمأژ ہِند بن طالبِ علمن ہِنٛدِ باپتھ تیار کرنہٕ آیوو، مختلف وجھو کِنہٕ، یتھ منز بیروکریسی ہُنٛد تنہٕ نَنہٕ تہِ شأمل اوس، پیوٚو سُہ ژوٗرِمہِ جمأژ منز پرناوُن۔ تاہم آیہِ پٔنژمہِ جمأژ باپتھ ۲۰۰۰ء منز کأشر کتاب شایع کرنہٕ۔ دونہٕ وٕنی کتابن ہِنٛدی ترتیب کار مأہرٔسی پروفیسر رحمان راہی، پروفیسر رتن لال شانت، پروفیسر شفیع شوق، ڈاکٹر شاد رمضان، ڈاکٹر رتن تلاشی، محمد احسن احسن، ڈاکٹر عزیز حاجنی، حسرت گڈھاتہٕ بشیر احمد ڈار بیتر۔ ۲۰۰۵ء پیٹھہٕ آیہِ سرکأری حکمس تحت کأشُر بوٗلن والین علاقن ہِند بن تمام سکوٗلن منز کأشر زبان اوٗٹھمہِ جمأژ تام لأزمی سبجکٹہٕ رٔنگی پرناونہٕ ییہٕ باپتھ سنجیدٕ نوعیژکی اقدامات کرنہٕ" (اقتباس: کأشُر شُری ادب: تحقیق، تاریخ تہٕ تجزیہِ۔ غأر مطبوعہٕ۔ غلام نبی آتش۔ ص: ۳۸۹، ۳۸۸)۔

(۳)

نصاب تہٕ درسی کتابہِ تیار کرناونہٕ باپتھ بناؤ سٹیٹ بورڈ آف سکول

ایجوکیشنن ماہرن ہنزا کھ کمیٹی، یتھ منز پروفیسر بشر بشیر، پروفیسر شاد رمضان، ڈاکٹر عزیز حاجنی، پروفیسر نسیم شفائی، محمد احسن احسن، ڈاکٹر محفوظہ جان تہٕ غلام نبی آتش شأمِل اَسی۔ کینٛہہ ممبر دزٲیہِ ذأتی وجوٗہاتو ٚکنی اَمہِ کمیٹی منزٕ۔ باقیو کرِ پوٗرٕ شمہِ جمأژ ہنزِ کتابہِ ورأے اولہِ پیٹھہٕ بأہمہِ جمأژ ہنٛد بن طالب علمن ہنٛدِ باپتھ درسی کتابہٕ تیار۔ اماپوٚز کمیٹی ہنٛد بن سارِنے ممبرن ہُنٛد اعتراف چھُ زِ آتش صأب اوس اَمہِ بارٕ پروجیکٹُک روحِ رواں۔ ژٕ تجہن وٕرِین پرائمری سوٚتھرِ پیٹھہٕ سیکنڈری تہٕ ہائیر سیکنڈری سوٚتھرس تام مختلفِ کلاسن ہنٛدی شُری پرناوان پرناوان اوس سُہ شُر بن ہنٛدِس نفسیاتس، تہنٛزن خاہشن تہٕ ضروٗرژن پوٗرٕ پأٹھی وأقف سپُد مُت۔ تِمی لوگ سُہ سورُے مولُل تدریسی تجرُبہٕ، یُس وأنسہِ ہُنٛد مُژ اوُسس تہٕ یُس شروشکھشا ابھیان پروگرام چلاونس دوران حأصِل سپُد مُت اوُسس، تدریسی کتابہٕ ترتیب دِنہٕ باپتھ کامہِ۔ تِمس اوس National curriculam frame work 2005 نہ صرف نظرن تل بلکہِ اوُسن تمیُک سٔنتھ مُطالعہِ کوٚرمُت۔ کمیٹی ہنٛد بن ممبرن ٚستی مشورٕ کرِتھ تہٕ تہنٛدِ اتھہِ واسہٕ کوٚرُن اَمی نیشنل کیر کیوٗلم فریم ورک–۲۰۰۵ء مطابق ڈٕرسی کتابن ہُنٛد یہِ شاندار سلسلہٕ مُکمل۔ Pedagogy ہنٛدیو جدید ترین اصوٗلو مطابق کوٚر یمن کتابن ہنٛد بن تمام سبقن ہُنٛد Comprehensive

comprehension آتش صأبہٕ نے تیار۔ مواد چ مُنأسب شیر پأر تہٕ ژأر کرسارِ وے ممبروٕ لتھ میلتھ مگر شاندار Comprehension چُھ صِرف آتش صأبُن کارنامہٕ، یِمیُک اعتراف سأری معزز ممبر کران چِھ۔ پرائمری کلاسن ہنزن کتابن ہُنٛد اکثر مواد تہٕ کوٗر آتش صأبن پانہٕ تیار۔ اَتھ وقتس منٛز اوس ڈاکٹر عزیز حاجنی سٹیٹ بورڈ آف سکول ایجوکیشنس منٛز اکیڈمک آفیسر۔ یُہ دوَے زن درسی کِتابہِ تیار کرنہٕ چہِ سارے عملہِ ہُنٛد نگران تمہِ وقتُک ڈائریکٹر اکیڈمک شیخ بشیر احمد اوس مگر کأشرِ درسی کِتابہٕ تیار کرناونچہِ عملہِ ہُنٛد کنویز اوس حاجنی صأب۔ تِسنزِ محنتہٕ تہٕ ہِتھے کوٗششہٕ ستی سپز یِمہٕ سارے کِتابہٕ سبٹھاہ کم وقتس منٛز تیار۔ییلہِ یِمہِ جمأژ تام یہِ سیریز مکمل گے، حاجنی صأبنہٕ ذأتی کوششو کِنی گے سٹیٹ بورڈ آف سکول ایجوکیشنکی اعلیٰ عہدٕ دار کأشرِ بن درسی کتابن ہنٛز سیریز مکمل کرن والین مأہرن عزت افزأئی کرنہٕ باپتھ تیار۔ أکِس پُر وقار تہٕ شاندار عزت افزأئی ہنٛزِ تقریبہٕ منٛز آے ۲۰۰۸ء منٛز تِمن شال پوشی کرنہٕ، میڈل تہٕ اسناد بأگراونہٕ۔ یہِ عزت افزأئی آے تِمن سارِنے مأہرن کرنہٕ، یِم کأشرِ بن درسی کتابن ہنٛزِ عملہِ ستی گنہِ تہٕ مرحلس پیٹھ شأمل روٗدِمتی أسی۔ أتھی تقریبہٕ دوران وٗون پنہٕ نِس عالمانہٕ تقریرس منٛز تمہِ وقتکی کمشنر کم سیکریٹری ایجوکیشن غلام احمد پیر صأبن زِ

''مےٚ پرِیم سارے کأشر درسی کِتابہٕ، یِہنٛد مواد تہٕ معیار وُچھِتھ گوس سٔبٹھاہ خوش۔ پزٕی چھےٚ یِمہٕ اکھٕ ہمہ صدی ہٕنٛدیو ضرورتو تہٕ تدریسی اصوٗلو مطابق مگر اُردو زبانہٕ ہٕنٛز درسی کِتابہٕ چھنہٕ زِ توٗ وہو ئِریو پیٹھہٕ Revise کرنہٕ آمٕژ۔ بورڈس پزِ فوراً یہ کأم اتھس منٛز ہنٛنی، مگر سہٕ مأہر اُستادیٚن کأشرِ درسی کِتابہٕ تیار کرنس منٛز خاص رول ادا کوٚر مُت چھ، (تِہنٛد اِشارٕ اوس آتش صأبس کُن) گژھہِ اُردو Revision committee منٛز ضروٗر شأمِل کرُن۔ تِہنٛدِ تجربُک گژھہِ فأیدٕ یُن تُلنہٕ''۔
(۲۵ اکتوبر ۲۰۰۸ء کرنہٕ آمہٕ تہٕ تقریرُک اقتباس)۔

سٹیٹ بورڈ آف سکول ایجوکیشن کہِ اہتمامہٕ یِمو کأشرو درسی کتابو منٛز چھےٚ، کیٛنہہ کِتابہٕ آتش صأبن تنِ تنہا تیار کرِمژٕ تہٕ کمیٹی ہُنٛد کانٛہہ ممبر چھُنہٕ یِمن ہٕتی اوسمُت مثلاً ژوٗرمہِ جمأژ تہٕ اول جمأژ باپتھ درسی کِتابہٕ۔

ییٚلہِ اُردو باپتھ رِوجن کمیٹی بنیہِ، آتش صأب آو اتھ منٛز تہِ شأمِل کرنہٕ۔ اَمہِ کمیٹی تہِ تُل آتش صأبنہِ تجربُک فأیدٕ۔ آتش صأبن کٔری اتہِ تہٕ اکثر درسی کتابن ہٕنٛدی Comprehensive تیار۔ مواد تہٕ مضموٗنن ہٕنٛز ژأر کرنس منٛز تہٕ comprehension کوٗرُن اَتھ کمیٹی ہٕنٛدیو مأہر ممبرو کوٚر تِہنٛد محنتُک تہٕ

مہارتگ اعتراف۔

آتش صأبہٕ نے کرِ سارِوے بروٗنہہ پرائیویٹ سیکٹر باپتھ اولہٕ پیٹھہٕ ستمہِ جمأژ تام کِبن طالبِ علمن ہنٛزٕ کاشٕر درسی کتابہٕ تیار۔ یِمن ہُنٛد تمام مواد تیارکرنس لوٗگ تِمس ڈوڑٕ وٕری۔ ''بامن'' ناوس تحت آیہٕ، پیس پبلکیشنز نوِ دلِہ ہنٛدِ اہتمامہٕ ۲۰۰۶ء پیٹھہٕ از تام یِمن کتابن ہنٛدی کیٛہی یاہ ایڈیشن لچھن ہنٛدِس تعدادس منٛز شایع کرنہٕ۔ یہ کتأبی سلسلہٕ تیار کرنس منٛز اوُسس یہ تہٕ ڈاکٹر گُلزار احمد راتھر آتش صأبس معاون۔ آتش صأبن کرِ یم سارے کتابہٕ ۲۰۱۵ء منٛز Revise تہٕ۔ یِمن کتابن کُن وُچھتھ تہٕ بعض اوقات یِمن ہنٛدی اسباق نقل کٔرِتھ تراوِ پتہٕ وارٕ یہولٕو کوکیٛنہہ ناسہٕ تراسہٕ درسی کِتابہٕ بازر۔

پزر چھُ یہ زِ سٹیٹ بورڈ آف سکول ایجوکیشن کہِ اہتمامہٕ تیار کرنہٕ آمژن یِمن سارِنے درسی کتابن ہنٛدِ موادِ چ ژأر کرنہٕ وِزِ چھُ دون خاص کتھن ہُنٛد خیال تھاونہٕ آمُت۔ غأر عمودی حرکت (Horizontal Mobility) تہٕ عمودی حرکت (Vertical Mobility)۔ غأرعمودی حرکژ ہُنٛد مقصد چھُ اکہِ درجہِ موکھہٕ مقرر کرنہٕ آمتو نصأبی ضأبطو ستی بچہٕ ہنٛدِس سمجھنہٕ تہٕ ہیٛچھنہٕ رِکس قووتس اضافہٕ کرُن ییٛلہِ زن عمودی حرکژ ہُنٛد مقصد اکہِ درجہِ پیٹھہٕ بییٛس درجس تام واتنہٕ موکھہٕ بچہٕ ہنٛدِ خأطرٕ رِتھی نصأبی تہٕ تدریسی طورطریقہٕ وارتاوس

انۍ چھِ، یِموٚ ستۍ تِہنٛزن ذہنی صلاحیژن وُسجار میلہِ۔ امیُک تصوٚر ہیکو یتھہٕ پاٹھۍ شکلاہ وِتھ۔




یِمن کتابن اندر چھُ سائنسی، توأریخی، ثقافتی، ماحولیاتی، لسانیاتی، طبی، عقیدتی، روحانی، تخلیقی نوعیتُک معیأری مواد شأمِل۔ بچہ چھُ یِمن متنوع موضوعن ہنٛدِ ذٕس زندگی ہنٛدٕ بن مختلف شعبن متعلق حسب ضرورت زان حأصل ہیکان کٔرِتھ۔ پٔرِتھ سبقس اندس گٔن چھُ بچن ہنٛدِس فہم ادراکس منٛز ہُریر کرنہٕ موکھہٕ (comprehension) دِنہٕ آمُت۔ یِمن درسی کتابن ہنٛدِ موادُک تنوع ہیکو أسۍ Graphiclly یتھہٕ پاٹھۍ شکلاہ وِتھ۔

کأشرِ چہِ نصأبی کتابہٕ تیار کرنہٕ وِزِ چھِ واتینارکۍ ول

(Comunicative skills) پانہٕ ناوٕنچ شعوٗری کوٗشش کرنہٕ
آمٕژ۔ بچن زندگی ستیٕ تعلق تھاون والین مختلف موضوٗعن تہٕ مسلن ہٕنٛز
زان دنس ستیٕ ستیٕ چھےٚ اَتھ کلہم نصابس فطری، لسانی تہٕ تخلیقی ورتاوس
متعلق تہٕنٛد حسبس بیدار کرنٕچ توٗژھ موجود۔ سبقس پتیٕ کنہٕ عملی مشقو ستیٕ
چھِ بچہ کاشرِ زبانہٕ ہٕنٛزن صوتیاتی، مارفیمی، ساختی، معنیاتی تہٕ لفظیاتی
خصوٗصیژن ہُنٛد شعوٗر پاداہ گٔرتھ ہیکان۔ یہٕ چھُ کاشرِ زبانہٕ ہُنٛد امہٕ
نوعیتُک گوڈنیُک نصاب یتھ منز جدید گرامرٕ کِبن قاعدن ہُنٛد ورتاو
یسلہٕ پاٹھی کرنہٕ آمُت چھُ۔ اَمہِ علاوٕ چھِ نوٕ نصابی پہلو
(curricular areas) بِد کڈنہٕ آمتیٕ۔ یمن نصابی کتابن منز چھِ
حب الوطنی تہٕ ملنٛسارِ کی مضموٗن جایہٕ جایہٕ نظر گژھان۔



(۴)

مےٚ سپُد آتش صائبس ہِتی گوڈنیُک ملاقات ۱۹۹۹ء منز کوٹھی باغ ہائیر سیکنڈری سکولس منز، تتھ تواٗریخی ورک شاپس دوران، یُس ڈائریکٹوریٹ آف سکول ایجوکیشن تہٕ سٹیٹ بورڈ آف سکول ایجوکیشن رٕلِتھ منعقد کوٚرمُت اوس۔ ترٛبن دوہن ہنٛدِس اتھ ورک شاپس منز آیہِ ہتہٕ بدٕبن اُستادن کاشُر رسم الخط ہیٚچھناوُنچ تہٕ کاشُر پرناوُنچ تربیت دِنہٕ۔ اَمہِ پتہٕ دِژ یمو اُستادو کاشُر بولن والین علاقن ہنٛدٕبن ہتہٕ بدٕبن اُستادن تربیت۔ اَمہِ خاطرٕ آے تربیتی مرکز قایٔم کرنہٕ۔ اَتھ سلسلس منز سپُد مےٚ آتش صائبس ہِتی چیف ایجوکیشن افسر انت ناگ رٕکس دفترس منز بییہٕ تہٕ بییہٕ ملاقات۔ یمو ملاقاتو ہِتی آس بہٕ آتش صائبس وارِیاہ قریب۔ سٹیٹ اِنسٹیچیوٗٹ آف ایجوکیشنس منز آیہِ اَمہِ پتے سروشکھشا ابھیانس تحت اُستادن تہٕ زونل کیٚو ڈسٹرکٹ رِسورس پرٕسنن (Zonal and district resorce persons) ہنٛدِ باپتھ پرٕبتھ وٕنٛدِ تربیتی کورس منعقد کرنہٕ۔ کاشرِ زبانہِ باپتھ اوس آتش صائب پراونشل سوٚتھرٕیک ٹیچر ٹرینر۔ اتہِ آو مےٚ آتش صائبس ہِتی کاٗم کرنُک موقعہٕ۔ تِسنٛدِس قابلیتس تہٕ مہارتس متعلق یہ کینٛژھاہ مےٚ بوزمُت اوس، مےٚ ڈیُچھ سہ تمہِ کھوتہٕ تہٕ کتہِ کور باصلاٗحیت۔ یِمن دوہن اُس کاشرِ زبانہِ باپتھ اَتھ ادارس اندر ماہرِ تعلیم غلام نبی

مسعودی تہٕ ڈاکٹر عزیز حاجنی ہنٛز وکوشِشو ہتی واریاہ کأم سپدان۔ یمو کوٚرشُر بن ہنٛدِ باپتھ رایمہٕ لیکھناونہٕ باپتھ تہٕ اکھ ورکشاپ منعقد۔ آتش صأبنہٕ نگرأنی منز آو اَتہٕ تربن دوہن ہنٛدِس أکِس ورک شاپس منز اکھ ماڈیوٗل تیار کرناونہٕ، یُس ضلع تہٕ تحصیل سوٗتھرِ کین ٹیچر ٹریز استادن مُہیا کرناونہٕ آو۔ اَتھ ؤرک شاپس منز أسی أٹھ مأہر اُستاد شأمِل۔

ڈاکٹر عزیز حاجنی ییلہِ واریہس کالس ڈائریکٹوریٹ آف سکول ایجوکشنس منز کلچرل ایجوکیشن شعبہٕ باپتھ آفیسر آن سپیشل ڈِوٹی أسی، تمن آیہِ کأشُر زبانہِ ہنٛدِ درس و تدریس چہِ عملہٕ ہنٛز نگرأنی تہٕ مٹہٕ تھاونہٕ۔ تمو کوٚر اکھ خاکہٕ تیار، ییمہِ مطأبِق پرتھ ضلعس منز اکھ اکھ مانیٹرنگ کمیٹی متعین آیہِ کرنہٕ۔ خوش قسمتی رٕنٛز آس اننت ناگ ضلعہٕ چہِ کمیٹی باپتھ بہ تہٕ مقرر کرنہٕ۔ آتش صأبنہٕ نگرأنی منز أسی اَتھ کمیٹی منز مےٚ علاوٕ محمد سُلطان سُلطان تہٕ تہٕ ماسٹر عبدالحمید تہٕ شأمِل۔ بہ روٗدس برابر دون ؤرِین آتش صأبس ہتی پیدل پکی پکی، بالن تہٕ چھالن کھٔسی کھٔسی سکوٗلن اندر کأشُر تدریسی کارکردگی ہُنٛد جأیزٕ ہوان۔ أسی أسی اُستادن مشورٕ تہٕ تجربہٕ باوان۔ کلاس روٗمن منز امدادی درسی مواد ک استعمال ہاوان، بلیک بورڈ استعمال کران۔ یمن دون ؤرِین دوران آس بہٕ آتش صأبس تیوٗت نکھہٕ زِ تِہنٛدِس مہارتس، قأبلیتس تہٕ شفقتس گوس

گرویِد۔ تِسنٛدِ شخصیتکۍ واریاہ پاس لٔبتھ گوس بہٕ خوش تہٕ تہٕ حأران تہٕ۔ سُہ ساد لوح مٕنٛش چھُ پرٛتھ کأنٛسہٕ ستیٚ مأیۍ ہٕنٛدی پأٹھۍ شفقت ورتاوان۔ استادن تہٕ طالبِ علمن ستیٚ نرمی تہٕ حلیمی سان پیش یُن ہیوٚچھ مےٚ آتش صأبس نِش۔ تس وُچھم نہٕ زانٛہہ تہٕ شرارتھ کھسان۔ سُہ چھُ پرٛتھ کأنٛسہٕ عزت کران۔ تسنٛزِ حلیمی تہٕ انکسأری ہُنٛد چھُ یہٕ عالم زِ الہٕ پلہٕ اکھ درجن قومی، بین الاقوأمی تہٕ ریاستی سوٗتھرِکۍ باوقار انعام تہٕ اعزازات پرأوِتھ تہٕ چھُنہٕ تس کُنہٕ قسمکہٕ بجرُک، غروٗرُک یا تھزرُک رژھ تہٕ احساس۔ حلیمی تہٕ شرافتہٕ کہِ، علم تہٕ ادبہٕ کہِ اَمہٕ ناگہٕ رادٕ چیٚنہٕ ازتام واریہو ضرورت مندو ترٛیش مگر تمۍ بوٚرنہٕ یہٕ بأگرأونس زانٛہہ تہٕ وایہٕ۔ مےٚ اوس لیٚکھہٕ ٹک پرنک گوڈٕ پیٚٹھے عادت، اماپوٚز آلرٛشھ اوسُم۔ پزر چھُ یہٕ زِ یہٕ آلرٛشھ کوسم أمۍ پُرخلوص اُستادن۔ پتے اوسُم روزان کیا لیٚوکھُتھ؟ بٔکارما چھکھ بہتھ۔ أمۍ سنٛز شفقت حأصل سپدِتھ کوٚر مےٚ کینٛژن انگریزی شعرِ سوٗمبرنن کأشُر ترجمہٕ، واریاہ تحقیقی تہٕ تنقیدی مقالہٕ لیٚکھِم کأشرِ پأٹھۍ تہٕ تہٕ انگریزی پأٹھۍ تہٕ، اماپوٚز بہٕ چھس ہژرِ سان ییٚمہٕ کتھہٕ ہُنٛد اعتراف کران زِ اَتھ سأری سے کامہٕ روٗدُم ہمیشہٕ آتش صأبن ڈوٚکھ آیُت۔ سُہ روٗدُم پرٛتھ ساتہٕ ادبی کامبن منٛز مشورٕ دِوان۔ آتش صأب چھُ پزی اکھ پُر خلوص وتہٕ ہاوُک، پرٛتھ ساتہٕ پرٛتھ کأنٛسہٕ مدد کرنہٕ باپتھ تیار۔ مےٚ روٗز پند ہوشُر ہوٕ رِیو پیٚٹھہٕ تسنٛز رہنمأیی

تہٕ حوصلہٕ افزأئی آیٔژ ، تیمہٕ باپتھ بہٕ ہمیشہٕ أمِس استادِ محترم سُنٛد احسان مند چھُس ۔ اللہ تعالیٰ پوشناوِن تسُنٛد سایہٕ اَسہٕ وُنہٕ واریاہس کالس ۔ آمین



آتش صابُن طرزِ بیان چھُنہٕ پیچیدٕ یا وردار یہٕ زَن تحقیقی مضموٗنن ہُنٛد بُنیأدی تقاضہٕ چھُ ۔ اَتھ سِتی سِتی بہٕ حیثیتِ فوک لورِسٹ تہٕ شُربن ہٕنٛدِ خأطرٕ ادب سوٗمبراونہٕ کہٕ تہٕ تخلیق کرنہٕ کہٕ مُتوأتر تجرُبہٕ کِنی لفظن ہُنٛد مُناسب ورتاو تہٕ ژھوٚٹؠ ژھوٚٹؠ جُملہٕ لیکھنُک یُس ہُنر آتش صابس بدِس چھُ آمُت تمہٕ کِنی چھُ تسُنٛد تحریر شوٗبہ دار، پُر اثر، رواں تہٕ سلیس ۔ یہٕ پران پران چھُنہٕ انسان پسرِ یوان بلکہٕ چھُ یہٕ اسلوٗب دِلکش، دِلچسپ تہٕ خوش یِوٗن ۔

(پروفیسر بشر بشیر)

ڈاکٹر گلزار احمد راتھر

# آتش صائبنی ترتیب کأری

ترتیب تہٕ تدوین چھِ عربی زبانٕۍ ہنٛدی لفظ ، دوشوٕنی چھُ الہٕ پلہٕ ہوٕے معنہِ مطلب ، یاں زِ مواد سۆمبراوُن تہٕ سۆمبرأوِتھ اَکھ شیرٕ ژأر کرٕنی ، یہٕ یتھ شۆبہِ تہٕ تتھ تھاوُن۔ ہرگاہ کانٛسہِ لکھأرِس کانٛسہِ أکی سُند یا وارِیاہن ہُند لیٛوکھمُت مواد بہم تھاونہٕ ییہِ تہٕ تمہِ چھِ ترتیب کأری ہنٛز کأم پُشراونہٕ ییہِ ، سُہ تھاوِ سُہ صرف تگہِ تگہِ ۔ خیال تھاوِ زِ کُس چیز کتھ جایہِ شۆبہِ تہٕ گژھِ کتاب تیار۔ بعضے چھِ أتھ موادس ژٕٹھ کٹھ تہٕ پھوان کرٕنی ، یہٕ چھُ شیرُن پھوان۔ اماپوٚز ییٚلہِ کانٛہہ لکھأری پننہِ کتابہِ باپتھ مواد ژھارِ گارِ تہٕ سۆمبراوِ ، تہٕ سۆمبرأوِتھ ترتیب دِیَس ، اَمہِ قسمچہِ ترتیب کأری منٛز چھُ تحقیقُک عمل دٲخل تہٕ روزان ، بلکہِ چھِ اَتہِ گوڈٕ تحقیق کأری یوان تہٕ اَدٕ ترتیب کأری۔ ووٕنی ہرگاہ کانٛہہ شخص کُنہِ موضوعس متعلق پانٕنے مختلف مقالات لکھہِ تہٕ ترتیب دِتھ کتاب تیار کرِ ، أتھ عملہِ منٛز چھُ تحقیقس ستی ستی تخلیق کأری ہُند عمل دٲخل تہٕ۔ پننی یا بیٚین ہنٛز شاعری ترتیب دِنہٕ وِزِ تہٕ چھُ باب بٔندی ہُند خیال پھوان تھاوُن۔ لہٰذا ترتیب باپتھ تجربہٕ ، مطالعہٕ ، تحقیقی تہٕ

تنقیدی شود بود تہٕ توضیحات تہٕ تعلیفات لیکھنٕک بٕتر آسُن چھُ ضروری۔

کأشرِس شُری ادبس تہٕ لُکہٕ ادبس متعلق کأم کرن وول ہمہ وقتی محقق، تجزیہ نگار تہٕ شاعر غلام نبی آتش چھُ اکھ زبر ترتیب کار تہٕ۔ تِمۍ چھےٚ ازتام وٕتھی پوٗٹھی پأٹھی نوٚ (10) کتابہٕ ترتیب دِژمٕژ۔

1۔ کأشرۍ تلمیح:۔ تلمیحو، مثالو تہٕ محاورو ستی چھےٚ کأشر زبان مالا مال۔ اَتھ مولہٕ لِس موادس وٕون دِنک ظوٗن تہٕ پیٚو وسارِوے بروٗنہہ انگریز عألمن۔ حالانکہِ جے ہنٹن نوولز ناوی مشہوٗر پادری گر 1885ء منز A Dictionary of Kashmiri words & sayings ناوٕ کتاب شایع، یتھ منز تِمۍ گوڈنچہ لٹہٕ ڈوڈ ساس کأشری محاورٕ، تلمیح تہٕ دٔپتی معنہِ، ورتاو تہٕ پسِ منظر ہیتھ پیش گرۍ۔ اَمہِ پتہٕ واریاہہٕ کألی گرۍ سُدرشن کاشکأرۍ تہٕ پننہِ The wit of Kahsmir کتابہِ منز واریاہ محاورٕ تہٕ دٔپتی بیترِ پیش۔ اماپوٚز کأشرِ زبأنۍ منز تُل تلمیح سوٚمبرأوِتھ تِمن ہٕندی پسِ منظر پیش کرنچہٕ دِلچسپ تہٕ اہم کامہِ پروفیسر محی الدین حاجنی ین دَس۔ تِہنز "مقالات" ناوی کتاب سپز 1961ء منز شایع۔ اَتھ کتابہِ منز چھُ کأشرِن تلمیحن متعلق اکھ عألمانہٕ مقالہٕ درج، یتھ منز شیٹھن تلمیحن ہُند پوٚت منظر، معنہِ تہٕ ورتاو دِنہٕ آمُت چھُ۔

آتش صأبس اُس لوکچارٕ پیٹھے کأشرِس لُکہٕ ادبس ستی دِلچسپی، اماپوٚز پروفیسر محی الدین حاجنی تہٕ محمد یوسف ٹینگ ہٕندی اَمہِ قبیلکی مقالات پٕرِتھ

گۆ وتھنٛدِ وننہٕ تھنٛزٕ دِلچسپی منٛز زیادے ہُر بر تہٕ شوق تیز یوس ۔ حاجنی صأبُن تلمیحن متعلق مقالہٕ پٕرتھ کوٚر تٔمی تلمیحن ہنٛز اکھ سوٚمبرن تیار کرنُک اِرادٕ ۔ اتھ پیٹھ کٔر تٔمی 1975 منٛز کام شروٗع تہٕ دون وٕرین منٛز واتناوٕن اند ۔ حالانکہِ اَتھ سوٚمبرنہِ منٛز یُس تلمیحن متعلق جان معلوٗمأتی مقالہٕ سرنامہٕ رٕنگی شأمِل چھُ، سُہ اوس آتش صأبن 1977 ءمنٛزٕ ے لیوٚکھمُت تہٕ 1978ء منٛز اوس یو ہے مقالہٕ کأشرِ شیرازٕ کہِ پنداہمہِ جلدٕ کِس گوڈنکِس شُمارس منٛز "تلمیحات" عنوانس تحت شایع سپدُمُت ۔ "کأشری تلمیح" نأوی تلمیحن ہنٛز یہِ سوٚمبرن مکمل کٔرِتھ کوٚر آتش صأبن سورگہٕ واسی موہن لال آش تہِ اَتھ کامہٕ ستی شأمِل ۔ اَتھ منٛز ییمہٕ تہِ ہندو دیو مالایہٕ ستی تعلق تھاون وألی تلمیح درٕج چھِ، تم چھِ موہن لال آش سنٛزٕ محنتُک نتیجہٕ ۔ یتھہٕ پأٹھی آیہٕ یہِ سوٚمبرن مکمل گژھنہٕ پتہٕ نوِ وُہری یعنی 1986ء منٛز ریاستی کلچرل اکیڈیمی ہنٛدِ طرفہٕ آتش صأبنہِ تہٕ آش صأبنہِ مُشترکہٕ کوٗششہٕ رٕنگی کو آتھرشپہٕ (Co-Authorship) تحت شایع کرنہٕ ۔ "گوڈٕ کتھ" عنوانہٕ اَمہِ سوٚمبرنہٕ ہنٛدِس مقالس چھےٚ از تہِ سوے اہمیت یوسہٕ تیٚلہِ اٰسس ییٚلہِ 1978ء منٛز یہِ شیرازس منٛز شایع سپد یوو تہٕ پتہٕ آیوس سوٚمبرنہٕ اندر لیکھنہٕ زِ یہِ چھُ مُشترکہٕ پأٹھی دونوٚ لکھاریو لیوٚکھمُت ۔ اماپوٚز ژکہِ چھُ یہِ معلوٗمأتی تہٕ تحقیقی مقالہٕ آتش صأبنہِ قلمہٕ درٕامُت ۔ یہِ چھُ از تام تہٕ کأشرِس ادبس منٛز پننہِ قسمُک دوٚیم اہم مقالہٕ ۔ اَتھ منٛز چھُ تلمیحن ہنٛد بن مختلف قسمن ہُنٛد تفصیلی

ذِکر، تلمیحن ہنز تأریخی تہٕ سمأجی اہمیت تہٕ چھےٚ وبژھناونہٕ آمژ۔ کلہم پأٹھی چھےٚ اَتھ سوٚمبرنہٕ منز 205 تلمیح، یِمن منز تمہٕ شیٹھ تلمیح تہٕ شأمل چھہٕ، یِمہٕ پروفیسر محی الدین حاجنی سنٛزِ "مقالات" کتابہِ پیٹھ تُلنہٕ آمژ چھےٚ۔ اَمہِ خأطرٕ چُھ حاجنی صأبن آتش صأبس تہٕ آتش صأبس باضأبطہٕ تحریری اجازت نامہٕ دِیتمُت، یُس آتش صأبنہٕ ذأتی لائبریری منز ازتہٕ موٚجوٗد چھُ:



جناب موہن لال آش تہٕ جناب غلام نبی آتش

یہٕ دوے میانہٕ "مقالات" کتابہِ منز کانہہ حصہ پننہٕ "تلمیحات" ناوی کتابہِ اندر نقل کرن۔ میون چھُنہٕ تتھ کانہہ اعتراض۔ نہ کرِ بہٕ اَتھ پٹھ کانہہ قانونی چارٕ جوئی۔ (یِم سطرٕ چھس بہٕ بحواس خمسہ بلا جبر و اکراہ لیکھاں!)۔ فقط ۲۳ اگست ۱۹۷۶ء

راقم الحروف

محی الدین حاجنی

یتھۍ پاٹھۍ چھِ یمہِ سۆمبرنہِ ہنٛد بن ترتیب کارن اکی ساتۍ ترٛیَیہ قسمچہ کامہِ کرنہِ پیٚمژہٕ۔ گوڈنبتھ تلمیحن ہُنٛد فہرست تیار کرُن، اَمہِ پتۍ یمن ہنٛدی پسِ منظر ژھارنہٕ باپتھ نہ صرف پرانین کتابن منٛز ژھاڈر دِنۍ بلکہِ بزرگن، ادیبن، عألمن تۍ عام لۄکن نِش گژھتھ معلومات حاصِل کرٕنۍ۔ مواد ژھارنہٕ گارنہٕ تۍ سۆمبراونہٕ پتۍ اَتھ مُناسب باگیہ بندی کرٕنۍ تۍ یتھۍ پاٹھۍ اکھ موٗلوٗنۍ کتابہِ ہَن ترتیب دِنۍ۔ اَتھ منٛز درج باگین تۍ تلمیحن ہُنٛد تفصیل چھُ پیش۔

1۔ زبأنی روایژ ہنٛدی باناو تلمیح : 37

2۔ زبأنی روایژ ہنٛدی بے ناو تلمیح : 21

3۔ کہاوژن تۍ ضرب المثلن پیٹھ مبنی تلمیح : 27

4۔ حیوانن سٟتۍ تعلق تھاون وألی تلمیح : 11

5۔ وو پر دیشو پیٹھ آمتۍ تلمیح : 62

6۔ کأشرِ تواریخکی تلمیح : 24

7۔ بُزرگن ہنٛدی تلمیح : 7

8۔ حال حالکی تلمیح : 16

2۔ کأشری لُکہِ بأتھ، جلد-8

کأشُر لُکہِ ادب سۆمبراونک تۍ شایع کرنک منصوٗبہ بند سلسلہِ اوس ریاستی کلچرل اکیڈیمی ہنٛدِ طرفہٕ 1965ء منٛزٕ ے شروع کرنہٕ آمُت۔ اَتھ

سلسلس تحت آیہِ ازتام لُکہٕ شاعری ہنٛز بہہ (12) سوٚمبرنہٕ شایع کرنہٕ۔ یہِ سلسلہٕ نے شروع کرنہٕ آمُت آسہِ ہے، لُکہٕ شاعری ہُنٛد اہم سرمایہ آسہِ ہے ضایہِ گوٚمُت۔ یمو باہو جلدو منٛز چھِ ترٛےٚ جلد(جلد:8، جلد:9 تہٕ جلد:11) آتش صابن سوٚمبرأوی مِتۍ تہٕ ترتیب دِتۍ مِتۍ۔ اَمہِ کامہِ خاطرٕ چھُ تِس مرازکین واریہن علاقن منٛز بے شُمار بُزرگ تہٕ جوانن، زنٛین مردن سٟتۍ ملاقات کٔرِتھ مواد ژھارُن گارُن پیوٚمُت۔ آتش صابٕنۍ ژھأری مِتۍ گأری مِتۍ تہٕ ترتیبِ مالہِ تأری مِتۍ لُکہٕ بأتھ کٔری کلچرل اکیڈیمی اَمہِ سلسلکِس اُکٔھمِس جلدس منٛز شایع تہٕ یتھہِ کٔنۍ چھُ یہِ آتش صابُن گوڈنیُک جلد یُس 1988ء منٛز شایع سپُد۔ اَتھ جلدس منٛز چھُ اُٹھن صفن پیٹھ پھٲلِتھ فاضل ترتیب کارسُنٛد سرنامہٕ موٚجوٗد، یتھ منٛز نہ صرف لُکہٕ شاعری محفوظ کرنٕچ اہمیت باوٕنہٕ آمٕژ چھےٚ بلکہِ چھِ تم تجربات تہٕ دٕرج یم لُکہٕ شاعری ژھاران تہٕ گاران تِمس حاصل سپدی مِتۍ چھِ۔ ''پیش لفظ'' عنوانس تحت لِکھنہٕ آمٕتۍ محمد یوسف ٹینگ صابٕنۍ 13 صفحن پیٹھ پھٲلِتھ عالمانہٕ مقالن چھُ لُکہٕ بأتن ہنٛدِ اَمہِ جلدُک اعتبار ہُرروٗمُت۔

لُکہٕ شاعری ہنٛدبن گوڈٕ انوارِ شایع سپدیمتین جلدن منٛز اُس موادچہِ باگیہ بندی تہٕ ترتیب کأری ہنٛز ریوایت قایم کرنہٕ آمٕژ، آتش صابن چھےٚ یہٕے ریوایت بروٚنٛہہ پکناوان یہِ سوٚمبرن ترتیب دِژٕمٕژ، حالانکہِ تمۍ چھےٚ ''کامِن کارن ہنٛدی لُکہٕ بأتھ'' عنوانس تحت باگے اَتھ منٛز گوڈنچہِ

لٹہِ ہُررآومژ۔ لکُہ شاعری ہنٛدِس یتھ مجموعس چھ 271 صفحہ۔ موادٕ چ ترتیب چھِ یتھٕ پأٹھی:

1۔ منٛزلی باتھ: 7    2۔ شُری بأتھ: 57۔

3۔ پریٛژھ: 65    4۔ کامبن کارن ہنٛدی بأتھ: 13

5۔ روی تہٕ وژن: 28    6۔ ہکچہِ بأتھ: 36

7۔ ونہٕ وُن ہُری: 647    8۔ ونہٕ وُنی وژن: 7

9۔ خاندرٕ بأتھ: 25    10۔ منظوم محاورٕ تہٕ گنڈتی: 38 تہٕ

11۔ لڈی شاہ: 4

## 3۔ کأشری لکہِ بأتھ جلد۔ 9

آتش صابُن سۄ مبر وومُت تہٕ ترتیب دیُتمُت کأشرِ لکہٕ شاعری ہُنٛد یہِ دۄیُم مجموعہ چُھ کلچرل اکیڈمی ہُنٛد نٔوم جلد، یُس 1989ء منز شایع سپُدمُت چھُ۔ زٕ ہتھ تہٕ أٹھن صفحن پیٹھ پھٔہلتھ اَتھ جلدس اندر چھےٚ بأگیہِ بندی تہٕ ترتیب کأری یِیمہِ آیہ:

1۔ منٛزلی بأتھ: 5    2۔ شُری بأتھ: 36

3۔ ہکچہِ بأتھ    4۔ کامبن کارن ہنٛدی بأتھ: 13

5۔ پریٛژھ: 23    6۔ منظوم محاورٕ تہٕ گنڈتی: 69

7۔ رٔوی تہٕ وژن: 21    8۔ ونہٕ وَن ہُری: 527

9۔ بٹہٕ وَنہٕ وُن: 24 ہُری تہٕ    10۔ خاندرٕ بأتھ: 9

یٔمہِ جلدِ کِس پیش لفظس منز چھےٚ محمد یوسف ٹینگ صأبن اتھ منز درج لکہٕ شأعری ہنز تفصیلی سام ہیٚژ منز یوسہٕ نون صفحن پیٹھ پھٔہلتھ چھےٚ۔

**4۔ کأشرِ لکہٕ بأتھ جلد: 11:**

کلچرل اکیڈیمی ہندِ طرفہٕ 2007ء منز شایع کرنہٕ آمٕت لکہٕ شاعری ہُند یہِ کہم جلد چھُ آتش صأبُن سوٚمبرومُت تہٕ مُرتب کوٚرمُت ترٛیم جلدِ۔ اَتھ چھِ 194 صفحہ۔ موادُک ترتیب چھُس یتھٕ پأٹھۍ:

1۔ بکچہِ بأتھ: 41
2۔ رٕوی بأتھ: 31
3۔ کامِین کارن ہندی بأتھ: 5
4۔ منظوم مکالمہٕ: 5
5۔ ونہٕ وُنی وژَن: 16
6۔ خاندرٕ بأتھ: 25
7۔ منظوم محاورٕ تہٕ گٔنڈتی: 146
8۔ لڑی شاہ: 3 تہٕ
9۔ متفرقہ منظومات: 3

یہ سوٚمبرن یوٚ دوٚے زیادٕ باڈو دار چھنہٕ مگر اَتھ منز چھِ کینٛہہ نأدِر منظوٗمات محفوٗظ کرنہٕ آمٕتۍ۔ ترتیب کأری ہندِ اُصوٗلہٕ مطأبق چھِ آتش صأبن پرٛتھ جایہِ ضروٗری وضاحتی نوٹ تہٕ مشکل یا اَوبدن لفظن ہندی معنے تہِ درج کٔری متۍ۔ یٔمہِ سوٚمبرنہٕ ہندی کینٛہہ منظوٗمہٕ مکالمہٕ، شخصی راجس خلاف کأشرِ بن ہنزِ تحریکہِ سٟتی تعلق تھاون وألی کینٛہہ منظوٗم تہٕ اکھ خاص لڈی شاہ ''شیر سنگھن دراگ'' چھِ سبٕتھٕے اہم چیز۔ آتش صأبن چھُ یٔمہِ مجموعہٕ کِس پیش لفظس منز لیوٗکھمُت:

''کأشرِ بن لُکہٕ بأتن ہِنٛدِ اِٹھمہِ تہٕ ژٕومہِ جِلدِ خاطرٕ موادسۆمبراونس تہٕ ترتیب دِنس دوران پھیۆرس بہٕ واریہن علاقن۔ اماپۆز زیرِ نظر جلدِ خاطرٕ موادسۆمبراونہٕ موکھہٕ ہیۆکُس نہٕ دوٗر دراز علاقن تام وأتِتھ۔ اِٹھم جلد اوس 1988ء تہٕ ژٕوم جلد 1990ء منٛز شایع سپدٕ مُت۔ یمو جلدو باپتھ سۆمبراونہٕ آمتہِ موادِ منٛز اوس کم کاسہٕ مےٚ نِش موجوٗد۔ ناسہٕ ترٛاسہٕ حالاتو باوجوٗد تہٕ کوٚرُم اورٕ یور تچھ تچھ تہٕ شُکر اللہ تعالیٰ سُنٛد زِ ژٕہمہِ جلدِ باپتھ گوٚو مواد جمع۔ خوش قسمتی کِنہِ لوٚب مےٚ اکھ مشہوٗر ڈلیلہٕ گوز تہٕ شعر گو۔ یہ اوس نمبل ناوی گامس منٛز روزان، نمبل چھُ مشہوٗر ہندو تیرتھ مٹہٕ بون (مٹن) پیٹھ کھوٚورِ پاسہِ میل تارٕ دوٗر، أمِس وأنسہِ آہتِس شعر گویس اوس ناو عبدالعزیز المعروف کانہٕ۔ یہ بوزِتھ ووٗتُس بہٕ 9 دسمبر 1989ء أمِی سُنٛد گھرٕ۔ اماپۆز سُہ اوس صحتہٕ کِنہِ ناسازتہٕ بجرٕ کِنہِ اوٗسُس مزازس تروشرتہٕ پأدٕ گوٚمُت، عأجزی سان بوٗوُمس پنُن مقصد، سُہ گوٚو سبٹھاہ خوش، زنتہٕ اوس بوٗس ژھانٛڈ ھناونس پراران۔ تمی بوزنوونس کینٛہہ نادِر منظومات۔ أمہِ پتہٕ روٗدُس بہٕ تَس نِش گرٛیٚہان تہٕ منظومات کاغذس پیٹھ درٕج کران۔

یَتھ سۆمبرنہِ منٛز چھُ باقے منظوماتو علاوٕ اکھ اہم لڑی شاہ شأمِل یُس عبدالعزیز صأبن ژورِن مُلاقاتن دوران مےٚ ووٚن۔ اَتھ چھےٚ اکھ خاص سمأجی تہٕ توأریخی اہمیت۔ کٔشیرِ چھِ ہمیشہِ نار، بُنٛلی، سہلاب تہٕ دزاگ ژألی ہتی۔ یمن واقاتن ہُنٛد چھُ توأریخن اندر سرسری تذکرٕ سپدان

آمُت۔ اماپوٚز لڑی شاہ چھُ زمینی حالاتن سوٚتھرِس پیٹھ انان، سُہ چھُ یِم وأری داتھ ژالن والین ہنٛدی حقیقی مُشکلات تہٕ تہنٛز نفسیات پیش کران۔ سانہِ زبأنی ہنٛدی توأر آٮ۪خی تہٕ سماجی اہمیت تھاون وألی لڈی شاہ چھِ نہٕ ووٚنۍ دسیاب۔ یتھی خبر کأتیاہ لڑی شاہ چھِ رأوی ٮ۪متۍ۔ کاش تِم دسیاب گژھٕ ہن ! کٲشرِ منٛز چھُ "شیر سنگھن دزاگ" لوٚکن وُنہِ تہٕ ژیتس۔ یہِ چھُ سانہِ زبأنی ہنٛد اکھ تلمیح بنیومُت۔ اَتھ دزاگس متلق لڑی شاہ چھُ میانہِ خیالہٕ یِمہِ سوٚمبرنہِ ہنٛد خاص منظومہٕ۔

(کأشری لُکہٕ بأتھ جلد۔۱۱صفہٕ ۴)

**5۔ کأشرِ لُکہٕ کتھ جلد 6:**

کأشری تلمیح تہٕ لُکہٕ بأتھ سوٚمبراونس تہٕ ترتیب دِنس ستی کرِ آتش صابن واریاہ لُکہٕ کتھہٕ تہٕ جمع، یِمو منٛزٕ درجن پیٹھی کلچرل اکیڈیمی ہنٛدِ طرفہٕ شایع سپدیمٕژن لُکہٕ کتھن ہنٛزن کینٛژن سوٚمبرنن منٛز تہٕ شأمِل چھِ۔ کلچرل اکیڈیمی چھےٚ لُکہٕ کتھہٕ سوٚمبراوناُتھ شایع کرنہٕ رکس اہم سلسلس تحت کلھم پأٹھی شےٚ سوٚمبرنہٕ شایع کرِمٕژ، یِمن منٛز شیٚیم سوٚمبرن آتش صابنہِ محنتُک نتیجہٕ چھےٚ۔ یہِ سوٚمبرن سپُز 1990ءمنٛز شایع۔ 248 صفحن پیٹھ پھہلتھ اَتھ سوٚمبرنہِ منٛز چھِ 25 لُکہٕ کتھہ۔ یِمہٕ تمۍ سأری سے مرازس پھیرتھ مختلف کتھ گربن رِنش بوزمژٕ چھےٚ۔ اماپوٚز یِمن لُکہٕ کتھن ستی رأوی سُنٛد ناو تہٕ پتاہ درج نہٕ آسُن چھُ ترتیب کارسُنٛد یوٚڈ وشفہٕ۔ تاہم چھُ اَمہِ سوٚمبرنہٕ ہنٛدِس ترتیبس منٛز خاص نوبر اَنہٕ آمُت۔ اَمہِ بروٚنٛہہ آسہٕ نہٕ لُکہٕ کتھہِ کُنہِ تہٕ

سۆمبرنہِ اندر بیۆن بیۆن باگین تہٕ عنوانن تحت ترتیب دِنہٕ آمژ ۔ آتش صابن یوسہٕ گوڈنچہ لٹہِ باگیہِ بندی کرٕمژ چھےٚ، تحقیق کرن والین ہنٛدِ باپتھ چھےٚ سو واریاہ فائِدٕ مند ۔ مثالے تمہٕ لُکہٕ کتھہٕ یمہٕ زَن بنیاٗدی طور تواٗریٖخی واقعاتن پیٹھ مبنی چھےٚ تہٕ تواٗریٖخی واقعات اُستھ وق گۄزرنس سیتی سیتی بالا فطری عنصر پانس اندر شاٗمِل کرِتھ لُکہٕ وۄترِچہٕ حصہٕ بنیہٕ، چھےٚ الگ بابس منٛز تھاونہٕ آمژ، اَتھ بابس چھُ ناو "تواریٖخس لرِ لۆر" کلہم پاٗنٛژھ چھےٚ اَتھ منٛز یمہِ باگیہٕ:

1۔ تواریٖخس لرِ لۆر : 5 ڈٲلیہٕ

2۔ پادشاہ ڈٲلیہٕ : 3 ڈٲلیہٕ

3۔ شاہزادن ہنٛدی کارنامہٕ : 5 ڈٲلیہٕ

4۔ زنانن ہنٛدی کارنامہٕ : 5 ڈٲلیہٕ

5۔ شُربن ہنٛدِ خاطرٕ : 7 ڈٲلیہٕ

6۔ کاٗشرِ زنانہٕ شاعرن تہٕ قلمکارن ہنٛز تخلیقہٕ: (1901-2000ء)

کاٗشرِ زبانی منٛز پننہِ قسمُچ یہِ گوڈنیُک کتاب کرٕ دِلہٕ ہنٛز ساہتیہ اکیڈیمی 2003ء منٛز شایع ۔ ژکہِ چھےٚ یہِ تمہِ کاٗشرِ ادبُچ اکھ نمایندٕ سۆمبرن یُس تخلیق کار خوتونو وُہمہِ صٔدی عیسوی دوران تخلیق چھُ کۆرمُت ۔ اۆت تام اُس نہٕ خوتٕنن لِکھارِبن متعلق منضبط طریقہٕ اَکھ ہے جایہٕ تہنٛدِ دِتیچ کتھے کرنہٕ آمژ ۔ باسان اوس زنتہٕ وُہمہِ صٔدی دوران خوتٕنن تخلیق کارن ہُنٛد

کاںٛہہ دیُت چھِیی نہٕ۔ اما پوٚز آتش صٲبنٕی یہِ سوٚمبرن چھےٚ وُہمہِ ہٕتی لچھن زنانہٕ لکھارین ہنٛز اکھ باضأبطہ توٲریخ۔ اَتھ منٛز چھ 16 صفحن ہُنٛد ''سرنامہٕ'' عنوانس تحت اکھ تفصیلی تحقیقی مقالہٕ، یتھ منٛز خوتونن ہنٛدِ دِتیٚگ توٲریخی تذکرٕ تہِ چھُ تہٕ اَتھ سام تہِ ہینہٕ آمٕژ چھےٚ۔ اَتھ سوٚمبرنہٕ منٛز چھِ 45ہن خوتوٚن لکھارین ہنٛدِ نثرٕکی تہٕ شاعری ہنٛدی نمایندٕ نمونہٕ درٕج کرنہٕ آمٕتی۔ یِمہٕ تخلیق کارزنہٕ زاسنہٕ مطأبق اکھ أکِس پتہٕ درج آمٕژ کرنہٕ چھےٚ۔ حالانکہِ اَمی ترتیبہٕ چھِ کتابہِ ہنٛدِس ''حرفِ آخر'' عنوانس تحت اردہن خوتوٚن لکھارین ہنٛدی ناو درج کرنہٕ آمٕتی۔ یِمن ہنٛدی حالات بیترِ ترتیب کارس کوشش گٔرتھ تہِ دستیاب چھِنہٕ سپدی مٕتی۔ مگر یِم مستقبلہٕ کِہن محققن ہنٛدِ خاطرٕ لأزمن نیب فراہم کرن۔

### 7۔ کأشرٕ لکہٕ ادب:

فروری 2009ء منٛز سپز ساہتیہ اکیڈیمی ہنٛدِ اہتمامہٕ جیٚمہِ رِکس ابھینو تھیٹرٕکس ہالس منٛز کأشرِس لکہٕ ادبس متعلق دون دوہن ہنٛز کانفرنس۔ اَتھ منٛز آیہِ ترٛ وواہ مقالہٕ پرنہٕ، یِمن پتھ معنہِ سوو بحث سپٕد۔ یِم مقالہٕ گٔری آتش صأبن ایڈٹ تہٕ دِژن أہنز سوٚمبرن ترتیب۔ أتھی چھُ ناو ''کأشر لکہٕ ادب'' (سیمنأری مقالہٕ)۔ یہِ سوٚمبرن گٔر ساہتیہ اکیڈیمی واریاہ ژیر لاگنہٕ پتہٕ 2013ء منٛز شایع۔ اتھ منٛز چھُ آتش صأبن گوڈٕ کتھ عنوانس تحت اکھ پُرمغز محققانہٕ مقالہٕ لیوٚکھمُت یتھ منٛز لکہٕ ادبٕچ اہمیت تہٕ اِفأدیت

باوٕنہٕ آمژ چھےٚ تہٕ کاشرِس لُکہٕ ادبس متعلق سپز ٕمژ کامہِ ہُند تواریخی تذکرٕ پیش کرنہٕ علاوٕ سوٚمبرنہِ منز شاملی مقالن متعلق موخصر پاٹھی کتھ چھےٚ آمژ کرنہٕ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ اَتھ سوٚمبرنہِ منز گوڈنیُک مقالہٕ "کاشرِ لُکہٕ ادبکی وکھرٕ وکھرٕ انہار" یُس پرن والین ہنٛز زان ہُرراوان چھُ آتش صابنےُ۔ باقٕے مقالہٕ تہٕ مقالہٕ نگار چھِ یِم:

☆ کاشرِ لُکہٕ ادب اکھ تواریخی مطالعہٕ — پروفیسر ڈاکٹر فاروق فیاض

☆ فوک لور، سماجی تبدیلین ہُند پاسں وارڈ — فاروق نازکی

☆ کاشرِس لُکہٕ ادبس منز دیومالاتہٕ اسطوٗر — رنجور تِلگامی

☆ کامہٕ دیوتہٕ کاشرشاعری — محمد یوسف ٹینگ

☆ جیمیٚ صوبس منز کاشرِ لُکہٕ ادب — بشیر بھدرواہی

☆ رازویرتہٕ پرونژھکین ونہٕ وُن ہُربن منز مقامی تہٕ سماجی انہار — شہباز راجوروی

☆ کاشرِ ونہٕ وُن — پریم ناتھ شاد

☆ کاشرِبن لُکہٕ کتھن ہُند معاشرتی تہٕ سیاسی مطالعہٕ۔ — غلام نبی خیال

☆ کسبن کارن ستی تعلق تھاون والی لُکہٕ باتھ۔ — پروفیسر مشعل سلطانپوری

☆ کاشرِ لُکہٕ ادبک تحفظ تہٕ ترویج۔ — بشیر عارف

☆ لڑی شاہ — محمد احسن احسن

☆ کاشرِس لُکہٕ ادبس منز سماجی قدٕر۔ — شوکت انصاری

## 7۔ کأشرِ شُری ادبٕچ سۆمبرن (2 جلد)

غلام نبی آتش چھِ شُری ادبکی ماہر۔ تم روٗدی بالہِ پانٕہ پیٹھے شُربن ہندِ باپتھ کینہہ نتہٕ کینہہ لیکھان۔ پتہٕ مِین ژ تجھن ؤرین دوران اُسی تعلیم ہندِس شعبس سٟتی سیٚد سیوٚد وابستہٕ یِیمہِ کِنی تم شُربن ہندِس نفسیاتس أژری منٛزی گیہِ۔ تہنٛزِ ”نوٚو کینژھا میژھا“ کتابہِ آو 2010ء باپتھ ساہتیہ اکیڈمی نوِ دِلہِ ہندِ طرفہٕ بال ساہتیہ پُرسکار دِنہٕ۔ شُری ادبس تہنٛد دیُت مدِ نظر تھأوِتھ میجکھ کأشرِ شُری ادبٕچ توأریخ لیکھنہٕ باپتھ سینئر فیلوشپ تہٕ یوسہٕ تمو وقتس پیٹھ مکمل کٔر۔ کأشرِ شُری ادبٕچ گوڈنچ سۆمبرن (Anthology) تہٕ دِژ تموٚے ترتیب۔

کأشری شُری ادبٕچ سۆمبرن چھےٚ دوٚن جلدن پیٹھ مشتمل۔ دونوے جلد آیہٕ جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز کہ طرفہٕ 2013ء منٛز شایع کرنہٕ۔ گوڈنکس جلدس منٛز چھےٚ شُربن ہندِ باپتھ لیکھنہٕ آمٕژ شأعری کوم کرنہٕ آمٕژ تہٕ دوٚیمس جلدس منٛز چھُ نثر یکجا کرنہٕ آمُت۔ شأعری ہندِس جلدس چھُ صفحن ہُند تعداد 307 تہٕ نثرِکس جلدس 329۔ ترتیب کارن چھُ گوڈٕ گوڈٕ مواد ژھورمُت پتہٕ ژورمُت تہٕ اِد ترتیب دیُتمُت۔ باسان اوس زِ ترتیب کارن آسہِ وأنسہِ مطأبق شأعرأ رِکس پتہٕ اکھ شأمل کوٚرمُت مگر کتاب ہنٛز ترتیب بندی پیٹھ نظر ترأوان چھُ یہِ

اندازٕ غلط ثابت، سپد ان ۔ تکیازِ کلہم موادس پھےٚ گوڈٕ باگیہ بندی کرنہٕ آمژ ۔

گوڈنکہِ جِلدِ کِس گوڈٕ باگس منز چھِ کأشرِ لکہِ شأعری ہنٛدی منزٕلی بأتھ، شُرۍ بأتھ تہٕ ہکچہِ بأتھ درج کرنہٕ آمٕتۍ ۔ دوٚیمہِ بأگیہ منز چھِ تِم منزٕلی بأتھ لکھنہٕ آمٕتۍ یِم مختلف شأعرو تخلیق کٔرۍمٕتۍ چھِ ۔ تِتھے پأٹھۍ چھ شُرۍ باشہِ، دُعا، سائنس، صحت تہٕ صفأیی، أسۍ شُرۍ، موج، کأشر زبان، اونٛد پوٚک، موسم، گُلۍ کُٹۍ، میوٕ، پوش، پٔش تہٕ پکھش، حُبِ وطن، تہوار، رٕژ کتھ رٕژ وَتھ، منظوم ڈٔلیلہِ تہٕ بأتہٕ کتھہِ بیترِ وکھرٕ وکھرٕ عنوانن تحت لکھنہٕ آمژ رایمہٕ تہٕ بأتھ الگ الگ باگین منز درج کرنہٕ آمٕتۍ ۔ کتابہِ ہنٛدِس شروعس منز چھ آتش صابن شُرۍ ادبس متعلق معلوماتو بوٚرُت اکھ معنہِ سوو تحقیقی تہٕ تجزیأتی مقالہِ تہِ لیوٚکھمُت یُس شُرۍ ادبس پیٹھ تحقیق کرن والین سُکالرن ہنٛدِ باپتھ سٮ۪ٹھاہ سوٗدمند ثابت سپدِ ۔

کأنٛسہِ شأعرٕ سنٛز پھےٚ اکھ، کأنٛسہِ ہنٛزٕ زٕ تہٕ کأنٛسہِ ہنٛزٕ داہ نظمہٕ تام شأمل کرنہٕ آمژ تکیازِ کأنٛسہِ چھ کُنہِ ساتہٕ بأتھا لیوٚکھمُت تہٕ بس، یُس ترتیب کارن موضوع کہِ اہمیتہٕ کِنۍ یا مخصوص باگیہِ منز منظومن ہُنٛد تعداد ہرراونہٕ موکھہٕ درج کوٚرمُت چھ ۔ کیٚہ شأعر چھِ تِم یِموشُرن ہنٛدِ باپتھ پننہِ کتابہٕ شایع کٔرمژ چھِ ۔ زیادٕ پہن کلاچ ژٔأر چھِ یِموٕ ے مجموعو منز کرنہٕ آمژ ۔ امہِ علاوٕ چھ واریاہن ہُنٛد کلام مختلف رسالن تہٕ اخبارن ہنٛز چھٮ۪ل تہٕ ژھأرِ دِتھ یتھ سوٚمبرنہٕ منز شأمل سپدمُت ۔

دۆیم جلد چھ شُر بن ہنٛدِ باپتھ لیکھنہٕ آمتہٕ نٔژُرک اکھ باگہٕ بۆرُت مجموعہٕ۔ شامِل موادس چھےٚ ترتیب دِنہٕ وِزِ گوڑنکہِ جلدٕکی پاٹھی وَکھرِ وَکھرِ باگیہ کرنہٕ آمژ۔ گوڑنچہِ باگیہ منٛز چھِ کاشرِ لکہٕ وُترِ منٛز شُرِ بن ہنٛدِ باپتھ ڈٲلیلہٕ ژارنہٕ آمژٕ۔ دۆیمہِ باگیہ منٛز چھِ تمہِ ڈٲلیلہٕ، گُنڈتیہ تہٕ حکایژ درج کرنہٕ آمژٕ یِم بیٚیو زبانو پیٹھ پھِرنہٕ آمژ چھ۔ ترٛییم باگے چھِ تِمن ڈٲلیلن پیٹھ مشتمل یِم کاشرو اُدیبو پانہٕ تخلیق کرِمژ چھِ۔ تِتھے پاٹھی چھ افسانہٕ، ڈراما، طنز و مزاح تہٕ معلوماتی نوشتہٕ تہٕ وکھرِ وکھرِ باگین منٛز درج کرنہٕ آمتی۔ باگیہ بندی کرنس دوران چھ یِیمہِ کتھہِ ہُنٛد خیال تھاونہٕ آمُت زِ پرٛتھ باگیہ منٛز شامِل نثری لیکھہٕ چھِ لیکھن والین ہنٛزِ وانٛسہِ ہُنٛد خیال مدِ نظر تھاوِتھ ترتیب دِنہٕ آمتی۔ مثلن اکس بابس منٛز چھِ لُکہٕ وُترِ منٛز ٹلنہٕ آمژ شُرِ بن ہنٛدِ باپتھ ڈٲلیلہٕ، یِمہٕ مختلف لکھاربو سۆمبراوِمژ چھےٚ۔ اتھ منٛز چھِ گوڑٕ تِمس راوی سنٛز ڈٲلیل درج کرنہٕ آمژ۔ یُس وانٛسہِ مطابق باقین زیٛٹھ چھُ۔ مقصد چھ یہ زِ پرٛتھ تھاونہٕ آمُت زِ پرن والِس ہیکہِ تو اریخی ترتیبک کم زیادٕ اندازٕ ہیٚو سپدِتھ۔ پیش گفتار عنوانس تحت چھُ فاضل ترتیب کارن شُر بن ہنٛدِ باپتھ وَنیٚگ تام لیکھنہٕ آمتہٕ نٔژُرک جایزٕ ہیٚوتمُت۔

پرٛتھ باگیہ منٛز چھُ مختلف وانٛسہِ ہنٛد بن شُر بن ہنٛدِ باپتھ رلہٕ ملہٕ مواد شامِل کرنہٕ آمُت۔ یۆہے وجہ چھُ زِ پرٛتھ کانٛہہ پرن وول شُر، بامےٚ سہٕ گُنہٕ تہٕ وانٛسہِ ہُنٛد اُسی تن لبہٕ پننہٕ مزازٕ، دلچسپی تہٕ بترٕ مطابق کیٛنٛہہ نتہٕ کیٛنٛہہ۔

یِم دونوے کتابہٕ شُری ادبٕچ سوٚمبرن جلد: 1 تہٕ شُری ادبٕچ سوٚمبرن جلد: 2 چھےٚ شُربن، اُستادن، نصأبی کتابہٕ ترتیب دِنہٕ والین مأہرن، شُری ادبس متعلق تحقیق کرن والین تہٕ شُربن ہِندِ خأطرٕ لیکھن والین نوبن شأعرن ہِندِ باپتھ دِلچسپ تہِ تہٕ فأیدٕ مندتہِ۔

## 8۔ کأشُری معراج نامہٕ (جلد 1)

کأشرِن معراج نامن ہُند گوڈنیُک جلد چھُ 266 صفحن پیٹھ واشرِ تھ۔ یتھ منز وُہن شأعرن ہِندی وُہہ (20) معراج نامہٕ شأمِل کرنہٕ آمٕتی چھ۔

یتھ سوٚمبرنہِ منز چھِ میر عبداللہ بیہقی، محمود گأمی، سید امیر شاہ کریری، عبدالوہاب کھار، شمس فقیر، اسد پرے، مولوی محمد انور شوپیانی، شاہ قاسم، پیر غلام قادر قادری درویش، عبدالاحد زرگر، غلام رسول بٹ، ناز کولگأمی، رجب حامد، ڈاکٹر رشید نازکی، فاروق نازکی، پیر غیاث الدین، منظور ہاشمی، فقیر نثار احمد دلدار تہٕ غلام احمد دلبر سٕندی معراج نامہٕ درج کرنہٕ آمٕتی۔

کتابہِ ہِندِس ابتداہس منز چھُ فأضل ترتیب کارن "معراج نامہٕ" عنوانس تل اکھ فکر انگیز تہٕ معنہِ سوو تحقیقی مقالہٕ تحریر کوٚرمُت یتھ منز سوٚمبرنہِ منز شأمِل معراج نامن پیٹھ کم کاسہٕ بحث کرنہٕ آمُت چھُ۔

درِدس سوٚمبرن چھےٚ واریاہو طریقو خاص اہمیت حاصِل۔ یہِ چھےٚ کأشرِ زبأنی منز معراج نامن پیٹھ مشتمل گوڈنیچ انتھالوجی، یمہِ بروٚنہہ چھنہٕ

کأنسہِ تہٕ ادیبس یا محققس اورکُن ظوٗن گوٗمُت۔ سبٹھاہ برونٹھ شایع سپد یمتۍ معراج نامہٕ چھِ ووٚنۍ نایاب، یتھ شوقہٕ وأکی تہٕ اعتقاد وأکی یمن ہُند ہرتر تُلتھ ہیکن۔ أکی ہیٚ انتھالوجی منٛز آسنہٕ کِنۍ گرٛھِ پننہٕ والین محققن تہٕ تنقید نگارن معراج نامن ہُند تقابلی مطالعہ کرُن سہل۔ اکھٕ تہٕ ہیکہٕ نکھ بیٚین زبانن ہٕنٛدبن معراج نامن ستۍ تہٕ تقابُل کٔرِتھ۔ معراج نامہٕ جلد ا عنوان دِتھ آسہِ ترتیب کارس ذُویم جلد ترتیب دِنک تہٕ ارادٕ۔

## 9۔ کأشرِ زبأنۍ منٛز ہندوستانچہِ جنگِ آزادی ہٕنٛز پرٛو:

ہندوستانچہِ جنگِ آزأدی ہٕنٛدِ حوالہٕ کأشرِ زبأنۍ منٛز لیکھنہٕ آمتہٕ ادبٕچ یہِ موخصر سوٚمبرن چھےٚ نوِ دِلہِ ہٕنٛزِ ساہتیہ اکیڈیمی ہٕنٛدِس ونہٕ نس پیٹھ تیار آمٕژ کرنہٕ۔ یہ چھےٚ ڈاکٹر عزیز حاجنی سٕنٛزِ نگرأنی منٛز غلام نبی آتش، رخسانہ جبین تہٕ رتن لال تلاشی ین ترتیب دِژمٕژ، تاہم چھ اَتھ منٛز آتش صأبن وارِیاہ اہم رول اَدا کوٚرمُت۔ تاہم چھَ یہِ سوٚمبرن وُنہٕ شایع سپدنس پرٛاران۔

## 10۔ کأشُر گاندھیأیی ادب:

یتھ سوٚمبرنہٕ منٛز چھ تمہٕ کأشرِ ادبُک اکھ انتخاب پیش آمُت کرنہٕ، یُس مہاتما گاندھی سٕنٛدِ تعلیم تہٕ زندگی متعلق فلسفہٕ کہِ حوالہٕ کأشرِ زبأنۍ منٛز تخلیق سپدمُت چھُ۔ یہ انتخاب چھُ ساہتیہ اکیڈیمی ہٕنٛدِس ونہٕ نَس پیٹھ پروفیسر محمد زمان آزردہ سٕنٛزِ نگرأنی منٛز تیار آمُت کرنہٕ تہٕ ترتیب چھُ

دیٛتمٕت غلام نبی آتش تہٕ ڈاکٹر عزیز حاجنی ین۔ تاہم چھےٚ یہِ سوٗمبرن وُنہِ
شایع سپدنے۔

نصأبی کتابن ہُنٛد ترتیب تہٕ تدوین

**1۔ سٹیٹ بورڈ آف سکول ایجوکیشن باپتھ کأشر نصأبی کتابہٕ:**

سٹیٹ بورڈ آف سکول ایجوکیشن کہ اہتمامہٕ آیا یہ 2000ء منٛز اول
جمأژ باپتھ کأشر کتاب تیار کرنہٕ، یوسہٕ پتہٕ اولہٕ بجایہٕ ژورمہِ جمأژ ہنٛد ین
شُرین پرناونہٕ آیہِ۔ یہِ کتاب تیار کرنہٕ باپتھ یوسہٕ کمیٹی بورڈ آف سکول
ایجوکیشنن تشکیل اُس دِژمٕژ تتھ منٛز اُسی پروفیسر رحمان راہی، پروفیسر شفیع
شوق، پروفیسر رتن لال شانت، پروفیسر شاد رمضان، ڈاکٹر رتن تلاشی، محمد
احسن احسن، ڈاکٹر عزیز حاجنی، حسرت گڈھا تہٕ بشیر احمد ڈار۔ حالانکہ اَمی
کمیٹی ہنٛدیو کینٛژو ممبرو گر پتہٕ 2000ء منٛز پوٗژمہِ جمأژ باپتھ تہٕ نصأبی
کتاب تیار۔ امہِ پتہٕ آیہِ اولہٕ پیٚٹھہٕ بہمہِ جمأژ تام کأشرِ نصأبی کتابہٕ تیار
کرنہٕ، ییٚمہِ کمیٹیہ ییٚمہ کتابہٕ تیار کرِتھ منٛز اُسی غلام نبی آتش، پروفیسر بشر
بشیر، ڈاکٹر عزیز حاجنی، پروفیسر شاد رمضان، پروفیسر نسیم شفائی تہٕ محفوظہ
جان۔ کمیٹی ہنٛدی نگران اُسی ڈاکٹر شیخ بشیر احمد۔ آتش صأبن کوٚر ییٚمہٕ نصأبی
کتابہٕ تیار کرنس، اُہنٛدِس ترتیب تہٕ تدوینس منٛز (Key role) ادا۔
حالانکہِ ژوٗرِمہِ جمأژ باپتھ کتاب چھےٚ آتش صأبنے تنِ تنہا تیار گرمٕژ، ئتمہِ
جمأژ ہنٛز کتابہٕ ہنٛدی ترتیب کار چھِ آتش صأب تہٕ عزیز حاجنی۔ ییٚمن

سارِنے کتابن ہنٛدِ خاطرٕ (Comprehension/ exercises) چھےٚ آتش صأبنے تیار کرِمژٕ۔ اکھُتے چھےٚ کیٚژن کلاسن ہنٛدِ باپتھ اُردو نصأبی کتابن ہنٛز Exercises تہٕ آتش صأبنے تیار کرمژٕ۔

2۔ نصأبی کتابن ہُنٛد بامن سریز:

پِپس پبلیکیشنز نوٕ دِلہِ ہنٛدِ اہتمامہٕ آیہٕ کشیرِ ہنٛدِ بن پرائیویٹ سکولن ہنٛدِ باپتھ یو کے جی پیٹھہٕ ستمہِ جمأژ تام اُٹھن کلاسن ہنٛدِ باپتھ اُٹھ نصأبی کتابہٕ تیار کرنہٕ، یِمہٕ سارے کرِ بامن سیریز تحت آتش صأبن تیار۔ 2006ء پیٹھہٕ از تام آیہٕ یِمن کتابن ہنٛدی کیٚہ یاہ ایڈیشن تیار کرنہٕ۔ اکھُتے کرِ آتش صأبن یِمہٕ کتابہٕ حال حالے Revise تہٕ۔ میٚون تہٕ ڈاکٹر شفقت الطاف سُنٛد اتھہٕ بنٛدت تہٕ روٗداآتش صأبس آیُت۔

سانہٕ شہرُک حُسن گوٚو غازُک غلام
بٕزنہٕ کریٚہیارا سوٚنٛدر مالُن جناب
آتشن پزٕہے سخنور ڈینشہِ ہن
کنہٕ پھولاہ اکھ نبزگلہِ پانٛوالن جناب
(غلام نبی آتشؔ)

سمیر محی الدین

# کأشرِس لُکہٕ ادبس آتش صأبُن دیٛت

غلام نبی آتش صأبن ناو بوٚزِتھے چھ سأنس ذہنس منٛز کأشرِ لُکہٕ ادبُک تصور یوان۔ آتش صأب ییٚہ تِمن کینٛژن فوک لور مأہرن منٛز گنٛزرنہٕ یِمن منٛز پروفیسر محی الدین حاجنی تہٕ موتی لال ساقی ہوٚی ناو شأمِل چھِ۔ آتش صأب چھِنہٕ محض لُکہٕ لوٚرکی مأہر بلکہِ چھِ شأعر، محقق تہٕ نقادتہِ، ووٚنی گوٚڈیوٚ تام آتش صأبن 1966ءپیٹھ 2009ء تام شایع سپزٕ مژن کتابن ہُنٛد تعلق چھُ تتھ سأری ہے علمی خزانس منٛز چھُ آتش صأبن دیٛت زیادٕ پہن لُکہٕ ادبسے۔ آتش صأبنہِ چھےٚ اَتھ دورس منٛز الہِ پلہٕ ژُراہ کتابہٕ شایع سپدان تہٕ یِمن ژُرہن کتابن منٛز چھُ لُکہٕ ادبس سٟتۍ وابستہٕ کتابن ہُنٛد تعداد سَتھ۔

یوٚ تام لُکہٕ ادٕبچہٕ تحقیقی کامہِ ہُنٛد تعلق چھُ امیُک گوڈنیُک پڑاو چھُ اَمِچ سوٚمبرن کأری تہٕ اَمہِ پتہٕ چھےٚ اَمہِ کہِ تحقیق تہٕ تجزیچہٕ وَتہٕ ہموار گژھان۔ کلچرل اکاڈمی ہنٛدِ اہتمامہٕ آے از تام لُکہٕ بأتن ہنٛز باہ تہٕ لُکہٕ کتھن ہنٛز شےٚ سوٚمبرنہٕ شایع کرنہٕ۔لُکہٕ بأتن ہنٛدبن تربن جلدن ہنٛدی سوٚمبرن کارتہٕ ترتیب کارچھِ غلام نبی آتش۔ یِم موتی لال ساقیس

پتہٕ دوٚیم سوٚمبرن کارچھِ یمو پتاہ لگہٕ بأتھ سوٚمبرِتھ ترتیب دِتی۔

1988ءیس منز گے أہنز لگہٕ بأتن ہنز گوڈنچ سوٚمبرن شایع، پوسہٕ اکاڈمی ہنزن سوٚمبرنن ہُنٛد اوٚڈُیم جلد چھُ۔ اَمہِ پتہٕ اکھ ؤری گژھتھ چھُ آتش صابُن ترتیب دِنہٕ آمُت دوٚیم مجموعہ یُس اکاڈمی ہُنٛد نُوم جلد چھُ، شایع سپدان۔ یم جلد چھنہٕ محض مقدار رٕنگی اہم بلکہٕ چھُ یمن جلدن منز ترتیب دِنہٕ آمُت مواد سیٹھاہے معتبر۔ امہِ دوٚیمہِ مجموعہٕ کِس سرنامس منز چھُ محمد یوسف ٹینگ لیکھان:

”غلام نبی آتش سٕندِ اتھہٕ سوٚمبراونہٕ آمژ چھےٚ یہ دوٚیم سوٚمبرن۔ یتھہٕ کُنہِ تمی پرُس محنت کٔرِتھ اَمہِ کونگہٕ وارِ ہنزٕ سرتاز تیہجہٕ آسہٕ جمع کٔرِمژ تتھے کٔنی چھُ یتھ حِسس منز تہٕ تمی واریاہ سأدٕروار مگر مُستند بأتھ جمع کٔرٕمتی یمن ہنز نافہٕ خوشبوے چھُ یکدم دِماغس معطر کران تہٕ یمن ہنٛدِ پاسہٕ تہٕ اصل آسنک اعلان کران۔“[1]

کلچرل اکاڈمی اُس امہِ وقتہٕ لگہٕ کتھہٕ سوٚمبراونچ کأم تہٕ دِرِ دس نیمژ تہٕ آتش صأب چھِ لگہٕ بأتن ہنزٕ کتابہٕ ترتیب دِتھ پتہٕ صرف اکھ ؤری گژھتھ ”کأشرِ لگہٕ کتھہٕ“ ناوس تحت کأشر لگہٕ کتھ جمع کران تہٕ یتھ پأٹھی چھُ امیُک شیُم جلد ترتیب دِنہٕ یوان۔ لگہٕ بأتھ تہٕ لگہٕ کتھہٕ ترتیب دِنہٕ علاوٕ چھُ پتہٕ آتش صأب 1985ءمنز موہن لال آش صأبس ستی

کأشرِ ن تلمیحن ہُنٛد اکھ مجموعہ تہٕ ترتیب دِوان۔ اَتھ کتابہِ آو ''کأشرِ تلمیح'' ناو تھاونہٕ تہٕ اَتھ منٛز آیہ الہٕ پلہٕ 205 تلمیح أکِس جایہِ جمع کرنہٕ۔ پرٛتھ کُنہِ تلمیحس چھُ امیُک ورتاو تہٕ امیُک پۄت منظر ستی تھاونہٕ آمُت یِیمہِ ستی پرن وألی زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ زانکأری حأصل کٔرِتھ ہیکان چھِ۔ تِتھے پأٹھی چھِ آتش صأب پتہٕ 2007ء یس منٛز کأشُر لُکہٕ ادب مختلف صنفن تحت لُکہٕ بأتن ہنٛدِس کٔہمس (11) جلدس منٛز شأمِل کران۔ یہٕ جلد چھُ ونیُک تام لُکہٕ بأتن ہُنٛد أخری جلد تہٕ اَمہِ سۄمبرنہِ ہُنٛد خاصہٕ چھُ اَتھ منٛز شأمِل کرنہٕ آمُت ''دزاگ'' لڈی شاہ۔ اَتھ لڈی شاہس منٛز چھُ تمہِ وقتُک ذِکر یِیلہِ شیر سنگھ کٔشیرِ ہُنٛد گورنر اوس تہٕ سنہٕ اوس 1831ء۔ اَمہِ سۄمبرنہِ ہُنٛد مواد چھُ زیادٕ پٔہم کٔشیرِ ہنٛدِ جنوبی علاقہٕ منٛزٕ سۄمبراونہٕ آمُت۔ اَتھ جلدس منٛز چھِ بأتھ تِتھے کٔنٛز درٕج کرنہٕ آمٕتی یِتھہٕ کٔنٛز یِم بوزنہٕ یا گیونہٕ آمٕتی چھِ۔ آتش صأب چھِ لیکھان:

> ''یِتھ سۄمبرنہِ منٛز درج بأتھ چھِ عأنٛ تہٕ غأنٛ تِتھے پأٹھی درج کرنہٕ آمٕتی یِتھہٕ پأٹھی وَنن والیو وَنٕمتی چھِ یا گیون واجنہِ تہٕ وکھناون وألی گیوان چھِ۔ زبان شیرٕنچ یا اَتھ ژٹہٕ واتھ کرنٕچ کانٛہہ کۄشش چھنہٕ کرنہٕ آمٕژ''۔ ۲

آتش صأبن یہٕ بیان چھُ لُکہٕ ادب سۄمبراوٕنکس اصوٗلس تابع۔

سۄ چھ اَتھ اصولس تابع روزِتھ سۄمبرن کأری ہُنز عمل درِدس نوان تہٕ یتھہٕ پأٹھی چھِ تم اَتھ سۄمبرنہٕ منز اکھ معتبر سۄمبرن کارٕنتھ اَسہٕ بروٚنٛہہ کُن یوان۔ ترتیب کارن چھ فُٹ نوٹن منز ضروری اصطلاحن ، اوٚیدٕ بن لفظن تہٕ تلمیحن ہُنز وضاحت کٔرمٕژ۔ یہٕ کرُن اوس ضروری۔

جدید دورس منز چھُ فوک لورُک کنواس دوہہ کھوتہٕ دوہہ بڈان ادبُک طالب علم چھُ اَمہٕ منز ادبی خصوصیژ بدٕ کڈان تہٕ توأریخُک طالب علم تواریخ، بشریاتُک مأہر چھُ اَتھ منز کلچر تہٕ مأہر نفسیات چھُ لۄکن ہندِس نفسیاتس ژھأنڈ دِوان مگر یِمن سارِنٕے علمی شعبن پٮ۪ٹھ قلم تُلنہٕ خأطرٕ چھُ ہرأکِس فوک مأہرس غلام نبی آتش سٕنزن ترتیب دِژمٕژن کتابن نِشہٕ استفادٕ حأصل کرُن پیوان۔ ییٚنہٕ وأرِس وقتس منز تہٕ یوٚدوٕے آتش صأبنہٕ کھوتہٕ بڈی کأشرِ فوک لورِکی مأہر پأدٕ گژھن مگر تِمن سارِنٕے پییہٕ آتش صأب پأنس بروٚنٛہہ کنہٕ تھأوِتھ پننہٕ مخصوص نظریچ یا تحقیقچ وضاحت کرٕنی تکیازِ آتش صأبنہٕ دِسی ترتیب دِنہٕ آمژن کتابن چھےٚ ووٚنی کأشرِس لُکہٕ ادبس منز بُنیادی آگرن ہُنز اہمیت۔

لُکہٕ اَدبچہٕ تحقیقی کامہٕ ہندِس بُنیأدی پڑاوس پٮ۪ٹھ کأم کٔرِتھ ییٚلہٕ آتش صأب کأشرِ لُکہٕ ادبٕچ سۄمبرن کأری کٔرِتھ پانژٕھ بأڑو دار کتابہٕ ترتیب دِوان چھِ تمِ چھنہٕ پتہٕ اَتھٕ تھےٚ بس کران بلکہٕ چھِ لُکہٕ ادبکین مختلف گوشن کُن پننہٕ ظوٗن پھٕرِتھ امہٕ رِکس تحقیقس تہٕ تجزیس پٮ۪ٹھ قلم

تُلتھ گوڈ لُکہٕ ادبہٕ کِس شاعری حسس سام ہوٲن تہٕ اَتھ سلسلس منز چھِ تَم کاشُرٕ ''لُکہٕ شاعری ، وکھنے تہٕ ویژھنے'' کتاب قارینن بروٚنہہ کنہٕ تراوان یتھ منز کاشرِ لُکہٕ شاعری متعلق 17 تحقیقی تہٕ تنقیدی مقالہٕ درٕج چھ۔ اَمہِ پتہٕ چھِ آتشؔ صاب 2009ء یس منز ''لُکہٕ وٚدتر، تحقیق تہٕ تجزیہ'' ناوٕ کتاب شایع کران۔ یہ کتاب چھےٚ کاشرِس نثری لُکہٕ ادبس پیٹھ لیکھنہٕ آمتین آتش صابنین تحقیقی تجزیاتی مضمونن ہنز سوٚمبرن۔ لُکہٕ وٚدتر کتاب چھےٚ 224 ہن صفحن پیٹھ مشتمل تہٕ اتھ منز چھِ کلس پیٹھ 23 مضموٗن درٕج کرنہٕ آمتۍ حالانکہِ یِم مضموٗن چھِ اَمہِ بروٚنہہ تہٕ مختلف رسالن منز شایع سپدیٚمتۍ مگر امیُک فائِد چھ یہ زِ قارِی چھُ آتش صابنۍ وارِیاہ مضموٗن أکیہِ جایہِ پٔرِتھ ہیکان۔

لُکہٕ وٚدتُر کتابہِ منز چھِ وارِیاہ مضموٗن تِم شامِل یِم سٲبتھٕے پُر مغز تہٕ وُتشاول چھِ، آتشؔ صاب چھِ اَتھ کتابہِ منز انگریزی ''فوک لور'' اصطلاحُک کاشُر متبادل ژھارنٕچ کوٗشش کٔرِتھ اَمہِ خاطرٕ ''لُکہٕ وٚدتر'' اصطلاح ورتاوان۔ یوٚ تام کاشرِ زبانۍ ہُند تعلق چھُ اَتھ منز چھنہٕ اَسہِ وننُک تام فوک لور بدلہٕ کانٛہہ تیُتھ اصطلاح ونہٕ آمُت یُس فوک لورِکس معنے مفہومس پوٚرٕ پأٹھۍ وحاطہٕ کٔرِتھ ہیکہا یا یتھ پیٹھ سارِنے محققن اتفاق سپدِتھ ہیکہِ ہے۔ لُکہٕ وٚدتُر کتابہِ ہُند گوڈنیُک مضموٗن چھُ ''فوک لور تہٕ لُکہٕ پرٕژھ'' یتھ منز فوک لورُک بنیأدی تعارف پیش کرنہٕ

آمُت چھ یِیمہِ ستۍ اکھ عام قاری فوک لورس متعلق زان تہٕ آگاہی حاصل کرِتھ ہیکان چھ وونی گوڈ مضموٗنچ گوڈنچ سطر چھےٚ ٹیکنیکی غلطی ہُنٛد پےٚ دِوان یِیمہِ ستۍ فوک لورکس تعارفس منٛز اکھ قاری غلط فہمی ہُنٛد شکار گژھتھ ہیکہِ۔ ''فوک لور اصطلاح کرگوڈنچہ لٹہِ ولیم جان تھامسن ناوی انگلستانکی اکی عالمن 1826ء منٛز پیش۔ ییٚلہِ زَن اصل تاریخ 1846ء چھ ۵۔ فوک لور تہٕ لگہٕ پرٛژھ مضموٗنس منٛز چھ آتش صاب فوک لورس منٛز شامِل سپدن والہِ تمہِ موادُک ذِکر کران یتھ ستۍ اکہِ قومٕچ طبقچ یا جماعژ ہنٛز یژھ تہٕ پرٛژھ وابستہٕ آسان چھےٚ۔ آتش صاب چھ ونان زِ انسانن یہ کینٛژھا پننہِ آدن کالہٕ پیٹھ وُچھ، کوٚر، سوٚر تہٕ یادٕ وٚترس منٛز روٚچھ، امہِ پتہٕ سینہٕ بہ سینہٕ بیٚین تام واتناوان روٗد، تمہِ سارِنٛے دارومدار چھُ لگہٕ پرٛژھ پیٹھ وونی گوٚ ییٚتین پزِ یہِ کتھ تہٕ یاد تھاوٕنی زِ گُنہِ تہٕ قومٕچ یا طبقچ یژھ تہٕ پرٛژھ ہیکہِ فوک لورس منٛز شامِل گژھتھ مگر سوٗرے فوک لور ہیکہِ نہٕ صرف پرٛژھ پیٹھےٚ ہنی اَستھ ۓ۔

داستان تہٕ داستان گو مضموٗنس منٛز چھِ آتش صاب بحثیتہٕ اکھ سنجید محقق تہٕ دوراندیش مفکر اَسہِ بروٗنہہ کُن یوان۔ سنجید یِیمہِ کِنی کہِ آتش صابس چھ یِیمہِ کتھِ ہُنٛد پوٗرٕ پوٗر احساس اوسمُت زِ سانہٕ لگہٕ ادبکی بنیادی سوٚمبرن کارکوم چھ یعنے یم چھِ تم شخص یم سائنس أندی پکھس منٛز داستان گو، ونہٕ ون واجینہِ تہٕ لڈی شاہ بیترِ ہوٚو ناووستۍ یاد کرنہٕ

یوان چھِ تہٕ آتش صأبنۍ فکر چھےٚ یہِ زِ اگر نہٕ یمن بُنیأدی سوٚمبرن کارن نِش یہِ مشترکہٕ میراث جمع کرِتھ سأمتھ تھاونہٕ آو یہِ سورُے میراث گژھہِ رأوِس تل تہٕ پتہٕ یہِ موادلبُن چُھنہٕ صرف مُشکل بلکہِ ناممکن ۔ آتش صأب چھِ لیکھان:

''حال حال تام اُسی سأنۍ کینژہہ اہم ڈلیلہٕ گری تہٕ داستان گو زندٕ مگر سأنِس غفلتس تہٕ کہالتس کیاؤنۍ زِ، اَسہِ تُل نہٕ تہِنٛد کانٛہہ خاص فأیِد، کاش کینژہہ داستان آسہٕ ہن صدا بند کرِتھ تھٲوِی متی ! کأنسہِ تہِ کرنہٕ اورُن کل ۸۔

داستان تہٕ داستان گو مضموٗن بیٛتہِ کأشر ڈلیلہٕ بوزٕنچن روایژن تہٕ مختلف دورن منز سوٚمبراونہٕ آمتہِ لُکہٕ ادبُک پے دِوان چُھ تتہٕ چُھ اَسہِ آتش صأبنہِ ڈسی لُکہٕ ادبس پیٹھ کرنہٕ آمِژ محنٕژ ہُنٛد تہٕ احساس سپدان۔ لُکہٕ ادب سوٚمبرنس دوران کمن مُشکلاتن تہٕ تکلیفن ہُنٛد بُتھ آسہِ آتش صأبس وُچھن پیومُت تمُک تجربہٕ چُھ مےٚ پانس تہٕ ییلہِ بہٕ کشتیہِ سُکالر شیخ العالمؒ ہس ستی منسوٗب لُکہٕ بأتھ سوٚمبراوان اوُسس ۔ بأتو بدلہٕ زنانن ہنٛدِ پوٗنسک تقاضہٕ کرُن ، بأتھ نہٕ وَننۍ شٹھنیار لاگُن بیترِ یم تہٕ تِتھی ہوی مُشکلات آسن آتش صأبس تہِ بُتھ آمتی ۔

لُکہِ وٚترکتاب چھےٚ لُکہٕ ادبکین مختلف وہین تہٕ جبلژن سٕنتھ اَتھ پیٹھ تحقیق کرٕنچن وتن ہنٛز نشاندہی ۔ لُکہٕ ادبس تہٕ توارِیخس درمیان

رۄشِچ وضاحت چھےٚ مختلف مثالو تہٕ ڈیلوڈٕسی کرنہٕ آمٕژ یمن منٛز ہیمال تہٕ ناگٕی راے، بۆمبُر تہٕ لولرٕ، رازٕ مُکند، یچھ، زلچو بیترٕ قابلِ ذِکر چھِ۔ آتش صاب چھِ یِنہٕ والین محققن رہبری کران زِ کتھہٕ کٔنی ہٕن اۆ سطوری تہٕ بالا فطری بیان ویرٛھناوِتھ اَمہِ منٛز سانہِ توارتیٖخکی راوی ہٕتی باب بدِ کڈنہٕ۔ لُکہٕ وۆتر کتاب چھےٚ لُکہٕ ادبس منٛز گیتھ انہارن ہنٛز وضاحت یتھ منٛز لُکہٕ ادب نہ صرف توارتیٖخک ماخذ چھُ بلکہِ چھُ لُکہٕ ادب سماجس منٛز بارسس آمٕژن قدرن ہنٛز راچھ درتہٕ سماجی تسلسل برقرار تھاونک ذریعہ۔ آتش چھِ لُکہٕ ادبس نوِ سرٕ، نوِ انمانہٕ تہٕ نوِ طریقہٕ ویرٛھناوِتھ یِنہٕ ذہنی بالیدگی تہٕ فوک ماہر آسنک پے دِوان۔



---

۱۔ محمد یوسف ٹینگ "پیش لفظ" کأشری لُکہٕ بأتھ جلد 9، 1989
۲۔ غلام نبی آتش، "گوڈٕ کتھ" کأشری لُکہٕ بأتھ، جلد 11، 2007
۳۔ پروفیسر محی الدین حاجنی چھِ فوک لور بدلہٕ کأشرس منٛز اَمہِ خأطرٕ "لُکہٕ رس" ورتاوان یتھے پأٹھی محمد یوسف ٹینگ "لُکہٕ باوتھ تہٕ شفیع شوق" "لُکہٕ لور" ہوی اصطلاح ورتاوان۔
۴۔ غلام نبی آتش "فوک لور تہٕ لُکہٕ پرٛتھ" لُکہٕ وۆتر 2009 .11ء
۵۔ پوٗرٕ حوالہٕ خأطرٕ وُچھو یم کتابہٕ

George, Robert A, Micheal Owens Jones, "Flok loristics: An introduction" India unversity press, 1955, wikipidia, the folk encyclopidia. Encyclopidia of Britaninea, vol 9. 440. Funk and wagnalls, stadrard dictionary of folklore, mythology and legned, ed. Maria leach and jerme fried, New York, 1949.

۶۔ لُکہٕ وۆتر۔ غلام نبی آتش۔
۷۔ مضموٗن نگارٕ سُند یہ بیان چھُ بحث طلب تہٕ اَسہِ چھُنہٕ اَتھ بیانس سٕتی اتفاق (مرتب)
۸۔ لُکہٕ وۆتر غلام نبی آتش

باب:6

# تعارُف، تبصرٕ تہٕ تجزیہِ

1۔ بازیافت

2۔ سرمایہِ تہٕ سام

3۔ کاشر لُکہٕ شاعری

4۔ نۆو کینژھ ھامیژھ ھا

5۔ کأشرِ لُکہٕ بأتھ: جلد:II

رچھٕ وضاحت چھےٚ مختلف مثالو تہٕ ڈلیلوڈسی کرنہٕ آمژ یمن منز ہیمال تہٕ نأگی رائے، بوٚمبُر تہٕ لولرٕ، رازٕ مُکند، یچھ، زلچو بیترٕ قأبلِ ذِکر چھِ۔ آتش صأب چھِ پننہٕ والین محققن رہبری کران زِ کتھہٕ کٔنی یِمن اوٚ سطوری تہٕ بالا فطری بیان ویژھنأوِتھ اَمہِ منز سانہِ توأرٖیخکی رأوی مٔتی باب بدِ کڈنہٕ۔ لُکہٕ وٚدٕتر کتاب چھےٚ لُکہٕ ادبس منز گیٚتھ انہارن ہٕنز وضاحت یتھ منز لُکہٕ ادب نہ صرف توأریخک ماخذ چھُ بلکہِ چھُ لُکہٕ ادب سماجس منز بارسس آمژن قدرن ہٕنز رأچھ درتہٕ سمأجی تسلسل برقرار تھاونک ذریعہ۔ آتش چھِ لُکہٕ ادبس نِو سرٕ، نِو انمانہٕ تہٕ نِو طریقہٕ وبڑھنأوِتھ پننہِ ذہنی بالیدگی تہٕ فوک مأہر آسنک پے دِوان۔



---

۱ محمد یوسف ٹینگ "پیٚیشِ لفظ" کأشری لُکہٕ بأتھ جلد9، 1989

۲ غلام نبی آتش، "گوڈٕ کتھ" کأشری لُکہٕ بأتھ، جلد 11، 2007

۳ پروفیسر محی الدین حاجنی چھ فوک لور بدلہٕ کأشرس منز اَمہِ خأطرٕ "لُکہٕ رس" ورتاوان یتھے پأٹھی محمد یوسف ٹینگ "لُکہٕ باوتھ تہٕ شفیع شوق" "لُکہٕ لور" ہوی اصطلاح ورتاوان۔

۴ غلام نبی آتش "فوک لور تہٕ لُکہٕ پڑھ" لُکہٕ وٚدٕتر 2009 .11ء

۵ پوٚرٕ حوالہٕ خأطرٕ وچھو یم کتابہٕ

George, Robert A, Micheal Owens Jones, "Flok loristics: An introduction" India unversity press, 1955, wikipidia, the folk encyclopidia. Encyclopidia of Britaninea, vol 9. 440. Funk and wagnalls, stadrard dictionary of folklore, mythology and legned, ed. Maria leach and jerme fried, New York, 1949.

۶ لُکہٕ وٚدٕتر۔ غلام نبی آتش۔

۷ مضموٗن نگار سُند یہ بیان چھُ بحث طلب تہٕ اَسہِ چھُنہٕ اَتھ بیانس سٕتی اتفاق (مرتب)

۸ لُکہٕ وٚدٕتر غلام نبی آتش

باب:6

# تعارُف، تبصرٕ تہٕ تجزیہِ

1۔ بازیافت

2۔ سرمایہٕ تہٕ سام

3۔ کاٗشِر لکہٕ شاعری

4۔ نۆ وکینژھ ھامیژھا

5۔ کاٗشرِ لکہٕ باتھ: جلد:۱۱

سید رسول پوٚنپُر

# بازیافت

بازیافت چھےٚ کاشرِ زبانۍ ہنٛدِس معروف شاعر معتبر محقق، ترجمہٕ کار، وٕستاد تہٕ ماہرِ تعلیم جناب غلام نبی آتش صابٕنۍ ترٛیمہٕ مقالہٕ سومبرن۔ اَمہِ بروٚنٹھہ چھُ 'تحقیق' (۱۹۸۲ء) تہٕ 'کشیٖر - حضرت شیخ نورالدین ہنٛدِس کلامَس منٛز' (۱۹۹۴ء) ناوِ زٕ تحقیقی کتابہٕ چھاپ گٔرِتھ اَمی کاشرِ زبانۍ ہُنٛد ژُکی دَرتہٕ دگدار آسنُک ناو پرووُمُت۔ اللہ تعالیٰ بوٚزِن زِ اَسہِ گٔرِن اَمس ووندٕ شوٚدس کاشرِ زبانۍ ہنٛدِس تعمیرِ کار سٟنٛزٕ کامہِ ہُنٛد، بہارتہٕ جہارُو پھٕھن نصیب۔ آدن لول زٲنتھ شعروٕنۍ، لوکہٕ لٟین لول برن تہٕ لۆکہٕ وٕتُر بَدِ کڑُن۔ لوکہٕ بٲتھ تہٕ لوکہٕ کتھہٕ سومبرنہٕ یا لوک اِداکارن، لوک فنس، فوک لورس تہٕ لوک مُدراین سٟنٛن تہٕ اکھ صحت مند تہٕ مارٕ موٚند تھٕکبٕن لایق سماج شُربن سبٹھاہ زبر تعلیم تہٕ تربیت دِتھ بارسس اَنُن۔ یی چھُ سادِ دِل آتش صابُن اَکس کاشرِ ہنٛدِ خٔشیتہٕ وُرُن تہٕ وَتھرُن لول تہٕ تمٕیگ ویٚژ۔ اَسی ہکو کانٛہہ وایہٕ بَرنہٕ ورٲلی وٲنتھ زِ آتش صاب چھُ کشیٖر تہٕ کاشرٕ بن ہنٛزٕ مولہٕ پرٛزنتھ تہٕ وراثت رٲژھراونی پننہِ زندگی ہنٛدِ ناتمام تعشوقہٕ سفرُک آغاز تہٕ انجام زانان تہٕ ازل تہٕ اَبد تہٕ کینٛژھا معنہٕ مقصد ہیتھ کران

روزُن چھےٚ تہنز زندگی۔

''بازیافت'' چھےٚ ۸×۲۲×۱۸سایز کِنہٕ کُل ۱۲۸ (اکھ ہتھ تہٕ اَٹھووُہن) صفحن پیٹھ پھٲلِتھ نون (۹) زٕھوٹِن زٕھوٹِن مگر تفصیلی معنہٕ سأوی مقالن ہُند داجہ لونگن یِمن ہِندی ناو یِتھ کنہٕ تہٕ یِمہٕ ترتیبہٕ چھہٕ۔

۱۔ فاخر کشمیری، رعناواری، سرینگر کشمیر (۱۱۴۸-۱۲۲۵ھ) ۔ ۲۔ ظریف خان تہٕ تسنز شأعری (بابا ریشی: وفات ۱۸۵۶ء)۔۳۔کافی شاہ زیر پورہ، کُٹہٕ ہار۔ وفات ۱۳۳۳ھ) ۔۴۔جلال الدین نہار : نہیر ترال:وفات (۱۳۴۷ھ)۔۵۔ پیر غلام محمد کأرِ گوم: کُٹہٕ ہار، (وفات:۱۳۴۸ھ) ۔ ۶۔ فتح بٹ: ہگوم، ڈٕچھن پور۔۷۔ امبرڈار: صونٛڈٕ پور، ڈٕچھن پور (۱۸۳۵-۱۸۳۰ء) ۔ ۸۔سید امیر الدین رفاعی کُبروی : نازنل اِسلام آباد: (وفات۱۳۸۳ء)۔ ۹۔ناراین جوکھار:مٹّن، اننت ناگ (۱۹۶۶-۱۸۹۱ء) بکرمی یا ہجری سنس لرِلوٚر گوٚ زٕھ سارِنے جاین عیسوی سنہٕ تہٕ لأزمی طور دِتھ آسُن۔ اَمہٕ ہُر یمانہٕ چھُس ، ترِصَفل سرنامہٕ تہٕ تہٕ ارپن چھےٚ گُنہٕ ہولہٕ ہولہٕ چاپلوسی ورأیی ''یِنہٕ والین محققن ہِنٛدِ ناوٚ ''کتابیات''، چھُس پوٚتُس دِتھ تہٕ زان تہٕ یِمہٕ مُطأبق غلام نبی آتش ۲۷/ اپریل ۱۹۴۹ء چھُ زامُت تہٕ اوترٕاوترے اپریل ۲۰۰۷ء کیٚت سپُد وارٕ کار رِٹأر تہٕ تہٕ از تہٕ چھُ لیکھہٕ پرٕ تحقیقی، تنقیدی تہٕ تخلیقی کامہٕ ہِنٛدِس ناہِدی بورٕس اَٹہٕ گنڈ گرِتھ یکان۔ اگر کأنٛسہٕ ادبین شأعرن یا

کأشرِ تہٕ اَدب نوازن تہٕ عام انسانن تہٕ تحقیقی کامہِ منز کانٛہہ سبٹھاہ معمولی اَتھِ بندُت آیت تھوٗوُس یا حاصِل کرُن پیوس تمیُک شُکرانہٕ چھُن وَرٕتھِ وأنجہِ تہٕ زأنی ہتی عالمی معیار نظرِ تل تھٲوِتھ مقالن منز جایہِ جایہِ درکار آمتہِ مواد کرِ تہٕ لکھارین ہنٛدی حوالہٕ دِتھ کوٗرمُت تہٕ پننہِ تعشوقہٕ مزورِ تہٕ محنژِ ہتھ شوٗبہِ تیٚتھ اعتبار تہٕ انہار بخشمُت۔

فاخر اوس محمود گأمی سُند زیٹھ ہمکال۔ تَس اوس فارسی زبأنی پیٹھ تہٕ برپور دستگاہ یمیُک ثبوت عرفی شیرازی سِندِ غزلُک 'جانانہ چُنیں باید' ردیف پٮ۪نس ریختہٕ وَژنس منز فنکأری تہٕ تخلیقی اندازٕ ورتاوان چھُ۔

ہوشم بہ نگاہے برد جانانہ چُنیں باید
یک جُرعہ خرابم کرد، پیمانہ چُنیں باید

فاخر (سید ہادی؟) چھُ پٔزی پأٹھی قادر الکلام شاعر اوسمُت تہٕ پننہِ آیہ توٲے رٕنٛز مقبوٗل تِکیازِ تمی چھےٚ کأشرِ موسیقی منز تہٕ لےٚ رٕٹمٕژ تہٕ گُلشن نعت، نعتہٕ سومبرنی منز تہٕ جاے شیرٕمژ۔ ظأہر چھُ تَس آسہِ ہے موسیقی ہِتی تہٕ لےٚ یمہِ رٕنٛزی تمی سُند یہِ فارسی ریختہٕ وَژن وُنہِ تہٕ صوفیانہٕ موسیقی ہنٛدی عاشق بوزان تہٕ چھِ تہٕ للوِ للوِ گوٚوان تہٕ چھِ۔

وولہٕ یارٕ اَستہٕ اَستے پوٚشن کرے دَستے
بُلبُل چھِ دِل خستے نالانہٕ چُنیں باید



وولہٕ یارٕ کرو سفر زمین آسمانہٕ نیٚبر
ژھانڈون پٔنُن شہر ویرانہ چُھیں باید



فاخر چھُ کراں زأری دریاے وحدت جأری
تَتھ کونہٕ تروسأری مردانہ چُھیں باید

عاشقِ رسولؐ آسنہٕ کِنی چھُ فاخر سُنٛد نعت۔لۄبہٕ وُن ، رواں، برجستہٕ، سدا بہار، حُبّ رسوٗلہِ زمزم ناگہٕ وُزِنی ہیٚوٗ آب حیات تہٕ بأگران تہٕ معرفتہٕ مَس بانن تہٕ بران ۔

روے چون قبلہ تہٕ محراب بمہٕ دَمہٕ دَمہٕ سُجدا دِمَس نا
روخ چون صفا تہٕ مروا چھُمہٕ حجرالاسود خالِ سیاہ
وَتھ چأنی کعبہٕ تھٕوی کُن نمہٕ دَمہٕ دَمہٕ سُجداہ دِمَس نا
یَنہٕ یأری ہأوی نم ہأرنجہِ بمہٕ لچھِ بُدی چھوکھ دِتی نم نا
کتہٕ لسہٕ فاخر کرتجہِ شرمہٕ دَمہٕ دَمہٕ سُجدا دِمَس نا



لول چون آمو ہا شوٗبہٕ وِنے أسی چون جمال وُچھنے آے
نوزُک بدنس تہٕ سمیس تتنے قربان لگہ ہوٚے سَر تا پاے
والضحیٰ روے ہاوڑ ے کیا چھونے أسی چون جمال وُچھنے آے
یارِ دادِ فاخر کوتاہ ونے آمہٕ تاو عشقُن چھُس ہاے ہاے
وَنہِ نے سِر ما پانے نئنے أسی چون جمال وُچھنے آے

فاخرُ سُنٛد کاشُرہ تہٕ کاشُر منقبت چھُنہٕ دستیاب وۄنی گۄو حُبّ اولیاء اللّہٕ ستی تہنٛدی فارسی منقبت چھےٚ تٔمی سٕندِ بے پناہ عقیدتک اَنہٕ دردست ہیتھ پُنٛن اۄندپۄکھ اَنہٕ ناوان تہٕ تہٕ مُشکاوان تہٕ۔ سُہ چھُ خدایہٕ سٕندِ اَزلہٕ عشقک آغاز تہٕ عشق رسولےٚ زانان۔

اکھ خدا گۄو اَسی تھےٚ چھم زیادٕ ٹوٗٹھ

بۄڈ بنٔ یَس نورٕ لۄد اُمّی وَنن

یتھے کٔنی تون فاخر سُنٛد مقبولِ عام وَژُن 'اے مہ سروِ قدمن قدمن پأری لجیو (لجأیو)'' یلہِ زَن آتش صأبنہٕ تحقیقہٕ مطأبق یہٕ وَژن واریاہ زیوٗٹھ چھُ تہٕ 'بازیافت' پران پران چھُ اَمہٕ کٔن بندن (نہ زِ شعرن) ہُنٛد تعداد اُٹھن بجایہٕ، ترُواہن تام ووتمت۔

اَے مہ سَروِ قدمن  قدمن پأری لجأیو

سِنٛنے کر تہٕ یہٕ مَن  دَپنس پأری لجأیو

لعل دُر بار مُژرتم  پرُشس حال کرتم

پرژھنہٕ چانہٕ ژلہٕ نم غم  پرٕژھنس پأری لجأیو

فاخرا دود وۄنُتھ ژٕے  شأہدٕ حال اوتھ ژٕے۔

دادس داد دیُتھ ژٕے  ژالہٕ نَس پأری لجأیو

کُنہٕ دستیاب غزلہٕ ورأے یہٕ وَژُن زِ فاخر چھُ کأشرس منٛز محمود گأمیس برونٛہم غزل گو چھُنہٕ صحیح تکیازِ اگر نہ تہندِ بن وَژنن، کأشر

صوفیانہ موسیقی ہنٛز مقام بندی ڈٲکھس آسہِ ہے یم تہٕ ما آسہٕ ہن خبر کر گال کھالتس گاٸمتۍ۔ پیٚرٕ ہَن چھُ پوٚز زِ فاخر سٕندِس دستیاب کم کاسہٕ کلامَس منٛز چھُ غزلُت تہِ تہٕ شعرُت تہِ۔ شبیہ سازی تہِ تہٕ زُودار پیکر تراشی تہِ۔ فاخر چھُ پزٕی پأٹھی جاندار مؤلہ شاعر اوسمُت۔ یُمِ سٕنٛزن تیٚمبر بن آفتاب بنٕنکۍ امکانات دربیٚنٹھی چھِ گژھان۔ فاخر ژھوٚٹی پأٹھی سٕہی یکجا کٔرِتھ اَسہِ تام واتناوِتھ چھُ آتش صأبن کأشرِ زبأنۍ تہٕ ادبس بوٚش کھورمُت۔

''ہی مال نأ گی رائے'' مثنوی ہٕندِس تخلیق کار شاعر ولی اللہ مٔتُو سٕندِس ہمکال، ہم سفر تہٕ مُرشد ظریف خان نہِ نعت گویی تہٕ تعشوقہٕ شاعری ہنٛز کتھ چھےٚ یا عبدالعزیز شاہ کافی سٕنٛز مثنوی نگأری تہٕ تسٕنٛز شاعری ہنٛز کلُھم پأٹھی سام ہیٚنگ معاملہٕ چھُ۔ جلال الدین نہار (وفات۔ ۱۳۴۷ھ) یارأ وی ہٕتی گونماتھ ناوٕ عنوانس تحت شاعرن وٕن دِنٛچ کتھ چھےٚ غلام نبی آتش چھُ نہٕ أچھ مٔچھ ٹوٚتھ کتھ ٹلان یا ترٕ اوان۔ سُہ چھُ بے مثال خلوص وَتہٕ ہاوُک بناوِتھ، ژبڈ کٔرِتھ تہٕ ثابت قدمی ہُنٛد دامن رٔٹِتھ پنٕنۍ تحقیقی کأم چھل دِتھ تہٕ کھو کھلاوِتھ اند واتہٕ ناوان۔ یِتھ پرن وأرِلس تہِ کینٛہہ پَلہِ پیٚیہِ تہٕ شاعر تہٕ تہُنٛد شعری یا ادبی سرمایہ رأوِس تل گژھِنہٕ تہٕ ممکنہٕ حدس تام رٔژھراوِتھ روزِ۔ رٔکھنۍ نے تو تہِ مؤلہٕ تھوپتاہ روزِ رکارڈ کٔرِتھ یُتھ یگانٕک محقق سیٚز وَتہٕ پکہِ۔ بڈ کتھ چھےٚ

یہ زِ اَتھ معتبر مقالہٕ مجموعس منز شأمِل شأعرن ہُنٛد یٕژ پأٹھی چھاپ سپدنَے کلام تہٕ چھُ شبقہٕ شہادٕ ژ وسان درج کرنہٕ آمُت ۔ یتھ کتھِ چھےٚ پوشنَے سپدان زِ کانٛہہ کتھ چھنہٕ نٕو تہٕ یہ چھُ انداز بیانے یُس کُنہِ شعر یا نثر باوٕ ژنو بر چھُ بخشان ۔ قدیم شأعر گےٚ یہ أسی تھٕے نوٕہن کھوتہٕ نوٕہن شأعر مثالے مہجور تہٕ آزاد ہوی روایت ساز سمت نُماتہِ چھ تہنزن قأیم کرِمَژن شعرٕ تہٕ شبدٕ روأیژن لور رٕ دیٕمتی ۔ پٔری تو یم شعر تہٕ اَدِ سٔنی تو مہجور تہٕ آزادنس یمن پوشنے کرنس

مدأنو کھوژ تاوانس مَہ وُچھ حُسنس تہٕ سامانس
دِمےٚ تھپھ روٗنہِ دامانس نتےٚ بنگرے نرے بوٗ مبرو
لیکھِنہٕ یی گوم مےٚ تقدیر بنیا کانٛہہ تتھ بدل تدبیر
خطس نَنہِ سرِ خطُک تاثیر تہٕ وَن تو گُس پرے بوٗ مبرو

☆

(کافی شاہ)

تمنا چانہِ دیدارُک مےٚ چھم یمبرزلے بوٗ مبر
پھوٗجس یامَتھ لُجس وُچھنے گُجس چانے کلے بومبرو

(پیرزادہ غلام احمد مہجور)

یمبرزَل ژےٚ پتےٚ مرِ ہا بہ گُس تھاوَن گرے بوٗ مبرو
اَمی غمہٕ سیٚتۍ ہندر چھم نو یوٗأنی لو لرے بوٗ مبرو

(عبدالاحد آزاد)

رأوی مِتین گونماتن منز چھ پیر غلام محمد (وفات: ۱۳۴۸ھ) تہٕ شأمِل تیمی اُردو زبأنی پیٹھ کأشرس منز مثنوی نورنامہٕ چھ پھِرمِژ۔ اَمہِ علاوٕ چھےٚ پیر صأبن جنگ بدر، جنگِ احد تہٕ جنگ خیبر مثنوی تہٕ وَنمٕژ۔ امبر ڈارٕنی تمثیل نظم (پَد) چھےٚ پرٕنی لایق یوسہٕ گوڈنچہ لٹہٕ چھپتھ محفوٗظ کرنہٕ آمٕژ چھےٚ۔

دوٚکھن تہٕ دادن سور ہو چھُ سپدان چھوکن پیوم بُلغارے
بنان یَس ییٚلہِ سناں تَس تیٚلہِ وَنان چھےٚ امبر ڈار

سید امیر الدین کُبروی صأبُن سالِ وفات چھُ ۴ محرم الحرام ۱۸۸۳ھ غلط چھپیوٗمُت ییٚلہِ زَن شاید اَسُن گوٚژھ ۱۳۸۳ھ۔ کُبروی صأب تہِ چھِ خدا پرست پارساتہٕ مُتقی تہٕ اَسی مِتی۔ یِم تبلیغِ دینہٕ علاوٕ پیر مُریدی تہِ اَسی کران۔ سبٹھاہ رٕتی خوشنویس تہِ چھِ اَسی مِتی تہٕ جان زبر نعت گو شأعر تہٕ۔

مُدٕنکہِ مہراز از وولوسونُے    عجمک بوزونہٕ وونُے یے
عرشکہِ شاہسوارٕژلہِ ہم گرونُے    ہہٕ کرے پوشہِ وتھرونیُے
پھٹہِ کتہِ دوزخس اُمتی چونُے    نٹہِ کتہِ تارٕ ترٔ وونیُے
بوٗٹھےٚ لاگُم چھسے پرٕوونُے    ہہٕ کرے پوشہِ وتھرونیُے

نارأین کھار مٹن (۱۸۹۱ء-۱۹۶۶ء) چھُ بہلہِ پایہِ جوتش سنسکرتُک عألم تہٕ کأشُر شأعر اوسمُت۔ سُہ چھُ سأرِسے بھارٕتکس کوٗنس کوٗنس

پھیوٗ رمُت ۔ پرٛتھ شہرس منٛز چھُ تٔمی ہٕندی عقیدتمند موجود۔ بھارت دیشچ شوب' بابس منٛز چھُ تٔمی پننہِ نرل دروچرت ناوی مثنوی منٛز بھارتکین سارِنی بڈین تیرتھن ہُنٛد ذِکر بڈ جان پأٹھی کوٚر رمُت۔

اَیچ شوٗبا ہمالا بیہِ ہماچل

اَیچ شوبا چھُ گنگا جی تمیک زَل

چھُ اَتھ دیشس اندر سادن ہنٛدٕے واس

اَیچ شوبا چھےٚ کأشی کوہ کیلاس

اَمہِ مثنوی تہٕ نارائن جو کھارنہِ شأعری ہُنٛد چھُ مےٚ سان سبٹھاہ کم لوٗکن پَے۔ تٔمی اُس پننہِ حیاتی منٛزٕے "نارائن پرکاش" ناوی اکھ شعرٕ سومبرن تہِ چھاپمِت۔ یتھ منٛز کینژٕ و ہندی نظمو علاوٕ کینٛہہ کأشری وژن تہٕ بھگوت گیتایہ ہندی منظوم ترجمہٕ تہِ شأمِل چھِ۔ نارائن پرکاش چھےٚ دیوناگری رسم خطس منٛز لیکھِتھ۔ مثنوی 'دروچرت' پران پران چھُ اَیچ سادگی، اَیچ لفظہٕ ژأر، جذبات نگأری، اَیچ روأنی تہٕ اَمیک زبأنی ورتاو اَکھ جأدی فِضا ہیوٗ قأیم سپدان۔ نموٗنکی یِم شعرٕ چھتو

وٚوڈُن واراہ بیہ کتھ رِژ ماجہِ زالیس

پتھِس رازس لگنی تتھ ہأنٛٹھ درالیس

چھُ کرتتھ گاش یَس لُش آسہِ پھأنٛٹھے

سو ناری کتھ بکار یوس آسہ ہأنٛٹھے

سُہ ترکش کتھ بکار یتھ منز نہٕ کانٛہہ کان
سو ناری کتھ بکار ییٚس زیوٚ نہٕ سنتان
دِلُک ارمان چھُم پزٕی کنٛز کلس ٹاپھ
نراینہٕ کتہِ ژلی لوٚگمت ژےٚ چھےٚ شاپھ
مہ ژُل خاری اپزی شُری بأژ ساری
مُرِتھ کیا! زِندٕ دُنیا خرسواری
پنُن موختہ پتھر کنہِ چھےٚ ژےٚ ڈولن
کرأنی تھپھ یہ کیا چھُکھ پھوتہٕ گولن

غلام نبی آتش صأب چھُ سون تھکُن لایق محقق تہٕ تخلیق کاریُس نہٕ پننہِ ذاتہٕ رِکس گٹہٕ کُٹھِس منز بہتھ تحقیق کُرِتھ نبہٕ چہِ تارِ چھُ ژٹان بلکہِ چھُ وونہٕ ووتھ روٚزِتھ پربتھ پاسہٕ دارِ دٔری چہِ یلہِ ترأوِتھ اَتھ تھٔدِس منصبس اوبر گوبر بخشان۔ تس چھُ فنٕس حُسن بناونُک بِرٕ ئیمہِ باپتھ بیناچشمہٕ تہٕ سمندر دِل آسُن لأزِم چھُ۔ بازیافت چھےٚ کأشرِس نثری ادبس منز اکھ مولُل تہٕ تھکُن لایق برژر۔ اَتھ پزِ نہٕ مُفت میلنس پزأرُن تہٕ نہَ پرنس گوٚش دیُن۔ توقع چھُ زِ آتش صأب نیرِ پننہِ زاجاینہِ نبر تہٕ رأوی ہتی گونمات موکھتہٕ ہارسومبر نہِ۔



غلام نبی ناظر

# بازیافت

کأتیاہ آکاش زانوٕنۍ تہٕ دگدار چھِ تم لۄکھ آسان یِم گردِ اثبر ن تہٕ سۄرٕ بنن تچھان کیٚنٛہہ تِتھۍ چیز لبٕتھ دِوان چھِ یِم لالو تہٕ موختہٕ پھلو کھوتہٕ تہٕ تھدِ مولہٕ وأنۍ آسان چھِ۔ تِتھۍ وٕے گاٹلو تحقیق کارو منٛز چھُ غلام نبی آتش تہٕ اکھ ووستاد یُس عام طور پرانٛبن تہٕ ترأوِتھ ژھنٛز ٕمتٕمن زچہِ بوچھن پھٕیر دِوان کیٚنٛہہ تِتھۍ چیز لبان چھُ یِم سأنٛس تحقیقی خزانس برٕزر کران چھِ۔ مول ٹُل تہٕ نپہٕ ناو بخشان چھِ۔

تِتھۍ نٕے چیزن ہنٛز اکھ سو نبرن چھے تسٕنٛز ساٲدِ روار کتاب بازیافت، تم نٕے لالن ہنٛز پرٕوٕہری تہٕ باؤژٕری مالہٕ ہیٚتھ بازر دژٕ امٕژ۔ اَتھ چھِ سرنامہٕ علاوٕ زٕ أندٕری باگنیہٕ، گوڈنچہِ باگنیہٕ منٛز چھ کینٛژن معلوم شأعرن ہنٛدِس سرمایس، وزنس تہٕ وُسعتس نِو معلوم کلامہٕ ستی ہُر بر کرنہٕ آمُت۔ تہٕ یتھہٕ کنۍ چھُن تمن ہُنٛد روتبہٕ بییہٕ ہن تھز راوٕنچ کوٗشش کرٕمٕژ۔ یِمن منٛز چھِ فاخر کشمیری، یُس زَن نأجی منور ہٕنٛدِ وننہٕ غزلک اکھ ووستاد بأنی کاراوسُمت چھُ۔ تمہٕ علاوٕ چھِ ظریف خان، کأفی شاہ تہٕ جلال الدین نہار ہٕوبن کم ناماوار شأعرن ہُنٛد مزید کلامہٕ بیترِ نۆن

کڈِتھ تہنْد حقیقی مقام وُنی راوَنس کُن کل کڈان، اَمہِ علاوٕ چھ تِمُی کاشُرِ زبانی ہنْد بن کینژن رأوی متنن مگر اہم گونماتن ہنزِ حقیقی زان دِژہمژ۔ یمن منز پیر غلام محمد، فتح بٹ، امبر ڈار، سیّد امیرِ الدین رفائی کبروی تہٕ نارائن جو کھار بیترِ شأمل چھِ۔

یمن شأعرن متعلق اُس نہٕ از تام بھرپوٗر زان دِنے آمِژ حالانکہِ یمن ہنز کأم چھےٚ سبٹھاہ تہٕ باگہِ برُژ۔ یہنْدِ سرمایہِ ستی چھ کاشُرِ زبانی تہٕ اَدبہٕ رِکس خزانس واریاہ ہُربر سپدان۔ یہِ کأم کرِتھ چھ آتش صأبن حوصلس، ہمتس تہٕ تحقیقی بترس تہٕ شوقس کأم ہیتھ کاشُرِ ادبک ہلم مالامال کرنس کُن اکھ اہم قدم تُلمُت۔

مےٚ چھُ یہِ کتاب پرِتھ احساس سپدان امہ تہٕ چھاپوٗز؟ یہِ چھاپتی یہِ مےٚ پننو جدو اجدادو پیٹھہٕ وراثتس منز توٚرمُت چھُ، مےٚ چھُ لیکھی لیکھی پرُن تہٕ پرِی پرِی لکھُن پیوان تہٕ آتش صأب چھ اَتھ تہہ دِتھ رُژھراوان۔ یہِ چھ تِہنْد بن احساسن تہٕ آگأہی ہُنْد وان ییتہِ اموب سُری متی تہٕ اَسری واقعات تہِ امکانات تہٕ حادثات رنگارنگ عبارِژ پرُزن وُلِتھ اُچھن تل ییتھ بدس سپدان چھِ۔

آتش چھُ ساسہٕ غوطہٕ سوٗر ڈُنگل یُس کاشُرِ اجتمأعی پوٗت کالہٕ رِکس سٔدرس ژوک تل تام ژھانٹھ وأتیتھ نوٚی نوٚی چیز بازیافت کران چھُ۔ ''بازیافت'' کتاب چھےٚ یِزی جیٛنون تحقیقی مثال۔

رنجور تِلہٕ گامی

# بازیافت

غلام نبی آتشؔ چھ کاشرِ زبانۍ ہُند اکھ معتبر نقاد، مُحقق تہٕ شاعر۔ بازیافت ناوِچ کتاب چھےٚ تٔمۍ سٕندین تحقیقی تہٕ تنقیدی مقالن ہٕنز سومبرن۔ ۲۰۰۵ءمنز شایع سپز مَژ امہِ کتابہِ ہٕنز شایع کرن واجنۍ ادبی انجمن چھےٚ بزم ثقافت کشمیر۔ اتھ کتابہِ چھِ ۱۳۰ صفحہٕ تہٕ چھےٚ آتش صأبنز ژٕ وأہم کتاب یوس پرن والین تام وأژ۔

اَتھ کتابہِ اندر چھُ ژورن معلوٗم تہٕ پانژن نامعلوٗم کأشرین شأعرن ہٕنزِ زندگی تہٕ ادبی کارنامن ہُند ذِکر موجوٗد۔ کتابہِ ہٕندِس گوڈنکِس حصس اندر چھُ فاخر کشمیری، ظریف خان، کافی شاہ تہٕ جلال الدین نہارسؔ متعلق تحقیقی مقالہٕ درِج۔

ڈسلاب چھُ فاخر کشمیری یس متعلق مضمون ہتی کرنہٕ آمُت۔ فاخر کشمیریس متعلق یہِ کینژھا تأریخی کتابن منز لیکھنہٕ چھُ آمُت مصنفن چھِ گوڈنیم حوالہٕ درج کٔری متۍ:

''کشمیری زبان اور شاعری'' تہٕ ''تاریخ کبیر'' دوشونی اندر چھُ

فاخر کشمیریس متعلق معلوٗمات نہ آسنس برابر۔ فاخرٕسُنٛد اصل ناو تہٕ چُھنہٕ ہاونہٕ آمُت۔ مصنفن چھ تأریخی حوالہٕ جمع کرنہٕ علاوٕ فاخرٕسُنٛد سہ کلامہٕ تہٕ درج کوٚرمُت یہٕ ازتام رأوِس تل اوس یا یہٕ مختلف غأرمطبوعہ یا قلمی نوسخن اندر چھکرِتھ اوس۔ آتش صأبن چھ موسیقی کشمیر، گلشن نعت کلان، گلدستہ انوار تہٕ باقے کتابو پیٹھہٕ فاخرٕسندی شعری نموٗنہٕ جمع کرِتھ اَتھ مضموٗنس اندر درج کرِیٕمتی تہٕ ستی یہٕ ژینون دِژہٕمِژ زِ فاخر اوس محمود گأمی لیس بروٚنٹھ گوڈنیُک کأشُر وژُن لیکھن وول شأعر یمیٚ غزلِچ سو بنیاد ترأو یتھ محموٗد گأمین آبیأری کر۔ بہرحال امہٕ پتہٕ چھ دوٚیم مقالہٕ یتھ عنوان چُھ "ظریف خان تہٕ تسٕنز شأعری" اَتھ مقالس اندر چھ "کشمیری زبان اور شاعری" کشمیر نیورسٹی ہُنٛد اوحال نامہٕ تہٕ موسیقی کشمیر، گلشن نعت کلان ناوچہٕ کتابہٕ اندرٕ ژلِتھ ظریفنہٕ شأعری ہنٛدی نموٗنہٕ درٕج کرنہٕ علاوٕ بیاض محزون تہٕ بیاض قمرالدینی خاکی پیٹھ تِہُنٛد غأرمطبوعہٕ کلامہٕ تہٕ درج کرنہٕ آمُت۔

ژٕیٚم مقالہٕ چُھ غأرمعروف شأعر کأفی شاہس متعلق۔ کأفی شہٕنز اُسی ازتام "کشمیری زبان اور شاعری" کہٕ حوالہٕ صرف ژٕ رے شعر اَسہٕ تام وأتی مِتی۔ آتش صأبنہٕ مسلسل تحقیق پتہٕ چھِ تمو مختلف قلمی نوسخو پیٹھ ۲۴ بأتھ تہٕ اکھ اڈلیچ مثنوی حأصل کرِمژ۔ یہٕنز مثنوی چھ قصہٕ شاہ بہرام۔ ژوٚریم مقالہٕ چُھ جلال الدین نہار صأبس متعلق۔ آزادنہٕ "کشمیری

زبانِ اور شاعری'' ناوی تحقیقی تہٕ تنقیدی کتابہِ اندر چھنہٕ جلال الدین نہارس متعلق زیادٕ تفصیل دِنہٕ آمٕتۍ۔ آتش صابن چھِ تہنٛدۍ غأر مطبوعہ غزل، نعت تہٕ منقبت اَتھ منٛز درج کرٕمٕتۍ۔

یمن ژون شاعرن (یعنی فاخر کشمیری، ظریف خان، کأنی شاہ تہٕ جلال الدین نہار) متعلق چُھ تہنٛز زندگی تہٕ شاعری متعلق الہٕ پلہٕ پرٛتھ کانٛہہ گوشہِ وہرٕ ہناونہٕ آمُت تہٕ یہُنٛد شجرہ تام چُھ آمُت درج کرنہٕ۔

امہِ پتہٕ چُھ کتابہِ ہُنٛد دۆیم حصہٕ یُس تحقیقہٕ کہِ حوالہٕ سبٹھاہ اہم چُھ، تکیازِ اَتھ اندر چھ کاشرِ زبأنی ہنٛدبن تمن پانژن شاعرن ہنٛدۍ حالات تہٕ کلامہٕ درج یم ازتام رأوِس تل أسۍ۔ گوڈنیُک چُھ پیر غلام محمد۔ محققن چھِ تسنٛز کرأنی ہأنکل درج کرٕمٕژ۔ أمۍ سنٛز زندگی متعلق تفصیلات بہم کرنہٕ علاوٕ چھ مصنفن پانژو قلمی نوسخو منٛزٕ ساڑشےٚ ساس شعر بِہ کڈۍ مٕتۍ۔ یمن اندر ژورن ہتن تہٕ ژودہن شعرن پٹھ مشتمل مثنوی نۆرنامہٕ، ۲۴۷۳ شعروٕستی سجأوِتھ جنگِ زقوم، دون ساسن شعرن پٹھ مشتمل جنگ بدر، ستن ہتن ترٛ ونزٕہن شعرن پٹھ مشتمل جنگِ احد تہٕ جنگِ خیبر نوشتھ شعر ہتھ شأمل چھِ۔ یتھہٕ کنۍ چُھ آتش صأنۍ یہ کأم یقینن تھٕکنٕی لایق۔

امہِ پتہٕ چھُ دۆیم نامعلوم شاعر فتح بٹ۔ اَتھ مقالس منٛز چھ فتح بٹنہِ زندگی علاوٕ یہُنٛد صوفیانہٕ کلام، منقبت تہٕ نظمہٕ درج آمٕژ کرنہٕ۔

ژٕیم مقالہٕ چھُ نامعلوم شأعر امبر ڈارس متعلق۔ اتھ اندر چھُ امبر ڈارٕنی کرأنی ہاٹکل، تہنٛد صوفیانہٕ کلامہٕ تہٕ خاص کر تہنٛز مشہور "پد" لِتر تہٕ شأمِل۔ یہ تمام کلامہٕ چھ ازتام رأوِس تل اوسمُت۔

ژٕوٕریم تحقیقی مضموٗن چھ سید امیر الدین رفاعی صأبس متعلق۔ اَتھ اندر چھِ یہنٛز کرأنی ہاٹکل درج۔ رفاعی صأبس متعلق چھ تفصیلہٕ سان تہنٛد زیوٗن پرٛتھُن درج آمُت کرنہٕ۔ تہنٛد غأر مطبوعہٕ کلام تہٕ اسرأری شعرن ہُنٛد نموٗنہٕ تہٕ چھ مقالس اندر موجوٗد۔ پوٗژیم تہٕ اُخری مضموٗن چھُ نارأین جوکھار تہٕ تسٕنٛز "دژ و چرت" عنوانس تحت۔ اَتہٕ اندر چھُ نارأین جوکھار سُنٛد زاسنہٕ تہٕ زندگی متعلق الہٕ پلہٕ سورے کینٛہہ درج کرنہٕ آمُت۔ دژ و چرت ناوی یہنٛز مثنوی متعلق چھُ تفصیلن لیکھنہٕ آمُت ۔ اتھ مثنوی اندر چھ نارأین جوکھار سٕنٛز ذأتی زندگی متعلق زانکأری میلنہٕ علاوٕ ہندوستانہٕ کِبن تمام بڈٕ بن تہٕ اہم ہندو تیرتھن ہُنٛد ذِکر موجوٗد آسنٕچ خبر میلان۔ محققن چھِ بطورِ نموٗنہٕ کینٛہہ شعر پیش کٔری مٕتی تہٕ مثنوی متعلق باقاعدٕ اکھ تنقیدی مضموٗن لیوٚکھمُت۔

محقق تہٕ مصنف غلام نبی آتشؔ صأبنہِ اتھ کتابہِ چھِ کأشرِ تحقیقی تہٕ تنقیدی ادبس منٛز یہنٛدی پانٛژھ تنقیدی تہٕ تحقیقی مقالہٕ خاص مقام دِوان یم تِمن پانٛژن شأعرن متعلق چھِ یِمن متعلق صاحب "کشمیری زبان اور شاعری" یونیورسٹی ہُنٛد اوحال نامہٕ تہٕ کأشرِ ادبٕچ تأریخ خاموش

چھےٚ۔ یمن شاعرن متعلق تفصیلات بہم کرنس دوران چھُ آتشؔ صائبس مختلف لگُن سمکھُن پیوٚمُت۔ تِمن ہِنٛز قلمی نوسخہٕ حاصِل کرِ متہٕ تہٕ تمہٕ پتہٕ ترتیب سان یمہٕ زندگی تہٕ ادبی قدوقامتس متعلق پرن وألی زأنی یاب کرِ متہٕ۔ یہ چھُ یقیناً کأشرس ادبس اکھ مولُل ہُر بر۔ بازیافت نأوِ کتاب چھُ محقق ہِنٛدِ صبرُک، شوقُک تہٕ محنتُک پے دِوان۔ اللہ تعالیٰ دِیِن آتشؔ صائبس یُتھٕ ہن ہمت جُرت تہٕ شوق یِتھ تِم کأشرِ زبأنی خدمت کرنُک یہ سلسلہٕ جأری تھاون۔

---

غلام نبی آتشؔ چھُ کأشرِس تہٕ کشیرِ ہِنٛدِس تحقیقی پسِ منظرس منٛز اکھ ویوٚد تہٕ نمایاں فکری سوٚتھرس پیٹھ حبسہٕ ہُشیار فرد۔ یِہنٛدِ تحقیقُک مرکز ہِنٛش پتھر اَمیُک ویوہارتہٕ رونہٕ ظون چھُ۔ أتھی تارٕ کانٛجہِ کِنہٕ پھ کیپٹن گرِتھ چھُ سمأجی توأرتحِکی خدوخال تِنٛی رِتھ ابہامس تشریح کران۔ سمأجی پریٚزنتھ تہٕ پرٛتیتھ گأشرأوِتھ پرٛزھِ تہٕ یقینس دربر بخشان۔

(رشید سرشارؔ)

بشیر چراغ

# بازیافت

''بازیافت'' چھےٚ کأشرِ زبأنی ہنٛدِس ادیب شأعر تہٕ محقق غلام نبی آتشؔ صأبنہِ ادبی تنقید تہٕ کأشرِ تہذیب و ثقافت کِبن تحقیقی مضامین ہنٛز ژورِم سۆمبرن ۔ یوسہٕ کأشرِ ادبہٕ کہِ گُلستان کِبن اہم مگر رأسی گأمتین فخری گونماتن ہنٛدِ کلامچ تہٕ تِہنٛز ادبی زندگی یہٕ ہنٛدِ بن حالات واقعاتن ہنٛز پۆت ژھأرچھےٚ ۔ آتشؔ صأبنی یِم مقالہٕ چھِ تِہنٛدِ بصیرژ تہٕ تخلیقی صلأحیژ ہنٛدی پأداوار۔

حق چھُ یِ زِ یِہ کینٛژھاہ تہٕ کأشرِس ادبس تخلیقی تہٕ تخیٔلی اعتبارٕ پٔتمین دون ڈٔہلین ہنٛدِس وولہٕ شل وقتس منٛز کینٛژن نأمی گرأمی تخلیق کارن ہنٛدِ بدولت بدس آو ۔ سہٕ چھُ واقعی طور عام قأرٕین ہنٛدِس مشأہدس منٛز آمُت یُس پزنہٕ پأٹھی تِہنٛدِ اظہارُک تہٕ ترسیلُک اکھ جاندار تہٕ پُر اثر وٚسیلہٕ بنیومُت چھُ ۔ اِمو کھہٕ چھُ تِیٚہن کأشرِس زبان و ادبہٕ کِس ووتھہٕ بوس ءستی اکہِ قأبلِ قدر موادٕ پٔژی سہٕ لگہٕ ہارٕ تہٕ حتمی تصور زانتھ قبوٗل تہٕ کرنہٕ آمُت ۔ عام قأری چھِ آتشؔ صأبنہِ تِمی ادبی سرمایک مول مشخص کران ۔ یِم ادبی ماحول تہٕ انفرأدیتھ فن تہٕ فلسفن

اندر توازُن قایم کرنہٕ کِس جذبس اکھ اہم اہمیت دوان چھِ ۔ اِوٕ کِنۍ وَنہٕ یہ بکُر دوٗر لاٚگتھ زِ غلام نبی آتشؔ صابنہٕ یم ژوشوے تحقیقی تہٕ تنقیدی مولجہِ سومبرنہٕ چھےٚ کاشرِ ادبہٕ حوالہِ معتبر۔ وجہ چھُ یِ زِ آتش صابنۍ نظریوس تحقیق تہٕ تنقید کِبن مختلف رجحانن پٮ۪ٹھ دٕرِتھ چھےٚ، سوٗ چھِ سبٹھاہ سرٕ نی۔ تہٕ سوے چھےٚ یہنزِ تنقید نگاری ہنٛدِ فنی حیثیتُک اکھ اہم ثبوٗت پیش کران۔ نیز یُس اہم رنگ تصنیف و تالیف ادبہٕ زٕنِس پٮ۪ٹھ تہٕ یہنٛدِ تجربہٕ کاشرِس فن وتمدن تہٕ ثقافتی علمی وراثتی ماٚدانس منز تہٕ بارسس آو۔ سُہ تہٕ چھُ قابلِ تحسین تہٕ گراں قدر کنٹری بیوشن رنگہٕ ہمعصر نقادن ہنٛدین خیالن ستۍ ہم آہنگ ۔ آتش صاٚبنس اَتھ صحت مند، شوٗدتہٕ پاک مولُل فنی ادبس پٮ۪ٹھ یوتاہ تہٕ کاشُر زبان فخر کرِ تیوٗت چھُ کم۔ حالانکہِ یتھ وولہِرشہِ وقتس منز ییٚتہٕ عام تصوٗری ذیہن مختلف پریشانٔین تہٕ پراکندِین منز ہینہٕ آو۔ تتہِ رٕودنہٕ یتھن کارِ ووٕگنۍ تخلیق کارن ہُنٛد ذہن تہٕ مُتاثر سپدنہٕ وراٚے۔ اَتھ دوران یہُنٛد تخلیق کوٗرمُت فن چھُ اَمہِ باوجود اہم، تاٚریخ ساز کارنامن پٮ۪ٹھ مبنی۔

اَسہِ چھُ اٚتھی حقیقژ قدمپٮ۪ن تہٕ حدسارُن زِ یہنٛدِ اَمہِ ادبی تہٕ تحقیقی کامہِ ہُنٛد یہ مدّت تہٕ شدّت چھُ بہر حال اکہِ خاص فنّی تخلیقہِ حبسہٕ نشہِ مختلف تجزین الگ الگ قسمکی تجربہٕ بدِ کڈِتھ غلام نبی آتشؔ صاٚبس ہوِس پاسِل ذہنس تہٕ تمہِ آیہٕ حرکژ منز انان۔ یُس ہیجانن ہنٛدِس تشفی

تہٕ تسلاہکبن دأیرِ عملہِ مزازس تہٕ یہِ ڈٲپ زِ تہٕ وُڈزانٛج کأم ہوٲوان چھ۔
آتش صأب چھِنہٕ ویسے تہٕ کُنہِ زأنی باپتھ آویز۔ یہُنٛد بیشتر تحقیقی تہٕ
تنقیدی ادب چھ خاص کٔرِتھ کأشرِ ادبہٕ کِس پرٛتھ طالبِ علمس تام
یِتھ ہیوٚ ادب مولہٕ آنکہٕ وَنکی مختلف انداز بدس تھوان، ییٚمہِ کِنی یِم کأشرِ
تخلیقی ادبٕچ وبٔڑھے کُنہِ حدس تام دوٗر کٔرِتھ، پننہِ اعلیٰ ترین صلاحیژ
رٔژھراونس قأبل بناوان چھ۔ آتش صأبن چھ ہمیشہِ کأشرِ ادبہٕ خأطرٕ
پٔنن سوٗرے تخیُّلی توجہ اعلیٰ فن، عام فنہٕ نِش ژھانڈِتھ علاحدٕ کرنس پیٹھ
ہُنرس جاے دِژٕمٕژ۔ نیز اَمِچہِ ترقی تہٕ ترویج باپتھ چھِ یِم اکھ نمایاں
کردار ورتاوس أنِتھ زیادٕ سوٗن نظرِ گژھان۔ یہُنٛد یہِ مستعِد تہٕ فعال
ذہنی تدبُر چھ بغأر کُنہِ ترٕدُد ییٚمہِ جنّت نظیر خطہٕ ارضی ہِنٛدِ ادبی
توأرٟیخکہِ ووٚتھ ژھانٹہٕ منٛز واقعی اکہِ سنہری باب رنگہٕ درینٛٹھی گژھان۔
آتش صأبنہِ بیشتر تحقیقی، تنقیدی تہٕ معلوماتی کامہِ چھےٚ زیادٕ پہن لگہٕ و
وٚترِس متعلق۔

''بازیافت'' چھےٚ آتش صأبنہِ تمہِ عملہِ ہنٛز اکھ ڈٔر شہادت یوسہٕ
مختلف ادبی گوشن منٛز أمی سنٛز بصیرت افروز عرق ریزی پیش کران
چھ۔ آتش صأب چھِ واقعی پننہٕ تیز نظرِ ہِنٛدِ قووتہٕ أکِس قأریس بےٚ
شوٗنکی پأٹھی یہِ اعتراف تہٕ کرناوان زِ یہِنٛدِس پرٛتھ فن پارس منٛز چھ
عظیم شأعرانہ سنٛز تہٕ سنجیدگی ہُنٛد مول تہٕ مایہ تہٕ درینٛٹھی گژھان۔ یِم

چھِ پرٛتھ تحقیقی کارنامس مرکزی نوکتہٕ نظر یہس أمی کِس محورس أنٛدی أنٛدی أکِس مدلّل تحقیقی مدارس پیٹھ نژناوان ۔ یوٗ ہے وجہ چھُ زِ یم چھِ بحیثیتِ اکھ شوٗژتہٕ شوٗد محقق، نقاد تہٕ سخنور آسنہٕ علاوٕ کأشرِس فوک لورس منٛز نوِ کتھہٕ بدِ کڈنس تہٕ زندگیہٕ سٟتی وابستہٕ تمام پیچیدہ تہٕ گُھری دار مالماتن ہنٛدی بند تام غأر جانبدارانہٕ طریقوٗ مُژراونچ ہر ممکن کوشش تہٕ کران ۔ یتھ منٛز یم ہمکال حبسہٕ آگہی ہنٛدِس وکھرِ رِوایتکس مزاجس تہٕ بے معنہِ چونہِ جرنچہِ ریاکأری سسٹمس منٛز بتھی پھیُر گرچھنس منٛز وارے بران چھِنہٕ ۔

"بازیافت" چھےٚ کأشرِس زبان واد بہٕ ژلس پیٹھ یہنٛز فکری تدبرُک ژونگ سبٹھاہ تھدِ معیارٕ سان دٕژُون تھأوِتھ أکِ سےٚ غلافہِ تل، ذی شعوٗر وٗجودی فلسفہٕ والین تام روزنہٕ بجایہِ کامہِ ہنٛدِس ؤطیرس منٛز مختلف وَتن منٛز چھکرأوِتھ گاشہِ زٕژ فراہم کران ۔ یِیمہِ سٟتی تمام علمچ تہٕ ادراکچ بُنیاد خود شعوٗری ہنٛز عمل یکجا سپدِ تھ اکھ خاص خصوٗصیت پرأوِتھ ہیکہِ ۔

کلچرل اکادمی ہنٛدِ مأدی معاونتہٕ سٟتی چھےٚ "بزمِ ثقافت شُپین" ادبی انجمنہٕ بہٕ موجِب کتاب بازیافت چھاپ گرِتھ شوٗقل پرن والین پیٹھ تہنٛدِ ذوقِ تسلیچ ارزتھ مأنِتھ اکھ رٕژ تہٕ پننہِ پوٗحتہٕ ذیہنچ اہمیت دٕررأوِمژ ۔ یِیمہِ باپتھ بہٕ اُنجمن پننہِ ادبی انفرأدِیتھ تہٕ وجوٗدہتھ آزادانہٕ طور تسلیم

کرناوان چھِ۔ اَمہِ رنگہٕ پتہٕ مصنّف اکادمی ادارُک مأ لی امداد باپتھ یہُنٛد شُکر گذأری کران چھُ۔ تتہٕ چھِ عام پرن وألی بزم ثقافت کشمیر ادارس تہٕ وژھہِ وأنٛجہِ یہِ چھاپ کرنس پتھ شُکر گُزأری ہنٛدی کلمات ڈالہِ رٔنگی پیش کران۔

زوٗ پٔنٛز، سائپتھ پٔنٛز، ارزتھ پٔنٛز — راوٕ راوان کیازِ چھُکھ پریژنتھ پٔنٛز
ماجہِ زوٗ چھُکھ تھپہِ نوان پرزوٗ دِوان — نیشہِ بدبن چھُے کٔچ گرٛوھان باوتھ پٔنٛز
ناگ اِظہارٕکی ہباسپدان چھِ رأسی — زوٗ پٔنٛز رأوِے تہٕ رأوِے کتھ پٔنٛز

(غلام نبی آتش)

رشید سرشار

# سرمایہ تہٕ سام

مأدی جدلیأتی تأریخی ووکھنہٕ ءستی چھُ یێمہِ پزُرک اقرار سپدان زِ کال چھنہٕ مران بلکہِ چھُ بے شونٛگی پأٹھی فکرن تہٕ قدرن، رٕوِین تہٕ ارضی انہارن ہنٛز ارتقأیی یا نہجہِ بدلأوی حالژ منٛز پزٕنژ رٕژھرأوِتھ معروضی رشتن حسین فہم دوان۔ تحقیقی رٕوِین ہنٛدِس نفسیاتس پیٹھ والین کالن مُدیہ متن چھو کہٕ وِتھ موکھ ؤنی راون کل وُزناوان تہٕ وَل دریافت کرنک شعوٗر بخشان۔ کالن ہُنٛد اکھ مُسلسل رشتہٕ چھُ نپہٕ نپہٕ کران تمہید لکھان۔ یتھ پران سران حساس مُفکّر، محقق تہٕ قلم کار پزٕنتھ پزٕاوان پزٕ ہ معروٗض ویوٗ دموکھ ہأوِتھ تتھ ارزٕ ژ نسبت منہٕ میچھر چھِ وو پداون، ظونہٕ وولسأوی کل چھُ تثبلاوان۔ یوس ارزتھ ؤہرِتھ تو‌أریخی شہادٕ ژن، سمأجی بنٛدتمن تہٕ لوٗکہِ ؤنی تمن ہنٛدِس وطیرِ وچھس منٛز بسر سأوی حالژ منٛز سأمتھ چھِ۔ یێمہِ کہِ خوشبوے تحقیقی، تخلیقی، انکشأفی ہُنرن احترأمی نفسیات باگہِ چھُ پوان۔ أتھی ارزتھ للہٕ کھول کران چھِ کال سرٕ کرن وألی بشاشت پزٕاوان۔ یی چھُ یہُنٛد سرمایہ تہٕ

امر تھاون وول آبِ حیات تہٕ۔

"تم اہلِ قلم یم دیوتاہو پتہٕ آیہ، چھِ کالن ڈ ریافت کران، کالن ہنز کتھ کران، چھِ مُرتھ تہٕ زِندٕ روزان۔ یم چھِنہٕ پننہٕ خاطرٕ اہرام بناوان، نہ چھِ پننین اولادن تہٕ زُربن خاطرٕ سونہٕ سیرٕ زیٹھ نیران، مگر یِہنز وراثت تہٕ ارزتھ چھ تم تخلیقہٕ یمن منز زِرکی تہٕ دلنائی چھِ آسان۔ یم چھِ اولادو کھوتہٕ مشقن تہٕ نڈ کِچلی قلمن وچھس ستی تھاوان۔ کنہٕ ڈکِھس خاندارنہِ کھوتہٕ ٹاٹھِنیار کران"

(۱۲رہمہٕ صدی قبل مسیح ہنزا کھ مصری تحریر)

"سرمایہٕ تہٕ سام" کمِن تجزیٲتی تہٕ تحقیقی مقالن منز وچھِتھ انکشافن بشری وسیلہٕ واتنیار بخش وٲلِس دأنشور غلام نبی آتشس متعلق تہٕ ہکو امی ڈ پتہِ کتھ تُلِتھ، یُس تِمن مانٹھالن تہٕ یارٕبلن ویوٚد چُھ کرناوان۔ یمن پتھ سانین رأوی ءتمِن کالہٕ کاجہِ سوکھٕ سأوی تہٕ دوکھٕ پژٲوی انہارن ہنٛدی بڑبرٲوی موکھ ژھایُت چھُ گرِتھ۔ سانین پژھن تہٕ گُمانن بےٚ سوکھ چھُ کران۔ سون کأشُر مَنُش چھُ اسمانہٕ پیٚمتہٕ آمہِ پننہٕ ارضی تہٕ ثقافتی رشتن تہٕ تأریخی ژِہنن گنڈ گنڈ ترٲوی ترٲوی پگہس ستی اتھ مِلہٕ وِتھ۔ سُہ تہٕ کُنہِ مالےٚ رؤس۔ فہم ما چھس تمہِ ارزٕ ژہُنٛد یتھ منز تمی سنز پچھان نپان چھِ۔ نہ چھِس ویڈی تم تخلیق کار

تہٕ ولہِ وِپر یِمو مأدی معأشی خوش حألی دوژھو دوژھو وٹنہٕ بجایہِ ارضی توأرتخس، ثقافتس تہٕ ماجہِ زیوٕ پننو مونہِ پھلو رأچھ کٕر تہٕ منہٕ کبو رتہٕ پھیر بوسگ دیُت۔

سرمایہ تہٕ سام چھِ سُے فہمہِ واتنیارٕچ شعوری وٚطیر۔ یِمہِ چہِ اُڈرنہِ منز یَژھ پڑھ ژھأرتہٕ ژأراتھ واس کٕرتھ تخلیقیت چھِ وو پداونہٕ آمژ، یِمہِ ستی سانِہن تحقیق کارن تہٕ کتھِ معنہِ ژھارن والین تہٕ اُنکہٕ ونن سارن والین ظون گأشراونٕچ آش چھَ ہُران، تیٚچ آش آتش صأبس تہٕ چھَ:

''وومید چھِ پرن والین پاتھِ یِمہِ سوٚمبرنہِ ''سرمایہ تہٕ سام'' منز دلچسپ تہٕ معنہِ سوومواد''

معنہَ ساوی تخلیقی، تحقیقی تہٕ تجزیأتی عملہٕ ہنٛدِ ظونہٕ زول کرونہِ وو ہارٕ خأطرٕ چھِ ضروری۔ ادرأ کی معروض، معروضس نِسبت تحقیق کار سُنٛد پھٔپھرٕ Stammering روٗس شعور تہٕ تخلیقی اظہار تہٕ تمہِ عألمک واتنیارٕ وَل یُس معروضہِ تجزیہ کٔنی پزٕاونہٕ ییہِ۔ یِمہِ ستی عمل تأریخی معنیأتیHistorical Semantics ستی ڈٔکھجل چھِ بنان تہٕ اعتباریت چھِ پزٕاوان۔

اکھ نأدر نعتِ شریف، کأشرِ معراج نامہٕ، سوٗتی پنڈتن کأشر فارسی نصاب، کأشر مثنوی روایت تہٕ صورتِ حال، حضرت شیخ کأشرِ

تمدٕنک بالہِ ہزأری تحقیقی مقالہٕ چھِ تمہِ عملی بصیرژ تہٕ بصارژ پےٚ دِوان ییمہِ رٕنٛز انکشافن منٛز شوٗژر وۄپدان وۄپدان ارضی تہٕ ثقافتی امارٕچ رِشتأوی فطرت نمایاں چھِ:

''آتش صأب چھُ پٔنٕن قلم زن شوٗژلِیدٕ رِوانہٕ ستی چھٔلِتھ لکھان تہٕ توٚے چھےٚ تٔمی ہنٛز اکثر رایہِ اعتبارس نکھٕ نکھٕ آسان......'' (محمد یوسف ٹینگ)

امہِ Statement کہِ پرٛزُک چھُ آتش صأبنہِ تأریخی پرٛتھیمتہِ ظونہٕ ستی ثأبت سپدان، یس جدلیأتی فِکری پسِ منظرس منٛز نظریأتی ارتقأکس وۄتھِ بوس متعلق چھُ۔ صحیح تہٕ چھُ یوٚہےٚ اپروچ۔ آفأقی دِینِ مُبینس تہٕ ارضِ کٔشیرِ نسبت:

''دِینِ مُبِین خأطرٕ اُس ؤرِیہِ وادو پیٹھٕ کٔشیرِ ہنٛز ووپرٛزن ہارمیٚژ بأجراونٕچ عمل جأری........... اتھ بامے فرقہٕ بندی تہٕ تھزٕ تہٕ ؤسی پایہِ ذأژن درمیان بنِن آسنٕکی دوکن وألی پھبل تہٕ پھبلن دبل ٹٔلن وألی تہٕ مُفلسن نبتھ ہینہٕ وألی ہنگدار ذِمہٕ دار اُسی یا بے شمار ریوٚن ریواجن ہنٛز عمل آوری ہِنٛدِس بورس تل دبہٕ ونہٕ آمٕتی غریب غُربات نتہٕ بٔیِہ تہِ وارِیاہ سمأجی، سیأسی تہٕ اقتصأدی وجوٗہات........... کأشرٕ بو کوٚر اسلام قبوٗل زور زبردستی بغأر!''

یہِ چھُ محقق سُنٛد واقعاٰتی حقیقت نگاٰری ہُنٛد اِدراٰکی واتنیار۔ مُشاٰہداٰتی ہُنر، یُس ہاوان چھُ زِ کمہِ اندازٕ چھُ تجریاٰتی عملہِ دوارن انکشافاتن تہٕ معروضس درمیان رشتن اہمیت دوان۔ پزر چھُ زِ تحقیقی نتیجہِ چھنہٕ حتمی یا ونو اٰخری آسان۔ تِکیا زِ تحقیقی عملہِ مُناسبت چھُ محقق تواٰریخی تہٕ معروضی پزرن تسلیم کران، وسیلہٕ تہٕ ذریعہِ پننہٕ من منز Selfinvented اختیار کران۔ یِم فکری ارتقاہس ستی بدلان تہٕ چھِ۔ امیُک باس چھُ آتش صاٰبس، یِیلہِ تِم لیکھان چھِ:

"...... یہِ چھُ کاشُرِ کلچر کِہن گوشن تام پلو کرنک محض پلہٕ، نہٕ حتمی فاٰصلہ تہٕ نہٕ اٰخری کوٗشش"

پزٕ ون چھُ پزٕ انان مگر مکمل طور چھُنہٕ نابوٗد گژھان بلکہِ چھُ بشری وسیلن (زبان) ہٕنٛدِ وساطتہٕ علامژن تہٕ استعارن ہٕنزِ صوٗرژ منز تہٕ سماٰجی نفسیاتس منز وپّتھ نوِ فکرِ متاٰثر کران۔ آتش صاٰبس چھِ اتھ پٔتھ محققانہٕ نظر۔ بڈشاٰہی دورس متعلق کتھ کران چھِ یِمو بیباک تجزیہِ کوٚرمُت، یُس تواٰریخ رِکس طاٰلبِ علمس کٕیُت افاٰدی کیفیت چھُ تھاوان۔ عظمت چھِ اجتماٰعیتس منز۔ لل چھِ لل ماٰج تہٕ دبدُبہٕ چھُ علمدارِ تہٕ سہزانند تہٕ۔ یہِ چھُ سون پزٕ ون سماٰجی نفسیات پننہٕ کُنہِ غاٰرارضی فکرِ اسہِ نیوٗ۔ آتش چھُ اشارٕ کران۔ پرن وول ہیکہِ ژینتھ فقط حببس آسُن۔

" گۆو گورس ژاٹھا ژوٗرو "۔ یوٚ دوَے ریٚشِتس متعلق تحقیقی مقالہٕ چُھ مگر اتھ منٛز ٹاکارٕ اشارٕ تتھ پزرس کُن یُیمہٕ کِنۍ کٔشیرِ ریٚش وٲر چھِ ونان۔ مرغوب صأبُن یہِ مانُن چُھ توٲریخی زِمیانہٕ وطنُک ناو چھ کٔشیر تہٕ زِ کشمیر۔ آتش صأب چھِ دٔلیل دِتھ ونان " ریٚشُت چُھ کٔشیرِ منٛز تیوٗتے پرٛوٗن یوٗت کٔشیر تہٕ کٔشیرِ ہُنٛد توٲریخ چُھ "۔ علمدارِ کشمیرؒ سٕنٛدۍ وصفہٕ وٲلۍ ذاتن تہٕ کردارن بنوو یہِ اسلأمی ریٚشُت، ووٗنۍ گۆو کینٛہہ زمانہٕ چُھ لیکھِتھ تہٕ بنیوو توٲریخ، واریاہ چُھ چھکرِتھ تہٕ لیکھنَے، زیادٕ دُرُس گژھ یہِ مانُن زِ ریٚشُت چُھ کٔشیرِ منٛز تیوٗتے پرٛوٗن یوٗتاہ کٔشیر تہٕ کأشُر چُھ۔

دیٚد مان حقیقتن ہُنٛد تردیٖد سپُد کوپرنِکسن سٕنٛدِ نظریہٕ سٟتۍ، یُیمہٕ کِنۍ کایِنات کِس انسأنۍ تصوٗرس تہٕ ثقافتس پیٹھ سرٛوٗن اثر پیوٚو۔ تجزیأتی تہٕ تنقیدی نٔجہِ سٟتۍ سٟتۍ بدلیوو تحقیقی رٔوِیہٕ تہٕ۔ دریافت، تصدیق تہٕ تعمیل چھِ تتھۍ ترٛے اصوٗل یمو کِنۍ انکشافس اعتبأریت چھَ ہُران۔ وشفن ہُنٛد امکان چُھ کم روزان۔ یِمنے اصوٗلن ہنٛزِ رہنمأیی سٟتۍ آتش صأبس جدید فکرِ ہٕنٛدِس اظہارٲتی گہلس تل قدیم کأشرِ تہذیبِچ تہٕ نفسیاتِچ خوشبوے گرٛایہِ ماران۔ اتھ مانیٚت دِنہٕ سٟتۍ چھِ کٔشیرِ ہٕنٛدِ تأریخی تہذیبکِہ تصوٗرُک ابہام وبڑھناونہٕ یِوان۔ یم چھِ لیکھان:

" ریٚشو پیٹھٕ صوفی شأعرن تام چُھ پرٛتھ کانٛہہ بُنیأدی

عقیدٕ لحاظہٕ مسلمان۔ مگر قدیم کاشرِ تہذیبہِ ستہٕ سأسی سوٚتھول چھ
اتھ بنیأدی روٗحس تِتھےَ کُنی کأشُر وردن لاگان......"

آتش صأب چھ لُکہٕ وۄترِس منٛز کشیر ژھاران۔ یادِ وۄترٕے
چھُ پپر در پپر پکان۔ زمان و مکان ہیکہِ یزرس پیچیدگی پأدِ کرِتھ، مگر
آگُر ہیکہِ نہٕ موکھ پزٛ أڑتھ۔ یتھ ئرِتھ سرمایہِ تہٕ سام تہٕ لُکہٕ وۄترٕنیگ
تخلیق کار کأشرِس پزٛ زنتھ پزٛ آوی کوٗشش چھُ کران۔

یِہُند تنقیدی شعور چھُ بالغ تہٕ فکر انگیز۔ امی کُنی چھِ "اکھ نادِر
نعتِ شریف" عنوانس تحت تخلیق کارس ؤنی دِوان۔ شوق صأبس ستی،
یِمو تخلیق کار اکھ خاص فرد اوس مونمت، بحث تُلِتھ اصلی شأعر
ؤنی راوان۔ اختلاف تہٕ شک چھُ تحقیق کِس نفسیاتس اوسۄدگی
بخشان۔ یُس سرمایہِ تہٕ سام ہُک ڈکہٕ ٹیکہٕ چھُ۔ مگر یِہنٛز ورتاو زبان
چھ شۄژرٕ تہٕ عام فہم۔ تجزیأتی فہمہٕ خأطرٕ چھِ یہِ واتنیارُک وصف۔

کأشُر مثنوی ......روایت تہٕ صورتِ حال، کأشُر معراج نامہٕ،
آزادس پتہٕ تحقیق چھِ تِتھی مقالہٕ یِم سانین تخلیق کارن تہٕ تنقید نِگارن
مُدیہ من چھِ دارِ مۄراوٕنکی سوکھ سأوی ژھل زانتھ لبھنہٕ چھِ آمتی۔ آتش
صأبن یِمہِ تحقیقہٕ پتہٕ جدید دورس منٛز لبھنہٕ آمژٕ مثنوی ین تہٕ مثنوی
لِکھارین ہُند ذِکر چھ کوٚرمُت سُہ چھُ حوصلہٕ بخشن وول۔ یوٚ تام
مثنوی ین ہُندِ فکری نفسیاتُک تہٕ باوتھ ردِعملُک تعلق چھُ، گوڈٕ کالہٕ أسی

اتھ منز ترٛ ے عنصر۔ وو پر حاۓ کم، بےٚ بس لۄکھ تہٕ موسم۔ تہٕ ردِ عمل اوس حبسہٕ پاۓ وٕنۍ تہٕ انقلاٰبی۔ آتش صاٮ۪بن چھ اتھ پیٹھ تفصیلی وبژھنہٕ کرٕمژ۔ یُس تواریخُک تمہید ہیکہِ بنِتھ۔ از تہِ چھُ سُے وو پر ثقافتہٕ ئلی پل لۄ گمُت حاۓ کم۔ بے بس لۄکھ چھِ موسم تہٕ اتھ سٟتۍ رشتاٮ۪وۍ تہذیبی عنصر بدٕلیمتۍ۔ ناجی منوّرُن "پۄ ز تہٕ پژ" چھ جدید زمان و مکانکی نفسیاتی عنصر ئرِتھ لکھنہٕ آمژ۔ یژھن مثنوی ین چھ عام تہٕ داۓ نشور طبقہٕ اُچھن پیٹھ جاے کران۔ پژ ر چھ ئی زِ شاعر چھُ فقط ریڈیو مشاعرن خاطرِ لکھان، تخلیقی شعور چھُ گُنہِ ردِ عملہِ رۆس تقلیدی باوژ منز ورفتار، یتھ کُن آتش یمن لفظن منز باوتھ چھ کران:

"از ہرگاہ نےٚ کاشرِس شاعرس صلاحیت یا فرصت چھِ

تہِ گۆونہٕ زِ اَسۍ منساوون یہٕ اَر تہٕ دٕ رشعرٕ ذاتھ"

رٔوہ یارٔوف چھِ ساری کاشر گونس تہٕ نژنس ونان، یم کورِ آرس (داٮ۪رس) منز اتھ مِلہٕ ناوِتھ چھِ کران۔ آتش صاب چھِ مُہذب تہٕ شاٮ۪ستگی سان رٔوۍ ین سنان۔ اُمۍ سِندِس تحقیقی تہٕ تخلیقی اظہارس منز تہِ چھِ امی آکارٕکی انہار۔

"آزادس پتہٕ تحقیق" چھُ بہترین تہٕ دلچسپ مقالہٕ یُس کاشرِ زبانۍ ہندِ بن سکالرن تہٕ تواریخ لکھن والین مواد ہیکہِ فراہم کٔرِتھ۔ تحقیق تہٕ تنقید کارن سٟتۍ سٟتۍ کاشرِ بن ادبی رسالن ہُند تذکر چھُ حاران

کرُون۔ یہِ چھُ بذاتِ خوداکھ معتبرتوأریخ۔ ووٚنی گوٚ ومو ہر وٹان چھِ ہارِ زالنو رکنی ژٕچرٕ۔ رِکنہٕ زأنتھ مأنتھ چھِ مشرف گوژرِ گنڈِتھ تھاونہٕ آمتی ۔ پزر زانہِ آتش صأبے۔

سرمایہِ تہٕ سام کتابہِ منٛز چھُ اکھ مقالہٕ "مہجور نوِ زمانک نقیب"۔ مہجورس پیٹھ چھِ امہِ برٛونٛہہ تہٕ کیٛژٕ ودأنشورَ و مقالہٕ لیکھی متی یمن منٛز شفیع شوق، بشر بشیر، نذیر آزاد تہٕ رشید سرشار بیترِ شأمِل چھِ، مگر آتش صأبُن مقالہِ چھُ پزٕی تحقیقک حُسن یتھ منٛز اظہارأتی جبروتک نوٚرانہٕ گجرس چھُ گأشراوان تہٕ پرٛژھن ہندی پوٚتلی چھلہِ چھلہِ گرٛژھان۔ خوددأری تہٕ شأعرانہٕ عظمت رِکتھ رِکنی چھ الہِ شہرس منٛز کلان، تمیُک باس چھُ مہجور نوِ زمانک نقیب پٔرٕی تھےٚ لگان۔

سون تنقیدی شعوٗر تہٕ صلأحیت، تجزیأتی ہُنر تہٕ زبان کیاہ چھِ وُنہٕ ژاٹہٕ کوٚٹھ گرِتھے، چھُ غلط۔ پزر چھُ یِ زِ سون تنقید چھُ پرٛژھ رَچھِ وُن تہٕ رچھنأوی۔ ظوٗنس سنہٕ وِنٛن کنڈبن چھُنہٕ اسہِ سنٛن خوے مُدی ین شیٛہلتھ بخشأوی گولاب وُتھرن چھِ ہلمن بران۔

آتش تہٕ چھُ یہے وطیرِ، کأشُر کتاب۔ کأشُرِ تمدنک رنگہٕ وُلی زأنی گنٛج۔ عأرف کأشُرِ زبأنی ہُنٛد ژُکھی در۔ کأملنہِ لہجہِ ہُنٛدۍ موٚدُر اقرار تہٕ پروفیسر مرغوب بانہألی سنٛگِستانک جوہر، مقالن منٛز ورتأوِتھ ادیب دوستی فرض نکھٕ والان۔

سرمایہٕ تہٕ سام کتابہِ منز چھ اکھ اہم تہٕ منفرد مقالہٕ مہجورنہٕ شأعری منز نِسوأنی جذبن ہنز ترجمأنی۔ آتش صأبُن ورتاونہٕ آمُت تقابلی رٔوی یہِ تہٕ ظوٗنہٕ زوٗل کرُونن سمأجی تہٕ توأریخی حقیقژن نِسبت گژھ گہلأوی شعوٗر، رِکنہ پییہِ مہجور مرحوم جدلی صوٗرٔژ منز پرٔزناونہٕ۔ تہٕ تمہِ سمأجی طبقُک نمایندٕ فنکار گنٛزراونہٕ یُس زمان و مکان کیو تبدیلیَو تہٕ انقلابو پتہٕ تہِ پرٔزنتھ ہیوٚک نہٕ پرٔ اُوتھ۔ کأشُر قوم رُوٗ دوأنٛسہٕ وادَو پیٹھٕ سیأسی، سمأجی، مأدی، ثقافتی تہٕ نفسیأتی سوٚتھرِس پیٹھ غولأمی ہنٛزن زنجیٖرن منز گرفتار بے بسی ہنٛز زندگی گذاران۔ کأشرِ زنانہِ پیوٚ ویہِ زیادَے ژألُن۔ جأگیر دأری تہٕ تفاوت زد سماجس منز چھِ أتھی طبقس ظوٗنہٕ ڈٔلی متہِ جنسی استحصالُک شکار سپدُن پیوٚمُت، گرِ تہٕ بے بس تہٕ پرِ تہٕ، بے ہیم ہنتھ۔

شاعرِ کشمیر مہجور چھ گوڈنیُک تخلیقی ول تھاون وول کأشُر، یٚمی أمِس کأشرِ زنانہِ خوددأری تہٕ حبسہِ آگہی خأطرِ تأریخ پھاپھلو وُمت سوچ فنکارانہٕ اظہارُک گہنہٕ بنوو۔ آتش صأبن چھِ مہجور مرحوم سٕندِس اتھ اپروچس طوٗمار کران یتھ پزرس واش کڈان زِ مہجورن ورتأونہٕ بدنن تہٕ خوبصورتی متعلق شعر لیکھان ترٛٹھ زبان یوسہٕ دزٕ وکھ انہِ یا بازٕری آسہٕ۔ یہنٛدِ ونُک مطلب چھ زِ یوسہٕ زبان تہٕ اظہارٕأتی نفسیات غلام اوس بناونہٕ آمُت چھ، سہٕ سپدٕ یہنٛدِ رٔوی یہِ آزاد۔ تمی

ژٲنِژ مورۄضی ضرۄرت، ارضی انفرأدیت تہٕ طبقن ہٕنز پٹھاوٕلی کیفیت۔ یہِ چھُ نوِ اندازٕ فنِ اظہار پرکھاوٕنچ جدلی کوٗشش۔

سرمایہٕ تہٕ سام کتاب چھےٚ بے شک اکھ توأریخی دستاویز، یُس باسہٕ ناوان چھُ زِ زِندٕ تہٕ جبرۄت بۆرُت ادب تہٕ شأعری تخلیق کٔرِتھ چھُ کأشُر تخلیق کار زمان ومکانن ہُنٛد فہم تھاونس منٛز کامیاب اوسمُت، از تہٕ چھُ۔ اتھ منٛز سأری مقالہٕ چھِ دلچسپ تہٕ افأدیت تھاوان۔ خاص کر کأشرِ بن سکالرن تہٕ توأریخ لیکھن والین خأطرٕ۔ آتش صأب ہِو بن مُحقِقن تہٕ تخلیق کارن ہٕنٛدِ تجرُبہٕ، تحقیق تہٕ تجزِیےَ چھِ سو اَرزتھ یُس قومی، ثقافتی تہٕ تہذیبی زِندگی ہُنٛد کاروان وتہٕ پَچھأنی تہٕ شناخت کہِ تحفظٕ خأطرٕ پانس نِش رٔژھرأوِتھ تھاوِ۔



ہریومُت وُٗجھرزَن پۆت ہرُد نیرِتھ
بڈِتھ ما چھُس ہربکان پھیرِتھ تہٕ تھوٗرِتھ
کلس پیٹھ کوہ ہوان اوُسس تہٕ کھوژان
برُنژاہ پھرا پِتا لوکچارٕ پھیرِتھ
(غلام نبی آتش)

بشیر چراغ

# سرمایہِ تہٕ سام

تحقیق چُھ اکھ مشکل تہٕ کرٕیوٗٹھ کار۔ یہِ چھ بیٚین ادبی صِنفن تہٕ دوٗیمو فنو نِشہِ واراہ مختلف۔ امہِ خاطرٕ چھ قلمکارس وسیع مطالعہٕ، سوٗن مشاہدٕ، توارٟخ، تمدُن تہٕ مختلف موضوٗعن تہٕ فنن ہنٛز زبر پارزان ستہٕ ستی کوٗھنبن ہُنٛد ہوش تہٕ اچھن ہُنٛد گاش راورُن پیوان۔ یُتےٚ نہٕ بلکہِ چھ امہِ خاطرٕ پنُن وق تہٕ سرمایہِ تام داوس لاگُن پیوان۔ اٚمی عرق ریزی ہُنٛد شوق وذوق چھِ آتش صاٚب کاشرِس ادبس وِزِ وِزِ آیٚت تھاوِتھ۔

''سرمایہِ تہٕ سام'' چھےٚ امہِ رٔنگی آتش صاٚبنہِ وجوٗدٕچ زان کرناوِتھ باس دِوان۔ اتھ سوٗمبرنہِ منٛز تحقیق کٔری متٲمن مختلف مضموٗنن کہوٚچہِ کھالتھ چھِ تخلیق کار پنُن پتھ کال زانتھ تہٕ پچھانتھ پننہٕ تہذیبی تہٕ ثقافتی زِندگی شیرنک تہٕ پارنک، رچھنُک تہٕ رٔژھراوُنک ناو تہذیبی دہانن پُشران۔ امہِ رنگہِ ہرگاہ غلام نبی آتش پایہِ بوڈ محقق تصوٗر کرہون غلط گژھ نہٕ۔ دردست سوٗمبرن چھےٚ امی سِلسلٕچ اکھ کٔڑی۔ یتھ منٛز مختلف آگرن ہُنٛد حوالہِ دِتھ تحریر کٔری متٲمن مختلف موضوٗعن چھانٛنی دِتھ توارٟخی نوقطۂ نظرٕ کنہٕ اکھ وکھرٕ رنگ تہٕ استحکام ڈنجہِ تھاونہٕ آمُت چھ۔ سُہ چاہے کاشرِ معراج ناٗمکی بِسیار پاسل

کمالاتن، مُعجزاتن تہٕ وصفن ہُند ذِکرِ خیر آسہِ یاحضٔ شیخ العالمؒ سِندِ کاشرِ تمدُن کہِ بالہِ ہزاُری مقالن ہِنٛدی لۄبہٕ وِنی اصۄل آسن۔ یِم ساٲری معاملہِ چھِ سۄمبرنہِ منز وسیع مطالعہٕ تہٕ تجزیہ چہِ بُنیاٛذ پیٹھ حسبِ ضرۄرت زِندگی ہِنٛدی اصۄل تہٕ وطیرٕ کھرِ کرانہِ۔ یِم أکس قارِیَس علمی اوبر تہٕ گوبر ہیتھ فکرِ ہِنٛدِ وُڈوُٹھ ژُلراوان چھِ۔

تحقیقی تہٕ تنقیدی زاُوِچارن تہٕ امہِ کِنہٕ پاسل نٔتیجن نِوسرِ سام ہیٛنہٕ باپتھ چھےٚ کاشرِ ادبہ کِنہٕ نَو آموز ادیبن " سرمایہ تہٕ سام" تمہِ آیہِ وِوتشاونس منز زیرِ دِوان زِ تمن محققن تہٕ ناُقِدن ماپیٛیہِ تخلیقی اعتبارٕ خۄبیہ تہٕ خاٲمِیَن نسبت وشفہِ رٕنٛگی تیٛہن منساُوِتھ یٔہے رٕژ وَتھ اختیار کرِنی۔ یہِ زن یٛیمہِ کتابہِ ہِنٛدِ اظہاٲری نفاست پسندی ہُند تقاضہٕ بنان چُھ۔ یٛیمہِ کِنہٕ یہِ سۄمبرن پتھن قارِیَن مس کھاٲسی بٕرِتھ پزٕرُک ذہنی ماحول پاٲدِ کرِتھ کاشرِچ علمی وبٔژھے دۄرکرنس منز درِ دست نادلایان چھےٚ۔ یہِ زن کاشرِ زباٲنی تہٕ ادبس اکھ تھسکُن لایق دیٚت چُھ۔ امہِ قِسمہٕ چہِ علمی کتابہٕ چھےٚ واقعی کاشرِس علم وادبس منز اکھ مولُل ہُربر۔ اتھ منز چھِ بڈہن کیٛو لوکٹن پُرمغز تہٕ معنہِ ساُوی تحقیقن ہِنٛدی کُہِ یا مضمۄن یِمن منز گوڈٕ کال کِنہٕ کاشرِ ادبی اکابرن ہنٛز ادبی حیثیت تہٕ تہنٛدی تہذیبی شعۄرٕکی انہار گھوچہِ کھاٲرِتھ کیٛشرن عاٲلِمن، ریٛشن تہٕ معتبر شخصیٛژن ہِنٛدی حالات وواقعات ننان چھِ۔ یِمن منز لسہِ خان فدا، عبدالاحد آزاد، مقبول امرتسری، مہجور، مرزا غلام حسن بیگ عارف،

امین کائمل یا کہِ پروفیسر مرغوب بانہالی صائبس ہوبن قائبلِ قدر ادیب تہٕ شاعرن ہنٛزِ زندگی تہٕ فنس متعلق وبستارٕ سان مولانکوَن سپز مٕژ۔ نیز تہنٛدی ادبی گوشہِ سبٹھاہ نرمی تہٕ نزاکت سان پھرنہٕ آمتۍ۔ یِم ساری تحقیق و تنقیدی مضموٗن چھِ سائنس علمی نثرس زبر اضافہٕ کرنس منٛز اکہِ مولل گنجینہٕ انسانی روٗحس شرافت، طراوت، لذت تہٕ شائستگی عطا کران۔

"سرمایہِ تہٕ سام" چھےٚ سائنس کلُہم کاشرِس ادبس منٛز جمالیاتی قدرن ہُند شعوٗر بوٚ رُت نبرل تہٕ باشہِ کرٕوٗن فنی اظہار بدس تھاوان۔ پرٛتھ کُنہِ مضموٗنس منٛز چھِ یہِ ڈٲپِز تہِ موسمن تہٕ قُدرت کمہِ رنگابرٛنگی تبدیلین ہنٛدِ احساسُک شش کل گیان سولبہٕ سولبہٕ پرٛیڈان۔ پرٛتھ مضموٗنس چھُ رہنُمائی تہٕ رہبری ہنٛدِ ادبُک اکھ پوشہِ وُن پزرتہٕ دیُت۔ یِم سائنس کلُہم ادبی سرمایس نوبن آشن تہٕ حقیقتن ہنٛدی خاب وونٛس منٛز پیش پیش لبنہٕ یِوان چھِ۔ پرٛتھ مضموٗنس منٛز چھِ مختلف واقعاتن ہنٛزِ روشنی منٛز یِہنٛدی مختلف ادبی زاوِ جار ابساونہٕ آمتۍ۔ یِیمہِ ستۍ یِہنٛزِ زندگی ستۍ وابستہٕ اصل حقائق برٛونٹھ کُن آمتۍ چھِ۔ آتش صابُن ادبی تحقیقُک سرمایہِ چھُ واقعی سائنٹفِک بُنیادٕ پیٹھ۔ یِیلہِ زن کاشرِ زبانۍ تہٕ ادبس منٛز تحقیق پننو انفرادی کوٗششو ستۍ توٗژھ تہٕ توانگرِ موجوٗب محقق تہِ لِکھاری مختلف دورن منٛز برابر زِکھ زِکھ دِوان روٗدی۔ حالانکہِ یہِ عمل چھےٚ وُنہِ تہِ جاری تہٕ ساری۔ وجہ چھُ یی زِ کاشرِ ادبُچ اصل کأم روٗز اڈٕلیچ، ناقص تہٕ کمزور۔ یِیمہِ کنۍ یہِ فن غار

سائنٹِفک تہٕ اصل محققانہٕ شوٗدِ بوٗدِ نِش خٲلی روٗز۔

''سرمایہِ تہٕ سام'' چھےٚ یِمن تذکرن تہٕ حالاتن نِش بلکُل مختلف۔ اتھ منز ظٲہر موجوٗد موادس منز چھِ تواریخ عمل تہٕ کارفرما تنقیدٕچ بُنیاد تہٕ تواریخی مُسودٕ ستی اصل شوٗدِ بوٗدِ ہٕنز باوتھ کران۔ حضٕ شیخ ؒ سٕنز زِندگی ہٕندی حالات تہٕ واقعات چھِ تواریخی انہاروٕ کنی عام انسان سٕندی وتہٕ پٕدی شیران۔ تِتھےٚ پٲٹھی ''گوٗ وگوٗرس ژاٹھا ژوٗروٗ'' چھُ علمی طور کلھم ریٚشٕت تہٕ سأنی ریٚش بأوِتھ تفصیل سان تحقیقی شوٗدِ بوٗدِ ہُند ثبوت پیش کران۔ یتھ تحقیقی میزانوٕ کنی تم سأری انہار درٕینٹھی یِوان چھِ۔ یِم امہِ برٕونٹھی مہِ کتھ تذکرن منز باونہٕ باوجوٗد آتش صأبنہِ باوِتس منز تفصیلہٕ سان تحقیقی شعورُک زیادٕ پہن اعتماد پأدٕ کران چھُ۔

امہِ کوٗششہِ چھِ سانہِ کلھم تحقیقی تہٕ تنقیدی نٔہجہِ نثری مأدانس منز باضأبطہٕ پأٹھی پنٕنی اصل موٗل ڈأ کھراوِنی ہیٚتیٕ متی۔ یُہ پرٕتھ موضوٗعس عسبت سبٹھاہ سنجیدگی سان سوچنٕچ تہٕ بے پناہ لگاونٕچ عمل تیز گرہٕ چھےٚ۔ یِیلہِ زن وٕنی صحیح پأٹھی کأشرِس نثری ادبس منز تہٕ یورپی لِکھارین ہٕندی پأٹھی سانین مُحقِقن منز تہٕ تحقیقس تہٕ تنقیدی جأیِزن منز اکھ نوٚو ماحول پأدٕ سپدُن ہیوٚتُن۔ یُس اکھ خوش آیند قدم چھُ۔ یِیمہِ باپتھ غلام نبی آتش صأب صد مبارکٕکی حق دار بنان چھِ۔ یِم کأشرِس ادبس منز گنہٕ تہٕ زأنی باپتھ آویز چھِنہٕ۔



سید رسول پونپر

# کأشِر لکہٕ شأعری

''کأشِر لکہٕ شأعری وکھنَے تہ وبڑھنَے'' چھےٚ کأشرِ زبأنۍ ہنٛدِس معروف شأعر، نقاد، ترجمہٕ کار، محقق تہٕ مأہرِ تعلیم ووستاد غلام نبی آتش سنٛز تازٕ تحقیقی مقالہٕ سومبرن یوسہٕ تٕمۍ ڈیکہٕ بجہٕ جنتی ماجہِ، جنت دیٚدِ، تھزَن انسأنی قدرن ہنٛدِس علمبردار کأشرِس سماجس تہٕ پگاہکبن کأشرِ تہذیب تہٕ اَدب کبن محققن ہنٛدِ ناوٕ بجا طور وٕژھ وأنی جہِ نذر چھےٚ کرٕمٕژ۔

پُشکن سنٛزن نظمن ترجمہٕ کرنس پیٹھ چھس شیام لال پردیسی یَس سٕتی رٔلتھ سوویت لینڈ نہرو ایوارڈ ۱۹۸۲ء تٕو رمُت تہٕ ضلعہٕ سٕو تریک بہترین اُستاد ایوارڈ ۲۰۰۵ء چھُس ریاستی حکومتہٕ کہِ طرفہٕ دِنہٕ آمُت۔ ایم۔اے۔بی۔ایڈ پٕو رمُت، یہ دگدارتہٕ دردمند ووستاد گٕو وٕژیجہن وٕرین محکمہٕ تعلیمس منٛز کأم کٔرِتھ اپریل ۲۰۰۷ء کیٚت رِٹأر۔ ازکل تہِ چھُ ورگہٕ پأٹھی تعلیمہِ سٕتی وابستہٕ آسنس علاوٕ کأشرزبأنۍ تہٕ ادبس پوچھر دِنچہٕ تہٕ اَمیُک شعری نثری کیو ثقافتی سرمایہٕ وٕزراونس سٕتی آوٕر۔

زیرِ نظر مضموٗنہٕ سۆمبرنہِ منٛز چھِ نوٚمن عنوانن تحت مقالہٕ:

۱۔ لُکہٕ بأتھ
۲۔ دُنیاہس ینگ شأدیانہٕ تہٕ بُرزِ میٚچہِ ہندی بأتھ
۳۔ منزٕلی بأتھ
۴۔ شُری بأتھ
۵۔ ہِکچہِ بأتھ تہٕ روٚو
۶۔ کامین کارن ہٕندی لُکہٕ بأتھ۔
۷۔ ننٛدٕ بأتھ۔
۸۔ بڈ ہن دوہن ہٕندی لُکہٕ بأتھ۔
۹۔ وَنہٕ وُن: سماجی زندگی ہُنٛد اٙنہٕ۔
۱۰۔ ونہٕ وُن: بےٚ پھرٕ وک اظہارُک وسیلہ۔
۱۱۔ بٹہٕ وَنہٕ وُن تہٕ میکھلہِ بأتھ۔
۱۲۔ نیری بأتھ۔
۱۳۔ لُکہٕ شأعری منٛز اَسُن تہٕ اَسناوُن۔
۱۴۔ کأشر لُکہٕ شأعری منٛز سمأجی تبدیلین ہُنٛد عکس۔
۱۵۔ اَکھ لُکہٕ بأتھ پانٛژھ اُسطور۔
۱۶۔ لۄسیٚ متی کردار۔
۱۷۔ شیر سنگھُن دزاگ۔

ئنی کتھاہ چھےٚ زِ آتش صأبنۍ یہِ تاز کوٗشش چھےٚ ژھوٚٹۍ پأٹھۍ مگر ژُکہِ تہٕ سنجیدگی سان کأشرِ ''لُکہٕ رس' چہٕ لُکہٕ شأعری ہٕندۍ انہار زأوی جارتہ وبھرٛار خاصہٕ پأٹھۍ وٕزراوان تہٕ ووکھناوان۔ کأشر لُکہٕ شأعری چھےٚ اَتھ موضوعس پیٹھ انفرأدی سوٗتھرس پیٹھ از تاچ وأحد مربوط کوٗشش۔ یہِ تہٕ باقی أہنز اَمی گاچہٕ ہنز ترتیب دِژہٕ یا تصنیف کرِمژہٕ کتابہٕ پرِتھ چھُ یہِ پزرٹاکارٕ پأٹھۍ بروٚنٹھ کُن یوان زِ اللہ تعالاہن چھُ آتش صأبس کأشرِ زبأنی تہٕ ادبس تھکہٕ روٗس خدمت کرنُک بے پناہ توفیق عطا کوٗرمُت تہٕ سُہ چھُ اکہِ رنگہٕ نہٕ بییہِ رنگہٕ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ معنہِ بُرژ کأم کران روزان۔ تٔمۍ سُنٛد شودِ مَنہٕ کأم کرنُک جذبہٕ، تٔمۍ سٕنز سادِگی، انکسأری، لیزمی تہٕ شُکر انہ بوٚرُت مواد ورتاو چھُ اَکھ مثال۔ آتش صأبس چھُنہٕ خبر کیازِ اورکُن ظوٗن گوٚمُت زِ نیری بأتن تحت گرٛۍ اکھ زٕ مقالہٕ گوجری تہٕ پہأڑی لوک گیتن تہٕ کأشرٕ بن نیری بأتن ہُنٛد اکھ تقابلی جأیزٕ تہِ یتھ زیرِنظر سومبرِنی شوبرأ وِتھ آسنۍ۔ تکیازِ لسأنی طور کم کاسہٕ دور أستھ تہِ چھ یمہٕ لسأنی اِکأیہِ، سانہِ مُشترکہٕ ثقافژ واریاہ قریب۔ انسان چُھ اللہ تعالاہن جذبأتی سوٗترس پیٹھ اَکی اُڈرِنی ہُنٛد بنوومُت چاہے سُہ کُنہِ تہٕ پھرٛال یا پارِ جازٕمینہِ ژکلُک روزن وول أسی تن۔ تابحال ہے اَسہِ سارِنے ارضی جنّت زٕمینہِ چھل کوچھِ للہٕ وان چھےٚ۔

فوک لور (Folk lore) موٹِف (Motif) لِسانی فوسلز (Linguistic fossils) بدلہٕ چھُس بہٕ سٹھٕے اَدبہٕ سان، لوکہٕ رَس یُس پروفیسر حاجنی صابن ئرِتھ تہٕ سوچِتھ پیٚژ رس چھُ لوگمُت تجویز کران۔ تِتھے کُنہٕ چھُ باقی دون اصطلاحن ہنٛدِ باپتھ لفظی پیکر ذہنی (تصوری) پیکر تہٕ وَٹہٕ شبد مےٚ مُنأسب باسان۔ یمن متلق زأوی جارَن دَل دِنس یتھٕن باہے چھُنہٕ۔

آتش صأبنہٕ یہ خاصہٕ مقالہ سومبرن چھےٚ رَنگہٕ رَنگہٕ مأری مُنز اُسلوٗب دِل نوٗن، رَسدار، سرتازٕ تہٕ ساہٕ روار، مواد ژأرلوٗبہٕ وِنی تہٕ وَبہٕ وِنی، پیش کأری تہٕ ترتیب برمحل، ژھوٗٹ تہٕ موٚٹ ساد تہٕ سہل یمہٕ رِکس گُناہس اکھ عام کأشرقأری تہٕ وأتتھ ہیکہٕ۔ آتش صأبُن کتھ وَننُک اندازٕ چھُ وَرٕ وَلہٕ ورأے سیوٚد ساد عام وَرتاو زبأنی نکھ۔ سُہ چھُنہٕ پرہٕ تراوان بلکہٕ لوتہٕ وأے دِلس تُرِتھ گژھہٕ وِنہٕ انمانہٕ لوٚت پأٹھی کأشرِ قدیم عظیم تہٕ ڈُکھی جل تہذیبچہ مہرینہٕ ہنٛد بُتھِ پیٚٹھ نقاب (مُہر) تُلان۔ وچھوَے تہٕ کأشر لُکہٕ شأعری چھےٚ کُلہم پأٹھی اَکھ انتخاب مگر اُتھ منٛز تہٕ ہیکوبےٚ وابہٕ پأٹھی کینژن مضموٗنن حاصِل کتاب وٕنتھ۔ یِژھن کوٗششن منٛز چھ لُکہٕ بأتھ، وَنہٕ وُن سماجی زندگی ہُنٛد اَنہٕ، اکھ لُکہٕ بأتھ، پانژھ اُسطوٗر، لوٗسیٛتی کردار (آسُن گوٗژھ تارکھ) تہٕ شیر سنگھُن دژاگ بیترٕ

آتش صائبس چھُ ہتھ ہتھ شابش زِ تٔمی چھُ کائشرِ تہذیبک، اَدبک تہٕ زبأنی ہُنٛد مۆلہِ انہار رٔژھرتھ تھٔوی مٕتۍ ۔ بڈ کتھ چھےٚ یہِ زِ یم پُر مغز مقالہٕ تہٕ فکر انگیز مقالہٕ یکوٹہٕ سومبرِتھ حوصلہٕ شکن ماحولس منٛز تہٕ چھاپ کرٕنی چھ بے پنا صبرٕ تہٕ استقامت منٛگان یم صفت آتش صائبس خداین تورے عطا چھِ کرٕ مٕتۍ یمہِ کنٛز نہٕ تٔمی یہِ کتاب ترتیب دِوان زَڈنکھ ہٕ چھےٚ وأجہٕ۔ اَکھ کتھ پۆتس زِ اکھ لُکہٕ بأتھ، پانژھ اُسطور لیکھن وِزِ گوٚژھ آرٕ مُلہِ کِس کبیر میرُن زِنی مزوٗرتہِ اَتھ منٛز شامل آسُن۔ مےٚ چھُ سُہ لوکچارس ننہٕ کالس واریاہہِ لٹہِ بوزمُت۔ تمہِ ”پد“ طرز بأتک ووج مِصر چھُ۔

ہے وِیسی ڈٔزمےٚ نارےٚ وَس

”یہ داستان چھےٚ عبدالغنی ترألی تہٕ ریڈیو باپتھ گوٚتھ تھأوٕ مٕژ۔ اُنکہِ وَن‘ ناوی کتابہِ ہَن چھےٚ سورگواس موتی لال ساقی ین کرتام چھاپ کرٕ مٕژ۔ رتن لال تلاشی یَس تہٕ پزٕ ہے نہٕ امی ناوٕ کتاب چھاپٕنی۔ انسأنی زندگی چھےٚ اُسطورٕ وے ستۍ ڈٕلتھ تہٕ تہٕ اُسطورنے پیٹھ ڈٕرِتھ تہِ ۔ یہِ چھےٚ مُبارک کتھ آتش صائبَن چھُ بر پور اندازٕ اَمہِ حوالہٕ کائشرِ لُکہٕ شأعری کُن سون توجہ پھِیرمُت یوسہٕ سانہِ اجتمأعی گاٹہٕ جارُک اُنہٕ تہِ چھےٚ تہٕ محأفظ تہٕ یتھ منٛز لوک تخلیق کأری ہِنٛدی بہترین نموٗنہٕ سأنی دِلہٕ دُبرا یہ یتھ اَسہِ زندہ تھأوِتھ چھ تہٕ پایندہ تہٕ۔

یٔزمن بأیے مالٕنین اویے زأوجہِ لٹھ پرٕژ بٹھ درویے



کورِ مول دِوان ہیٚر بون وٚون یے

گوٚبرٕ مول دژاو لَرِ گٔن یے دِتھ



کوٗلن پھٕلی کولہٕ دَرٕ وَنَن چھانچھِ ٹری یے

مانچھ ٹٕری یے روچھ ہے اوے



لوہُوری طوطو کأشری ہأری

توہہِ دون کتہِ گٔے یأری یے

کأشِر لُکہٕ شأعری چھےٚ کأشرِس ادبس مٔنز اکھ زبرٔوین بُرژ ریہہِ پٔزٕ کأشُر ادب تہٕ تہذیب کٔمِن لولہٕ والین ژٔلی ہیتھ پرٕنی۔

یٕتہِ دِژ کونگہٕ موٚنڈ تتہِ نو تچھزے

کوٗر ہورٕ چھی زبن لوکہٕ ہُنٛد مال

وَن گیالیس دون گولابن

زَن گٔیالیس مالہِ نُے

کمپوزنگ تہٕ چھپأے چھس سبٹھاہ زبر۔ صفحہ چھِس تقریباً ڈاے ہتھ۔ ترٛبن ۂتن چھنہٕ دروٗج۔



ناجی منوّر

# کأشرِ لُکہٕ شأعری

کأشرِ لُکہٕ شأعری چھ ناو غلام نبی آتش صأبنہِ تتھ مأری منٛزِ کتابہِ یوس اَتھ سلسلس منٛز تہنٛز تازٕ ترین پیش کش چھےٚ۔ امہِ بروٗنٛہہ تہٕ چھےٚ تمو لُکہٕ ادب بأتھ کیٛو کتھ وأراہ جلد ترتیب دِتھ لُکہٕ وٚترتہٕ وراثت رٕژھراونس منٛز تھکہٕ رٚوس کأم کٔرمٕژ تہٕ مےٚ چھُنہٕ یہٕ کتھ ونٕنس منٛز کانٛہہ تھوتھ باسان زِ آتش صأب چھےٚ تمو کرٕژو تام لُکہٕ وٚتری مأہرو منٛز اَکھ یمو کٔشیرِ ہُنٛد تہذیبی پتھ کال پرٕزنأوِتھ اَسہِ بروٛنٹھ کُن اوٛن۔ کأشر لُکہٕ شأعری سوٚمبرن چھےٚ تمن سداہن مقالن پیٹھ مشتمل، یِم صاحبِ کتابن وِزِوِزِ لیکھیٕمٕتی چھےٚ تہٕ شوٗبہِ دار طریقہٕ کتأبی صورت دِنٕس منٛز یوٚ دوٚے سأنٛس رفیق شہزادہ رفیق سُنٛد تہٕ اتھہٕ چھُس تاہم لُکہٕ وٚتر کِس سٔدرس منٛز ڈُنگہٕ دِتھ لعلہٕ ہلم کھالن وول چھُ پانے غلام نبی آتش۔

''فوک لور'' یتھ لُکہٕ وٚتر کأشری پأٹھی وَنُن مناسب روزِ چھُ کُنہِ قومُک سُہ تہذیبی خزانہٕ یمہِ ستی تمہِ قوٗمٕچ شناخت باقے چھےٚ روزان تہٕ وُنی کِنہ کِس تہذیبن ہِنٛدس ٹکراوس منٛز اگر نہٕ یہٕ خزانہٕ رٕژھراوِتھ

ییہِ تھاوِنہٕ قومن گژھہِ سوے بأش یوس براعظم امریکہ کیٚن تمن قومن گٔمژ چھ یم تتِکۍ بڈأتی بسکیٖن تہٕ مألکھ أسی، یم ووٚنۍ زٕ ژور ہتھ ؤری گنذرِتھ پننہٕ نہِ تہذیبکۍ آثارٕنۍ کڈٕنکۍ ژھل بل چھِ کران۔ یمہٕ پننہٕ نٮ۪ن جدن اجدادن ہنٛدۍ تم لفظ أچھ دأدی لدن ہنٛدۍ پأٹھۍ ژھاران چھِ یم تم کرتام بولان أسی۔ اَسہِ کأشرِ بن پزِ شُکر کرن زِ أسی چھِ وُنہِ تتھ دشایہ منٛز ییٚلہِ أسی پٔنٕن سٕہ تہذیبی پتھ کال محفوظ ہکو تھأوِتھ۔

کأشرس منٛز چھِ اکھ مقبوٗل عام کتھ ہن زٕ ری بوز باہہِ وُہری بڈشاہ مۄد۔ وقتن فوقتن پڑتھ کأشرِ ہنٛزِ زبأنی پیٚٹھ کھسان۔ بے خبری ہنٛدِس عالمس منٛز رۄزِتھ اگر کانٛہہ شخص گُنہِ اہم کتھ کن ژٕیری توجہ کرِ، تمہِ ساتہٕ چھِ یہ گنڈتی بولنہٕ یوان۔ اگر اَتھ مثالہِ کُن ذرا سٕنتھ توجہ دِنہٕ ییہِ۔ یہِ چھ اَسہِ برونٹھ کُن اَکھ توأریخ انان۔ زین العابدین بڈشاہ چھُ کأشرِ بن ہُنٛد ٹوٹھ بادشاہ اوسمُت۔ تمۍ ہنٛدِ مرنک واقہٕ چھ بوٚڈ بارٕ سانحہ اوسمُت یُس پڑتھ کانٛسہِ کأشرِ محسوس چھُ کوٚرمُت تہٕ بچارٕ دۄرپیٚمۍ تِس زٕرِس ییٚلہِ باہہِ وُہری اَمہِ سانحہٕچ خبر لٕج تمِس آیہِ ٹأنہٕ ژٕنہٕ تہٕ از وأرِتس شۍ سَتھ ہتھ ؤری پھوتہٕ ووتھان۔ اوے تہٕ چھِ فوک لورِ کۍ مأہرونان زِ شاہن تہٕ شنہشاہن ہنٛدۍ واقعات ہکو أسی توأریخی کتابن منٛز ژھأرِتھ مگر لۄکن ہُنٛد لسُن بسُن تہُنٛد کھیٚن چیٚن تہٕ سورُے تہذیب چھُ تمہِ وقتہٕ چیٚن گنڈتی ین، محاورن، کتھن تہٕ نغمن منٛز گُتھ آسان۔ تم لفظ

تہٕ ترکیبہٕ تہٕ چھ فوک لوٗرک حِصہٕ یِموٚ ستیٚ زبان چھ بنان۔ یِم وٚقس ستیٚ ستیٚ زیٛوان، نوان پرِیتھان تہٕ مران چھِ۔ اَسہِ چھُ یتھ کتھ پیٹھ فخر زِ کأشُر زبان چھ فوک لوٗرک بوٚڈ بارٕ سوٚد رمگر اَتھ کُن ظوٗن پھرنُک طور طریقہٕ بخُش اَسہِ یورپی مأہرو۔

آزأدی یعنی ۱۹۴۷ء پتہٕ پیٚتہٕ اأسی کأشرِ زبأنی ہِنٛدِس ووتھہٕ واشرس کُن گوڈنچہ لٹہِ توجہ دِنہٕ لگی، تہٕ ہیوٚتُن پنُن تہذیبی پتھ کال گاشراونُک احساس تہِ گنُن۔ یوٚ تام میأنہِ یاداشک تعلُق چھُ، اَمہِ سلسلُک گوڈنیُک مقالہٕ دڑاو کلچرل کانگرس کِس رسالہٕ کونگ پوشش منز۔ یہِ مقالہٕ اوس سورگوأسی دیناناتھ نأدم صأبن "سون گِندُن دروٗکُن" عنوانس تحت لیوٚکھمُت۔ یہِ مقالہٕ اوس لُکہٕ رِواییٚ زٕ ژھراونس کُن ظوٗن پھرٕنچ گوڈنچ کوٗشش۔ کلچرل کانگرس کہِ زوالہٕ پتہٕ بنیوو کشیرِ منز تہذیبی سرگرمِین ہُنٛد مرکز گورنمنٹ پریس بلڈنگ منز تعمیر رسالُک دفتر۔ پیٚتہٕ مرحوم شمیم احمد شمیم تہٕ جناب محمد یوسف ٹینگ ہٕنز شخصیژ جادٕ ےپُرکشش آسہِ۔ نوم حرف لیکھن وألی چھ یِمنے ستیٚ رابندرناتھ ٹیگور نہِ گاچِہ شخص دِویندر ستیارتھی، لُکہٕ بأتن ہنز اأہمیژ پیٹھ کتھ باتھ کران وُچھمُت۔ یہِ شخص اوس ہندوستان چِن واریاہن زبانن ہِنٛدی لُکہٕ بأتھ سوٚمبرأوِتھ امی مقصدٕ باپتھ کشیرِ ووتمُت۔ مگر پیٚتہٕ کِہن ہنز بے اعتنأیی وُچھِتھ اوس شاید مویوس گومُت دراونہٕ زاہ نوٚن۔ دِوندر

ستیارتھی تہٕ ٹینگ صاٖنہٕ کتھ باتھ بوزِتھ تہٕ ناٲدم صاٲبن مقالہٕ پٔرِتھ یُس عرفان مےٚ حاصل سپُد، مےٚ ہیٚتِ کٲشرِ ہنٛدی لُکہٕ بٲتھ سومبراونۍ تہٕ یِمن دِتۍ مےٚ گوڈنچہِ وِزِ عنوان۔ پہلی بٲتھ۔ Arcation Songs۔ لڈی شاہ، نینٛدٕ بٲتھ، چھکرِ بٲتھ، شُربن ہنٛدی بٲتھ پرٛژھ بیترِ گئے گوڈنچہِ وِزِ اکھ سومبرن تیار، یتھ ٲسۍ سورگواٗسۍ موتی لعل ساقی سُنٛد سوٚمبرومُت ونہٕ ۆن یوٚڈ حصہٕ اوس تہٕ مرحوم علی محمد لون نہٕ ترتیب ٲسۍ گوٚو پتہٕ کلچرل اکادمی وجودس یتھ شایہٕ۔

یہ کتھ چھ پھرِنۍ لایق زِ کاٗشرِ لُکہٕ بٲتھ گوڈنیُک جلد نیرنہٕ بروٗنہہ لیوٚکھ مےٚ 'کشمیر کی لوک شاعری' عنوانس تحت اکھ مقالہٕ، ٹینگ صاٲب نی رہنماٲیی منٛز تہٕ یتھ پتھ یہ واریاہ محنت کرٕنووٕنس، یُس شیرازہ اُردو کِس ژوٗرِمس شمارس منٛز شایع سپُد۔ شاید آو یہ مقالہٕ تیوٗت پسند کرنہٕ زِ یتہٕ کبو کینٛژ واخبارو کریو ٲسہ شیرازٕ کہِ شکریہ سان نقل تہِ۔

یہ اوس کاٗشرین لُکہٕ بٲتن ہُنٛد تحقیق تہٕ بلاشک ابتداٲیی دورتہٕ یتھ کتھِ پتھ چھ مےٚ انتہاٲیی خوٚشی زِ اَتھ ماٗدانس منٛز کاٗم کرن والین ہُنٛد اکھ کارواں آو پتہٕ بروٗنہہ گُن یِمن منٛز غلام نبی آتش میرِ کاروان بنیٚیہِ۔ یِمو دِتۍ لُکہٕ بٲتن ہنٛدی واریاہ جلد ترتیب۔ یِم ترتیب دِنۍ تہٕ یِمو منٛزٕ نتیجہِ اخذ کرٕنۍ چھ اکھ زیوٗٹھ تہٕ کروٗٹھ علمہٕ ماٗدان۔ کاٗشرِ لُکہٕ شاعری کتاب بروٗنٹھ گُن یتھ چھ آتش صاٲب نِس محنتس تہٕ حبس آگہی

لأزمن داد پوان دِیُن ۔ لکہٕ شاعری متعلق یہُند یہِ بیان چُھ ہتھ فی صد دُرس۔

''سانٛزِ قدیم ترین لکہٕ بأتھ چھِ وارِ وارٕ راأوِس تل گمتیٚ یوٚت زِ ریاستی کلچرل اکادمی ہٕندِ طرفہٕ شایع کرنہٕ آمژن لکہٕ بأتن ہٕنزن الہٕ پلہٕ کاہن سومبرنن ہُنٛد مواد برونٛٹھ کنہِ أستھ تہٕ ہیچ نہٕ سانبن لکہٕ بأتن ہنٛز دور بندی ممکن سپدِ تھ''۔

تہُنٛد یہِ وَنُن تہِ چُھ صحیح ''پرأنی بأتھ چھِ نوِ تمدنی یلغارٕ کنٛی موژان تہٕ موٚژِتھ موکلان تہٕ نٔوی بأتھ چھِ زایُن لبان'' مگر میأنِس یتھ سوچس ستیٚ کرِ وتھ اتفاق زِ نٔوس سائنسی تہٕ تعلیم یافتہٕ دورس منٛز اگر لکہٕ بأتھ زایُن لبن تمن ہنٛز تواریخی یا ادبی اہمیت روزِ صفرس برابر۔

فوک لور چھنہٕ چھرا لُکہٕ بأتھ یا لکہٕ کتھہٕ یا ڈٲپتن تہٕ محاورن تام محدٔو د بلکہِ سورُے پیٹھ کالُک گنڈُن دروٚکُن، گنڈتی یہِ تہٕ زبانٕن ہُنٛد اکھ اکھ لفظ چُھ فوک لورس منٛز شأمل تہٕ کُنہِ زبانہِ منٛز یِژاہ وُسعت فوک لورس میسر آسہِ تیژ ڈیکجل ہیکہِ سو زبان أستھ تہٕ یہِ گتھ چھ شکرانس لایق زِ سانہِ زبانہِ چُھ فوک لورُک سُہ سٔدر ڈکھس یِیمہِ کنٛی نہٕ یہِ زبان زاہ ژھو کہِ۔ آتش صأبن چھ کتابہِ ہٕندِس انتسابس منٛز یہِ کتھِ ہن نہایت موٗلج وٗنی مٕژ زِ

''پننہٕ والدین محققن ہٕندِ ناوٕ یہنٛدِ خأطرِ لکہٕ وٗترس متعلق کأم

کرٕنکی بے شُمار موقعہٕ پراران چھِ تکیاز اَتھ وولرس چھُ وُنہٕ وارٕ پأٹھی کھولنٕہ لگہٕ نَے"۔

آتش صأبنہٕ اَتھ کتھِ کرٕ بہ ییٚہٕ ہن تہٕ ہُربرٕ یتھٕہ پأٹھی زِ کٔشیرٕ ہنٛد بن پہلی بأتن چھِ (یِمن یوٗرپی لُکھ Aradian song وَنان چھِ) تیٚژ وُسعت زِ اتھ موضوعس پیٹھ ہیکن کتابہٕ لیکھنہٕ یتھ۔

آتش صأبن چھِ یتھ کتابہِ منٛز لُکہٕ بأتن ہُنٛد سماجیأتی مطالعہٕ پیش کرِتھ پزی یِنہٕ والین محققن ہنٛز کأم وارِیہس حدس تام سہل بنأومٕژ۔ از تام چھنٕہ کأنٛسہِ تہٕ لُکہٕ شاعری ہنٛزن مختلف صِنفن ہُنٛد یتھٕہ پأٹھی سماجیأتی تہٕ تجزیأتی مطالعہٕ پیش کوٚرمُت۔



غلام نبی آتش چھُ کأشرِس لُکہٕ ادبس، لُکہٕ لورس تہٕ پرأنِس کأشرِس ادبس متعلق عٔلمک معتبر مأہر، تیٚمہِ سُنٛد تحقیق کأشرِ بن طالبِ عٔلمن، سکالرن تہٕ محققن ہنٛدِ باپتھ وتہٕ ہاوُک چھُ۔

(پروفیسر شفیع شوق)

غلام نبی خیالؔ

# کأشِر لُکہٕ شأعری

معروف محقّق غلام نبی آتش چھ واریاہ کالہٕ پیٹھٕ کأشرِس ادبس تہٕ ثقافتی خزانس ژھأرتہٕ زول دِنہٕ کِس سِلسلس منز قابِلِ قدر کأم کران۔ تمہٕ سِندین تحقیقی تہٕ تنقیدی مقالن ہنز سۄمبرنہٕ چھےٚ گُنہٕ شکہٕ رۄس تہنٛدِ تحقیقی تہٕ تنقیدی بِترِچہ ثبوت۔ یمہٕ چھےٚ کأشرِ ادبہٕ کِس تحقیق تہٕ تنقیدس منز خاص مقام تھاوان۔

"کأشِر لُکہٕ شأعری" کتابہِ منز درج مختلف مقالن اندر چھ آتش صأبن کأشرِ لُکہٕ وۄترکی مختلف رنگ ویژھناوِمتی۔ تمی چھِ لُکہٕ ووترِ کِس وشال سۄدرس منز ڈُنگ دِتھ واریاہ لعل لٲبِمتی، یِم رأوِس تل أسی۔ سُہ چُھ نسل درنسل وراثتس منز ترٛٲوِمتِس لُکہٕ لورس تاہ تہٕ تریٚہہ دوان تہٕ تجزیہٕ کران۔ آتش صأبس پزِ پنٕنۍ تحقیق جأری تھاوُن، یُس کأشرِ زبأنۍ ہنٛدِس ادبس مالا مال کرِ۔ بے ناوبأتھ ژھأرِتھ محفوظہِ کرِنۍ یا تمن ہنٛدی اصلی تخلیق کار ژھارِنۍ چھےٚ اہم کأم، حتاکہِ ازکل چھِ واریاہ لۄکھ پانس صوفی شأعر وٕنِتھ وِستھ قِسمچ شأعری لیکھان۔ محقق تہٕ نأقدن پزِ

اَتھ دل چھل دیُن۔

آتش سٕنٛز زیرِ نظر کتاب چھےٚ کأشرس ادبس اکھ فأیدٕ مند ہُر برٲے۔

(انگریزی پیٹھٕ ترجمہٕ: ڈاکٹر گُلزار احمد راتھر)



1. Kashir Luka Shairi (Critical articles) by Gh. Nabi Aatash. Reviewer: Gh. Nabi Khayal published in "Voice of Kasmir", Srinagar. Dated. 18-7-2008.

آتش صأبن گرسأرِ ہے وأنسہِ کأشُر لُکہٕ اَدب سومبراوٕنچ، اتھ ترتیبہِ تہٕ تگ دِنٕچ، اتھ سنہٕ نچ تہٕ اَہُچ اہمیت تہٕ افاُدیت زانہٕ نچ تہٕ امیُک شوق عام کرٕنچ فأیدٕ مند تہٕ دِلچسپ کأم۔ تِہنٛزِ تحقیقی کامہِ ہُنٛد شوق چُھ نہٕ تھکہٕ وُن اُسی تھےٚ مگر تِہنٛد تحقیق چُھ معتبر تہٕ۔

(محمد یوسف ٹینگ)

ڈاکٹر گُلزار احمد راتھر

# کأشِر لُکہٕ شأعری

کٔشیٖر چھےٚ فوک لور رٔنگی بختاوار تہٕ ناو دار۔ اَتھ چھُ ساسہٕ واد وٕری پیٹھٕک توأریخ تہٕ اتول بےٚ تول لُکہٕ ادب ڈٕکھِس۔ کأشر لُکہٕ ادب سۆمبراوُنک ڈٕسلابہٕ چھُ یورپی محققو کۆرمُت۔ اَتھ سِلسِلس منٛز چھِ جی ہِنٛٹن نولزن کأشرِ لُکہٕ ڈٕلیلہٕ، محاورٕ تہٕ کہاوٕژ جمع کٔرِتھ "Folk tales of Kashmir" ناوٕ پٔنٕز گوڈنیچ کتاب شایع کٔرمٕژ۔ اَمہِ پتہٕ چھُن کأشرین محاورن، تلمیحن، مثالن تہٕ ڈٕپتین ہنٛز اکھ ڈکشنری "A dictionary of Kashmiri words & sayings" تہٕ شایع کٔرمٕژ۔ کأشُر فوک لور وُچھِتھ چھُ نولزٕ امہِ کِس سرنامس منٛز یِیمہِ کتھِ ہُنٛد اعتراف کران لِکھان زِ شایدے آسہِ دُنیاہس منٛز بییہِ کانٛہہ زبان یتھ منٛز یوتاہ فوک لور آسہِ یوتاہ کأشرِ زبأنۍ منٛز چھُ۔

مقأمی طور وۆتھ کٔشیٖرِ منٛز فوک لور سۆمبراونس تہٕ رٔژھراونس واریاہ ژٕپری دَس۔ اَتھ سِلسِلس منٛز یۆدوے ریاستی کلچرل اکاڈمی پیش پیش روٗز مگر مقأمی اُدیبو تہٕ تحقیق کارن ہنٛز، یِمو اَتھ موضوعس کُن ظون

وِتھ بُنیاؔدی کاؔم کُر، چھِ پزی مِنتھ ۔ ہرگاہ نہ تِم اور گُن توجہ کرہن واریاہ سرمایہ آسہِ ہا ضایہ تہٕ ہایہ گوٗمُت ۔ أدبِن تہٕ محققن ہِنٛدِس اَتھ کاروانس منٛز چھُ غلام نبی آتش نہ صرف شأمِل بلکہِ خاص مقام تھاوان ۔ أمی ہِنٛدی چھِ وُنیُگ تام کأشرِ بن لُکہٕ بأتن ہِنٛدی ترٛے جِلد ، کأشر تلمیح تہٕ کأشرِ بن لُکہٕ کتھن ہِنٛدی اکھ اکھ جِلد کلچرل اکاڈمی شایع کٔری مٕژ ۔ اَمہِ علاوٕ چھےٚ أمِنٛد بن مقالن ہِنٛز زمأرٕ منٛز سوٗمبرنہٕ "کأشر لُکہٕ شأعری: وکھنہ تہٕ ویژھنہ تہٕ کأشر لُکہٕ وٚوتر: تحقیق تہٕ تجزیہ" شایع سپٕز مٕژ ۔ یِمہِ فوک لور کِس تحقیقی مطالعس منٛز میلہِ کنہِ ہِنٛز حیثیت چھ تھاوان ۔ یہِ چھُ شبہٕ زِ یِمہٕ دوشوے چھےٚ کأشرِ زبأنی منٛز پننہِ نۆیتج گوڈنچ تہٕ بےٚ جورٕ کتابہٕ یِم نہ صرف ادبی حلقن منٛز تھیکنہٕ یِینِ بلکہِ سپدِ علمی تہٕ تعلیمی ایوانن منٛز یِمن ہُنٛد چرچہِ تہٕ ستی یہِ یِمن کتابن ہِنٛز ضروٗرت پرٕبتھ جایہِ تہٕ پرٕبتھ مرحلس پیٹھ محسوس کرنہ ۔

کأشر لُکہٕ شأعری چھےٚ ۸/۲۲×۱۸ سایزٕ کِبن کُل ۲۴۳ ہن صفن پیٹھ پھٔہلتھ ۱۸ معنہ سأوی مقالن ہُنٛد داجہِ لوٚنگن یِمن ہِنٛدی ناو ہتھہٕ گٔنی تہٕ یِیمہِ طریقہٕ چھِ ۔ ۱۔ لُکہٕ بأتھ ۔ ۲۔ دُنیاہس پِنگ شأدیانہٕ تہٕ بُرٕ زمیچہٕ ہِنٛدی بأتھ ۔ ۳۔ منٛزلی بأتھ ۔ ۴۔ شُری بأتھ ۔ ۵۔ رٕکچہٕ بأتھ تہٕ رٕوو ۔ ۶۔ کامِہن کارن ہِنٛدی لُکہٕ بأتھ ۔ ۷۔ ننبدٕ بأتھ ۔ ۸۔ بڈ بن دوہن ہِنٛدی لُکہٕ بأتھ ۔ ۹۔ ونہٕ وُن: سمأجی زندگی ہُنٛد أنہ ۔ ۱۰۔ ونہٕ

وُن: بےٚ پھرٕ وک اظہارُک وٕسیلہٕ۔ ۱۱۔ بٹہٕ ونہٕ وُن تہٕ میخلہٕ بأتھ۔
۱۲۔ نیٚرِ بأتھ۔ ۱۳۔ لُکہٕ شأعری منٛز اَسُن تہٕ اسناوُن۔ ۱۴۔ کأشُرِ لُکہٕ
شأعری منٛز سمأجی تبدیلین ہُنٛد عکس۔ ۱۵۔ اکھ لُکہٕ بأتھ پأنٛژ اسطوٗر۔
۱۶۔ لۄسۍ مٕتۍ کِردار۔ ۱۷۔ شیر سنگھُن درٛاگ۔ اَمہِ ہریمانہٕ چھُس دُ
صفل گوڈٕ کتھ تہٕ تہٕ ارپنٕ چھےٚ گُنہٕ چاپلوسی ورأے پنہٕ واللبن محققن
ہنٛدِ ناوٕ کرنہٕ آمٕژ تہٕ پوٚتُس چھُس کتاب نامہٕ علاوٕ زان تہٕ دِتھ یتھ منٛز
غلام نبی آتشُن زاسنہٕ، سکوٗنت، تعلیم تہٕ پیشہٕ علاوٕ أمۍ ہنٛدۍ تصانیف
درج چھِ۔ زیرِ تبصرٕ کتابہٕ ہنٛدۍ اکثر مقالہٕ چھِ یاتہِ مقأمی رسالن منٛز
شایع کرنہٕ آمٕتۍ تہٕ نتہٕ چھِ ریڈیو کشمیر سرینگرٕ پیٹھ نشر سپدۍ مٕتۍ۔

کتاب پرِتھ چھُ محسوس سپدان زِ غلام نبی آتش چھُنہٕ محض اکھ سادٕ
مزازٕ، خاموش طبیعت، محنتی کشمیر شناس مُحققے یوت بلکہِ چھُ سُہ اکھ
صاحبِ علم، باگہِ یوٚرُت أدیب، پنُن اَکھ خاص اسلوٗب تھاون
وول مِحقق، نقاد، شأعر، ترجمہٕ کار، تجزیہ نگار تہٕ ترتیب کار تہٕ تسنٛز چھِ از
تام الہِ پلہٕ ڈوڈٕ درجن کتابہٕ شایع سپزٕمژ۔ تٔمۍ سنٛدِس تحقیقس متعلق چھُ
سیّد رسول پونپُر لیکھان:

''غلام نبی آتش چھُنہٕ أچھ مُچھ ژِتھ کتھ ٹلان یاتہٕ اوان بٔلکہِ
چھُ سُہ بے مثال خلوٗصس وتہٕ ہاوُک بناوِتھ ژٕبڈ گرِتھ تہٕ ثابت
قدمی ہُنٛد دامن رٹِتھ پننہِ تحقیقی کأم چھِل دِتھ تہٕ کھو کھلأوِتھ اند

واتناوان''۔ (آلو جلد۔۱۱۔ شُمارٕ ۵۔ صفہٕ ۱۱۹)

''لکہٕ بأتھ'' چھُ وسیع تہٕ معلومأتی مقالہٕ۔ اَتھ منٛز چھُ فوک لورُک معنی، مُدعا تہٕ مقصد ویژھناونہٕ علاوٕ تِمن شعرن ہُنٛد گوڈٕ تجزیہٕ کرنہٕ آمُت یِم نموٗنہٕ رٔنگی پیش چھِ سپدی متۍ۔ کأشرِ زبأنی علاوٕ چھِ کشتوأڑی تہٕ سرأزی بولین ہنٛد بن لکہٕ بأتن ہنٛزٕ تہٕ مثالہٕ دِنہٕ آمژٕ تہٕ کھرٕ چھُ کرنہٕ آمُت زِ یِم بولہِ چھِ کأشرِ زبأنی ہنٛز لنگ لنجہٕ تہٕ یِمن بولین منٛز چھُ کأشرِ زبأنی ہُنٛد بِسیار لفظہٕ راش موجوٗد۔

منٛزلی بأتھ تہٕ شُری بأتھ چھِ بڈٕ دِلچسپ مقالہٕ۔ یِمن دونٕوَنی وٕنتۍ ذأژن ہنٛدی چھِ الگ الگ تعریف تہٕ کرنہٕ آمٕتۍ تہٕ تجزیہٕ تہٕ۔ منٛزلی بأتن منٛز تِم ساری بأتھ شمار کرنہٕ آمٕتۍ یِم زہنہٕ گرِ پیٹھے شُرِس یورے وننہٕ یوان چھِ مثالے ہو ہو بأتھ تہٕ کِتہٕ کِتہٕ بأتھ بیترِ۔ تِتھین بأتن منٛز چھُ شُرِس آے تہٕ پاے کانٛچھان، دُعائے خأر کران۔ یِمو بأتو سۍتۍ چھِ شُربن ہنٛز شخصیت لولہٕ مایہِ ہُنٛد شہر دِتھ تعمیر کرنہٕ یوان۔ منٛزلی بأتن پتہٕ چھُ شُری بأتن ہُنٛد نمبر یوان۔ یِم بأتھ چھِ شُری پانہٕ گنگراوان، وکھناوان تہٕ گوٗوان۔ مختلف موقہٕ محل، حالات تہٕ ضروٗریات چھِ یِمن تخلیق کرنس منٛز مدد دِوان۔ مثالے اوٚبر چھُ زیادٕ کران تہٕ شُری تہٕ چھِ زانان زِ دوٗر کرُن چھُ صِرف خدایس تام تہٕ تِم چھِ خدایس پننہِ شُری ذہنہٕ مطابق خوش کران تہٕ وَنان

خُدایا تاپھ کر — صاف کوٗ کُر مارے

خُدایا دوٗر کر — اوٗر کوٗ کُر مارے

نٔوی سائینسی دورن ییٚتہِ اکہِ پاسہٕ سانہِ خأطرٕ بے شُمار سہوٗلیژ پأدٕ کرِ تتہِ کٔرِن بیٚیہِ پاسہٕ تِم کامہِ کارتہٕ کسب وارٕ وارٕ نابوٗد یِم بعمل انہٕ نٕس دوران کأشری خاص کرگأمی لوٗکھ کیٚنژھہ گنگراوان أسی تہٕ یِمن گنگراین اندر أسی لُکہٕ بأتھ تھنہٕ پیوان۔ نیٚنٛدٕ بأتھ، نیٚری بأتھ، بٹہٕ ونہٕ وُن تہٕ میخلہِ بأتھ تہٕ کامبن کارن ہٕنٛدی بأتھ مقالہٕ پُرتھ چُھ بیٚیہِ سُہ وق أچھن بروٗنہہ کُن یوان ییتھ وقتس منٛز یِمن کامبن کارن دوران لُکہٕ بأتھ گنگراونس تہٕ وکھناونس سخ چلے جاواوس۔

بُرٕزٕ میٚچہِ ہٕنٛدبن بأتن ہُنٛد تعلق چُھ شُر زٕہنہٕ رکس شأدیانس تہٕ لوسہِ ہٕنٛدِس پھوٚٹ کرنس ستی۔ اَتھ بابس منٛز چھِ کأشرین مسلمانن کیوٚ بٹن ہٕنٛدی تِم سأری رسم تہٕ رواج لُکہٕ شأعری ہٕنٛز مثالہٕ دِتھ پیش کرنہٕ آمٕژ یِمن ہُنٛد اہتمام دوٚشوے ذٔری شُری زٕہنہٕ پٹھہٕ أکس وٕرِیس تام کران أسی۔

لُکہٕ ادب چُھ سمأجی توارٟخس أنہٕ ہاوان۔ اَتھ منٛز چھِ عام انسانہٕ ہٕنٛدی جذبہٕ، خأہشہِ، ارمان، سوٗنٛچ تہٕ لسنٛکی بسنٛکی طریقہٕ محفوٗظ آسان۔ شیٖر سنٛگھُن دزٛاگ، لوٗسی مٔتی کردار ہوٕی مقالہٕ چھِ اَمِچہٕ مثالہٕ۔

کلھم پأٹھی چھےٚ یہِ کتاب کأشرِ فوک لورکہِ تجزیأتی مطالعہٕ خأطرٕ

سمبٹھاہ اہم۔

بہر حال چھےٚ یہِ کتاب سمبٹھِتھ اہم ، باڑوِدار تہِ چھےٚ تہٕ ظأہری خوٗبصوٗرتی تہِ چھبس ۔ مواد چھس یہِ زن مےٚ گوڈٕ تہِ وٚون معنہِ سوو تہٕ دِلچسپ ۔ پروف چھس ہُشیأری سان پرنہٕ آمُت ۔ ۲۰۰۷ ءمنٛز چھےٚ شایع سپزٕمژ ۔ چھپأے چھبس رٕژ تہٕ کاغذ چھس جان ۔ قیمت چھس ژٕرےٚ ہتھ روپیہِ ۔ یُس معقول چھُ ۔ پٔرتھ شوقہٕ وأرِلس پزِ یہِ کتابہِ ہن مُلی ہیتھ پرٕنی ۔

چون آتش ووت أخر اند مزار
وأنسہ تھوٗتھ ساد مَنشاہ پرارٕون
کس ؤں روشکھ کس کرکھ ووٚنی گزاو گوٚند
آکھ ئکو بے تاب پأٹھن گارٕون
(غلام نبی آتش)

منشور بانہالی

# نۆ وکینۍ ھامینۍ ھا

معرُوف فلسفی رۄسو سُند وَنُن چھ زِ اگر تُہۍ اکھ باصلاحیت انسان بناوُن یژھان چھو وَن تیٚلہِ کرِو اَکِس شُرِس پیٹھ شروٗع۔ غرض اکھ شُر چھُ پگہُک ذی عزت شہری، سماجُک ذمہٕ دار فرد، تہٕ کلہُم انسانی یتُک دگدار تہٕ تعمیر کار ۔ اَکِس شُری سٕندِس شخصیت رِکس شیراوس تہٕ پأراوس منز چھُ تعلیمہِ ہُند اَسُن سبٹھاہ ضروٗری تہٕ تعلیمہِ ہٕندِ بااثر واتناوِ رِ خاطرِ چھُ ماجہِ زبوٚ ہنٛز زان کأری تہٕ امیُک رول اہم تہٕ ناگزیر۔ نامور امریکی مأہرِ تعلیم جان ڈیوی سُند وَنُن چھُ زِ تعلیم بااثر بناونہٕ خاطرِ چھُ ضروٗری زِ نصابس منز شأمِل مواد گژھہِ تمہِ آیہِ مُدّوِن کرنہٕ یُن یُس بچہِ سٕنزِن دِلچسپی ین ،جبلژن ، تہٕ وأنسہٕ ہٕندِ معیارِ مطأبق وَیہِ وُن تہٕ قأبلِ عمل آسہِ ۔ تہٕ یہِ رٔوِش چھ یمن مأہرن ہنزن درسی کتابن منز زبرآیہِ رٔژھراونہٕ آمٕژ ۔ بالخصوص ابتدأیی درجہٕ چن کتابن منز، وَننُک مدعا چھُ دراصل یہِ زِ سانہِ کأشرِ زبانہِ منز یوٚ دوَے مولّل علمی تہٕ ادبی سرمایہِ موٗجوٗد چھُ مگر شُری ادبہٕ رٔنگی چھ یہِ مواد صرف اوٚنگجہِ ٹینڈہن پیٹھ گنزرنس لایق بلکہِ نہٕ آسنس برابر۔

یہِ چھےٚ سیٹھہے قابلِ ستائیش تہٕ حوصلہٕ افزائی ہنٛز کتھ زِ کاشُرِ زبانۍ ہنٛدۍ ناموراديب، شاعر، ماہرِ زبان تہٕ ووستاد غلام نبی آتش صابن گر اَمہِ اہم ضرورژ وبۄ ھے محسوس تہٕ "نوٚ وکینٛژھامینٛژھا" عنوانہٕ کوٚرُکھ کاشرِس شُرۍ ادبس منٛز اکھ مُفید تہٕ باوُن لایق سوغاتھ پیش۔ یُس کاشرِس شُرۍ ادبس منٛز تدریسی اعتبارٕ اکھ بُنیادی کام چھےٚ تہٕ اکہِ میلہٕ کنہٕ ہنٛز حیثیت تھوان چھےٚ۔ فاضل مُصنفن چھےٚ اَتھ منٛز موجوٗد موادٕ چ ہیت قابلِ فہم بناونہٕ خاطرٕ کتاب پرناون والین معلمن باپتھ تہٕ پننہٕ گوڈٕ کتھِ منٛز اکھ ووستادانہٕ زان کاری پیش مطالعہٕ تھوٚمژ۔ آتش صاب چھ تدریسی زبانۍ ہُند اکھ ووستادانہٕ تھکبن لایق تہٕ طویل تجربہٕ تھوان یمیُک اندازٕ یمہِ کتابہِ ہنٛدِ تدوین وترتیب تلہٕ صاف لبنہٕ چھ یوان۔ صاحبِ کتابن یوٚ دوٚے امہِ کتابہِ ہنٛدٕ بن تمن سارِنٕے افادی پہلوٗن ہنٛز وبۄ ھنے چھےٚ گرمژ یمن مقاصدن پیش نظر یہِ کتاب مُدوّن چھِ کرنہٕ آمژ تہٕ اَتھ بارس منٛز یوٚ دوٚے کُنہِ بے جا تگنگری یا تائید وتمہیدُک حاجت چھُنہٕ۔ مگر توٚپتہٕ تہٕ چھ کینٛژَن جاذب خیال کتھن پھیرٕ دِینٛن ضروٗری باسان۔

قریباً ۱۲۰ صفحن پیٹھ مشتمل یہِ "نوٚ وکینٛژھامینٛژھا" کتاب چھےٚ ژون باگن منٛز باگرِتھ تہٕ اَتھ منٛز چھِ کُل ۲۵ سبق یِم آسان پیٹھٕ مُشکلس کُن آیہٕ رٔژھرِتھ چھِ۔ کتابہِ ہنٛز پھِکٕرٕ خاص تہٕ اہم پہلو درینٛٹھی

گرٕھان ۔ مُناسب موادٕچ بہم رسانی (Genvine & requried content) تہٕ کارگر حکمت عملی ۔ مصنف سُند خلاّق تہٕ تجربہٕ کار ذہن آسُن، کتابہِ ہنٛدِس گوڈٕ ڈسلابس منٛز چھِ داہ شُری بأتھ۔ یمن منٛز ترٛے حمدیہٕ ۔ ز وطنی تہٕ ژور بأتھ توضیحی لوتوے رایمن منٛز رٕژھرِتھ چھ، یمہٕ میٛٹھبن شربژٕ دامن ہنٛدی پأٹھی شُربن ہٹہِ چھِ وسان تہٕ منس منٛز جاے چھِ پراوان تہٕ تمن منٛز بالواسطِ پأٹھی اکھ اخلاقی حس ، جذبہٕ، حُب الوطنی تہٕ تخلیقی تہٕ جمالیأتی حس ہُشیأری پأدٕ کرنس گوڈ چھ بران۔ یم بأتھ چھ مصنف سٕندِ تخلیقی جودٕتکی تہٕ ووستادانہٕ ورتاوٕکی نموٗنہٕ ۔ کتابہِ ہنٛدِس دوٗیمس بأگس منٛز چھےٚ داہ بأتہٕ کتھہٕ یا کہأنی۔ یوٚ دوَے أسی ''پیاسا کوّا'' یا لالچی کُتا انمانہٕ بیترِ کتھہٕ اُردوس تہٕ انگریزیس منٛز یژٕ کال پیٹھٕ پران روٗدی متی چھِ مگر مُصنفن چھ پننہٕ تخلیقی ووستکأری ہنٛدِ بدولت یمن منظوم کتھن منٛز اکھ ترٛٹھ مُدُر زبان ورتأوِتھ مقناطیسی کشش پأدٕ کرمژ زِ یم چھِ یکدم شُربن ہنٛدِس ذہنس زنتہٕ تھف ژھنان، تہٕ باالواسطہٕ پأٹھی تمن منٛز اکھ سبق آموز تہٕ اخلاق آمیز توثُر (Impact) قأیم کران۔ یہٕ چھ اکھ سُہ نہرل طریقہٕ کاریُس شُربن منٛز زبان دأنی تہٕ زبان سأزی ہُنٛد عمل بروٗنٛہہ پکناونس اتھ روٚٹ چھُ کران۔ یمن کتھن ہنٛز زبان چھ مُدٗر تہٕ لوتہٕ وأے رایمہٕ آیہٕ۔ یمن سارِنے کتھن تہٕ بأتن منٛز چھُ شُربن ہنٛدِ نفسیاتک تہٕ

وأنٛسہِ ہُنٛد پوٗرٕ لحاظہٕ موٗجوٗد۔

کتابہِ ہٕنٛدِس ترٛیٚیمِس بأگس منٛز چھِ "نوِ کتھ" عنوانہٕ ترٛواہ تخلیقی نوعیت چہٕ کہأنی یا کتھہٕ موجوٗد، یہنٛدِس پوٚت منظرس منٛز زبان دأنی ہتیٚ ہتیٚ، اخلاق سأزی، فرض شنأسی تہٕ زندگی شیرنُک سَنٛز تہٕ درس تہِ موجوٗد چھُ یمن کہأنی ین منٛز چھ اکھ دلپذیر جدّت تہٕ رٕوِش پانناونہٕ آمٕژ، یِس ملکی سوٚتھرِ چھِن زبانن ہنٛز درسی کتابن منٛز تہِ واریاہ کم بدس چھےٚ۔ مثالہِ پأٹھۍ "چھٹہِ" کہأنی ییٚتہِ شُربن ہنٛزن نفسیأتی جبلژن تہٕ شوقٕچ ترجمأنی چھ کران تتہِ چھِ تمن پنٛن اوٗند پوٚکھ صاف تھوٕنُک تہٕ شیرنُک تہِ حبس پأدِ کران۔ أسی چھِ وٕریہِ وادو پیٹھ "میرا دلچسپ خواب" کہأنی بوزان تہٕ لکھان روٗدیٕمتیٚ۔ مگر کتابِ منٛز موجوٗد "ہمی جانٛن خاب" چھُ سبٹھاہ دِلچسپ آسنس ہتیٚ ہتیٚ نوِ زمانٕچ فِکری بصیرتھ تہِ بروٚنٛہہ کُن انان۔ "ارسلان" کہأنی منٛز ییٚتہِ اکھ فرمانبردار شاگرد پنٕنِس ووستادٕ سنٛدِس عزتس قدر کرأن چھُ تتہِ چھےٚ یہِ کتھ تہِ بروٚنٛہہ کُن یوان زِ اکھ شاگرد چھُ پنٕنِس ووستادٕ سنٛزن صلاحیژن تہٕ کمزوٗرِین ہُنٛد تہِ اکھ بہترین جج آسان۔ "جلدی" کہأنی چھےٚ اکھ فکرانگیز کہأنی یِس شُربن منٛز جنسی تفریقس نسبت نفرت چھِ پأدِ کران تہٕ نسوأنی قوت کس جذبس وٕتلٕش چھےٚ دِوان۔ اَتھ کہأنی منٛز چھےٚ یہِ کتھ سرٕ گرٕ ھان زِ اکھ کوٗرٕ تہِ چھِ لڑکہٕ سنٛدی پأٹھۍ تھٔدی کارنامٕ انجام ہٕکان دِتھ تہٕ سوٗتہِ

چھےٚ سماجُک اکھ باوقار فرد بلکہِ تہذیبُک اکھ آگُر تہٕ رونہِ منٛزُل۔ 'لالہِ صأب تہٕ پنٛژھ' کہأنی چھِ موجوٗدٕ سماجُک اکھ المیہ پیش کران یتھ منٛزٕ أزکی احسان فراموش اولاد بُجرس منٛز پننین والدینن بے سہارٕ پأٹھی ترٛاوان چھِ تہٕ یہِ کہأنی چھِ اتھ روٗجانس خلاف اکھ زور دار تھاپر۔ کہأنی 'امتحان' چھ بچن منٛز فرمانبردأری تہٕ حوصلہٕ منٛدی ہُنٛد جذبہٕ پأدٕ کرنس نسبت اکھ شوٗبدار کہأنی۔ 'کُل کوتاہ لِو' کہأنی چھ ہمساین ہنٛدی حقوق زانٛنس نسبت اکھ اخلاق آموز کہأنی۔ 'اوٚن تہٕ گاشدار' کہأنی چھِ یہِ باس دِوان زِ اکھ بے کرتوت گاشدار انسان چھُ أکِس ناپیناہِنٛدِ کھوتہٕ تہٕ بہتر۔ "ووستاد تہٕ ژاٹھ" چھےٚ أکِس تتھس غریب تہٕ فرض شناس ڈاکٹرہِنٛز کہأنی یُس پننِس ووستادہِنٛدے رفاقت تہٕ پننہِ محنتہٕ کِنۍ ڈاکٹر چھُ بنان۔ تہٕ پتہٕ ییلہِ اکہِ دوہہٕ تسُنٛد سےٚ ووستادتس نِش علاج باپتھ چھُ گژھان سہٕ چھُ تس مہمان نوأزی تہِ کران تہٕ مُفت علاج تہِ کران۔ یِمہٕ سارِے کہأنی چھےٚ تمہِ آیہِ پیش مطالعہٕ تھونہٕ آمٕژ زِ یِمن منٛز چھےٚ اکھ نُو ترٛ و تازگی تہٕ کشِش باسان۔ بیشتر کہأنی ین منٛز چھ اکھ سہٕ زوردار اخلأقی توٗثر ووتلاونہٕ آمُت زِ پرن وألِس چھُ بے وایہِ أچھومنٛز اوٗش نیٖرِتھ ژلان۔

کتابِ ہُنٛد ژوٗرِم باگ چھُ "پرانہِ کتھِ" انمانہٕ دہن کتھن یا کہأنی ین پیٹھ مشتمل۔ یِمہٕ موخصر آیہِ روایتی کہأنی چھ۔ یِمن منٛز بطخ

پۄتی۔ بیوقوف ہون۔ سۄمت۔ ووشٕنہٕ نژُن۔ گاٹہٕ جار۔ ہمسایہ۔آن
مأنی تہٕ بادشاہ سٕنز نیت ہش بیترٕ دِلچسپ، اخلاقی تہٕ سبق آموز کہأنی
شأمِل چھےٚ یِمن منٛز مُصنفن پننہٕ تخلیقی جودگری سِتۍ اکھ نوٚ ورنگ ورۄپ
دِتھمُت چُھ۔ کتابہِ منٛز موجوٗد تمام "شُری بأتھ" "بأتہٕ کتھ" "نوِ کتھ"
تہٕ "پرانہِ کتھہٕ" چھےٚ شُربن ہُنٛد نفسیات، تہنٛزن دِلچسپی ین تہٕ وأنسہِ
ہُنٛد معیار تہٕ مزازٕ مطأبق مُدوِن کرنہٕ آمژ۔ فأضل مصنفن چھ کتابہِ
ہُنٛد سوٗرُے موادمنأسب تہٕ دِلچسپ۔حوالہٕ تہٕ أندی پکھی ماحولہٕ مطأبق
شُربن ہٕنٛدِ مزازٕ تہٕ دِلچسپی ہٕنٛدِ گوٚأرکس (play way) اندازس منٛز
اکھ مولُل تہٕ وُسوار ہُر بر یٚیمہِ کہِ بدولتہٕ یِژ کالج وبٕھ ہے پوٗرٕ سپدِنچ
وومید پأدٕ سپز۔ تیچ افأدیت روزِ پرٛتھ وِزِ قأیم۔ کتابہِ ہُنٛد گیٹ اَپ
چُھ دیدٕ زیب تہٕ مول تہِ منأسِبے۔ یہ کتاب گرٕھہِ پرٛتھ شُرِس تہٕ
پرٛتھ کأشُرس گرس تام واتنۍ، سوے آسہِ سانہِ ماجہِ زبۆ ہٕنٛز حق ادأیی تہٕ
نوپے کرِ خأرخوأہی۔



پروفیسر محمد اسلم

# کینژھا میٖنژھا: نظمن تہٕ کہانین ہُنٛد پوشہِ گوٚنٛد

یتھ کتھِ چھنہٕ کانٛہہ شکھ زِ کٲشِرٕ چھِ پرٕ بتھ زمانس منٛز واریاہ بڈٕی شاعر پٲدٕ کرٕی مٕتۍ۔ اماپوٚز نثرٕ ژنگی چھےٚ اَتھ زبانہِ وُنہِ واریاہ کٔمی۔ ہرگہ زن ناولہٕ، ڈراماتہٕ افسانہٕ بیترٕ تہِ لیٚکھنہٕ آے تاہم چھِ یمہٕ صِنفہٕ ورتاون وٲلی لکھاری تہِ واریاہ کم۔ یِتھے پٲٹھی چھ نہٕ شُربن ہِنٛدِ باپتھ ادب لیٚکھنس کُن تہِ پرٛنہٕ پٲٹھی توجہ دِنہٕ آمٕت۔ کینٛہہ منٛزلی بٲتھ تہٕ شُری بٲتھ چھِ کلچرل اکاڈمی شایع کٔرۍ مٕتۍ تہٕ انفرادی طور تہٕ چھِ کینٛژ ونفرو یِژھ کوٚشش کٔرمٕژ مگر تِم وٲتی نہٕ شُربن تام ییٚلہِ زن انگریزی رایمو انگلش میڈیم سکوٗلن ہِنٛدِ وٕسیلہٕ تہٕ کِنڈرگارٹن سِسٹم کِنۍ کٲشُربن شُربن منٛز خاص مقبوٗلیت پرٲوٕمٕژ چھےٚ۔ یِتھس صورتِ حالس منٛز اگر کانٛہہ کٲشُر لکھٲرِس شُربن ہِنٛدِ باپتھ رایمن تہٕ کہانین ہُنٛد خوبصورت مجموعہٕ پیش کرِ، اَتھ شوٗبہِ سو دِلہٕ استقبال تہٕ یِژھ کوٚشش گرٛژھِ خدا تعالیٰ ہِنٛز خاص مہربٲنی مانٛنہٕ ینٛۍ۔

''نوٚ وکینژھا میٖنژھا'' چھےٚ پرٛزٕی پٲٹھی غلام نبی آتش ہِنٛزن نظمن تہٕ کہانین ہِنٛز پوشہِ گوٚنٛدی ہن، یُس اکہِ پاسہٕ آتش ہِنٛز تخلیقی صلاحیژ

ہُنٛد پے دِوان چھ تہٕ بییہٕ پاسہٕ باوان زِ کأشرِ زبانہِ منٛز چھےٚ شُری ادب تخلیق کرنٕچ واریاہ گُنجأیش۔ اَتھ منٛز چھِ ژٕ وُہ کہانیہِ تہٕ وُہ نظمہٕ، یِم مختلف وأنٛسہٕ ہنٛد بن شُر بن ہنٛد بوٚ ضرورتو مطأبق تخلیق سپزٕمژٕ چھےٚ۔ داہ رایمہٕ چھےٚ دوٚیہِ پٮ۪ٹھہٕ پانٛژھ ؤری وأنٛسہٕ ہنٛد بن شُر بن ہنٛدِ باپتھ۔ اَتھ کِتابہِ منٛز چھِ کینٛہہ دُعا، کینٛہہ حب الوطنی ہنٛدی بأتھ تہٕ کینٛہہ بأتہٕ کتھہٕ۔ کِتابہٕ ہنٛدِس دوٚیمس بابس منٛز چھےٚ الیسوپ نہِ کتھہِ بأتہٕ کتھہٕ بنأوِتھ پیش کرنہٕ آمژٕ، یِمن ہُنٛد تعداد داہ چھُ۔ پرٕ تھ بأتہٕ کتھِ چھ اُخرس پٮ۪ٹھ مارِل (Moral) دِتھ۔ کِتابہِ ہنٛدِس ترٛییمس بابس منٛز چھےٚ ترُ واہ نوِ تہٕ کاہ پرانہِ کہانیہِ۔ یِمہٕ سارے کہانیہِ چھےٚ اخلأقی قدرٕ باوان۔ آتش سُنٛد مقصد چھُ یِمو کہانیو ستی شُر بن اخلأقی قدرن ہُنٛد اوپ ژوپ کرُن۔

''نوٚ وکینٛژھا مینٛژھا'' چھےٚ خوبصورت مُجلد کتاب، یتھ منٛز جاناوارن تہٕ حیوانن بلکہِ پوشن تہٕ شُر بن ہنٛزٕ شکلہٕ دِتھ چھےٚ، یِمہٕ شُر بن تنٛبلاونہٕ باپتھ کأفی چھےٚ۔ یہ کتاب چھےٚ کأشرِس شُری ادبس اکھ خوبصورت تہٕ کارآمد ہُربر۔ ؤں گوٚ ؤچھن چھ کأشری شُری تہٕ تِہنٛدی مألی ماجہِ کوتاہ لول برن اَتھ کِتابہٕ تہٕ کوتاہ ہرتُلن اتھ۔

آتش صأب چھُ اَمہِ کتابہِ باپتھ شابأشی تہٕ مُبارک بأدی ہنٛد حقدار[1]۔

(انگریزی پٮ۪ٹھہٕ ترجمہٕ: ڈاکٹر شفقت الطاف)

1.Potporri of songs and stories. by : Prof. Muhamad Aslam. Published in Greater Kashmir. Dated 11-12-2010

پروفیسر ہری کرشن کھیر

# نۆو کینٛژھا میٛنژھا

شُربن ہنٛدِ خاطرٕ لیٖکھن وأرِس گژھہِ نومن کتھن ہُنٛد خیال آسُن تہٕ اظہارس پیٹھ تھپھ تہِ آسنۍ:

ا۔ کہأنیہِ، نظمہٕ تہٕ نوشتہٕ گژھن شُربن ہنٛزِ وأنسہِ، تہنٛدِ ضرورتہٕ تہٕ مزاژٕ گوٚ آسنۍ۔

۲۔ باوتہٕ آمُت مواد گژھہِ شُربن تنٛبلاوُن تہٕ وولساوُن۔

۳۔ باوتہٕ آمُت مواد گژھہِ من رنٛزنونس ستی ستی شُربن تام ماحولٕچ زان تہِ واتناوُن۔

۴۔ باوتہٕ آمُت مواد گژھہِ شُربن بےٚ شوٚنکۍ پأٹھۍ اخلأقی قدرٕ تہٕ رٕتی شہری بنہٕ نکۍ سنسکار تہِ پلناوِنۍ۔

۵۔ شُربن گژھہِ صحت تہٕ صفأیی متعلق تہِ زان پاٹھنۍ۔

۶۔ اماپوٚز یہِ مواد تہٕ یم مقصد گژھن نہٕ شُربن زبردستی آپراونہٕ ینۍ۔

غلام نبی آتش سٕنٛز تازٕ کتاب "نۆو کینٛژھا میٛنژھا" پٕرتھ چھُ صاف ننان زِ تمۍ چھِ یم سأری شرط تہٕ مقصد پوٗرٕ کٔری متی۔ اَتھ کتابہِ منٛز چھےٚ داہ خوبصورت رایمہِ، داہ بأتہٕ کتھہِ، ترُواہ نوِ کہأنیہِ۔ أخری

بابس منز چھس لگہٕ ووترٕ کس اثرس تحت لیکھنہٕ آمژ کاہ کہانیہ۔ اکھ تہٕ بأتہٕ کتھ یا کہانی چھنہٕ یوسہٕ نہٕ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ اخلاقی سبق پلناون چھےٚ۔ آتش صأبن چھنہٕ اچانک یہٕ سورُے گرِتھ ہیوٚ کمُت بلکہٕ چھےٚ تمہِ شُربن نکھہٕ روٗزِتھ پرأوِمتس وأنسہِ ہنٛدِس تجرُبس کأم ہیٚژمژ۔ سُہ چھُ اکھ رُت شاعر، جیٚنوٗن ادیب، زونمُت مونمُت فوک لورسٹ تہٕ محقّق۔ تِمس چھُ کأشرِ ادبک سرٛ ون مطالعہٕ۔

یتھ کتابہِ چھےٚ چھپأے، شکلہٕ، کاغذ تہٕ بایئنڈِنگ شاندار۔ مول چھُس مُنأسب۔ یہٕ کتاب چھےٚ شُری ادبس منز خاص اہمیت تھاوان۔ کأشر زبانہِ منز چھُ کمے پہن شُری ادب لیکھنہٕ آمُت۔ وومید چھےٚ یہ کتاب کرِ باقےٚ لیٚکھن والین تہٕ شُری ادب لیکھہٕ نس کُن رأغب۔ یٚیمہِ کِتابہِ ہنٛز خوبصورتی، اہمیت، افادیت تہٕ ضرورت وُچھِتھ چھُ ضروری زِ یہِ کتاب گژھہِ سارِنے تعلیمی ادارن منز واتناونہٕ ینٛز، یٚیتہِ یٚیتہِ کأشُر بولن والی روزان چھِ تور گژھہِ یہ کتاب واتنٛ تہٕ لایبریریوٚ خأطرٕ موٚلی ہینہٕ ینٛز۔ یہِ گژھِ پرائمری تہٕ سیکنڈری سوٚتھرِس پیٹھ کأشُر پرن والین ہنٛدِ باپتھ امدادی کتابہِ رٛنگی پرناونہٕ ینٛز۔

میأنی آہی چھےٚ آتش صأبس ستی۱

(انگریزی پیٹھہٕ ترجمہٕ: ڈاکٹر گلزار احمد راتھر)

---

1.Understanding the Need and Psyche of children: Prof (Dr.) H.K.Kher. published in daily rising Kashmir: 12-02-2011

ڈاکٹر شجاعت بُخاری

# نوٚ وکینژ ھامینژ ھا

''نوٚ وکینژ ھامینژ ھا'' چھےٚ معروف استاد، ادیب، محقّق تہٕ شاعر غلام نبی آتش ہنزن شُربن ہنٛدِ باپتھ لیٛچھمژن موخصر کہأنین تہٕ دِلچسپ رایمن ہنز خوبصورت سوٚمبرن ۔ بہتر کھوتہٕ بہتر چھاپہٕ تہٕ پأراو واجینہٕ اتھ کتابہِ چھِ کُل ۱۱۸ صفحہ۔ یہِ چھےٚ آتش صأبنٛز ازتام شایع سپدیمژن کتابن ہنٛز گرنٛد زِ تُوہن تام واتناوان ۔ یہِ کتاب چھےٚ واریہن کأشرین کتابن نِش مختلف ۔ اتھ منٛز چھےٚ موجوٗدٕ زمانہٕ کیٛو بدلوٗنیو تقاضو مطابق شُربن ہنٛزِ دِلچسپی ہنٛز کہأنیہ تہٕ رایمہٕ تصویرو ستۍ سمجھاوٕنچ کوٗشش تہِ کرنہٕ آمٕژ۔ کتابہِ منٛز چھِ کیٛنہہ دُعا، یِمن اندر شُربن منٛز مقبوٗل سپدنٕچ زبردست توٗژھ موٗجوٗد چھےٚ ۔

چأنی چھم احسان خدایا

ژیٖۓ دِیتھم زوٗجان خدایا

ممی دِژ تھم، ڈیڈی دیٛتھم

جان تہٕ عألی شان خدایا

یتھ کتابہ منز درج رایمہٕ چھےٚ شُرٕ بن تنٛبلاونچ تہٕ وولساونچ زبردست توٗ ژھ تھاوان۔ شُری چھِ ہمیشہِ نوِ کھوتہٕ نوِ کس تلاشس منز روزان مگر سُہ گژھہِ حیرت وزناون وول تہٕ پُرکشش آسُن۔ آتش صأبنہِ رایمہٕ چھِ یہِ مقصد پوٗرٕ کران۔ کینٛہہ رایمہٕ چھےٚ کشیرِ ہنٛدِس قدرتی حُسنس متعلق، کینٛہہ پشن تہٕ پکھشن متعلق۔ آتش صأبن چھ شُرٕ بن ہنٛدِ خأطرٕ کہأنین ہُنٛد ینٛز وونُن اکہِ منفرد طریقہٕ ووٗنمُت۔ یمہٕ کہأنیہِ ہکن شُرٕ بن پھِری پھِری تنٛبلأوِتھ تہٕ خوش تھأوِتھ۔ کینٛہہ کہأنیہِ چھےٚ تِمن وندٕ رأژن دوران تمہٕ ڈلیلہٕ یاد پاوان یمہٕ سأنی بُزرگ شُرٕ بن ونان آسی۔ تیز رفتار تبدیلیہ چھےٚ نہٕ صرف روزانہٕ طرزِ زندگی، زبانہِ بلکہِ موسمن منز تہِ یوان۔ لہٰذا گٔے ہندربن وندٕ رأژن دوران شُرٕ بن تہٕ بڈٕ بن ڈلیلہٕ بوزناونکی موقعہٕ غأب۔

کأشُر زبأنی چھےٚ وونی أتھمہِ جمأژ تام لأزمی مضموٗنہٕ رٔنگی پرناونہٕ یوان۔ مأٹلی ماجہِ چھِ یژھان تِہنٛدبن شُرٕ بن گژھی اتھ مضموٗنس منز تہِ جان نمبرات پأینٛز۔ امہِ مقصدٕ کٕنی چھےٚ توٗ وکینٛژ ھامینٛژ ھاہشِ کتابہٕ زیادے اہمیت پراوان۔ یمہِ کتابہ ہنٛدِس پیش گفتارس منز چھُ آتش صأب ونان:

''پرٕ بتھ کہأنی منز چُھ خیال تھاونہٕ آمُت زِ شُرٕ بن وولسہِ من، تِم کرن خوٗشی محسوس۔ تِمن میلہ رٕژ اخلأقی تربیت۔ تِمن اندر موجود صلأحیژ

گرٛھن بیدار۔ یمن کہاُنین ہنٛدِ مدتہٕ ستۍ چھےٚ شُرٕبن منٛز مقامی تہٕ آفاقی مثبت قدرن ہُنٛد احساس ووتلاونچ کوٗشش کرنہٕ آمٕژ'' (صفحہٕ ۱۳:)

شُرٕبن ہنٛدِ باپتھ کاشُر زبانہِ منٛز کاشرس کلچرس متعلق لیکھنٕچ چھےٚ ضرورت تہِ تہٕ بے حد گنجاُیش تہِ۔ اَسہِ چُھ اکھ شاندار کلچر تہٕ یہِ وراثت گرٛژھہِ نوبن نسلن تام نوِو ؤسیلو ذٔرِ واتناونہٕ ینٕز، امیُک اکھ ؤسیلہٕ چُھ ادب۔ اَتھ سِلسِلس منٛز چھےٚ ازتام وارِیاہ کم کاٗم کرنہٕ آمٕژ۔

یہِ صورتِ حال نظرِتل تھاُوِتھ چھےٚ یہِ اکھ ضروٗرت تہِ تہٕ مجبوٗری تہِ زِ آتش صابٕنز یہِ کتاب گرٛژھہِ پرٛتھ کاشرِس گرس منٛز پرٛتھ شُرِس تام واتٕنۍ، تکیازِ یہِ دِیہِ تمن کاشرِ زبانہِ لول برنس تہٕ سوسہل پاٹھۍ پٕھچھنس منٛز کارآمد مدد۔ ؤں ییٚلہِ کاشر زبان اُٹھمہِ جماژ تام پرناونہٕ یوان چھےٚ، آتش صابنہِ کتابہِ ہنٛز اہمیت تہٕ افادیت چھےٚ زیادے ہُران۔ یہِ کتاب گرٛژھہِ بیٚین کاشرٕبن شاعرن شُرۍ باتھ لیکھنہٕ نس کُن ماُل پھِرٕنۍ، یمن باتن فنکارن ہنٛز آواز تہٕ سازِ یِژ مقبوٗلیت دِتھ ہیکہِ[1]۔

(انگریزی پٮ۪ٹھہٕ ترجمہٕ: ڈاکٹر شفقت الطاف)

☆

1. A new addition to children literature in Kashmiri: Rising Kashmir. 26-11-2010

ڈاکٹر غلام نبی حلیم

# نوٚ وکینژ ھا مینژ ھا

"نوٚ وکینژ ھا مینژ ھا" چھےٚ غلام نبی آتشؔ صأبن شُرٕ بن ہنٛدِ باپتھ ۲۰۰۹ ءمنٛز شایع گرٕمژ۔ اَتھ خوبصورت کتابہِ منٛز چھےٚ رایمہٕ ،نظمہٕ تہٕ کہأنیہِ بیترِ یمہٕ شُرٕ بن ہنٛدِس مزازس مطأبق چھےٚ۔ صفحہ چھِس ۱۱۸۔ کاغذ تہٕ کمپیوٹر کمپوزنگ اعلیٰ معیارٕچ مگر کہِ یاہ جاین چھُس نہٕ پرٗف وارٕ پأٹھی پرنہٕ آمُت تہٕ شاید چھُس اَوے واریاہ غلطیہِ روزٕمژ۔

مجبوٗر صأبس پٔتھ برابر وُنہِ کیٚنس تام چھُ کٔشیرِ ہنٛدی واریاہ اَدیب تہٕ شأعر پننہِ پننہِ آیہِ شُری ادبس لول بران روٗدیٚ متی مگر آتشؔ صأبُن اندازٕ چھُ جُدا گانہٕ۔ ہناسٕے تو کتابہِ ہنٛدِس ٹأٹلس "نوٚ وکینژ ھا مینژ ھا" یہ چھُ اکھ وسیع تہٕ سدا بہار Title ہر وِزِ نوٚن تہٕ لگہٕ ہار شُری مزازس ستی تتھٕے کٔنۍ آورٕتھ زِ تمہِ نشہِ الگ کرُن چھُ ناممکن۔ مأجی ماجہِ یازِ زِ ٹھی چھ لو کٹین تہٕ پنہٕ نین ٹاٹھین اَچھ گاشن پننہِ پننہِ مقدوٗرٕ مُطأبق خوش کرنہٕ تہٕ تہنٛدی مَن رٕنزناونہٕ باپتھ کینژ ھا مینژ ھا دِوان باسے سُہ لو کٹہِ کھوتہٕ لوٚکٹ چیز اَسی تن یازِ بڈٕ کھوتہٕ بوٚڈ سو تمن پننی پسند اَسی تن یاز شُرٕ بن ہنٛز پسند۔

زیرِ تبصرٕ کتابہٕ ہنٛدِس کلٕہم موادس چھِ ژور حِصہٕ کرنہٕ آمٕتۍ۔ گوڈنکِس حِصس منٛز چھےٚ کُل داہ رایمہٕ (Rhyms)۔یِم تمام رایمہٕ چھےشُربن ہنٛدِ بتر تہٕ وأنسہٕ مطأبق تخلیق کارن پنہٕ نِس نیرل تہٕ منفرد اندازس منٛز تخلیق کرِمژٕ۔ رایمن منٛز چھِ معنہٕ دار تہٕ بےٚ معنہٕ دونٔوِنی قسمن ہنٛدی لفظ ورتاونہٕ یوان مگر آتش صأبنہٕ قلمہٕ تھنہٕ پیٚمژن یِمن رایمن منٛز چھَنہٕ کُنہٕ تہِ جایہِ بےٚ معنہٕ تُک بٔندی درینٛٹھی یوان۔ بٔلکہِ چھُ پزنہٕ پأٹھی پرٕتھ کُنہِ نظمہِ تہٕ رایمہِ ہُنٛد سازُت، روأنی تہٕ تکرار وَسوٗنہِ آرِ کی پأٹھی پانَس سٟتی کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ اخلأقی پہلو تہٕ خاص پأٹھی عام ہیتھ شُربن ہنٛدبن لاوبن ذہنن انمِٹ نقوش ثبت کران یِمن دہن نظمن منٛز چھُ شأعر موصوف شُربن اندر تصوّرِ خدا، حُبُ الوطنی ہُنٛد جذبہٕ بیترِ اُجاگر کرِتھ ژٕنی پأٹھی تِمن اندر موجوٗد تھٕوزٕ تہٕ بجر پراوٕنٛچ کل گنزراوان۔ یِمن نظمن ہنٛدی لفظ چھِ ساد، شوٗدی تہٕ صاف۔

| | |
|---|---|
| چھکھ بوزان زأری یا مولیٰ | کر یأری یأری یا مولیٰ |
| اَن زانٕس دِم زان خدایا | بنہٕ ہارُت انسان خدایا |
| گُلِ لالَن ہُنٛد کوہ مالن ہُنٛد | اَسہِ ٹوٹھ پٔژن ہُنٛدِ بون وطن |

کِتابہِ ہُنٛد دوٚیم حِصّہٕ چھُ دہن بأتہٕ کتھن پیٹھ مُبنی یِمن بأتہٕ کتھن اندر چھِ شأعرن سہل تہٕ ڈٔلی ڈٔلی زبو پیٹھ پنہٕ وأکی لفظ ورتأوِتھ موخصر واقعہٕ ہن زبو دِتھ تِم نظمأوی مٕتۍ۔ یہ چھےٚ اکھ کامیاب کوٚشش یتھ اَندر

مضبوٗط پاۓ غام تہٕ اصول ہدایت دردس رٔٹتھ شُری سماجی تہٕ اخلاقی قدرو

نِشہِ زانٔی یاب کرنہٕ چھِ آمٕتۍ ۔ اَتھ کوٗششہِ منٛز ورتاونہٕ آمٕتۍ لفظ چھِ

وانٛجہِ تھپھ لایان تہٕ یم چھِ چھرا تِم لفظ یم شُری استعمال کران چھِ۔

اَکِس مکِس جایے ۔ پکان ژھایہٕ ژھایے

اَکِس مکِس جایہٕ اصطلاح چھُ شُری یادٕ وٗتریک جزوِ لاینفک

کتابہٕ ہِندِس ترٛیٛمِس حِصس منٛز چھےٚ ترواہ کہانیہ ۔ یمن

کہانین پسِ پردٕ چھےٚ دراصل فاضِل قلمکارس شُربن رٕژ اخلاقی

تربیت کرنس ستۍ تِمن اندر گوڈے موجوٗد صلاحیژ اُکساونٕچ فِکر کار

فرماآسمژ ۔ لالہِ صاب تہٕ پٹو ، ناوِ کہانی چھےٚ اَمِچ ژٕ مثال ۔ کم وانٛسہِ

آسنہٕ باوجود چھُ پٹو پننہٕ نِس انسانی قدرن ہنٛز پٹرِ پٹھ بون وٕتھی مِتِس

مالِس ماجہِ چھرا انسانی قدرن پٹھ ڈٕرتھ اَتھ پٹرِ پٹھ نوِ سرٕ اَنتھ زِٹھِن

عزت کرنک باس دِوان ۔ ارسلان چھُ سکوٗلس منٛز اکھ بارٕ اہمیتُک رول

ادا کرِتھ ماسٹر جیٚس ذہنکی ڈٕریچہ کھولان تہٕ اَکِس مخصوص اندازس

اندر سکوٗلس منٛز وٕتھی مِتِس نِتنس اند بوٚر دِوان ۔ یا محض لگہٕ ہِندِس

خاطرٕ الس پٹھ پلن والۍ پٔنژی چھِ محنت نہ کرنک خمیازٕ تُلان تِتھے کٔنۍ چھےٚ

جلدی ناوِ کہانی منٛز وتلاونہٕ آمُت کورِ ہُند کردار معصوم تہٕ مثالی یُس

شُربن اکہِ نتہٕ بیکہِ رٔنگی اخلاقی تربیت کران چھُ یمن اخلاقی قدرن

پٹھ مُبنی کہانین چھُ ژٕری کٔنۍ شُربن ہنٛزِ زِندگی ستۍ واٹھہٕ چھےٚ یقینی

طور گوڈنچہِ لٹہِ اَمہِ اندازٕ تھٕر نہٕ آمٕژ مگر حق چھُ زِ موصوف سُند یہ دعویٰ چُھنہٕ سارِنٕے کہأنین پٹھ لاگو سپدان پوٚز چھُ یہ زِ "ہٕنٛز ہٕنٛز دَگ" نأوِی کہأنی چھےٚ بُنیأدی اکھ لُکہٕ دٲپِل یوسہٕ مختلف علاقن منٛز بیوٚن بیوٚن اندازو سیتۍ یہ سینہٕ برونٛہہ روٗز یِکان ؤنۍ گوٚو مصنفن چھےٚ اَتھ دٲپِلہِ اندر گوڈَے موجوٗد تربن اہم تہٕ مرکزی کردارن ناو گرٕمتۍ یعنی عدنان، سُلطان تہٕ عمہٕ کاکھ تہٕ اِد چھِن لُکہٕ دٲپِلہٕ ہنٛدِ معنہِ برونٛہہ تَتھ تخلیقی تعارُف تھٕرِتھ زنتہٕ اکھ مأرِی منٛز تہٕ شوٗبہِ دارؤج لأگمٕژ ۔ زیبہ نأوِی کہأنی منٛز چھُ وٚرِ ماجہِ ہُنٛد کردار وِتلاونہٕ آمُت ۔

کتابہِ ہُنٛد اَخری حِصہٕ چھُ کأشرِ لُکہٕ وٚترِ منٛز ژارنہٕ آمٕژن ہفتا کالہِ پٹھ چلہٕ وِنبن کہن شُری دٲپِلن پٹھ مشتمل مگر حق چھُ زِ فاضل تخلیق کارن چھُ یِمن نوٚو اَنہار تہٕ آکار بخشِتھ نوٚو زنم دِیتمٕت یُس اُہنٛدِ حِسأوی تخلیق کار آسنک باس دِوان چھُ۔

ژھوٚٹۍ پأٹھۍ وَنہٕ یہ زِ آتش صأب چھُ شُربن ہُنٛد نبض شناس تہٕ مزاز شناس تہٕ شُربن پرناوان تہنٛز شُری لہِ ہنٛدی مختلف رٔنگین پہلو موجوٗد دورِ کہن تقاضن ہنٛز بأریک بٔری واجنہِ کنگنہِ وبٕژھنتھ پنہٕ نِبن پُرمغز تجرُبن ہٕنٛدِس پندرس کھأٹِتھ مدمأتی اندازس اندر پنہٕ نبوسونہٕ گلو وارٕ وارٕ یِمن اُوِجبن داون کتنہِ موکھہِ پنہٕ نہٕ یٔندرٕ چ پرٕیہ ؤنۍ ژٕ گرپھرِتھ وارپاو ژٕپتھ دِتھ تہٕ ژیڈ گرتھ اِد یِمہٕ داو لولہِ سان ابسأوِتھ

شُرٕ بن زِندگی ہٕنز پیٚنز ییر نہٕ موکھہٕ نوٚو کینژھا مینژھا دِتھ ارضی أستھ آفأقی لول آیُت تھاوانٕ تہٕ یتھٕ کُنز شُرٕ بن ہٕنٛدی مَن رٛنزٕناونس ہستی ہستی پننہٕ نہِ ماجہِ زیوِ ہٕنٛدی تخلیقی امکانات گاشران تہٕ تِمن تھزر تہٕ بجَر بخشان۔



پرٛبتھ اوٚبرٕ لوٚنکِس منٛز چھُ شوٚنگتھ نار ترٹن ہُنٛد
پرٛبتھ تاپہٕ ٹیکِس دیو چھِ أندری گاش ژٕہان ہوی
کتھ چاأنی چھےٚ تہہ دار، طرح دار، قداوار!
کتھِ میانہِ جیپنس ژےٚ کوے گُمہٕ ڈلان ہوی

(غلام نبی آتش)

محمد اشرف راوی

# نۆو کینژھاہ میٚنژھاہ

بچہِ ادب چھُ کأشرِ زبأنی منز پرانہِ وقتہٕ پیٹھے موجوٗد او سمُت تہٕ سینہٕ بہٕ سینہٕ ووت اِرتقاہکۍ مرحلہٕ طے کران اَسہِ تام۔ اَتھ ادبس چھِ ووٗنی کِتأبی شکل دِنہٕ آمژ۔ تِتھِس ادبس منز چھِ شأمِل منزٕلی بأتھ۔ شُری بأتھ تہٕ رایمہٕ۔ سأنی بچہِ چھِ گلوبلایزیشن (Globalisation) کِس یتھ دورس منز انگریزی زبأنی ہٕندِس گہرٕ اثرس تل "ہُہ گُس یۆگُس تیٚلہِ ژٕ گُس، شال کٕچ کٕچ وانگنو" روایتہٕ نِش واریاہ دوٗر ریمتی۔ بروٗنہہ کالہِ وٕن اُسی لوکٹین شُربن "ہوپہٕ لیٚلہِ ژھوپہٕ کر، موج گیی گرٕہٹہٕ بل" ہِوی بأتھ وٕنتھ رٕنز ناوان۔ میانہِ وننک مُدعا چھُ یہِ زِ بچہِ ادب اِرآدی تہٕ تخلیقی طور تحریرس اننہٕ بروٗنہہ تہٕ أس کأشر زبان بچہِ ادبہٕ سٟتی مالا مال۔ ووٗنی گۆو نوِ زمانک نۆو چیلنج نظرِ تل تھأوِتھ أس ضروٗرتھ بچہِ ادب تحریری طور بارسس انٕنچ۔ اَتھ سِلسِلس منز چھے غلام نبی آتش صأبنز شُری ادبٕچ کتاب "نۆو کینژھاہ میٚنژھاہ" باقٕے شُری ادبٕچو کِتابو نِشہِ بیٚون تہٕ بدوٗن أستھ اِمتیأزی شان تھاوان۔ کِتابہِ منز چھُ نظمو علاوٕ

ژِر تہٕ موجوٗد۔ ژِر ہِسس منز چھِ بچن ہِنٛدِ خاطرِ پرٛانوٕ ڈلیلوٕ علاوٕ کیٛنہہ موخصر تخلیقی افسانہٕ تہٕ موجوٗد یوسہٕ کأشرِس شُرِ ادبس منز گوڈنیُچ کوٗشِشش چھِ۔

کِتابہِ چھِ ژور حِصہٕ۔ گوڈنکس حِصس چھُ ناو "شُری بأتھ" اتھ منز چھِ داہ شُری بأتھ۔ یِم بأتھ چھِ شُربن ہِنٛز نفسیأتی ضروٗرت، کأشرِ قومُک اخلأقی اثاثہٕ، ماجہِ کشیرِ ہُنٛد حُسن تہٕ اتھ حُسنس سٟتی وابستہٕ لول نظرِ تل تھأوِتھ آمتی لیکھنہٕ۔ یِمن بأتن منز چھ شُربن ہِنٛز جِبلژ، جذبہٕ تہٕ خأہشہِ شعرِ ناونہٕ آمژ۔ مذکوٗرِ حصہِ کِبن یِمن دہن بأتن منز چھنہٕ شأعرن کانٛہہ فنی تکنگری ہأوِمژ بلکہِ سبزرک تہٕ بزرک مُظاہرِ کوٗرمُت۔

نظم "سون وطن نُنٛدِ بون وطن" تہٕ اتھ منز تِتھی ہوی شعر:

پانٛژالن ہُنٛد شِنہٕ مالن ہُنٛد
گُلِ لالن ہُنٛد کوہ مالن ہُنٛد
اَسہِ ٹوٹھ پٔژن نُنٛدِ بون وطن
یہٕ چھُ سون وطن نُنٛدِ بون وطن

چھِ اکہِ طرفہٕ کشیرِ ہِنٛدِ حُسنچ عکأسی تہٕ اَتھ سٟتی لولُک اِظہار تہٕ دوٗیمہِ طرفہٕ شُرِس محبوٗرن اَمہِ گاچِک کلام تِتھی ہوی شعر سمجھنہٕ خأطرِ تیار کران۔

أنٛدی أنٛدی سفید نگر
دیوارِ سنگِ مرمر
منز باگ سبز گوہر
گُلشن وطن چھُ سونے

''أسی شُری'' نظمہِ منز چھُ شُربن ہنٛدِس ییتھ اِرادس زبو دِنہٕ آمُت زِ تِم چھِ پگہُکہِ قوٗمکی تعمیر کار تہٕ تِمہِ قوٗمچ ذِمہٕ دأری نکھہِ والنہٕ خأطرٕ تیٚمی قومن تِمن وچھِ وُشنیر تہِ دیُت تہٕ حرفہٕ زان تہٕ کٕرنکھ۔

اَسہِ وطنن گلہِ گلہِ شیرِ دِتُن

أسی رۄدی سرس مٔرِ ھجارن منز

حق والو نکھہٕ مومہٕ دامن ہُنٛد

طوٗفانن منز ترٛکجارن منز

''وُپھ تُلہِ ہا'' چھِ فرٛی وٕرِس۔ نظم چھِ شُربن ہٕنزن خأہش تہٕ ارمانن ہنٛز باوتھ۔ نِو کھوتہٕ نوٚو وُچھنگ تہٕ ہیٚچھنگ شوق تہٕ وُپھ ترٛأوتھ تھدبن مرتبن واتہٕ نِچ خأہش۔ فرٛی وٕرسس منز لکھنہٕ آمٕژ یہٕ نظم چھِ شُری سٕنٛز آزادخیألی ہُنٛد برملا اِظہار۔

نظم ''بُلبُل'' چھِ شُری سٕنٛز آزادخیالیہٕ تہٕ خوٗشین تہٕ سرٛورن منز روزنُک اِظہار۔ وٕں گوٚو بُلبُل سُنٛد پرٛ مُلکس گرٛژھن چھُنہٕ کٔشیرِ ہٕنٛدِس پسِ منظرس منز (context) رلنہأری۔ پتہ گوٚو اِستعأری (figurative) معنہِ کرٕہوس سو گیہ بیٛا کھ کتھ۔

نظم ''چأنی چھِم احسان خدایا'' منز یہِ شعر۔

مُمی دِژھم ڈیڈی دیُت تھم

جانان تہٕ عألی شان خدایا

اتھ شعرس منز چھِ "مُمی" تہٕ "ڈیڈی" لفظ پھٔٹتھ ہوی نیران تہٕ یِمن چھُنہٕ نظمہِ ہنٛدِس کلُہم تصورس تہٕ آہنگس ستی رلھنار واتھ۔ "مُمی" تہٕ "ڈیڈی" بدلہٕ اگر مولاہ موجاہ یا امی ابو ورتاونہٕ آسہِ ہے آمُت میأنی کِنی اوس بہتر۔(زبانہٕ گیہِ گلو بلایِز۔ کوڈ مِکسِنگ تہٕ کوڈ سُچنگ چھِ سانہِ کأشرِ زبأنی ہُنٛد دأیِر ؤہراوان۔ ووٚنی گوٚو شأعری منز چھِ خأ لص[1] زبانہٕ شوٚبان)۔

"شُر تہٕ چھِٹہٕ پوٚنُر" نظمہِ منز، گڈو، گڈی، ٹی ٹی، موبایِل، رسنا، ٹافی، لفظن ہُنٛد استعمال چُھ جمالیأتی ذایقہٕ[2] راوراوان تہٕ نظمہِ ہنٛدِس نُندبأنی تہٕ نرل اندازس زَکھ واتناوان۔

کِتابہِ ہُنٛد دوٚیِم حِصہٕ چھُ مُشتمِل دہن بأتہٕ کتھن پٮ۪ٹھ۔ یِمہٕ بأتہٕ کتھہٕ چھِ منظوٗم ذٲلیلہٕ۔ بأتہٕ کتھن منز چُھ معنہٕ مطلبُک خیال تھأوِتھ بحرِ ہنٛز روأنی تہٕ لوتہٕ وأے لوتہٕ وأے لفظن ہنٛدِ استعمالک ظوٗن آمُت تھاونہٕ۔ پرٛتھ کُنہٕ بأتہٕ کتھِ منز چھِ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ آگہی، پأغام، اصول یا ہدایت شُربن تام واتناوٕنچ کوٗشش آمٕژ کرنہٕ۔ بأتہٕ کتھہٕ چھِ

---

[1] "ممی تہٕ ڈیڈی" ہوی کثیر الاستعمال لفظ چھنا "خأ لص"! یِمن کیا سنا چھُ رل۔ لوتہٕ واے تہٕ چھِ تہٕ عام تہٕ چھِ۔ ووٚنی چھِ واریاہ شُری "مول" تہٕ "موج" بجلیہِ "ڈیڈی" تہٕ "ممی" لفظ ورتاوان۔ (مرتب)

[2] شُربن ہنٛدِ خاص پأٹھی نیشہِ بدبن ہنٛدِ باپتھ چھِ یِم لفظ پوٚرٕ جمالیأتی لطف تھاوان۔ اَسہِ چھُنہٕ مضموٗن نگار سٕنزِ رایہ ستی اتفاق۔ تِکیازِ یِم لفظ چھِ ووٚنی سانیٚن شُربن منز عام تہٕ مقبوٗل۔ (مرتب)

شُر بن ہِنٛدِ نفسیات تہٕ ضرورتہٕ مُطابق آمٕژ لیکھنہٕ۔ شُر ہیکہِ یمہٕ ڈٟلیلہٕ گیوان گیوان یاد تھٲوِتھ تہٕ یمو نِشہِ فرحت تہٕ آگہی حاصِل کٔرِتھ۔

"گاٹُل کاو" ناوی نظم چھِ مختلف زبانن منٛز مختلف عُنوانن تحت لیکھنہٕ آمٕژ۔ آتشؔ صابن چھِ ژھوچہٕ بحرِ منٛز یہِ ڈٟلیل لیکھِتھ اسلوٗبی کرتب ہووُمُت۔ اپہِ نظمہِ ہُنٛد یہِ درس، خوشامدس گژھہِ نہٕ لور روزُن، چھُ شُر بن کیٛاہ بڈٕ بن خاطرِ تہٕ نصیحت۔

دوٚیمس حِصس منٛز شامِل سارے نظمہٕ چھِ مُنفرد تہٕ مٲرِک منٛدِ اسلوٗبہٕ رٔنٛگ تہٕ عام لفظہٕ راش تھاونہٕ موکھہٕ پرنس گُن مٲل پھِران۔ نتہٕ چھِ یمہٕ کتھہٕ واریاہ کالہٕ پٮ۪ٹھ مُروجہ۔ نظم "دوٗدک دودس تہٕ آبک آبس" چھِ یہِ درس دِوان زِ غلط کامہِ ہُنٛد نتیجہِ چھُ ہمیشہِ بُرٕ نیران۔ نظم "لالچ" چھِ یہِ درس دِوان زِ لالچ کرنہٕ ستی چھُ ہمیشہِ انسان گاٹس منٛز یوان۔ دوٚیمس حِصس منٛز شامِل سارنے نظمن ہٕنٛزن بحرن منٛز چھ آتشؔ صاب لیہِ لٔہراوپاد کرنس منٛز کامیاب سپدمُت۔ بحرن ہُنٛد لٔہراو چھُ نظمن نغمٲتیت بخشان یُس شُر بن ہِنٛدِس مزاجس نکھہٕ نفسیاتس براہ چھُ یوان۔

کتابہِ ہُنٛد ترٛییم حِصہٕ چھُ موخصر تخلیقی افسانن پٮ۪ٹھ مشتمل۔ یم افسانہٕ لیکھنہٕ وِزِ چھُ آتشؔ صابن بچن ہٕنٛز نفسیات تہٕ سمجھنُک طاقت نظرِ تل تھٲوِ مٕژ۔ افسانہٕ چھِ اخلاقی درس دِنہٕ باپتھ یا ماحولس مُتلق شُری سُنٛد ظون پھِرنہٕ باپتھ لیکھنہٕ آمٕتی۔ آتشؔ صابن چھِ سہل تہٕ عام

ورتاوِ چ زبان ورتاوِمژ۔

''گاشُن چھٹہٕ پونپُر'' افسانہٕ چھُ شُرِس تہٕ فطرتس درمیان گٕشہِ تہٕ پانہٕ نیاُرُک رِشتہٕ ہاوان۔ اَمہِ رِشتُچ بُنیاد چھِ سو معصومیت یوسہٕ دوشوٕنی منز موجوٗد چھِ۔ ''گُل کوتاہ لوِ'' افسانہٕ تہٕ چھُ ماحولیاتی افسانہٕ۔ یم افسانہٕ چھِ ماحولس مُتعلق شُری سُند توجہ پھران تہٕ یتھ کتھِ کُن ظون دِوان زِ ماحول بچاونہٕ موکھہ چھِ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ کُلی ووپداونچ ضروٗرت۔

''ہمی جانُن خاب'' چھُ یتھ حقیقتس تہٕ سماجی بُرائی کُن ظون پھران زِ کوربن چھِ لڑکن مُقابلہٕ پننہٕ شخصیت پرکھاونکی موقہٕ کمے پہن دِنہٕ یوان۔ ہمی جانس ییلہِ نہٕ پنُن کرکٹ ٹیم میچ گندناونہٕ باپتھ جایی میلان چھےٚ سو چھِ زوٗنہِ پیٹھ گندنہٕ خاطرِ گرٕھنکی سنٛز کران کران خابس منز ہوائی جہازس کنتھ واتان تہٕ میچ گنڈان۔

''جلدی'' افسانہٕ تہٕ چھُ طنز موجوٗدٕ سماجی شعوٗرس۔ ییتہٕ کوربن ہُند زیوٚن اشُب چھُ مانہٕ یوان تہٕ نچوی ہِندِ خاطرِ چھِ وَشہِ یوان گنڈنہٕ۔ جلیسہٕ کوٗر چھِ پننس مالِس ماجہِ تہٕ پننس گرس ژوٗرو نشہِ بچاونکی سنٛز کران تہٕ ثابت کران زِ کوٗر چھنہٕ نچوٚس پتھ۔ اَمی انمانہٕ چھُ ''اِمتحان'' افسانہٕ کورِ ہنٛدِ پننس مالِس ماجہِ متعلق زیادٕ حساس آسنُک اِظہار۔

''ارسلان'' افسانس منز چھُ اکہِ طرفہٕ ارسلانُن کِردار اَکِس

مثأُلی ژاٹھس منز ووتلان تہٕ بیٚیہٕ طرفہٕ چھُ افسانس منز ووستاد برادری ہنٛدِ فرض شناسی نشہِ دوٗر برتہٕ لاپرواہی ہُنٛد اِظہار۔

''ووستاد تہٕ ژاٹھ'' افسانہٕ چھُ دون ہنٛدِ اژھمن رِشتک اِظہار کرِتھ یتھ خیالس زیو دِوان زِ ووستاد چھُ ژاٹھہٕ سنٛزٕ تربیت خاطرٕ کفالژ تُلان تہٕ أکِس جان ژاٹھس چُھ یہِ یاد روزان۔ ''پٕنزٕ'' افسانس منز چُھ یہِ درس دِنہٕ آمُت زِ بیکار گژھہِ نہٕ روزُن بلکہِ گژھہِ پننہِ اتھہٕ کماوُن تہٕ کھیوٚن۔ تالوٹنگن گژھہِ نہٕ پژارُن۔

''ٹھوٗلہٕ ژوٗر'' افسانس منز چُھ ارشد ٹھوٗلہٕ ژوٗر کران تہٕ جانور چھِس دِگہٕ دِوان۔ درس چھُ میلان زِ غلط کامہِ ہُنٛد نتیجہٕ چھُ نقصان دِنہٕ وول آسان۔

''زیبہٕ'' ناوی افسانس منز چُھ سماجکہِ تمہٕ طبقچ عکأسی آمٕژ کرنہٕ یم نہٕ وُنہِ علم و ادبکہِ نوٗرٕ نشہِ زأنیاب چھِ۔ زیبہٕ، اکھ یتیم کوٗریوسہٕ وورِ ماجہِ ہنٛدِ ظُلمچ شِکار چھِ، چھِ یژھان سکوٗل گژھُن مگر گرٕکی چھِس لاگان گاور چھنس تہٕ لوکچے وأنسہِ منز چھِ کران خاندر کرنک سنٛز۔ اَمہِ علاوٕ چھِ افسانس منز فوجکہِ گامہِ گوم پھیرنہٕ ہتی شرٕبن ہنٛدِس نفسیاتس پٹھ گُہرٕ برٕاثرس کُن ظون پھرنہٕ آمُت۔

''پٕنٕزٕ پٕنٕزٕ دگ'' افسانہٕ چھُ، یس بہٕ زاس تس بہٕ ٹوٹھ، یُس مے زاو سُے مے ٹوٹھ، اکہٕ پرٛانہٕ کتھہِ ہنٛز تمثیل۔

ترٛتیمِس حِصس منٛز شأمِل افسانن منٛز یوٚ دوَے پلاٹ، کردار
نگأری تہٕ دیگر افسانوی ٹیکنیکن منٛز ڈبجر چھُ، تاہم چھ اتھ منٛز شأمِل
واریاہن افسانن منٛز Stream of conciousness ٹیکنیک
بڑ مہارٕ ژ سان ورتاومٕژ۔

کِتابہِ ہُنٛد ژوٗرِم حِصہٕ، پرٛانہِ کتھہٕ، چھُ مشتمل دہن ژھوچن
دٕلیلن پیٹھ یمہٕ لوٗکہٕ ووتر منٛز چھِ رِنہٕ آمژٕ۔ یمن دٕلیلن ہُنٛد لفظہٕ راش
چھُ سیوٚد دساد تہٕ شُرہن فِکرِ ترنس لایق تکیٛازِ یم دٕلیلہٕ لکھنہٕ وِزِ چھ نوٚو
انداز تہٕ نوٚو اسلوٗب ورتاونہٕ آمُت۔ یم دٕلیلہٕ چھنہٕ صرف شُرہن ہُنٛد
دلہٕ یوت رنٛزناوان بلکہِ چھِ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ اخلأقی درس دِوان یا کُنہِ
حقیقتس وکھنٕ کران۔

"بطخ پوٗتی" تہٕ "ووٗنٹہٕ نژن" دٕلیلہٕ چھِ ثأبت کران زِ خصلتھ چھنہٕ
بدلان (ہوٗنی لوٚٹ ترٛ ووکھ قند پلس سہٕ دزا وژتجی وُہری تہٕ ہوٗنی لوٚٹے)

"سُمت"، "ہمسایہ"، "آن مأنی"، دٕلیلہٕ چھِ شُرہن یتھ
حقیقتس قأیِل کران زِ اتفاقس تہٕ پانہٕ وأنی لول برنس چھُ طاقت تہٕ تہٕ
فأیدٕ تہٕ۔

"بے وقوٗف ہوٗن"، "سوٗت کھیٚو گرٛٹن" تہٕ "بادشاہٕ سنٛز نیت"
چھِ باوتھ کران زِ لالچ چھِ لالچ کرن وألِس فأیدٕ بدلہٕ نقصان واتناوان۔

"ماجہِ ہُنٛد شاپھ" دٕلیل چھ مألِس ماجہِ ہنٛز اہمیت فِکرِ تاران۔ یتھ

کتھِ دربرٕ کران زِ اِنسان گژھِہ سارِوے چیزٕو کھوتہٕ زیادٕ ماجہِ ہُنٛد دعائے خاأر کا نچھُن۔

"گاٹہٕ جارٕ تہٕ "ڈالی" ڈٔلیلہِ منٛز چھِ جانوارن ستیٖ ہمدردی ہٕنٛدِ سلوٗکُک تلقین آمُت کرنہٕ۔ یِمن ڈٔلیلن ہُنٛد حُسن چھُ یہِ زِ پرن وول چھُھنہٕ توٚ تام کتاب تراوان یوٚ تام نہٕ دلیل موکلاوِ۔

یوسہٕ ڈٔلیل آتش صأبن "ڈالی" کہانیہِ منٛز وٚنی مژ چھےٚ سوٗ ڈٔلیل چھِ اَبس راضی صأبن ژورٕوٕری بروٗنہہ "کتھ وَنے" کِتابہِ منٛز "اِرِ زنگہِ مکرٕ" عنوانہٕ منظوم گرٕمژ۔ دوٕنوٚنی منٛز اِکے ڈٔلیل آسنہٕ باجود چھِ دوٕنوٚنی پٔنٛنی پٔنٛنی انفرأدی خصوٗصیت۔ "ڈالی" نأوی دلیل چھِ شُربن ہٕنٛدِس نفسیاتس زیادے نکھٕ۔

"سوٚت کھیوٚو گرٕہٹن" نأوی ڈٔلیل تہٕ چھِ ابس راضی صأبُن پٔننہٕ "کتھ ونے" کِتابہِ منٛز "پہی وُنی" نظمہِ منٛز آتش صأبنہٕ تخلیقہِ بروٗنہہ ژور وٕری شعر نأومژ۔ کردار تہٕ سٹنگ چھِ دوٕنوٚنی ہٕشی۔

اُخرس یہِ کتھ، کُنہِ مبالغہٕ ورأے، آتشِ صأبن یوسہٕ خدمت کأشرِس شُری ادبس "توٚ وکینژھا مینژھا" لِکھنہٕ ستیٖ کٔرسو چھِ وُنیک تام نبرل۔ کتابہِ ہُنٛد ڈِزاین، گیٹ اَپ، رنٛگین بایڈنگ، تصویر، عُمدٕ کاغذ، پرنٹنگ تہٕ کمپوزنگ چھِ تھیکنٕی لایق۔



شبنم تِلہٕ گامی

# نۆو کینژہ ھامینژہ ھا

''نۆو کینژہ ھاہ مینژہ ھاہ'' عنوانٕے چُھ ییمہِ کتھہِ ہُنٛد باس دِوان زِ کاشُرِ زبانٕی ہُنٛد بہلہِ پایہِ شاعر تہٕ ادیب غلام نبی آتش چُھ شُرٕ بن ہٕنٛدِ باپتھ کیاہتام نۆو ڈٲلی ہیتھ آمُت۔ تِکیازِ لفظِ ''کینژہ ھامینژہ ھا'' تہٕ شُری چھِ اکھ اَکِس ستی لازِم ملزوٗم۔ از تہٕ ییلہِ اَسہِ گرن منٛز یا گرِنبر شُرِس پانس کُن توجہ پھیرُن آسہِ اَسی چھِ تمِس بڈِ ہٹہِ ونان ''رٕٹھ سہ، کینژہ ھامینژہ ھا'' تہٕ شُر کیاہ! بعضے چُھ بڈی سُنٛد توجہ تہِ اوکنٕے گژھان۔ اَتھی کینژہ ھامینژہ ھاہس بُتھہِ ''نۆو'' تراونہٕ ستی چُھ ٹاکارٕ سپدان زِ کاشُرِ ادبہٕ کِس پرٛتھ کُنہِ صِنفس پیٹھ جان دسترس آسن وٲلی قدآور شاعر تہٕ ادیب غلام نبی آتش صابن چھےٚ اَمہِ بروٚنٛہہ تہِ سُلطان محمد سلطانس ستی رٕلتھ ''کینژہ ھامینژہ ھا'' عنوانہٕ شُرٕ بن ڈٲلی دِژٕمژٕ۔ زیرِ تبصرٕ کتابہِ ہُنٛد عنوان چُھ ''نۆو کینژہ ھامینژہ ھا''۔ ہرگاہ کتابہِ اندر موجوٗد نظمن تہٕ نثر پارن بیوٚن وٕژھنے گروتیلہِ چھےٚ یہِ اکھ زٕٹھ کتھ۔ کتاب چھےٚ کُل ۱۱۸ ہن صفحن پیٹھ مشتمل۔ کتاب چھےٚ مُجلد تہٕ کتابہِ ہُنٛد کاغذ تہِ چُھ جان۔ کتابہِ ہٕنٛدِس سرورقس پیٹھہِ کنہِ چھ

لیڈ ریں رنگس منز ''نوٗ'' تہٕ بوٗنہٕ کنہٕ ''شُربن باپتھ نظمہٕ تہٕ کہانیہ'' لیکھِتھ تہٕ اَمہِ پتہٕ چھِ اُکس دأریس اندر شُری پران لیکھان تہٕ رِگنداں درٛ وکان ہاوِنہٕ آمِتی تہٕ اُخرس پیٹھ چھُ سرورقہٕ کس سےٚ منزس بوٗنہٕ کنہِ مُصنف سُنٛد ناو یعنے غلام نبی آتش لیکھِتھ۔ سرورق چھُ رنگا برنگی، مأری موٗنٛد تہٕ شوٗبہٕ دار۔

کتابہِ ہِنٛدِس گوڈنِکس صفحس پیٹھ چھِ دون ترٛبن رنگن منز دِلچسپ اندازس منز زٕ بچہٕ کارٹون شکلہِ منز گلوبس ستی رِگنداں ہاوِنہٕ آمتی۔ صفحہٕ نمبر ۲ ہَس پیٹھ چُھ حسبِ روایت کتابہِ ہُنٛد ناو، شأعر تہٕ مصنف، تعداد، سائز بیترِ ہاوِنہٕ آمُت۔ تاہم چھےٚ یہِ کتھ باوٕنی لایق زِ کتاب مُجلد تہٕ مأری منز آسنہٕ باوجوٗد چھُ اَتھ ازکل شایع سپدن واجنبن کتابن مقابلہٕ مول سیٹھاہے کم یعنے ۱۵۰ روپیہٕ ہاوِنہٕ آمُت۔ تتھے پأٹھی چھُ صفحہ نمبر ۳ ہس پیٹھ غلام نبی آتش ''پگاہ چھُ تُہنٛدِ ناوٕ لیکھِتھ'' شُربن ڈألی اَرپن کران۔ صفحہ نمبر ۴ پیٹھ چھےٚ اکھ اُستأنی اُکس طالبِ علمس پرناوان، مگر یہِ اُستأنی چھےٚ مغربی لِباسس اندر ہاوِنہٕ آمٕژ، یُس نہٕ کأشربن وَیہِ وُن چھُ۔ صفحہ نمبر پانٛژھ پیٹھہٕ صفحہ نمبر أٹھس تام چھےٚ کتابہِ منز درج مختلف عنوانن ہنٛز ترتیب دِنہٕ آمٕژ۔ یتھ ژور بڑٕی حِصہٕ چھِ۔ یعنے ''شُری بأتھ'' ناوٕ کس گوڈنِکس حِصس چھِ اُلف، ب تہٕ ج رنگی بییہٕ ترٛےٚ حِصہٕ کِنہٕ آمٕتی۔ الف حِصس اندر چھ ژور دُعا۔

یِمن نظمن اندر چھےٚ خدایس یأری منگنہٕ آمٕژ تہٕ یِم معصوٗم شُری
چھِ اَتھ دأرِتھ خدایس یأری منگان۔ شاعر چھ یِمن لفظن اندر شُربن
ہِنٛدٕ بن دِلن اندر یہِ کتھ سنزراوٕنی یژھان زِ خدا چھُ کائناتس اندر موجوٗد
پرٛتھ زُوزأژ ہُنٛد۔ زمین و آسمانٕک، انسانن تہٕ حیوانن ہُنٛد، غرض
پرٛتھ زرُک مألِک۔ آتش چھُ یِمن نظمن اندر شُربن خدایہِ سُنٛد شُکر
گُزار روزنُک سبق دِیُن یژھان۔ یعنے یہِ کیٛژھا تِمن خداین دِیٛتمُت
چُھ تِمن پٮ۪تمیُک شُکر گزار روزُن۔ تیٚتھے پأٹھی چھِ گوڈنکہِ حِصہٕ رِکس
دوٚیِمس حِصس یعنے "ب" لیس اندر "سون وطن" تہٕ "نُنٛدٕ بون وطن"
عنوانہٕ زٕ بأتھ۔ یِمن دوشوٕنی بأتن اندر چھ شاعرن شُربن ہِنٛدٕبن دِلن
اندر پننہِ وطنہٕ کِنہِ کوہسارن، سبزٕ زارن، آبشارن، پوشہِ باغن، ریٚشی
یَن، جاناوارن تہٕ میٹھِ تہٕ مُدرِ آبُک لول ہُراونہٕ باپتھ سخ محنت
گرٕمژ۔ گوڈنکہِ حِصہٕ رِکس ترٛیٚیِمس حِصس یعنے ج بابس اندر چھِ
"أسی شُری"، "وُپھ تُلہِ ہا"، "شُر تہٕ چھٹہِ پونُر"، "بُلبُل" عنوانہٕ
منظوٗم اندازٕ شُربن ہِنٛدٕبن بالہِ پانہٕ کِنہِ ارمانن، جذباتن تہٕ
احساساتن ہنٛز ترجمأنی کرنہٕ آمٕژ۔ "بأتہٕ کتھ" عنوانہٕ رِکس دوٚیِمس
حِصس اندر چھےٚ "گاٹُل کاو"، "اَپھر"، "مشورٕ"، "گاٹُل کوکُر"، "لالچ"،
"پلم نہٕ تیٚیے ژوٚکی گام"، "دوٗک دوٗدس تہٕ آبُک آبس"، "بڑأری
توبہٕ"، "نیکی"، "وبہٕ توُن" بیٚتر بأتہٕ کتھہِ۔ شاعرن چھےٚ یِمن منٛز عام

فہم زبان ورتاوٕمژ، یِیمہٕ ستیٚ شُرہن یِم کہانیہٕ پرنس اندر دِلچسپی ضرورٕ ربڈٕ۔

ترٚیِمس بابس منٛز چھےٚ یِمہٕ نو کہانیہٕ یتھ منٛز ''گاشُن چھٕٹہٕ پوٚنپُر''، ''ہُمی جانن خاب''، ''ارسلان''، ''جلدی''، ''لالہٕ صاب تہٕ پنٛٹو''، ''امتحان''، ''گُل کوتاہ لوٚ''، ''اوٚن تہٕ گاشدار''، ''وستاد تہٕ ژاٹھ''، ''پنٛژی''، ''ٹھوٚلہٕ ژوٗر''، ''زیبہٕ'' تہٕ ''پنٛزٕ پنٛزٕ دگ''۔ یِمن کہانین اندر چھےٚ مُصنفن شُرہن اندر بڈٕ بڈٕ خاب وُچھنٕچ، رُت سوچنٕچ، وستادن ہُنٛد احترام کرنٕچ، پرٕتھ کانٛہہ کام وقتس پیٹھ کرنٕچ، مائِلِس ماجہِ ہنٛز خدمت کرنٕچ، محنت کرنٕچ، گُنہٕ تہٕ صورتس منٛز ژوٗرنہٕ کرنٕچ، مائِلس ماجہِ گرٕ کامہِ اندر مدد کرنٕچ، اکھاَکِس دوٚکھس سوٗکھس منٛز اکاربکارٕ تنٕچ حبس آگہی ووتلاوِنٕچ کوٗشِش کٔرمٕژ۔ یِمن کہانی ہِنے یوت نہٕ بلکہِ چھےٚ کتابہِ ہنٛدہن اکثر لیکھن اندر انسان دوستی ہُنٛد جذبابہٕ ووتلاوِنٕچ پرٕتھ ممکن کوٗشِش کرنہٕ آمٕژ۔

کتابہِ ہُنٛد ژوٗرِم تہٕ اَخری باب چھُ دون حِصن منٛز باگراونہٕ آمُت۔ یعنے الف تہٕ ب۔ الف حِصس منٛز چھِ ''بطخ پوٗتی''، ''بے وقوف ہوٗن''، ''سمت''، ''سوٗت کھیوٚ و گربٹن''، ''ووٗنٹہٕ نژُن''، ''گاٹہٕ جار'' عنوانہٕ چھِ کہانیہٕ۔ یِمن کہانین اندر چھےٚ بچن خوٗنی رشتہٕ، عقلہِ کام ہنٕچ، اتفاق کرنٕچ، دھوکہ نہٕ دنٕچ، کو وقتہٕ کتھ نہٕ کرنٕچ تہٕ گُنہٕ ساتہٕ

نس کھوتہٕ لوٚکٕٹ سُنٛد مشورٕ مانٛنچ اہمیت باوِنہٕ آمُژ۔ تِتھے پأٹھی چھِ اَمہِ
کس "ب" حِصس منٛز "ماجہِ ہُنٛد شاپھ"، "ہمسایہِ"، "آن مأنی"، "ڈألی"
تہٕ "بادشاہٕ سِنٛز نیت" عنوانہٕ کتھن منٛز بچن بچن کتھن وضاحت کرنہٕ
آمُژ۔ اَتھ حِصس اندر چھےٚ ماجہِ ہنٛز اہمیت، ہمساین سٟتؠ رُت سلوٗک
کرُن، گرس منٛز اکھأکی سُنٛد زانُن مانُن، جاناوارن سٟتؠ رُت سلوٗک کرٕنۍ،
نیت ہمیشہِ صاف تھاوٕنۍ کتھ کرنہٕ آمُژ۔

غرض کتابہِ اندر شأمِل مواد چھُ بچن ہنٛدِ مَنہٕ مطأبق تہٕ فکرِ پٮ۪ٹھہٕ
پٮ۪ٹھہٕ بالغ گژھنس تام کہن تمام عُمرِ ہنٛدٕن شُرٕن ہنٛدِ معیارِ مطأبق۔
کتابہِ اندر موجوٗد پرٛتھ کانٛہہ موضوٗع چھُ مُنأسب شکلوٚ سٟتؠ پُرکشش
بناونہٕ آمُت۔

"نٔو وکینٛژ ھامینٛژ ھا" کتاب چھےٚ پرٛنہٕ پأٹھی کأشرِ ادبہٕ تہٕ خصوٗصاً
بچن ہنٛدِ ادبہٕ خأطرٕ اکھ اہم میلہٕ کٔنۍ۔ کتابہِ ہنٛدِس صفحہ نمبر ۹ پٮ۪ٹھہٕ صفحہ نمبر
۱۴ ہَس تام چھےٚ مصنفن "گوڈٕ کتھ" عنوانہٕ پننۍ کتھ باوٕمٕژ۔ گوڈنٕکی زٕ
حِصہٕ چھِ کتابہِ ہنٛدٕن ۳۳ ہن صُفحن پٮ۪ٹھ منظوٗم طریقہٕ وبرٛتھناونہٕ آمٕتۍ
تہٕ باقٕے زٕ حِصہٕ چھِ نثرس منٛز باونہٕ آمٕتۍ۔

کتاب پرٛنہٕ پتہٕ چھُ یہِ احساس سپدان زِ غلام نبی آتش صأبن
کمہِ محنتہٕ سان چھےٚ یہِ کتاب تیار کٔرمٕژ تہٕ کتابہِ ہنٛدِس پرٛتھ کُنہِ
پہلوٗ وس پٮ۪ٹھ ییٚمہِ آیہِ وٕنت چھےٚ کرنہٕ آمٕژ یمہِ سٟتؠ چھُ تأثرٕ سپدان زِ

آتش صائبس کأژاہ دِلچسپی چھےٚ شُربن ہستی، یم سون پگاہ چھِ چونکہِ آتش صأب چھِ گوڈٕ کتھِ منٛزٕ ے وناں زِ تم چھِ ۴۰ رٕہن وٕرِین بحثیتِ ووستاد رٕوٕ دی ہتی۔ لہٰذا چھ اوے تٕہنٛدِس رُمس رُمس منٛز شُربن ہُنٛد لول تہٕ محبت بُستھ تہٕ تمن چُھ پےَ زِ شُربن ہنٛدی جذبات تہٕ احساسات رٕتھٕ کٔنی ہِین رٔژھراونہٕ تہٕ پھاپھلاونہٕ تہٕ تمن رٕتھٕ کٔنی ییہٕ صٔحیح طرح دِنہٕ۔

یمہِ کتابہِ ہنٛدِ باپتھ یوسہٕ کتھ میانہِ خیالہِ سارِوے کھوتہٕ اہم چھےٚ سو چھےٚ یہِ زِ آتش صائبن چھےٚ شُربن ہستی وٕتھتھ یہتھ ۴۰ ہن وٕرِین ہنٛدِ اکہِ زیٹھِ تجرُبہٕ پتہٕ یہِ کتاب ترتیب دِژمٕژ۔ کتابہِ ہنٛدِ سرورقہٕ کہِ بییہِ پاسہٕ چھےٚ مصنف سٕنٛز اکھ مأری مُنز تصویر۔ اتھ تصویرس وارِ سٔنتھ چُھ باس لگاں زِ زنتہٕ چھِ آتش صأب کُنہِ سکولس منٛز کلاسس اندر شُربن ہنٛزن کاپیِ ییَن نظر دِواں دِواں تہٕنٛدبن اڈٕ گری مڈٕ گری لیکھی متین اَچھرن تہٕ لفظن شیرِ پأر کراں۔

یہِ چُھ غلام نبی آتش سٕنٛدِ فنی کمالُک، شأعرانہٕ صلأحیژ، فنی زأوِجار، زانُنگ تہٕ لُکہٕ ادبس پیٹھ سمبٹھیےٚ دسترس آسنُک وجہ زِ تمی چھےٚ یژھ خوبصوٗرت، مأری مُنز تہٕ ہاوِنی لایق کتاب بازرترأوِتھ شُربن ہستی پٔنٕنی أندرِم ووندٕ باوتھ بأگراونس منٛز کامیاب گأمتی۔ خدا تھأوِن تمن وارِ تہٕ اَسہِ پوٗشن تہٕنٛد سایہِ۔



ڈاکٹر گلزار احمد راتھر

# کأشرِ لُکہٕ بأتھ

لُکہٕ بأتھ جلد: ۱۱ چُھ غلام نبی آتش صأبُن ترتیب دِیُتمُت تژِیُم جلدٕ۔ اَمہِ برونٛہہ چھِ أمی ہٕندی زٕ جلد ریاستی کلچرل اکاڈمی (لُکہٕ بأتھ جلد ۸ (۱۹۸۶ء) تہٕ لُکہٕ بأتھ جلد ۹ (۱۹۹۰ء) شایع کٔری مٕتی۔

بقول غلام نبی ناظر "غلام نبی آتش چُھ اَکھ تیز نظر، محنتی، معتبر تہٕ مُستند محِقق۔ سُہ چھ ایماندار تہٕ تحقیقکی اصول نظرِ تل رٔٹِتھ ژھأرِ دِتھ مقالہٕ لیکھان۔ تس چھِ زیادٕ دِلچسپی کأشرِس فوک لورس مُطالعہٕ کرنس تہٕ تمِچ وکھنے تہٕ وہٕژھنے کرنس ہٕتی"۔

آتش صاب چُھ ژھینٛڈ ہٕتھ کاغذ پرچن زیو دِتھ بُلبُل ہٕندی پأٹھۍ بولناوان۔ فوک لورس پیٹھ تمۍ ہٕنز کأم چھِ تھپکنٛی لایق۔ تمو چھِ اتھ متعلق کیٛاہ مقالو علاوٕ کأشرِ اِنسایکلوپیڈیا (فوک لور نمبر ۵) خأطرٕ درجن واد نٕوِشتہٕ (Entries) تہِ لیکھی مٕتی۔ تمۍ ہٕنزٕ زٕ کتابہٕ "لُکہٕ شأعری: وکھنے تہٕ وہٕژھنے تہٕ لُکہٕ وٕتُر: تحقیق تہٕ تجزیہِ" تہِ چھے شایع سپدیمٕژ۔

زیرِ تبصُر لُکہٕ بأتن ہٕنٛد جلد چُھ ۱۹۲ صفن پیٹھ ہٕرِتھ۔ چھپأے،

کاغذ تہٕ لِکھاے چھبس زبر۔ چھپن ؤری چھُس ۲۰۰۷ء۔ مول چھُس ۱۰۰ رۄپیہِ یُس کتابہٕ ہِنٛز اِفاَدیت وُچھِتھ معقوٗل چھُ ووٗنی گۄو گُنہٕ گُنہِ چھس پرۄفس (Proof) منٛز غلطی نظرِ گژھان۔ کتابہٕ ہِنٛدِس سرورقس پیٹھ چھ سیتارِچ شکل بناونہٕ آمٕژ ۔ یتھ موسیقی ہٕستی تعلق چھُ۔ اَتھ بجایہِ گۄژھ اَتھ پیٹھ لڑی شاہ سُنٛد یا تھٔجہٕ کادربن ہُنٛد، رۄو کرن واجنبن زنٛبن ہُنٛد یانیندربن ہُنٛد فوٹو آسُن ۔ییم لکہٕ اَدبس ہٕستی منسوٗب چھِ۔ اَتھ منٛز چھِ ۴۱ ہلکِہ بأتھ، ۱۳۱ ؤوی بأتھ، ۵ کامبن کارن ہِنٛدی بأتھ (ییمن منٛز گوڈٕ ؤوی بأتھ اکھ، پٔہلی بأتھ اکھ، وَن کھسنک بأتھ اَکھ، بٔگر وال کورِ ہُنٛد ونہٕ وُن اکھ تہٕ ہنٛدِ کورِ ہُنٛد وَنہٕ وُن اکھ۔ ۵ منظوٗم مکالمہٕ، ۱۶ ونہٕ وُنی وژن، ۲۵ خانٛدرٕ گیوٗنی، ۱۴۶ منظوٗم محاورٕ تہٕ گنٛڈ تیہٕ، ۳ لڑی شاہ (وژاگ ، سہلاب تہٕ بنگہٕ لار)، ۳ متفرقہٕ منظوٗمہٕ مارشل، مولوی صأبہٕ خوش باشوہو تہٕ ژٕ واعظ خوانہٕ ہاو روخسار) تہٕ وَنہٕ وُن شأمل چھُ۔ یُس مختلف موقن تہٕ مرحلن پیٹھ وکھناونہٕ یوان چھُ۔ اَمہِ علاوٕ چھِس تمام ضرۄری جاین وضاحتی نوٹ لیکھنہٕ آمٕتی۔

یتھ سۄمبرنہِ منٛز چھِ باقٕے منظوماتو علاوٕ اکھ لڑی شاہ تہٕ مارشل نأوی اکھ نظم تہِ درٕج ییمن سمأجی تہٕ توأریخی اہمیت چھِ۔ کٔشیرِ منٛز چھ لۄکن وُنہِ تہٕ "شیر سنگھُن وژاگ" ژہتہٕ ؤترِس منٛز۔ یہٕ چھُ سانہِ زبأنی تلمیح بیوٗمت۔ یتھ خبر کتیاہ لڑی شاہ چھا اَسہِ راٰوی متی۔ ووٗنی ہُنٛد اکھ

گۆ وِیہِ اکھ تہِ چُھ غنیمت۔ اَتھ منز چھِ شیر سنگھنہِ دڑا ئگکی تفصیلات تمہِ آیہِ بیان کرنہِ آئمتی یمن کُن نہٕ مورخن نظرٕے چھِ پلیمژ۔ مثالے

وۄیشہِ سِنگھ خوشہِ سِنگھ صاحب کار
ہوان اُسی مالیاہ دِوان اُسی مار
سَلرٕس کولرس تُلکھ گٹہٕ کار
یۆزارن منز ژلان نیرتھ اِدرار
مُلکس کشمیرس کیا وُنتھ آو
شیر سنگھ دڑاگہٕ موکل بُنتھ آو
سپر جائگیر اوس محی الدینس
اِلٰہی غضب کر بے دینس
بچارِس کبہٕ شہس مسکینس
دبہٕ ژرو کوٗرنس ضائمینس
مُلک کشمیرس کیا وُنتھ آو
شیر سنگھ دڑاگہٕ موکل بُنتھ آو

''مارشل'' نظم چھےٚ شخصی راجس خلاف تحریکہِ ہندِس اَکس خاص واقعہس مُتعلق۔ اکتوبر ۱۹۳۱ء منز ییلہِ لۄکھ کنتھ تام ماتمی جلوٗسس منز شامِل اُسی، سرکارن کوٗر جلوٗسہٕ کڈنس ٹھاکھ، مارشل لا سپُد نافذ۔ ژھلہِ چھانگرِ منز گیہِ داریاہ لۄکھ لتہٕ موٗنجہِ تہٕ چھوکہٕ لد۔ ژور نفر گیہِ

شہید۔ دوٚیہِ دوٚی آیہٕ تم خواجہ نقشبند صابنس مزارس منٛز دفن کرنہٕ۔ ووٚنی گوٚو نظمہِ منٛز چُھ میر واعظ مولوی یوسف شاہ تہٕ مولوی احمد اللہ صابُن ذِکر سبٹھاہ احترامہٕ سان کرنہٕ آمُت۔ اکھُتے چھےٚ تہنٛز اہمیت تہٕ ٹاکارٕ سپدان۔

مولوی صابُن لوٚکھ سرکاری

موٹر فی روز آسی واتان

توٚت کھٕسِتھ مصلحت کران دربارٕی

مارشل حُکم سرکاری گوٚو

عزت دِیتھ پانہٕ جبارٕی

یوسف صاب نیکو کار

غم ہٮ۪تھ دپنٛگ پرہیز گارٕی

مارشل حُکم سرکاری گوٚو

سوٚمبرنہِ منٛز چھِ زٕ مرثیہِ تہٕ کینٛہہ منظوٗم مکالمہٕ گوڈنچہ پھرِ شامل کرنہٕ آمتی۔ یم مرثی نما نظمہٕ چھےٚ میر واعظ خاندانکین کینٛژن بزرگن ہنٛدِس رحمت حق سپدنس پتھ وَننہٕ آمژٕ۔

لُکہٕ ادبہِ کِس یتھ جلدس اندر یہ کینٛژھا درٕج چھ تمیُک لہجہ بامے گامی چُھ، شہری چھ یا درمیانی، سُہ چھ تمی آیہٕ درٕج ییمہِ آیہٕ ترتیب کارس ژُ سیاب سپدمُت چُھ۔ تتھ چھنہٕ کانٛہہ تکنگری پُشراونہٕ

آمٕژ تکیا زِ اول چھنہٕ لُکہٕ بأتن تلنگری وٕتراونٕچ توٗژھ تہٕ دوٚیم چھےٚ یہِ تِتھے پأٹھی پھٕٹِتھ نیران یِتھہٕ پأٹھی پأژٕہس پپٕٹھ مُنلٕی دٕج نیرِ۔

یہ کتاب ترتیبٕ دِنہٕ وِزِ چھُ ترتیب کارن سارِنٕے لُکہٕ بأتھ کتابہِ، کأشرِ تلمیح، کأشرِ دٕپتی باقٕے متعلقہٕ کتابچہِ ورقہٕ ورقہٕ پھِرٕ مٕژ تا کہِ کأنٛہہ تہِ شایع سپُد مُت چیز گوٚژھ نہٕ دوہراونہٕ یِن۔



شہزادہ رفیق

# ملاقات

۱۵ جون ۲۰۱۵ء دُپہرس بأ گی سپُد آتش صأبس ستی اکھ یادگار ملاقات نأژل انت ناگہ تہنٛدِ گرِ، تیمکی کینٛہہ اقتباسات ییٚتھن درج کرنہٕ یوان چھِ۔ مجلسہِ منٛز أسی رشید سرشار، ڈاکٹر گُلزار احمد راتھر تہٕ شہزادہ رفیق موجوٗد۔ کتھ باتھہِ ہُنٛد دس تُل شہزادہ رفیقن۔

شہزادہ رفیق:- آتش صأب۔ تُہی کتہٕ تہٕ کر چھِوٕ زامتی تہٕ پرٕتھیمتی؟

غلام نبی آتش:- سکوٗل رکارڈٕ مطأبق چھ میوٗن زاسنہٕ ۲۷ اپریل ۱۹۴۹ء۔ زامُت پرٕتھیوُمت چھس تِتھی گامس منٛز ییتھ ناو چھ نأژل۔ یہ چھ مرازچہِ لِدر پھر ہنٛدِ کھوٚور پور پرگنٕک اکھ قدیم بارستہٕ گام۔

شہزادہ رفیق:- پننہٕ نِس لوکچارس متعلق دِنی تو کینٛژھا۔

غلام نبی آتش:- تُہی گرِو اندازٕ شہأٹھ وُری بروٚنٛہہ کٔشیرِ کرٕژھ آسہِ ہاتہٕ تتھ منٛز گأمی زندگی، غریبی، لاچأری مگر بے فکری۔ أتھی ماحولس منٛز اوٚسُس بہ تہِ اکھ شرٛاہ۔ بابہٕ صأب اوٚسُم صوم وصلوٰتک پابند، سیوٚد ساد ناخواندہ مگر محنتی۔ واریاہس حدس تام اوس دُنیا بیزار۔

۱۹۷۲ء منز کۆر تمیٚ انتقال ۔ میانی موج جنّت گارِنی اُس داہن
ؤرِین معذوٗر آسنہٕ سببہٕ اَکی ہے جایہٕ بِسترس پیٹھ ۔ ۱۹۶۳ء منز
ییٚلہِ بہٕ شاید اَٹھمہِ جمأژ پران اوسُس گیٚے سو ییٚمہِ عالمہٕ ۔ للٰہذا
روٗ دُس بہٕ ماجہِ پیارِ کہِ ہچارِ نش محروٗم ہے ۔ زِ ٹھی برادرن تھوٗم اَتھہٕ
پیٹھ، نتہٕ پچھے یہٕ ڈوٗنی شِہلِس ژوٗنٹھی بامن پھوٗلراونچ ہش عمل ۔
اللّٰہ تعالیٰ ہس اوسُس رٕچھن تہٕ روٗچھنس ۔

رشید سرشار :۔ تِتھٕن حالاتن منز آسہٕ تہنٛد تعلیمی سفر تہٕ دلچسپ تہٕ سبق آموز !

غلام نبی آتش :۔ وُچھ حض ! بابہٕ صأبس اوسُم نہٕ علم وادبک شدتہٕ زانٛہہ کنن گومُت ۔ زمین زراعت اوس جان مگر بوٚ وکم آسنہٕ سببہٕ اوسنہٕ تتھٕ ؤریس سنٛمب بتہٕ نیران ، محنت اُس پوان زیادٕ ۔ موج اُسم دوٚہس راتس ونہٕ وان تہٕ شُری بأتھ ونان مگر اُس اَکی ہے جایہٕ دربستر ۔ ماجہِ بڈی بین واتنوٚوس مقأمی پرایمری سکوٗلس منز تہٕ کوٚرنس ماسٹر شیو جی .ر ینہ ہس حوالہٕ ۔ یِی چھم بوزمُت ۔ پوٚژمہِ جمأژ تہِ ووٚتس مگر سبق اوسُم نہٕ یِوان کہنی ، بوٚ جاہ پرُسانا تہٕ اوسُم نہٕ جمأژ اوسُس تہٕ ماسٹر کانٛہہ ٹُلان ۔ اللّٰہ تعالیٰ سُنٛد کرم ، پوٚژمہِ جمأژ اوسُس تہٕ ماسٹر رادھا کرشن رینہ یُس ماسٹر شو جی رینہ سُنٛد نیچُو وچھ ، گوٚ وہنگہٕ منگہٕ مےٚ کُن متوجہ ۔ مقأمی سکوٗل اوس ووٚنی مِڈل سکوٗل بنیومُت تہٕ

رادھا کرشن اوس ہیڈ ماسٹر۔ أمی اوٗن اُردو پرایمر 'اُردو کا قاعدہ' تہٕ لوٚگم رِسس دوران پرناونہٕ، یۄت زِ ۂ رِلیس پرنوونس پوٗنژمہِ جماعژ تام چہٕ سارےٚ اُردو درسی کتابہٕ۔ بیٚیہِ جمع تفریق تہٕ ضرب تقسیم۔ تیٚلہِ أسی انگریزی پرایمر شیٖمہِ جماعژ پٔٹھہٕ پرناوان۔ سوٗنتہٕ ہیوٚ تِکھ امتحان تہٕ بہٕ اوٗسس جان پأٹھی پاس۔ اَدٕ باسیوم زِ سکوٗل گرٕھن کیا گوٚو تہٕ پرٕن کیا گوٚو؟

ڈاکٹر گلزار احمد:- تمہِ پتہٕ رٕکتھہٕ پأٹھی روٗد تُہُنْد یہ تعلیمی سفر جأری۔

غلام نبی آتش:- امہِ پتہٕ کیا سہ وُچھ نہٕ مےٚ پتھ کُن۔ اُستاد أسی شفیق، ہمدرد، محنتی تِمو کوٚڈُس ژھٕٹہِ بٕٹہِ۔ میأنی گریلو حالت وُچِھتھ أسِم زیادے ہمدردی کران۔ یٚلہِ اٹھمہِ جماعژ ہُنْد رزلٹ دژاو، بہٕ اوٗسس فسٹ ڈِوجنس منز پاس۔ میٹرک تہِ کوٚرُم فسٹ ڈوجنس منز پاس۔ ۱۹۶۶ء منز گوس میرٹ چہٕ (Merit) بُنیاز پٹھے سکوٗل ایجوکیشن محکمس منز ٹیچر تعینات۔

رشید سرشار:- امہِ پتہٕ تھٔوِ نا توٚہہِ پٔننی تعلیم جأری۔

غلام نبی آتش:- ٹیچر تعینات سپدنہٕ پتہٕ کینْہہ وٕری گُذرِتھ کوٚر مےٚ تعلیمی سفر بیٚیہِ شروٗع۔ جامعیہ اُردو علی گڈھہٕ پٔٹھہٕ کوٚرُم آنرز اُردو تہٕ امہِ پتہٕ کشمیر یونیورسٹی پٹھ آنرز کشمیری۔ سہ سالہٕ ڈگری کورس مکمل کٔرِتھ کوٚرُم ۱۹۷۹ء منز کأشرِ زبأنی تہٕ اوٗس منز ایم۔ اے۔

امہِ پتہٕ کٔرم ڈپلوما اِن المینٹری ایجوکیشن تہٕ بی۔ ایڈ ڈگری تہٕ حاصِل۔ یِم دوٕے یِم سارٕی امتحان پرائیویٹ امیدوار سِندِ حیثیتہٕ پاس کٔرم مگر پرٛتھ کُنہِ امتحانس منٛز روز میٲنۍ کارکردگی انتہایی شاندار۔

شہزادہ رفیق:- أسی چھِ زانُن یژھان تُہنٛد ادبی سفر کتھہٕ کٔنۍ گوٚو شروع؟

غلام نبی آتش:- مےٚ کوٚر گوڈٕ نیتھ عرض زِ میٲنِس گرس یا خاندانس منٛز أس نہٕ علم تہٕ ادبٕچ کانہہ روایت؛ وٕنۍ گوٚو اللہ تعالیٰ ہَن اوسُم امیٚگ ذوق وشوق عطا کوٚرمُت۔ تاہم ییٚلہِ میٲنۍ نوتوان تہٕ بے بس موج، میانہِ موجب شُری بأتھ، منٛزلی بأتھ، ونہٕ وُن تہٕ وبداکھ ٕگنگراوان أس۔ مےٚ اوس تسُنٛد سہ رُون بوٚزِتھ دِلس کینٛہہ تام اثر گژھان۔ ازچھ مےٚ باسان زِسے وق تہٕ بہانہٕ چھُ میٲنِس شاعرانہ شعوٗرس وُزناوان اوسمُت۔ مےٚ أس سبٹھاہ لوٚچہِ وأنسہِ منٛز لے ٕگنگراوٕنی ہیٚژٕمژ تہٕ سکوٗلس منٛز پوٚژمہِ جماژ ہُنٛد امتحان پاس کٔرِتھ لوٚگس بہٕ تِمن شفیق ووستادن ہنٛزِ حوصلہٕ افزأیی نتیجس منٛز اوٚگری تھوٚگری شعر لیٚکھنہِ۔ گوڈٕ گوڈٕ کٔرم اُردو ہِندِس منٛز اوٚگری تھوٚگری زبانۍ منٛز لیکھہٕ نٕچ کوٚشش مگر ستی پھیوٗرُس کاشرِس کُن۔ ۱۹۶۶ء منٛزے کوٚرمُت مِ ابتدأیی کلامہ منٛز کم کینٛژہاہ شیشہِ ینٛدرٕ ناوی

پمپھلیٹ کِس صورتس منز شایع۔

رشید سرشار:- توہہِ کیازِ چھوٚ آتش تخلص؟

غلام نبی آتش:- یہ سوال چھ مےٚ اکثر پڑژھنہٕ یوان۔ لوکہٕ چارس منز ییلہِ نہٕ صحیح رہنمائی آیٕژ آسہٕ، انسان چھ انہِ نہٕ بڑھہٕ دِوان۔ تیلہِ کالہِ چھُنہٕ مےٚ اَتھ متعلق سۆچھِتھے ہیوٚ کمُت۔ گوڈٕ کوٚرُم سحری پتہٕ صوٗفی تخلٔص تہٕ اُخرس سپُد اکھ دوہا زِ سورگہٕ وأسی سروانند کول پریمی اوس اُکس مُشاعرس صدارت کران۔ میٚتہٕ پوٚراَتہٕ کیاہتام۔ اُمی ہوونم اشارٕ ستی زِ مےٚ سمکھی زِ مشاعرٕ پتہٕ۔ بہٕ ییلہِ تس نِش گوس، دوٚپنم ژٕ چھکھ دوہے یم تخلص بدلاوان۔ اُزی کہِ پتٕھہٕ گرژھہِ آتش تخلص تھاوُن، سُہ آتش نہٕ یتھ نار معنہِ چھ، ژٕ چھکھ نا کأشُر لکھان، لہٰذا چھ اَتھ لفظس معنہٕ، ژوٗک، ٹیوٚٹھ، سُہ یُس نہٕ لطیف آسہِ۔ وُچھ سہٕ میانہِ خیالہٕ چھُ یہٕ چأنین حالاتن مطأبق تہٕ۔ اِدٕ اتی پتٕھہٕ گوٚ یہٕ تخلص دٕ رِتھ۔ واریاہ وق گژھتھ باسیوم شاید گوٚونہٕ جان مگر دٕ رِتھ اوس گومُت تہٕ نہو نہٕ رِکتھہٕ ییہٕ ہے۔

ڈاکٹر گلزار راتھر:- تُہی کمِس شأعرس تہٕ نثر نگارس نِش چھوٕ متأثر سپدی متی؟

غلام نبی آتش:- گوڈٕ گوڈٕ سپُد میون اڈٕ گوٚر مُدم گوٚر کلام، امین کأمل ہِندِ قلمہٕ اصلاح سپدِتھ، تسنٕدِس نیب رسالس منز شایع۔ اُمی

رسالن دیُت واریاہ نو آموز شاعرن پلیٹ فارم تہٕ کڈِن ژھٹہِ بٹہِ، یِموٗ منٛزٕ بہ تہٕ اکھ چھس۔ مےٚ کوٚرتتھ زمانس منٛز نیب رسالچ خریدأری مُہم چلاونس منٛز واریاہ رول ادا تہٕ أتھی زمانس منٛز سپُدُس کأمل صأبنہِ شاعری ہٕتی متاثر۔ پتہٕ پٔہن سپدُس پروفیسر رحمان راہی ہٕنزِ شاعری ہٕتی تہِ فائض یاب۔ نثر نگأری منٛزٕ روٹ مےٚ گوڈے پروفیسر محی الدین حاجنی تہٕ محمد یوسف ٹینگ سُند اثر، یوٚ دوَے رٕتھٕنٛد ہیوٚ ڈِکشن پرأوِتھ ہیوٚکُم نہٕ مگر تہٕنزن کتابن ہُنٛد تلُم واریاہ ہَرتر۔ اماپوٚز ابتداہس منٛز، یِیلہِ نہٕ مےٚ شعرُک تہٕ شعر گوئی ہُنٛد اَتھ اوس، تھوٗوم سرواننٛد کول پریمی ہٕن اصطلاح تہٕ اَتھہٕ بنٛدُت آیُت۔ تِمَو کٔرِم کم کاسہٕ رہنمائی تہِ تہٕ حوصلہٕ افزأئی تہٕ

شہزادہ رفیق:- آتش صأب، تُہی چھِو لُکہٕ ادبکی مأہر مانہٕ یوان۔ اَتھ ہٕتی کِتھہٕ پأٹھی چھےٚ توٚہہِ دِلچسپی گأمٕژ؟

غلام نبی آتش:- مأہر نہٕ حض چھس نہٕ۔ طأئبِ عِلم چھس۔ تاہم چھِ لُکہٕ ووترِس ہٕتی میانہِ دِلچسپی ہٕنٛدی کینٛہہ وَجہ۔ میأنی موج جنت گارِنی، یِہ مےٚ گوڈے ووٚن، اُس لوکچارس منٛز میانہِ خأطرِ لُکہٕ بأتھ ونان وکھنان، یِموٗ ہٕتی مےٚ اوپ ژوپ سپد تہٕ شوق بیدار گوٚو۔ دوٚیم تمہِ زمانُک گأمی ماحول، یِیلہِ وُہری وٕریس لُکہٕ بأتھ گر برٕان آسان أسی تہٕ ڈٟلیلہِ ونہٕ نُک بوزنُک رواج اوس

طیس پٕٹھ۔ تڑٛییم وجہ یہٕ زِ پروفیسر محی الدین حاجنی تہٕ محمد یوسف
ٹینگ سٕنٛزن کتابن ہُنٛد مُطالعہٕ۔

ڈاکٹر گُلزار راتھر:- توہہِ یوسہٕ کأم کأشرِس لُکہٕ ادبس متعلق کٔرمژ چھو،
تتھ متعلق کٔری تو اَسہِ زأنی یاب۔

غلام نبی آتش:- مےٚ کٔر اَکِس منضبط طریقس پٕٹھ کأم شروٗع۔ گوڈٕ
سوٚمبراوِم لُکہٕ شأعری ہِنٛدی جلد ۸،۹،۱۱ (ترٛےٚ جِلد) تہٕ پتہٕ
کأشُر لُکہٕ کتھٕ جِلد ۵۔ یمو بروٗنہہ موہن لال آشس سٕتی رٕلتھ
"کأشری تلمیح" یِم سارے کتابہٕ کرِ کلچرل اکاڈمی شایع، یمو
علاوٕ آسنو توہہِ کأشُر لُکہٕ شأعری: وُکھنے تہٕ ویژھنے کأشُر لُکہٕ وٕتُر:
تحقیق تہٕ تجزیہ تہٕ کأشُر فوک لور بیترِ میانہِ کتابہٕ وُچھمژ۔ کٔشیرِ تہٕ
کأشرِ زانہٕ خأطرِ چُھ کأشُر لُکہٕ وٕتریُک مطالعہٕ ضروٗری۔ کٔشیرِ
چھےٚ لُکہٕ وٕترِ سٕتی مالا مال، بعض اوقات چُھ لُکہٕ وٕتُر توأریخکی
زٕھبن پُرونس منٛزٕ تہِ مدد کران، ووٕنی گوٚیہ چھےٚ وکھرِ کتھ زِ لُکہٕ
وٕتُر چُھنہٕ ضأبطہٕ بنٛد تحریری توأریخُک مُتبادل۔ لُکہٕ وٕتُر چُھ گٔنہٕ
قومہٕ کہِ سیأسی، سمأجی، توأریخی، نفسیأتی تہٕ نسلیأتی زان کأری ہُنٛد
خزانہٕ، شرط چُھ یہِ خزانہٕ ژھارُن تہٕ ژھأرِتھ اَتھ پٕٹھ وٕریہ وادو
پٕٹھہٕ پیٹھمژ گرٕد ژٕنتھ امیُک فأیدٕ تُلُن۔

ڈاکٹر گُلزار احمد راتھر:- توہہِ چھو شُری ادبس متعلق تہِ وارِیاہ کأم کٔرمژ،

اور کُن رِکتھہٕ گوٚو تہُنٛد توجہ؟

غلام نبی آتش:- مےٚ کرالہٕ پلہٕ اکتاجھن ؤرِین سکوٗل ایجوکیشن محکمس منٛز مختلف سوٚتھرن پٮ۪ٹھ پرناوٕنچ کاٗم تہٕ اُخرس سپدُس ہایر سیکنڈری سکول ویٚچہِ بیارِ پٮ۪ٹھہٕ لیکچرر کشمیری ہٕنٛدی حٲثیتہٕ سبکدوش، لہٰذا روٗدُم طالب علمن ہٕتی زیادٕ قریبی رٲبطہٕ گوڈے اوسُم خیال زِ کاٗشرِ زباٗنۍ منٛز تہِ گوٚژھ شُرن ہٕنٛدِ باپتھ کاٗفی معیاری ادب موجوٗد آسُن۔ پننہٕ نبن کینژن پیش رَون کُن وُچھِتھ لاٗج میٚ تہِ اَتھ لرِ پننہِ مقدوٗرٕ سیٖرٕ ہن سیر ہن۔ حالانکہِ مےٚ لیوٚکھ کاٗشری شُری ادبُک اکھ مبسوٗط توٲریخ، یُس وُنہِ شایع سپدنے چھُ، شُرن ہٕنٛدِ باپتھ لیچھِم رایمہٕ، نظمہٕ، کہاٗنیہ۔ شُری ادبچہِ زٕ سوٚمبرنہٕ دِژم ترتیب۔ از تام چھےٚ شُری ادبہٕ کِس سلسلس منٛز مےٚ الہٕ پلہٕ اُٹھ لوکچہِ بجہِ کتابہٕ تصنیف تہٕ تالیف کرِمژٕ۔

شہزادہ رفیق:- کاٗشرِ نصاٗبی کتابہٕ تیار کرنس منٛز کیا چھُ تہُنٛد رول روٗدمُت؟

غلام نبی آتش:- سٹیٹ بورڈ آف سکول ایجوکیشن ییمہٕ کاٗشرِ نصاٗبی کتابہِ اولہٕ پٮ۪ٹھ باٗہمہِ جماژ تام کٲبن طالبِ علمن ہٕنٛدِ باپتھ تیار کرناوِ تہٕ ییمہٕ از پرناونہٕ یوان چھےٚ، تِمن ہٕنٛزٕ تیاری خاطرٕ آس بورڈن باضابطہٕ اکھ کمیٹی بناومژ، ییمیُک بہٕ تہٕ اکھ رُکن اوسُس۔

لِہذا چھےٚ کتابن ہنز تکمیل تمام ممبرن ہنزِ محنتُک نتیجہ، ووُنی گوٚو
بہٕ اوُسس سکول ایجوکیشن ڈپارٹمنٹہٕ پیٹھہٕ آمُت تہٕ وٕریہٕ وادن
اوُسم سکوٗلن منز پرنو ومُت، لِہذا پیٚیہ مےٚ زیادے پہن کاٗم کرٕنی۔
بیٚیہٕ اوُسس بہ سروٕ شکھشا پروگرامس ستیٚ وابستہٕ روٗدمُت بلکہٕ
اوُسس مختلف سوٚتھرن پیٹھ رسورس پرٕسن (Resource
person) تہٕ روٗدمُت۔ امہٕ سارِکُے فاۤید تُل مذکوٗر کمیٹی۔
وٕں گوٚو پرائیویٹ سیکٹر خاطرٕ بناوِ مےٚ یوٗ، کے، جی کلاسہٕ پیٹھہٕ
ستِیٚ مہِ جماژ تام کہن طلبِ علمن ہنزِ باپتھ کاشرِ نصاۤبی کِتابہٕ،
بامن سیریزٕ تحت، یمہٕ از تہِ چلان چھےٚ۔ یم تیار کرنس کوٚرُم عزیزی
ڈاکٹر گلزار احمد راتھر تہٕ ڈاکٹر شفقت الطافن تہِ اتھہٕ روٚٹ۔
رشید سرشار:۔ترقی پسند تحریکہِ پتہٕ آے واریاہ تحریکہٕ تہٕ رجحان کاشرِس
ادبس اندر، تُہۍ چھِواہ کُنہِ ستیٚ متاثر سپدی ہتیٚ؟
غلام نبی آتش:۔نہ جٔح، بہ بزٕمروٗس نہ کُنہِ تحریکن یا رجحانن۔مےٚ یہ
کینژھاہ محسوٗس کوٚر تہِ کوٚرُم شعرن منز اظہار۔ وٕں گوٚو نثر نویسی
ہُند زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ Out let روزنہٕ سببہٕ آم نہٕ شعر گوئی کُن
پرٕنہٕ پاٹھی توجہ دِنک موقعہٕ، توتہٕ چھس کُنہِ کُنہِ ساتہٕ لیکھان۔
مےٚ یوٚژھ ہمیشہٕ زٕ کاشرِ زباۓنی تہٕ ادبُک دامن گوٚژھ مالا مال
گژھن، مختلف قسمکہٕ سرمایہٕ ستیٚ۔ اِدٕ تحقیقی مقالہٕ تہٕ لیکھم، کُنہِ

کُنہِ ساتہٕ تجزیاتی مقالہٕ تہٕ، ترجمہٕ تہٕ کرِم، لُکہٕ ادبس پیٹھ کٔرِم کأم، شُری ادب لیۆکھم تہٕ کِتابہٕ تہٕ دِژِم ترتیب۔

رشید سرشار:- تُہی چھِوا تتھ پیٹھ مطمئن یہ کینژھا از تام کوٚر مُت چھُو؟

غلام نبی آتش:- مےٚ نہ حض کوٚرنہٕ کانٛہہ طورٕ، وٕنۍ گوٚو اللہ تعالیٰ سُند کرم چھُ زِ کم زیادٕ کوٚرُم تہٕ شاید ماونہِ پننہٕ وول وق زِ شوٗٹھ تہٕ اوس بأر والبن ہستی تھکھ دِوان۔

شہزادہ رفیق:- ادبی تہٕ تمدُنی ادارن ہنٛدِ ذٔریعہِ دِنہٕ والین ایوارڈن متعلق چھےٚ طرفدأری تہٕ یارانٛچ شکایت کرنہٕ یِوان، تہنٛد کیا خیال چھُ اَتھ متعلق؟

غلام نبی آتش:- وُچھ حض، گوڈٕ چھُ زانُن زِ یِمن ادارن ہنٛدی زِٹھی چھاپانہٕ یِم ایوارڈ بأگراون۔ انتخابہٕ خأطرٕ چھُ پرتھ ادارس اکھ باضأبطہٕ سِسٹم موٗجوٗد آسان۔ انتخاب چھِ أسی کران، امہِ باپتھ مقرر کرنہٕ پننہٕ واجنین کمیٹی ین منز چھِ ادیب شأمِل آسان۔ وٕنۍ اگر کانٛہہ غلط فأصلہٕ سپدِ یا سپدان چھُ، کیا تِمی ذمہ وار چھنا ادیب پانہٕ تہٕ۔

ڈاکٹر گلزار احمد راتھر:- توہہِ چھُ پنُن شعرِ مجموعہ "زوٗل امارن ہُنٛد ۱۹۷۹ء منز شایع کوٚرمُت، تنہٕ پیٹھٕ کلام کیازِ کوٚر وٕ نہٕ شایع۔

غلام نبی آتش:- چھُ یۆز نمےٚ یزےٚ پننہٕ کلامٕچ سوٚمبرن شایع

لہٰذا چھےٚ کتابن ہنز تکمیل تمام ممبرن ہنٛدِ محنتُک نتیجہٕ ، ووٚنی گوٚو
بہٕ اوُسس سکول ایجوکیشن ڈپارٹمنٹہٕ پٹھہٕ آمُت تہٕ ؤرِیہٕ وادن
اوُسم سکوٗلن منٛز پرنو ومُت ، لہٰذا پیٚیہٕ مےٚ زیادے پہن کأم کرٕنی۔
بیٚیہٕ اوُسس بہ سروٕ شکھشا پروگرامس ستیٚ وابستہٕ روٗدمُت بلکہٕ
اوُسس مختلف سوٗتھرٕ بن پیٹھ رسورس پٔرسن (Resource
person) تہٕ روٗدمُت ۔ امہٕ سارِکُے فأیدٕ تُل ندکوٗر کمیٹی ۔
ؤل گوٚو پرائیویٹ سیکٹر خأطرٕ بناوِمےٚ یوٗ ، کے ، جی کلاسہٕ پیٹھہٕ
سٔتی مہِ جمأژ تام کہن طلبِ علمن ہنٛدِ باپتھ کأشرِ نصأبی کِتابہٕ ،
بامن سیریزٕ تحت ، یمہٕ از تہٕ چلان چھےٚ ۔ یم تیار کرنس کوٚرُم عزیزی
ڈاکٹر گلزار احمد راتھر تہٕ ڈاکٹر شفقت الطافن تہٕ اتھہٕ روٚٹ ۔

رشید سرشار :- ترقی پسند تحریکہِ پتہٕ آے واریاہ تحریکہٕ تہٕ رجحان کأشرِس
ادبس اندر ، تہٕ چھوِاہ کُنہِ ستیٚ متأثر سپدی متیٚ ؟

غلام نبی آتش :- نہ جی ، بہ بزٕ مروٗس نہ کُنہِ تحریکن یا رجحانن ۔ مےٚ یہ
کینژھا محسوٗس کوٚر تہِ کوٚرُم شعرن منٛز اظہار ۔ ؤل گوٚو نثر نوٗیسی
ہُنٛد زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ Out let روزنہٕ سببہٕ آم نہٕ شعر گوئی کُن
پرٕنہٕ پأٹھی توجہ دِنُک موقعہٕ ، توتہٕ چھس کُنہِ کُنہِ ساتہٕ لیکھان ۔
مےٚ یوٗژھ ہمیشہِ زٕ کأشرِ زبأنی تہٕ ادبُک دامن گوٚژھ مالا مال
گژھن ، مختلف قسمہٕ کہِ سرمایہٕ ستیٚ ۔ ادٕ تحقیقی مقالہٕ تہٕ لیکھم ، کُنہِ

کُنہِ ساتہٕ تجزیاتی مقالہٕ تہٕ، ترجمہٕ تہٕ کرِم، لُکہٕ ادبس پیٹھ کرٕم کٲم، شُری ادب لیوٚکھُم تہٕ کتابہٕ تہٕ دِژم ترتیب۔

رشید سرشار:۔ تُہی چھِوا تتھ پیٹھ مطمئن یہ کینژھا از تام کوٚرمُت چھُو؟

غلام نبی آتش:۔ مےٚ نہ حض کوٚر نہٕ کانٛہہ طور، وٕں گوٚو اللہ تعالیٰ سُند کرم چھُ زِ کم زیادٕ کوٚرُم تہٕ شاید ماونہٕ پننہٕ وول وق زِ شوٚڑھ تہٕ اوس بٲرو اللبن ہستی تھکھ دِوان۔

شہزادہ رفیق:۔ ادبی تہٕ تمدُنی ادارن ہنٛدِ ذریعہِ دِنہٕ والین ایوارڈن متعلق چھےٚ طرفدٲری تہٕ یارانٛچ شکایت کرنہٕ یوان، تہنٛد کیا خیال چھُ اَتھ متعلق؟

غلام نبی آتش:۔ وُچھ حض، گوڈٕ چھُ زانُن زِ یِمن ادارن ہنٛدی زٕھی چھاپنہٕ یِم ایوارڈ بٲگراون۔ انتخابہٕ خٲطرٕ چھُ پرتھ ادارس اکھ باضابطہٕ سِسٹم موجود آسان۔ انتخاب چھِ اُسی کران، امہِ باپتھ مقرر کرنہٕ پنہٕ واجتہن کمیٹی ین منز چھِ ادیبے شامل آسان۔ وٕں اگر کانٛہہ غلط فیصلہٕ سپدِ یا سپدان چھُ، کیا تمِکی ذمہ وار چھنا ادیب پانہٕ تہٕ۔

ڈاکٹر گلزار احمد راتھر:۔ توہہِ چھُ پنُن شعرٕ مجموعہٕ "زوٗل امارن ہنٛد ۱۹۷۹ء منز شایع کوٚرمُت، تنہٕ پیٛٹھک کلام کیازِ کوٚر وٕ نہٕ شایع۔

غلام نبی آتش:۔ چھوٚ زنمےٚ پزےٚ پننہٕ کلامٕچ سوٚمبرن شایع

کرِنی ، حالانکہ یہ چھُس وُنہِ تہِ مشاعرن منز تہِ شریک سپدان تہٕ میٚون کلامہٕ چھُ رسالن منز تہِ شایع سپدان۔ مگر نثر نگاری ہٕنٛدی ہمہ وقتی آوریرن زن دِژٕنہٕ مےٚ کلاٚمچ سوٚمبرن شایع کرنس کُن اَتھ وتھٕے۔ سوٗرے چھُ اللہ تعالیٰ ہٕنٛدِس یژھنس پیٛٹھ، کلہم کلام شایع کرنٕک تہٕ سپدِ اہتمام۔

شہزادہ رفیق :- آتش صأب ، أسی چھِ تہنٛدی شُکر گذار زِ سانٛہن سوالن دِتی وِ اطمینانہٕ سان جواب۔ توہہِ نِش چھُ سانہِ زانٛنہٕ باپتھ واریاہ کینٛہہ ، تمہِ خأطرِ کرو انشاء اللہ بیاکھ مجلس۔

غلام نبی آتش :- شُکریہ ، یار زندہ صحبت باقی۔





ماسٹر محمد شفیع وانی، غلام نبی آتش تہٕ عبدالرشید شاہ




نوجوان غلام نبی آتش ماسٹر محمد شعبان صائبس ستی۔



جوان آتش صاب تہٕ تہنٛز گرٕ واجینۍ



غلام نبی آتش تہٕ شام لال پردیسی دِلہِ منز کیشن ادیبن سٟتؠ۔



احرام گنڈِتھ غلام نبی آتش تہٕ تہنٛز شریکِ حیات خانہٕ کعبس نکھہٕ




غلام نبی آتش کولکتہ ہس منز ساہتیہ اکاڈمی دِلہِ ہُند بال ساہتیہ پُرس کار رٹان

Award in Kashmiri to

## Gulam Nabi Aatash

(Born in 1949)



Gulam Nabi Aatash, born in 1949 at Nani, in Martand district, Anantnag, Kashmir, has an M.A. degree in Kashmiri and has done a B.Ed. course and also has a B.B.Urdu Honours. He also knows English and Persian. He started his professional life as a school teacher in the J&K Educational Department and thereafter worked as Zonal Coordinator, Sarvashiksha Abhiyan, District Coordinator, Cultural Education Wing, state level teacher trainer and as Member, Textbook Committee, J&K State Board of School Education. He retired as Lecturer in Kashmiri, in 2007. His interests include reading, writing, literature, and folklore. He began writing in 1964, and his earliest published work was a collection of poems titled *Shesh-e-Yendar* followed by *Zool Amaran Huend*, in 1978 and a transliteration of the poetical works of Alexander Pushkin into Kashmiri. Since 1989, he has published the eighth, ninth and eleventh volumes on Kashmiri folk songs titled *Kashmir-e-Louk Baeth*. Other works include *Kashur Louk Votur, Kashir-e-louk Kathe*, monographs on *Mohamad Subhan Baghat, Dr. Shamsudin Ahmad, Iqbal Nath Vanpoh*. He has been given the Best Teacher Award from the J&K State Board of School Education in 2008, Soviet Land Nehru Award in 1982 and others.

*Nov Kentsha Mentsha*, a collection of poems and prose pieces, is sure to cultivate in children an urge and love for creative pursuits. Morover, the writer has attempted to acquaint children about the latest technological, scientific, environmental and sociological issues. The book will certainly guide the children to become disciplined, intelligent, honest and friendly citizens. Sahitya Akademi is honoured to confer Bal Puraskar Award on Gulam Nabi Aatash, in recognition of this edifying work.

*Address*

Gulam Nabi Aatash
Nanil, Martand, Dist. – Anantnag
Kashmir – 192 125 (J&K)
Tel: 01932 – 240301
Mob: 0-9906787121

Award in Kashmiri to

# Gh. Nabi Aatash

(Born in 1947)

Gh. Nabi Aatash, born in 1947, in Nanil village of Anantnag district, holds a Master's in Kashmiri, Hons. degrees in Urdu and Kashmiri and a Bachelor's in Education. Besides Kashmiri he knows Urdu, Persian and English. He taught in many schools in various capacities before retiring as Lecturer in Kashmiri, in School Education Department of Jammu and Kashmir Govt. He started writing early and published his first book, a collection of poems, *Shesh-Yinder*, in 1966. He has since published fifteen books including *Zool Amaran Huend, Kencha Mencha, Tahqiq, Kashire Louk Beath, Kasher Hazrat Sheik Noordinreshi Sandis Kalamas Manz, Kashir Louk Shairi* etc. Recipient of J&K Academy of Art, Culture and Language Award, Soviet Land Nehru Award and Bal-Sahyog Award.

*Baazyaaft* is a collection of critical articles about some of the very important Kashmiri poetic voices of yesteryears. The critical analysis presented in the book establishes the relevance of the contribution of these poets offering a whole new approach to criticism in Kashmiri. Hence it is considered a valuable addition to Indian critical literature in Kashmiri.

***Address***

Sri Gh. Nabi Aatash
Village: Nanil, Via: Martand
Anantnag - 192 125
Kashmir (J & K)
Tele: 951932 240301, 0194 240301
Mob: 09906787121



# Citation

## Mr. Ghulam Nabi Aatash

Born on 27th April, 1949 in Nanil village of Anantnag district, Mr. Ghulam Nabi Aatash is one of the prolific and pioneering name in the Folk History of Kashmir. Has published 15 books including Zool Amaran Huend, Kenthsa Mentsha, Tahqeeq, Kashir Loka Baeth, Kashir Hazrat Sheikh Noor-u-din Reshi Sandis Kalams Manz, Kashir Loka Shaire etc. Is recipient of J&K Academy of Art, Culture and Languages Award, Soviet Land Nehru Award and Bal Sahyog Award.

Mr. Ghulam Nabi Aatash has been awarded prestigious Sahitya Akademi Award in 2008-09 for his book "BAZYAFT" in Kashmiri Language. Jammu and Kashmir Academy of Art, Culture and languages in recognition to the services rendered by him in the field of Kashmiri Literature, especially in Folk History of Jammu and Kashmir, presents this citation to Mr. Ghulam Nabi Aatash.

18/7/09

Zaffar Iqbal Manhas
Secretary

Srinagar,
July, 18, 2009

# جموں و کشمیر سٹیٹ بورڈ آف سکول ایجوکیشن



تصدیق چھُ کرنہٕ یوان زِ جناب غلام نبی آتش صابن یوسہٕ شاندار کام کاشرِ زبانی ہنٛز درسی کتابہٕ بناونہٕ

خاطرٕ انتہائی ژُرکہٕ محنتہٕ تہٕ سلیقہٕ سان انجام دِژ، سو چھےٚ پزٕتھ اعتبارٕ تعریفن لایق۔

جے۔ اینڈ۔ کے سٹیٹ بورڈ آف سکول ایجوکیشن چھُ یمن سندِ توصیف عطا کرِتھ خوشی محسوس کران۔

Sh. Bashir
[illegible] بشیر احمد
سیکریٹری، جے اینڈ کے بورڈ آف سکول ایجوکیشن

مید فیسر ویش بندھو پنڈر
چیرمین، جے اینڈ کے بورڈ آف سکول ایجوکیشن

## غلام نبی آتش

کشمیری زبان کے نامور ادیب اور شاعر غلام نبی آتش کا جنم جنوبی کشمیر کے ایک گاؤں نائل، اننت ناگ میں ۱۹۴۹ء میں ہوا۔ انہوں نے کشمیر یونیورسٹی سے ایم اے کشمیری کے علاوہ اردو اور کشمیری میں آنرز کی ڈگریاں حاصل کیں۔ پھر انہوں نے محکمہ تعلیم میں نوکری اختیار کی، جہاں سے وہ لیکچرار کی حیثیت سے سبکدوش ہوئے۔ محکمہ تعلیم میں اپنی چالیس سالہ سروس کے دوران آتش نے سرو شکشا ابھیان اور ایسی ہی کئی دوسری اسکیموں کو عملانے میں جو اہم رول ادا کیا اسے بڑے پیمانے پر سراہا جا چکا ہے۔ ماہر تعلیم کی حیثیت سے بورڈ آف سکول ایجوکیشن کی ایکسپرٹ کمیٹی کے ممبر ہونے کے ناطے انہوں نے اسکولوں کے لئے درجہ اول سے بارہویں جماعت تک کے لئے کشمیری کی نصابی کتابوں کی ترتیب میں کلیدی رول ادا کیا اور وہ اردو کے لئے بنائی گئی نصابی کمیٹی کے ممبر بھی ہیں۔ آتش نے شاعری، تنقید، فوک لور اور بچوں کے ادب کے حوالے سے خوب نام کمایا ہے۔

غلام نبی آتش کی اس وقت تک تقریباً تیس کتابیں منظر عام پر آچکی ہیں جب کہ ان کے متعدد مضامین بھی وقتاً فوقتاً مستند جرائد کی زینت بنتے رہتے ہیں۔ آتش کو اس سے قبل بھی اکادمی کا بیسٹ بک ایوارڈ ۱۹۷۹ء مل چکا ہے۔ اس کے علاوہ ساہتیہ اکادمی دہلی بھی انہیں ۲۰۰۸ء اور ۲۰۱۱ء میں اعزازات سے نواز چکی ہے۔

ریاستی کلچرل اکادمی غلام نبی آتش کو ان کی تازہ کتاب "سرمایہ تہ سام" کے لئے ۲۰۱۲ء کے لئے کشمیری زبان میں لکھی گئی بہترین کتاب کے ایوارڈ سے نوازتی ہے۔

بہترین کتابوں کے لئے انعامات ۲۰۱۲ء

جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز

# In Appreciation

of the outstanding services rendered
by

*Shri Ghulam Nabi Atish*

to the cause of peace and friendship
**THE SOVIET LAND**
**NEHRU AWARD COMMITTEE**
is glad to present
this Certificate of Merit to him.

CHAIRMAN

SECRETARY-GENERAL

VICE-CHAIRMAN

NEW DELHI

# Ghulam Nabi Aatash

## Shaksiyat te Adbi Khedmaat
## (Life & Contribution)



*Edited by*
*Dr. Gulzar Ahmad Rather*

















ترتیب کارٕ سنز کیٚنہہ اہم کتابہٕ

Designed by: 9419707173